# سنسکرت اَدبس کأشرٕ ہُنٛد دیٛت



مُصنف

سوم ناتھ پنڈت

# سنسکرت اَدبس کأشِرٕ بن ہُنٛد دیُت

مُصنِف


## سوم ناتھ پنڈت

کِتابہِ ہُنٛد ناو : سنسکرٕت ادبَس کاشِربن ہُنٛد دیُت

لیکھن وول : سوم ناتھ پنڈت

فون نمبر : 0191-2623157
موبائیل : 09906039971

کمپیوٗٹر کمپوٗزِنگ : IILS D.T.P CENTRE

A-471، سیکٹر 2، وِنایک نگر، مُٹھی، جۆم
فون نمبر : 0191-2598633
موبائیل : 094191-36369

چھاپن وٕری : 2015

موٗل : 500 / روپیہ

Published by :

**M/S GEMNI COMPUTERS**

Main Road, Basant Nagar, Janipura, Jammu (Tawi).

Contact No's: 094191-86795, 0191-2532371

e-mail: gemnicomputers84@yahoo.com

**The Publications of the Author are available at :**

1. Mata Ksheer Bhawani Book Showroom, Bhawani Nagar, Bhawani Ashram, Janipur, Jammu.
2. M/S Gemini Computers, Showroom, Basant Nagar, Janipur, Jammu.
3. M/S Vijeshwar Jantri Karyalaya, Bohri Chowk, Jammu. Ph. No.:0191-2555064 .
4. M/S Astha Book Sellers, Lower Roop Nagar, Jammu.
5. Bhagwan Shri Ramakrishna Mahasammelan Ashram Trust, Nagdandi, Anantnag, Kashmir. Camp office, Orga House, Pamposh Colony, Lane No. 3, H.No. 24, Janipura, Jammu. Ph. No's: 09419191753, 09419147374
7. Vijayashwar Karyalaya, Chinore Chowk, Jammu.

## مُصنِف سٕنز چھاپ سپزٕمٕژ کِتابہٕ

(1) کأشرِ بٹَن ہٕندی رسم تہٕ رِواج (کشمیر یونیورسٹی، سری نگر)

(2) روپہٕ بھوأنی : اکھ سام (کشمیر یونیورسٹی، سری نگر)

(3) سنسکرت اَدبَس کأشرِ ہُنٛد دیُت

4. Kashmir Hindu Sanskar - A Study (Year 2006)

5. Kashmir Hindu Heritage - A Study (Year 2013)

6. Jon Raj Tarangini
   Devnaagri Text English Translation and Annotation (in press)

# فہرِس

| نمبر شُمار | مضموٗن | صَفہٕ نمبر |
|---|---|---|

# زان

کٲشِر چھےٚ زمانہٕ قدیم پیٹھہٕ سنسکرِت اَدبُک آگُر روٗزمژ تہٕ ییٚتہٕ کیو گونماتو چھُ سنسکرِت اَدبکِس مٲدانَس منٛز تم کرتب انٛجام دِتۍمتۍ یم از تہٕ چھِ شاہکار یِوان مانِنہٕ۔ چاہے سہ شاعری ہُند اَدب چھُ یا اتھ پیٹھ لیکھنہٕ آمُت تنقید یا فلسفہٕ۔ گرٛامر چھُ یا عِلمِ طِب، توارِیخ چھِ یا مذہبی اَدب پرٛتھ شوٗبَس منٛز تھٲوۍ اَسہِ پنٕنۍ پۄدۍ باقی برصغیرِ بابتھ وتہٕ ہاوَکھ۔ بھللٹ، شِوسوامی، کلہن، بلہن، شمبھو، منکھ، رتناکر، جون راج، شری ور بیٚترِ چھِ کینٛہہ ناو یمو سنسکرِت شاعری نوٚ و نوٚ و جہار دِتھ اتھ پرٛتھ رنگہٕ بُرژر کوٚر۔ النکار، طور طریقہٕ (رِیتہٕ)، مزٕ (رَس)، آواز (دھونہِ) وَرگہٕ وَکھنے (وکرٛوکھتہٕ)، طزٕ تہٕ ضرافتھ، مُنٲسبت (اوچِتیہ) یِمن سارِنے شاعری ہِندِ بن لوٲزِماتن ہُند آگُر چھُ کٲشِرِ منٛزٕے۔ پَتہٕ بنے یہِ یِم شاعری ہِندۍ الگ الگ فِرقہٕ۔ مگر یِم سٲری چھِ گوڈٕ سانہِ بُتراژ کٲشِرِ پیٹھےٚ پھٲلیمتۍ۔ سنسکرِت گرٛامرس تہٕ فلسفس منٛز چھےٚ کٲشِرِ پنٕنۍ اَکھ الگ حیثیت حاصِل۔ سنسکرِت زبٲنۍ ہُند ''چاندراین ویاکرن'' تہٕ ''کاتنترٛ ویاکرن'' اُسۍ کٲشِرِ منٛزٕے لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ پانِنی سنٛز اَشٹادھیایی پیٹھ مشہوٗر شرح ''کاشِکا'' تہٕ پتنجلی سٕندِس مہابھاشس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ شرح تہٕ چھِ ییٚتی آمٕژ لیکھنہٕ۔ کٲشِرِ ہُند شیو درشن یتھ زَن ترِکادرشن یا پرٛتہِ بھگیا شاسترٛ تہٕ چھِ وَنان چھُ ییٚتی پیٹھ شوٗروٗ سَپدمُت۔ یِمن دوشوٚنۍ منٛز چھُ شیومتس باغہٕ بوٚرُت وبستار آمُت دِنہٕ۔ آیُرویدک

بأنی کار چرٕک تہٕ اوس اَسی مَنٛز اکھ گونماتھاہ ٹیٖمۍ زَن سارۍ ہے عالمس آیہٕ ویدس مُتلِق صحیح زان کارٕی دِژ۔ یِمہٕ سارے تخلیقہٕ چھےٚ سانہٕ ہندوستانُک موٗلُل خزانہٕ تہٕ یِم چھِ یِوان وُنی کینٛہ کُل عالمس مَنٛز پرنہٕ تہٕ پرناونہٕ تہٕ یِمن پٮ۪ٹھ چھِ نٔوی نٔوی تحقیق کرنہٕ یِوان۔ دوھنیالوکس تہٕ ناٹیہ شاسترس پٮ۪ٹھ لیچھمژ ابھنوبھارتی تہٕ کاویہ پرٕکاش بغأر چھنہٕ ہندوستأنی کاویہ شاستر پرٕکھاونٛچ کانٛہہ تہٕ اہمیتھ تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ تصور ممکن۔ یوٗ تام نہٕ کاشِکایہ ہُند گیان آسہِ توٗ تام اشٹہ ادھیایی پرٕنی یا پرناونی چھنہٕ مُمکِنے۔ توآرٟیخی اَدبس مَنٛز چھےٚ کٔشیرِ تیٖژ بھاگوان زِ سورٕے دُنیاہ چھُ اَسہِ پٮ۪ٹھ رشک کران۔ مہابھارت کالہٕ پٮ۪ٹھ برابر 16 ہمہٕ صدی تام چھِ سأنی سارٕے توآرٟیخ سنسکرٕت زبأنی مَنٛز سانہٕ گونماتو لیچھمژ۔ یتھ مَنٛز کلہٕن پنڈِت سرٕس چھُ مانٛنہٕ یِوان۔

سانہٕ امہِ ادبکہٕ خزانہٕ مَنٛز چھُ واریاہ سانہِ ناسمجھی کِنۍ ضایع گومُت۔ کھشمیندرنہٕ 38 تصنیفو مَنٛز چھےٚ صرف 18 اَسہِ تام واتٕمژ۔ تٔمۍ چھُ مُکتھاکَن، چکرٕپال، کلشَن وغأرٕ شأعرن ہُند ذِکر کوٚرمُت۔ منکھن یوسہٕ ادبی مَحفِل بُلاوٕمژ اُس تتھ مَنٛز اُس النکار، نندن، شری گرگ، ناگ دھر، پدمراج، چندٕک، دامودھر بیٚترٕ واریاہو گونماتو شرکتھ کرٕمژ۔ مگر یِمن سارِنے گونماتن ہنٛز کانٛہہ تہٕ تخلیق چھےٚ نہٕ اَسہِ دٕستیاب۔ خوش بیأنی یا نصیحت آموٗز بیأنی مَنٛز چھِ امرت دت، رِلہن، ماترِ گُپت، رنادِتیہ، مُکھتاپیڈ وغأرٕ واریاہن شأعرن ہنٛدی کُنہِ کُنہِ کانٛہہ کانٛہہ شعراہ نظرِ گژھان مگر یِہنٛز تخلیقہٕ چھےٚ وقتچہٕ قبرِ بُزی گأمژ۔ یہ کینٛژھاہ تہٕ دٕستیاب چھُ سُہ چھُ زبأنی ہندو عاشقو قلمبند کٔرِتھ مُسودَن ہنٛدِس صوٗرتس مَنٛز

محفوٗظ تھووُمت۔

کلہن سنٛز راج ترنگنی تہٕ نیل مت پُوران چھہِ بذاتہِ خود اَمہِ کتھہِ ہنٛز تصدیق کران زِ کشیرِ منٛز اٲسۍ کشپ ریٚشِس بڑوٛنہہ ناگ تہٕ پشاژ روزان۔ ناگ اٲسۍ کشپ ریٚشۍ سنٛدے ذُرِی پۆترِ۔ یعنی تم آسہَن ریٚشۍ سنٛدِ اور وٲرِد سَپدنہٕ بڑوٛنہہ کینٛہہ کال اوٚت وٲتِتھ اتھ جایہِ بسیمتۍ تِکیٛازِ کشپ ریٚش اوس ناگن ستۍ سر واتنُک تاکید کۆرمُت۔ کشپ ریوٚش تہٕ اوس نہٕ اور کُنُے زۄن گومُت لَس اٲسۍ پانٛس ستۍ ژتجہن ریٚشن ہنٛز جماعتھ یم سرسوٚتی دپنہِ پیٹھہ اور اٲسۍ آمتۍ۔ یم ساری اٲسۍ ویدِک سنسکرِت بولن وٲلۍ لہٰذا یہِ وُنن چھُنہٕ مُبالغہٕ خیز زِ اتھ وقتس منٛز اٲس برصغیرچ کُنی زبان تہٕ سوگیہِ ویدِک سنسکرِت۔ زبان گیہِ بدلان ویدِک سنسکرِتن دِژ ازکالچہِ سنسکرِت زبانٕی جاے۔ زبانہٕ گیہِ پرتھان تہٕ پھاپھلان تہٕ واژ اتھ مُقامس یتھ اَسہِ ناو دیُت کاشُر زبان تِکیٛازِ اَسہِ نِشہٕ چھُ سیٛکہِ ثوبوٗتھ زِ کہمہِ صَدی تام تہِ آسہٕ کشیرِ ہنٛزٕ مسطوٗرات تانٛی صرف سنسکرِت بولان۔ تمی لوٚب امہِ زبانٕی کشیرِ وٲتِتھ اتھ ماحولس منٛز زیادٕ پوچھر تہٕ اِمکوٚ گونماتو دیُت اتھ وقتہٕ وقتہٕ سگ تہِ آبیاری تہِ گرہَس۔ دوٗر دراز دپشو تہٕ مُلکو پیٹھ اٲسۍ ییٚتہِ کہن سنسکرِت عالِمَن تہٕ فاضلن نِشہٕ عِلم حاصِل کرنہٕ باپتھ شاگرِد یور واتان تہٕ عِلمکہِ نوٗرٕ ستۍ مُنور سَپدان۔ بقولِ گریرسن "کشیر چھِ زمانہٕ قدیم پیٹھہِ سنسکرِت ادبُک مرکز روٗزمُت تہٕ ییٚمہِ مہدوٗد وادی پیٹھ چھِ دُنیاہَس توٲرِتخس، شاعری، روٗمانٕی ادب، افسانہٕ تہٕ فلسفس پیٹھ بے جوڑ شاہکار اَسہِ بڑوٛنہہ کنہِ پیش کٔرِمتۍ۔ کاشُرِ چھِ خود دار تہٕ پزِ پاٹھی چھُ تمن پننہِ سرِ زمین

چھِن ادبی شاہکارن پیٹھ ناز۔ صٔدی وادن اُس یہِ بُراتھ (کٲشیرِ) سنسکرٕت ادبکین عٔظیم قلم کارن ہنٛز روزن جاے روٗزمٕژ۔ ییٚہِ چھِ امہِ بُرآژ ہنٛز وتھتا ژٔری یا کمن بٔڈین پیٹھ عٔظیم مذہب شیوٕمتکی کینٛہہ خوش خولق ووستاد پاد گرٕمتۍ۔ کینٛہہ عٔظیم سنسکرٕت شاعر اٲسۍ کٲشِری زامتۍ۔ تہٕ پننہِ تصنیفہِ تہٕ لیچھکھ اٲتی، یِموٕ سنسکرٕت زبانٕ ہنٛدو تصنیفو ژٔسۍ چھُ دُنیاہُک ووٚسی لُکہِ ادب زامت تہٕ پرٕتھیومُت۔''[1]

ہندوستان چھُ اولہِ پیٹھے سنسکرٕت زبانٕ ''دیو وانی'' ونان روٗدمُت یعنی دیوتاہن ہنٛز زبان۔ از بروٚنٛہہ 5 ساس ؤری زیادٕ ے اُس نہٕ یہِ اتھ شکلہِ منٛز یُتھ کہِ اَس امہِ نشہِ بیوٚن۔ تہٕ اتھ پہو نوٚو زبانٕ ہنٛدِ ورتاوس منٛز یینہٕ ستۍ ''ویدِک سنسکرٕت'' ناو۔ یہِ اُس سو زبان یتھ منٛز سانٛی رِگ وید تہٕ باقی ترٛے وید چھِ۔ امہِ بروٚنٛہہ کوتاہ کال آسہِ یہِ شرٛوتہِ تہٕ سمرتی کالس دوران یعنی ییٚلہِ صرف آوازٕ ے یوت اُس اَچھر اٲسۍ نہٕ کُنے۔ اتھ دوران اٲسۍ ریٚش ونان تہٕ ژاٹھ بوزان (شرٛوتی) تہٕ پتہٕ زبانٕ یاد کران (سمرٕتی) اتھِ تہٕ آسن اَچھر بنٛنس تانٛی ساسہٕ بٔدی ؤری لگیٚمتۍ۔ پتہٕ اَچھر ایجاد سپدتھ رِگ ویدس ہِش شاہکار بنٛنس تام تہٕ چھِ ساسہٕ بٔدی ؤری درکار۔ تِکیازِ یہِ چھنہٕ اِلہامی یُتھ کہِ اتھ چھِ اَکس اَکس پدِس ریٚش سُند ناو یا بانٛی کارٕ سُند ناو دٕرج۔ تہٕ یُس سنسکرٕت اَز اَسہِ نِش موجوٗد چھُ زبانٕ ہنٛدِس صوٗرتس منٛز تتھ تہٕ چھُ ازتام 5 ساس کھوتہٕ زیادٕ ے ؤری وَق لوٚگمُت۔

1. Linguistic Survey of India by Griorson, Vol.VIII, Part 2.

کے۔سی پانڈےیہ، پی۔وی۔کانے، بینرجی تہٕ کے۔ایم ناگراجن چھِ تِم کیٚنٛہہ گونماتھ یِمو کٔشیرِ ہٕندِ سنسکرت ادبہٕ منٛز سنسکرٕت اَدبٕکس فلسفس خاصکر شیو فلسفس یا شاعری پیٹھ ہندی تہٕ انگریزیس منٛز کام چھےٚ کٔرمٕژ مگر سو پیٚیہ سرس منٛز آبہٕ قطرس ہٕتۍ تاپٕر کرنہٕ۔شری بلجی ناتھ پنڈتن چھُ کاشُر شیو شاستر (ترٕکا) فلسفس پیٹھ وارِیاہ کام کٔرمٕژ۔ ایشور سروٗپ سوامی لکھشمن جی یَن تہٕ چھےٚ انگریزی تہٕ ہیندی زبانٕنی منٛز وارِیاہ فلسفہٕ عام لوٗکن تام واتناونٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔شری بلدیو اُپادھیاے، کرشن کُمار، ڈاکٹر وید کُماری گیٔی تہٕ ڈاکٹر رام پرتاپ تہِ چھِ اتھ عام فہم زبانو ذٔریعہ اسہِ تام واتناوٕچ کوٗشش کران مگر یہ چھُ سبٹھاہ محدوٗد انداز۔ ضروٗرت چھِ یِمہِ کتھِ ہٕنٛز زِ امہِ کامہِ باپتھ تہٕ یِمہٕ تخلیقہٕ عام فہم بناونہٕ باپتھ گوٚژھ باضابطہٕ اکھ اِدارٕ آسُن یُس یہ مولُل خزانہٕ عام تحقیق کرن والین پرن تہٕ پرٕناون والین تام واتناوِہَن۔ میےٚ چھُ باسان زِ صِرف کیٚنٛہہ ذٔہل گُزرنہٕ پتہٕ گژھِ سانہِ اَزی چہِ کاشرِ زبانٕ تہِ ہیےٚ وَنن یوسہٕ وَنن اَسہِ پٔتمین بُزرگن ہنٛزِ راتھ تام بارسس زبانٕ کٔر۔

یَتھ شُوبَس منٛز اَس ازتام کیٚہو گونماتو وارِیاہَن باقی زبانن منٛز پھٔٹکر کام کٔرمٕژ یوسہٕ وقتہٕ وقتہٕ چھپاونہٕ تہٕ چھِ آمٕژ۔ مگر کاشرِس منٛز چھنہٕ ازتام پیٹھ مُدلل کام یا تحقیق زانٛہہ تہِ کرنہٕ آمٕژ۔ میےٚ ووٗت وارِیاہ کالہٕ پیٹھ کلچرل اکادمی اور کُن ظوٗن پھِران مگر میانٛی یہِ کوٗشش روٗزنہٕ کامیاب۔ چوٗنکہِ میےٚ اوس بذاتہِ خود اتھ مادانَس منٛز وارِیاہ کالہٕ پیٹھ قلم تہِ تُلمُت تہٕ کوٚٹھ تہِ۔ لہٰذا دِتم نہٕ ضمیرن واپس پھیرنک اِجازت تہٕ چھُس بہٕ یہِ زخیم تہٕ مُدلل تحقیقن پٔتمین تنقید

نِگارن بڑوٚنِہہ کنہٕ تھاوان یُتھ زَن تم تہٕ پننہٕ امہٕ سرمایہٕ نِشہٕ زانٛی یاب سپدن۔

بہٕ چھُس ڈاکٹر پرٛوفیسر وید کُماری گئی جی ہُند سبٹھاہ شُکر گزار یمو مے یمہٕ کِتابہٕ ہُند مُصودٕ تیار کرنس منٛز وقتہٕ وقتہٕ اتھٕ روٗٹ کوٚر۔ بہٕ چھُس جِناب پرٛوفیسر ڈاکٹر شفی شوٗق صابَن تہٕ سبٹھاہ شُکر گزار یمو میٚے از بڑوٚنِہہ 30 ؤری تہٕ زیادٕ اَتھ مَسلس کُن ظوٗن پھیٚوٚر۔ بہٕ چھُس پننین فرزندان کمل تہٕ دلیپ پنڈتا ہَس شاباشی گران زِ تِمو کوٚر میٚے وقتہٕ وقتہٕ کِتابہٕ تہٕ مسوٗدٕ پیش پیش تھاوُنس منٛز مدد تہٕ میانِس یُتھ مسودَس چھاپ گَرنس منٛز تہٕ واریاہ اَتھٕ روٗٹ تہٕ پننہٕ فرزندی ہُند قرض وولُکھ نَکھٕ۔ بہٕ چھُس جیمنی کمپیوٗٹر اِدارَس منٛز کام کرن والین سُباش تہٕ اَشوِنی جیٖن تہٕ مشکوٗر۔ بہٕ چھُس رِنکو جیٖن سبٹھاہ مشکوٗر یمو میانین خابَن تاپر بخش۔

ووٗں گو کانٛہہ تہٕ تجربہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ عملہٕ منٛز حتمی آستھ ہیکان۔ پڑتھ ما ملس منٛز چھِ پڑتھ ساتہٕ دُرستی ہنٛز گُنجایش آسان۔ سو کتھ مدِ نظر تھاوِتھ چھُس بہٕ یہِ تخلیق پننین قلم کارن تحقیق تہٕ تنقید کرن والین مُحققن بڑوٚنِہہ کنہٕ پیش تھوان یُتھ زَن تِمن پَنُن پوٚت کال یاد پیٚیہٕ تہٕ بہٕ زانہٕ زِ میانٛی کوٗشش چھے کامیابی کُن اکھ وتہٕ پوٚد۔

زیٚٹھہٕ اَٹھم 2014ء

سوم ناتھ پنڈت



# پیش لفظ

سوم ناتھ پنٚڈِت نہٕ کتابہٕ چھےٚ میانِس کتابہٕ سرمایَس منٛز سارِوٕے کھوتہٕ تتِس شیلفس منٛز جاے رٔٹتھ تکیازِ یمہٕ کتابہٕ چھےٚ مےٚ کالہٕ پگاہ بکار لگان۔ کُنہِ تحقیقی معاملس مُتلق قلم تُلہٕ، کأشرِس ادبَس توأریخی سام ہیمہٕ یا ٹیلی وِجن باپتھ کانٛہہ توأریخی سِکرپٹ لیکھان آسہٕ ...... سوم ناتھ جی نہٕ کتابہٕ چھےٚ مےٚ اتھہٕ روٗٹ گران۔ کتابہٕ ہنٛز اہمیتھ چھےٚ امہِ چہٕ لگہأری منٛزہٕ زِ مُصنِفس مُصنِف آسنُک بزم دِنٛس منٛز۔ مےٚ چھےٚ سوم ناتھ جی نہٕ کتابہٕ ژورٕ مقصدو باپتھ بکار لگان:

۱۔ کشیرِ ہُنٛد روٗدمُت پتھ کال زانٛنس منٛز

۲۔ کأشرِ ادبُک تہٕ کأشرِ سماجُک رِشتہٕ زانٛنس منٛز

۳۔ کأشرِ زبأنی ہِنٛدی مؤلہٕ انہار زانٛنس منٛز تہٕ

۴۔ پتھ کالس نسبت لیکھنہٕ باپتھ ازکالُچ زبان ورتاوُنُک طریقہٕ ہیچھنَس منٛز۔

ییٚلہِ مےٚ ہِوٚس پَرن وأٹِس یم ژور مقصد کأنٛسہِ أکِس مُصنِفس نِشہٕ پوٗرٕ گژھن، سُہ مُصنِف، یعنی سوم ناتھ پنٛڈِت چھُ ایمانٛدأری سان پنٕن وقت تہٕ طاقت (جِسمأنی تہِ تہٕ مأّلی تہِ) اعلیٰ مقصدِ باپتھ خرچاوان۔ أتھی پیہم کوٗشِشہٕ منٛز چھےٚ تمہِ ہنٛز کامیأبی۔

"سنسکرت ادبس کأشرین ہُند دہت" چھےٚ سوم ناتھ پنڈت جی ہنز پأنژِم کتاب یوسہٕ مےٚ تام واتز۔ انگریزیس تہٕ کأشرس منز تأریخی تہٕ ثقافتی موضوعن پیٹھ لیکھنس منز چھنہٕ سوم ناتھ جی سُند مقصد پتھ کال ازکالس پیٹھ حأوی کرُن، بلکہ ازکال صحت مند بُنیادن پیٹھ قأیم تھاوُن۔ یہ چھس تس ستی اتفاق کران زِ تمدن چھُ مُسلسل بدلاونہٕ زِ کانہہ ساکن حالت۔ یہ چھُ تیلی مُمکِن ییلہِ ازکالہٕ کِین ہنگامن منز آور اَستھ تہٕ اِنسانس تأریخی شعور آسہِ، نتہٕ چھُ سماجس منز انتشار یِوان ییمہِ کِس نتیجس منز فردس جذبأتی شٹھنیار، فِکری تناو تہٕ ؤتیرس منز بے راہ روی یِوان چھےٚ۔ امہِ اعتبارٕ چھےٚ سوم ناتھ جی ہنز تازٕ کتاب نہایت اہم یوسہٕ قأریس جذبہٕ، فِکر تہٕ ؤتیرِکس سوٚتھرس پیٹھ سارٕ ساویر بخشان چھےٚ۔ کٔشیرِ ہنزن شاندار فکری، جمالیأتی تہٕ دانشورانہٕ رِوایژن مُتلق سوم ناتھ جی ہنز یہ کتاب چھےٚ سنسکرت زبان نہٕ زانن والین ہِندِ خأطرٕ بُنیأدی کتاب۔ یہ اٰہم ضرورت پوٗرٕ کرنس منز یِوتاہ مرحباہ تہٕ آفرین سوم ناتھ جیس کروتیٛوت چھُ کم۔

اتھ کتابہٕ چھےٚ اوٚکنۍ تہٕ اٰہمیتھ زِ کأشرین سنسکرت عألمن، مُفکرن، شأعرن ہنزٕ اصل کتابہٕ چھےٚ نہٕ ترجمہٕ رنگۍ انگریزی تہٕ اُردوٗ زبانن منز تہٕ میسر، کأشرِ چھنہٕ کینْہہ۔ ووٚنۍ ووٚنۍ چھِ کینْہہ بالغ نظر دانشور اتھ سمتس کُن سنجید توجہ دِوان۔ "سنسکرت ادبس کأشرین ہُند دیُت" دِیہ ضرورٕ سنجیدٕ پرن والین اصلس تام واتنچ تحریک۔ کینْہہ نےٚ تہٕ عام قأریس تام واتناوِ موضوعس مُتلق بُنیأدی علم۔

کاشرِس مَنٛز چھےٚ یتھ کِتابہِ بڈٕ اہمیتھ یہِ زِ کاشرِس مَنٛز تأرٟیخی تہٕ ثقافتی مسلن پیٹھ محٔقٔقن تگہِ زانُن زِ تحقیقی انداز کِتاب لیکھنُک طریقہٕ کیاہ چھُ۔ 635 صفحن پیٹھ مشتمل یہِ کِتاب چھےٚ تحقیق کِہن معیارن ہُنٛد لحاظ تھٲوِتھ سلیس تہٕ روان کاشرِس مَنٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ نثرس مَنٛز چھنہٕ مرصع تہٕ بلیغ زبان ورتاونہٕ آمٕژ۔ یتھٕ پأٹھی زن سانٛی واریاہ محقق کران چھِ۔ کِتابہِ ہِنٛدِس انٛدس پیٹھ تفصیلی کِتاب نامہٕ تہٕ اِشارِیہِ دِتھ چھُ سوم ناتھ جین تحقیقی کِتاب لیکھنُک قأبلِ قدر معیار قأیم کوٚرمُت۔

یہٕ چھُس سوم ناتھ پنٛڈِت جیَس وٕزِھ وأنٛجہِ مُبارک گران۔ کأشرِ بن پَرن والین تہٕ محققن چھُس التماس کران زِ تِم پرِن یہِ أہم کِتاب۔

شفیع شوق

چتہٕ پور، ہارون، سرینگر 191123

فون : 9596592193

ای میل : shafishauq@gmail.com



# مُلاقات

یہِ چھُ اکھ قودرتی عمل زِ وَق بدلنس سۭتۍ چھُ سون وۄتھُن بِہُن، کھۄن چۄن، لِبساسہٕ علاوِ سأنۍ زبان، سوچنٕچ تڑلیہِ تہٕ میارِ زِندگی تہِ بدلان۔ یہِ چھُ زِندگی ہُند عمل تہٕ پرٛأنۍ چیز چھِ پتھ کُن گژھان تہٕ نۆوۍ چیز چھِ بارسس یوان۔ مگر اکھ کتھ چھِ سکہٕ تہٕ محکم زِ پرٛتھ نۆو عمارت چھِ پرٛأنِسے ملبَس پیٹھ کھسان تہٕ نۆو جہار لبان۔ وۄن ونہٕ ہے کانٛہہ زِ مےٚ بدلوو سورُے، مگر زمینہٕ پیٹھ سُہ یمہٕ عمارژ بناوان چھُ ما ہیکہِ بدلٲوِتھ تہٕ نہٕ بدلبس۔ تکیازِ پرٛأنِس منٛز چھُ کیٛنٛہہ آسان تڑاوُن لایق مگر کیٛنٛہہ چھُ آسان رٲژھرُن لایق تہٕ یُس تہٕ پرٛأنِس سرمایس ژھأر دِیہِ زِ تھاوُن لایق کیاہ چھُ تہٕ ژالُن لایق کیاہ چھُ سُہ ہیکہِ نہٕ اِنسان أستھ، سُہ چھُ پشٕ سُند دھرٛم۔ اِنسان چھُ اشرف اُلمخلوقات تَس چھُ خوداین پرٛتھ کانٛہہ چیز تڑاونہٕ تہٕ پرٛاونہٕ برٛونٛہہ دِمٲغس کأم ہیٛنٛز فرمووُمت۔

یہِ کتھ مَدِ نظر تھٲوِتھ سون واریاہ ادبی سرمایہ یمن ہنٛز کتھ از أسۍ الگ الگ طریقہٕ چھِ مختلف زبانَن منٛز کران یمہٕ چھِ از برٛونٛہہ ساسہٕ بۄدۍ ؤری سانہِ کأشرِ بۄ گونماتو تہٕ بُزرگو تمہِ وَقتہٕ چھِن مُروجہ زبانَن منٛز دُنیاہَس برٛونٛہہ کنہِ تھاوِمٕژ۔ اَمہِ سرمایہِ منٛز چھُ واریاہ سانہِ کم عقلی ۓنٛز زلیہِ گومُت مگر یہِ کیٛنٛژھا پتھ کُن چھُ رۄدمُت سُہ تہٕ چھُنہٕ کم کیٛنٛہہ۔ مگر افسوٗس چھُ یمہِ کتھِ ہُند زِ اَسہِ

موں پتہمِن کاشرِ بن بُزرگن ہُند سرمایہ سو پڑاَنی زبان نہ زانُنۍ مؤجوٗب، خبر کیاہ غاَر روایتی عِلم یُس گموٚ تانی مُنکِر و کیاہتام کُفر چھُ لیٚوکھمُت۔ مگر ییٚمہِ ساتہٕ اتھ پھیُر چھِ دِوان یہِ چھُ سون پوت کال سون اَسُن تہٕ گِندُن۔ سون سماج، رازِ مندورِ تہٕ گامَن گُٹن ہنٛز جھوپٕھرِ تہٕ کوٹھہ تہٕ ییمَن منٛز روزَن والین اَسی ہی آدمَن ہنٛز کہاَنی تہٕ سوچن تڑا یہِ یِہُند ووتھن ہہُن، دوکھ تہٕ داَدٕ غم تہٕ پریشاَنی، یِہُند لسُن بسُن دڑاگس تہٕ ماگس، سوٗنتس تہٕ ہرُدس، یِہنٛز ڈیٚہانتھ گوٚنہٕ تہٕ گِندٕنکی طور طریقہٕ، لُکہٕ پاَتھِر تہٕ شارِ محفلہٕ، بُستی یَن ہنٛز لاچاَری تہٕ مجبوٗری تہٕ بہلہٕ پایہٕ بازرن منٛز مینابازاَری۔ مگر افسوٗس چھُ زِ یہِ چھُ تمو پننہِ وقتچہِ مُروجہ زباَنی منٛز لیٚوکھمُت۔ یَتھ اَسی پننہِ غلطی تہٕ ناسمجھی کِنۍ خبر کیاہ کیاہ چھِ ونان۔ ییٚلہِ زَن اتھ لول بَرن واَلی کوٗت تام واَتی یوٗت سون واتُن وُنہٕ تہٕ اکھ خواب چھُ۔ أتھی چھِ ونان ''میر اَستھ پھیٚرالہِ گوکھو کھرِ کھیوکھو باوِروٗ''۔ یہِ اوس سون تہٕ صرف سون سرمایہِ یُس اسہِ دول دِتھ، دکہٕ دِتھ بیٚیہ ہِندِس آنگنس منٛز از برٛونٹھہ ہتہٕ بُدی وٗری واتنو تہٕ اَسی رُودی اَمکہِ فاَض نِشہٕ چھیٚنی تہٕ ننی۔ وُنہٕ تہٕ گو نہٕ ژیر اَگر نہٕ اَسی بیدار گژھو نہٕ پننِس سرماَیس پننہِ زباَنی منٛز پھِرتھ عام فہم بناونہٕ باپتھ قدم تُلو نہٕ۔ یہِ آسہِ ساَنی سٹھاہ بُڈ غلطی یَتھ نہٕ اسہِ کُنہِ تہٕ عدالتس منٛز معاَفی ہیٚکہِ میلتھ۔

میاَنی یہِ تخلیق چھِ اتھ ماَدانَس منٛز اکھ اَنلون مگر نیم تاَریخ۔ ضروٗرتھ چھےٚ امہِ کتھِ ہُند زِ ساَنی اِدارِ کرن کوٗشش اَتھ سرماَیس ییٚمیُک ذِکر مےٚ یَتھ تصنیفہٕ منٛز کوٚرمُت چھُ یمن شاعری ہِندِ بن نوقطن، شارِ زاَژن، النکارَن تہٕ

تشبیہن، گردان تہٕ سماسن بیٚترِ چھان بہن کرن تہٕ یمن عالمن ہِم سانی کشیرِ منٛز أسی تہٕ یمو عالم پنٕنہٕ گاشہٕ ستی منور کوٚر تہٕ تم وأتی اتھ مُقامَس پتھ۔ میٚے چھُ اَمہِ کتھِ ہُند سبٹھاہ دوکھ زِ اَسہِ کر پنٕنین گونماتن ہنٛز یہِ وراثت پنٕنہٕ ناسمجھی کِنۍ عزل تہٕ تمی چھِ سأنۍ زبان ''مُنہٕ مُنہٕ مأجے کُنہٕ نے کینٛہہ''، گری گری چھُ توتہٕ اَکوٗرے روزان۔ یہٕ منٛگہٕ یِ دَیس زِ ییہِ نا اسہِ وُنہٕ تہٕ عقل تہٕ سأری یوغز اوٚکطرف ترٛأوِتھ پانناوو أسی یہِ پنٕن میراث۔ دَپان ''آوازِ خلق گونکارے خوداہ''۔ اگر سأنۍ أدیب، شأیر، محقق، قلمکار یہِ قدم تُلن وتہٕ گژھن پانے روشن۔ کأم چھےٚ یہِ سبٹھاہ گوٚب اگر پوٚر ژُکہِ سان کرنہٕ ییہِ تہٕ ہرُ د تہٕ آسبس تھکبن لایق۔ نتہٕ گو ژھری آیہِ گوتاہ کرُن بٕھہِ ووت تہٕ ہوٚ کھےٚ۔

گوڈٕ انوارِ چھِ میٚے یتھ کِتابہِ منٛز پنٕنین پورانَن ہنٛز تفصیل پیش کرمٕژ۔ سانین ذیٚہنَن منٛز چھُ یِ خیال زِ یم چھِ خبر کیاہ دیوٗ مالایی کتھ تہٕ اَسہِ کیاہ یمن کرُن۔ مگر یمن دیوٗ مالایی کتھن منٛز چھُ آسان سون لُسن بسُن، سُہ چھِ یمن سانین پورانَن منٛز صاف نظرِ گژھان۔ وژن گو کاینأتی ڈانٛچہِ خأطرِ چھ، گُلی کُٹ تہٕ تیتی ضروٗری پیٚتی أڈجہِ کرنٛز باپتھ ماز تہٕ دٔل چھُ۔ ییٚتہٕ نیٖل مت چھُ کأشرِس ماحولس للہٕ کھوٚل کران تتہٕ چھُ ویشنو دھرموتٕر پوران جمہِ کِس ماحولس گأشراوان تہٕ واسکی پوران چھُ سانہٕ پیر پنٛچال پہاڑس منٛز باگ بسن والین بھدرِواہ تہٕ کشتواڑکین لوٗکن ہنٛز ترجمأنی کران۔

اَمہِ پتہٕ چھُ یِوان توأریٖخی ادب یُس اَسہِ تام اَز تہٕ باقی زبانوں ہٕسی ووت نتہٕ آسہے اَسہِ یہِ تہٕ کیاہتام دیوٗمالایی فرسوٗدگی زأنتھ خبر کر دفن کوٚرمت۔

اَسہِ چھُ از پنٔنس اَتھ سرمایَس پیٹھ فخر زِ سون توأریٚخی ادب چھُ پانٛژٕہ ساس وٕری تہٕ زیادہ دے، مہابھارت کالہٕ پیٹھہٕ راتھ دَمس تام چلوٗن روٗدمُت۔ یہٕ چھُ سانِہ پورانَن ہُندُے دیُت۔ تمہٕ پَتہٕ ٹُل اتھ سانی أکی گونماتن دِس۔ تَس وٕزن نہٕ یہٕ کرنہٕ باپتھ کانٛسہٕ رازن یا سُلطانَن تِکیاز تِم تہٕ أسی اَسی منٛزٕ ''جو دم نکلے سو واہ واہ'' کرن والہِ منٛزٕ۔ مگر تَس آو ہوش تہٕ تِمٕ کٔری یِم توأریٚخی کِتابہٕ تہٕ دستاویز یکوٹہٕ تہٕ باسیوس زِ چھکرِتھ آسنہٕ مؤجوٗب ما گوٚژھن یِمہٕ لُوٗژِ تہٕ دِژنَس اکھ عظیم شٔکل یَتھ أسی ''راج ترنٛگنی'' ناو دیُت۔ یہٕ چھُ سانہٕ توأریٚخُک مولُل خزانہٕ یُس سانہٕ باپتھ کلہن پنٛڈِتن رٕژھروو۔ أمِس پَتہٕ روٗد یہٕ عمل پیر در پیر چلان۔ پَتہٕ ٹُل اتھ قلم جونَن راجن تہٕ تَس پَتہٕ شرٛی وَر یُس جون راجَن ژاٹھ اوس واتنو یہٕ عمل زین العابدین بڈشاہ نِس دورس تام۔ أمِس پَتہٕ پکنو یہٕ سِلسِلہٕ شُکن، پراجیہ بٹن وغارٕ بڑونٛہہ۔ شَک اوس تیٚوت حاضرِ دِماغ زِ تَس باسو زِ خبر یِمو تخلیقو منٛزٕ ما گژھِ کانٛہہ تہٕ تخلیق ہَنٛگہٕ مَنٛگہٕ ژھبنہٕ تہٕ سِلسِلہٕ پھٹہٕ تِمٕ لیٚوکھ راج ترنٛگنی سنگرٛہ ناوِچ اکھ تصنیف یَتھ منٛزٕ تِمٕ سارِنٕے راج ترنٛگِین ہُند خُلاصہٕ کٔرِتھ سارِنٕے رازن ہُند وَق تہٕ سنہٕ واضح طور بیان کوٚر۔ یہٕ اوس سارِنٕے راج ترنٛگِین باپتھ اکھ ''اِشاریہ''۔ یہٕ اوس سُہ زمانہٕ یِیٚلہٕ زَن باقی عالمکی گونماتھ ووٚنٛدٕ باوٕژ باپتھ قلم کاغذ أسی ژھاران تہٕ کانٛشُر گونماتھ اوس ''اِشاریہ'' (Index) لیکھنٕچ مہارَتھ تھاوان۔

اتھ توأریٚخی ادبَس لرِ لوٚر چھُ سانیو گونماتو کشیرِ تہٕ کشیرِ نبرَ نیٚرِتھ واریاہ توأریٚخی ادب یَتھ منٛزٕ رَزمیہِ، ناٹک، سوانح بیٚترِ چھِ یِم باقی رِیاستن

ہِندبن حُکمرانَن مُطلق چھِ، مگر یہِ کیاہ کم چھُ زِ سانِی بُزرگ آسی اتھ لایق زِ ووپر دیشن ہِندی لوٗکھ آسی یِمن پیالہِ بَرداری کران ستی آسی یِم پننہِ ماجہِ کشیرِ ہِندی تہِ حوالہِ دِوان ییمہِ ستی سانِہن توارِیخی گنڈن تہِ چھُ واش نیر اا رُودمُت۔ سانہِ کأشرِ گونماتو چھُ ناٹکو تہِ مضمونو ذٔسی مندرن تہِ مأدانن منز ناٹک منڈلیو ذٔسی سون سماج، خأمیوں، بُرأیو نِشہِ آگاہ کوٚرمُت تہِ سانِہن لوٗکن، سماجِ، دفترن، ہسپتالن، عدالتن تہِ راز دربارن ہنز تمہِ وقچ تصویر چھِ اَسہِ سارِوے بۄ وُنہہ کنہِ سونگوپان مُرتھ بٔنتھ بۄ وُنہہ کُن یِوان۔ مرد تہِ زنانہِ کِردار کوٚتاہ پَس آسی وأتی ہتی ساجس منز۔ دَھرمکی پاسکی در کِتھ کُنی آسی مندرن لوٗٹان۔ یہِ سورُے چھِ اَسہِ مطالعہِ ستی بۄ وُنہہ کُن یِوان۔ أتھی دوران کأتیاہ مہاکاویہِ چھِ اَسہِ لیکھی ہتی یِمو منزِ کینْہہ نابوٗد تہِ چھِ گأمتی مگر ژھٹہِ نِشہِ چھُ وارِیاہ ڈلس پھٹہِ نِشہِ بچومُت تہِ یتھ پٮ۪ٹھ اَسہِ ناز چھُ۔ اتھ منز چھِ زٮ۪چھِ رزمیہِ تہِ یِوان تہِ لوکچہِ لوکچہِ مگر پُر معنے منجری تہِ یِمن منز سبق آموٗز کہأنی تہِ چھےٚ آسان تہِ سماج سُدھارٕ باپتھ نصیحت آموٗز کتھِ تہِ۔ لُکہِ کتھ تہِ کتھاسرت ساگر ہشہِ ضخیم تصنیفہِ تہِ۔

مذہب چھُ اکھ رِشتہِ سانہِ گونماتو موٗنمُت۔ تم چھِ پٔنٛس روبَس، رازس یا پٔنٛس دیَس منزِی رأضی گرٔ ھتھ شُکرانہ تہِ کران تہِ ناراض گوٗھتھ بأزی ڈُلٕہ کران تہِ ٹانٕہ دِوان۔ یہِ چھِ گونماتن پٔنن پان ساجس منز بۄ وُنہہ پکناونہِ باپتھ وتہِ پٔدی یِم لوٚکُٹ بٔڈی سأری شأعر تہِ قلمکار پننہِ رنگہِ پکناوان چھِ۔ اتھ منز چھِ کھشمینڈرن پٔنٛی رنگہِ رنگہِ کِردار تیار کٔرِتھ پننہِ شأعر آسنک سِکہ ساجس منز بیٚہہ

نوۆمُت۔ سانٮن عُمر رسیدٕ گونماتن تہٕ چھُ یادِ خودا باپتھ کأنی لوے خوے أسمٕژ تہٕ یژھ ہِشہِ دُعایہِ شأعری ہنٛز چھنہٕ اتھ ادبس منٛز کانٛہہ کمی أسمٕژ تہٕ سانٮو گونماتو چھُ اتھ منٛز پوٚرٕ کمال ہووُمت تہٕ باقی دُنیاہ خأطرٕ تہٕ وتہٕ پوٚد تیار کوٚرمُت۔

اَمہِ پَتہٕ چھُ اَمہِ سانہِ شارٕ سرمایک لُبہِ لباب فنون شأعری زیرِ بحث آمُت اتھ منٛز چھِ بھرتؔ مُنی ہِندِ پٮٚٹھٕ سانٮن پورانٮن منٛز وبژھناونہٕ آمٕتۍ شأعری ہِندی مختلف اۆصوٗل بدِ کڑنہٕ آمٕتۍ تہٕ تِم چھِ آمٕتۍ وبژھناونہٕ۔ سانٮو قلمکارو چھُ اتھ منٛز سأری ہے بَرِصغیرس منٛز پنٛن ناو مقبوٗل تھووُمت۔ أکی أکی گونماتن چھُ شأعری ہنٛز أکِس أکِس لنٛجہِ لِشہِ پاشہِ کرِمٕژ تہٕ وبژھناوِمٕژ۔ آواز (دھونہٕ)، سِدگار (النکار)، پھرتھ وُنُن (وکرٛوکھتہٕ) یِمن تہٕ باقی تِتھٮن سارِنٕے مدن پٮٚٹھ چھِ مختلف محِققو پنٛنہِ الگ الگ تصنیفہِ بیان کرِمٕژ یِمہٕ پژتھ رنگہٕ مولِلہِ چھےٚ۔ یِمن تصنیفن پٮٚٹھ چھِ وارِیاہ شرح آمٕتۍ لیکھنہٕ۔ شرح تہٕ حأشِیہ لیکھن والٮن ہنٛز چھےٚ الگٕے جماتھاہ گأمٕژ پأدٕ۔ یِمو شأعری ہِندِس فنس نۆ جہات چھُ بخشُمت۔ شارٕ محفِلہٕ آسہٕ لگان یِتھ منٛز أکِس شأعرٕ سُندی شعر أسی پرکھاونہٕ یِوان تہٕ کھوچہٕ یِوان کھارنہٕ۔ دُرٛس برِصغیرٕکی شأعر تہٕ گونماتھ أسی سمان تہٕ پنٛنی شار پرٛکھاوناوان تہٕ عزت لبان۔ یژھ اکھ محفِل چھِ منکھہ ہِندِ وقتہٕ مُنعقد سپزٕمٕژ یٚمیُک ذِکر تِمو پانہٕ تہٕ چھُ کوٚرمُت۔ یِتھ منٛز ہیرٛوٗن رِیاست پٮٚٹھٕ شأعر تہٕ گونماتھ شِرکتھ کرنہٕ آمٕتۍ أسی۔

یِتھ تصنیفہِ لیکھان خاصکر فنوٗن شأعری منٛز آیہٕ مےٚ کیٚنٛہہ تِم اصطلاح بژوٗنہہ کُن یِم نہٕ مےٚ ازتام بوٗزِمتۍ أسی تہٕ نہٕ چھُ میانہِ خیالہٕ کانٛہہ رِواج

تِمن اصطلاحن ہُنْد کأشرِ زبأنؠ منٛز۔ کأشر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی اُس از بڑوٚنہہ ترٛہ وٕری ادبی اصطلاح ناوی اَکھ کِتاب چھپاوِہ مگر تتہِ اوس کم کیٚنژھا انگریزی زبأنؠ پیٹھہٕ حاصِل گٔرتھ تہٕ اُردوٗ زبأنؠ ہِندِ وساطتہٕ کیٚنہہ اِصطلاحن ہنٛز وضاحتھ کرنہٕ آمٕژ۔ مگر فنونِ شاعری ہِندی چھِ اتھ منٛز اوٚنگجہِ پیٹھ گٕنزرٕنؠ لایِق کیٚنژہہ اصطلاح یِمن ہُنْد مے گٔنہِ گٔنہِ استعمال ہیوٚک گٔرتھ مگر عام پأٹھۍ پیٚیہِ مے اکثر اصطلاح نٔوِ سرِ ے تأمیر کرٕنؠ۔ یِمن ادبی اصطلاحن ہُنْد مُتبادِل چھُ میٚۓ کأشرِاوٕنچ اَکھ حقیر کوٚشِش گٔرمٕژ تہٕ چھُس ادب نوازَن ہِندِس خدمتس منٛز پیش تھوان تاکہِ تِم گرن یِمن شیرِ پأر۔

مےٚ یہ چھُ تصنیفہِ منٛز ورتأوی مٕتِمن خاص ناوَن (اسمِ خاصن) جایَن تصنیفن بیترِ ہِندی ناوٕچ اَکھ موخصر اِشاریہ تیار کوٚرمُت۔ یُس بہٕ کِتاب نامہٕ پتہٕ پٔتمن موحِققن ہِندِ باپتھ پیش چھُس تھوان۔ میأنؠ ادب نواز کرن شِکایتھ زِ یِموٚ ستؠ چھُ تصنیفہِ ہُنْد باڈوٗ بیٚیہِ ہَن تہٕ ہُریوٗمُت۔ تتھ چھُس بہٕ معأفی ہُنْد خواہان تِکیاز مےٚ یہ باسوٚ یہِ عمل تہٕ چھِ سانِین قلمکارن پٔتمن تصنیفن منٛز پادٕ گٔرن ضروٗری یُتھ زَن معیار بہتر گژھِ۔

رکھشا بَندھن 2014 سومناتھ پنٛڈِت



# سأنٛی پُوران

پُوران چھِ سانہِ سنسکرٕت ادبکۍ سارِوے کھوتہٕ موٗلۍ سرمایہِ۔ ''پُوران''
لفظُک معانے گوو ''پرٛون'' یا پرٛأنِس وقتس منٛز یہِ کینٛہہ زِنٛدٕ اوس۔ ''پرٛاتنٛ''،
''دیومالأیی'' یا یہِ کینٛہہ تواریخ تھَنہٕ پٔتہٕ بڑونہہ یتھ بُتراتھ پیٹھ نظرِ اوس
گژھان تتھ پیٚو پُوران ناو۔ یتھ کٔنی چھُ سانِہِن پُوراتنٛ رِیژن تہٕ رِواجن تہٕ
سأنِس پُوراتن اَدبس منٛز مُقام مئولمت۔ یۄدوَے زَن یمن بیانن منٛز تواریخی
اہمیتُک سبٹھاہ کم دَخل چھُ مگر تۄ پتہٕ تہٕ چھِ یم سانہِ سنسکرٕت ادبکۍ موٗلۍ
سرمایہِ۔ تکیازِ پرٛانو تواریخی تہٕ سِیأسی حوالو علاوٕ چھُ اَسہِ اتھ ادبی سرمایس منٛز،
دھرم، فلسفہٕ، رہن سہن تہٕ تمہِ وقتکین لُکہِ ہنٛزن طور طریقن تہٕ لۄکن منٛز مُروج
ہونرو تہٕ اصلاحاتو نِشہِ تہٕ زأنی یاب گژھان۔ یہِ چھُ اَژھین سِلسِلہِ یُس اِنسأنی
تہذیبکہِ اِبتدا پیٹھ سانہِ پۄت کالُک از تام معلوٗم سرمایہ کُنے ظأمِن چھُ۔

سأنِس اِبتدأیی دورس منٛز اوسا لُکھ پُوران رِکنہٕ وارِیاہ، یہِ وَنُن چھُ
وارِیاہ دُشوار۔ سأنی پرٛأنی رِوایتھ تہٕ ادبی ماخذ تہٕ چھِ مانان زِ پُوران چھِ دۄیہِ
قِسمکۍ۔ اکھ گیہِ مہاپُوران۔ یمن ہُنٛد دأیرِ سبٹھاہ وٚسی چھُ آسان تہٕ دۄیم چھِ اُپہِ
پُوران۔ یم کُنہِ خاص علاقس یا جایہِ باپتھ مخصوص آسن۔ مہاپُوران چھِ کُل ارداہ
یِوان مانِنہٕ۔[1]

---

ا۔ کرمہٕ کانڈی نمبر۲ ترتیب کار کیشو بھٹ، ۱۹۳۳ء، صفحہ ۱۵۰۔

(۱) بڑہمہٕ پُوران (۲) پدمہٕ پُوران (۳) وِشنو پُوران

(۴) شِو پُوران (۵) بھاگوت پُوران (۶) نارد پُوران

(۷) مارکانڈے پُوران (۸) آدِیتہٕ پُوران (۹) بھوِش پُوران

(۱۰) بڑہمہٕ وے ورتہٕ پُوران (۱۱) وایو پُوران (۱۲) وراہ پُوران

(۱۳) سکنٛد پُوران (۱۴) وامن پُوران (۱۵) کوٗرمہٕ پُوران

(۱۶) متسیہ پُوران (۱۷) گرُڈ پُوران (۱۸) برہمانڈ پُوران

اُپہٕ پُورانن ہُنٛد تعداد تہٕ چھُ ارداہ یِوان مانِنہٕ مگر دراصل چھُ یِہنٛد تعداد واریاہ زیادٕ۔ ازکل چھُ امہِ قسمُک واریاہ کینٛہہ ادب یَتھ پتہٕ وَتھ پیٚٹھ وقتہٕ وقتہٕ شیرِ پأر گرِتھ تہٕ یہِ بدلونس وقتس لرلوٚر چلوٚن بناونہٕ باپتھ اتھ منٛز مُروجہِ مُقام تہٕ زمانہٕ حِساب لوٗکن ویہِ وُن تہٕ ٹارِ کھیٚوٚن رنٛگ دِتھ اسہِ از دٔستیاب چھِ۔

تہذیبی ادب رٔژھرِتھ تھاونس منٛز چھُ پُوران اَدبس اکھ خاص مُقام۔ مہا پُورانن ہنٛدِ چھِ یِم پأنٛژھ اہم جُز یِوان مانِنہٕ یِم پرٛتھ پُورانس منٛز آسنۍ گڑھن۔

(۱) سرگ (رَوأنی) (۲) پرٛتہٕ سرگ (بأگرن)

(۳) ونٛش (خاندان) (۴) مَنوٚنترٕ (منو سُنٛد سمیہٕ)

(۵) ومشانہٕ چرِترٕ (خاندأنی وبستار)

مگر واریاہَن پُورانن منٛز چھُ یِمو علاوٕ ورناشرٛم دھرم۔ سنسکار، وژت، رِژن کامن ہنٛدِ باپتھ رِتی ساتھ (یوٗگ) مختلف قسمچہِ پوٗزایہِ۔ دان (اتھِ تِلتھ

دیُن )۔ مختلف ترتھن ہُند بجر تہٕ تھزر بیٚتر تہٕ وکھناونہٕ آمٕتۍ۔ کیٚنٛہہ چھہِ تیتھی تہٕ پُوران یمن منٛز تہٕ یم اہم پانٛژھ جُز مۆجۆد چھہِ مگر باقی دٕرج نوقتہٕ چھہِ بڈ وبستار تہٕ وکھنے سان بیان آمٕتۍ کرنہٕ۔ بھاگوت پُوران چھُ مانان زِ پُورانس منٛز چھہِ یاتہٕ یم پانٛژہ حِصہٕ آسان نتہٕ چھہِ دَہہ حِصہٕ آسان یمن منٛز مُختلف وضاحتن حِصہٕ باگے چھہِ کرِتھ آسان۔

اُپہٕ پُوران چھہِ محدۆد، مخصوص تہٕ آسان تہٕ مُدلل تہٕ۔ کیٚنٛہہ اُپہٕ پُوران چھہِ وبستارٕ وأرٕی آسان مگر بیان چھُ کُنہِ خاص جایہِ، علاقس یا کُنہِ مخصوٗص دیومالایی رُکنس مُتلق یوت آسان یُس اِمہِ جایہِ ہٕندِ یا علاقُک دِوتاہ چھُ ہِوان مانٛنہٕ یمن منٛز چھہِ اَمہِ علاقٕکین لۆکن ہٕندی لسنہٕ بسنٕک، رہتہٕ رِواجک دھرم تہٕ سنسکار وبڑھناونک اکھ خاص رحجان آسان۔ اَمی چھُ اِمہِ قسمک ادب یمن علاقن ہٕندِ تحقیقہٕ خأطرٕ ہَنا زیادے لأظمی آسان۔ ہندوستانکین واریاہَن دۆر دراز روزن والین ہٕنزِ زِندگی لسنٕس بسنٕس، مذہبی عقیدن، رِواجن تہٕ بڈین دوہن تیوہارن تہٕ رسمن، دِل بہلایی ہٕندی مرکز، گۆن، گِنٛدن تہٕ ساز، یم سأرے کتھہِ چھہِ یمن اُپہٕ پُورانن منٛز وکھنأوِتھ دٕرج آسان۔ سأنٛی رِیاست جموں وکشمیر چھُنہٕ اتھ ذِمرس منٛز باقی برصغیر نِشہٕ الگ کیٚنٛہہ۔ ییٚتہِ تہٕ چھُ وقتہٕ وقتہٕ اَمہِ قسمک ادب لیکھنہٕ آمُت۔ ازتام چھہِ یم ترٛے اُپہٕ پُران سانہٕ ریاستُک پۆت کال تہٕ ییٚتکین لۆکن ہُند لسُن بسُن گاشراوان رۆدیمٕتۍ۔

۱۔ نیل مت پُوران

۲۔ ویشنو دھرموتر پُوران تہٕ

### ۳۔ واسکی پُوارن

نیٖل مت پُوران چھُ کشمیٖر وادی ہِندِس پَتھ کالَس گاٹشراونس ستیٖ ستیٖ اَتہِ کٔمن لوٗکن ہِندی بڈٕ دوہ تہٕ کٔشیٖرِ ہِندبن واریاہن ترتھن تہٕ مذہبی تہٕ سماجی ووژھبن، گِنڈنس تہٕ گبوٗنس بیٚترِ مُتلِق والدیاہ زانکٲری اسہٕ تام واتناوان۔ تتھے کٔنی چھُ ویشنو دھرموتر پُوران باڈوٕ کٔنی سبٹھاہ بوٚڈ آسنہٕ علاوٕ اکھ لُغٲتی ادب یُس برِصغیرس منز اکھ ابن سائے کلوپیڈیا مانہٕ چھُ یِوان تہٕ یُس سانہِ ریاستِکس جیمۍ صوٗبس تہٕ اتھ أندی پٔکھی میدأنی علاقس ستیٖ وابستگی تھاوان چھُ۔ تتھے کٔنی چھِ واسکی پُوران سانہِ رِیاستِکس بھدواہ علاقس ستیٖ تعلُق تھاوان تہٕ اتھ منز چھُ امہِ علاقہٕ کٔمن واریاہن رِوایتن تہٕ مذہبی عقیدن تہٕ رسم رِواجن ہُندٕ پتاہ لگان۔



# نیٖل مت پُوران

نیٖل مت پُورانچ توٲرٟیخی اہمیتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ کلہن پنڈتن پننہِ تصنیف راج ترنگنی منز یِیمہِ کتھِ ہُند اِقرار کوٚرمُت زِ تٔمی چھِ کٲشیرِ ہنٛدِ بن پژانٛہن راجن ہُند تزکرِ نیٖل مت پُورانس منز درج ناون ہنٛدِ آسنہٕ موٗجوٗب کوٚرمُت۔ مشہوٗر موحقِق بہولر ہنٛدِ بیان مُطابِق چھُ یہِ پُوران راج ترنگنی منز درِج توٲرٟیخی تہٕ جغرافِیٲیی مُقام وِدِ کئڈنٛس منز وارِیاہ اتھِ روٗٹ کران۔ تِکیٛازِ یِم ناو چھِ حقیٖقتہٕ موٗجوٗب کٲشیرِ منز مرُوجہِ یِمن جاین ہنٛدِس تزکرِس سٟتی وارِیاہَس حدس تام مُشابہت تھاوان۔ دراصل چھُ نیٖل مت أکِس خاص علاقس سٟتی تعلُق تھاون وول اکھ اُپہِ پُوران یَتھ منز کٲشیرِ ہنٛدِس پژٲنٛس تہذیٖبس سٟتی وابستہٕ وارِیاہ دِلچسپ معلوٗمات درِج چھِ یِمن واشِن تہٕ وۄ کھنے کرِنچ از تہِ سبٹھاہ اہم ضوٗروٗرتھ چھِ۔

ڈاکٹر کرشنا موہَن تہٕ چھِ مشہوٗر توٲرٟیخ دان بھینی پرساد سُند یہِ گفت ترک کرِتھ أکِتھ کن تژ اوان زِ نیٖل مت کیٛاہ چھُ ازکلِ کِس مُروجہ مانٛیس مٕثلن پارلِمانٲنی یا سِیاسی رِپوٹ یا دستاویز یَتھ عامس نِشہِ پردِ یہِ کرنہٕ۔ ڈاکٹر کرشنا موہن چھِ ونان زِ اتھ پُورانس منز چھنہٕ شوٗروٗ پیٹھِ أخرس تام تِیتھ کانٛہہ رِپوٹ دٕرج یِیمیُک حوالہٕ اَسہِ بھینی پرساد چھِ دوان۔ سو چھِ تسلیم کران زِ یِتھی ہِوی رِپورٹ ما آسہٕ ہَن تِمن دوہَن تہِ لیکھنہٕ یِوان تِکیٛازِ کلہن چھُ پانہٕ تہِ امہِ کتھِ ہُند اِقرار کران زِ نیٖل مت علاوٕ أسی تس وارِیاہ توٲرٟیخی تہٕ سِیاسی نٔوِ یِتکی پژٲنی

مسوِد مؤجوب ییمہِ پیٹھ تمِ پٔنز یہِ توأریخ چھِ درج کرہٕ۔ مگر یہِ سورُے سرمایہِ
چھُنہٕ ووٚنی کُنہِ تہِ دٔستیاب۔ ڈاکٹر کرشنا موہن چھِ مانان زِ نیٖل مت چھُ اکھ
اہم تخلیق یۄس تام کٔشیرِ ہنٛدِ توأریخ، لُکہٕ داستان تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ جغرافیٲیی علاقن تہٕ
گامن ہنٛدِ ناوٕچ نِشاندٕہی ہُند تعلق چھُ۔"[1]

باسان چھُ زِ یہِ پُوران چھُ شیٖمہِ تہٕ اٹھمہِ صدی دومیان آمُت
لیکھنہٕ۔ کلہنن چھُ امیُک تزکرٕ "پراچین گرنتھ" کِس صوٗرتس منٛز کوٚرمُت۔ لکھشمی
دَر (1104 to 1143) راز ہرشہٕ سُنٛد وزیر آسنہٕ علاوٕ چھُ سُہ شو فلسفی تہِ تہٕ
تاثرک تہِ اوسمُت۔ اَمہِ ہنٛزٕ "تصنیف کرتیہ کلپہٕ توروہس" منٛز چھِ کیٚنٛہہ پد
درج یِم کُنہ تام بڈٕہمہِ پُورانہٕ منٛز چھِ آمتیٚ ہنہٕ۔ یِمو پدو منٛز چھُنہٕ اَسہِ کانٛہہ تہٕ
ازکل مُروجہِ بڈٕہمہِ پُورانن منٛز نظرِ گژھان مگر ہاں یہِ کتھ چھِ زِ یِم ساری پد
چھِ نیٖل مت پُورانس منٛز سرِ ثبوت مؤجوٗد۔ باسان چھُ لکھشمی دَر ہنٛدِ وارِیاہ کال
بڈٕہمہِ چھِ یِم پد اتھ بڈٕہمہِ پُورانس منٛز نیٖل مت پُورانہٕ پیٹھ درج کرنہٕ آمتیٚ۔
نیٖل مت پُورانس منٛز چھُ کٔشیرِ باپتھ لفظ "یتھ دیشس منٛز" درج تہٕ یہے لفظہٕ
چھِ بڈٕہمہِ پُوران پیٹھ کرتیہِ کلپہٕ تورس منٛز بدلتھ "تتھ دیشس منٛز" آمتیٚ
ورتاونہٕ۔ نوٚشینٛکس ووزھبَس مُتلق چھُ نیٖل متس تہٕ کرٛتیہِ کلپہٕ تورس منٛز یِہوے
پد نظرِ گژھان مگر کرٛتیہِ کلپہٕ تورس منٛز چھِ یہِ تہِ وضاحت زِ یتھ دیشس منٛز
شیٖن آسنہٕ پہوان تتہِ گژھِ شرٛادس پیٹھ صرف زبٲنی ستیٚ لفظ "ہمہِ پانٛم"۔ "شینہٕ
ترٛیش" وٕنتھ پترن ہنٛز پوٗزا کرنہٕ یِنٛز۔ امہِ تلہٕ چھُ یہِ صاف ظٲہر سپدان زِ

1. Dr. Krishna Mohan, Early Medeival Hostory of Kashmir, 1981, p.,9.

شِپنس مُتلِق یہِ وَکھنے چھِ دراصل کشیرِ منز لیکھنہٕ آمِتس نیل مت پورانس منزٕ ے درج اَسمژٕ یوسہٕ پتہٕ پُورلنہٕ وألی نقل کرنہٕ وقتہٕ مذید وضاحتہٕ سان درج چھِ کرمژٕ۔ لمہِ تلہٕ چھُ باسان زٕ نیل مت چھُ لمہِ برٛہمہٕ پُورلنہٕ کھوتہٕ سبٹھاہ پژٲنی تخلیق۔

کینٛہہ خاص کتھ تہٕ بیان چھِ ییٚمہِ کِنی باسان چھُ زِ یہِ پُوران چھُ برِصغیرس منز لیکھنہٕ آمتین واریاہَن پُورانن برٛونٛہہ لیکھنہٕ آمُت تِکیازِ اتھ منز چھنہٕ تِمو منزٕ کُنہِ تہٕ پُورانک اثر اسہٕ امہِ کِس بیانس منز نظرِ گژھان۔ مثلن :

(۱) نیل مت پُورانس منز چھنہٕ بھگوان رامس، بھگوان کرشنس تہٕ بھگوان بدھس بیٚترِ خأطرٕ اوتار لفظ نظرِ گژھان۔ امہِ باپتھ چھُ ''پأدٕ سپُدن'' یا ''ظأہر سپُدن'' استعمال آمُت کرنہٕ۔

(۲) پوٗزا یہِ باپتھ پوش یا باقی اچھِ سامگری منز چھنہٕ تُلسی ہُند ذِکر نظرِ گژھان۔

(۳) کرٛشنہٕ سُنٛد تذکرٕ کرنہٕ وِزِ چھنہٕ رادھایہِ ہُند ناو جوڑنہٕ آمُت۔

یِمہٕ چھےٚ تِمہٕ سارے کتھٕ یِم باقی واریاہَن مہا پُورانن منز یَسلہٕ پأٹھی چھِ نظرِ گژھان۔ یِمن ہُند پرتو شیٚمہِ شَتمہِ صدی پتے کشیرِ تہٕ ووتمُت چھُ۔ یِمو کتھو تلہٕ چھُ باسان زِ یہِ چھِ أٹھِم وقتس درمیان لیکھنہٕ آمژٕ تخلیق۔ نیل مت پُوراٹکی یِم تہٕ قلمی نوسخہٕ ازتام اسہِ دٔستیاب سپدیٚمتی چھِ تِمن ہِنٛدِ مُطالعہٕ ستی چھُ نَنان زِ نٔوِمہِ صدی أندی پکھی اوس امہِ پُورانک باڈو دار تہٕ نِوِ سرٕ ترتیب دِتمُت نۄو نیل مت پُوران لیکھنہٕ آمُت۔ ییٚمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ نیل مت پُوران اوس نٔومہِ صدی وارِیاہ برٛونٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ یتھ زن لِکھارِن امیک نۄو تہٕ بھاڑو دار ایڈِشن بناوُن پیوٚ۔ باقی پُورانن ہِندی پأٹھی چھُ نیل مت پُوران تہٕ

دوٚن فردن درمیان کتھ باتھِ ذٔریعہٕ شوٗرۄ سَپدان۔ پوٗرانچہِ موٗلہٕ کتھایہٕ سٟتؠ چھِ واریاہ مہاتمیہٕ، مثلن تٔرتھن ہنٛدِ بجرٕچ وکھنے (مہاتمیہٕ)، وتستا مہاتمیہٕ بیٚترٕ رل گٔرتھ پوٗرانٛچ وکھنے بڑوٚنہہ آہو پکناونہٕ۔ شوٗرۄہَس منٛز چھُ راز جنمے جے وَیشمپاین رێشِس پرٛژھان زِ کٔشیرِ ہُنٛد راز کوٚنہٕ اوس مہابھارت لڑایہِ منٛز کٔنہٕ ذٔرِس سٟتؠ شامِل سَپدمُت۔ درجواب چھُس وَیشمپاین وَنان زِ مہابھارت لڑایہِ بڑوٚنہہ اوس چندر ومشی راز جرا سندھن پٔنن رشتہٕ دار گونند (اول) یادوَن بَرخلاف لڑایہِ منٛز مدتہٕ باپتھ بُلوومُت، مگر اتھ لڑایہِ منٛز سَپد سُہ کرٛشن جی ہنٛدِس بڑِس بأے بلرامنہٕ ذٔسؠ لڑایہِ منٛز مارٕ۔ اَمہِ پتہٕ اوس کرٛشن گاندھار دیش گومُت۔ سوٚیمبرس منٛز شموٗلیتھ کرنہٕ باپتھ تہٕ داموٗدھر (گونند اول) سُند نیچو گوٚ تمِس توٚری بدلہٕ ہینہٕ باپتھ پیٚتہٕ سُہ کرٛشن جی نبہٕ اتھو مارٕ گوٚ۔ مگر کٔشیرِ ہنٛزِ بُترٲژ ہُنٛد دھیان آسنہٕ موٗجوٗب آوٚ سُہ (کرٛشن) بذاتہٕ خود تہٕ پیٚتہٕ کَس تختس پێٹھ بیٚہناوِن راز داموٗدھر سنٛز گوبھِ کھوٚرٕ رانٛی یشوٗوتی کٔشیرِ ہنٛدِس تختس پێٹھ۔ مہابھارتچہٕ لڑایہِ وِزِ اوس داموٗدھرُن یہِ سنتان گونند دوم سبتھاہ لوکٕٹ تمی ہیوٚک نہٕ سُہ اتھ لڑایہِ منٛز شریک سَپدتھ۔ کٔشیرِ ہُنٛد ذِکر کران چھُ وَیشمپاین وَنان زِ یہِ سورُے علاقہٕ اوس پتھ کالہِ بوٚڈ بارٕ سَر تہٕ ناو اوسُس ستی سر۔ ستیٚ مِس مَنٛز سنٛدِس عیامس منٛز سَپد امیُک پونٛی خارج تہٕ آبہٕ تلہٕ دژلیہِ سٕنٛز بسٕنٛز لایق یہِ وادی۔ یہِ سورُے عمل بوزنوو گونند وَیشمپاین اَنٛدٕ پێٹھہٕ اَخرس تام وبتارٕ سان۔ سر بنہٕ بڑوٚنہہ اوس ستی (پاروٗتی) ناوِ ہُنٛد رِف دأرِتھ منو سنٛدِ ذٔسؠ بُترٲژ ہنٛدِ اِبتدایکی تمام بیالی سٟتؠ نی مٕتؠ تہٕ تھاوِن سرِکس شُمال مغربی بالہٕ تھوٚنکس یہِ ناو گٔنڈِتھ یتھ زن بُترٲژ ہُنٛد

بۄزِل آبہٕ ستۍ ذا یہِ گژھِ نہٕ تمی چھِ اتھ بالس ''نو بندھن'' وَنان۔ جلودبھو راکھشس مارِتھ سرُک پونی نیٚبر نیرنہٕ پتہٕ ظہوٗر سپزی مژ وادی منز نٔو سرٕ زِندگی شوٗرُو تہٕ یہِ بُتراتھ بنے یہِ آدم زِندگی مُوافِق۔ اُتھی دوران گو جلودبھو ناوِکس اَکِس راکھشس یُس ستی سرس منز پادٕ سپدمُت اوس بڑہما جیٚس نِش یہِ وردھان حاصِل زِ زیرِ آب ہیکِہ نہٕ کانہہ تَس مارِتھ تہٕ یتھٕ کٔنی لوٗگ سُہ یمن نٔوبن منٛز جینبن ذُربن پتربن رنگہٕ رنگہٕ تنگ کرنہٕ۔ وادی تہٕ اتھ اندی پکھی روزن وٲلی ساری سپدی اَمی ہندِ اَمہِ وٕطیرٕ ستۍ سخ پریشان تہٕ دارو ابھسار، گاندھار، جہُنڈر، شک، کھش، تنگن، مانڈو تہٕ مَدر بیٚترِ علاقن منز بسن والین لار گرِتھ لوٗگ یمن سارِنے جاین کھلہٕ ڈلہٕ تہٕ بے روک پاٹھی آتنگ مچاوِتھ پانہٕ روزنہٕ۔ اکہِ دوہہ گو ناگن ہُند زیٹھ نیل ناگ پنہٕ نس مالس کشپ ریشس نِش تہٕ بووُن تمِس یمن علاقن تہٕ بسکنبن ہُند یہِ سورُے احوال۔ یمن علاقن تہٕ بستین ہنٛز یہِ حالت بوٗزِتھ گو کشپ ریوٗش سخ پریشان تہٕ آو بذاتہٕ خود حالاتن ہُند جایزٕ ہینہٕ باپتھ یمن علاقن ہندِس دورس پیٹھ۔ تِتھس وُٹکرِس راکھشس ناش کرنہٕ باپتھ کوٗر تمی تمام دِوتاہن زارِ پار تہٕ پوٗزا تہٕ کرِن آمادٕ تِتھس خود راہ ظالِمس ناش کرنہٕ باپتھ۔ ویشنو، شِو تہٕ بڑہما وٲتی باقی دِوتا ہتھ کشیرٕ۔ جلود بھون ہیٚژ ستی سرس منز پانس تل ژپھ۔ ویشنو اوس زانان زِ جلودبھو مارنہٕ باپتھ چھُ ستی سرُک آب خارِج کرُن ضوٗروٗری۔ تمی کوٗر اننتس حُکم زِ سُہ کرِن پننہِ البانہِ فالہٕ ستۍ سرِکس آبس نِکاس دِنہٕ باپتھ جاے تیار یتھ زَن سرُک سورُے آب نیبر نیٚرِ۔ یتھٕ کٔنی سپُد آبس نِکاس تہٕ اکھ خوشیوٗنی وادی گیہِ سرِکہِ ژِکہِ تلہٕ نموٗدار۔

جلودبھون کوٚر پننہِ مایایہِ ستی ساریٚ ہے وادی منٛز اَنہِ گٔژہِ قایم۔ شِوٚن روٚٹ ژٔندر تہٕ سریٚ یہِ پننہِ غمن دون اتھن کبتھ گاشہِ باپتھ تہٕ آخرس کوٚر ویشنوہَن جلودبھو پننہِ سوردشن ژکرِ ستی لٔڑلیہِ دوران مارٕ۔ یوٚنٛی وسنہٕ پتہٕ اوس وادی ہُنٛد خوشیوٚن ماٗدان نوٚن دزامُت۔ کشپ ریوٚش اوس یٔژھان زِ ناگ تہٕ کشپ ہنٛدی ساٗتھی لۆکھ بَسن یتھ بُراٗژ پٔٹھ رٔلتھ میلتھ۔ مگر ناگن اٗس نہٕ یہِ کتھ منظوٗر۔ کشپ ریٚشِس کھوٚت خَشم تہٕ دیُتن ناگن شاپھ زِ چوٚنکہِ توہہِ چھنہٕ منشن ستی روزُن منظوٗر لیہذا روٗزِو توہیٚ پشاچن ستی۔ ناگن ہنٛدِس یِژ زارٕ پارس پٔٹھ گر ریٚشی پننِہ نِس شاپس منٛز تبدیلی تہٕ ووٚنُن زِ دون یوگن تاںٛ روٗزِن ناگ ونٛدکَمن شَمن رتَن ہنٛدِ باپتھ پشاچن ستی تہٕ رتہٕ کالکِ شۍ ربتھ روزِن منَشن ستی۔ تہٕ یہِ سمےٚ گذرنہٕ پتہٕ روٗزِن تِمۍ وٚہرِ وٚرِیَس منشن ستی یوت پوٚرٕ وٚرِیَس۔

ژوٗر یوٚگ گیہِ ادا تہٕ اَمہِ وٚرِیہِ رتہٕ کول موکلِتھ ستریہِ منش ماٗدانٛی علاقس کُن ہجرت کرنہٕ باپتھ۔ اکھ بُڈ برٛہمن چندٛر دیو ہیوٚک نہٕ ہجرٕ موٚجوٗب ہجرت کٔرِتھ تہٕ لیٚہذا روٗد یہِ وادی منٛزے۔ سُہ سمکھیوٗ نیٖل ناگس پانس پشاچو نِشہِ تہٕ سردی کُٹھکارٕ نِشہِ بچاو کرنہٕ باپتھ تہٕ اٗتی گوٚس موٚلوٗم زِ ژوٗر یوٚگ چھہِ پوٚرٕ سَپدیمٕتۍ تہٕ لیہذا ہیکَن ووٚنۍ منٛش پوٚرٕ وٚہرِ وٚرِیَس وادی منٛز روٗزِتھ ناگن ستی مگر اٗکِس شرطس پٔٹھ زِ تِم کرن ناگ دوتاہَن ہنٛز پوٗزا تہٕ منٛدید کیٚنہن بڈبن دوہَن تہٕ تیوٚہارن مناوَن تِمن ستی۔ یتھِ کٔنۍ چھُ چندٛر دیوٗس تہٕ نیٖل ناگس درمیان اکھ قلیل بحث شوٗروٗ گژھان یتھ منٛز پاٗنژہاٗٹھن بڈبن دوہَن تہٕ تیوہارن ہُنٛد ذِکر چھُ۔ شۍ ہتھ پٔٹھی ناگ دوتاہَن ہنٛز پوٗزایہِ ہنٛز ووکھنے

چھِ تہٕ اتھ ناگ پۆزایہِ سٟتۍ وابستہٕ کشیرِ ہندبن واریاہن تیرتھن ہُند ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ تہٕ اَخرس چھُ وبتستایہِ ہُند مہاتمیہِ بجر آمُت وہوِھناونہٕ۔

باقی پُورانن ہندی پاٹھۍ چھُ نیل مت پُورانس منٛز تہٕ جغرأفیأیی تذکرس منٛز دٔریاوَن تہٕ نالن، جنگلن تہٕ پہاڑن ہیترِ ہُند تذکر چھُنہٕ بےٚ زُوو چیزن ہنٛدِس صورتس منٛز آمُت کرنہٕ یُتھ کہِ چھِ یم پاک دیوی تہٕ دِوتاہَن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز نظرِ گژھان۔ جُمبھ، شاک، کُش، کرٛونچ، شامَلیہ، گومید تہٕ پُشکر۔ یمن ستن زُوبن منٛز چھِ جُمبھ زُونُون جھن ہُند مانہٕ آمُت۔ یم جِصہٕ چھِ: اُتر کُرُو، رمیہ، ہِیرنُوت، بھدراشو، کیتُہ مال، اِلاوڑت، ہَرِورش، کِم پُرُش تہٕ بھارت وَرِش۔ بھارت ورشہِ کِس شُمالس منٛز چھِ کشمیر ییٚتہِ بُتراَژ ہنٛدی سارِی تیرتھ موٗجوٗد چھِ۔ بیان چھُ آمُت کرنہٕ زِ امہِ سرسبز بُتراَژ ہُند اکھ اکھ ذرٕ چھُ شرٛوٗژ تہٕ پاک۔ ییٚتہِ چھِ ناگن ہنٛز پاک جویہِ تہٕ سبٹھاہ پوتر بالہٕ تھوٗنگی۔ سأدِروار تہٕ شرٛوِژ جویہِ، دٔریاو تہٕ سَر۔ سبٹھاہ شوٗژی تہٕ راحت قلب دیٛوسِتھانن تہٕ آشرم۔[1] پرٛتھ کانٛہہ آبہٕ جوے چھےٚ اَکِس نتہٕ بیٚیس ناگس کُن مُنسلِک۔ پرٛتھ دٔریاو چھُ اَکِس نتہٕ بیٚیس دیوی ہُند مُطبادِل رٕ پھ۔ پرٛتھ بالہٕ تھوٗنگ چھُ اَکِس نتہٕ بیٚیس دِوتاہنٛز گِندن تہٕ دژوکن جاے۔ جلودبھوٗس مارنہٕ وِزِ اوس شِو جیَن نوبندھن بالہٕ تھوٗنگس پٮ۪ٹھ، بھگوان وِشنوٗہَن جنوٗبی بالہٕ تھوٗنگس پٮ۪ٹھ تہٕ برٛہما جیَن شُمأ لی بالہٕ تھوٗنگس پٮ۪ٹھ پٔنُن ڈیرِ جموومُت۔ لہٰذا چھِ یم ترٛنوے بالہٕ تھوٗنگی۔ مہیشور تھوٗنگِ، ہری تھوٗنگ تہٕ برٛہما بالہٕ تھونگب ناوِی مشہوٗر

---

[1] نیل مت پُران (جِصہٕ دوم)، وید کُماری (ڈاکٹر)، شلوکھ 25-24۔

سَپدی مِتھ۔ کشپ ریٚش ہِندِس ذٕپس پیٹھ وۄن بھگوان شِون پارۄتی وِتستایہِ ہِندِس رِپس منز یِتھ کٔشیرِ ہنز بُتراتھ شرۄژ تہٕ پاک بناوٕنی۔ تِمَس باسیوو زِ سو ہیکہِ نہٕ یہِ کام کٔنی زٕنی انجام دِتھ تہٕ تِمہِ کوٚر ریٚشِس عرض "زِ یِیتِھن گوناہ گار کٔشیرِ ہِندِ بن لۄکن ہیکہِ نہٕ سو کٔنی زٕنی شۄژر راُوِتھ۔ توٚہۍ کٔرِو تو شارنگدھر[1] سٕنز شریکِ حیات لکھشمی کٔنی عرض امہِ باپتھ۔ تِکیازِ سو ہیکہِ کٔنی زٕنی تژ بن لۄکن شۄژ تہٕ پاک بناُوِتھ۔" ریٚش کوٚر بھگوان وِیشنو ہَس عرض تہٕ یہِ سَپُد منظوٗر۔ یِتھ کٔنی واُژ لکھشمی کٔشیرِ ہنزِ بُتراژ پیٹھ وِشوکا بٔنِتھ۔ کٔشیرِ ہِندِ بن واریاہن تیرتھن ہُند ناو چھِ برابر یِتھے کٔنی یِتھ کٔنی بھارت دیٚشس منز یِمن ہُند ناو چھُ مُروج۔ یِیتہٕ چھِ وِتستایہِ تہٕ سِندھ ندی ہِندِس سنگمس پریاگچ اہمیتھ دِنہٕ آمژ۔ ترکوٹہٕ سنگم پیٹھ رۄ پیشرِس تام تہٕ پاون رَجو ہِندُ نِرملا سنگم پیٹھ چیرموچن تام علاقہٕ چھُ تیٚوت مُطبرق مانہٕ آمُت یوٚت وارانسی (بنارس) چھُ۔[2] سرسوتی، ریٚشہِ کُلیا، رامہٕ ہرٕد، بژگہٕ تنگ، مُنڈ پرشٹھ چترکوٗٹ۔ بھرٔت گری، کامہٕ تیرتھ بیٚترِ تیرتھن ہِندی ناو چھِ امہِ باقی ہندوستانس منز تہٕ نظرِ گژھان تہٕ یِم چھِ کٔشیرِ ہِندی تیرتھ تہٕ مانہٕ یِوان۔ یِتھ کٔنی چھُ نیل مت جغرافیاُیی لِہاز کٔشیرِ ہُند مُلکہٕ کیٚن باقی حِصن سٟتی بڈٕ گہرٕ واٹھ ہاُوِتھ دِوان تہٕ اتھ کتھِ پوچھر کران۔ مختلف تیرتھن سٟتی وابستہٕ یِمہٕ لوکچہِ لوکچہِ کتھہٕ نیل متس منز درٕج چھنہٕ صرف کٔشیرِ ہُند دیو مالاُیی تعلُق کٔے یوٚت ہاُوِتھ دِوان بلکہِ چھِ امہِ سٟتی مذہبی یکساُنیتھ تہٕ تہذیٖبی ہشرٕس تہٕ پوچھر میلان۔

---

[1] یہِ چھِ اکھ خاص تیر کمان یُس بھگوان وِیشنو چھِ استعمال کران۔ تِمی چھِ وِیشنو ہَس شارنگدھر تہٕ وَنان۔

[2] نیل مت پُران وید کُماری، حِصہٕ اول، صفحہٕ 45۔

یِمن کہانِین منز چھُ وِشنو، شِو، برٛہما، بُدھ، ناگ، پِشاچ، یکھش وغارٕ سارِنٕے ہُند ذِکر تہٕ یِمو سارِوٕے اوس اکھ اَکِس سٟتؠ رٟلِتھ میٛلِتھ تہذیٖبی تہٕ ثقافتی پارٕ راو تیار کوٚرمُت۔ یُس ازتام تہٕ جارٕی چھُ۔ جلودبھوس ناش کرنس منز اوس سارِنٕے دِوتاہن ہُند ساتھ۔ پُوارنٛچ رواَنی لوٚب وِنی بناونہٕ باپتھ چھِ اتھ منز مختلف دِوتاہن ہُند پانہٕ وِنی زبرٕک زباٗنی سان کتھ باتھ تہٕ درٕج۔ وِشنو چھُ جلودبھوس سُدرشن ژٕکرٕ سٟتؠ ماران تہٕ خۄن لگنہٕ سٟتؠ چھُ سُدرشن ژٕکرس زنتہٕ مُستی یوان تہٕ یہٕ چھُ وأران علاقن پھیران پھیران شِوس اتھِ لگان۔ شِو چھُ یہٕ ژٕکرٕ ہیتھ بھگوان وِشنوہَس نِش گژھان۔ وِشنو چھُ اَسہٕ وِنہٕ ہوٚنجہٕ شِوس کُن ونان: ''ہے دیو! شترن تہٕ راکھشن ناش کرن وول یہٕ ژٕکرٕ دِیون مےٚ واپس۔'' مخولس منزٕے چھُ شِو تہٕ ٹٔلۍ ٹارِ اَسان درجواب ونان : ''یہٕ اوٚسُس پننہٕ مرضی خلوق علاقس کُن چکراہ کران تہٕ لوٚب مےٚ یہٕ۔ میٛے نیٚوٕ نہٕ کاٗنسہِ تھپہٕ۔ ووٚنی گو اگر لوٚبوٚن کیٛنژھا بنہٕ تیٚلہِ سوٚنچو۔'' چکر دھر وِشنوہَن کوٚر شرط منظوٗر تہٕ بناوِناوِنی پٔنٕنز تہٕ شِو تہٕ پاروٗتی ہنٛز اَسونہٕ ہوٚنجہِ موٗرتی تہٕ کٔرن تِہنز تھاپنا اَتھی جایہِ پانس برٛونٛہہ کنہِ۔ نیٖل متس منز چھُ یہِ تہِ درٕج زِ ''اُتراینَ'' یٟلہِ بِری یہٕ شُماٗلی نصف قُرس منز آسہِ تمہِ ۔ماتہٕ گژھِ مدٕسوٗدھن یعنی وِشنو سنٛزِ موٗرتی گوٚ سٟتؠ شران کرٕن مگر سٟتؠ چھُ یتہِ آمُت ونہٕ زِ شِو سُند بھکتی ہیکہِ شِو سنٛزے موورتی شرٛان کٔرتھ۔ پورانس منز چھِ لکھشمی تہٕ پاروتی دون وبسن ہِندی پاٗٹھۍ بیان آمژ کرنہٕ۔ یتھۍ کٔنی چھِ شومت تہٕ ویشنومت زِ برخلاف مت آسنہٕ بجایہِ نیٖل مت پُورانس منز یِم اکھ اَکۍ سنٛدی مثبت تہٕ مددگار مت آسنٛک حوالہٕ نظرِ گژھان۔

ناگ پوٗزا چھِ کٲشرِ ہِنٛد لُکہٕ دھرمُک اکھ اژھین انگ پٔرانہٕ وقتہٕ پیٹھ روٗزمُت۔ نیل مت پُرانس منٛز وٕنٛنہٕ آمژن دیوی دِوتاہن ہنٛز پوٗزا تہٕ باقی وۄزھبَن تہٕ بڈٕبن دوہَن ہنٛز ووکھنے چھےٚ پانہٕ نیل ناگن گرہو۔ نٔوشین پینٛس ستۍ وابستہٕ گوڈنِکس "ہمہٕ پات اُتسوس" پیٹھ چھِ مُقامی ناگ دِوتا ہنٛزِ پوٗزایہِ ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔[1] اِرا مسنٛزی ہنٛزِ پوٗزایہِ پیٹھ چھُ دِوتاہَن علاوٕ مُقامی ناگن تہِ اتھ وۄزھبس پیٹھ دعوت یِوان دِنہٕ۔ اَمِچ پوٗزا چھِ اِندر پکھشچہِ پاٗنژمہِ دوہ تہِ کرنٛچ ووکھنے آمٕژ کرنہٕ۔ مختلف دِوتاہَن ہنٛدبن منٛدرن تہٕ یاتراہَن ہُنٛد تذکرٕ پچھکبن مختلف دوہَن پیٹھ کرنک تاکید کرنہٕ آمُت۔ مثلن پاٗنژوم، باہ تہٕ پُنم پیٹھ چھُ مختلف ناگن ہنٛدبن تِرتھن ہنٛز یاترایہِ ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ۔ نیل مت موجوٗب چھےٚ ناگ پوٗزا امہِ بڈِ بارٕ تہذیبُک اکھ ضۆروٗری حِصہٕ۔ یِتہٕ چھِنہٕ کتھ زِ ناگ دِوتاہَن ہنٛز پوٗزا ما آٔس ہندو دھرمُک انگ کیٛنٛہہ وَق گُزرِتھ بنے مٕژ ٲسۍ کہِ ساٲنؠ واریاہ دِوتا چھِ بذاتہٕ خود ناگن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز نموٗدار سپدیٕ مٕژ۔ روٗدر، ہَر، جمبُھ، مہادیو، کُمار، واسُدیو، زناردن، نارایَن، اَنِرُدھ، گوپال، چکرٕ دھر، شتُرگُن، رام، لکھشمن، ہنُمان، انگد، مہیندر، اِنٛدر، جینت، ارجُن، بھیشم، دھرٕتہٕ راشٹر، یُدھشٹر بیٛترِ یم ساری چھِ نیل مت پُرانِکس ناگ فہرستس منٛز درٕج۔

---

[1] یہِ چھُ اکھ خاص اول سوٗنتہٕ پوش یمیُک تذکرٕ نیل متس منٛز واریاہ لٹہٕ چھُ کرنہٕ آمُت۔ یہِ پوش چھُ وۄنۍ تقریبن نایاب تہٕ موہلکو چھِ اَمِچ مُشابہتھ وِرِیٛمی پوشس ستۍ گرہو۔ وُچھو نیل مت پُران۔ تہذیبی تہٕ ادبی مُطالہٕ حِصہٕ ا، وید کُماری گھئی۔ وُری 1988 صفہٕ 240,213,201-02,187,170-71,164,155,122-23,110,91,84۔

بُدھ مذہبس مُطلِق یُس وۄنی ورتاو اسہِ نیٖل مت پُورانس منٛز نظرِ چھُ گژھان تیٚتھ ہیٚوٗ ورتاو چھُنہٕ اَسہِ بیٚیہِ کُنہِ تہٕ پُورانس منٛز دژِھنٛھی گژھان۔ بُدھ مذہب ژھ پاسے پھہلنہٕ کِنۍ مانٛنی ہندو دھرم والیو بھگوان بُدھ سٕنٛز قداور شخصیتھ بھگوان ویشنو سُنٛد اوتار۔ یتھٕ کِنۍ چھُ بھگوان بُدھ سانٛہن واریاہَن پورانن منٛز ویشنو سٕنٛدبن دٕہن اوتارن منٛز شُمار آمُت کرنہٕ تہٕ تِمۍ سُنٛد چھُ یاتہٕ صِرف ذِکر آمُت کرنہٕ نتہٕ خاٗلِص نمسکار آمُت کرنہٕ۔ کیٚنٛہن پُورانن منٛز چھےٚ بھگوان بُدھس مُطلِق ترٛٹھ ہشہِ کہاٗنی دٕرج یمو کِنۍ باسان چھُ زِ بھگوان بُدھ چھُ راکھشن ہُنٛد ووپدیشک یا صلاح کار۔ بُدھ مت تہٕ جاتک کتھایَن ہُنٛد ذِکر چھُکھ اَثرن ہٕنٛدِ شکستٕک مۄل کارن بیان کوٗرمُت تہٕ یتھٕ کِنۍ چھُکھ بُدھ متٕک اَثر لکن ہٕنٛدِ دِلہٕ منٛز کم کرنٕچ کوٗشِش کرٕمٕژ۔ اتھ برعکس چھُ نیٖل مت پُورانس منٛز بھگوان بُدھس ''جگت گوٗروٗ'' ونہٕ آمُت۔ بھگوان بُدھ سُنٛد زٕنم دوہ مناوُن۔ بُدھ سٕنٛزِ مۄرتی ہٕنٛز پۄزا شاکھت دھرم مُطاٗبِق کرٕنۍ۔ بودھن ہٕنٛدبن مکانٛن صفاٗیی سفیدی کرٕناوٕنۍ۔ بودھ منٛدرن منٛز بھگوان بُدھ سٕنٛز مۄرٕژ بناوناونہِ تہٕ شاکیہ بھِکھشوہَن پلو، کھین تہٕ کِتابہٕ بیٚترِ اتھٕ تُلِتھ دِنہٕ تہٕ شاٗمِل چھےٚ۔ پاٗتھرٕ گربن تہٕ نژن والین ہٕنٛدِ دٕسی پاٗتھر تہٕ نژنہٕ دٕسی ہاونہٕ یِنہٕ وول بھگوان بُدھ سُنٛد زٕنم دوہ لگاتار ترٕٛن دوہَن مناونُک چھُ نیٖل متس منٛز ذِکر۔ یمن دوہن پٮ۪ٹھ چھُ ترٛنوٕنۍ دوہن نۆید کھیاونُک، پوشوٕ ستی پۄزا کرنُک تہٕ غریبن غُرباتن دان وغاٗرٕ دِنُک تہٕ ذِکر اتھ پُورانس منٛز۔ یمہٕ سارے کتھٕ چھِ ہاٗوِتھ دِوان زِ کٔشیرِ منٛز اوس مختلف زاٗژن تہٕ دھرمن مانٛن والین اکھ اَکِس ستۍ رٕلِتھ میلِتھ تہٕ رَسا مَسا روزنُک مادٕسبٹھاہ

پرٛانىو وقتو پێٹھ موٗجوٗد۔

کٔشیر قودرتکیو نظارو سٟتۍ مالا مال آسنس سٟتۍ سٟتۍ چھُ نیٖل مت پۆرانس منز اَتہِ کیٚمن بڑٚین دوٚہَن تہٕ وۄژھون ہُند تذکرٕ تہِ مآری موٗند۔ وندس تہٕ شسرس منز چھُ ہمالے پرٛتچ پوٗزایہِ ہُند ذِکر خاصکر نوشینکس موقس پێٹھ بیٚیتھ۔ مُنلیو سٟتۍ وٕلِتھ لۄکھ، زنو بچہ چھِ نۆس شینَس پێٹھ بیٚیتھ لُطف تُلان۔ گۄن بوزان، نژن وُچھان تہٕ مدِمَس گژھتھ گِندنک تہٕ دروکِنک ہَز تُلان۔ اِرا منجری پوٗزایہِ ہِندِ دوہ چھِ لۄکھ اِرا باغن منز گژھتھ اِرا پوشو سٟتۍ دِوتاہَن پوٗزا کران۔ رِشتہٕ دارَن، ساتھۍ یَن تہٕ گرٕ واجبن چھِ اِرا پوشہِ مالو سٟتۍ یرٛتھ بخشان تہٕ یمن پوشن رَس کڈِتھ یہِ چوان تہٕ یہِ دوہ مناوان۔ بھادِرِ پٚتس منز چھُ اشوکِکا اَشٹمی ہُند بوٚڈ دوہ اُما بھگوتی تہٕ اشوکِکا دیوی ہنزِ پوٗزایہِ سٟتۍ مناونہٕ یِوان۔ اتھ منز چھُ کُمارِکا سنان علاوٕ بچہٕ، زنانہٕ تہٕ مردٕ نۆو پوشاکھ تہٕ زیور لاگان تہٕ پٔنن پان سجاوان۔ ژوپاری چھُ گیوٚنک، گِندنک تہٕ موسیقی ہُند ماحول آسان۔ وَچھِ گرٕن پَتس پێٹھ چھِ شیاما دیوی ہنزٕ پوٗزا گیونہٕ، نژنہٕ تہٕ پآٹھر تہٕ ٹاٹکھ بیٚترِ کرِتھ مناوان۔ تہٕ وَچھِ چھِ یِوان بزاہمنن تہِ دان کرنہٕ۔ سٟتِھ کۄنۍ چھُ بڑٚین دوٚہَن ہُند یہِ سِلسِلہِ وٕہرٕ وٕریٖس چلۆن روزان۔ آشِدس منز چھُ کومدی مہوتسو مناونہٕ یِوان۔ کارتِکس منز سُکھ سُپھتکا تہٕ دیپاوٕلی۔ منجہورس منز نوسموتسر، پوہ پنم، تِلہِ دوادشی تہٕ تارا راتری چھِ پوہ رێتکۍ بڑۍ دوہ۔ پھاگنس منز چھِ مہی مان اُتسو تہٕ شِو راتری۔ ژِترس منز زمیٖندآری، راٗ گیا سنان، چھندو دیو پوٗزا، پشاچ چتر ڈشی، شری پنچمی، مدن تربو ڈشی، پشاژ پرٛیان دِوس بیٚترِ تہٕ

وہیکس منٛز بھگوان بُدھ سُنٛد زٕنم دوہ، وہیکہِ پٕنٛم تہٕ یَوٲگرایَن تیوہار بیٚترِ۔ بھأدر پچھس منٛز چھُ جنم اشٹمی تہٕ وتستایہِ ہُنٛد زٕنم دوہ منأونکی تیوہار درٕج۔ یمو وؠژھبو سٟتؠ چھُ نَنان زِ کشیرِ ہِنٛدؠن لوٗکن چھُ سازس تہٕ سنٛگیٖتس، نژس تہٕ ناٹکن بیٚترٕ سٟتؠ خاص لگاو۔ وینا، مُرجا، سنتوٗر، وینُہ پٹہہ تہٕ شنٛکھ چھِ عام ساز وَٹھٕنؠ ٲسؠ۔ دھنی لوٗکھ ٲسؠ ناٹکھ گَنٛڈنہٕ باپتھ بڈٕ بن کمرن تہٕ ہالن ہُنٛد اِنتظام کران یا یمن ناٹکن منٛز کام کرن وٲلؠ ٲسؠ کھُلہٕ مٲدانس منٛز تہٕ ناٹک کران۔

زنانن اوس ساجس منٛز تھٕکنٕ لایق جاے لمہٕ کتھِ ہنٛز باوتھ چھےٚ نیٖل مت پُرانس منٛز جایہِ جایہِ بأوِتھ۔ یشوٗتی ہُنٛد کشیرِ کِس تختس پیٹھ بہُن چھُ امیٖک ٹاکارٕ ثوبوٗتھ۔ زنانہٕ ٲسنہٕ گرچہِ چار دیوٲری منٛز بَنٛد آسان ٹلؠ کہٕ آسہٕ یمہٕ کومدی مہوتسوس پیٹھ پٕنٛم دوہ پننٛین خاوندن، بچن، نوکرن چاکرن تہٕ رأنؠ ہِنٛدؠن یارن دوستن سٟتؠ راتس جگراتا کران تہٕ اکھ أکِس توپھ بأگران۔ سو ٲس زمیٖنٛدٲری ہِنٛدِس کارس منٛز ہیٚوٗل ووَنہٕ وِزِ تہٕ فصل لوٗنہٕ وِزِ رٕنس سٟتؠ بوج آسان تہٕ گوٗان گِنٛدان أمِس لرِ لوٗر کام کران۔ باغن منٛز گرٕ ھتھ ٲس سو رٕنس سٟتؠ موٕ گلٕن ہنٛز پوٗزا کران۔ شراونس منٛز پنہٕ نِس بأژس سٟتؠ جَل کریڑا کران۔ مہی مان وِتسوس پیٹھ شیرتھ تہٕ پأرِتھ گِنٛدان تہٕ دژوکان۔ منجھور پٕنٛم پیٹھ پنہٕ نٕن بایَن باپوٗتھرن تہٕ رأنؠ ہِنٛدؠن دوستن نِش تہٕ پلوو رٕنٛگی تحفہٕ حاصِل کران۔ یمہٕ سارے کتھٕ چھِ ثابِت کران زِ یہِ ٲس سماجِچ اکھ زِنٛدٕ تہٕ جاوید رُکن اتھ دورس منٛز۔[1]



[1] نیٖل مت پُران۔ شلوٗکھ نمبر: 415, 473-74, 538, 543-44, 741, 822۔

# ویشنو دھرموتر پُوران

ناوِ تلےَ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکار پٲٹھۍ بۆزنہٕ یِوان زِ یہِ گوٚڈٕ ویشنو فلسفَس سٍتۍ توٗلُق تھاوَن وول پُوران آسُن۔ سروشری آر سی ہزارا تہٕ وِنٹر نِٹز ہی اِنڈالوجی ہٕندی گونماتھ چھِ مانان زِ یہِ پُوران چھُ ریاست پنجابِکس شُمالی حِصس منٛز یا کشمیرِکس جنوٗب کِس علاقس منٛز گٔنہِ تہٕ جایہِ لیکھنہٕ آمُت۔ یِمو بیانو تلہٕ تہٕ امہِ پُورانکہٕ واریاہو حوالو سٍتۍ چھےٚ یہِ کتھ صاف پٲٹھۍ عیاں سپدان زِ یہِ چھُ جِیمۍ خطس أندی پٔکھی لیکھنہٕ آمُت پُوران۔ امہِ کتھِ ہُند آدھار چھِ یِم کیٛنٛہہ کتھ:

(ا) ویشنو دھرموتر پُورانِکس لیکھن وألِس چھُ زمینہٕ کہِ امہِ حِصک پوٚر پوٚر جغرافیٲیی عِلم اوسمُت۔ دیوِک، سِندھ، جہلم، چناب، اِراوتی، وِپاشا، ستلج بیتر کولن تہٕ دٔریاوَن ہٕندی تعریف چھِ تِمۍ جان تہٕ سکہٕ پٲٹھۍ کٔرۍ مٕتۍ۔ پُورانہٕ موٗجوٗب چھِ دیوِکا، چناب تہٕ وتھستا دٔریاو سارِوے کھوتہٕ زیادٕ تھٔکنٕ لایِق۔ وتھستایہِ چھِ جنت بخٕشن واجیٛنٛز تہٕ سارِنے پاپَن تہٕ گونہن ناش کرن واجیٛنٛز مانٕنہٕ آمٕژ۔ دیوِکا چھےٚ شِو ہٕنٛز ٹٲٹھ سأتھی تہٕ پاپن ناش کرن واجیٛنٛز، چناب دٔریاو چھُ زوٗنہٕ گاشِک پٲٹھۍ شیٛہجار بخٕشن وول تہٕ پاپن ناش کرن وول دٔریاو مانٕنہٕ آمُت۔ دیوِکا دٔریاوس تہٕ تمہِ کِس أندی پٔکھی بُھکٕبن علاقن ہٕندی تأریف چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ وونہٕ چھُ آمُت زِ یہِ چھےٚ پَروَت راج ہمالنٕز کوٗر تہٕ شِو ہٕنٛز ٹٲٹھ پاروٗتی یوسہٕ مدردیشِچ سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ مُتبرک آبہٕ جوے اتھ علاقس

سأراب چھےٚ کران۔ بزاہمنن ہِنٛدِس اِلتجاہَس پٔتھ مننش پٔتھ رحم تہٕ دَیا کرنہٕ باپتھ چھےٚ یہِ یتھ رِپس منٛز اتھ علاقس منٛز نموٗدار سپز ہیٚو۔ آگرِ پٔتھٕ ژوٗر گژھِہ تانی أمکۍ دونوے بٔٹھۍ چھِ خاصکر شوٗژِی تہٕ مُتبرک تہٕ اتھ علاقس تام امیٚک پوٗنی چھُ سارِنے تیرتھن ہِنٛدِس آبس برابر شوٗژ تہٕ پاک تہٕ لمہِ آبہٕ شرٛان گرِتھ چھُ منوش گٔنیشہِ لوٗکس حاصِل کران۔ اتھ علاقس منٛز چھُ مشہوٗر نرسِمہہ تیرتھ تہٕ واقع۔

پُورانس منٛز چھُ واریاہَن دٔریاون ہِنٛدبن سنگمن ہُنٛد تہٕ ذِکر۔ چناب دٔریاوُک تہٕ تٔوی ہُنٛد سنگم چھُ خاصکر پاک تہٕ مُتبرک آمُت مانِنہٕ۔ تٔوی ہُنٛد آب چھُ سرِد، گرٛم تہٕ چنابُک آب چھُ سرِد، یکھ تہٕ صاف مانِنہٕ آمُت۔ یِمن دٔریاوَن ہُنٛد یٔت گٔہِر تہٕ پوٗز ذِکر چھُ تیٚلی مُمکِن ییٚلہِ لمہِ پُورانٕک لیکھن وول أتھۍ علاقس منٛز لسان بسان آسہِ ہے۔ دیوِکایہِ چھُ شیٖرسوارِ تہٕ چندربھاگایہِ (چناب) چھُ بٔتِس سوارِ۔ دیوکایہِ بٔٹھِس پٔتھ چھُ بھوٗدھر (ویشنو) سنٛزِ ووپاسنایہِ ہُنٛد مشورِ آمُت دِنہٕ۔ یِمہٕ سارِیے کتھٕ چھِ ہأوِتھ دِوان زِ ویشنو دھرموتر پُوران چھُ ڈُگر پرٛدیشس منٛزٕے لیکھنہٕ آمُت۔

دانہِ کٔمِن یِمَن مختلف قِسمن ہُنٛد حوالہِ تہٕ پتہٕ اتھ فلسفس سٟتۍ وابسطہٕ کیٚنٛہہ شرح ییٚمہِ آیہِ اتھ پُورانس منٛز بیان چھِ کرنہٕ آمٕتۍ، تمو تلہِ چھُ صاف ظأہِر سپدان زِ یہِ پُوران چھُ جموں و کشمیر رِیاستُکۍ پیداوار۔ یِمن نوقطن ہِنٛدِس بِناہَس پٔتھ چھُ ڈاکٹر وِنٹرنِٹز، ڈاکٹر بھوٗلَر تہٕ ڈاکٹر راجیندر پرٛساد ہزآرا تہٕ باقی مشہوٗر اِنڈالوجی ہِنٛدۍ نقاد چھِ اتھ اُپہٕ پُورانس أتھۍ رِیاستس سٟتۍ وابستہٕ کران۔

امہِ اُپہٕ پُورانٕچ تخلیق چھےٚ ژوٗرِمہِ صدی پتہٕ تہٕ پأنٛژِمہِ صدی آس

پاس مانٛنہٕ یِوان۔ اتھ پُورانس منٛز چھِ وارِیاہ یوٗنانی لفظ مثلن ''ہنک''، ''سُنفا'' وغارٕ لفظن ہُنٛد استعمال سپُدمُت۔ موٗلستھان (مُلتان) چھُ سرۍ پوٗزایہِ ہُنٛد مرکز آمُت گنٛزرنہٕ۔ یتھ پیٹھ ایرانی اثر چھُ ٹاکارٕ نظرِ گژھان۔ اتھ پُورانس منٛز درج پرٛوٗزوا، اُروشی تہٕ بھرت ہنٛز کتھایہِ ہنٛدِ ذِکرٕ ستۍ چھُ باسان زِ اتھ پیٹھ چھُ مہاکوی کالہِ داسُن اثر ٹاکارٕ پأٹھۍ نظرِ گژھان۔ اتھ پُورانس پیٹھ چھُ گُپت راجیہ کالُک اثر تہٕ نظرِ گژھان تکیازِ اتھ منٛز چھُنہٕ سمندر پار سفرس پیٹھ کانٛہہ ٹھاکھ نظرِ گژھان۔ راز ہنٛدِس فوجس منٛز چھےٚ پیدل فوج بجایہِ گُرۍ سوارن زیادٕ اہمیتھ دِنہٕ آمٕژ۔ موٗرژ گرۍ تہٕ نقش نِگأرۍ چھِ اکھ خاص اہمیتھ تہٕ یمن وسجار دِنٛنی وارِیاہ مُقام چھِ وبژھناونہٕ آمٕتۍ۔ بھگوان بُدھ چھُنہٕ دیو ملأیی دَشہِ اوتارن منٛز شأمِل کرنہٕ آمُت۔ پُورانس منٛز چھِ شکن تہٕ یوٗنن ہُنٛد ذِکر مگر ہُنن ہُنٛد چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ ذِکر۔ یِمہٕ سارِے کتھہٕ چھےٚ اتھ پُورانس پأنٛژِمہِ صدی آس پاس لیکھنہٕ آمُت آسنُک حوالہٕ دِوان۔

وِشنو دھرموتر پُورانس چھِ ترٛےٚ حصہٕ۔ گوڈنِکس حِصس منٛز چھِ 269 باب (ادھیاے)۔ دوٚیمس حِصس منٛز چھِ 183 باب۔ ترٛیٚمس حِصس منٛز چھِ 355 باب۔ پُوراہِکس شوٗروٗہس منٛز چھُ شری کرشن سُنٛد زُر وجر رِیوٗش وِشنو دھرمس مُطلق زانکأرۍ پرٛژھان یتھ تمِس مارکانڈیہ رِیوٗش چھُ جواب دِوان تہٕ امہِ حِصک گوڈنیُک باب چھُ اَتھۍ کتھہِ واش کڈان۔ دوٚیمہِ باب پیٹھ کٲہمس بابس تام چھُ۔ تیٚمہِ بُترأژ ہُنٛد نموٗدار سپدنُک، وِشنو سُنٛد وراہ اوتار پرٛاوُن تہٕ یتھ بُترأژ پیٹھ مختلف زٕوَن تہٕ بسن والین مختلف لوٗکن تہٕ سماجن ہُنٛد لسُن بسُن

بیٛترِ وکھناونہٕ آمُت۔ ہمہِ باب پیٹھِ اکونزاہ بابس تام چھُ کوشل تہٕ ایودھیایہِ ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھِ بھارگو رام کتھایہِ ستیٚ وابسط وارِیاہ کہاُنی وکھنہٕ آمٕژ۔ 65-52 بابس تام چھِ شنکر گیتا دٔرِج۔ یتھ منٛز شِو چھُ بھگوان ویشنوٚہس پرٛم برٛہم زانٛنتھ پوٗزا کران۔ 106-72 بابن تام چھِ تارِیخ، ساعت، تہٕ لگن بیٛترِ وِچ بأگرن کرنہٕ آمٕژ۔ أتھی حِصس منٛز چھِ دُرٛزِ ہنٛدبن اولادن ویٚن تہٕ پرٛتھ ہنٛزن کہانٛین ہُنٛد ذِکر تہِ کرنہٕ آمُت۔ راز سگر تہٕ تٔمی ہنٛدی ژٔسی گنگایہِ ہُنٛد سورگہٕ پیٹھہ زمینہِ پیٹھ وَسُن۔ پرٛوٗرَوا تہٕ اُروٗشی ہنٛز کہاُنی مَدٲلہٕ، کیٹبھ، دھُنٛدمار وغأرٕ راکھشن ہنٛز کتھایہِ۔ دَکھشہِ، شِو تہٕ بھرٛگس ستیٚ وابسط کتھایہِ، ہنس گیتا، گنیشہٕ پوٗزا، نرسِمہہ ہنٛز کتھا، کارتِکیہِ بٔھتہٕ بیٛترِ ہنٛزٕ ییٚژ توتایہِ چھِ اَمِکی أہم حِصہٕ۔

دوٚیمس حِصس منٛز چھِ راژٕ ہنٛدی اوصوٗل تہٕ حکومت کرنُک طور طریقہٕ آمُت وبژھناونہٕ۔ گوڈنِکس بابس منٛز چھُ وجرٕ ہنٛدِس پرٛژھنَس پیٹھ لِس مارکانڈیہِ رِیوٗش تمہٕ سارِیے کتھہٕ باوان یمہٕ بھارگو رٲمن جیٚنِ وٗرن دِوتاہَس پرٛژھمٕژ آسہٕ تہٕ یمہٕ تٔمی پُشکر رازس نِشہٕ بوٗزمٕژ آسہٕ۔ دوٚیمہِ اَدھیایہِ پیٹھ شیٚمس اَدھیایس تام چھُ راژٕ ہنٛزِ أہمیژ، راژٕ ہنٛدی گون، راژٕ سُنٛد چُناو، راژٕ ہنٛدی پوٗرٕ کرٕنی لایِق واعدٕ، وٗزیٖرک انتخاب، فوجس ستیٚ وابستہٕ ہُسی تیٖن یہِ گرٕہن ہُنٛد تذکرٕ تہِ چھُ أتھی حِصس منٛز۔ رِیاسژن لوٗکن ہنٛز ذِمہٕ وأری چھےٚ زِ تِم کرن راژٕ سُنٛد آو بھگت۔[1] پُورانس منٛز چھُ درٕج زِ یتھ مُلکس نہٕ راژٕ آسہِ نہٕ، چھُ تتہِ کنیادان (لڑکی ہُنٛد خانٛدر) سَپدان تہٕ نہٕ چھُ تتہٕ دوٗلژ کانٛہہ ماے یا برکت

[1] ویشنو دھرموتر پُوران۔ 3-2-2۔

آسان۔ ساری چھِ الگ الگ پٔنٕنؠ قونوٗن چلاوان لہٰذا چھُنہٕ تتہِ ڈٔنی یاوِی پابندی یا مٔری یا دا ڈٔنجہِ روزان۔ یِہہ لۄکھ (عالمِ حیات) تہٕ پَر لۄکھ (عالمِ غیر) دۄنوٕنی پێٹھ چھُ شُباہ پأدٕ گوٚژھان۔ تێمِس راژٕ سُند ساریِ احترام کرُن تہٕ حُکم مانُن، چھُ گُنہٕ ریاستس میلُن تێلی مُمکِن سپدان یێلہِ تتہِ کو لۄکو واریاہ ثواب تہٕ نیک کامہٕ انجام آسن دِژمٕژٕ۔ یێلہِ زَن راژٕ پانہٕ خودا پرست تہٕ مذہب پَرور آسہِ تێلی آسہِ تتھ ریاستس منٛز پرتھ رنگہٕ پایہ پرجایی۔ یِہہ کتھ چھےٚ ویشنو دھرموتر پوٗرانس منٛز درج۔[1]

اِنسانی تہذیبکہِ ابتدا پێٹھ چھُ ہندوستانی گونماتو راژن تہٕ عام لۄکن درمیان تولُقن ہنٛز وبژھنے وقتہٕ وقتہٕ گرمٕژ۔ امێک حوالہٕ چھُ اَسہِ راج ترنگنی علاوٕ منوسمرتی، کوٹیلہ ارتھ شاسترس، نیتہِ واکیامرت بێتر واریاہن تصنیفن منٛز نظرِ گوژھان۔[2] سانہٕ پوٗرانو تہٕ چھُ یِمن کتھن گن راژٕ سُند ظون وقتہٕ وقتہٕ پھێرٕ رُمت۔ منوسمرتی منٛز چھُ صاف پأٹھی درج زِ "سُہ کُس راژٕ یُس نہٕ عام لۄکن رَچھِ۔"[3] نیل متس منٛز چھِ یہ کتھ تتھے پأٹھی درج یتھ پأٹھی زَن یہِ ویشنو دھرموتر پوٗران وألی نقل چھےٚ گرمٕژ۔ ونان چھُ زِ راژ گژھِ مُجرِمن سزا دِنہٕ وِژِنہٕ زیادٕ سخت طبیعت آسُن نہٕ گژھِ سُہ یِمن معاف کرن وول بنُن۔ نِظام سِیاست گژھِ سُہ مقرر معیار سان ورتاوُن اُنُن۔[4]

---

1. ویشنو دھرموتر پوٗران حصہٕ II، اَدھیائے 2، شلوک 11,6,4۔ حصہٕ II، اَدھیائے 3، شلوک 1-3,5-6۔
2. راج ترنگنی، کلہن کتاب I، (V) 358۔ کتاب II، V 26۔ کتاب VV, VII ۔ 2083, 2663, 211, 122, 48۔
منوسمرِتی باب V، شلوک 140، منوسمرِتی باب VII شلوک 11-3۔ کانڈ کیہ نیتہِ سار۔ باب V, IV 6-8،
15-19۔ نیتہِ واکیامرت، باب V, VII 21۔
3. منوسمرِتی باب "Kim raaja yo na rakshiti" 35 V, VII۔
4. Nogradando bhaved raaja Kshemet nacha kasyachit I
Kaaryet tathaa raajyan raajashaastropadeshatah II

Nilamata, v.,873.

راز ہِند بن صِفتن ہُند بیان چھُ پُورانس منز ییتھِ کُنۍ کرنہٕ آمُت زِ رازس منز گژھن تمہ ساٲری صِفت آسنۍ یم اَکس زِ یزت اِنسانس منز آسان چھِ۔ سُہ گژھِ نَرم طبیعت آسُن۔ بُتھِ تلہٕ گژھِ روبدار آسُن۔ آلژھی گژھِنہٕ آسُن۔ کامین ہنز واقفیت گژھِبس آسنۍ۔ مذہبک تہٕ پنُنہٕ دھرمُک گژھِبس پاس آسُن۔ سُہ گژھِنہٕ کرٛؤدھی آسُن۔ جذبات گژھِنَس قوبوٗہَس منز آسنۍ۔ نظر گژھِبس وۄسی آسنۍ۔ جُرت مند گژھِ آسُن تہٕ کتھ باتھ گژھِ ہمیشہٕ اَسونہٕ ہونٛجہٕ کرُن۔ قابلہٕ یزت خانٛدانس ستۍ گژھِبس توٗلق آسُن۔ عام لُکن گژھِ تس پٮ۪ٹھ پوٗرٕ بھرۄسہٕ آسُن۔ سُہ گژھِ نہٕ قونوٗنٕچ خلاف ورزی کرن والین سزاے سخت دِنک مُستحق آسُن تہٕ نہَ گژھِ سُہ تِتھین لوٗکن قونوٗنہٕ نِشبر تھاوٕنچ حمایت کرُن۔ تس گژھِ مکمل جاسوٗسی نظام آسُن تہٕ تمہ گژھِن رازس مُلکُکو حالاتو نِشہٕ ہمیشہٕ باخبر تھاوٕنۍ۔ اِنصاف ورتاونہٕ وِزِ گژھِ سُہ شۄترس تہٕ پوٗترس کُنۍ نظر کرُن۔ رتھ سوار، گُری سوار، ہٲسی سوارِ تہٕ تیٖر اندازی منز گژھِ سُہ ماہِر آسُن۔ بڈٕ بن دوہَن پٮ۪ٹھ فاقہٕ درٕنس، پٮ۪تھ تہٕ یگیہ وغارٕ کرنس گژھِبس روحجان آسُن۔ ووستادن ہُند گژھِ ٹوٗٹھ آسُن۔ وزیٖرن تہٕ صلاح کارن ہِندِ مشورٕ گژھِ حۄکوٗمتھ چلاونس اہل آسُن تہٕ لڑایہ منز گژھِنہٕ تھر پھیرنک عادی آسُن۔ حالاتو مُطابق گژھِ پنٕنۍ فاصلہٕ کرُن۔ تس منز گژھِ حلیمی، بُلند پروری، انسان شِناسی آسنۍ۔ سُہ گژھِ بایزت نفرن یزت دِنہٕ وول تہٕ قونوٗنٕچ خلاف ورزی کرن واٲلس سزا دِنہٕ وول آسُن۔ عقلہٕ کٲم ہینہٕ وول تہٕ پنُن طاقتھ سمجھن وول تہٕ ورتاوس اَنُن وول آسُن۔ یمہٕ سارِے خوٗبی گژھن رازس منز آسنِ۔ یمہٕ کتھ چھےٚ اتھ پُورانس منز درٕج۔

یِتھ کٔنڑ اکھ گوبہٕ کھور ماج پنہٕ نِمن سارِنے عیشن تہٕ عشرتن لٲتھ دِتھ چھے پننہِ گرٕنچ رٲچھی کران تیتھے پٲٹھی پزِ رازس تہٕ پننٕز ساری سوکھ ترٛاوِتھ لُکن ہنٛز رٲچھی کرٕنی۔[1] راج ترنگنی منٛز چھُ کلہن ونان: ”کوتاہ خوش نصیب چھُ سُہ راز یُس کالہِ سارِے پنہٕ نِس علاقس پایر دِتھ تہٕ پنہٕ نِمن لوٗکن اولادن ہندی پٲٹھی خوش تہٕ خوشحال وُچھتھ تہٕ سکون لٔبتھ راتس مَنٛز نٔندرِ ہُند لُطف چھِ تُلان۔“[2] یِیلہِ تہِ زانہہ رازِ مُصیبتس منٛز آسہِ لٔس چھِ رعایا تمہِ منٛز بچاو کران تہٕ پنہٕ نِس دھرمس پیٹھ پکن وٲلِس رازس تہٕ پزِ یِژھ رعایا ہُند بچاو کَرُن۔ کمینہ نوکرن تہٕ دوکھہ باز کارکُنن نِشہِ یِم عام پٲٹھی نظرن تل جان چھِ باسان تہٕ راز ہندی ہردِلعزیز بنان، پزِ رازس یِتھو شخصو نِشہِ بچاو کَرُن۔[3] رازس پزِ یِہ تہِ دھیان دِیُن زِ تٔمی ہنٛز وکمو کامو سیتی چھِ عام لوٗکھ خوش روزان تہٕ کتھ پیٹھ چھِ ناراض سَپدان۔ رازس پزن نہٕ تِتھی ہی فاصلہ کرٕنی یِتھ پیٹھ عام لوٗکھ ناراض گژھن۔ تس پزن تِتھے کامہِ کرنہِ یِمہِ تسنٛز جاأنی تہٕ بجر عام لوٗکن منٛز برٕراوَن۔[4]

یِہ کتھ چھےٚ ژٕنتس تھاوٕنی لایق زِ راج ترنگنی منٛز چھُ کلہن رازٕ ہنٛدِ دوہ دِشہٕ کِس کارس منٛز تمہٕ سارِیے کتھہ مدِنظر تھاوان یِمہ زَن منوسمرتی تہٕ پُرانن تہٕ باقی سمہناین منٛز دَرج چھِ۔ أکِس جایہِ چھُ راجہ سُسل أکِس بجہِ ہنٛدِ حیثیت بیان دِوان زِ ”کُنہِ تہِ مُقدمس منٛز چھِ رحم کرنٕچ تیٚلی گُنجأیش یِیلہِ

---

[1] ویشنو دھرموتر پُوران۔ حِصہٕ 2، اَدھیائے 3، شلوک 1۔ حِصہٕ 2، ادھیائے 3، شلوک 7-2۔

[2] یِتہٕ بے 22-23 ,2,61۔ یِتہٕ بے 26-29 ,2, 61۔

3. Dhanyaste Prithveepaalaah, sukham ye nishi sherate I
Pauraan putraan iva purah sarvato veebshya nirvritaan II
Kalhan, Rajtarangini, Book II, v.,42.

[4] ویشنو دھرموتر پُوران۔ حِصہٕ 2، ادھیائے 3، شلوک 24 ,72-71۔

(بجس) باسہِ زِ اَثر کرُن وألی ہِند ذٕسی چھُ غلطی سبب اَثر سپدمُت۔ مگر اگر تس باسہِ زِ پَزر کھٹتھ تھاونہٕ پابتھ اَپزٕ ٹیک آوُلن چھُ پاذِ یِوان کرنہٕ تتہٕ پَزِ تہٕ کُنہٕ قسمچ نرمی ورتاونہٕ یِنٕی۔[1] یتھ کٕنی چھےٚ پوٗرانس منز راز ہنز سأریے دوہ دِنچ کامہِ قلم بَند آمژ کرنہٕ۔[2]

65 بابس منز چھُ شہزادن ہنز تألیم تہٕ تربیت مُتلِق بیان نظرِ گوٗھان۔ 150-145 بابس تام چھُ راز ہِندِ بن ستَن شوبن ہُند ذِکر آمُت کرنہٕ۔ باب 157-158 ہَس منز چھُ راز ہنز دوہ دِشک کامہِ کارِچ وَکھنے کرنہٕ آمژ۔ بابس 175-176 س منز چھِ راز ہنزِ لڑایہِ مُتلِق مُہم جوٗیی تہٕ لڑاین ہُند ذِکر۔ خاص کٔرِتھ راج دھرمُک وبستار تہٕ اوٗصوٗل چھِ اتھ جصس منز شأمِل تہٕ ییتی چھُ باقی کتھِ مثلن فنِ تأمیر، اصلاح سأزی، تیر اند أزی، دوا سأزی، رخ بدلاوُن، شریکِ حیات آسنُک دھرم پالُن، علاج نسوانی، باغوأنی، عِلمِ نفصیات، جانورن ہنز حکمت، زہرُک علاج، قواید زبان، فنِ لغت سأزی، پاک شاستر بیٚترِ وبڑھناونہٕ آمٕتی۔

ترٚیٚمس جِصکِس شوٚرِہَس منز چھُ مارکانڈٚیہ ریٚشس وَجر پرٛژھان زِ یتھ دُنیاہَس تہٕ ییٚمہِ پتہٕ کَس عالمس منز کتھِ ہیکِہ اِنسان سوکھ پرٛأوِتھ۔ اتھ درجواب چھُ مارکانڈیہِ ریوٚش ونان زِ: ''دِوتاہَن پوٗزا تہٕ بڈٕبن دوہَن پٹھ وژت بیٚترِ تھاوِنی۔'' دِوتاہَن ہنز موٗرتی کرٛشِہ گرٛھن آسنہِ اتھ باپتھ چھُ

1. Kalhan, Rajatarangini, Vol.VIII, v.,158.
2. Nilamata Purana, v.,837-911.

"چترٕ سوٗترٕچ" ذِکرٕ آمٕژ کرنہٕ۔ وننہٕ چھُ آمُت زِ نژنُک عٔلِم زانُنہٕ بغارٕ ہیکہِ نہٕ مُرٕژ گرٕی ہُنٛد عٔلِم آستھ۔ تہٕ نژنٛچ تاٗلیٖم چھنہٕ تو تام مکمل یوٗت تام نہٕ سازُک عٔلِم آسہِ تہٕ سازُک رُح چھُ گیوٚنُک عمل۔ لہٰذا چھُ گیوٚنُک عٔلِم سارِوٕے بڑ وٚنہہ آسُن سبٹھاہ ضوٚرۄری۔ امہِ پتہٕ چھُ سنٛسکرت پڑاکرت، اپہ برنٛش تہٕ باقی تمہِ وقتٕچن دیٖسی زبانن منٛز مُروجہِ باٗتن ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ تہٕ پتہٕ ژھنٛدن۔ النکارن رسن تہٕ راگن بیٚترِ ہُنٛد حوالہٕ آمُت دِنہٕ۔

باب 17-31 ہَس تام چھُ مختلف نٹکو ڈرامائن ہنٛدی قسم آمتی لیکھنہٕ۔ ناٹکس منٛز کاٗم کرن والین کِردارن ہنٛدی صِفت آمتی بیان کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ چھِ رس تہٕ اداکاٗری منٛز مقصوٗد ہاو بھاو آمتی وٕکھناونہٕ۔ 32-33 بابس منٛز چھُ نژنہٕ کِہن مختلف طرزِ اداہَن پیٹھ سوچنہٕ سمجھنہٕ آمُت۔ باب 35-43 تام چھُ "چترٕ سوٗترٕ" مُرٕژگرٕی پیٹھ سوٗتر درج۔ باب 44-85 منٛز چھُ سنگ ترٛاشی پیٹھ آمُت سوچنہٕ یَرنہٕ۔ باب 86-95 منٛز چھُ منٛدر بناونُک فنِ تاٛمیر درج۔ تمہِ پتہٕ چھُ موٗرتی ہنٛز تھاپناہ (تقرر) کرنُک ذِکر آمُت کرنہٕ۔ باب 226-342 ہَس تام چھِ ہنٛس گیتا وٕکھناونہٕ آمٕژ ٹیٖمیٖک وارِیاہ حِصہٕ سمرٕتی ادبہٕ منٛز چھُ آمُت نِنہٕ۔ مختلف ذاٗژن تہٕ آشرَمن ہُنٛد دھرم، کھیٚنٛنۍ لایَق چیز تہٕ نہٕ کھیٚنٛنۍ لایَق چیز۔ شوژر، توبہٕ (پڑایاچِتھ) یگیہِ، دان، راز سُنٛد دھرم تہٕ وِوہار بیٚترِ کتھن تہٕ چھُ اتھ حِصس منٛز آمُت واش کڈنہٕ۔ آخرس پیٹھ چھِ تمہِ کینٛہہ کتھہٕ درج یِمو ستی وشنو بھگوانہٕ سُنٛد اثر چھُ اتھ تصنیفہِ پیٹھ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ گژھان۔

یِتھ ءکِنۍ چھُ ویشنو دھرموتر پُورانَن بڑوٚنہِہ اکھ عالمی تخلیٖقُک مُقام حاصِل کوٚرمُت ۔ اُپنشد، مہابھارت، ناٹیہ شاسترٕ، پاراشر، یاگیہ ولکہِ تہٕ منوسمرٔتیو منز چھِ مطلق اقتباس کڈنہٕ پتہٕ اتھ منز آمتۍ یکجا کرنہٕ یِمہِ پتہٕ بُتراتھ ہنٛدِ اِرتقایُک حوالہٕ چھُ ۔ جغرافیایی عمل تہٕ تألیم، جیوتِش تہٕ خانداَنی نام وٕترِ علاوٕ چھُ اتھ منز پوٗزاین، شرادھن، ویوہار، سِیاست، ثواب تہٕ گوناہ، توبہٕ، شرپر وِگیان، علم طبیب، علم نفسیات، جانورن ہُند علاج، زہَرن ہُند علاج، علاج نسوانی، پاک شاسترٕ، عِلم کیمیا، فنِ باغوانی، قواعدِ زُبان، فنِ لُغت ساَری، عِلم عروٗض، فنِ خطابت، گیوٚن، ساز، نژُن، فنِ ڈرامہ، فنِ مُصوِری، سنگِ تراشی، فنِ تأمیر بیٚترِ ہنٛزن واریاہَن کتھَن آمِژ گیٚنہِ کڈنہٕ۔

ستمِہ پٮ۪ٹھ اُٹھیمہِ صدی تام اوس ویشنو دھرموتر پُوران قابلِ اعتماد کِتأبی صوٗرتس منز عوامَس بڑوٚنہہ کُن آمُت ۔ ڈاکٹر راجیندر چندر ہزارا چھِ متسیہ پُورانَس تہٕ ویشنو دھرموتر پُورانس تقوبلی مُطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ یَتھ نتیٖجس پٮ۪ٹھ وٲتمُت زِ متسیہ پُورانُک واریاہ حِصہٕ چھُ ویشنو دھرموتر پُورانہٕ منزٕ ے آمُت نِنہٕ۔ یِتہٕ چھُ سپُدمُت ثأبت زِ مشہوٗر سنسکرت نقاد تہٕ ڈراما نِگار بھامہہ تہٕ ڈنڈی چھِ ویشنو دھرموتر پُوران کہِ آسنہٕ نِشہٕ وأقِف اَسۍ مٕتۍ تہٕ تِمو چھُ امہِ پُورانکۍ کیٚنہہ اقتباس پننہٕ نبن شاہکارن منز شأمِل کرِمٕتۍ ۔

البیروٗنی (کہم صدی) تہٕ چھُ امہِ پُورانُک حوالہٕ واریاہَن جایَن دِوان۔ واریاہَو نقادَو، مضموٗن نِگارو تہٕ سمرٔتی ہنٛدیو تصنیف کارو مٔشِن بھوٗدیو،

وِگیانیشور، جیموٗت واہن، بلال سین، اَپرٛارک، ہلایُد، ہیمادرٛی، مادھو آچاریہِ بیٚترِ مُصنِفو چھِ اَمہِ پُورانہٕ منٛزٕ اقتباس پنٕنین تصنیفن منٛز شأمِل کٔری متۍ۔ یِمہٕ سارے کتھ چھےٚ امہِ پُورانک قدیم آسُن تہٕ مشہوٗری ہندی ضأمِن۔ جموں و کشمیرٕکس جنوٗبی حِصس منٛز لیکھنہٕ آمُت یہِ وِشال کاے ویشنو دھرموتر پُوران چھُ ہندوستأنی تہذیبہٕ باپتھ عالمی لوغت تصوٗر یِوان کرنہٕ۔



# واسُکی پُوران

پانٛژہ ہَتھ تہٕ اکھ مِصرن پیٹھ مشتمل یہِ موختصر تخلیق چھےٚ جموں و کشمیر رِیاستچہِ بھدرواہ علاقکین تیرتھن تہٕ مذہبی مُقامن ہنٛز نِشاندہی کران۔ واسُکی ناگ چھُ بھدراوکاش (بھدرواہ) علاقُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ دیوتا تہٕ اَمی سِے مُتلِق کتھن ہُنٛد واش کڈُن تہٕ ووٚنُن چھُ امہِ تخلیقہِ ہُنٛد لُبہِ لُباب۔ اَتھی اَنٛدی پکھی چھُ باقٕے سارے کتھِ جوڑنہٕ آمٕژ۔ شروٗعس منٛزٕ ے چھُ امہِ پُورانک تخلیق کار سوم دیو ونان زِ سُہ چھُ کشیرِ ہنٛدِ اکہِ حِصہٕ بھدرواہ پیٹھٕ واسُکی ہنٛدِ بیٹھالُک خول خطہٕ بیان کرُن یژھان۔ امہِ کِنی تہٕ ہیکو اَسی اَتھ اکہِ خاص جایہِ یا مُقامُک اُپہ پُوران وٕنِتھ۔

ڈاکٹر پریتم کرشن چھِ امہِ پُورانک لیکھن وول سوم مانان تیمی مشہوٗر کتھاسرِت ساگر چھُ لیٖوکھمُت۔ دونٕوِ تخلیقن ہُنٛد تقوبلی مُطالعٔ یوٚت ہیکہِ اتھ کتھِ منٛز مددگار بٔنِتھ۔ اگر یم دوشوے کُنی چھِ تیلہِ ہیکہِ واسُکی پُورانک سےٚ تہٕ کٔہم صدی اَسِتھ۔ مشہوٗر سنسکرت ڈراما نِگار ہرشہِ ہنٛدِ ڈراما ''ناگ نندک'' چھُ سوم دیو نہِ اتھ تخلیقہِ پیٹھ وارِیاہ اثر نظرِ گژھان۔ شری ہرش اوس آچاریہ اَبھنوگپُت (1028-63 AD) سُنٛد ہم اثر۔ امہِ کِنی چھُ سوم دیو تہٕ کٔہمہِ صدی ہُنٛدے گونماتھ مانٕنہٕ یِوان تیمی یہِ واسُکی ناوُک اُپہ پُوران لیٖوکھمُت چھُ۔

پُورانٕچ کتھاہ چھِ یِتھٕ پأٹھی:

جیمۆت کیتیٚو چھُ کلپ وزکھشس[1] پۆتر باپتھ وردان منگان تہٕ چھُ تَس جیمۆت واہَن سنتان حاصِل سپدان۔ دُنیاچ غُربت تہٕ مُفلسی دوٗر کرنہٕ باپتھ چھُ جیمۆت واہَن کلپ کُلس زارٕ پارٕ کران تہٕ اتھ علاقس چھِ ژوپارٕ سونہٕ ورشُن گژھان۔ تَمُند آسُن باسُن تہٕ پارٕ پرجایی چھنہٕ تِہُندِ بن دُشمنن برداشت گژھان تہٕ تِم چھِ اتھ علاقس پیٹھ حملہٕ کران۔ یہِ وُچھِتھ چھُ جیمۆت واہنس وآراگ یِوان تہٕ سُہ چھُ ماٲلِس لڑلیہِ نِشہِ لوٚب رٹان۔ یتھ کنہٕ چھُ سُہ مول تہٕ ماج ہیتھ ملیانَل[2] دیشس کُن ہجرت کران تہٕ تتی بسان۔ تتہِ چھِ اکھ ویدھیا دھر[3] لڑکی مَلیوٗتی تَس پیٹھ فِریفتہٕ گژھان۔ ملےٚ وَتی ہُند بوے مِتروسو چھُ تس جایِ یار بنان۔ اکہِ دوہ چھُ سُہ (جیمۆت واہَن) تَس پنٕنز سارے ژُتمہِ زنٛچ کہانی بوزناوان۔ ونان چھُس زِ ژُتمِس زُمس منٛز اوس سُہ وَلبی ہنٛدِس اَکِس بڈِس باپارٕ مہاگُنہٕ سُند نیچُو تہٕ ناو اوسُس وَسُدت۔ باپار کرنہِ دژاو سُہ اکہِ دوہ زاتھِس سفرس پیٹھ یِتہِ تَس ژوٗر سمکھیہِ تہٕ نیٚوکھ رٔٹِتھ۔ تِمن راہ زَنن اوس سُہ چنڈی ماتایہِ بژونہہ کنہِ قوربان کرُن مگر اکھ بھیل چنڈال چھُ اَمِس یِموٚ ژوٗرو نِشہٕ بچاوان تہٕ پنٕنِس رازس نِشہِ واتناوان۔ بھیل رازٕ چھُ تَس شیر سوار سفید ژمہِ واجِنہِ لڑکی ستی زان کرناوان۔ اَتیتھ چھُ کہانی ژھین لگان دوٚیمہِ زنٛچ کہانی ہُند شوٗرُو چھُ تَمہِ واقع ستی شوٗرُو سَپدان یِیلہِ زَن پاروَتی چھےٚ تَس پنٕنہِ کمنڈلکہِ

---

[1] یِندرازٕ ہندِ باغُک اکھ کُل۔ اتھ کُلس یہِ منگوتہِ چھُ تمی دَم حاضِر سَپدان۔

[2] جنوٗبی ہندوستانُک پہاڑی علاقہٕ یِتہِ ژندن وَن چھِ یسلہٕ آسان۔

[3] اکھ پری ذاتھ۔

پانہٕ سٟتؠ چھکہِ دِوان تہٕ تَس ہوش اَنان۔ جہموت واہن چھُ گرُڈس ہَنا ندامتُک صلاح دِوان۔ گرُڈ تہٕ ناگ چھِ پننین پننین گرن گژھان۔ گرُڈ چھُ بھگوان شنکرس ونان زِ جہموت واہنن اوس پنُن پان چھیپہِ دِتھ ناگ بچاونچ کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ واسکی ناگن چھےٚ تمِس پننِس علاقس منٛز جان خوٗکوٗمت کرنٕچ تہٕ رأچھ راوٕٹ کرنٕچ یقین دِہأنی کٔرمٕژ۔

امہِ پتہٕ چھِ پأنژن جایَن ہنٛز نِشاندہی تہٕ ووکھنے کرنہٕ آمٕژ یِیتہٕ جہموٗت واہنن ہنٛزٕ مہر بأنی کِنۍ واسکی ناگ چھُ روزان۔ یمہٕ جایہٕ چھےٚ:

۱۔ کلِنگ دیٖشس منٛز وِندیاچلس پٹھ
۲۔ کیلاش پَروتکس تھوٚنگس بدری ناتھس منٛز
۳۔ چتر کوٗٹس منٛز
۴۔ وِتستا تہٕ سیٚنٛدھ ہِندِس سنگمس پٹھ تہٕ
۵۔ بھدرا شرمس منٛز

بھدراشرم کِنہ تمن تیٖرتھَن ہُند تہِ چھُ امہِ پتہٕ تذکرٕ یم واسکی ناگ ہنٛزِ تیٖرتھ یاترایہِ دوران یِوان چھِ۔ کیلاش پربتس (کپلاس) چھُ واسکی منٛڈل ناو آمُت دِنہٕ۔ کِپلا، ہمہٕ تویا، سِکتا، وژت شِلا، گرُڈاسن تہٕ واسکی کُنٛڈ وغارٕ چھِ واسکی منٛڈل علاقٕکۍ تیٖرتھ۔ واسکی منٛڈلکۍ پاک تہٕ پوِترٕ دٔریاو چھِ بھأگیرٕتھی، جہانوی، منداکِنی، شویت گنگا، کھیٖشر گنگا، اَتُل گنگا، سرسوٚتی بیٚترٕ۔ پوِتر سنگمن منٛز چھِ اِیراوتی، اَٹلا، گنگایہِ ہُند سنگم تہٕ بھاگی رٔتھی۔ شیاما دٔریاوَن ہُند سنگمُک خاص تذکرٕ۔ بھدراوکاش علاقٕکۍ خاص دٔریاو چھِ ہلوٗنا، نندا، ہَتھا،

کالِندی تہٕ ارنیہ کُماری۔ بھدرا دیوی سان بھدرا وکاشکس کوٚہ تیٚقتالس پیٹھ چھُ نارٹِک (نالٹھی) توٚنہِ چہِ جایہِ وٚزِتہٕ شِلا، بھدرٕ شِلا، گہلیشورہ۔ نیرو دٔریاوس پیٹھ چھِ پُشکر تیرتھ، کپِلا دیوی تہٕ بھدرادیوی وغارٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ پارستھانس (پٔرِستانس) منٛز چھُ گاشٹھاہ تیرتھ۔

واسُکی پُورانک خاص دیوتا چھُ واسُکی ناگ مگر باقی دیوتاہَن تہٕ دیوین ہُند آدر تہٕ مان تہٕ چھُ آمُت جایہِ جایہِ کَرنہٕ۔ گرُڈ ہندِ ستاوٕ موجوٗب چھُ واسُکی شِوس شَرن گوٚمُت۔ شِو چھُ واسُکی ناگس ستیٚ پنُن گہرٕ سمبندھ ورتاوان واسُکی کُنڈس (ناگس) شِو کُنڈے ناو کران۔ گنیش، پاروٗتی، نٔندی گن (شِوٕ ہٕندی پاسبان)، ویشنو، لکشمی، گندروٕ، وِدھیادھر، لوٗک پال، ماترِکایہِ، یوٗگنی ین بیٚترِ ہُند تذکرٕ تہٕ چھُ اتھ پُوارنَس منٛز۔ دراصل چھُ یہِ پُوران شِو تہٕ پاروتی ہٕنزِ کتھِ باتھِ ستیٚ شوٚروٗ گوٚمُت۔ اَتھ تُلتھ دیُن، فاقہٕ دزٕنی، پوٗزا پاٹھ کَرُن، شٔرادھ ہاوُن تہٕ ہون بیٚترِ کَرنک چھُ خاص مُقام آمُت وکھننہٕ۔ یِتھہٕ کٔنہ چھُ یہِ لوٚکُٹ مُقامی پُوران یا مہاتمیہ یتھ منٛز پرٛون بھدرٕواہ علاقُک علاقٲیی دھرم چھُ آمُت جان پأٹھی وبُھناونہٕ تہٕ امہِ لحاظٕ چھُ یہِ امہِ علاقُک اکھ جان مولوٗماتی اُپہ پُوران۔



# توٲرٟخی اَدب

سانٛس توٲرٟخی اَدبس منٛز چھُ وارِیاہ تیٚتھ تہٕ اَدب یُس سانہِ بدقسمتی کِنۍ اَسہِ تانٛئ ووتمُت چھُنہٕ تہٕ یُس اَڈٕ وٕتی چھُ ختم سپُدمُت۔ اَمیُک اِشارٕ چھُ کلہن پنٛڈتن تہٕ وارِیاہن جایَن کوٗرمُت۔ یِمن تخلیقن ہُنٛد نامہٕ نِشان تہٕ چھُنہٕ اَسہِ تام واتتھ ہیوٚکمُت۔ کھیشمندر سنٛز و شیہ تٕرٛہو تخلیقو منٛز چھےٚ اَسہِ تام صرف ارداہ تخلیقہٕ واتتھ ہیچھمٕژ، ییٚلہِ زَن باقٕے سارے ناوٕ د چھےٚ گمٕژ۔ توٲرٟخی اَدبُچ یِمہٕ تخلیقہٕ اَسہِ تام واتنہٕ بروٚنٛہہٕ چھےٚ ناوٕ د گامٕژ یِمن منٛز چھےٚ یِمہٕ کیٚنٛہہ تذکرٕ کَرنہٕ لایق:

**(۱) جلہن سنٛز پچھمو سوم پال ولاس مہا کاویہ:**

راز جے سمہا (1127-1156 AD) ہَس اَسۍ بڑٕ جان تعالقات ہندوستانکین دور دراز رازن سٟتۍ۔ اتھ کتھِ چھِ کلہن پنٛڈتس علاوٕ منکھ تہٕ پنٛنس شری کنٹھ چرِتس منٛز تذکرٕ کران۔ تسُنٛد وَنُن چھِ زِ یِژھِ ہِشہِ محفلہِ آسہِ تِہنٛدِس بأے (النکار) ہنٛدِس محل خانس منٛز لگان۔ النکار اوس جے سمہا سُنٛد خاص وٗزیٖر جنگ وامن باپتھ تہٕ تسُنٛد گفت چھُ زِ کنوج تہٕ کونکن تام دیشن ہنٛدی گونماتھ تہٕ سفیر بیٚترِ اَسۍ یِمن محفلن منٛز شرکت کران۔[۱]

Anyah sa Suhalastena tato vandhyata Panditah I
Dooto Govindacandrsya Kaanikukbjasy bhoobujah II

[۱] شری کنٹھ چرِت۔ باب XXV، شلوک 102۔

کلہن سُنٛد مول منکھ چھُ بٔمہِ صٔدی ہنٛدِ ابتدأیی دوٚزک اکھ بارٕشیو فلسفی اوسمُت۔ یہِ اوس راژ جے سِمہا ہنٛدِ وقت (1127-1156 AD)۔ یِم آسی ترٛے بأے۔ اَلنکار اوس شاہی خزانچی تہٕ پَتہٕ نیتوو چیف جسٹِس۔ محکمہ صُلح و جنٛگُک منتری (سندھِ وِگرٕہکا) تہِ۔ پَتہٕ دِژ رازن یہ جاے منکھس تہٕ یِم کینٛہہ اہم توآریٚخی حوالہٕ چھِ وِکرٕمادیوٕ چرٕتِ کِس آخری بابس (xviii) منٛز موجوٗد۔ منکھ سُنٛد گُفت چھُ زِ جل ہَن اوس راج پُری (راجوری) ہُنٛد وزیر تہٕ تمٔس آسی سرسوٚتی ہمیشہِ وُٹھن پیٹھ آسان تہٕ ہوٚٹ تہِ اوسُس صاف تہٕ آواز سبٛٹھاہ مٔدر۔ یوٗسہٕ گوشٹھی اَلنکار ہنٛدِس محلس پیٹھ کرنہِ آیہِ تتھ منٛز اوس کونکن تہٕ کنوج کیوٗ دوٗیوٚ گونماتو، تیج کنٹھ تہٕ سُلہنن تہِ حِصہٕ نیوٚمُت۔ اتھ مُحفلہِ منٛز اوس جلہَن تہِ مدوٗ۔[1] جہلن اوس لمہِ علاوٕ عام لوٗکن ہُنٛد شأعر تہٕ لُکن ہنٛدِس ذٔہس پیٹھ چھِ اُمی کٔشیرِ ہنٛدی جوان خراب تہٕ بد صِفتو نِشہٕ دوٗر رٹنہٕ باپتھ "مُگدھوٗپدیش" ناوِچ تخلیق تہِ لیچھ ہٕش۔ یَتھ کُن وُچھِتھ اُمٕس پتہٕ واریاہو گونماتو یِژھ ہشہِ کوٗششہِ جأری تھاوِمٕژ چھِ۔

راژ انت سُنٛد دبہٕ دبہٕ اوس چمپا (چمبا) پیٚنٛیک راژ شال کوٚرتمی اٙزل تہٕ تخٔتس بیٛہنوٗن اُمٕس بدلہٕ پنٛنہِ مرضی ہُنٛد راژ۔ یَتھ کِنٛز آسی چمبا، داروابھِسار، ترٛگرٹہٕ (ہماچلُک پہاڑی علاقہٕ یتھ منٛز جوٚمیُک پہاڑی علاقہٕ تہِ اوس شأمل اتھ اٙسی ترِگرت وونان)۔[2] تہٕ برتل (ورتل) راژ آسی انٛتس (AD1028-63) باج تاران۔[3] وِکرٕمانک دیوچرِتہٕ کِس آغازس منٛزٕے چھُ بلہن کٔشیرِ تہٕ کأشرٕ بن برٛہمنن ہنٛز عٔلم دوستی تہٕ خوبصورتی ہنٛدی تأریف کران تہٕ کأشرٕ بن زنانن ہنٛز ثناخأنی کران۔[4]

---

[1] کشمیر کا سنسکرت ساہتیہ کو یو نگدان۔ ڈاکٹر وید کُماری صفہ 50۔ [2] کلہن راج ترنٛگنی ترنٛگ VIII شلوک 3354۔ [3] وِکرمانک دیو چرِت، منکھ، باب XVIII، شلوک 33-34,38۔ [4] بلہن وکرٕمانکدیو چرِت باب XVIII، شلوک 1-8۔

لقاد رتنہٕ کنٹھن چھُ ممٹ سٕنزِ مشہوٗر تصنیف کاویہ پرکاشس پیٹھ تشریح کران "سار سمچے" ناؤ‍ی کِتابہِ منز جلہن سٕنزِ تخلیق سوم پال وِلاسُک اکھ شار قلم بند کوٗرمُت یُس اُمس بڑِ پایہِ شاعر سٕنزِ شاعرانہٕ تحیلک قد چھُ ٹاکارٕ ہاوِتھ دیوان۔ شارُک ترجمہٕ چھُ یِتھ کنۍ:

"ژندرمہٕ سٕنز موٗرت تہٕ شاعر سُند شار۔ دوشوٕے چھِ سبٹھاہ راحت بخشن وألی اُستھ تہٕ سوبھاوٕ کنۍ ہچہِ وتہٕ پکتھ تہٕ ایشورس (مہادیو، راز)، یِم دوشوٕے پننس ڈیکس پیٹھ جاے کران تہٕ پہنٕدِ میٹھِ آبہٕ حیاتکہِ رسُک ہز ٹلان۔"[1]

رتنہٕ کنٹھ سٕنز چھیٚے یِتہٕ راے زِ راجانک رُیکن چھیٚے جلہن سٕنزِ "سُتتہٕ کُسما بجلی" ناؤ‍ی شِو سٕنز ستوتی پیٹھ تشرِح تہٕ لیچھ ہٕژ تہٕ شاید چھیٚے یہ سوٕے "النکار اُنسارِنی" ناوِچ تخلیق یمیُک تزکرِ جیرتھن چھُ کوٗرمُت۔ یہ اوس کلیان "کلہن" سُند شاگرد۔ راجوری ہنٕدِس راز سنگرام پالٕ تہٕ سوم پالس اوس جلہن سُند آشر ے۔ کلہنن چھِ راچپوری ہنٕد بن راجن ہٕنز کم کیٛزٕھا توأرٟیخ بیان کرِہٕژ۔ اگر جلہن سٕنز یہ تخلیق اَسہِ تام آسہے وأژمٕژ، یہِ سَپدِ ہے راجوری ہنٕدِ توأرٟیخُک سارِوٕے کھوتہٕ اہم دستاویز ثابت۔[2]

1. Marga nisargadavalambya vaktram sudha rasaugham madhuram vamanteem I
Chandree cha moorttih kavitushcha sookhtirna dhaaryate moordhani neshvorena II
Ext. Saara Samuchaya by Ratna Kantha.

٢۔ کلہن راج ترنگنی۔ کِتاب 8، شلوک 621۔

## (۲) کلہن سنز تخلیق بے سمہا بھیدے مہاکاویہ:

یہ چھُ باسان توآرێخی لیہاز آسہِ ہے اکھ اہم تخلیق یوسہ راج ترنگنی ہنزی مُصنف کلہنن راج ترنگنی لیکھنہِ وِزِ لرِ لوٗر لیچھ ہۆ آس۔ اَمیُک تزکرٕ چھُ سارِ سیٚچی ناوی کاویہ پزکاشس پیٹھ تبصر لیکھن والی گونماتن رتنہ کنٹھن تبصرس دوران کوٗرمُت۔ شاید ما آسہِ ہے کلہن پنڈِت رازٕ سُسلہ سنٛدِس نیچوس جے سمہا سنٛدِ تژوہَن وٕری یَن رازٕ بٔنتھ یہِ باگ ڈور سمبھالنس پیٹھ مُتاثر گوٚمت تہٕ اَمی ما آسہے تمی سنٛدِس دورس مُتلق تمی اکھ الگ تخلیق لیکھنُک اِرادٕ کوٗرمُت۔

مہشور نقاد رتنہ کنٹھن چھُ کاویہ پزکاش پیٹھ تبصرٕ کران امہِ منز اکہِ تذکرُک حوالہِ دیتمُت یُمہِ کنی باسان چھُ زِ یہِ تخلیق ہیکہِ ہے واریاہ گوشہٕ گاشرٲوِتھ یم ازتانی تہٕ اتھ دورس مُتلق پۆرٕ پۆرٕ گاش چھنہٕ تژاوان۔[1]

## (۳) شنکک سنز تخلیق بھونہ ابھیدے مہاکاویہ:

امہِ توآرێخی مہاکاویُک ذِکر چھُ کلہن پنڈتن پننہِ تخلیق راج ترنگی منز کوٗرمُت۔[2] شنکک چھُ اتھ تخلیقہٕ منز دون باہَن ممہٕ تہٕ اُتپلس درمیان لڑایہِ ہُنٛد ذِکر کران۔ ممہٕ تہٕ اُتپل چھِ آسان للتا دِتیہ (699-736 AD) سنٛدِس نیچوس

---

1. Bhoobritpadam Parvata sheshamaaseet tasthau vidhaveva cha raja shalbdah I
 Na vaahinee naatha kathasamudraat anyatra tasminnripatau babhoova II
 Ext. Sara Samuchaya by Ratna Kantha.

2. Altha mama othpalakayor udboot daaruno ranah I
 Rudra pravaaha uatraaseet Vitastaa Subhatair hataih II
 Kavir budhamanah Sindhu Shashaanka Shankukaa bhidha I
 Yam uddishya karot kaavyam bhuvanaabhyudaya bhidham II
 Kalhana Raajatarangini, Book IV, vv.,704,705.

چمپٹس مام۔ چمپٹ اوس للتا دتیہ سِنزِ ماشوقہِ ہُند نچو۔ اُتپل چھُ وجِہ دِتیہ (للتا دِتیہ) ہِندِس زُرِس سنگرامہ پیِڑ دوٚمس (794-801) کشیرِ ہِندِس تختس پیٹھ بیہناوُن یژھان۔ اُتپل چھُ اتھ برخلاف اَجیت پیِڈس، یُس تمہِ ساتہٕ لوٚک چھُ آسان، تختس پیٹھ بیہناوُن یژھان۔ یتھ کِنۍ چھِ لڑاے ووتھان واریاہس کالس چھِ لڑایہِ منز اکھ اَکِ سِنزِ برتری روزان تہٕ کشیرِ ہِندی راز بدلان روزان۔ آخر کار چھُ یم پنٕنس بینتھرس مارناوان تہٕ چھِ کشیرِ پیٹھ اَجیت پیِڈس تھاوان (813-50 AD)۔ یہِ چھُ کشیرِ ہِنزِ تواریخہِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ سنگین سِیاہ دور آسان۔

کینٛہہ لوٚکھ چھِ یتہٕ مانان زِ شاید ما اوس ''بھونا بیدے'' ناوچہِ امہِ تخلیقہِ ہُند مُصنِف شنکُک بھرت مُنی ہِندِ ناٹیہ شاسترک تنقید نِگار۔ تکیازِ ممٹن چھُ کاویہ پرٛکاش منز ذِکر کوٚرمُت زِ ''ناٹکس منز قیاس آرائی ہُند'' مُقام چھُ اَدبس شنکُکن دیُت۔

اگر شنکُکنٛی یہِ تخلیق اَسہِ تانۍ آسہِ ہے واٴژھِ نوٚیمہِ صدی ہِندی آخری نصف حِصس دوران یُس ظُلمُک تہٕ جبرُک دور کشیرِ ہِندِس سِیاسی ماحولس نال وٕلتھ اوس، ما آسہِ ہے زیادٕ جان پاٴٹھۍ وبژھناوِتھ اَسہِ تام ووٚتمُت۔



# وِکرٛمانک دیو چرِت[1]

یہِ چھُ اردٲہَن بابن پٮ۪ٹھ مشتمل مشہوٗر توٲریخی مہا کاویہِ۔ اتھ منٛز چھُ وَکِمن دیہنٛچہِ کلیان رِیاستکس چالوٗکیہِ راز وِکرٛما دیتیہ شٮ۪شم ترِبھُون مل (1076-1127 AD) سُند اوحال دٔرج۔ یتھ کنہِ چھُ لمہِ وقتچہِ توٲرٖخن ہنٛز سَند دۄن رِیاستن درمیان مُقابلہٕ کٔرِتھ زیادٕ مستند بنان۔ لمہِ تخلیقہِ ہنٛدِس اردٲہمس بابس منٛز چھُ بلہنَن پانَس مُتلق زانکٲری فراہم کرمژ یوسہٕ عام کٔشیرِ ہندٕ بن گونماتن ہنٛدِ رٔوشہِ ڈٔلتھ کتھاہ چھےٚ۔ وارِیاہ کم گونماتھ چھِ کٔشیرِ ہنٛدی تِم یِمو پانَس مُطلق اوحال پننِ تخلیقن منٛز دٔرج چھُ کوٚرمُت۔ شاید چھُ امیٚک وجہ یہِ زِ یہِ تخلیق چھےٚ ٲمۍ کٔشیرِ نیٚبر لیچھمژ لہٰذا ما آسبس پرجلیہِ ہنٛدٕ بن موہلکَن ہُند اثر پیوُمُت۔

کٔشیرِ ہنٛدِس مشہوٗر نگر پرورپُرس نزدیک (پاندریٹھن) اوس یہِ کھون مُش (کھونموٗہ) گامُک روزن وول کوشک گُٹھر تھاوَن وول برٛاہمن۔ مٲلِس اوسُس جیشٹھ کلش ناویُس ویا کرن شاسترک مہا پنٛڈت اوس یِوان مانٕنہٕ، پہنٛدِس آنگنس منٛز اوس ہمیشہِ گونماتن ہُند مالہٕ آسان یم اور مہاباشس (گرٛامر) پٮ۪ٹھ ٲمۍ سُنٛد ترجمہٕ تہٕ تشریح بوزنہٕ باپتھ اتہِ سمان آسی۔ یتھی ہے تٲلیمی ماحولس منٛز اوس بلہن پرتھوُمُت تہٕ بڈیوُمُت۔ سُہ اوس لوٗکہٕ پانہٕ پٮ۪ٹھے سبٹھاہ تیز دِماغ۔ تمۍ چھُ پانہٕ امہِ کتھِ ہُند اِنکشاف کوٚرمُت زِ یہِ کینژھا لوٗکھ

---

[1] اَتھ مہا کاوِبس پٮ۪ٹھ چھِ تشریح تہٕ ترجمہِ شِوناتھ شاستری، بھرٛدواجن کوٚرمُت تہٕ وارانسی پٮ۪ٹھ 1964ہٕ یَس منٛز شایع کوٚرمُت۔

بڈٕتھ تہٕ جوان سپدتھ اُسی ہیچھنہٕ باپتھ جایہٕ جایہٕ پھیران سُہ سوٗرے عِلم اوس اُمی
لوٗچہِ وُمرِ منٛز ے پوٗرمُت۔ یمن ہُند عکس تسٕندس منٛکس اُنس پیٹھ اوس تیوٗت
زیادٕ زِ کانٛہہ تہِ گونماتھ ہیکہِ ہے تہٕ تتھ مقابلہٕ کرِتھ۔ وِکرمانکہٕ دیوٕکس آغازس
منٛز چھُ بلہنؔ یہِ کتھِ پانہٕ تہٕ تسلیم کران زِ تھدِ پانٛچ شاعری تہٕ کونٛگ چھِ پانوٕنی
سکھ بأے۔ یتھٕ کٕنٛز نہٕ شاردا (سرسوتی دیوی) ہنٛدِ آشیر وادٕ ورأے جان
شاعری چھِ مُمکِن تیتھے کٕنٛز چھُنہٕ شاردا دیشہِ (کشمیر) بغاَر بیٛیتہِ کُنہِ کونٛگ آسُن تہِ
مُمکِن۔[1] بلہنؔ ہنٛدِ زبنہٕ وِزِ اوس کشیرِ پیٹھ رازٕ انتؔ (AD 1028-63) راج
کران۔ انت سپُد نہٕ رِیاستُک نِظام سمبھالنس منٛز کامیاب۔ سُہ روٗد دوہے لالچی
وزیرن ہنٛدس ژٕپس پیٹھ۔ اُخرس گو یہِ زنانہٕ کتھِ۔ سوٗر یہِ متی آشنہٕ مانٛنو یہِ زِ
کلشؔ بیہناون تختس۔ یہِ اُس اُمی سٕنٛز اُخری غلطی تہٕ یتھٕ کٕنٛز بنیو کلشؔ
(AD 1063-89) رازٕ تہٕ گیہِ کشیرِ ہنٛدی حالات زیادے خراب تِکیازِ اَتی پیٹھِ
سپٕز خانہ جنٛگی شوٗروٗ۔ شاید اوس یوٗہے وجہہ زِ بلہنؔ ژٕوٗل پنٕنہٕ رِیاست ترٛاوِتھ
تہٕ ووت کونکنؔ دیش بیٛیتہ تمِس رازٕ وِکرمانک دیون پناہ دِژ۔[2]

وِکرماتک دیونہٕ تصنیفہٕ مُطلق چھےٚ زٕ رایہِ۔ اَمہِ کِس وقتس مُطلق چھےٚ
اندرونی تہٕ خارجی شہاژ ژ گواہ زِ یہِ چھےٚ کُہمہِ صدی ہنٛز تخلیق یوسہٕ AD 1050
پتہٕ تہٕ AD 1088 بروٗنٛہہ بروٗنٛہہ چھےٚ آمٕژ لیکھنہٕ۔ اَمہِ تصنیفہِ ہُند دیباچہِ لیکھان
چھُ پروفیسر بہلولر تصدیق کران زِ از بروٗنٛہہ ساس وٕری اوس کشیرِ ہنٛدِس
پوشاکس تہٕ پلو سأزی پیٹھ تہٕ سِکہٕ سأزی پیٹھ دَکھنی ہندوستانُک اثر ہیوٗتمُت

1. Sahodaraah Kumakuma Kesaraanaam bhawanti noonam kavith vilaase I
Na shaaradaa desham apaasya drishtah teshah yad anytra maya prarohah II
Vikramkadevacharita, s.,1, v.,21.
2. Cunningham A., Coins of Medival India, Year 1894, p.,39, Plate V, pp.,22-23.

پیٚوٚن یُس اسہِ ٹاکارٕ پأٹھۍ اتھ دورس منٛزٕ ے چھُ نظرِ گژھان۔

کٔشیرِ نیٚرتھ گو بِلہٕنٛ سارِوٕے بڑ وٚنِہ متھرا۔ تتہٕ آے سأری گونماتھ یکجا گٔمتۍ کٔشیرِ ہِندِس عالمٕس نِشہِ فأض حأصِل کرنہٕ باپتھ۔ پتہٕ روٗدی یِم کینٛہہ کالس ورنداون۔ تتہٕ پیٹھ گیہِ کنوج، پرٛیاگ تہٕ وارانسی۔ کینٛہہ کالس یمن جایَن ٹھہرِتھ ووت سُہ ڈاہل دیشس۔ اَتکۍ راجٕ کرنٛ کوٚر اُمس سیٚبھاہ آدر تہٕ تعظیم۔ اَتہِ بارنوو اُمۍ گنٛگادر ناوٕک براہمن تہٕ اُمس راجٕ سُنٛد وٚزیر دھرم شاستر تہٕ ادبی بحثس منٛز تہٕ سکھریو یہِ۔ پتہٕ راجٕ بھوج سٕنزِ نگری دھارا کن۔ راجٕ بھوج اوس اُتھۍ وقتس دوران فوت سپُد مُت لہٰذا ٹھہریو نہٕ اَتہِ زیادٕ کالس تہٕ دڑاو گُجراتکِس انہلواڑ نگرس کُن۔ اَتہِ اوس کرن دیو ترٛیلوکہِ مل ناوٕک راجٕ راج کران۔ بِلہٕنٛ گو اَتکین لُکن ہُنٛد ورتاو وُچھتھ سٮ۪کھ دِل ملول تہٕ دڑاو یہِ سومناتھ تہٕ رامیشور یاترٕ لِیہِ پیٹھ تہٕ ووت چالوکیہ راجٕ وِکرمانک دیو شٮ۪نشم سٕنزِ راجدھانی کلیانٕ نگر کُن اَتہِ کوٚرُکھ اُمس کأفی آدرستکار تہٕ پتہٕ گٔو بنوو وِکرمانک دیو بِلہٕنٛ سُنٛد آشرٕ ے داتا تہٕ اُمۍ ہے راجس مُتلِق لیوٚکھ اُمۍ وِکرمانک دیو چرت تہٕ سپُد اُمۍ ہِندِس راجٕ دربارس منٛز شأمِل وٚزیر۔ اُتھۍ وقتس دوران یوٚز اُمۍ زِ کٔشیرِ پیٹھ چھُ ہرش دیو (AD 1089-1101) سٕندِ دورِ حکوٗمتکۍ حالات سُدرٕمٕتۍ۔ تمۍ آسی طرفاتو پیٹھ گونماتھ سوٗمرأوۍ متۍ تہٕ تِمن حوصلہٕ افزأیی کرٕمٕژ۔ دیان تِہُنٛد یہِ فأض اوس بلہنس تہِ حأصِل یوٚدوے سُہ حالاتو کِنۍ مُلک بدر اوس گومُت۔ کلہنٛن چھِ راج ترنٛگنی منٛز امہِ کتھِ ہُنٛد اِنکشاف کوٚرمُت۔[1]

---

1. Kashmeerebhyo viniryantam rajye Kalasha bhoopat I
Vidhyapatim yam Karnaatashachakre Paramandi bhoopatih II
Kalhana Rajatarangini, Book VII, v.,935.

اَمہِ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ بِلہنَن چھُ تمہِ ساتہٕ کشیٖرِ منٛز وڈ اُمت یِیلہِ زَن کلش اوس تختس پیٹھ مگر راج اوس کران اننت، کلشہِ سُند مول۔ یِم دوشوے سپدی تہٕ ہردِل عزیز راز ثابت تِکیٚازِ ماٲلس، گوٚبرس تہٕ مہارٲنی سوٗریہ متی درمیان اوس نہٕ کانہہ تال میل۔ یِیمہِ کِنٛز حالاتھ دوہ پتہٕ دوہ گیہ بدتر سپدان تہٕ چھیکرس گرٛٹمی کلشہِ ہِندِس بدظون بننس پیٹھ سَنہٕ 1081 منٛز خودکشی تہٕ یتھہ کِنٛز گوٚ کشیٖرِ ہُند تخت أندرٕ وٗنی رسہٕ کشی نِشہِ آزاد تہٕ کلش بنیوٚو کشیٖرِ ہُند خودمختار رازٕ۔

کلشس پتہٕ آو رازٕ ہرش (AD 1089-1111) تہٕ تمی ہیٚتُن عِلمہ دوستی تہٕ عالمِن، گونماتن تہٕ شاعرن قدر کرنٛچ شیچھ وٲژ چالوٗکیہ ویشس تام ییٚتہٕ تر بھون ملا وِکرما دِتیا پرما ڈی اوس راج کران تہٕ یُس بِلہنَن سُند پیروکار اوس۔ حالانکہِ تمی اوس بِلہنَس کاٗفی عزت بخشٕمت دربارس منٛز۔ رازٕ ہِندِ پتہٕ اوس یا تہٕ بِلہنَن سُند شاہی پرنٛدِ آسان یا پاٲرِتھ ہوٚس آسان۔ مگر توٚ پتہٕ تہِ اُس تس یہِ سارِے شان شوقت گرِکس یِرتس نِش سبٹھاہ کمتر باسان۔ امہِ کتھہ ہُند انکشاف چھُ کلہن راج ترنٛگنی منٛز کران۔[1] مشہوٗر محقق بہلوٗلر چھُ مانان زِ بِلہنَن وڈاو کشیٖرِ پیٹھ (1063-65) ء درمیان تہٕ تمی آسہٕ 1085ء یَس درمیان یا امہِ پتہٕ پہن وِکرمانک دیو چرِت لیٚوکھمُت تِکیٚازِ وِکرٕمادیوس تہٕ جے سِنگھس یُس جنگ 1085ء یَس منٛز سپُد تمیُک ذِکر چھُ اتھ چرِتس منٛز۔ امہِ تلہٕ تہٕ ہرش ہِندِ راجُک ذِکر آسنہٕ تلہٕ تہِ چھُ باسان یہِ چرِت چھُ اُمی وٲری زٕ وٲری پتہٕ شوٗرٕ کوٚرمُت۔

1. Tyaginam Harsha Devam sa shrutva sukavibhaandhavam I
Bilhano vanchanaam menevibhootim taavateemapi II
Kalhana Pandit, Rajatarangini, Book VII, v.,937.

وِکرمانکؠ دیو چرِت چھُ اردا ہَن بابن پؠٹھ مشتمل تواریخی رزمیہ (مہاکاویہ) یتھ منز چالوٗکیہ خانداٗنکس راز آہومَل تہٕ تٔمِسٕندِس نیچوِس وِکرما دِتیہ شیٚشم سُند احوال دٔرج چھُ۔ گوڈنِکس بابس منز چھُ دُعاییہ خوش آمدید یِیتہٕ صحی تہٕ پَز شاعری ہندی تاریف کرنہٕ پتہٕ چالوٗکیہ خاندانکہِ خُدا داد ماخزُک ابتدا بیان کرنہٕ آمت چھُ۔ پتہٕ چھُ آہومَل ہِندِ بن گوٚنن تہٕ تخلاقچ وبستارٕ سان ووکھنئے آمُت کرنہٕ۔ دوٚیِمِس بابس اندر چھُ کلیان ریاستچ تہٕ نگرچ خوبصورتی تہٕ حُسنچ نشاندہی کرنہٕ آمٕژ۔ بھگوان شِوَن اٚسی آہومَلس ترٛےٚ سنتان بخشیٚمتی۔ سومیشوٗر، وِکرما دِتیہ تہٕ جے سمہہ۔ یہِ چھُ دوٚیِمِس حصس منز دٔرج۔ ترٛیِمِس بابس منز چھُ مول منزِمِس نیچوِس یوراج (وارِث تخت) بناونچ خاہش ظاہر کران مگر سُہ چھُ ماٚنِس یہِ عہد بُڈِس باٚیِس سومیشوٗرس دِنک مشورٕ دِوان۔ ماٚلی ہنز تہٕ باٚے سُند حُکم ماٚنتھ چھُ سُہ مالوا دیشکِس رازس شکست دِوان۔ بنگال تہٕ آسام کین رازن پؠٹھ چھُ پنٕنۍ دھوولی جماوان۔ ژوٗرِمِس بابس منز چھُ وِکرمہٕ ہِندِ فوجہِ ڈُسی دزاوِڈ رازس شکست دِنک تذکرٕ دٔرج۔ یِیمہِ ساتہٕ سُہ عالمی فتح کہِ سِلسِلہٕ بابتھ نیرٕن وول اوس تس واتھ یہِ خبر زِ تٔمِسٕندِس ماٚلِس رازٕ اہومَلس اوس جلاوی بُخار (داہہ زوٗر) تہٕ تٔمی کہِ جلاوِ کٔنی ژاو سُہ تُنگہٕ بُدرایہِ ہِندِس ڈٔرِیاوس منز تہٕ کُرن جل سمادھی اختیار تہٕ ترٛاوِنی پرٛان۔ سُہ چھُ بُڈِس باٚیِس مدتہٕ بابتھ تہٕ تس تختس پؠٹھ بِہناونہٕ خاطرٕ کلیان نگری یِوان۔ مگر کینٛہہ دوہ گژھتھ چھُ سُہ کلیان نگری ترٛاوان تہٕ لوکٕٹِس باٚیِس جے سمہس پانس ستی نِتھ جنوٗبی علاقس کُن ژلان۔ سومیشوٗرٕنۍ فوجی چھُ تِمن پتےٚ لاران مگر یِم دوشوٚے

بارٕنی چھُ تِمن فوجین شِکست دِوان۔ پأنژِمِس بابس منز چھُ چول راز راجیند ر پنٕہ کوٗرِ چندرلیکھایہِ ہُند خاندر وِکرمس ستی کرنچ خاہش ہُند اِظہار کران یہِ رِشتہٕ چھُ وِکرم مانان۔ شیٚمِس بابس منز چھُ وِکرم سٕندِ خاندرُک وبتارٕ سان بیان دٕرج۔ کینٛہہ کال گژھتھ چھُ چول راز وِپر راجیندٕر سُند سورگہٕ واس سپدان۔ وِکرم چھُ راج کُمار اِدراج راجیندرس مالی سٕندِس تختس پیٹھ بیٚہناوان۔ مگر جلدٕے چھُ وینگ دیشُک راز أمِس ماران تہٕ أمی سٕندِس سلطنتس پیٹھ قبضہٕ کران۔ سُہ چھُ کلیان دیشکس رازس سومیشورس ستی ژوے کران تہٕ یکہٕ وٹہٕ میلتھ وِکرمس پیٹھ حملہِ کرنچ سأزِش کران۔ وِکرم چھُنہٕ یژھان بأیس ستی لڑأے کرٕنی مگر بھگوان شِو چھُ تس ظألمس خلاف تلوار تُلنہٕ خأطرٕ وَنان۔ امہِ کتھِ ستی چھُ سُہ سومیشورس تہٕ وینگ رازس خلاف اعلانِ جنگ کران تہٕ تِمن دوشوٕنی شکست دِتھ بأیس سومیشورس پنُن راج واپس کرنُک اِرادٕ کران۔ مگر تس چھُ بھگوان شِو بیٚیہٕ یہِ کرنس پیٹھ ٹھاکھ کران یہِ ؤنتھ زِ ظألمس ظُلم کرنہٕ نِشہٕ دوٗر تھاونہٕ باپتھ چھِ تس سزا دِیُن ضروٗری۔ سَتِمِس بابس منز چھُ وِکرم تاج پوشی پتہٕ کلیانٔ نگرس منز دأخل سپدان۔ وَکھ چھُ سونتھٕ کال آسان سٔنزِ جہِ پھُلیہِ ستی چھِ بُتراتھ زنتہٕ کونگس منز رنگنہٕ آمٕژ آسان۔ بِلہن چھُ سونتس أکِس شہر خوار بچہٕ سٕنزِ مُشابہتھ دِوان بیان کران۔

''کھکار ژٕلی تھے آو سونتھ أکِس رٔزیلہٕ شُری سٕندی پأٹھی۔ زمینہٕ پیٹھ سفید ونشی پوشن، تُلسی تہٕ باقے سونتہٕ رأٹھدار پوشہِ دوچھن چھِ پوشہِ ٹوٗری دزٕامتی زنتہٕ چھُ وُڈرن ہٕندِس ہلمس منز گِندٕ ؤنس أمِس سونتہٕ شُری (وسنتہٕ) سٕنزٕ

سۆندر تہٕ تازٕ نموٗدار سبزٕ ہیٚو دَنٛدٕ مالہِ زَنتہٕ وَن دیٖوی ہنٛدِ اَسنہٕ موٗجوٗب پوٚش ہی سفید دَنٛد نظرِ چھِ گژھان۔ اَمِس سونٛتہٕ شُرِس چھُ جوٗب پٮ۪ٹھ یِنہٕ وول (شیٖر گرم) ہَوا زَنتہٕ بوسہٕ گران۔ زٔمینہِ پٮ۪ٹھ پیٚمتِس پوشن ہنٛدِس وِرِس پٮ۪ٹھ بۄمبرن ہُنٛد وُڈو کرنہٕ سٟتؠ یِم نِشان بنان چھِ، زَنتہٕ چھُ یہِ لوٗکٕ شُر ''وَسنٛت'' زٔمینہِ ہٕنٛزِ مَشکہِ پٮ۪ٹھ ماذِ بۄمبرن ہٕنٛزن زنٛگن قلم بناوِتھ پوشن ہنٛدِ وِرچہِ میلہِ سٟتؠ اَچھر لیکھان۔ طِفلہٕ وسنت اوس اتھ بالہِ دامَنس پھیران، کھِکھرِ ماران تہٕ گاہے گُلبن کھسان۔ گُنہِ پٮ۪ٹھ پان گردِ منٛز لِتھناوان تہٕ گُنہِ یِمن جنٛگلی زَنٛڈن ہنٛدبن پوشن زَنتہٕ اژھِ رٔژھن پکون لوٚنٛچن لمان۔[1] یِتھ تہٕ اَمی ترٛ لیِہ واریاہ قسمک النکاری بیان چھِ وِکرٛمانک دیو چرِتکس سٔتمِس بابَس منٛز نظرِ گژھان۔

اَٹھمِس بابَس منٛز چھُ کرہاٹ دیشکِس راژٕ سٕنٛزِ کوٗرِ چنٛدرلیکھایہِ ہٕنٛزِ خوبصوٗرتی ہُنٛد ذِکرِ آمُت کرنہٕ۔ نٔومِس بابَس منٛز چھُ راژٕ وِکرٛم سُنٛد چنٛدرلیکھا حاصِل کرنہٕ باپتھ بے چیٖن سَپدِتھ راژٕ سٕنٛزِ حالتُک ہُنٛد ذِکر۔ چنٛدرلیکھایہِ ہنٛدِ سوٚیمورچ خبر بوٗزِتھ چھُ راژٕ وِکرٛم کرہاٹ واتان۔ یِتھ کُنؠ راژٕ اَنزنؠ یونؠ مِلناوِتھ دوٚدِ منٛزٕ صرِف دوٚد چھےٚ چوان تہٕ آب اَکھ کُن تھوان تِتھے کُنؠ یِمہٕ ساتہٕ چنٛدرلیکھا سوٚیمورکس شامیانَس منٛز ؤژھ، تَمہِ ترٛاوی سارؠ راژٕ تہٕ راجکُمار اَکھ کُن تہٕ ترٛاوِن وِکرٛمس وَرمالا نالہِ۔ دٔہمِس بابَس منٛز چھُ

1. Naveena dantodgama sundarena vaasantikaa kudmala nirgamena I
Utsanga sangee vipinasthaleenaam baalo Vasantah kimapi vyaraajat II
Sugandhinihshvasamivaanu velamuddhet lataa dakshina maarutena I
Mukham prasoona smita danturam, tatchuchamba mugdhasya mugdhor vana shreeh II
Kramat lipi gyana krita kshanasya kshunnam madhorakshana maalyeva II
Samaarurohapari paada pankajam lulotha pushpotkararenu punje I
Lataa prasoonaam shukamaachakarsha kreedan vanaih kim nachakaara Chaitrah II
Vikaramak Deva Charita, s.vii, vv.,34-37.

وَن وِہار (ایکانٛت وَنن ہنٛد سأر)، کٔہمس بابَس منٛز چھُ ہِری یہِ سُنٛدِ لوسنک، سندھیا کالُک، رات گُذراوُنک تہٕ صُبح پٔز بھاتَس مُتلِق کامبن ہُند ذِکر کرنہٕ آمُت۔ بٕہمس بابَس منٛز چھُ گرِشمُک (ربتہٕ کالُک) تہٕ ترٛٔواہمس بابَس منٛز چھُ گرِشمُک تہٕ برساتُک ذِکر کرنہٕ آمُت۔ ژوداہمس بابَس منٛز چھُ برسات موکلتھ ہَرُدُک ورنَن کرنہٕ آمُت۔ أتھی دوران چھِ جوسُوس وِکرٛمَس شیچھ ہیتھ یِوان زِ تسُند لوکُٹ بوے جے سِمہہ چھُ تَس پیٹھ حملہٕ کرنہٕ باپتھ فوج ہیتھ کرٛشنا دٔریاو بٔتھس پیٹھ وۄتمُت۔ وِکرٛمانک چھُ پنٕنس لوکٕٹس بأیس سمجھاونٕچ سکھ کوٗشش کران۔ سُہ چھُ تس کلیانٛ رِیاست دِنک تہٕ وادٕ کران مگر جے سِمہہ چھُنہٕ تۄتہٕ لڑایہِ نِشہِ پۄت روزنس پیٹھ آمادٕ گژھان۔ سُہ چھُ واریاہَن لوکٕٹبن تہٕ ہکٕٹہٕ رازَن پانَس سٕتی ہیتھ بأیس پیٹھ حملہٕ کران۔ وِکرٛم تہٕ چھُ جے سِمہنٕنہِ ظُلم نظرِ تل تھأوِتھ تس خلاف فوج ہیتھ نیران۔ پنداہمس بابَس منٛز چھُ لڑایہِ ہُند تفصیلی بیان کرنہٕ آمُت۔ وِکرٛمن کٔری سأری دُشمن بہوٗدر تہٕ رازٕ پسپا تہٕ دِژنکھ شِکست۔ جے سِمہہ کوٚرُن قأد تہٕ پتہٕ پٔنٕنی پأٹھی سمجأوِتھ تہٕ کتھٕ فِکرِ تأرِتھ کوٚرُن رِہا۔ شُراہمس بابَس منٛز چھُ ونٛدُک ذِکر آمُت کرنہٕ تہٕ اتھ بابَس منٛز چھُ شِکار گنٛڈنُک تہٕ ذِکر۔ سداہمس بابَس منٛز چھُ وِکرٛم سُنٛد طرزِ حکومت بیان آمُت کرنہٕ۔ دپان سُہ اوس منگن والین تیٚوٗت سون بخشان زِ فقیرن تام أسی سونہٕ ہٕنٛدی کنہٕ وأٹی نأٹی آسان۔ یہِ تہٕ چھُ ونہٕ آمُت زِ تٔمی بناوٕنوٗ وکلیان نگری منٛز اکھ بۄڈ بارٕ ویشنو مندر۔ أتھی بابَس منٛز چھُ وِکرٛم سُنٛد چول راجس پیٹھ فتح حاصِل کرنُک تہٕ ذِکر۔ أخری تہٕ ارداہمس بابَس منٛز چھُ بِلہنَن پنٕنہِ ماترِ بھوٗمہِ ہُند، پنٕنہِ گامُک، پنٕنہِ خاندانُک تہٕ یاترایَن تہٕ سفرُک ذِکر کوٚرمُت۔

# مہا کاوبس منز توٲریخی عنصر

بلہنن چھُ مہا کاوبس منز استعمالُک مواد دٔنیچہِ توٲریخہِ منز حاصِل کوٚرمُت مگر رزمیک باڈو تہٕ ضرورت مدِ نظر تھٲوِتھ چھُن اتھ منز تبدیلی تہٕ بدلاو تہِ اوٗنمُت۔ امیُک مرکزی کردار یا میرِ افسانہٕ (ہیرو) چھُ پرٛتھ رنگہِ رُت، بزرگ خیالاتن ہُند اِنسان آسان تہٕ اَمہِ باپتھ چھُ تمی وِکرٛمانک دیو اَسہِ بروٚنہہ کنہِ میرِ افسانہٕ بنوومُت۔ اَمہِ باپتھ چھُ تمی توٲریخی پزرس مہا کاوبس وِیوٗن پھیرِ بدل کوٚرمُت۔ کیٛنہہ اہم توٲریخی واقعہٕ مثلن آہوَل تہٕ وِکرٛمانک دیو سُند چول رازس ستی لڑٲے۔ وِکرٛمانک تہٕ سومیشورنی لڑٲے یا جےسمہس ستی لڑٲے یم ساری چھِ توٲریخس منز پننہِ پننہِ وقتہٕ درج مگر یمن واقعن چھُ بیان کرنہٕ وِزِ بلہنن پننس سوچس کٲم ہیتھ یم واقعہٕ بیان کٔری متی۔ شاعر سُند گُفت چھُ زِ وِکرٛمانک دیو اوس پننس بڑس بٲے ہنزِ ورتاوِ ستی سخطاہ دُکھی گومُت تہٕ تمی کٔر تمی کاپانن شہرس منز ہجرت۔ مگر حقیقت چھِ یہِ زِ کاپان شہرُک تخت حاصِل کرنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ بڑِس بٲیس سومیشورس خلاف ژوے کران تہٕ یہِ کتھ سومیشورس پے لگنہٕ پتہٕ چھُ سُہ وِکرٛمانک دیوس شہر بدر کران، یہِ مُژکری گیہِ دون باین منز بڑان تہٕ آخرس چھِ دوشوٕنی باین منز لڑٲے گژھان۔ بلہنن چھُ یہِ کتھ ڈرامٲیی انداز منز پیش کران زِ بھگوان شو چھُ وِکرمانک دیوس بٲیس خلاف ہتھیار استعمال کرنہٕ خاطرٕ وَنان۔ چول خانداٗنچ شِکست تہِ چھنہٕ پوٗر

پَزراہ کیٛنِہہ۔ توٲرِیخ مۆجوٗب چھِنہٕ چول راجہٕ پۆژ پٲٹھۍ شِکست کھوٚان۔ کانچی پیٚٹھ چھُ توتہٕ تِہنٛدے تسلُط آسان۔ چالوٗکیہٕ رازن ہُند خاندان چھُ تیٚلَپ، ستیاشٕرٛے، جے سِمہہ، سومیشور (اول)، آہومل دیو۔ یِم چھِ تِم بادشاہ یِمن ہُند ذِکر توٲرِیخس منٛز چھُ مگر یِہنٛدِس شجرہ نسبَچ (باوا آمہٕ) ہِنٛدِ پیٚٹھ شروعات چھےٚ دیومالائی بادنہٕ آمٕژ۔ یُس شاعر سُند قیاس ہیٚکہِ اَستھ۔ مہاکاوبس منٛز چھُ تارِیخَن ہنٛز وبٕژھے تہٕ نۆ کانٛہہ تہٕ کتھ چھےٚ تٲرِیخ دِنہٕ بجاے ''توپتہٕ'' لفظوٚستی پوٚر کرنہٕ آمٕژ۔ یِمو سارِوے کتھو تلہٕ چھُ ثٲبت سپدان زِ بلہن چھُ توٲرِیخ دان کم تہٕ شاعر خاصکر اوسمُت۔



# شاعرانہٕ بجر

وِکرٕ مانک دیو چرِت چھُ اکھ کامیاب مہاکاویہٕ یَتھ منٛز بِلہنَن رزمیہٕ شاعری ہُنٛد خاص خیال چھُ تھووُمُت۔ مہاکاوِچ کہاَنی چھےٚ مشہوٗر، ہیر و چھُ پرٛتھ رنگہٕ رُت، کھشتری، شجاعت پسندی (ویرِرس)، شرنگار رس (حُسن پسندی) تہٕ کرُن رَس (رٔحم دِلی)، یِمن سارِنٕے رَسن ہُنٛد اِستعمال چھُ اتھ منٛز آمُت کرنہٕ۔ برِکییہٕ اُدے (کھٕسُن) تہٕ اَست سۄدن یا لوٗسُن، مختلف موسم، شہر، گام، وَن، باغ، گِندُن درٕ وٕکُن، جل کریڈا تہٕ ووٗزھب بیٚترِ چھِ پننہٕ اندازٕ مہاکاوبس منٛز بیان آمتۍ کرنہٕ۔ بِلہنَن چھُ کالِداس ہندی پأٹھی رَس پَسنٛد لیہذا چھِ تٔمۍ تہٕ النکار تیٚلی استعمال کٔرمتۍ یِیلہِ تَس کُنہِ جایہِ پٔنن مانٕے مفہوٗم زیادٕ واضح کرنٕچ ضروٗرتھ چھےٚ پیمٕژ۔

وِکرٕ مانٛک دیو چرِتس منٛز یِیٚتہِ تہِ جنٛگُک ذِکر چھُ تتہِ چھُ تتھ منٛز مُتأثر کَرن وول وِیر رَس صاف صاف نظرِ گژھان۔ وُچھتو لڑأیہِ مأدانُک اکھ منظر یُس شیٚتِمس بابس منٛز چھُ: ''وِکرمہٕ سنٛزِ گنٹایہِ جُرِتھ کھٕہرن دِتھ ؤتھرِ و ستۍ چھِ دُشمنہٕ سنٛدۍ وِیر چھوکہٕ لد گۄژھِتھ لایِنہٕ یِوان زنتہٕ چھِ تِم رازس نَمنہٕ خاطرٕ سُجدس وَسان۔[1] وِکرٕم تہٕ سومیشوٗرن دون دربن ہُنٛد فوج چھُ ''ہم ہم'' کران اکھ أ،کس ستۍ یتھ کٔنٛ جنٛگ کران زنتہٕ چھُ دون بڈٕبن ڈٔریاون ہُنٛد آب

1. Kulishanishita kankapatra bhinnah tribhuvanabheema bhujasya raajasoonoh I
Pratibhata karati sithitaah praveeraah pranatipara iva sammukhaanipetuh II
Vikramankadechrita VI, v.,87.

سمندرس میلنہٕ وِزِ اکھ أکِس منز زم چھِ گژھان۔[1]

بِنیُس جایہِ چھِ ونان ''شدید زخمی نوجوان چھِنہٕ توٗ تام مران یوٗ تام نہٕ سُہ مرنہٕ برٛونٛہہ دُشمن ہندِس ڈیکس لتھ لایتھ پٔنٕن زٔنم سوپھل کرِ تِلکیاِزِ بلہٕ وپرٛن ہُند روح چھُنہٕ میٛژ مِرس منز آسان بلکہ چھُ تِمن روح شُجاعت کِنِن کارنامن آویز آسان یِتھ زِن امر گژھن۔

وکرٛمس تہٕ جےسِنگس درمیان چھُ جنگ سپدن وول آسان، لڑایہِ ہُند نگارہ چھُ بجان۔ دونوٗنی دربن ہُند فوج چھُ ہوٚہَس منز تلوارن ہیٚرِ بون کران تہٕ باسان چھُ زنتہٕ پھِٹٕٕ لاجوٗری بُتراٚژ پیٹھ گگرایو ستیٚ نیٖلم جواٚہرن ہِندی ٹوٗری۔[2]

باسان چھُ زِ بِلہنس چھُ اوسُمت شجاعت پسندی (وپررس) کھوتہٕ حُسن پسندی (شرٛنگاررس)س کُن زیادٕ جھکاو۔ وِکرٛم چھُ چندرلیکھایہِ ستیٚ وَن سأرس باپتھ نیران۔ سونتھ کالِکس مدہوش کرن وأکِس ماحولس منز چکر کرنہٕ خأطرِ ساٚرگاہِہ کُن چکرس نیران۔[3] تہٕ پتہٕ رُوٗد وِکرٛ مانک دیو واریاہَس کالس چھِتھرِ پھوٚلی متین لیٖدربن پوشن ہُند نظارٕ وُچھان زنتہٕ اوس سُہ سوٗنچ یہِ ساٚرے میٛجنت رَتھِ کھاران یوسہٕ تِمَو (سونتن) باغ سجاونہٕ باپتھ کرمٕژ أس۔ چندرلیکھا أس اتھ مُدتس دوران الہِ گگوٗسس سوارِ کران۔ تھکِتھ وٚژھ چندرلیکھا الہِ گگوٗسہِ

1. Ahamahamikaya pradhaavitaabhyam militamamushya balam tayor balaabhyam I
Salilamahhimukham sahaamburaasheth tadanu mahaanadayoriva odhakaabhyam II
Vikramaka Devacharita, VI, v.,69.

2. Rana dundubhi meganasvanaih subhatta shreni vidura bhumayah I
Abhanannisritaasivallareena vartanaankura kotidanturaah II
Ibid, s.,15, v.,3.

3. Atha shramam snigdha vilokatena chaitrsya kurvan safalam narendrah I
Vivesha devyah parigrihya paani chitraasu leelopa vanasthaleeshuh II
Ibid, s.,10, v.,18.

پتھ بۆن تہٕ تھکاوٕتھ دۄر کرنہٕ باپتھ ترٛاوٕن راز ہنٛز کھونہِ منٛز ڈاپھاہ۔ پتہٕ وۄتھ لیٛدر ہو پوشوٕ ستۍ متاثر گوٚژھتھ پوش ژٹنہٕ۔[1]

آبی کھیل یا گندن چھُ سانین مہاکاوٕن ہُند اکھ اہم تہٕ خاص حصہٕ تہٕ تفریح علامت تہٕ۔ جل کریڈا کرتھ چھِ چندرلیکھا سرِ منٛز بۄتھ کھسان۔ پلو بدلاونہٕ پتہٕ تہٕ سِنگار کرنہٕ پتہٕ چھےٚ سو راز وکرمانکس نش واپس یوان۔ رازس چھُ اَمۍ سُند حُسن وُچھتھ من گمہٕ سُری گوٚژھانہٕ کامدیوس چھُ حبس پیوان زِ یوٚہوے چھُ موزوٗن موقہٕ ییٚلہِ میوٗن کان ہیکہِ کارگر ثابتھ سپدِتھ۔ یہٕ ارادٕ کرِتھ چاڑتھ پنٕنۍ کمان وکرمس پیٹھ۔[2]

رانہِ ہندِ بن بُتھی لبن پیٹھ مُصوری کران تہٕ تسُند الوند کھلہٕ مَس چھُ سُہ پنٕنین اَتھن وولان۔

لولہٕ کس اظہارس منٛز چھُ تیٚلی مزٕ ییٚلہِ اتھ منٛز جُدایی آسہِ تہٕ تیٚلی چھُ لولچ شِدت پسندی (شرنگار رس) ہُند مطلب تہٕ فکرِ تران۔ یہٕ موضوع چھُ بلہٕن ییتھ کٕنۍ ہووُمت "وکرم ہندِس انتظارس منٛز چھِ چترلیکھا چمپا پوشِک پاٹھی لیٛدر گٔژھان آسان گاہو۔ شریر چھُس کمزور آسان گومت۔ موموٗلی وۄتھ بیٖتھ کرنہٕ ستۍ چھُس پھرٕکھ کھسان تہٕ سورے بدن کانپان۔[3]

---

1. Athaavateerya kshyanamaatramanke priyasya vishramya gataashramaasaa I
   Vasanta Lakshmya parilokobhimaana chachaala pushpaavachiyi devi II
   Vikramaankadevacharita, s.,10, v.,37.
2. Athaamshukaanaam parivartanena taasaam vapurmandana karmanaacha I
   Nishichitya Pancheshura kunda bhaavam deve punah kaarmukam aachakarsha II
   Ibid, s.,10, v.,90.
3. Tathaagataa champakadaama Gauree shareera yashtih krishitaam krishangyah I
   Praaphtaa tathaa taanavamangyashtistvat viprayogena kuranga drishteh I
   Dhatte grahastambha nivartitnena kampam yathaa shvovaasa sameeranena II
   Ibid, s.,10, 30 (a), 33, v.,90.

وِکرٕ مانک دیو چرِتکس ترٛتیمس بابَس منز چھُ شفقت پسندی (واتسلیہ رس) تہٕ ژۄ‌ٚریمس بابَس منز ترس (دَیا) پسندی (کرُنا رس) نظرِ گژھان۔ ''رسن'' ہُند اِستعمال کرنہٕ باپتھ ہیٚکون نہٕ اَسی بلہنَن، کالِداسَن یا بھَوبھوٗتیَس لَرِ لۄ‌ٚر تھاوِتھ۔ ییٚتہٕ کالِداس مانٛوی ووندس منز پاد سپدَن واجنہٕ سنہٕ تہٕ محسوٗس کرنَس لایق احساسن زبان دِنس منز سرِ فہرس اوس تتہٕ چھُنہٕ بلہنَن ہیوکمُت تتھ مُقامس یا سرٕس تام واتِتھ۔

بلہنَن سنٛز منظر کشی چھےٚ سبٹھاہ مأری منز۔ بالہٕ پٔتی سِری یہٕ لوسنک منظر چھُ شاعر پتمہٕ آیہٕ پیش کران۔ ''سِری یہٕ سندبن کھورن چھِ نوزاد پنپوشن ہندی گنٛڈی سنیمتی۔ اَمی چھُ سُہ سۄ‌ٚدرس تانی واتنہٕ باپتھ اَستاچل (سِری یہٕ لوسنک بال) بالَس نکھس زَن کھۄتمُت۔''[1] رۄپٕل تلیچ اَنہٕ گٹہٕ وُچھتھ چھُ شاعر قیاس کران:

برٛہما جیٚن کۄر سِری یہٕ رۄپی ژۄنگ ژھیٚتہٕ۔ ژۄنگ ژھیٚتہٕ کرنہٕ ستی یُس دٕہہ چھُ ووتھان مأنی تو زَن سِری یہٕ سندِ ژھیٚتہٕ گژھنکہٕ دٕہہٕ چھُ اَنہٕ گٹہٕ ہندِس صوٗرتس منز بُترٲژ نال وٕلِتھ۔[2]

ووزُل ووزُل کھسوٗن ژٔندرم چھُ باسان شاعرس زنتہٕ لوکٹ بالکھ یمی زَن پٔنن پان گرمیٚو ہندِس ربہٕ بالس پیٹھ گنٛڈی گنٛڈی گردِ ستی میٚو رٔنگی چھُ آسان بنوومُت۔[3]

---

1. Kantakairiva vidhaarita paadah padminee parichitairparaardch I
   Aaruroha saraseeruhabandhuh Skandhamabudhitatee gamanaaya II
   Vikramankadevacharita II, v.,2
2. Bhaasvati tribhuvanaangana deepe vedhasaa prashmite maruteva I
   Dhoomraabiriva tatprashamottha dhvaansantatir lakshyata neelaa II
   Ibid, s.,11, v.,13.
3. Dashaamalabdhaabdhisamaagamaashchiram viyoga yogyam bhajanta nimnagaah.
   Ibid, s.,13, v.,8

گژیشمہ کالس منز چھُ ڈری یاوَن ہُند آب ہوٗ کھان۔ شاعر سُند خیال چھُ زِ پننِس ماشوقس نہ سمکھنہٕ موجوٗب چھِہ یم ڈری یاو ہوٗ کھتھ زنتہٕ اڈی جہ کرژو بئیمتی تہٕ سترَن سیمی وٗ لیمنب چھےٚ زنتہٕ یمو جُدایی ہُند اگن ہُراونہٕ خاطرٕ ژندنُک مُلہم پانس موٗلمت۔[1]

وُہراٗژ دوران وُچھتو کوٚہ ہش پام چھُ شاعر اوٚبرس دِوان یوسہ دِلس چھےٚ ژٕتھ گوٚھان: "ہتا اوٚبرٕ! پانہٕ چھکھ ژٕ پننی معشوق، وُزلُ کوچھِ کوچھِ ہتھ پھیران مگر گژھراوِ چھکھ ژٕتوٚہ کران زِ پننین ماشوقن نشہٕ دوٗر لوٗکن ہُند من چھُ ژھرژٕ ژھرٹ کران مگر توٚ پتہٕ تہٕ چھےٚ نہٕ ژےٚ عار یوان۔ چاٗنی محبوٗبا تہٕ چھنا ژےٚ یہ کرنہٕ نشہٕ لوٚب رٹان۔ مگر پوٚزُے چھُ زِ ژٕ چھکھ نہٕ جسمانی طورٕ یوت کرُہن بلکہ چھُ چون من تہٕ کرُہن۔"[2]

بلہنس چھُ پننِس مہاکاوس پیٹھ سبٹھاہ فخر۔ تمی چھُ اتھ مہاکاوس منز واریاہن جاین تذکرٕ کوٗرمُت زِ تمی چھُ جایہ جایہ گوٚہتھ ادبس گوڈ بوٗزمُت تہٕ نام نِہاد شاعرن تہٕ گونماتن بجن بجن محفلن منز شِکست دِژمٕژ۔ تس چھُ پننِس علمس پیٹھ تہٕ گونماتھ آسنس پیٹھ پزی غروٗر اوسمُت۔ وِکرمانک دیو چرِت پوٚرٕ کرنس پیٹھ چھُ سُہ پانہٕ لیکھان: "بوٗ مُر چھُ پوشن ویوٗرتلنہٕ ستی ستی شراب چینہٕ ستی بےٚ خود سپدتھ پننہٕ آوازِ نشہٕ محروم سپدتھ مہاکاویہ بوزان یُس تیشندی پریمی

1. Paatalena mahasaam paalena praachya shalabhuvi baalamrigaangah I
Dhaatu shringa prathula sthala dhooli-keli dhoosara shareera ivaaseet II
Vikramankadevacharita, s.,11, v.,29.

2. Na kevalam bahireva neelimaa nitaantan abhyantaram api nirmalam I
yat adhvagastree vadhapaatake ghana prayasi mantritvam ayugma patrinah II
Ibid, s.13, v.,59.

تہٕ دوستن بِلہنن لیُوکھ۔ کرناٹک راجِچ یہِ گوٚرو گاتھا روٗزِتن ساری سےٚ دُنیاہکین گونماتن ہنٛدِ باپتھ کاٗنٹھ مال۔ یعنی تم کرِن یہِ مہا کاویہِ زبٲنی یاد۔"[1]

یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ بِلہن چھُ وَیدٕرِ بی زبٲنۍ ہُنٛد شیدٲیی اوٚسمُت تہٕ أتھی زبٲنۍ پیٹھ اوس أمِس عبور تہِ۔ تٔمی چھِ امہِ کتھِ ہنٛز باوَتھ کرٕمٕژ زِ اگر زبان شاعری کرنہٕ وِزِ وَیدٕربی ہُنٛد حسبِ ضروٗرتھ رَل یِیہٕ کرنہٕ۔ تخلیقہِ منٛز چھُ رنگارٕنگی ہُرٕ بر گژھان۔



1. Ding maatangairapi sapulakaih shushruve yasi keertir I
Nidraamudraa pranayishu madah svaadatah shat padeshu II
Tena preetya virchitamidam kaavyamaakhyajakaantam I
Karnatendorjagti vidushaam kantha bhooshaatvametu II
Vikramankadevachrita, S.,XIV, v.,102.

# پرتھوی راج وِجے

چوہان خانداٲنکِس بادشاہ پرٛتھوی راج ہنٛزِ زندگی مُتلِق یِہ تخلیق پرتھوی راج وِجے چھےٚ اکھ توٲریٖخی دستاویز تہٕ مہاکاویہ۔ امہِ مہاکاوِیکس لیکھن وٲلی ہنٛدِس ناوس تہٕ تہٕنٛدِس سکونتس مُتلِق چھُ یِلی مولوٗم زِ شاعر سُنٛد ناو چھُ اوسمت جیانک تہٕ سُہ چھُ کٔشیرِ ہُنٛد اوسمُت۔[1] امہِ مہاکاوِکی گوڈنِکی کیٛنٛہہ شعر تہٕ آخری باب چھِنہٕ وُنِکتام دٔستیاب سَپدی مٕتۍ تہٕ خاتمکی شار دٔستیاب نہٕ آسنہٕ موٗجوٗب چھُنہٕ وُنہِ پتاہ زِ امیُک تخلیق کارٕ گس چھُ۔ امہِ رزمیہِ کِس بہمس بابس منٛز چھُ اَکِس شاعر جیانک سُنٛد ناو دَرٕج یَس کٔشیرِ نیرِتھ راز پرٛتھوی راجہِ ہنٛدِس دربارس منٛز حاظِر اوس سَپدمُت۔[2] باسان چھُ زِ یِتھٕ کٔنٛز کاشرِ گونماتھ بلہنٛن کٔشیرِ ترٛاوِتھ چالوٗکیہِ خانداٲنکِس راز وِکرٛما دتیہ سُنٛد اوحال لیٛوکھ تتھے کٔنٛز ما آسِہے شاعر جیانک تہِ شوہرتھ تہٕ دولت کماونہٕ خاطرٕ کٔشیرِ ترٛاوِتھ پرٛتھوی راج ہنٛدِس دربارس منٛز آمُت یِیتہِ اُمِس سرپرستی تہٕ مشہوٗری حاصِل سپدٕ یہِ۔ اَمہِ کتھِ ہُنٛد حوالہٕ چھُ اَسہِ فٹ نوٹ نمبر[3] تہِ دِوان، گو اَتھ منٛز چھِنہٕ جیانک سُنٛد ناو دَرٕج۔ یِم چھُ کیٛنٛہہ نوقطہٕ یِمن ہنٛدِس وجہس پٮ۪ٹھ اَسی چھِن جیانک کاشُر گونماتھ مانان۔

---

1. Vibudascha kavishch "Shaaradaaya" Mandalaadayam I
   Nigmaagama tirtha taapsaprattamodyagatavaan Jyanaka II
   Prithviraajvijaya, s.,12, v.,63.

2. اُمِس اوس پرمارٕی تخلُص۔ یِہ اوس چالوٗکی خانداٲنک زار تہٕ پوٚرٕ ناو اوسُس وِکرٛما دِتیہ ترٛبھون مَلاّ۔ یِہ اوس کلیان رِیاستُک راز۔ 3. نوٗٹ : یِہ شار چھُ پرتھوی راج وِجے ناوچہِ کِتابہِ سرٕگ 12، شعر 22 منٛز درٕج۔ یِہ چھُ ڈاکٹر وید کُماری ہُنٛد بیان کِتابہِ ہنٛدِس صَفہٕ 69 تھٕس پٮ۪ٹھ (فُٹ نوٹ نمبر ۶) مگر یوسہِ پرتھوی راج وِجے میٚنے رگھناتھ سرٕچ لائبریری منٛز دٔستیاب گٔیہِ، تتھ منٛز چھِ صِرف 8 سرگ شاید ووٚنٛی روٗدی مٕتۍ۔ (مُصنِف) (باقی بیٛیس صفحس پٮ۪ٹھ)

(۱) اَمہِ کاوِچ شاعری چھےٚ وِکرٛ مانکؔ دیو چرِت چہ شاعری ستؠ سبٹھاہ مُشابہتھ تھاوان۔ باسان چھُ زِ جیانکؔن چھُ یہ مہاکاویہِ بلہن گور زانتھ تٔمؠ ہنٛزٕ زبان بہر و غیر مدِ نظر تھاوِتھ لیچھ مٕژ۔

(۲) شاعرن چھِ جایہِ جایہِ کٔشیرِ ہنٛدی تاریف کٔرمٕژ۔ تَس چھُ باسان کٔشیرِ ستؠ سبٹھاہ لگاو اوسمُت۔ اَمہِ تلہٕ چھُ باسان زِ سُہ چھُ کٔشیرِ ہُندٕ روزن وول اوسمُت۔ پرٕتھوی راج ہنٛدِ لوکچارُک تزکرِ کران چھُ جیانکؔ لیکھان:

''پرٕتھوی راج چھُ ماجہِ ہنٛزِ کوچھِ منٛز مگر دود چینہٕ باپتھ چھُنہٕ بَب رٹان۔ دایہِ ہنٛدِ اتھہٕ بَبہٕ ٹیوٗنڈ اَسس منٛز داخل سپدنہٕ ستؠ چھُ زنتہٕ تَس بدنس کونگ تیٚہِجہِ ہُند (ووزُل) رنگ پھیران تہٕ تٔہنٛدِس دِلس منٛز چھُ شاردا دیشس مُتلق پٔریم زیادٕ محکم تہٕ مظبوٗت بَنان۔''[1]

(پٔتِمہِ صفحہِ پٹھہ جأری) جیانکؔ چھُ پرٕتھوی راج وِجے ناوٕ تخلیق ہُند لیکھن وول۔ اَمؠ سُند وَکھ چھُ بٔہمہِ صدی ہنٛدبن دوٚیمہِ ڈٕہلہِ پٹھہ تا تُروٛاہمہِ صدی ہنٛدِس گوڈنکس ڈٕہلس دوران اوسمُت تِکیازِ یہ چھُ پانٛس جون راجن ہم اثر مانان تہٕ پرٕتھوی راج وِجے ہنٛدِس پرٕتھ سرگس پتہٕ چھِ اَمؠ ہنٛزٕ کولاوٗلی تہٕ دِتھ تہٕ یہ چھُ یٚیمہِ کتھہِ ہُند اعطراف تہٕ کران زِ تٔہنٛدبے حکمس تحت لیٚوٗکھ تٔمؠ یہ مہاکاویہِ۔ یہ مہاکاویہِ چھُ وارِیاہن سرگن منٛز اوسمُت۔ ڈٔسِ یاب سرگن ہنٛدِس اَخرس پٹھہ چھُ یہ شعار توجہ طلب۔

Shree Lola Raajasuta Pandit Bhatta Nona,
Raajaatmajo vivarnam vyadhitaadyamarge I
Aagyam avaapya vidushaam kila jon Raajah,
Prithvee mehendra vijayabhidya kaavya Raaje II

یہ کتھ چھےٚ ڈاکٹر رگھُناتھ سِنگھ نہٕ اتھہ کِتھہ تہٕ پوچھِر کران یوسہٕ تٔمؠ جون راج ترنگنی ہنٛدِس شوٗروٗہس منٛز صَفہٕ 10 ہَس پٹھہ چھےٚ پیٚچھمٕژ، زِ لولہِ راج اوس جوٗن راجس مول تہٕ نون راج اوسُس بڑٕ بَب۔

1. Tasya dhaatree kuchaat jaatu kumkumam vadanam vishat I
   Gaadataam shaaradadeshaanuraagam hridaye anayat II

یہ شوٗلوٗکھ چھُ ڈاکٹر وید کُماری دیتمٕژ پننہِ کِتابہِ 'کٔشیرِ کا سنسکرت ساہتیہ کو یوگدان' نٕس منٛز صَفہٕ 70 پٹھہ۔ اَتھ شلوٗکس چھُنہٕ مُصنِفن کانٛہہ تہٕ حوالہٕ دیتمُت۔ مگر مےٚ گو ونہٕ یہ شوٗلوٗکھ تٔمن اَتھن ترٕنگن منٛز کُنہٕ تہٕ نظرِ یٚیمنٛک اڈلیوٗک تہٕ خستہٕ حال مسودٕ مے رگھناتھ رسرچ لائبریری منٛز ڈٔسِ یاب گو۔ اَمکؠ کینٛہہ ورق چھِ ووٗنؠ وقتہٕ بُزی تہٕ گأمٕتؠ۔ (مُصنِف)

(۳) کٲشیرِ ہِندی مشہوٗر توآریخ دان جونؔ راجن چھُ اتھ پٔتھ شرح لیٛوکھمٕت یُس کٲشیرِ ہُندے توآریخ دان اوس۔

(۴) کٲشیرِ ہِندی مشہوٗر نقاد بے رَتھنؔ چھُ امہِ مہا کاویک حوالہِ پننہِ تصنیفہِ ''وِمرشنی'' منز کوٚرمُت۔

(۵) جونؔ راج ہِندِس وقتس منز (1359-1459)، آس پرتھوؔی راج وِجے کٲشیرِ منز اکھ مشہوٗر تخلیق تہٕ امچہِ وارِیاہ کاپی آسہِ کٲشیرِ منز موٗجوٗد۔ امہِ کتھہِ ہُند اِنکشاف چھُ جونؔ راجن پانہٕ تہِ کوٚرمُت تہٕ تٔمی لیٛوکھ اَتھ پٔتھ تبصرِ یُس وارِیاہ مقبوٗل سپُد۔[1]

اَمہِ مہا کاویکہِ مُطالعہٕ سٟتؠ چھُ باسان زِ یہِ شاہکار چھے 1191ء پتہٕ تھنہٕ پیٚمُت۔ تِکیازِ سَنہٕ 1178ء یَس منز اوس پرتھوؔی راج محموٗد گوری یَس پسپا کرنس منز کامیاب گومُت۔ مگر بدقسمتی سببہٕ چھُنہٕ یہِ واقعہٕ تتھ مسودس منز باقے روٗدمُت یُس اسہِ تام واتتھ چھُ ہیوٚکمُت۔ مہا کاویک یہِ حِصہٕ چھُ تلف سپُدمُت۔ کٲمِس بابَس منز چھُ درج زِ گُرجر دیشکی (گُجرات) راز بھیم دیون وِژ گوری یَس شِکست۔ یہِ واقع چھُ 1178ء وٕری یک۔ لہٰذا آسہِ یہِ تخلیق اَمہِ پتہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ چوٗنکہِ پرتھوؔی راج چھُ 1192ء منز سورگہٕ واس گژھان لہٰذا یہِ چھِ اَمہِ برٛونٹھہ لیکھنہٕ آمٕژ شاہکار تہِ کیازِ اتھ منز چھُنہٕ تٔمسِندِ مرنک کانٛہہ تذکرٕ۔

کیٚنٛہہ شلوٗک ترٛاوِتھ چھُ پرتھوؔی راج وِجے تخلیقہِ ہِندِس گوڈنکس بابَس منز شاعر والمیکی، ویاسؔ، بھاسؔ تہٕ ''وِیشنو دھرم'' تخلیقہِ ہِندی بٲنی کار

---

[1] راج ترنگنی، جون راج، چوکھمبا سنسکرت سیریز 1972ء صفہٕ 11-10, 15-14۔

وِشوٕ رؤپہ ہنٛز ثنا خاٗنی کَرنہٕ آمٕژ۔ باسان چھُ زِ جیانکس چھُ پننہٕ وٕقتکہٕ کینٛہن گھمنڈی پَنڈِتَن ہنٛدِ بوغضُک شِکار پیومُت گژھُن۔ تمی چھُ تمُک دُکھی سپدتھ بیان کوٚرمُت زِ سرسوٚتی (علمٕکس) دٔریاوس چھِ زٕ بٔٹھی۔ اکہِ بٔٹھِ چھِ شاعر یا شاعری تہٕ دوٚیمہِ بٔٹھِ چھِ علمیت۔ اکہِ بٔٹھِ چھُ آبِ حیاتچ روانی میلان تہٕ دوٚیمہِ بٔٹھِ چھُ حسدٕکس صوٗرتس منٛز زہر حاصِل سپدان۔[1]

بێیس اَکِس جایہِ چھُ تمن نقادَن پیٹھ تنقید آمٕژ کَرنہٕ یِم کانٛسہِ بہلہِ پایہِ شاعر سنٛز شاعری شیرنٕچ یا سمبالنٕچ کوٚشش چھِ کران۔ تمن ہُنٛد شیرن سمبالن چھُ تِتھے ماٗنی تو کانٛہہ چھُ آبس شفاپ بناونہٕ خاطرٕ تتھ سوٗر مِلناوان۔[2] اَتھی بابَس منٛز چھُ پُشکر تیٖرتھُک تہٕ اَجاگندھ مہادیو ناوٕکس شومندرُک تہٕ تتہٕ کِنہِ یگینہِ کوٚنڈن ہُنٛد ذِکر یِم پتہٕ لوکٕٹہِن لوکٕٹہِن سرن منٛز تبدیل سپدی۔ دوٚیمہِ بابہٕ پیٹھ ستیٚمِس بابس تام چھُ چاہمان خاندانُک اِرتقا تہٕ پرتھوی راج سنٛدِ بن آباو اَجدادَن ہُنٛد ذِکر۔ یہِ تہٕ چھُ ذِکر کَرنہٕ آمُت زِ چوہمان خاندانُک اِبتدا چھُ دیو مالاًیی سرکیہِ لوٗکہِ پیٹھ سپدمُت۔ ترٛێیمِس تہٕ ژوٗرِمِس بابَس منٛز چھُ راز واسُدیون شاکمبٔری سَرٕچ یاترا دَرٕج۔ امہِ سَرٕکہِ ووجوٗدس تیٖنٛج کتھ تہٕ چھِ یِمنے بابَن منٛز وَننہٕ آمٕژ۔ پاٗنٛژِمِس بابَس منٛز یُس پیٚرِ ووٚتُر شاعرن دیُتمُت چھُ سُہ چھُ وِجولیاناوی مُحافِظ خانس منٛز موجوٗد شجرٕ نسبَس ستی

1. Kavitva paanditya tata dvayena Sarasvatee Sindhureva pravrittaa I
   Ekatra peeyushamayo rasoayam anyatra maartasya vishaatmakoasyah II
   Jayanak, Prithvi Raj Vijay, Canto 1, P.6, Line 5-8.
2. Vishodhane satkavibhaarateenaam shudhopi paaditya guno na yogyah I
   Utkshipyate bhasma vishuddha kaamairapaam hi paatavya tayoddhataanaam II
   Ibid, Canto 1, P.7, Line 15-18.

رلان صرف چھنے پیٛژ ے فرق زِ راژٕ گُواک ہنٛز جایہِ چھُ گوٚندِ راج سُند ناو تہٕ چندرٕ راج ہنٛدِ بدلہٕ چھُ ششہِ نرٕپ ناو دٔرج۔ چوہمان رازن ہنٛز ونشاوٗلی چھِ یِتھہٕ کٔنۍ:

1. واسدیو
2. سامنت راج
3. جے راج
4. وِگرٛہہ راج I
5. چندر راج I
6. گوپیندر راج (وِگرٛہہ راج سُند دوٗیِم نیٚچُو)
7. دُرلب راج I
8. گووِند راج I
9. چندر راج II
10. گُواک II
11. چندن راج
12. واکپتہِ راج I
13. سِمہہ راج
14. وگرٛہہ راج II
15. دُرلب راج II (سِمہہ راج سُند دوٗیِم نیٚچُو)
16. گوٚند راج II

17. واکپتہِ راج II

18. وپر یہِ راج

19. چامُنڈ راج (واکپتہِ راج سُنْد دوٚیم نیٚچو)

20. دُرلب راج III

21. وِگرٛ ہہ راج III

22. پرٛتھوی راج I

23. اَجے راج (سلہن)

24. اَرنو راج

25. وِگرٛ ہہ راج IV (1123-64)

26. سومیشور (1170-77)

27. پرٛتھوی راج II (1167-69)

28. اَپر گانگییہِ

29. پرٛتھوی راج III (1192ء)

30. ہرِ راج (آخری راژ)

پاژتِمس بابَس منز چھُ اجے راجس تام تُزوہَن راجن ہندی موختصر واقعات دَرِج آمتی کرنہٕ۔ گواک دوم (10) راژ ہِنزِ بیٚنہِ کلاوتی ہتی آسی باہ راجکمار یَشھان خاندر کرٕن۔ تمو منز سَپد تُسُند خاندر پَتہٕ کنوج کِس راژس ہتی تہٕ باقٕے گہن راجکمارن سپز گواک ہندِ اتھہ شِکست۔ واکپتہِ راج اولن (12) اَسی 188 جنگ زیٚنیٚمتی۔ وِگرہہ راج دوم (14) اَس گجرااِتکس راژ مؤلراجس پیٹھ فتح حاصِل کرِہو تہٕ نرمدا دریاوس تانی ساری لوٚکٹ بٔڈی راژ پسپا کٔریٚمتی۔ پرتھوی راج اول (17) اَسی پُشکر جایہِ ستھ ہتھ (700) چالوٚکیہِ خانداٹکی فرِد تہہِ تیغ کٔریٚمتی۔ اجے راجن (23) اوس مالوا ہٕک راژ سُلہن ہروومُت تہٕ اَجے میرُ (اجمیر) ناوُک شہر آباد کوٚرمُت۔ شاعرن چھِ امہِ نگرِچ خوٗبصوٗرتی بیاں کران لیوٗکھمُت زِ یہِ شہر چھِ اِندرٕ پُری امراوتی ہِندِس خاندارس اِندرازس ہیٚو خوبصورت باسان۔ شیٚمِس بابَس منز چھُ ارنوراج (24) ہِندِ ذٔسی ملیچھن شِکست دِنک تزکرٕ ییمی فتح حاصِل کرِتھ پنٕنس مأژس اَجے راجہِ ہِندِس (23) یادگارس منز اَتہِ اکھ شِو مندر بنوو۔ اَرنو راجہِ ہندی بٔڈی نیچو کوٚر پنٕنس مأژس ہتی ناروا ویٚہار۔ دوٚیم نیچو وِگرہراج IV (26) اوس درویش طبیعت اِنسان۔ یِتھے تریٚیم نیچو سومیشور (29) تھٔنہِ پہو تمی ساتہٕ اوس نجومیو ؤنمُت زِ اَمِس نِش چھُ بھگوان ویشنوٗہَس زٔنم ہیوٚن۔ سَتِمس بابَس منز چھُ سومیشورنی فتوحات تہٕ پرتھو راج سوم (29) ہِندِ پأدٕ سَپدنکی حالات وبستارٕ سان بیان آمتی کرنہٕ۔ وِگرہراج تہٕ باقٕے بایَن ہِندِ مرنہٕ پَتہٕ سمبول سومیشورن تخت تہٕ راج مگر سُہ گو جلدے سورگہٕ واس۔ اَمہِ پَتہٕ بنے یہِ مہارأنی کرپوٗر دیوی پنٕنس لوٚکٹس

نچو ہنز سرپرست تہٕ گُرن راج کلیان دیشس پیٹھ۔

کرپوٗر دیوی ہُند پیٚتر بھوٗناتک مل اوس پرتھوی راجس (29) تہٕ ہرراجس (30) پرتھ رنگہٕ سبٹھاہ مدد کران۔ ژہمس بابَس منز چھُ ناگارجُن تہٕ پرتھوی راجس درمیان سَپدِ یمتِس جنگس مُتلِق واقات بیان کرنہٕ آمتۍ یتھ منز ناگارجُن چھُ ہاران۔ محمد گوری ہنٛدِ ہندوستانس پیٹھ حملک ذِکر تہٕ چھُ اَتھی بابَس منز۔ یتھے پرتھوی راج چھُ اتھ حملس مُتلِق بوزان تس چھِ خون گرٛکھ کران تہٕ سُہ چھُ اَمی ساتہٕ پرٛن کران زِ گوری سُند جلال مِلناوِ سُہ لژھِ ہتۍ۔ کہمس بابَس منز چھِ خبر میلان زِ گوری سُند حملہٕ کوٗر گجراتکۍ راژٕ بھیٖم دیون (1178ء منز) پسپا تہٕ تسُند فوج ژوٗل ماٗدان ترٛاوِتھ۔ ساٗری سے کلیان دیشس منز چھِ خوٗشی ہنٛز لہر نظرِ گژھان۔ پرتھوی راج چھُ پننہٕ دِل بہلاٗیی خاطرٕ "چِترٕ شالا" گژھان۔ تتہِ چھُ تس پرتھوی بھٹ، چِترٕ شالایہٕ ہُند زیٹھ رامایَن چہ تصویرٕ ہاوان تہٕ ونان زِ یہِ چھُ تسنٛز بزوٗنہمہِ زیٚچ کارکردگی یوسہٕ تصویرن ہنٛدِس صوٗرتس منز چھِ۔ تِلوتمایہِ ہُند تصویرٕ وُچھِتھ چھِ تس (رازس) دِلس منز محبت وۄتلان۔ ہہمس بابَس منز چھُ کشیٖرِ پیٹھ آمتِس جیانک ہنٛدِ واقعات دَرِج یُس سرسوتی بھگوتی ہنٛدِس حکمس پیٹھ پرتھوی راج ہنٛزِ سپوٗدایہٕ منز حاضر اوس سپدمُت۔

اتھ لیکھیمتِس نُسخس منز چھِ صرف اژ تاہکۍ حالات دَرِج۔ یۄ تام اَمہِ مہاکاویہٕ کہِ عنوانہٕ تلے چھُ تران فِکرِ زِ پرتھوی راجنۍ کہاٗنی گژھِ کم سے کم گوری یَس شِکست دِنس تاٗنۍ آسنۍ مگر رزمیکۍ تم حِصہٕ چھِنہٕ ازتام حاصِل ہیکمتۍ گژھتھ۔ ییمہِ کنۍ باسان چھُ زِ یہِ ما آسہے ارداہَن بابَن پیٹھ مشتمل رزمیہ

ہِہن ہِندِ وِکٕز مانک دیو چرٕتکی پأٹھی مگر سُہ حِصہٕ چھُنہٕ دٔسیاب سپُدمُت۔

راجستھان دیشچہ توأریخہٕ باپتھ چھُ یہِ مہاکاویہٕ سبٹھاہ اہم تہٕ سنسکرٕت ادبہٕ لحاظہٕ چھِ یہِ اکھ اہم تخلیق۔ سونتک تبصرٕ چھُ النکأری آرایش ستی یتھ کٔنی کرنہٕ آمُت اتھ رزمیٖس منٛز:

''وندس چھِ رأژ زیٖچھِ آسان۔ سونتھ کالس چھِ یمہٕ ژھوچہٕ گوہان تہٕ کیٚنژٕ دوہلہٕ گرمی ستی چھُ عأرق ییٚنہٕ کِنی یمہٕ کمزور گوہان۔''

''ملے بالک واو چھُ وتہٕ گٔتن (مُسافرن) ہِندی وۄش مُزید بڑراوان ییٚمہِ ستی اتھ ہوٚنس منٛز زیادٕے تیزی چھےٚ یِوان۔ یتھٕ کٔنی چھِ یم اکھ أکِس زیادٕ تیزی کرنس منٛز مدد کران۔ زن چھُ اوٚبرٕ سمندرس تہٕ سمندر اوٚبرس وٕتشی دِوان۔''

''یوسہٕ کأم تہٕ بھگوان ہر (شنکر) سُند دُشمن کامدیو پننس خوفناکھ ٹنکار (آواز) کرن وألس دھنشس آرٕ کروٚنڈل بنأوِتھ پوٚرٕ ہیوٚک کٔرِتھ سو کأم کٔر نوبن کونگ پوشن ہُند وینٛرٕتلن وألی یوٚمبرن یکدم۔''

گوڈٕنکس بابس منٛز ترٕ پُشکر تیرتھک بجر چھُ شاعر یتھٕ کٔنی باوان:

''یہِ ترٕپُشکر چھُ کیلاس بربتہٕ کھوتہٕ تہٕ صاف شفاف، کھشیرٕ ساگر کھوتہٕ تہٕ زیادٕ اَمرت بخشن وول (بھگوان وِشنو ہِندِس) توٚنِس پیٹھ کھٔتی متس پمپوشہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ خوشبوٗ دار پمپوشو ستی بٔرِتھ سر۔''

''اچلندھ نأوی کمان تھاوَن وول ترٕنیتر دیو (شِو) چھُ پانہٕ ترٕپُشکر سَرس منٛز روزان زنتہٕ چھُ سُہ ترٕیلوٗکی پاک تہٕ پوٚتر کرن واجنہٕ گنگایہٕ

ہُند گھمنڈ ختم کرُن یُدھان۔[۱]

گوڈِنکِس سرگس منز چھُ شاعر بیقلن تہٕ عاقلن درمیان فرق تہٕ تھ پاٹھی کران۔ دپان "وِدھیا یا عِلم حاصِل کرنہٕ باپتھ اگر سورُے کینٛہہ تہٕ سورُے آسُن باسُن ترٛاوُن پیٚیہ تو تہٕ چھُ جان سودا۔ نتہٕ کرن ناکارِ لوٗکھ عِلم حاصِل کرِتھ جنت حاصِل تہٕ اَتِکی طور طریقہٕ نہٕ زانہہ کٔنی کرن تم جنتس تہٕ داغدار۔[۲]

اَتھی سرگس منز چھُ بیٚیس جایہِ مُصنِف شاعرن مُتلِق لیکھان زِ شاعرن ہُند کلامہِ بوزنہٕ خاطرِ گوٚھن راجا رامس ہی راز آسنی۔ راز پرٛتھوی راجن یوٗز میانٛی ساری شاعری کن دِتھ تہٕ شوقہٕ سان لہٰذا چھِ یم میانہِ باپتھ بھگوان رام سِندی اوتار۔[۳]

پانٛژِمس سرگس منز چھُ شاعرن پنُن علمی کمال ہووُمت۔ مثلن کینٛہن پدن منز چھُ صرف دون لفظن ہُند اِستعمال کرنہٕ آمُت۔ "تمی کوٚر چانٛس آسنس سرخم سلام۔ تمی ہنزِ تمہِ نرمی تہٕ حلیمی باپتھ گیہ نہٕ تس پَس پانٛی لاحق۔

۱ پرٛتھوی راج وِجے، سرگ ۱ نثر حصہٕ 42-38 (وُچھو کشمیر کا سنسکرت ساہتیہ کو یوگدان صفحہٕ 73 فُٹ نوٹ 1) یوسہٕ کِتاب پرٛتھوی راج وِجے ناوٕ مینٛز سنسکرت ریسرچ لائبریری رگھناتھ پاٹھشالا جوٚمہٕ دٕستیاب سپٕز تتھ اُس سبطاہ خستہٕ حالتھ اتھ منز چھِ 8-1 سرگن تام۔ مگر تیٚمی یہ ترتیب چھےٚ وُژھو تہٕ چھپاوناوٕہو چھےٚ نہٕ چھُ اتھ منز کی سُند ناو نظرِ گوٚھان تہٕ نہٕ چھُ لمہٕ قسمکی کینٛہہ مُفید مولوٗمات لائبریری والین ہنز تتھ رجسٹری منز دٕرج یمہٕ کِتابن ہُند شُمار تہٕ اِندراج ہنزِ چھِ تھوان۔ الیہ چھُ یہ زِ لمہٕ کِس مسودٕس منز چھِ وارِیاہ شار چھاپ سپدنہٕ پتہٕ ختم سپدٕمتی یمہٕ کنی نہٕ گوڈنکین ژون سرگہٕ ہِندِ بن شارن ہُند نمبر شُمار تہٕ چھنہٕ ترتیب کارن دِتھ ہیوٚکمت۔

2. Margaat divam durgamatiraaphta vidhona vedakartavyam iha api loke I
Ravam utpatanaatiimayah sapathyah sathalepi jaananti na jaatu yatum II
Jayanak, Prithvi Raj Vijay, Canto I, p.,12, line 12-15.

3. Nareshvaraanaamopamaanataayai, Kaveeshvaraanaamapi varmanaaya I
Jagaama yo Rama mayam shareeram, Shrotaa sa eva astu hridi sthitau me II
Ibid, Canto I, p.,17, Line 12-15.

یعنی لکشمی (دھنہٕ) تہٕ گیٚس حاصِل تہٕ خوش قسمتی تہٕ۔[1] اَتھ پانٛژِمس سرگس منٛز چھُ لفظِ آلنکار (آرایش) علاوٕ لفظن ہُنٛد پُر معنے (ارتھ النکار) تہٕ ورتاونہٕ آمُت۔ شاعر چھُ بیان کران: ''چندر راجہ سُنٛد نیٚچو گوواکؔ اوس سارنٕے آفتابکۍ پاٹھی چمکن والین رازن درمیان اوٚبرکۍ پاٹھی ژھوٚر، ژوپارۍ پھٲلتھ گٔلِن کٔٹِن ہنٛدِ باپتھ موسمِ بہار۔ تہٕ سارنٕے لوکٹٮ۪ن لوکٹٮ۪ن زمیٖن ٹکرن مِلناون وول گنڈ تہٕ۔'' یتھٕ کنۍ چھُ شاعر گوواکس ہنٛدِس ورتاوس منٛز استعارہ تہٕ استعمال کران تہٕ مُشابہتھ تہٕ دوان۔[2] بٕژنہٕ کُن چھُ شاعر بیان کران زِ تیٚمۍ رازن پننہٕ ییٚنہٕ باپتھ پٔنٛن سوٚرُے کیٚنٛہہ قوربان کوٚر تہٕ سارِے سلطنت آیہٕ تن تھاوٕن۔ یُہ راز آو بہن رازن زیٚنتھ۔ شک چھُ سپدان یہٕ چھا اَجل کِنہٕ یم (مَلکُ الموت) کِنہٕ کُبیر (دِوتاہَن ہنٛدِ دھنک رأچھ دار)[3] دوٚیمہِ جایہِ چھُ شاعر پُر معنی تشبیہو تہٕ مُشابہتھ دِسی گووِندِ راج سُنٛد بجر تہٕ شخصیت وٕتھناوان۔ لیکھان چھُ زِ ''گووندِ راج سنٛز مشہوٗری چھےٚ تیٚژ وۄسی زِ طرفاتن ہنٛزن اَژھِ رژھن ہنٛدِ باپتھ چھِ تَسنٛز شیٚنٛہہ پوٗرۍ بالہِ پِٹۍ کھسوٕنس ژٔندرس برابر، مَلیاچلس منٛز ژَندنس برابر، یا مندار پہاڑن منٛز کھشیر ساگرس برابر تہٕ ہمالیس منٛز شینکۍ پاٹھۍ شِہُل تہٕ سوکھ واتناوان وول۔[4]

1. Nate nate tena tena tena tena natena te I
   Nate nate tena tena te nate naate nate II
   Jayant Prithvi Raj Vijay, Canto V, Line-10-11, p.,130.
2. Sarvaraajaarka jeemuta sarva digvallareemudhah I
   Govaakas tat sutah sarva dveepa mandalayatmikah II
   Ibid. Canto V, v ,23.
3. Jittai pradatta sarvasvah svamre dvaadashabhi nripai I
   Yamo, dhanapatir vaayam sandeham iti yo dadhau II
   Ibid, Canto 5, s.,32.
4. Chandrodayanti purvaadrau Malaye chandananti ch I
   Mandre Kheerapooranti tushaaranti Himaalaye II
   Yashaamsi sheetaleekartum icchayeva digangnaah I
   Yasya Govinda raajaakshyah satasmat udapadyata II
   Ibid, Canto 5, vv.,55-66.

یوسہٕ کِتاب، ''پرتھوی راج وِجے'' شری رگھناتھ ریسرچ لائبریری شری رگھُناتھ مندر جموٗس منٛز دٔستیاب چھِ تتھ منٛز چھِ سرگ پاژھمکس آخرس تہٕ سرگ شێیِہ شوٗروٗہس درمیان دوٚیو کھوتہٕ زیادٕ شوٗلوٗکھ تلف سپدیٚمٕتۍ ییٚمہٕ کِنۍ ترتیب کارن چھِنہٕ شارٕ نمبر دِتۍمٕتۍ۔ لہٰذا یِم شار شێیِمہٕ سرگہٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ چھِ اتھ شُمارس منٛز درج تِمن چھِنہٕ شار نمبر کێنٛہہ دِتھ۔

شێیِمس سرگس منٛز چھُ لڑایہٕ ہُند ماحول تہٕ شورٕ شَر ہاونہٕ باپتھ گوڑی طرزِ شاعری ہُند اِستعمال آمُت کرنہٕ[1] گُنہٕ چھُ اتھ رزمیَس منٛز اَنُپراس (اَچھر ورتاو) النکارُک اِستعمال تہٕ کرنہٕ آمُت ییٚمہٕ ستۍ یِمن شارَن ہِنٛدِس دوٚیمِس معانیَس منٛز حُسن چھُ پٲدٕ سپدان۔ یہٕ چھُ باوتھ دِوان زِ شاعرس کوتاہ دسترس چھُ اوسمُت سنسکرت زبٲنۍ تہٕ اَمہٕ کِس ادبس پیٹھ[2]

ژوٗرِمس سرگس منٛز چھِ واریاہ تِتھۍ شوٗلوٗکھ یِمن لفظن طرح دار معانے چھُ۔ اتھ منٛز چھُ اَکِس جایہٕ شاعر رازٕ واسُدیو ہِنٛدِ شِکارُک ذِکر کران تہٕ کادمبری مہاکاویہٕ منٛز حوالہٕ دِتھ شِلیش (ورگہٕ معانے) پٲدٕ کران: ''تِکیاہ زِ اَمی رازن اوس پُنڈریک (1) (کادمبری ہِنٛدِ ڈرامہُک اکھ کِردار یُس ریٚشۍ بالکھ اوس تہٕ تیمی (2) (ہیہہ) موٗرُن لہٰذا سپُد سُہ چندرا پیڑ ناوٕ کِنۍ مشہوٗر۔ شِکارٕچ

1. Babhoova yavaana vaneh purastaad bhaaras Turushkair vyasubhir luthadibhah I
Taavaanabhoonmeduritodareenaam tatpaaranaad dhaaranata shishavaanaam II
Jayanaka, Prithviraaj Vijay, p., 190, Sarga 6, v.,9, Line 5-8.

Also:

Hata prasaaree krita nashtaa shishta pravishthataurushka turangamaapi I
Senaa chakaaraajaya raajabhoonoruchchaish shravas sargamayeerivaashaah II
Ibid, Sarga 6, p.,191, Line 15-18.

لت آسنہٕ مؤجوٗب گو سہٕ سبٹھاہ دوٗر تأنی مگر تعجب چھُ مَنہٕ مژی تہٕ ہیوٗک نہٕ
سہٕ۔ ((۱) کادمبری) کادمبری مہاکاوِچ مُلکہٕ تہٕ (۲) (شراب) حاصِل کرِتھ۔[1]

اَٹھی مِس سرگس منز چھُ پرتھوی راج سِندِ زنم ہنٛک اوحال دَرج۔ یتھ
منز شاعر چھُ یمہٕ کتھِ ہُند اِقرار کران زِ زنمہٕ وِزِ وِژ تَمی سِندی مألی گونماتن
سبٹھاہ بخشش تہٕ دھنہٕ دھیار تہٕ کرِن تم خوش۔ تمہِ زبأنی وزاو دُعاے خأر زنتہٕ
((۱) والو سان ندری یا (۲) ذی صِفت عألم) تمہِ پأٹھی یتھ پأٹھی پمپوش چھُ
لکشمی ساتھ ویتُمت تہٕ یہِ زأنتھ چھُ سرک آب صاف شفاف کثافتہٕ بغأر۔[2]

تِر پُشکر تیرچ ثنا خوانی کران چھُ شاعر لیکھان زِ کہن روٗدرن (شو
سِندی مختلف ناو) تہٕ دِوتاہن ہنز غلطی ہُند ازالہٕ کرنہٕ باپتھ ژودہن بھوٗنن منز
پاکیزگی چھُ ووتلاوان یہِ پُشکر تیرتھ صرف وزشنہٕ ستی یوت۔[3]



1. Yat pundareekmivadheet tat eva chandraa peedoyamite adhijagaama yashassa raajaa I
Dooram gatastu mrigaya vyasnena chitram, Kaadambhari na manasaapi kadaapi apashyat II
Jayanaka, Prithviraaj Vijay, Canto IV, p.,96, Line 9-12.
2. Gunavadbhirvritaa Lakshmeeh padmair asmat prasootibhih I
Iti vaimalyamaajagmuravyajam salilaa shayah II
Ibid, VII, v.,7.
نوٹ: کادمبری ہِنزِ اسمہِ اِقتباسہٕ پتہٕ چھُ یہِ رزمیہ ہنگہٕ منگہٕ ژھبنہٕ گومُت۔ (مُصنِف)
3. Rudreshu moodhastha suraapageshu Tripushkare sannihiteshu jaane I
Chaturdashebhyo bhuvanebhyeva pavitrataa sangatitaa tadaaneem II
Ibid, Sarg I, p.,29, Lines 13-16.

# راج ترنگنی

## کلہن پنڈت

کلہن سٕنٛز راج ترنگنی چھِ قدیم کشمیر کہِ توٲریخُک اکھ اہم تہٕ منظوٗم شاہکار یُتھ منٛز شاعری ہنٛز باقی خوٗبیہِ آسنَس سٟتۍ سٟتۍ کٔشیرِ ہنٛز توٲریخ قدیم زمانہٕ پیٹھ 1150ء یَس تام دٕرج چھےٚ۔ کلہنہٕ سُنٛد مول چمپک اوس تمہِ وقتُک راز ہرش دیو سُنٛد وٗزیر۔ تَسُنٛد پیترِ کنک تہِ اوس بٔڈ پایہِ افسر۔ راز ہرش سٕنٛدِ 1101ء منٛز قتلہِ پتہٕ ہیوٚت تٔمۍ سٕندی وفادار وٗزیرن شاہی دربارِ نِشہٕ ٔنیرِیاس۔ راز ہرشہِ سٕنٛدِ پتہٕ روٗز واریاہَس کالس اُتھل پُتھل تہٕ مُسلسل یمن دون ڈامر بایَن درمیان تختہٕ باپتھ رسہٕ کشی تہٕ خوٗن ریزی چلان۔ مگر کلہنَن کوٚر نہٕ وقتس سٟتۍ اَتھواس تہٕ نہٕ سپُد سُہ اتھ ہوٗنی جنگس منٛز یا دربارس منٛز شامِل۔ سُہ روٗد آزاد ماحولس منٛز سیاسی وٕتہٕ کھُربن تہٕ ژوٚیَن پرٛکھاوان۔ عام لوٗکن پیٹھ سپدن وألِس ظُلمس تہٕ فعلِ ناجایزن وُچھان تہٕ قلمبند کران۔ تَس اُس سیاسی معاملن ہنٛز چھان بین کرنٕچ تیز ذِہانت وراثتی طور حاصِل سپٕزمٕژ تہٕ تمۍ اُسۍ تس یم سیاسی ہیرِ پھیر صاف پاٹھۍ فِکرِ تہِ تران تہٕ نظرِ تہِ گژھان۔ کلہن اوس اوسٕۍ حال کاشرِس برہمن خانٛدانس سٟتۍ تعلق تھاوان تہٕ تٔمۍ اوس پننہِ پرٛانہِ ادبک، رسمن تہٕ رِواجن ہُند سبٹھاہ سوٚن مُطالعہٕ تہِ کوٚرمُت۔ تٔمۍ اوس پننہِ دیشُک ماترِ بھوٗمہِ کٔشیرِ ہُند عوٗرج تہٕ زوال، ترقی تہٕ وُجارِ گژھنکبن سارِنے حالاتن

سام ہیٚتھ تم کیٚہوچھِ کھاٲرِتھ بیان کٔری مٕتۍ۔ ٲمۍ سٕنٛزِ راج ترنگنی منٛز چھِ 7826 شلوٗک یوسہٕ ٲٹھن ترنگن (حصن) پیٹھ مشتمل چھِ تہٕ یتھ منٛز کشیٖرِ ہُنٛد توٲریٖخ، سِیٲسی، سمٲجی، جغرافِیٲیِی تہٕ تہذیٖبی طرحدٲری کہوچن کھاٲرِتھ عام لوٗکن برٛونٛہہ کنہٕ ٲکِس بیش قیمتی تصنیفہِ ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز پیش چھِ کرنہٕ آمٕژ۔

1148ء منٛز کٔر کلہنن راج ترنگنی لیکھنۍ شوٗروٗ تہٕ 1150ء منٛز واتناوِن انٛد۔ کلہن اوس کاشُر برٛہمن تہٕ شیومتس ستۍ اوٚسس لگاو مگر بُدھ متُک تہٕ اوٚسس سمبٹھاہ پاس تہٕ اثر۔ ٲمۍ سٕنٛدِ ونہٕ موٗجوٗب زِ تسُنٛد پیٚتر کنک اوس پرٕہاسپوٗرک۔ باسان چھُ زِ کلہن سٕنٛزِ زنہٕ جاے تہٕ آسہے پرٕہاسپور تِکیٲزِ تٔمۍ چھُ امہِ علاقُک واریاہہِ پھِرِ تزکرِ کوٗرمُت تہٕ پتہٕ آسہِ سُہ جوٲنی منٛز شری نگر (سری نگر) آمُت۔

چوٗنکہِ یِم غاٲر مُناسِب تہٕ خانہٕ جنگی ہنٛدی حالات تہٕ شاہی تخت حاصِل کرنہٕ خاطرٕ 1112-21ء ہَس تام اُچھلس تہٕ سُسلس درمیان عملہِ منٛز آیہِ، کلہنن چھِ یِم ساری واقعات تمہِ آیہِ بیان کٔری مٕتۍ زِ باسان چھُ تمہِ ساتہٕ گژھِ کلہن بالغ دِمباغ آسُن تِکیٲزِ تٔمۍ چھِ یِم ساری واقعات ٲکِس بالغ فردٕ سٕنٛدی پاٹھی بیان کٔری مٕتۍ۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ کلہن سُنٛد زانسہٕ بٲہمہِ صدی ہِنٛدِس آغازس منٛزے اوسمُت۔ یہِ چھےٚ واریاہَن توٲریٖخ دانن ہٕنٛز راے تہٕ۔

راج ترنگنی چھےٚ توٲریٖخی دستاویز تہِ تہٕ مہاکاوِیہٕ (رزمیہِ) تہٕ۔ مہاکوی کلہنن چھِنہٕ اتھ منٛز کُنہِ خاص ٲکِس راژٕ سُنٛد اوحال بیان کوٗرمُت بٔلکہِ چھُ تٔمۍ تمہِ بجایہِ کشیٖرِ ہُنٛد ساٲلِم توٲریٖخ زمانہٕ قدیم پیٹھ پننِس دورٕ حیاتس تام لیوٗکھمُت یتھ منٛز کُن مرکزی کِردار آسنہٕ بجاے تم ساری راژٕ چھِ یِم اتھ دوران تٔمۍ بدٕ

کَڈی - یہِ چھےٚ کَشیٖرِ ہِنٛدِ توٲریٖخ سو آبہٕ جوے یَتھ منٛز بادشاہ تہٕ سُلطان، راز تہٕ شاہ چھِ اکھ أکِس پتہٕ چلہٕ وِنٛی روزان تہٕ حوٚکوٗمتُک کاروان چھُ کُنہِ تھکہٕ بغٲر چلوٗن روزان۔ امی چھُ اتھ مہا کاوِس ناو راج ترنٛگنی۔ تفصیلی طور توٲریٖخی واقعات اِبتدا پتہٕ بیان کرنس مُطلق وجہہ بیان کران چھِ کلہن پانہٕ لیکھان:

''تمام پرٛانین توٲریٖخی کِتابن یِمن منٛز پرٛانین راژن ہُنٛد معقول تذکرِ اوس چھےٚ ووٚنی نابوٗد سپٕز مژ یَنہٕ تِمن پتہٕ سوٗرتن تبصرِ کوٚر تہٕ واقعات ژٕتیس روزنہٕ باپتھ تِمن سارِنے ہُنٛد موخصر نچوڑ پننہِ کِتابہِ منٛز کوٚر۔''[1]

دٔریاوَس منٛز چھےٚ لہرٕ ووتھان تہٕ واپس دٔریاوکِس سوتھرِس پتہٕ واتان کُنہِ بڑٕ شانتی تہٕ آرامہٕ سان تہٕ کُنہِ غتل آوٕلنین منٛز گول گول چکر کھوان۔ مگر دٔریاوُک بہاو چھُ اژھین چلوٗن روزان۔ نوٚو پوٚنی پرٛأنِس آبَس دھکہٕ دِتھ بڑوٚنہہ پکناوان تہٕ کُنہِ چکر دِوان تہٕ رِسے پأٹھی بڑوٚنہہ کُن ژھال ماران۔ کُنہِ چھُ یہِ پوٚنی صاف تہٕ پاک آسان تہٕ کُنہِ گرٕٹ تہٕ سیٖمکٕ دار۔ مگر آبہٕ جوے چھےٚ لگاتار تہٕ تھکھ دِنہٕ ورأے چلوٕنی روزان۔ یِتھے ہیوٚ سو بھاو چھُ کُنہِ مُلکٕکِس توٲریٖخس تہِ آسان۔ کُنہِ چھِ عام زِنٛدگی بڑٕ پُرسکوٗن تہٕ مأری منٛز آسان تہٕ کُنہِ چھےٚ یہِ شوٗرِش بُرژ تہٕ خونہٕ ستی لِتھہِ وِتھ آسان۔ کُنہِ چھُ رحمدِل راز لُکن ہِنٛدِ باپتھ رحم دِل تہٕ شفیق بنِتھ پننین لوٗکن سوکھ واتناوان۔ کُنہِ چھُ کانٛہہ راز آتش زَن بنِتھ پننہِ شانہٕ شوقت خاطرٕ خوف پھہلاوان۔ کُنہِ چھےٚ

---

1. Visteernaah prathme granthaah smritai sankshipto vachah I
Suvratasya prabandhena chchinaa raajakathaa shrayah II
Kalhana, Raj. Book 1, v.,11

حکوٗمتچ رَز کٔرِ روزان تہٕ کھٔہن، باغن تہٕ وَنن مالدار تہٕ محفوظ بناوان تہٕ کُنہِ زوٗر
زبردٔستی کرِتھ سرسبز باغاتن خزانچ لیڈر پھِران تہٕ ہوٚکھراوان۔ سو کھٔچن تہٕ
دوٚھچن لیَن ہنٛز گنگراے کران چھِ یہِ راج ترنگنی چلوٗنی روزان اَژھمِن توٲریخہِ
کِس صوٗرتس منٛز۔ پزٕ کٔنز چھُ پنڈت کلہنن پننہِ تصنیفہِ "راج ترنگنی" یہِ ناو بڈٕ
ژأرِتھ تہٕ سوٗنچِتھ تھووُمت۔

کلہنَس بروٗنٛہہ یِمو شاعرو کٔشیرِ ہنٛز توٲریخ لیکھنہٕ باپتھ پنُن قلم چھُ
تُلمُت تِمن منٛز چھُ گوڈنیُک ناو تِمٕ ہیَل راج سُند تزکرِ کوٚرمُت یِمہٕ بہن ساسن
شارن منٛز لیچھ ہِو پارتھوا وٗلی تہٕ پدم مِہرن اُس راژ اشوکس بروٗنٛہِمِن اَٹھن
رازن ہُند احوال پنٛنِس مہاکاوبس منٛز درج کوٚرمُت۔[1] کھیشمِند رَن اوس
نرپاؤلی منٛز واریاہَن رازَن ہُند احوال بیان کوٚرمُت مگر کلہن سٕنزن نظرن
باسیوو زِ یہِ تزکرِ چھُ ناقص تہٕ روٗدُ سُہ اَمہِ نِشہِ لوٗب۔ امہِ تلہٕ چھُ باسان زِ
کٔشیرِ اوس توٲریخ لیکھنک تہٕ پرٛکھاونک عِلم ورثس منٛز باگہِ آمُت۔ کلہن
ہِندِس وقتس منٛز تہٕ آسہٕ واریاہ توٲریخی تخلیقہٕ کٔشیرِ ہِندِس توٲریخس مُتلِق موجوٗد
مگر واریاہ آسہٕ گال کھاتس تژاونہٕ موجوٗب نابوٗد تہٕ گامٕژ۔ دور حاظرِچ توٲریخ
اُس تَس آسانی سان دٔستیاب تِکیازِ تَسُند مول چمپک تہٕ پتٕر کنک اُسی ہرش
ہِندی راژ دربأری تہٕ لہٰذا اُسی تِم امہِ وقتہٕ کِہِ سیأسی حالاتو نِشہِ باخبر۔ کلہن اوس
بذاتہِ خود تہٕ راجہ جے سِمہہِ نِس اَخری عیامس تام حالے حیات لہٰذا اوس سُہ تِمی
ہِندِ بن زٕتوؤہَن وٚری یَن ہِندِس راجس واقف کار۔ تِمی اوس نیل مت پُران

[1] کلہن، راج ترنگنی، کِتاب ا، v.., 17-18۔ یِمہٕ دوشوٕے تخلیقہٕ چھنہٕ وونی دٔستیاب۔

علاوٕ کتبہٕ، شاہی دستاویز، شاہی قصیدٕ تہٕ باقے توارٟخی مواد مثلن سِکہٕ، فرمان، آثار قدیمہٕ وغارٕ یمن سارِنے ہُنٕد جایزٕ ہیوٚتمت۔[1] عالمانہٕ ہونر تہٕ توارٟخ لیکھنہٕ باپتھ لوازِمات پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ اُس تمس بے لوٗث نظر تھاوٕنچ تہٕ ضروٗرتھ۔ اَکِس توارٟخ دانہٕ ہندی تاریف کران چھُ کلہن لیکھان: "سُے گوٗنوان تخلیق کار چھُ تارِیفن لایق ییمی ہنٛز آواز نہٕ آسہِ شفقتس آویزٕ تہٕ نہٕ آسہِ بغضس پیٹھ اِستادٕ۔ دوشوٕنی صوٗرتن منٛز گژھِ سُہ اَکِس بے لوٗث جج ہندی پاٹھی ماضی ہِکی حالات تمہِنٛے لفظن منٛز بیان ہیکِن کرِتھ، یم حقیقتس ستی وابسطہٕ آسن۔[2] توارٟخ لیکھنہٕ کِس اہمیتس واش کڈان چھُ کلہن شاعرن ہندِس آسنس سلام کران یمو کانٛہہ راے کرنہٕ بغار مشہوٗر تہٕ معروٗف رازن ہُنٛد احوال قلمبند کوٚر یِہُنٛد ناو تہٕ باقے روزِہے نہٕ یوٗدوے نہٕ پننہٕ وقتہٕ تمو پننہٕ مرٕژِ بلہٕ ستی سوٗدرو ستی وُلتھ یہِ بُراتھ تِتھے کُنہِ بے خوٗف اُس کرمژ زنتہٕ جتٕگی کلہن ہندِس شیٚہجارس تل اُس۔[3] برٛونٛہہ کالہٕ لیچھ مرٛژن کِتابن ہنٛزٕ غلطی سُدھارنہٕ خاطرٕ تہٕ پننین ذاتی ذریا فتن قلمی صوٗرت دِنہٕ خاطرٕ چھُ کلہنن پنُن قلم تلُمت تہٕ تھاوٕن اَسہِ برٛونٛہہ کنہِ راج ترنٛگنی ہِش شاہ کار ییتھ پیٹھ نہٕ صِرف اَسی یوت بلکہ سارِسے بھارت ورشس ناز چھُ۔

---

1. Drishtaishcha poorvabhoobhartri pratishthaavastu shaasanai I
   Prashastipattaih shaastraishcha shaanto ashesha bhramaklam II
   Kalhana, Rajtarangini, Book I, v.,15.
2. Shlaagyah sa eva gunavaan raagdvesha bahishkritaa I
   Bhootaartha kathane yasya stheyasyeva Sarasvati II
   Ibid, Book I, v.,7.
3. Bhujavanataruchhaayam yeshaam nishevyamahaujasam I
   Jaladhirashnaa medinyaseeda saavakutobhaya II
   Smritimapi nate yanti kshmaapaavinaa yadanugraham I
   Prakritimahate kurmah tasmai namah kavi karmane II
   Ibid, Book I, v.,46.

راج ترنگنی منز چھِ اَٹھ ترنگ یا حِصہٕ۔ مہابھارت کالہٕ پیٹھ 1003ء (دِدٕ رانہِ ہِندِ سورگہٕ واس پیٹھ سنگرام راج سٕنزِ تخت نشینی ) تانی چھِ اتھ تخلیقہٕ منز 6 ترنگ یا باب یِمن منز کُل 2651 شلوٗک چھِ تہٕ باقٕے ژھس منز چھُ سنگرام راج سٕندِ تاجپوشیہ (1003 AD) پیٹھ بے سمہٕ (1127-50 AD) نِس راجس تام یعنی 147 وٕری یَن ہُند احوال چھُ دون ترنگن منز آمُت بیان کرنہٕ تہٕ اتھ ژھس منز چھِ کُل 5211 شلوٗک تہٕ یتھٕ کٔنی چھِ یہِ سارٕے کتاب 7862 ہَن شلوٗکن پیٹھ مُشتمِل۔ گوڈنکس بابَس منز چھُ گونند اول ہِندِ پیٹھ (اُنَس) یُدھشٹھرس تام 75 تھَن راجن ہُند احوال دَرج۔ دوٕیمہِ ترنگہٕ منز چھُ شین رازن، پرتاپا دِتیہ، جلوکس، تنجین اول، وِجے، جیندر تہٕ بیٚیہِ سٕندھمتہٕ رازن ہنز توٲریخ آمژ بیان کرنہٕ۔ ترٕیمس بابَس منز چھُ میگھواہن، تنجین دوم، ہرنیہ، تورمان، ماترِ گُپت، پرورسین دوم، یُدھشٹھر دوم، لکھن، نریندرا دِتیہ، رعنا دِتیہ (تنجین سوم)، وِکرما دِتیہ تہٕ بالادِتیہ یِمن ژٔہن رازن ہُند اوحوال دَرج۔ توٲریخک یہِ حِصہٕ چھُ پُران تہٕ باقٕے دیومالٲیی قصن تہٕ کہانین پیٹھ وابسطہٕ آسنہٕ موٗجوٗب کُنہٕ کُنہٕ ناقِصس یوان مانِنہٕ۔ مثلن ترٕیمس ترنگس منز چھُ رعنا دتیُن راج کال ترٕے ہتھ وٕری دِنہٕ آمُت، یُس قابلِ بھروسہٕ چھُنہٕ۔ گوڈنکین ترٕنوٕنی بابَن منز یُس رازن ہِندِ دورِ حکومتُک وَکھ چھُ ونہٕ آمُت، چھُ قابلہِ اعتراض باسان۔ مہاراجا اشوک سٕندِس دورِ حکومتس مُتلِق چھِ 1380 ترٕن وٕری یَن ہُند پھیرِ نظرِ گژھان۔ کُشان رازن، ہشک، جشک تہٕ کنشک سُند دور چھُ کلہنن بھگوان بُدھ سٕندِ روٗحٲنی سعادت پسندی (Beatification) پتہٕ 150

ؤری مُقرر کوٚرمُت۔ اگر یہٕ کالہٕ گنزرن مدِ نظر تھاوٕو تیٚلہٕ چھُ کُشان خاندانکین رازن ہُنٛد وقت 416 بی،سی ؤری پتھ شوٚروٗ سپدان یُس تہٕ صحی چھُ۔ ہندوستانس پتھ سِکندرٕ سٕندِ حملک چھُنہٕ کلہن کانٛہہ تہٕ ذِکر کوٚرمُت۔ سمراٹ چندر گپت موریہٕ سُنٛد ناو تہٕ چھُنہٕ سُہ ہیوان۔ شاید ما آسہے نہٕ تَس اتھ پڑاۂنس دورس مُتلِق ضروٗری مواد حاصِل سپدمُت۔ اَمی موٗجوٗب چھِ گوڈنکین ترٚن ترٛنگن ہُنٛد تزکرِ غاَرمُصدِق، بےٚ ترتیب تہٕ سِلسِلہٕ روٚس باسان۔ کمی پوٚرٕ کرنہٕ خاطرٕ چھُ تخلیق کارَن کُنہِ پورانی کتھ تہٕ کُنہِ حیرت انگیز کہاَنی رلاۆِتھ یہٕ کمی پوٚرٕ کرٕمٕژ۔ ژوٗرِمس بابَس منٛز راژٕ دُرلب وردھنہٕ سٕندِ تخت نشینی پتھ چھُ اُتپل بیرٕٚس تام سداہَن رازن ہُنٛد احوال دٕرج۔ پاںٛژِمس بابَس منٛز چھُ اُتپل خاندانٕکس اونتی ورما، شنکرورما، گوپال ورما، سنکٹ ورما، رانی سُگندھا، نرِجت ورما، چکر ورما، شوٗر ورما، پارتھ، شمبھو وردھن تہٕ اُنمتاونتی سٕندِ دورِ حکوٗمتُک احوال دٕرج۔ شیٚیمس بابَس منٛز چھُ راژٕ یُشکر سٕندِ پتہٕ دِدہٕ رانہٕ تام ژٕہن رازن ہُنٛد توٗارٟخ دٕرج۔ یہٕ وَق چھُ 936 ہٕ پتہٕ 1003 ہٕ یَس تام مُشخص آمت کرنہٕ۔ سَتِمس ترٛنگس منٛز چھُ لوہر خاندانکین شین رازن ہُنٛد احوال تہٕ اَٹھِمس ترٛنگس منٛز چھُ اُچل، سُسل، بھکشاچار تہٕ جے سمہہ سٕندِ دورِ حکوٗمتُک احوال دٕرج، یُس کلہن پنٛنٛدتن پنہٕ نوٚ اَچھو وُچھمُت اوس۔

ترٛیمہٕ بابہٕ پتہٕ چھےٚ اتھ تخلیقہٕ منٛز دٕرج توٗارٟخی مدن ہُنٛد تاٗرٟخی اعتبارمُستند باسانہٕ لگان۔ ژوٗرِمس ترٛنگس منٛز جےٚ پیڈنہٕ تخت نشینی پتہٕ چھِ اتھ منٛز توٗارٟخی واقات سِلسِلہٕ وار ہیوان سپدنی۔ پاںٛژِمہٕ بابہٕ پتہٕ چھِ رازن ہٕندِ

دورِ حکومتکی واقات تہٕ دورن ہندی وٚری ربتھ تہٕ دوہہ تأنی صاف دٔرج کرنہٕ آمتی۔ گوڈنکو تزیو بابو پتہٕ چھُ کلہن پننہِ خیالی سوتھرِ نشہِ بون وٚستھ تٕرٚ رِ مہ بابہِ پیٹھ آخری اُٹھی مِس بابس تام صٔحی، واضح تہٕ موضوٗن حالات بیان کران۔ سُہ چھُ تنگ نظریہِ تہٕ طرفدأری اوٚک طرف تزأوِتھ پزتھ کانہہ واقع اکِس نقادِ سندی پأٹھی پرکھأوِتھ تہٕ کہہ وچھ کھأرِتھ لیکھان۔ کلشس ہوس بدکار تہٕ ظألم راز سٔزن جان تہٕ صالح کامبن ہُند ذِکر تہٕ چھُ کُنہِ ٹھرِ بغأر کران تہٕ للتادتیہ ہِوس جُرت مند تہٕ بہوٗدر راز سٔزن کمزوٗرِبن کھٔٹتھ تھاوِنچ کانہہ کوٗشش تہِ چھُنہٕ کران۔ پننس مأکی سٔندِس سرپرست بادشاہ رازٕ ہرشن سٔندبن صِفتن تہٕ خأمین صاف طور بیان کرنس منز چھُنہٕ تٔسند قلم روٗٹہٕ گژھان۔ سُہ چھُ صاف طور ونان۔ رٔحمتچ برٔتری باپتھ اوس سُہ خوش قسمت مگر خونریزی ہندِ گُتجارِ کِنی اوس خوفناکھ۔ جان کامہِ کرنہٕ موٗجوٗب یُس سارِنے ٹوٹھ اوس مگر تٔسند دامانہٕ اوس گونہوٚ ستی داغدار۔ تٔسند یہِ احوال چھُ مَن پسند تہٕ نہٕ ٹھٔرِس تھاوُن لایق تہٕ، قأبلِ تأریف تہِ تہٕ شرم ناک تہِ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ سُہ اُچھٕل سٔندِ دٔسی خستہٕ حال مندرن مرمت کرنس تأریف تہِ کران تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ تیز کلأمی تہٕ حَسدٕ باپتھ تسنزِ نفرت تہِ کران۔ بذاتِ خود کأشُر براہمن آسِتھ تہِ کأشرٕبن ہنٔدِس کھوژِ بُڈ آسنس پیٹھ۔ لڑایہِ منز پوٚت ہٹنہٕ وألی یا ژلن وألی۔ پانوٚنی حسد کرن وألی تہٕ تہندِس طبیٔتس لوٚژر آسنس پیٹھ چھُ سُہ کھُلہٕ پأٹھی قلمس کش کڈان۔ یتہٕ کِنی چھُ سُہ کأشرٕبن براہمن ہنز تہٕ تہندِ وٚطیرِ چ جان لفظن منز وکھنے کران۔ کلہن چھُ پتہٕ ونان زِ بھوٚکھ ہڑتال تہٕ آمرن وژت تھأوِتھ چھِ یم پننہِ طاقتک غلط

استعمال کران تہٕ یِمن چھُ سُہ امہِ باپتھ طنز تہٕ کران۔[1]

راج ترنٛگنی چھنہٕ صِرف راجن ہنٛز توأریخے یوت بٔلکہِ کٔشیرِ ہنٛدِ تہذیبک، اَتہِ کِہن لوٗکن ہنٛدِ دھرمُک، سماجُک تہٕ سِیاسی زِندگی ہُنٛد صاف تہٕ شوٗد بیان تہٕ چھُ اتھ مہاکاوبس منٛز۔ کلہنن ہِندِس وقتس منٛز اوس شیو دھرمچ برتری مگر سارِنے مذہبی فِرقن تہٕ دھرم مانن والین اوس پنٕنہٕ پنٕنہٕ عقیدٕ و لحاظہِ پٔکنٕچ پوٗرٕ پوٗرٕ آزأدی۔ ہیندوٗ دھرمکی شیو، شاخت، ویشنو تہٕ پاشُپت بیٚترِ فِرقن ستی ستی أسی بودھ دھرم تہٕ جین بیٚترِ دھرمکین مانن والین تہٕ برابری ہُنٛد درجہٕ تہٕ عِزت حاصِل۔ وارِیاہن کاشُربن رازن ہنٛدِ ڈٔسی وارِیاہ بودھ وِہار تہٕ جین مندر بناوٕنٕچ شہادت تہٕ چھِ شوٗبہٕ دار پأٹھی دٔرج آمٕژ کرنہٕ۔ مندرن ہنٛز دولت لوٗٹن والین رازن ہنٛز چھےٚ کلہنن کھُلہٕ دِلہٕ نفرت کٔرمٕژ۔ تِہنٛدِ ونٕنہٕ مؤجوٗب چھُ تس بادشاہ سُنٛد سورُے خاندان ناشس گژھان یُس لُکن تنگ یا پریشان کرِ۔ مگر یُس راز برباد یا مِسمار سپدی مٕتِس مندرس دُبارٕ ٹھیک کرِتس چھِ مال تہٕ دولتٕچ دیوی لکشمی ہمیشہٕ ستی ستی روزان۔[2] قأبلِ اِنسانن قابلِ قدر عزت بخشن وألی راز چھِ تخلیق کار ہِندِبن تأریفن ہُنٛد مستحق بنان۔ راز للتادتیہ مُکھتا پیڈن أنی دیشہٕ وِدیشہٕ پٔٹھ گونماتھ تہٕ عألِم سوٗمبرأوِتھ تہٕ پننہِ سبایہِ منٛز شأمِل کٔرِتھ کٔرِن تِہنٛز عِزت اَفزأیی۔ تُخار (ہمزا تُرکِستان) علاقہٕ پٔٹھ آمت اکھ گونماتھ چنکُن بنوٕ وتُمی ہِندِ وزارتک وٗزیرِ اعظم تیمی پرہاسپورِ بھگوان بُدھ ہِندِ

---

1. کلہن راج ترنگی، کتاب 1718 vv.1., IV., vv. 1456 VII, 869-73,1086-95,1115,1243-45, vv.-

2. Ye prajaa peedanaparaaste vinashyanti saanvayah I
   Nashtam tu ye yojayeyusteshaam vamashaanugaah shriyah II
   Kalhana, Rajtarangini, Book I, v.,188.

باپتھ چنکن وِہار اوس تأمیر کۆرمُت یتھ لَلتادتیہ نہٕ ڈٟسی انہٕ نٲوِہ بھگوان بُدھ سُنٛز مۆرتھ أسن نصب کرِمژ[1] امہٕ قسمٕکی واریاہ واقات تہٕ مذہبی رواداری ہُنٛز مِثالہٕ چھےٚ کشیرِ ہُنٛز اتھ تۄآریخہِ منٛز نظرِ گژھان۔ راز جےٚ پیڈن انہٕ نٲوی طرفاتو پتھٕ عالَم تہٕ کشیرِ منٛز کرنووٕن مہابھاشک تہٕ یتھ واریاہن علمی نٟجن ہُنٛد تدریس شۆروٗ[2] للتادتیہ تہٕ اونتی ورمن ہِوٕبن رِعایا پرور تہٕ عام لۄکن ہُنٛز بہبوٗدی سوچن والین رازن ہُنٛز چھِ کلہن وژھہِ وأٹنجہِ تأریف کرِمژ۔ واریاہن شہرن، گامن، منٛدرن تہٕ وِہارن، لۄکہٕ بہبوٗدی ہُنٛزن کامن دَس تلنگ احوال بیان کرنہٕ پتہٕ چھُ کلہن راز للتادِتیس تعارُف کران لیکھان زِ یتھ کٔنی بناوِ یہِ سأرے بُتراتھ تٔمی زنتہٕ سونہٕ سُنٛز تہٕ پننہٕ رِعایا پرۄری ستی، جُرت منٛدی تہٕ باقی جان اوصافو کِنی دِژ تٔمی یتھ کٔنی یُنٛدرازس تہِ مات۔[3] راز اونتی ورمن سُنٛز رعایا پرۄری مُتلق چھُ کلہن لیکھان یتھ کٔنی وۄتھ راز اونتی ورمنہٕ سُنٛدی گون وُچھتھ پانہٕ بتہٕ خوداے (انہٕ پتی) بُترأژ پتھ تہٕ بخشِن یتہِ کمن لۄکن پژتھ رنگہٕ سیری

---

1. Tuhkhaarashchankunahckakre sa Chanku na vihaara krit I
   Bhoopachittonnatam stoopam jinanhema mayanstatha II
   Sanjagraaha sa deshebyastaamastanantara vinnaran I
   Vikachaan sumanah stomaan paadapebya evaa nilah II
   Tena kankana varshasya rasasiddhsya sodarah I
   Chankuno naama Tukhaara deshaaneeto gunonnatah II
   Kalhana, Rajtarangini, Book IV, vv.,211, 245,246.

2. Deshaantaraat aagmya vyachakshaan kshamaapatih I
   Praavartayat vichchinnam Mahabhaasham svamandale II
   Samagraheettathaa raajaa soanvishya nikhilaan budhaan I
   Vidivat durbhikhsham abavat yathaanya nripa mandale II
   Ibid, Book IV, vv.,488,493.

3. Evam hemayeem urveem sa kurvannurvaraapatih I
   Gunair aoudaariya shaouryardhyai maghavaanamalanghavat II
   Ibid, Book IV, v.,217.

تہٕ نوٗ زِندٕ گی۔[1] شنکر ورمن ہنٛز خود غرضی ہُند چھُ کلہن یِیٚمہِ آیہِ ذِکر کران زِ یِتھ کُنیٚ سجوو تٔمۍ پٔتِن بسوومُت شہر شنکرپُر تموٚ نوآدِ راتو ہٮ۪تی ییتھ کُنیٚ بڑونٛہمو رازو پَرِ ہاسپور سجاَوِتھ اوس تھوومُت۔[2] غربتک قاصِد بٔنِتھ چھِ راز شنکر ورما گامہٕ گوم پَڑر چھیٚرِ ہنٛدی پاٹھی پھیٚری پھیٚری بےٚ گارِ ہُند دَوٚستور دُبارٕ شوٗرۍ کران۔ عالیٚ مَن چھُ بےٚ عزت کران۔ پٔنٕنۍ کارِندن ہنٛدِ ذٔریعہِ پٔننیٚے عوامس لوٗٹھ کھسوٹ کَرن وأٮ۪لس راز ہنٛز خدمت یِمن لفظن منٛز کران: "یِم راز پٔنٕنۍ لۆکن ہُند اِستحصال آسن کران چھِنہٕ پٔنٕنس خانداَنس تہٕ عزتس، پنٕنہِ زِندٕگی تہٕ عیالیے یوت داوس لاگان ٹھیٚکہِ چھِ تِم پٔتِن ناو تہٕ تٔمۍ ساتہٕ داوس لاگان یِیٚمہِ ساتہٕ تِم پیٚٹھ ہش حرکتھ چھِ کران۔"[3] کلہٕنَن چھُ یوٚہے وجہہ موٚنمُت زِ لۆکن ہنٛدِ بَد یٔوٚھنہٕ ہٮ۪تی سپدی تِہنٛدی ساری سنتان فوت تِکیازِ وِنہٕ چھُ آمُت زِ یِتھٕن رازن ہُند سوٗرے وَنش، خانداَن، لکھشمی تہٕ ناو، سوٗرے چھُ ناشس گژھان۔

رِعایا ہٮ۪تی پوٗرٕ پوٗرٕ اِنصاف کرن وأٮ۪لس راز چندرا پیڑ ہنٛدِس رعایا پَرور آسنس مُتلِق چھُ کلہن لیکھان تہٕ تعأریف کران اکھ خاص واقعٕہک بیان چھُ سُہ یِتھٕ کُنیٚ کران: "راز چھُ یِژھان ترٕبھون سوامی سُند مندر بناوُن، مگر أکِس واتلہٕ ہنٛز زمین چھےٚ یوان اتھ کھوٚلس منٛز۔ پأنٕسہٕ دِتھ تہٕ چھُنہٕ واتُل زمین کُنہٕ

1. Awantivarmanah punyair jantoon jeevayatum tatah I
Sayam annapatih Shriman Suyiyah kshitim avaatarat II
Kalhan, Rajtarangini, Book V, v.,72.

2. Svalpa sattvo narapatih svapurakhyapanaaya sah I
Saaraapahaaramakarot Parihaaspurasya yat II
Ibid, Book V, v.,161.

3. Vamshah shree jeevitam daaraa naamaapi prathaiveebujaam I
Kshanadeva kshayam yati prajaavipriya kaarinaam II
Ibid, Book V, v.,211.

نَس تیار سپدان تہٕ أخرس چھُ سُہ رازس وَنان زِ ''اگر سُہ میانہِ پہارِ ہِنٛدِس دَروازَس پیٹھ یِتھ میٚنٛ یہِ کُتیا دانس منٛز منگہِ یہِ سپد امکہِ ماٗلکانہٕ حقوٗق نِشہٕ دس بردار۔'' راز چھُ پانہٕ کُتیایہِ پیٹھ حاضر سپدِتھ سولہارِ ہُنٛد عطیہِ منگان تہٕ واتُل چھُ یہِ کُتیا تس بخشان رازس پیٹھ خوش گژھِتھ۔[1] یہِ چھُ سُہ واقع یُس رازس تہٕ رِعایا دوشوٕنی أکی سےٚ سوٚتھرِس پیٹھ وأنِتھ برابری ہِنٛدِس ماحولس ثابت چھُ کران۔ راز سنٛز عظمت چھنہٕ کأنٛسہِ ہِنٛدِ راز آسنہٕ ستیٚ ٹٔکہِ چھُ تسنٛدِس، دیانتَس، رٔویَس، اعتِقادس پیٹھ مُقیم آسان۔ بادشاہ ہیکہِ نہٕ عام لوٗکن ہنٛزِ خودداٗری لتھ لأیتھ۔ بادشاہ ہیکہِ ہے نہٕ وزیرن تہٕ پروہتن ایوأنس خلاف کانٛہہ قدم تُلِتھ یا تِہنٛز حُکُم ادوٗلی کٔرِتھ۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھأوِتھ اوس راز چندرا پیڑ سُنٛد یہِ ؤطیرِ تسنٛدِس اوحدس عین مُطأبِق۔ راز چھُ لاجواب گژھان یَیمہِ ساتہٕ واتُل تَس پننہِ چھونٛپھرِ ہِنٛدی تعأریف کران چھُ وَنان: ''یہِ جوٗنٛپھر چھےٚ میانہِ تھَنہٕ پیٚنٛچ ضأمِن تہٕ میانہِ شُری پانہٕ پیٹھِ چھِ یہِ میٚہ ماجہِ ہِنٛدی پأٹھی وُچھان واچھان روٗزمٕژ۔ ووں یِتھ ذٔرِ بہٕ زِ یہِ یِیہِ لُہراونہٕ۔''[2] یہِ بوٗزِتھ چھُ راز شیٚشدر ہیٚوٗ گژھان روٗزِتھ۔ راز اندھ (اوٗن) یُدِشٹھرَن یَیمہِ ساتہٕ بادشأہی نِشہٕ سٔنٛزیاس ہیٚوٗت تمہِ ساتہٕ اوس وٗزیرن ہِنٛدی ایوأنَن وِکرٛمادِتیہِ سنٛدِ خاندانہٕ منٛز اکھ فردیُس بیٚیہِ مُلکُک راز اوس، بُلأوِتھ تَس کشیرِ ہُنٛد راج حوالہٕ کران تہٕ تخٕتس پیٹھ بیٚہناوان۔[3]

1. Kalhana, Rajatarangini, Book IV, vv.,55-76.
2. Aajanmanah saakshaneeyam maateva sukhadukhayo I
   Mathikaa lodhimaanaadhya nekshiltum kshamyate maya II

   Ibid, Book IV, v.,71.
3. Atha Prataapaadityskhyastairaaneeya digaantaraat I
   Vikramaaditya bhoobharturgyatiratratraabhyashiyat II

   Ibid, Book II, v.,5.

راز ہِنٛدھ ہترن ییلہِ دُنیاے غأبس مُتلِق سونچان سونچان سماد ہیرٕ تِمی کوٚر پَنٕن
راج پاٹھ وٗزیرن ہِنٛدِس ایوانس تہٕ لوٗکن حوالہٕ تہٕ لوٗکو کوٚر وٗزیرن ہِنٛدِ مشور
گاندھار دیشُک راجکُمار میگھواہَن پَنُن راز مُقرر تہٕ سوٗزکھ تَس یہ شیٚچھ تہٕ یتہِ
کُنہِ بیہنوٗ وکھ سُہ کشیرِ ہِنٛدِس تختس پیٚٹھ۔[1]

مَمہ وغأرٕ وٗزیرو ہٹوو اجیت پیڑ کشیرِ ہِنٛدِ تختہٕ پیٹھٕ تہٕ تِمَس بدلہٕ بنووُکھ
اَننگ پیڑ کشیرِ ہُنٛد راز۔[2] اجیت پیڑنس نیچوٗس اُتپل پیڑ ہِنٛدِس دورِ حکومتس منٛز تِل
لَگو و فساد۔ شوٗرناوٕ وٗزیرن بنووُکھ ورماسُنٛد نیچو اونتی ورما راز تہٕ شوٗرش گیہِ ختم۔[3]

راز لَلِتا دیِتین اوس اکہِ دوہہِ شرابکِس نشَس منٛز پننین وٗزیرن
پرٛوٚر زالنُک حُکم دیُتمُت۔ وٗزیرو کٔر حُکم اَدوٗلی۔ صُبحس شرابُک نشہِ دوٗر
گژھتھ ییلہِ رازن حالاتن ہُنٛد جایزٕ ہیوٚت سُہ گو وٗزیرن پیٹھ حُکم اَدوٗلی کرنہٕ
باپتھ سبٹھاہ خوش تہٕ کوٚرُن وٗزیرن حُکم زِ ییلہِ تہٕ تِم شرابہٕ کِس نشَس منٛز
کانٛہہ حُکم دِن تِم گژھن نہٕ سُہ مانٛنی۔[4] کلہَنَن چھِ خودراہ تہٕ بےٚ قابو رازن ہِنٛز

---

1. Iti sanchintayannantah sarvatyagonmukhonripah I
Manoraajaani kurvaano daridra iva pipriye II
Anayedhyuh prakriteeh sarvaah sannipatya sabhaantare I
Taabhyah pratyarpannyasamiva raajyam surakshitam II
Athollasatprathu shalaaghamaaninyur Meghavaahanam I
Gaandhaaravishayam gatvaa sachivaadhishthitaah prajaa II
Kalhan, Raajtarangini, Book II, vv.,158-59, Book III, v.2.

2. Athotpaatya Ajitaapeedam Sangraamaapeeda sambhavah I
Anangaapeedanaamaakrito Mammaadibhirnripah II
Ibid, Book IV, v.,707.

3. Tatah Shrooraabhidho mantree Sukhavarmaatamajekarot I
Raajyayogyooyam ityasthaam saguneva Awantivarmani II
Ekatrimshe sa varshetha praja vipalva shaantaye I
Vinivaaryaotpalapeedam tameva nripatim vyadhaat I
Ibid, Book IV, vv.,715-16.

4. Kaaryam na jatu tadvaakyam yat ksheeyena mayochyate I
Ibid, Book IV, v.,320 (a).

ملامت کرمٕژ یم پنٕنٮ۪ن وٕزیرن غلط کامہٕ باپتھ راے دِنہٕ خاطرٕ مجبوٗر چھِ کرن۔ راژٕ چکرٕ ورماہَن کوٗر تِمَن وزیرن جاگیر عطا یموتَس مول مارنس منٛز ساتھ دیُت تہٕ تِم وٕزیرٕ کرِن قاد یموتس اتھ کامہِ منٛز ساتھ دیُت نہٕ۔[1] پارتھ سُنٛد قتل تیٚمہِ بےٚ رحمی سان کرنہٕ آو تِمیُک بیان چھُ عام اِنسانَن شیٚشدھر کران۔ بےٚ رحم تہٕ ظاٗلم نچوٗ چھُ پانہٕ وُچھان زِ تِہنٛدِس ماٗلی ہنٛدِس شوَس ستی کتھٕ کٕنٛز چھِ بدصلوٗکی یِوان کرنہٕ تہٕ اتھ پٮ۪ٹھ چھُ سُہ بدٕقسمت اَسن کھنگالہٕ تژٕ اوان تہٕ خوش گژھان۔ ساٗری زِعزت لوٗکھ چھِ امہِ وٕطیرٕ ستی عِبرت کھوان۔[2] کلہن چھُ لیکھان زِ تِتھٕ کٕنٛز چھِ گوٗہن ہنٛز ناوتس گوبان تہٕ آخرس چھُس میٚنٛڈی بیماٗری نال وَلان تہٕ چھُ مران۔ تِمٕی ہنٛز حالتھ وُچھِتھ چھُنہٕ صِرف عام لوٗکنے یوت گٕلہ کِہ زنانہٕ خانہٕ چَن تس راژٕ ہنٛزن ژوداہَن مونٛڈٕ راٗنیٚن تہِ خوٚشی گژھان۔[3]

مہاکاویے لحاظہٕ چھِ راج ترنگنی رامائنَس تہٕ مہابھارت مہاوکاوِ بن ہنٛدی پاٗٹھی سبٹھاہ عام فہم تہٕ ساد زبانٕی منٛز لیکھنہٕ آمٕژ اکھ عظیم شاہکار۔ کلہن چھُ رسہٕ وادَس ستی وابسطہٕ کوٗی یِوان ماننہٕ تہٕ تِمَس چھُ زیادٕ شانت رسے پَسنٛد سِیاٗسی داوپیچ با ووسہٕ دژوسہِ کھوتہٕ۔ عام لُکن ہُنٛد بیٚیَن آویزٕ روزُن، دغا باٗزی، غداٗری، اِحسان فراموشی، خود غرضی، پنٕنہِ ذِمہٕ واٗری نِشہٕ لوٚب روزُن، یا پوٚت

1. Udyatah pitram hantum mantrino anumat pradaan I
   Baddha pattaan vyadhaat baddha nigdaanitaraan punah II
   Kalhana, Raajtarangini, Book V, v.,430.

2. Paarthasya nihatsyange sokshiptkskurikaam tatah I
   Ranjino yena bhoopaalo jaatahaasobhavat chiram II
   Ibid, Book V, v.,438.

3. Kroorapaapaanuroopena kshaya rogena Paarthivah I
   Tath anubaadhyamaanobhood paryanta vyathaaturah II
   Vyathaya tasya taadrishya prajaa eva na kevalam I
   Tutushur nija shudhaanta mahishayo api chaturdasha II
   Ibid, Book V, vv.,443-44.

ہیوٚن، رازن ہُند تختس بہُن تہٕ تختہٕ پیٹھٕ وَسُن، عام لوٗکن ہنٛز مجبوٗری، کُنہِ نا اِنصاًفی تہٕ کُنہِ جبرٕچ حالت وُچھِتھ چھُ شاعر تقدیٖر وأدی بنان۔ راژٕ مندورن منٛز سپدن واجنہِ ژوٚیہ تہٕ ساًزشہِ تہٕ لالچی مُلاًزِمن ہُند حسد تہٕ وأر، مندرن ہُند لوٗٹھ کھسوٗٹ، زبٕ زٕٹھین ہُند بول بالا یہِ سورُے وُچھِتھ چھُ کلہن سُند آتما وَدان تہٕ شاعر سنٛز یہِ کراہت چھِ راج ترنگنی منٛز واریاہَن جایَن نظرِ گژھان۔ تِس چھُ یہِ وُچھِتھ سخت تکلیف گژھان زِ یِتھ ماجہِ کٔشیرِ پتھ کالہِ پیٹھٕ دخترِ معنوی ہنٛدی پأٹھی عزت أسی کران، چھِ ووٚنی فاحِشہِ زنانہِ ہنٛدی پأٹھی بدکار لُکن ہنٛدِ بن اَتھن منٛزٕ لُجمژ۔[1] کلہن سٕندِس کلامس منٛز چھُ اِظہارِ سنجیدگی، ذوقیت، النکأری اِظہار، زبأنی ہُند تہٕ معانیک عجیب سنگم موجوٗد۔ یوٚ تام النکارو یا اِستیارو برٕتھ زبأنی ہتی کلامس منٛز اثر پأدٕ کرنُک عمل چھُ تیٖلہِ ہیکو أسی وثوٗق سان وَنِتھ زِ بلہن سٕندِ کھوتہٕ چھُ کلہن اتھ معاملس منٛز زیادٕ کامیاب باسان تکیازِ سُہ چھُ شِدتٕچ یہِ کیفیتھ راج ترنگنی منٛز جایہِ جایہِ ووتلاوِنس منٛز کامیاب گومُت۔ سُہ چھُ پننہِ کلام ذٔسی زنتہٕ پَرن وألِس تتھ ماحولس منٛز سأنگوپان واتناوان تہٕ امِچ قائیت محسوس کرناوان۔

کلہن سُند مانُن چھُ: ''ییٚمی بوچھِ ہتی وَدِونِس دوٚدِ شُرِس، ووٚپر گرن منٛز کأم کرن واجنین نوشَن، مُصیبتس لگیٚمتِس دوستس، چاونہِ پتہٕ پھلہِ تہٕ گاسہٕ دادِ کرٕ یشوٗنہِ گاو، کھینہِ دادِ أس ہیوٚر رُکن گرِتھ مرنہٕ سُری ماجہِ مألی سُند یا دُشمنہٕ ہنٛدی ذٔسی زٕنیٚمتِس پننِس رازٕ سُند بُتھ یُس وُچھِ، تَس چھُنہِ امہِ پتہٕ جہنمس منٛز تہٕ امہِ کھوتہٕ ناکارٕ تہٕ وُلٕٹہِ وُچھنہٕ خأطرٕ بییہ کینٛہہ ضروٗرتھ۔

---

[1] راج ترنگنی، کِتاب 2، V 20-24۔

قحط وُچھِتھ چھُ کلہن لیکھان: ''یوچھِ ستی کنکال بنے متی لۄکھ چھِ ہۆکھۍ متی اُڈۍ جِہ کرتھ زنتہٕ دوزخُک باس دِوان۔ یوچھِ ستی پریشان پرتھ فرد چھُ صرف پننہٕ یڈٕ ہُند سونچان کیہہ کتھ برٕ۔ سارنے اوس زنانہٕ ہُند اُلفت، نچو سنز چاہت تہٕ مائلس ماجہِ ہنز شفقت مُشتھ گامژ۔ غربی ہنز لورِ ہندِ مارِ ستی تہٕ یوچھِ ہندِ نارِ ستی چھُ لکو خاندانٕی بجر، خودداری تہٕ شرم سارے مُشرا وِمژ۔ یوچھِ ستی روٗح ژُٹس پتھ وأتی متس پۆترس چھُ پنُن بُڈ تہٕ کمزور مول تہٕ مائلس گۆبُر مُشتھ گومُت تہٕ صرف چھکھ کل یڈٕ ہنز۔ کھینہٕ خاطرٕ پانونی ہرکرٕونی یم اُڈۍ جِہ کرتھ چھِ باسان زنتہٕ اِنسان کرتھن ہندی روٗح پانونی لرٕأے کران۔ یہِ ترٕس پسندی (کرُنارس) ہُند اِنتہا۔ قحطس منز یوچھِ ستی دُکھی لۄکھ تہٕ بنے وقت شین پننہٕ کنی کشیرِ پتھ نبر نیرنس منز لاچار لۄکن ہنز مُشابہتھ چھِ کلہن تمن جاناوارن ستی دِوان یم درواز بند آسنہٕ سببہٕ عالس منز بند گوٚمتھ پریشان آسن۔[1] راج ترنگنی منز چھُ کلہنن النکارن ہُند اِستعمال خیالاتن ہندِس اِظہارس تقوِیت بخشنہٕ باپتھ کۆرمُت نہٕ کہِ پنُن گاٹجار باونہٕ باپتھ۔ کلہن چھُ تتھِ مِثالہٕ پیش کران یم دِلچسپ تہٕ عام فہم چھِ تہٕ یمہٕ پرن وألی ہندِس دِلس پتھ سبتھاہ سۆن اثر چھِ تراوان۔ ڈامر چھِ بھِکشوٗہس پننِس سپاہن ہندِس حِفاظتس منز لہر (لار) واتناوان بل کُل تتھے کنی یتھٕ کنی برأتھ ستی نفر چھِ حفاظتہٕ سان مہرازس ہوٗور گرٕ تام واتناوان چھِ۔[2] یہِ چھِ صاف پأٹھی لگہٕ وِوہارٕچ

1. Himasanghata durlangya kshitibhrit ruddha nirgamaah I
Baddha dvara akulaayasya khagavat vivashaa janaah II
Kalhana, Rajatarangini, Book II, v.,38.
2. Tepi janya iva varam shrushruraalaya samnibham I
Praaveshayamstam Laharam anuyantah sasainikah II
Ibjd, Book VIII, v.,724.

مِثال۔ راز یَشسکرَس مُتلِق چھُ کلہن لیکھان: "یِیلہِ زَن سُہ (راز یشسکر) لکُن شایِستگی اوس ہیچھناوان مگر یِیمہِ ساتہٕ تَس انجہِ پیٹھہٕ پاَنس اوس واتان تمہِ ساتہٕ اوس سُہ پننہِ بے احتیاط وُطیرِ ستی ہبڈَنس لایق تِتھے پاٹھی گران یِتھہٕ پاٹھی اکھ حکیم یا ڈاکٹر مُریضس صاف تہٕ شوٗد کھنَبس تاکیٖد چھُ کران تہٕ پانہٕ اَولہِ سَولہِ کھوان چھُ۔[1] ماحولچ برابری چھُ شاعر اِنسانَن ستی کران تہٕ یِتھہٕ کنہٕ ماحولس تہٕ منٕشس درمیان قریبی رِشتہٕ قایِم دِوان گرِتھ۔ راز ہرشَن چھُ بے وقوٗفی کنہٕ نگرس أندی پکھی قدآور سرسبز تہٕ فایِدٕ منٛد کُلی ژٹناوان یِتھہٕ زَن تَسُند محلہٕ خانہٕ دوٗرِ پیٹھہٕ درٛینٛٹھی گژھِ۔ کلہنَن چھِ یہِ کتھ تشبیہ دِتھ وَنِتھناوِمٕژ۔ "گرٛ گرٛہستی والِین ہِنٛدی پاٹھی پوشو تہٕ مِیوٗ ستی برِتھ یم کُلی کرناوِکھ پرٛتھ جایہٕ تہٕ طرفہٕ زمین بوس ووٚن چھِ گرِکی یم بأژ بوٚمبرن ہِنٛدی پاٹھی (یِمن گُلَن أندی پکھی) ودان"۔[2] رازٕ رنا دِتیہ چھُ پُشکرنی سَرِ بُٹھس پیٹھ أکِس اژہٕ رژہِ ہِنٛدٕ بن کھورَن ہُنٛد ذِکر یِیمہِ آیہِ کران تہٕ دُ معنی لفظَن ہِنٛدِ رَلہٕ ستی چھُ مُشابہتھ پأدٕ کرنٕچ کوٗشِش یِتھہٕ کنہٕ کران: "تِہنٛدی سوٗنٛدر (پاد) کھور ووزلہِ رنٛگہٕ (اَلتا) ستی رٔنٛگی متی پاد چھا کِنہٕ باجرٕ (مقوی غذا) کھنہٕ ستی مُژھِل کھور آسنہٕ کنہٕ پکنس منٛز دُشوأری محسوٗس کرن واجنہِ[3] تمہِ سوٗنٛدرِ اوس پُئن بُتھ سیٛنَس ٹھرِ تھووُمُت زنتہٕ أس سوٗ پننٛی شیٛبہِ

1. Itatham janam sa vinayan haasyobhoot nija durnayaih I
Parasyopadishat pathyam apathyasheeva rogahat II
Kalhana, Raajtarangini, Book VI, v.,68.

2. Saprasoonphalaa vrikshaa grahasthaa iva paatitah I
Kutumbair iva rolambair ashochyanta pade pade II
Ibid, Book VII, v.,1224.

[3] کرٕ چھُکھ چارِنی رگجہِ گامنی گوٗلوٗت پکُن یا ہُسی پکُن، یہِ پکُن چھُ زنانہِ ہِنٛدِس حُسنَس اِضافہٕ بخشان۔

وُچھنہٕ باپتھ رِیاضتھ کران۔[1] اند ہ یوٚڈِ شٕتھرس چھِ پننٮ۪ ؤزیر بیٚترِ برطرف کٔرِتھ مُلک بَدر کران۔ لہٰذا چھُ سُہ تہٕ تیٚسنٕز رٲنی محل خانہٕ ترٛاوِتھ تہٕ ماجہِ کٔشیرِ خٲرباد کٔرِتھ ژٕلنس پیٹھ مجبوٗر گژھان۔ امہِ ساتہٕ یُس ترٛس پسندی (کَرُنا رَس) اِستعمال چھُ کرنہٕ آمُت، پَرن وٲلس چھُنہٕ چارے لگان اوٗش وسنس یوٚدوَے تَس منٛز اِنسانیت باقی آسہِ۔ حَدٕ نِشہٕ دوٗر سپدِتھ تہٕ بالہٕ تیٚتھٲلِس پیٹھ وٲتِتھ چھےٚ رٲنی پہاڑ تیٚتھالہِ پیٹھٕ پننس مادرِ وَطنس کُن واریاہَس کالس مُدے گٔنڈِتھ وُچھان۔ اٮ۪خری پھِرِ کٔرِکھ ماترِ بھوٗمہِ پوشہِ پوٗزا۔ بالہٕ ڈرزَو تہٕ تنٛگ کھوژَومنٛزٕ آیہِ جاناوار آلوٚ منٛز شِدٕ تہٕ سان نیرِتھ تہٕ زمینہٕ پیٹھ پکھ پھٔہلاوِتھ تہٕ توٗشتہٕ نوٚمراوِتھ لگی رِونہِ۔ راتھ تانی یَس راز رٲنی زٲنِتھ پوٗزا آس یِوان کرنہٕ، چھِ از بےٚ سہارٕ سپدِتھ پننہِ مُلکہٕ نِشہٕ کڈنہٕ یِوان۔ یَتھ جنم بھوٗمہِ پیٹھ تمو پننہِ سوکھُک بچپن تہٕ جوٲنی ہشنٛدی سونٛہٲری دوہ آسی گذٲری متی تتھ بُتراتھ آسی تَم روخصتھ ہوان۔ یہِ قابلِ رحم نظارٕ وُچھنہٕ باپتھ یا تَمن دِلاسہٕ دِنہٕ باپتھ حمدردی ہشنٛدی زٕ لفظ وننہٕ باپتھ اوس نہٕ تتہِ کانٛہہ آدم زاداہ۔ شاعرن چھِ بالہٕ کھوژَن منٛز روزن وٲلی جاناوار رِونٲوِتھ اکہِ طرفہٕ رحم تہٕ ترٛس پسندی اٮ۪خری حدس تام واتناوِمژ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُن منٛشَن تہٕ جاناوارن درمیان محسوٗسیتِکس سوٚتھرِس اکھ سوٚن تہٕ

---

1. Yavakaahaarinau paadau dadhateem krichchhi chaarinau I
Stanachchannaamukham drishtum tapasyantaavivaanvaham II
Kalhana, Rajatarangini, Book 3, v.,415.

2. Paryantaadritataath vilokya suchiram doori bhavanmandalam I
Draagaamantrayitum jahatsu nripaterdaareshu pushpaanjaleen II
Kshoniprashtha vikeernapakshatinamattundam svaneedisthitaih I
Saavegam girikandaraasu patataam vrindair api kranditam II
Ibid, Book I, v.,371.

مضبوٗط رِشتہٕ قایم کرنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ تہٕ اِنسأنی فِطرت مدِنظر تھأوِتھ اتھ منٛز وارِیاہس حدس تام کامیاب تہٕ گومُت۔

راج ترنگنی ہٕنٛز زبان چھےٚ سادٕ مگر اتھ منٛز چھِ روأنی کمالٕچ۔ یہِ چھےٚ اَنُشٹُپ چھندس[1] منٛز عام طور لیکھنہٕ آمٕژ یوٚ دوَے شوٚروٗہس تہٕ اَنٛد واتنس پتھ یہِ چھند چھُ بدلاونہٕ تہٕ آمُت۔ کُنہِ چھُ رسس تہٕ خیالاتن منٛز روأنی دِنہٕ باپتھ تہٕ چھند بدلأونہٕ آمُت۔ یِیتہَ تہٕ کُنہِ بیأنی منٛز گفتگو چھُ نظرِ گژھان تتھ منٛز چھُ ڈرامأیی انٛشر ٹاکارٕ نظرِ گژھان۔ فنکارن ہٕنٛز زبان چھےٚ زِنٛدٕ جاوید۔ دراصل چھےٚ یہِ راج ترنگنی توأریخ تہِ تہٕ مہاکاوِیہ تہٕ۔ کلہن چھُ پرٛن وألِس پرٛٔنہِ زمانٕچ توأریخ بوزٕ ناوِنس ستّی ستّی شأعری ہِنٛدِس آنٛنٛد سوٚدرِس منٛزٕ گوتہِ تہٕ کرٕناوان۔



---

[1] سنسکرتہِ ادبس منٛز شأعری ہُنٛد سُہ طریقہٕ یَتھ منٛز کُل 32 حرٛف آسن استعمال کرنہٕ آمٕتۍ۔ رامایَن، مہابھارت تہٕ گیتاجی ہٕشہِ مشہوٗر تخلیقہٕ چھےٚ أتھی چھندس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔

# راج ترنگنی

## جوٗن راج[1]

جوٗن راج اوس سُلطان زین اُلعابدین ہنٛزِ وزارتی مجلِس ہُند راج کوٚی۔ تٔمۍ اوس شری بھٹ، یُس راز سُند دھرما دِھکاری یا مُنتظِم اوس، تیٚمۍ ہنٛدِ حُکمہٕ کِنۍ تٔمۍ دوٚیمہِ راج ترنگنی ہُند دَس تُل۔ کلہنٚن اُس راج ترنگنی مہابھارت کالہٕ پیٹھٕ رازٕ جےٚ سنٛگھ نِس (1149 AD) دورِ حکومتس تانۍ لیچھ ہٕو۔ جےٚ سنٛگھنہِ راجکو پتِم پانٛژٕ ؤری اوس نہٕ سُہ لیکھتھ ہیوٚکمُت، تتۍ پیٹھٕ چھُ جون راجن پننۍ تخلیق شوٗرٕ کٔرمٕژ، یتھٕ کِنۍ چھُ جون راجن توأریخک پن تتۍ پیٹھ تُلمُت ییٚتہِ یہٕ کلہنٚن ترٛوومُت اوس۔ 1150ء پیٹھٕ چھِ یہٕ 1459ء یَس تام برابر چلوٕنۍ روزان یعنی 309 ؤری یَن تام۔ 1459ء پتہٕ چھِ یہٕ کأم تٔمۍ ہنٛدی ژاٹھن شری ورن بڑوٚنہہ کُن پکنأوِمٕژ تکیاز جوٗن راجہ سٕنہِ موتہٕ پتہٕ چھُ زین اُلعابدین ہنٛدِس دورٕچ اندروٗنی کشمکش کِنۍ زوال شوٗرٕ گوٚمُت مگر اُمۍ سُند راج چھُ توتہٕ 1470ء عیسوی تام چلوٗن روزان۔ اُمۍ ہنٛدِ راجکین اٰخری کیٚہن ؤری یَن ہُند احوال چھُ اَسہِ تام واتنوومُت شریٚ ورن۔ یتھٕ کِنۍ چھُ 309 ؤری یَن دوران ژودہَن ہنٛدی رازن، اَکِس بوٚڈٕ راجہ تہٕ نون مُسلمان سُلطانن ہُند ذِکر اتھ راج ترنگنی منٛز میلان۔ امہِ مہا کاوِکہِ لیکھنک مُداتہٕ مقصد چھُ جوٗن راج پانہٕ بیان کران

[1] جون راج ترنگنی ترتیب کار ڈاکٹر رگھناتھ سنٛگھ چوکھسما، سنسکرت سیریز آفس وارانسی 1972ء۔

لیکھان: ''کلہن ہنٛدِ پتہٕ چاہے مُلکچ یا رازن ہنٛدِ بدقسمتی سببہٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ تہٕ قلمکارن پننہٕ قلمہٕ ذٔری تم رازٕ زِندٕ تھاوِنٕچ کوٗشش کرمٕژ یمن ہُنٛد ذِکر میانہٕ تخلیقہٕ منٛز چھُ۔ لہٰذا چھُس بہٕ جونہٕ راج رازٕ زینُ العابدین ہنٛدِس ذٔپس پیٹھ یہٕ کام کرنہٕ خاطرٕ تیار سپُد مُت۔[1] جونہٕ راج چھُ لیکھان زِ ییٚمہ بیٚترٕ رازٕ یم اتھاہ سۆ درس منٛز لۓ چھِ گامٕتۍ تہٕ یم ووٗنۍ لوٗکن مُشتھ چھِ گامٕتۍ، رازٕ زینُ العابدین ہنٛز چاہت چھےٚ یمن سارِنٕے زِنٛدٕ دیُن۔ لہٰذا رازٕ ہنٛدِ دھرما دِھکاری ذٔزپر شری بھٹ ہنٛدِ حُکمہٕ کِنۍ چھُس بہٕ یمن رازن ہُنٛد احوال پننہٕ عقلِ ہُنٛد سۆتھر مدِ نظر تھاوِتھ بیان کران۔ جونہٕ راج اوس مہاکوی کلہن سُنٛد ژاٹھ لہٰذا اوس تسُنٛد تَس سبٹھاہ عِزت تہٕ احترام۔ مہاکاویہٕ منٛز پننس گورس مُتلِق عزت تہٕ احترام کران چھُ ونان زِ یہٕ میانۍ تخلیق چھےٚ اکھ لوکٕٹ آبہٕ جوے تہٕ میانِس گورٕ ہنٛز تخلیق چھےٚ بذاتہٕ خود اکھ دٔریاو۔ بژوٕنہہ کُن چھِ ونان زِ میانہٕ زِوٕ کر کلہن ہنٛز شاعری قبوٗل تہٕ تتھۍ ماحولس منٛز شامِل سپدنہٕ کِنۍ سپٕز سو عام لوٗکن منٛز مقبوٗل۔ ووں یتھٕ کِنۍ لوکچن جوین ہُنٛد آب رل گژھتھ چھِ لوٗکھ دٔریاون ہُنٛد آب چوان تتھےٚ کِنۍ کرن لوٗکھ میانۍ یہٕ کوٗشش تہٕ قبوٗل۔[2]

چوکھمبا سنسکرت سریزٕ وارانسی تہٕ وِشویشرا نند ویدک ریسرچ سینٹر، ہوشیار پُرس منٛز چھپاومژٕن جونہٕ راج ترنگنی سنہ 1972ہٕ منٛز چھِ 976 شلوک

1. Tato deshaadi doshena tadbhaagyair athaapi va,
Kavir vaaksudhaya kashchinnaajijeevat paraan nripaan I
Shri Zain-ol-Aabhidene kshamaam sampratikshati raksht,
Jona Raajaabhidha steshaam udhyato vritta varnane II

Jon, Rajatarangini, vv.,6,7.

2. Madvaak Kalahanaa kaavyantah praveshaadetu charvanam I
Nadvalambu sarittoye patitam peeyate na kim II

Ibid, Book v.,26.

ییٚلہِ زَن بمبئی منز چھپے مِژ جوٗن راج ترنگنی منز چھِ 1334 شار موٗجوٗد۔ تخلیقہٕ ہٕندِ بن گوڈٕنکِین 26 ہَن شۆلوٗکن منز چھُ توٲریخ لیکھنُک وجہہ بیٚترِ ووکھناونہٕ آمُت تہٕ تمہِ پتہٕ چھِ پانژُن رازن ہُند احوال صِرف کُنتاجی ہَن (39) شۆلوٗکن منز موٗختصر پاٹھی آمُت دِنہٕ۔ یہِ تہٕ چھُ مُمکِن زِ سُلطان سِکندرنہٕ ڈٲسی کِتابن ناش کرنہٕ کِنی آسہے نہٕ تَس پوٗرٕ مواد حاصِل ہیوٚکمُت سپدِتھ ییمہِ کِنی نہٕ تٔمی یمن رازن مُتلِق زیادٕ کینٛہہ لیکھِتھ ہیوٚک۔[1] جےٚ سِمہس مُتلِق چھُ جوٗن راج لیکھان زِ تٔمی ہٕندِس وقتس منز اوس نہٕ لکھشمی تہٕ سرسوٚتی پانٕونی کانٛہہ تَذاد۔ رازٕ جےٚ سِنگھن اوس وِدیشی حملن خلاف شُمالی ہندوستانکی واریاہ راجہِ امہِ کتھہِ نِشہِ خبردار کٔریمتی زِ تِمن پزِ یِمو حملو نِشہِ بچاوٕ خاطرٕ کٔشیرِ ہٕندِس راجس پنٕن فوج تہٕ اصلاح آیہِ تِن تھاوُن، یُتھ زَن بیرُونی حملن ہُند تدورُک سپدِ۔ اَتھی سِلسِلس منز اوس ترٟگرتُک رازٕ سُسشرما سُند رِشتہٕ دار مَلّ تہٕ کٔشیرِ ووتمُت۔ یہِ گو کانگڑٕ ہُک سُے رازٕ (سُسشرما) یُس مہابھارت لڑٲیہِ منز ارجنہٕ سٕندِ اتھہٕ مارٕ گو۔ پننہٕ قابلیتہٕ سٟتی بنیوٚو مَلّ جےٚ سنگھنہِ فوجُک سِپہ سالار تہٕ تٔمی نوِ حملاورن خلاف واریاہَن لڑاین منز چھِہ تہٕ کموٗن ناو۔ دوٚیِم رازٕ اوس پَرمانُک۔ امہِ ناوُک چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ نیٚچوٗ جےٚ سِنگھس اوسمُت۔ وون گو کلہن سٕنزِ راج ترنگنی منز چھُ اَٹھمہِ کِتابہِ ہٕندِس 1607-08 شۆلوٗکس منز درٕج زِ جےٚ سِنگھس چھُ پرمانڈِ ناوُک نیٚچُو یُس یُوٚراج چھُ آمُت مُقرر کرنہٕ ییٚلہِ سہٕ صِرف پانٛژٕ وُہر اوس۔ توٲریخ دانَن ہُند مانُن چھُ زِ یہِ چھُ سُے یُوٚراج پرمانڈِ یَس جوٗن راج پرمانُک چھُ لیکھان۔ اَمہِ کٔر پننِس

[1] ڈاکٹر رگھُناتھ سِنگھ، جوٗن راج ترنگنی، شلوٗک 6، نوٹ 1، صفحہٕ 7-6۔

دورِ حۄ کۄمتس منٛز صرِف دھن لۄٹنٕچ کۄشِش یوسہٕ پتہٕ أمی پٔننہِ بےٚ وقوٗفی کِنہٕ دون ٹھگن گٔر حوالہٕ تہٕ پانہٕ رۄد ژھۄرُے تہٕ چھۄنُے زنتہٕ کولہِ کاجوٗٹھ۔

ترٛیُیم راز اوس ونتی دیو۔ أمی سُنٛد چھُ صرف مَرن سنہٕ جون راجن دیُتمُت۔ یہِ اوس پرمانٛگن نچو۔ ژۄرِم راز اوس بۄپ دیو، یَس جون راج بے وقوٗف تہٕ مُرکھہِ موٗنٛڈ ونان چھُ۔ یہِ راز کتہِ آو تہٕ کمہِ خاندانہٕ منٛز اوس۔ اتھ مُتلِق چھُنہٕ جونَ راج کِنْہی تہِ لیکھان۔ أمی کۄر 1171-81ۂ یَس تام کٔشیرِ پیٹھ راج۔ پأنٛژِم راز چھُ جونَ راجن جسکٔ لۄکھمُت یُس 1181-99ۂ یَس تام کٔشیرِ ہُنٛد راز اوس۔ یہِ کتہِ آو کُس اوس اتھ مُتلِق تہِ چھُنہٕ توأریخ کیٛنْہی لیکھان۔ سُہ چھُ صرِف اِشارٕ کران زِ لوٗنبن ہِنٛدِ زیرِ اثر بنیو سُہ کٔشیرِ ہُنٛد راز تہٕ امہِ کتھِ تلہٕ چھُ نتان زِ سُہ آسہے نہٕ بوپ دیوس یا أمس برٛونہہ کأنٛسہِ رازٕ ہِنٛدِس خاندانَس ستی وابستہٕ۔ توأریخ دانَن چھُ امہِ علاوٕ أمی ہِنٛدِس ناوس ستی وابسطہٕ سُریشوٗری ہِنٛدِ تیرتھ یاترایہِ ہُنٛد ذِکر کۄرمُت۔ صرِف چھُ جونَ راج ترنگنی ہُنٛد ترتیب کار ڈاکٹر رگھُناتھ سنگھنہِ موٗجوٗب یہِ راز یشَسکر ییٚمہِ سُنٛد ذِکر اَسہِ باقی ماخزو ذٔریعہِ میلان چھُ تہٕ یۄہے لفظ چھُ کأشرِ زبأنی منٛز جسکٔ بنیومُت۔

شیٚیم راز چھُ جگٔ دیو ییٚمی پٔنہِس مأہِس جُسکس پتہٕ کٔشیرِ پیٹھ 1199-1213ۂ یَس تام راج کۄر۔ یہِ راز کۄر پٔننٕو ؤزیرو مُلک بَدر۔ مُلک بدر گژھتھ کۄت گو یہِ امیُک چھُنہٕ توأریخ دانن کانْہہ تہِ حوالہٕ دیُتمُت۔ أمس چھُ گُنزراہُلَ ناوی شخصا سمکھان تہٕ یہِ چھُ تس ستی یارٕز کران۔ یہِ گُنہٕ راہُل کُس اوس کتیُک اوس اتھ مُتلِق چھُنہٕ توأریخ دان کیٛنْہی تہِ لیکھان۔ أمی ہِنٛدِ مَدتہٕ ستی

چھُ راز جگ دیو کٔشیر منز ڈرامٲیی طور دٲخل سپدتھ سارِنے حٲران کران۔ گنہٕ رٲئِل ہِندِ مدتہٕ ستی چھِ جگ دیو راج حاصِل کرنس منز کامیاب گژھان تہٕ چھُ امریشور مندر تعمیر کرناوان۔ یہِ چھُ واریاہ راز گُزرنہٕ پتہٕ کٔشیرِ منز ثواتچ کٲم کرن وول راز تصور یِوان کرنہٕ۔ اَمس چھِ پدم ناوٕک ڈیڈی وان خاص خادِم بِنتھ زہر دِوان تہٕ ماران۔ یتھٕ کٔنی چھُ راز جگ دیو سُند راج سنہٕ 1213ہَس منز اَند واتان۔

سُتم راز چھُ راج دیو (1236-1213)۔ یہِ بیۆٹھ جگ دیو ہِندِ فوت سپدنہٕ پتہٕ تختس پیٹھ۔ کینٛہہ سامنت اَسی طاقتور بنیمتی یِمو سری نگرس اَمی ہِندِس وقتس منز لۆٹھ کۆر۔ رازن دیُت حُکم بھٹن ہنز تخریب کٲری وُچھتھ تہٕ دِیُن حُکم یِمن لۆٹھ کرُن۔ اَمی رازن چھُ راجوری قصبہٕ آباد کۆرمُت۔

اَٹھم راز چھُ سنگرام دیو (52-1236)، کٔشیرِ ہِندِس تختس پیٹھ بیۆٹھمُت۔ یہِ اوس راج دیوُن نیچو۔ اَمس اوس اکھ لوکُٹ بوے سۆریہِ۔ سُہ بنوو اَمی راجوری ہُند سامنت مگر سُہ دزاو طبیعت کِنی ژوٕیل۔ سنگرام دیون بوٗز اَمی سِنز ژوٕیہِ ہُند۔ خوفہٕ کِنی ژوٕل سُہ لاریتھ سامنت تنگ اوس۔ رازن کۆر تنگ قوبوٗ تہٕ سۆریہِ کرُن فوجس حوالہٕ یِمو سُہ مارِتھ ژھُن۔ اَتھی دوران سپدی کلہنہٕ ہِندی دُری طاقتور تہٕ اُرکھ کوٗشش راز زیر کرنہٕ باپتھ۔ تھٕیہِ کِنی ژوٕل راز راجوری۔ راز ہِندِ ژلنہٕ کِنی گیہِ ڈامر طاقتور۔ ڈامرو، ڈوٗمبھو تہٕ برٛہمنو کۆر راز ہِندِس خزانس واریاہَس کالس لۆٹھاہ۔ خزانہٕ گو خٲلی تہٕ لۆٹرن ووتھ مد۔ رازن کۆر حملہٕ ڈوٗمبھن تہٕ ڈامرن دِژن شِکست۔ کلہن ہِندبن زُربن دِژن برٛاہمن

آسنہٕ کِنۍ ماَفی تہٕ وجیشوَر بناوٕ ناوٕ بن گاوٗن تہٕ برٛہمن ہنٛدِ باپتھ اَکۍ وُہہ گو، براہمن شالایہِ۔ مگر توتہِ اوس سُہ کلہن ہنٛدٕ بن زُربن ہتۍ تِتھے کِنۍ بعض تھوان یتھِ کِنۍ ژوٗر چھُ ژاَنٛگس ہتۍ رِشی تھاوان۔[1] آخرس مارنو وسنگرام راج یمو کلہن ہنٛدو زُرو 1252ہس منٛز۔ نِوم راز رام دیو چھُ ماَلس سنگرام دیوس پتہٕ کشیرِ ہُنٛد راجہٕ (73-1252)، یَس منٛز سارِنۍ کلہن ہنٛدٕ بن زُربن ناش کرِتھ بنان۔ اَمۍ رازن اوس ڈٕچھن پارِ لیدرِ بٔٹھس پیٹھ قلعہ بنوومُت۔ کمرازس منٛز کوٗر اَمۍ ہمال پرگنس منٛز ویشنو مندرس مرمت۔ اَمس اوس نہٕ پانس کانٛہہ تہٕ سنتان لیہذا اوس اَمۍ اکھ برٛہمن زاد (لکھمن) نیچو بنوومُت۔ اَمۍ ہنٛز آشینہِ سُبھدرلیہٕ بنوو ویتھِ بٔٹھس پیٹھ سَمدُرمٹھ (سوٗدِمر)۔ یہِ راز چھُ 1273ہس منٛز فوت سپدان۔

ڈٕہم راز بَنیو رام دیون منکہٕ لکشم (لکھشمن) دیو ییمۍ (86-1273)ہس تام راج کوٗر۔ اَمۍ ہنٛدِس عہدس دوران کوٗر کجول ناَوۍ ترٛک سردارن کشیرِ پیٹھ حملہٕ تہٕ ووت کُنہٕ رُکاوٹہٕ بغاَر سری نگر تام۔ امہِ ترٛک حملہٕ ہتۍ گو لکشم سخ پریشان تہٕ کینٛہہ توٗ اَرتھ دان چھِ یتہٕ ونان زِ یہِ گو ترٛکن ہتۍ لڑان مارٕ۔ مگر تہٕ چھُنہٕ سہی تِکیازِ کجول چھُ 1287ہٕ تَس تام سری نگرس منٛز روزان ییلہِ زن لکشم چھُ 1286ہٕ یَس منٛزے مران۔

کہم راز چھُ سمہہٕ دیو یُس (1301-1286)ہٕ یَس منٛز کشیرِ ہُنٛد راز بَنیو۔ یہِ اوسا لکشم دیون نیچو یا آشناو کنہٕ رام دیوٗن اتھ متلق چھُنہٕ

1. Kaalhanapranidheenaam sa dvishaam lunthana kaankshinaam I
Chauraanaamiva deepobhood dveshineeyo maheepati II
Jon Rajtarangini, v.,101.

جوٗن راج کہیں لیکھان۔ صرف چھِ اِشارٕ دِوان زِ لارٕکس سردار بالاچندر سِندی نیچو سنگرام چندرن کوٚر تُرٛک سردارس پیٹھ حملہٕ تہٕ کوٚرُن ژلنس پیٹھ مجبوٗر۔ یِیلہِ زَن سہمہٕ دیون سری نگر منٛز ژٕلِتھ لیڈر علاقس منٛز پنُن راج قایم کوٚر تہٕ تتی سپدیہِ تسنٛز تاج پوٗشی تہِ۔ چوٗنکہِ أمی یا أمی سِندی بزوٚنہم رازن کٔر نہٕ کُجوٗل تُرٛکس سری نگر منٛز کڈنہٕ باپتھ کانٛہہ تہِ کوٗشِش لہذا اوس سری نگر سنگرام چندرنِس قبضس منٛز تہٕ یِہ اوس راژ سہمہ دیوس تنٛگ کران۔ آخرس چھُ سہمہ دیو سامنٛتن ہِنٛدِ مَدتہٕ ستی سنگرام چندرس یُس مأکی سِندِ مرنہٕ پتہٕ پسپا اوس گومُت، ماران تہٕ سری نگر قبضس منٛز کران۔ یِہ راژ اوس مِلن سار تہٕ أمی سِنٛدِ وقتہٕ چھِ واریاہ وِدیشی محل خانَس نزدیکھ آمٕتی۔ أکس نژن واجنہٕ اِڈالی (اداعلی) دایہِ پیٹھ فِدا گژھنہٕ پتہٕ کوٚر دٔرییہِ نأوِ أمی سِندی أکی خأدِمَن ژوٚے کٔرتھ راژ سہمہ دیو 1301ہس منٛز قتل۔[1]

بٔہم راژ چھُ سہٕ دیوس بأے سِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کٔشیرِ ہِنٛدِس تختس پیٹھ بیوٚٹھ۔ أمی سِنٛدِس دورس منٛز چھُ وِدیشی لوٗکھ واریاہ کٔشیرِ آمٕتی، ییم راژ سِنٛز نوکری منٛز شأمِل سپدیہِ۔ مثلن گوڈ آو شاہ میر، تَمِس پتہٕ کوٚر دُلچن حملہٕ، تمہِ پتہٕ آو رِنچن۔ جوٗن راجن چھُ یِمنے مُتلِق زیادٕ لیٚوکھمُت کٔشیرِ ہِنٛدِس سیاستس مُتلِق چھُ اتھ وقتس دوران تقریباً خاموش روٗدمُت۔ دُلچہ چھُ منگول سردار آسان تہٕ أمی سُنٛد غرض چھُ صرف لوٗٹھ کرُن۔ أمی سنٛز ژھیلہٕ بھرنہٕ خأطرٕ چھُ راژ ٹیکس لاگان سارِنے پیٹھ۔ برہمن چھِ اتھ خلاف مَرن وژت تھاوان تہٕ ییتھ کٔنی رازَس

[1] جوٗن، راج ترنٛگنی، شعر 128۔

پریشان کران۔ رِنچن چھُ بودھ آسان یَس پننہِ مُلکہِ منز ژلُن چھُ پیوان۔ بھوٹ مُلکہِ پیٹھہٕ چھُ ژٔلتھ یہِ زوجلا درِ ترٔتھ لاہر پرگنس منز واتان۔ لتہِ چھُ یہِ ژھل کرِتھ رامٕ چندرس، یُس راجٕ سُند سپہ سالار تہٕ چھُ آسان، ماران تہٕ امہِ خاندانہٕ چہِ اَکِس کورِ کوٹہٕ رأنی سٍتۍ خاندر کران۔ یہِ چھُ راجس بوٚڈ دھکہٕ لگان۔ رِنچن چھُ سری نگرس پیٹھ فوج کشی کران۔ سہہ دیو چھُ لڑایہٕ ہنٛدِ مأدانہٕ منز ژلان تہٕ کشتوار واتان۔

یِمن حالاتن منز چھُ رِنچن (1320-23) یَس ترٕ وأہم راجٕ کٔشیرِ بنان۔ جوٚن راجن چھُ أمی ہنٛدِ باپتھ "راجٕ" بجاے "سُر تژ ان"، "سُلطان" لفظ اِستعمال کوٚرمُت۔ امہِ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ سُہ اوس نہٕ "بوڈہٕ" روٗدمُت بلکہ اوس مُسلمان بنیوومُت۔ کینٛہن مورِخن ہُند داوا چھُ زِ تس اوس شیو متک اثر تہٕ اوس اتھ متس تحت ہیندی مذہب یژھان تختیار کرُن، مگر کأشرِ بو سامنتو دِیُت نہٕ تس یہِ کرنس اِجازت۔[1] لہذا کوٚر رِنچنن کوٹہٕ رأنی سٍتۍ خاندر تہٕ بنیو کٔشیرِ ہُند سُلطان۔ جوٚن راج چھُنہٕ اتھ کتھِ کُن کانٛہہ تہِ اِشارٕ دِوان زِ رِنچن روزووا بھوٹہٕ کِنہٕ بنیو مُسلمان تہٕ نہٕ چھُ پتہ ہش کانٛہہ کتھ کوٹہٕ رانی کران زِ سو روز أیا ہیٛندی مذہبس سٍتۍ کِنہٕ مذہب تبدیل کرِتھ کریٚون رِنچنس سٍتۍ خاندر۔ یہِ تہِ چھُنہٕ سُہ کانٛہہ حوالہٕ دِوان زِ مذہب بدلأوِتھ کیاہ اوس تہُند نوٚو تبدیل شُدھ ناو۔ یِمہٕ سارے کتھِ چھے تحقیق طلب۔ اَمہِ باوجوٗد چھُ اوسمُت رامٕ چندرن

1. Shreedevasvaaminam Shaivee deekshaam yachannaraadhipah I
Na anvagraahi sa Bhauttatvaattenaapaatratva shankaya II

Jon Rajatarangini, v.,193.

لاہر پیٹھ سأرٕے حکوٗمت چلاوان تہٕ ریٚنچن اوس نہٕ پانس وۄپر مُلکس منٛز تیوٚت طاقتور مانان زِ سُہ کرِہے سیٚد سیوٚد تس ستی جنٛگ۔ لہٰذا أرتھ چال تہٕ سۄزِن پنٕنی کیٚنہہ خاص بھوتٕہ تاجر بٔنتھ لاہر تہٕ کرٕنووٕن رام چندرن قتل تہٕ تتھ کنی کوٗرِن شاہ میر قوبوٗ، یُس وُنیکتام تہٕ رام چندرس زاگان اوس۔ أتھی دوران چھُ ریٚنچن کشیٖرِ ہنٛدِس تختس پیٚٹھ فأیز گژھان۔ شاہ میرس چھُ سُہ وزیرِ عظم بناوان تہٕ کوٹہٕ رأنی چھِ اتھ منٛز ریٚنچنس ستی ستی آسان تہٕ سُہ چھُ تختس تیٚتھے پأٹھی تھپھ دِوان یتھ پأٹھی گأنٹھ چھِ پوٗتس تھپھ دِوان۔[1] أتھی دوران چھُ دُلچن سُنٛد حملہٕ تہٕ سپدان۔ یہِ چھُ تُرک سردار آسان۔ ریٚنچن ہنٛدِ تختس پیٚٹھ فأیز گژھنہٕ پتہٕ چھُ اُدین دیو (سہہ دیوُن بوے) حالاتن ہنٛدِ بیمہٕ ستی ژٔلتھ گانٛدھار واتان۔ دُلچہٕ سُنٛد لوٗٹھ مار تہٕ لوٗکن پیٚٹھ ستم گیہٕ تیتھ غالِب زِ ریٚنچن ہیوٚ جنٛگ جوٗ تہٕ جانباز تہٕ ہیوٚک نہٕ تس بژونہہ کنہِ ٹھہرِتھ، تس آو لٔڑایہِ منٛز کلس چوٹ تہٕ کوٹہٕ رأنی تہٕ نیچو حیدر کرِی تمی شامیرس حوالہٕ تہٕ پانہٕ دژاو تخت ترٛاوِتھ۔ دُلچن نیہٕ واریاہ کأشر پانس ستی غُلام بناوِتھ۔ کشیٖرِ گو تیٚتھ لوٗٹھاہ بأیِس آو نہٕ بوے اتھِ تہٕ گوبرس نہٕ موٗل تہٕ مأجس نہٕ گوٗبُر۔[2] یِم بھوتٕہ لاہرس (لارس) منٛز ریٚنچنہٕ سنٛدِ وقتہٕ پیٚٹھ أسی تھو کوٗر رامچنٛدرِ قتل۔ اُدین دیو چھُ تختہٕ أمار گانٛدھار پیٚٹھ فوج ہیتھ کشیٖرِ منٛز

---

1. Pakshishaavamiva sthaanachyutam chillolla sadriya I
   Balashree Renchino lokam Kaashmirikam apaaharat II

   Jon Rajatarangini, v.,157.

2. Janaah Kaashmeerikaa durgaa bilebyo mooshakaa iva I
   Duluchotau gate bandee krata sheshaa viniryayuh II
   Naalabdha pitram putrah pitaa tam cha na kanchana I
   Bhraatrimshcha bhraatarao Dulcharaakshasopaplavaatyaye II

   Ibid, vv.,160-61.

واَرِد سَپدان۔ کاشُر وارياه سردار چھُ لَس ہتّی رَلان تہٕ عیدگاہَس نکھہٕ چھُ جنگ سَپدان۔ یتھ منز ریٚنچن چھُ زخمی گژھان۔ سُہ چھُ ژٕلِتھ محل خانس منز واتان مگر تتہِ چھِ برٕونیہِ خانہٕ جنگی آسان چلان۔ زخمی حالتس منز چھُ ریٚنچن مَران تہٕ کوٗٹہٕ رانی تہٕ نیچوٗ شاہ میرس حوالہٕ کران۔ یتھے اُدین دیو چھُ محل خانس منز داخل سپدان شاہ میر چھُ کوٗٹہٕ رأنی تہٕ جمشیدس اُدین دیوس حوالہٕ کران تکیازِ سُہ چھُنہٕ تمہِ ساتہٕ مُقابلس قابل آسان گوتَس چھُ تختک سَخ امارٕ آسان۔ یتھ کِنی چھُ اُدین دیو کٔشیرِ ہُند ژودأہم (39-1323)ۂ یَس تام راژٕ بنان تہٕ کوٗٹہٕ رانہِ ہتّی خانٛدر کران۔

یتِس کالس اوس شاہ میر پنٕنی حالت مظبوٗط کران۔ تمی کٔر پنٕنی زٕ نیچوٗ جمشید تہٕ علی شاہ کمرازکی حاکم تعینات۔ راژٕ اُدین دیو اوس پتہٕ پیٚٹھی دھرمس کُن مایل سَپدمُت۔ دھرچن کامن پیٹھ کوٗرتمی خزانہٕ تہٕ خالی۔ سُہ اوس پوٗرٕ دوہَس راتس پوٗزا پاٹھس منز مگن روزان۔ سلطنچ اَسس نہٕ کانہہ خبر۔ شاہ میرس آو موقعہٕ تہٕ تمی کٔر کوٗٹہٕ رأنی تہٕ تیٚندی شُری قاد۔ اُدین دیو گو رحمتِ حق تہٕ کوٗٹہٕ رأنہِ تھاَو یہِ کتھ عام لوٗکن نِشہٕ کھٹِتھ پوٗرٕ ژون دوہَن[1] اَتھی منز سنبھاَج اَمہِ راژٕسی لوٗنَن ہِندِ مدتہٕ ہتّی 1339ٕ منز تہٕ بنے یہِ کٔشیرِ ہِنز پنٛدأہم راژٕ رأنی جون راجہِ نہٕ تفصیل موٗجوٗب۔

رانہِ کٔر کوٗشش زِ کٔشیرِ ہُند راج گوٗژھ کاشُربن ہِندی ہے اَتھس

1. Atha Shah Mera bheetya Shri Kotaa Chatvaaryahaani saa I
Goodengitaan yad guphtim bhoopaala pramayadhikam II

Jona Rajatarangini, v.,264.

منز روزٕن، اَمہِ باپتھ کوٚر تمہِ بھٹہٕ بھکشن ناوی کاشُر بٹہٕ پٔنن وٗزیر مُقرر۔ شاہ میرس گو یہِ ناگوار۔ تِمۍ لوگ ڈانب تہٕ کٔرن ہووے بیمار آسنچ۔ کوٹہٕ رانہِ سوٗز وٗزیر بھٹ تہٕ کیٚنہہ اَنگ رَکھشک ہیتھ شاہ میرس خبرِ۔ ڈیڑی وٲنی دیُت نہٕ دویہِ زیادٕ نفرن اندر اژنس اِجازت تِکیاز شاہ میرس اوس نہٕ زُوٹھیک۔ ییتھ پٲٹھی ژوے کٔرتھ آیہِ یِم دوشوے مارنہٕ۔ کٲنسہِ تہٕ کٲشری سردارن دیُت نہٕ شاہ میر ہِندِ خوفہٕ کِنۍ کوٹہٕ رانی ہُند ساتھ۔[1] تِکیازِ تِمن روٗد خطرٕ زِ یِہُند حال تہٕ ما آسہِ ییتھے کِنۍ۔ فوجکی سپہہ سالار (کمپنادِ پتی) یُس زَن شاہ میر سُند سوٗنی تہٕ اوس کٔر کوٹہٕ رٲنی کوٹ قِلس منز نظر بند تہٕ شاہ میرن کوٚر امہِ قِلک مُحاصرٕ۔ کوٹہٕ رٲنی مور سپہہ سالار لڑایہِ منز تہٕ دژایہِ قِلہٕ تژٲوِتھ مگر قلہٕ اوس شاہ میرنس گیرس منز تہٕ ییتھ کِنۍ سپدیہِ کوٹہٕ رٲنی گرفتار تہٕ ووت کٔشیرِ پیٹھ ہیٚندی راج 1339ہٕ یَس منز اَند۔ رٲنی چھِ اۭخری دَمس تام کوٗشش کران زِ راج گوٚژھ نہٕ ووپَرن ہِندِس تسلُطس تل یُن مگر چھنہٕ کامیاب گوٚژھان۔[2]



1. Prameeta nijashokottha taapa shaantai jadah param I
   Param praanaat roshavahnau pradeephte juhuyaditi II
   Jona Rajatarangini, v.,282.
2. Ibid, vv.,284-306.

# سُلطانَن ہُنٛد دور

## سُلطان شمس الدیٖن شاہ میر (1339-1342)ء

شمس الدیٖن، شاہ میر بَنیو و (1339-1342)ءیَس منٛز کٔشیرِ ہُند گوڈنیُک سُلطان۔ تٔمۍ کٔری گوڈنیتھے کوٹہِ رانہِ ہٕنٛدی دوشوٕے نیچو قٲد تہٕ لونن کٔرِن کھڑکھ تہٕ کٔرن لہر کوٹ روانہٕ۔ کشتواڑ منٛز کٔڈِن گُجرٲتی تہٕ کٔرِن واپس پنٛنِ مُلک روانہٕ۔ پنٛنۍ دوشوٕے نیچو کٔرِن انتظامِ سلطنتس سٟتۍ وابستہٕ تہٕ کٔرِن یمن حۆکومت حوالہٕ تہٕ پانہٕ بنیو و سلطان کشمیر۔ 1342ءیَس منٛز شمس الدین نہِ فوت سپدنہٕ پتہٕ بنیو و تٔسنٛد زیٛٹھ نیچو جمشیٖد دوٕیم سُلطان کشمیر (1342-1344)ءیَس منٛز۔ یمن دون وٕری یَن روٗز جمشیٖد تہٕ علی شیر یمن دون بایَن حالات کشیدِ تحتہٕ باپتھ۔ اتھ منٛز اوس سپہہ سالار لکھشہ سُنٛد تہِ اتھہٕ۔ یہٕ اوس جمشیٖدَن سپہہ سالار مگر علی شیرس سٟتۍ اوسن پنٛنہِ کوٗرِنیتھر کوٗرمُت لہٰذا اُس اُمس زیادٕ دَگ علی شیر سٕندِ باپتھ۔ کینٛہن سامنتن ہٕنٛدِ مدتہٕ سٟتۍ کوٗر اٴمۍ علی شیرس وٕنٛتۍ پوٚر تاج پوشی۔ جمشیٖد کوٗرُن کمراز ژَلنس پٮ۪ٹھ مجبوٗر تہٕ یتہِ کٔرۍ کوٗر علی شیرن تخت حاصل 1344ءیَس منٛز تہٕ بنیو و سُلطانِ کٔشیرِ اعلا الدین (علی شاہ) ترٛیٚیم سُلطان کشمیر (1344-1354)ءیَس تام۔ بأیس خلاف لڑایہِ ہُنٛد بدنُما داغ ختم کرنہٕ خٲطرٕ بنوو اٴمۍ جمشیٖد وٕزیر یُس تمہِ ساتہٕ کمرازس منٛز اوس۔ جمشیٖدَن کوٗر کمرازس منٛز

ڈری یاوس ترنہٕ باپتھ اکھ کدٕل تأمیر تہٕ بیٚیہ بناوٕن اکھ سرائے مگر یُس کُھر تَس پننِس قسمتس آمُت اوس سُہ ژھوٗلُس نہٕ کینٛہہ۔[1] سُلطان اعلاالُدین کوٚر حُکم زِ اگر بأے کأنٛسہِ لاوَلد آسہِ تہٕ بیٚیہ کرِ سو رأنۍ ہٕندِس فوت سپدنس پتہٕ بیاکھ خاندر سو روزِ نہٕ گرٕکہِ تمہِ چِھیہ حقدار یُس تس خاندار حالے حیات آسنس پتھ حاصل سپدِ ہے۔ یہِ قونون چھُ از تہٕ کأشرٕ مُسلمانن منٛز رأیج۔[2]

کینٛہہ مورخ چھِ ونان زِ سُلطان اعلاالُدین ہٕندِس دورس منٛز آیہِ گوڈنچہِ لٹہِ سعید جلاالُدین مخدوٗم صاٮ۪ب کشیرِ تہٕ روٗدِ ییٚتہِ لگ بھگ ترٛن ہفتن تہٕ سَپدِ پتہٕ واپس روانہٕ۔ تٔمۍ بناو سرینگر بجائے جے پیڑ پُر پننِ راجدھانی تہٕ رینچن پُر بناونوٗن اکھ مٹھ یا سرائے ییٚتہِ لدأخی تہٕ تبتی بودھ أسۍ کشیرِ یِنہٕ گژھنہٕ وِزِ ٹھہران اَتھ پہٕ پتہٕ بوٗدگیر ناویُس از تہٕ سرینگرُک اکھ محلہٕ چھُ۔[3] 1344ٕ یَس منٛز چھِ کشیرِ زبردست دژاگ ووٚتھمُت یٔمۍ ساری پریشان کٔری۔[4] اعلاالُدین سَپُد 1354ٕ یَس منٛز فوت تمہِ ساتہٕ أسۍ تِہٕندۍ زٕ نیچۍ شہاب الدین تہٕ ہِندال (کُتب اُلدین) کشیرِ منٛز تہٕ شہاب الدین بنیو ژوٗرِم سُلطان کشیرِ۔

---

1. Salilottamopaayam setum Suyyapure vyadhaat I
   Vipath samtaranopaayam na punarjamsaro asmarat II
   Jona Rajatarangini, v.,340.

2. Shvasuraat bhartribhaagam yadveeraa punshchalee vadoo I
   Harantyaseet sa tam Raajaa duraachaaram nyavaaryat II
   Ibid, v.,356.

3. Jayapeedapure kratvaa Raajdhaaneem mahaamateeh I
   Shri Rinchampure Chakre Boddha Buddhagira bhidhaam II
   Ibid, v.,357.

4. Econavarshe atha dushkritot bhavam adbhutam I
   Durbhiksham kshobhayamaasa lokam shokaakulam mahat II
   Ibid, vv.,358.

## (۴) سُلطان شہاب الدین (1354-73)ء:

1354-73ء یَس منٛز سَیِد سُلطان شہاب الدین کٔشیرِ ہِنٛدِس تختس پیٹھ وأرِد۔ تہٕ بنیو ژۄرِم سُلطانِ کشمیر۔ جونٛ راج چھُ ونان زِ تٔمۍ مٔنٛز اُوی لَلتادِتیہ تہٕ جَے پیڈ ہی مشہوٗر رازٕ تہٕ کٔشیرِ ہِنٛد بن لۄکن۔ اُمی کٔر کابُل، غزنی، قندہار، تبت وغارٕ علاقن پیٹھ فوج کٔشی تہٕ کٔرنۍ اَتِکۍ رازٕ زیرٕ[1] سَنہٕ 1360ء یَس منٛز ناموافِق موسمی حالاتو کِنۍ کھوٚت کٔشیرِ منٛز سہلاب تہٕ تمہٕ پتہٕ وۄتھ زبردست دزاگ تہٕ کٔشیرِ منٛز گو وارِیاہ مٲلی تہٕ جأنی نوقصان۔[2] سُلطانن کوٚر اتھ دزاگس دوران لۄکن کھُلہٕ دِلہٕ مَدت۔ سُلطان اوس راجدھانہٕ وأتِتھ پننِس وٕزیرٕ خاص کوٹہٕ بھٹس تہٕ اُدے شری ہَس ہِتی صلاح مشورٕ کران تہٕ لڑایہٕ ہِنٛدِس مٲدانس منٛز اوس سُہ پۄرٕ پأٹھی ژٔندرٕ ڈامر تہٕ لولہٕ ڈامرس پیٹھ بھروسہٕ کران۔ یِمن ژۄنوٕنی وٕزیرن ہُنٛد ناو چھُ شاید جون راج ترنٛگنی پٔری تھٕے کے۔ اِبن بامزی یَن پننہٕ کِتابہٕ ''ہسٹری آف کشمیر'' س منٛز صَفہٕ 317 ہَس پیٹھ اَمہٕ کتھہٕ ہُنٛد اِقرار کوٚرمُت زِ یِم اَسی کاشُر بٹہٕ یِم سلطانہٕ سٕنٛدی خاص وٕزیرٕ اَسی۔ باقی وارِیاہ مورِخ تہٕ چھِ اتھ کتھہٕ حمایَتھ کران۔[3]

---

1. Evam nitya jayodyogaat svadeshah paradesha vat I
   Paradeshastu tasyaseet svadesha iva bhoopate II

   Jona Rajatarngini, v.,389.

2. Purokairvineesoorah shoorah paadapaviddhishaam I
   Shattrimshe abde jalaapoorah krooro vyaplavata prajaah II

   Ibid, v.,405.

3. Svadeshe mantrinostasya Kotabhatta Udaya Shriyoh I
   Smareshu bharastwaseet Chandra Damara Laulayoh II

   Ibid, v.,402.

سُلطان شہابؔ الدیٖنَن بسوو وتھستایہِ تہٕ سیندھ ہنٛدِس سنگمَس پٮ۪ٹھ شہاباد پُر (شأدی پور) قصبہٕ تہٕ کٔرِن لتہِ اکھ سراے تہِ تأمیر یوسہٕ یاترٖیَن أس بکار یِوان۔[1] أمِس دِژوو پننٕ وٗزیر اُدےؔ شری ہَن مَشورٕ زِ بھگوان بُدھ سٕنز موٗرتی پھُٹراوون یُتھ زَن سِکن ہنٛز کمی دوٗر گژھِ۔ سُلطانن دیُتُس تتھ سُہ جواب زِ وٗزیرٕ یوت تہٕ ئلوٚکہِ سأری دربأرؠ گیہِ لاجواب۔ یہِ بوٗزِتھ زِ کیٛنٛہہ راز چھِ لاجواب مُرژٕ بنأوِتھ مندرن منٛز تھاوان۔ کیٛنٛہہ لوٗکھ چھِ یِمن دِوتا مأنِتھ پوٗزا کران۔ کیٛنٛہہ لوٗکھ چھِ یِمن ہنٛز رأچھ راوٕٹ کٔرِتھ تہِ مرمت بیٚترِ کٔرِتھ سبٕٹھاہ مشہوٗری پژاوان تہٕ یہٕ پھُٹراوکھ یِمے نِشان! لمہِ کھوتہٕ بوٚڈ گونہِ چھُنہٕ کانٛہہ۔[2] حالانکہِ أمِس اُدے شری وٗزیرس اوس صرِف یِی خیال زِ یِتھٕ کٔنہٕ گژھِ رازس سِکن ہنٛز کمی ہُنٛد مصلہٕ حل۔ یہِ چھےٚ سُلطان سٕنٛز مذہبی روادأری ہنٛز لاجواب مِثال۔ اکہِ دوہہ دژاو سُلطان پننِس أکِس خاص سأتھی تہٕ خأدِم مدنؔ لاوِ یَس سٕتؠ سیندھ بُٹھؠ شِکارس۔ لتہِ پیٚیہِ أکِس سٕہس سُلطانس پٮ۪ٹھ نظر تہٕ دوٗریوٗ أمِس پتے۔ مدنؔ تہِ دوٗریوٗ سُلطان سٕندِ بچاوِ خأطرٕ۔ سٕہن لأے ژھال تہٕ دیُتن سُلطان گٔرِ پٮ۪ٹھ دأرِتھ۔ وُنہِ اوس سہٕ سُلطانس نِشہٕ واتنہٕ زِ مدٕنَن وولنس کٹارِ سٕتؠ گردنہِ پٮ۪ٹھے یڈ تأنی اکی دبہٕ چاکھ تہٕ مورُن سٕہہ۔ یِتھٕ کٔنہٕ بچوو رازٕ۔ محل خان وأتِتھ دیُت سُلطانٔن پننہٕ دٔبچہٕ کہِ سوٗدِ منٛز سبٕٹھاہ دھنہٕ تہٕ

1. Svaudaaryanugunam Raajaa nirmaanam, avilokayan I
Vitastaa Sindhu sambhede svanaamanaa sa pureem vyadhaat II
Pratibimba shalaattoye trapaya svamimatjjati II

Jona Rajatarangini, v.,411.

2. Amar pratima vidhaayi kechit, Paripoojyatha pare prasiddhim aaphtah |
Paripaalya yathochitam tathaanye, Vidalalyahamaho mahat durantam ||

Ibid, v.,435.

کوٗ رُن مدن لاوے (جان بچاونہٕ باپتھ) فورن دِلہِ راوانہٕ۔[1] توٲریٖخی اعتبارٕ چھِ یِم دوشوٕے شعر (V.435,450) بڈٕ اہم تہٕ یِم چھِ تمہِ ساتچہ سمأجی تہٕ سِیأسی حالتن پیٹھ واریاہ روشنی ترٛاوان۔ مثلن :

(۱) شعر نمبر 435 چھُ دِوان ہأوتھ زِ سُلطان اوس مذہبی طور روادار تہٕ اَکی نظر اوس سارِنے وُچھان۔

(۲) شعر نمبر 450 چھُ باوان زِ محل خانن منز اَسی سِیأسی سأزِشہٕ کرن وألی مؤجوٗد تہٕ سُلطانس باسیوو زِ مدن لاوِیس مانن ووٗنی یِم مِیون خاص نفر تہٕ یِتھِ کُنہِ ہیکہِ تس وَدارٕ یا زُوس خطرٕ وأتِتھ تِکیازِ ژوٕیہٕ باز اَسی ہمیشہٕ سُلطانس زاگان۔ لہٰذا دیُت تمیٚ تس کیٚنہہ دھَنہٕ تہٕ کوٗ رُن دِلہِ روانہٕ پان بچاونہٕ باپتھ تِکیازِ سُلطانس اوس دِلہِ دربارس تان وَس رَس۔

(۳) تمہِ ساتہٕ اوس دِلہِ پیٹھ پرٛتھوی راج چوہان سُند دَبہٕ دَبہٕ موکلیومُت تہٕ محموٗد غزنوی ہِندِ حملہٕ پتہٕ اوس دِلہِ پیٹھ تہٕ مُسلمانن ہُنز حکوٗمتھ بارسس آمژ۔ امہِ لحاظہٕ اَسی کشیرِ تہٕ دِلہِ پانوٕنی جان تعالُقات۔

(۴) کأشرِ بن منز اوس دَیج دِنہٕ ہُنگ رِواج مُسلمانن منز تہٕ، سوٗ دیُن یا ہیوٗن اوس نہٕ کانٛہہ سنگین گوناہ یِوان مانِنہٕ۔

شہابٕ الدینٛس اَسی زٕ نیٚچوی حسن خان تہٕ علی خان۔ سُلطانَن سوٗز نیچوٕ بن یِنہٕ باپتہٕ پأغام، حسن خان آیوو دِلہِ پیٹھٕ واپس مالِکی ہِندِ حُکم موجوٗب۔ مگر

1. Svavivaahachhalaat dhatvaa dravinam karunaamayah I
   Madanam vyasraan Dilleepater nikatamanjasaa II

Jona Rajatarangini, v.,450.

سُہ اوس وُنہِ جوٗمےٗ وۄتھمت زِ شہاب الدین گو مُرتھ۔ تٔمۍ بلوو جلدی منٛزٕ لوٗکٹ بوے ہِندال تہٕ کٔرِن تَس تاج پوشی۔ یِتھہٕ کٔنۍ بنیوو ہِندال کٔشیرِ ہُند پاںٛژِم سُلطان تہٕ ناوتھوٗن قُطب الدین۔



(۵) سُلطان قُطب الدین (1373-89)ء :

قُطب الدین بَنیوو 1373ء یَس منٛز کٔشیرِ ہُند سُلطان تہٕ روٗد 1389ء یَس تام پاںٛژِم سُلطان کٔشیرِ ہُند۔ شہاب الدینس اُسۍ پانس زِ نیچِو یم تختکۍ اصلی حقدار اُسۍ مگر قسمتھ اوس ہِندالس جان زِ سُہ بنیوو منٛزی سُلطان کشمیر۔ یہ واقع چھُ جون راجن ہِنٛدِ النکارِ اندازس منٛز لیٛوکھمُت زِ یِتھہٕ کٔنۍ ہری یہ پنٕنہِ گردِشہِ منٛز پکان پکان چھُ خطِ اِستواہَس پیٹھ وٲتِتھ نَہ زیادٕ تیز تہٕ نَہ زیادٕ ٹرن، نَہ زیادٕ ترٛوٗش تہٕ نَہ زیادٕ نرم بنان یِتھےٚ ہیٚو بنوو قُطب الدینَن تہِ پنٕن طبیعت ییمہِ ساتہٕ تختس پیٹھ سُہ بیوٗٹھ۔

واریاہَن مورِخن ہُند خیال چھُ زِ اَمۍ ہِنٛدِس دورِ حکوٗمتس منٛز آیہِ میر سعید علی ہمدانیؒ (شاہِ ہمدان) 1373ء یَس منٛز گوڈنِکہِ پھِرِ کشمیر۔ پتہٕ آیہِ تِم دوٛیمہِ پھِرِ 1379ء یَس منٛز دُبارٕ کٔشیرِ تہٕ کوٚرُکھ ییٚتہٕ کینٛہہس کالس ٹھٔہراو۔ سُلطانَن اوس شرح خلاف دوٚن بینٛنہٕ ستۍ خاندر کوٚرمُت تہٕ دوشوِے آسہِ حالے حیات تہٕ شاہِ ہمدانؒ ہِنٛدِس وَننس پیٹھ کوٚر تٔمۍ اَکِس زنانہِ طلاق۔ دَپان سُلطان قُطب الدین اوس پانہٕ تہِ عالِم تہٕ عالِمن اوس سبٕٹھاہ عزت کران، لہٰذا اوس سُلطان یمَن سخ عزت کران، تکیازِ تِم اُسۍ مانٛنۍ متۍ عالِم۔ یِہِنٛدِسے

وَنس پیٹھ بدلوٚو سُلطانن پتُن مُوروجہ پژون پوشاکھ تہٕ کوٚرُکھ نوٚو شرٕح پوشاکھ لاگُن شوٚروٗ۔ اَمِس گَر شاہ ہمدانؒ اکھ ٹوٗپۍ عطا یوسہٕ کاشُر سُلطان، سُلطان فتح شاہہ ہِندِس دورس (1505-1514)ٕ تام اِستعمال کران روٗدۍ۔ پتہٕ یێمہِ ساتہٕ فتح شاہ 1514ٕ یَس منٛز فوت سَپُد یہٕ ٹوٗپۍ تہٕ آیہٕ اَمۍ سٕے سٟتۍ سُپرد ِ خاک کرنہٕ۔ میر سعید علی ہمدانیؒ آیہٕ تژ یێمہِ لٹہِ 1383ٕ یَس منٛز کٔشیرِ ییٚلہِ تیمورن ایرانس پیٹھ حملہٕ کوٚر تہٕ عراق کوٚرُن فتح۔ سعید علیؒ یَس باسیوو خطرٕ تہٕ سُہ آو 700 پێنٛژ سعید ہێتھ کٔشیرِ پان بچاونہٕ خاطرٕ تہٕ سُہ سوٗرٕے ادبی سرمایہٕ بچاونہٕ خاطرٕ یُس تٔمو سارٕی سٕے عُمر لیٚوکھمُت اوس۔ سُلطان قُطب الدینن کوٚرنس خوش آمدید پێنٛژ سارِی وٗزیر ہێتھ۔ وطن واپسی وِزِ چھُ یێمن علاقہ گژھان تہٕ چھِ یِم 19 جنوری 1385ٕ یَس منٛز یێمہِ عالمہٕ روخصت سپدان۔ یہُنٛز میت چھِ خطلامَس منٛز سُپرد ِ خاک کَرنہٕ آمٕژ۔ یِم اَسۍ اِسلامی دینیاتکۍ بےٚ جوڈ عالم۔ سُلطان سکندرن کَر یہِندِس شانَس منٛز خانقاہِ مولا تامیٖر۔ یتھٕ کٔنۍ چھِ میر سعید علی ہمدانیؒ کشمیر منٛز اسلامُچ تالیٖم عام کران تہٕ لوٗکن سمجھاوان گو توٚتانۍ چھُ کٔشیرِ ہنٛزِ واریاہہٕ آبادی اسلام قوٚبوٗل آسان کوٚرمُت مگر اصلی شرح نِشہٕ چھِ غار واقف آسان۔[1]

تخٕتس پیٹھ بێہنُوٕنے پتہٕ قُطب الدینس واریاہَن مُشکلاتن سٟتۍ بٕتھ لاگے کَرِنۍ۔ اَتھۍ منٛز آو کٔشیرِ اَمۍ ہِندِسٕے دورس منٛز سنگین سہلاب یێمہِ کَنۍ سخت دژاگ ووتھ۔ اُدے شری چھُ شمس الدین نِس نیچوس حسن خانس سٟتۍ تخٕتہٕ باپتھ ژوٕے کران یێمِک سُلطانس چھُ بژونٕہے پتہٕ چلان، سُہ چھُ اُدے شری

1 Kashmir under the Sultains by Mohili-ul-Harban, pp.,56-57. Also "A History of Kashmir" by P. N. Bamzai, p.,527.

ہَس قاد کران تہٕ پتہٕ قتل کران تہٕ اَمہِ کتھِ باپتھ چھُ جونَ راج سُلطانہٕ ہنٛز مُخالفت کران[1] تہٕ حسنؔ خانس چھِ کھَس رٹان تہٕ سُلطانس سُپرُد کٔرِتھ چھُ تس تہٕ ماران۔ یِمے ژٕوِیہ تہٕ پٔرتھ ؤریہ سہلا پکۍ خوفہٕ چھُ سُلطان لوٚکن پٔرتھ ساتہٕ مَدد کران روزان۔ أمِ ہنٛزِ رانہِ چھِ زٕ نیٚچوٗ زیوان۔ أکِس اوس ناو سکندرؔ تہٕ دوٚیِمِس حیبتؔ خان۔ سکندرؔ یُتھے سُلطان کشمیر بَنیوو تِمۍ کوٚر حیبتؔ خان قتل۔ 1389ءِ یَس منٛز سیّد قُطبؔ الدین فوت تہٕ تمہِ ساتہٕ اوس سکندر لوٚکٹ لیہٰذا سمیہ سأری بٔڈۍ ؤزیر تہٕ کٔرکھ سکندرسؔ تاج پوٚشی کرنُک مشورٕ۔ یک رائے سپدِتھ بنووُکھ أتھِ ؤہر سکندرؔ شیٚیِم سُلطان کشمیر تہٕ رانی سُبھٹؔا (بیوہ قُطبؔ الدین) بنأوُکھ لوٚکٹس سُلطانہٕ ہنٛز سَر پرٛست۔[2]



## (۶) سُلطان سکندرؔ (1389-1413)ء:

سُلطان سکندر چھُ 1389ء یَس منٛز کشیرِ ہُند شیٚیِم سُلطان بنان تہٕ شأہی محلس منٛز چھِ ژوپأرۍ ژٕویہِ نظرِ گژھان۔ اتھ دوران چھِ اُدکؔ رائے یُس مُسلمان بٔنِتھ چھُ پٔژن ناو رائے مأگرے بَدلاوُس گوڈٕ انوارِ دِس چھُ تلان، چھُ حیبتؔ خانس، یُس سُلطانس لوکُٹ بوے چھُ آسان، زہر دِتھ ماران تہٕ سالِک یُس راز سُند ؤزیر چھُ آسان تَس تہٕ چھِ ماران۔ یِم دوشوٕے چھِ مہارأنی (شوبھاؔ) ہنٛدۍ، یوسہٕ سکندرٕنی پٔتہٕ رأنی تہٕ چھےٚ آسان، خاص نفر آسان۔ یہِ

1. Iti prabodhya Subhattaam Deveem Uddaka Saahakau I
Jyeshtam Sekandaram putram Mahaaraaje abhishinchitaam II
Jon Rajatarangini, v.,541.

چھےٚ ہینٛدی یاٚنی آسان یوسہٕ پتہٕ چھےٚ مُسلمان گرٕھان مگر خاندر پتہٕ کیٛنٛہہ کال گژھتھے چھُ سُلطان میٖرا ناوی لڑکی ستیٚ خاندر کران تہٕ تٔسی پتہٕ راٚنی بناوان۔ شوبھایہِ اٚسی زٕ نیٚچوی تہٕ زٕ کورِ زامژٕ۔ فیروض تہٕ محمُود۔ بادشاہَن روٗٹ فیروزٕ سے یوت پانس ستیٚ تہٕ شوبھایہِ دِیُتن طلاق تہٕ تیٚندی باقی شُری گرِن ترک۔ کوربن کوٚرن پننہِ منشا مُطابِق خاندر۔ اُدٕے رائے کوٚرن بغاوت کرِنس پتھ قاد مگر موژن نہٕ گوتمٕی گر قاد خانس منٛز پانے خودکُشی۔ اَمہِ پتہٕ بنےٚ یہِ لوٚدرٕ راج، ویٖدشنکر تہٕ سِہہ بھٔٹ راژٕ ہٕنٛدِ مشیٖر تہٕ وزیٖر۔ ترٛشوےٚ اٚسی مُسلمان بنےٚ متیٚ تہٕ اوسُکھ اسلام قبوٗل کوٚرمُت۔ سِہہ بھٔٹ اوس وزیرِ اعلا تہٕ تٔمی اوس نوٚو ناو صیٖف الدین تھوٚومُت۔ سکندر چھُ تمہِ ساتہٕ بالغ آسان ییٚمہِ ساتہٕ حضرت میر سعیٖد علی ہمدانیؒ چھِ تبلیٖغہ باپتھ کٔشیٖرِ ترٛیٚیم پھیرٕ کران تہٕ قُطب الدین ہٕنٛدِ خاص مہمان روٗزِتھ کٔشیٖرِ منٛز قیام کران۔ حضرت ہمدانی صابؒ اٚسی بےٚ جوڑ اِسلامی عالم تہٕ تیٚمِچ قبوٗلیت جونٛ راج تہِ چھُ کران۔ جونٛ راج چھُ ونان ییٚتھ کٔنی تارکن منٛز ژٕندر چھُ آسان تِتھے کٔنی اٚسی میر سعیٖد علیؒ تہِ مُسلمانَن منٛز۔[1]

تیمور ہٕنٛدِ حملُک کیاہ اثر روٗد کٔشیٖرِ پیٚٹھ امیُک ذِکر کران چھُ جونٛ راج لیکھان: ''یوٚ دوٚے اتھ وقتس تام اِسلامس تقریباً شےٚ ژٕہلی اٚسی گاٚمتیٚ کٔشیٖرِ منٛز حکوٗمتِچ پُشت پناہی حاصِل گاٚمژٕ مگر اَو تام تہِ اوس نہٕ کُنہِ تہِ قِسمُک ظُلم تہٕ جبرٕ دِسی کانٛہہ مذہب تبدیٖل سپدِمُت کانٛہہ مِثال، وٕنی گو اگر کانٛہہ لالچس منٛز

---

1. Deeptenduriva rikshaanaamteshaam baalopi vidyaya I
Yavanaanaam abooth jyeyshtho Mera Saida Mahammadah II
Jon Rajatarangini, v.,573.

یِتھ مُسلمان سَپُد تہِ سو چھِ الگ صوٗرت۔ گُنہ تہِ مندرس یا مورتی آو نہٕ کانٛہہ تہِ ددارِ واتناونہٕ، امیُک اعطراف چھُ پانہٕ تہِ سُلطان قُطب الدینن کوٚرمُت، یَمیُک تذکرِ جونن راجن تہِ چھُ کوٚرمُت۔ اوٗ تام اوس اِسلام تبلیغ کران مگر تیموٗرن اوس امیُک جہاٗدی پہلو اپنوومُت یُتھ زن اَمی ہِندِ بھَیہٕ سٟتۍ ایران پٮ۪ٹھ سعید تاٗنۍ ژٟلِتھ کٔشیرِ واٗتۍ۔ توٲریخ دان چھِ پانہٕ مانان زِ اتھ ووسہٕ دٕز ووسہٕ منٛز آیہِ حضرت میر سعید حمداٗنی تہِ 1383ہِ یَس منٛز 700 سعید ہیتھ کٔشیرِ۔ تیموٗرٕ سُندٕ سُہ جہاٗدی طور طریقہٕ اَپنوو سِکندرن تہِ پننِن آخری عیامَن منٛز تہٕ جونن راج چھُ لیکھان زِ یِتھ کٔنۍ ریگستانہٕ منٛز کلوٗ کٔڈ تہٕ ہاہلوٗ وٕسٟتۍ چھُ دانہِ غاٮ۪ب گژھان تِتھے کٔنۍ سَپدۍ مُسلمانو ڈٟسۍ کٔشیرِ ہِندبن لوٗکن ہِندۍ پزٕ اٮ۪نۍ لسنٕکۍ بسنٕکۍ تہٕ مِلزہارٕکۍ طور طریقہٕ تہِ ختم۔[1] سُلطان سکندرٕ ہِندِ وقتہٕ آیہِ سعید میر محمد ہمداٗنیؒ کٔشیرِ 1393ہِ یَس منٛز اسلامہٕ کہِ تبلیغہٕ باپتھ۔

کیٛنٛہن مورخن ہُنٛد لیکھُن چھُ زِ تیموٗرٕ ہِندِ حملہٕ پتہٕ واپسی پٮ۪ٹھ سوز سِکندرن پنُن نیچُو شاٗہی خان تہِ نزرانَن سٟتۍ سمرقند۔ مگر واقعاتو حِساب چھُنہٕ یہِ صٔحی باسان۔ تیموٗرٕ چھُ غاٗضی بَنٕنہٕ باپتھ ہندوستانس پٮ۪ٹھ حملہٕ کران۔ سُہ چھُنہٕ تِمن سُلطانن تہِ بخشان یِمو نہٕ توٗ تام اسلام پھہلاونہٕ خاطرٕ تہٕ عام مذہب بناونہٕ باپتھ کانٛہہ تہِ قدم چھُ آسان تُلمُت۔ سُہ چھُ لوٗٹھ مار کھلہٕ پاٗٹھۍ کران۔ یِمن کامِٮ۪ن کرنٕس چھُ تَس وَق تہِ لگان تہٕ دِماغ تہٕ۔ تَسُند ہندوستانس پٮ۪ٹھ حملہٕ چھُ

---

1. Marudbhiriva vrakshanaam shaalinaam shalabhairiva I
Kashmiradeshaachaaraanaam dhvamsotha yavanaih kritah II
Jon Rajatarangini, v.,575.

1398ہ منز تہٕ یہِ چھُ 1399ہ س شۆرۆہس منز واپس سمرقند رولنہٕ گوھان۔ یہِ تہٕ چھِ ساری تواریخ دان مانان زِ شاہی خان چھُ زین اُلعابدین ناو تھاوِتھ 1419ہ یَس منز 20-19 ؤہرے سُلطان بنان تِکیازِ علی شاہ چھُ 1419ہ یَس منز فوت سپدان۔ یہِ کتھ چھِ باس دِوان زِ شاہی خان اوس واریُٔشن زیادے یہن یٖیمہِ ساتہٕ تیمور چھُ ہندوستانکہِ حملہٕ پتہٕ سمرقند واتان تہٕ لہٰذا تَسُند نزرانس ستی سمرقند گژھُن اوس نہٕ مُمکِن۔ تیمور ہنٛدِ غازی بٔنٛنکی جۆنن کۆر غازی بٔنک جۆن سکندرس منز تہِ پٲدٕ تہٕ جون راجنہٕ مۆجوٗب ترووتھ عام لُکن ہنٛز بدقسمتی کِنۍ دربارُک سورے لوہ لنگر تہٕ پٔنُن سورے طاقت لوُکن سہہ بٹس ستی زٕلتھ منٛدر تہٕ مۆرتی پھُٹراونس کُن۔[1]

کانٛہہ تہِ شہر، قصبہٕ، گام، بال یا جنگل اوس نہٕ سُہ یۆت نہٕ سِکندر ووت۔ یٖیتہِ نہٕ تٔمۍ تہٕ تٔسنٛدی ؤزیر سہہ بٹن یَس تازے مُسلمان اوس بنیومُت، منٛدر تہٕ مورتی پھُٹراوِنہٕ۔[2] پۆتُس ووت سُہ منٛدر پھُٹراوان پھُٹراوان مارتنڈ۔ وِجیش، چکرٕ برٕت، ترٕپُریشور یِم بٔتی بٔڈی منٛدر پھُٹراونس پتھ یٖیلہِ نہٕ کانٛسہِ بۆج تُل تہٕ یٖیتہِ یورکُس تُلہِ یہِ سُریشۆری تہٕ وراہ ہنٛز مُرتٕ پھُٹراونس پتھ۔ تمہِ بھٔیہِ ستی ہلیہِ سارے بُتراتھ مگر تٔمۍ ہنٛز عقلہِ یوسہٕ خلل اَسی پٲدٕ گامُت تتھ پٔیہِ نہٕ

1. Vihaaya raajyakarmaani prajaa bhaagya viparyayat I
Devanaam pratimaabhange raajaa rajyat ahamisham II
Jon Raajatarangini, v.,597.

2. Na puram pattanam naapi na graamo nacha tat vanam I
Yatra Suha Turukshkena suraagaaram asheshayat II
Ibid, v.,603.

کاٹھہ تہٕ فِرق[1] پٮ۪نہٕ عُمر ہِنٛدِس آخری عیامس منز کر سِکنٛدرَن نوہٹہٕ نکھ پٔنٛن
محل تامیر تہٕ بٮ۪یہ تُلُن جامعہ مسجد بناونس دِس۔

سُلطان سکندرس اُس پٲنٛژ رانی میرا یہِ نِش ترٛے نیچو زامتؠ۔ میر خان،
شاہی خان تہٕ محمد خان۔ سُلطانن اوس بڑو نٮ۪چہِ شاہی خانس زین العابدین لقب
دِتھ کشیرِ ہُنٛد سُلطان بنٛنچ ژینون دِژمُت مگر سُلطانہٕ ہِنٛدِ بے وقتہٕ بمار پیمہٕ کِنؠ تمؠ
لی مُناسب زون زِ میر خانس پزِ وُنی کنٛہ سُلطان بناوُن تکیاز شاہی خان اوس
وُنہٕ سبٹھاہ لوکٕٹ تہٕ میر خان ہیکہِ نہٕ سلطنتس نوقصان واتناوِتھ یا خانہٕ جنٛگی پادٕ
کرِتھ۔ یِمن حالاتن منز سپُد سُلطان سِکنٛدر 1413ء یَس منز یمہِ عالمہٕ روخصت
تہٕ میر خان بنیو وُستم سُلطان تہٕ ناو تھوٗون علی شاہ۔



## (۷) سُلطان علی شاہ (1413-19)ء :

علی شاہ بنیو وُستم سُلطان کشمیر 1413ء یَس منز۔ سُلطانی ہِنٛدِس اِبتدائی
دورس منز رُودٕ علی شاہ سہہٕ بٹنن اَتھن منز تکیاز سُہ اوس امہِ ساتہٕ تہٕ وزیر خاص
تہٕ زیٹھ آسنہٕ کِنؠ اوس سُلطان اَمی سُنٛد مانان۔ اَمی ہِنٛدِس دورس منز گالی سہہ
بٹن تہٕ سٲری حریف یِمن نہٕ سُہ سُلطان سِکنٛدرنہٕ خوفہٕ ستؠ پوشان اوس۔ لہر
مارگہٕ پٔتی اوس کاشُر کھشتری یُس تبلیغہ ستؠ تازٕ مُسلمان اوس بنیو مُت۔

1. Maartanda Vijayeshaan Chakrabrit Tripureshvoraah I
Bhagnaa yenaasya ko vighnah shesha bhangena Kathyate II
Sureshvoree Varaahaadi pratimaa bhanga karmani I
Akampat bhiyevorvee naasya sarvankashaa tu dheeh II
Jon Raajatarangini, v.,601-02.

بہوُد ر آسنہٕ کِنۍ اوس یہِ ترقی کران تہٕ لہٰذا اوس یہِ بھٲشس اَمہِ سُند خطرٕ باسان تہٕ اوس اَمِس قوت یَژھان کَرُن۔ ژھل گرِتھ کوٗرُن سہٕ تہٕ تَسُند نچوٗ محموٗد تہِ قٲد، مگر سہٕ ژوٗلُس ژھل گرِتھ۔ اوٗ تام اوس یہِ بھٲژ کاشُر بن ہِندِ بن جذباتن ہٕنز گِندان روٗدمُت، مگر سُلطان بدلنس ہٕنز کوٗر تٕمۍ مذہب بدلاوُنہٕ باپتھ ظُلم تہٕ جبُرک استعمال تہِ، سُلطان سکندرن ووٗڈِ اوس صرف مندرن تہٕ موٗرتی ینن پھٹراونس تانۍ یہِ عمل محدوٗد، مگر وۄنۍ کرٕناوۍ تٕمۍ سُلطانس اَتھِ کاشرِ بٹن خلاف مذہب تبدیل کرنہٕ باپتھ تِتھۍ کیٛنہہ قونوٗن پاس یِم ازتام کانسہِ تہِ سُلطانن نہٕ اَسۍ جٲری کٔرۍمتۍ تہٕ نہٕ کوٗر پتہٕ کانسہِ تِتھۍ ہِوۍ قونوٗن جٲری تھاونُک جُرت۔ یِم قونوٗن اَسۍ:

(۱) کانہہ تہِ کشیرِ ہُند بٹہٕ ہیکہِ ہے نہٕ ٹیوٗک گرِتھ، مندر گرٕچھتھ، مورتھ زٲلِتھ یا دھرمُک کانہہ تبلیغ گرِتھ۔

(۲) جزیہِ آو برٛٮ۪ہمن پٔٹھ تہِ لوگوٗ کرنہٕ ییٚلہِ زن عام غٲرمُسلم اَسۍ برٛونٛہہ اتھ دٲیرس منٛز۔

(۳) برٛاہمن آیہِ مُروجہ قونوٗنہٕ کِس دٲیرس منٛز اننہٕ۔ اوٗ تام اَسۍ یِم اَمہِ نبر۔

(۴) کانہہ تہِ کاشُر بٹہٕ ہیکہِ ہے نہٕ وادی نبرٕ نیرِتھ تہِ کیاہ پٔرِتھ دَرس پٔٹھ اَسۍ مارگہٕ پِتۍ تعانیات یِم یَمن لوٗکن نبر گژھنُک اِجازت نامہٕ اَسۍ دُچھان تہٕ اَدٕ اِجازت دِوان۔ یہِ اِجازت نامہٕ اوس سُلطان یا تٕمۍ سُند خاص مُشیر یِہہ بھٲژ اِجرا کران۔

یِمو سارِوۍ سختیوو موٗجوٗب ژٔلۍ واریاہ گرٕ بار ترٛاوِتھ غٲر مُروجہ وتو کِنۍ

تہٕ یتھٕ کنِٛ گیہِ بالہٕ بۄڑ۔ واریاہو گٔر خودکشی تہٕ عام لۄکو بدلوو مذہب تہٕ سپدِیہِ نوِ مذہبکۍ مانن وألۍ تہٕ یتھٕ کنِٛ بچوٚدکھ پان۔ تیمۍ تہٕ اتھ منٛز کوٗتاہی یا نافرمأنی گٔر تِمٕس آو سخت سزا دِنہٕ تہٕ برٛہمن تأنٛی آیہِ پھاسہِ کھارنہٕ۔ جوٗن راج چھُ ونان یتھٕ کنِٛ باتٕر گاڑن رٹنہٕ باپتھ ڈٔری یاوس ژھٔمن چھُ دِوان، تِتھے کنِٛ واتنوو أمۍ بدذاتن برٛہمن پٔرتھ رنگہٕ سٔبتھاہ دوکھ تہٕ سختی۔[1] أمۍ بدبختن ترٛوو نہٕ نٔنٛدرِ ریوٗش تأنٛی یُس مُسلمانن تہٕ بھٹن یکٕت تہٕ مِلِوارِک تبلیغ اوس کران تہٕ یتھٕ کنِٛ جوٗن راجنہٕ موٗجوٗب مُسلمانن ہُنٛد گور بنیوٗمُت اوس، تس پتھ تہِ کوٚرن شک تہٕ سُہ ریوٗش تہِ کرنووُن قأد۔[2]

سہہ بھٹ ہٕنٛدِ فوت سپدنہٕ پتہٕ آیہِ لٔدرراج، ۂنٛس بھٹ (ملک یوٗسف)، سہہ بھٹ سُنٛد بوے تہٕ بیٚیہِ گورِ بھٹ، یمن ترٛن ہنٛد بن اَتھن منٛز سأرے حو کوٗمتھ۔ یم ترٛنوے أسۍ مُسلمان تہٕ ترٛنوٕنۍ اوس ترقی کرنک جوٗن۔ لِہٰذا ہیکۍ نہٕ پانس پتھ قوبوٗ تھأوِتھ تہٕ روٗدۍ پانہٕ وٕنۍ لڑان، یِیمہِ ستۍ حالات بیٚیہِ ۂن تہِ خراب گیہِ۔ بے رہ رٔوی گیہِ عام تہٕ مستوٗرات تہِ واژٕ سرٛکن پتھ بے حُرمتی کرنہٕ پتہٕ یہِ زن ازتام زانہہ اوس نہٕ سپدِیوٗمُت۔ أتھۍ درمیان اوس شأہی خان پننہٕ نو نیک کرتوتو کنِٛ لُکن منٛز ہر دِل عزیز بنان۔ تہٕ یہِ وُچھتھ اوس سُلطان علی شاہ ۂس تخت ہلان باسان۔ یِیلہِ سُری پتھۍ گوس تمۍ

1. Tato meenaan iva vyadho dattabandhe sarit jale I
Dvijaateen ati durjaato desheasmin nyagraheettaraam II
Jon Rajatarangini, v.,657.

2. Malaa Noor Din naamaanam yavanaanaam param gurum I
Vaidagdhyat shankimaanah sa droheeti tamabandhayat II
Ibid, v.,673.

کُر چال مکہ شریف گژھنٛچ۔ شاہی خانن کریوٚس ٹھاکھ تہٕ مگر تِمی بوٗز نہٕ۔ یِیلہٕ نہٕ کانٛہہ اِسرار کرنس پتھ تہٕ موٗنُن نہٕ شاہی خان گو مجبوٗر تَس روخصت کرنس پتھ تہٕ بیوٗٹھ تختس پتھ بأے ہنٛز عمانتھ زأنِتھ۔

علی شاہ سۭد مکہ شریف خأطرٕ روانہٕ تہٕ ووت مَدر دیش (جوٚم) پٔتن ہوٗر۔ ہُیہر گوس حأران زِ زامتری تہٕ دو راج پأٹھ بأیِس تہٕ دژاو سفرس پتھ۔ تِمی سمجھو علی شاہ تہٕ کوٗرُن آمادٕ واپس کشیٖرِ گژھنَس پتھ۔ باسیوٚس خبر بوے دِیہ سا ووٗنی واپس سُلطأنی کِنہٕ نہٕ لہٰذا دیُتنَس واریاہ فوج ہتی۔ واپسی پتھ ووت علی شاہ راز ویر (راجوری) اتیک رازٕ تہٕ اوس سُلطانَن باج دِوان۔ أمی تہٕ تھوٗنُس واریاہ فوج آیہ تَن تہٕ ووت یہ سوٗرے فوج ہتھ کشیٖرِ۔ زیٖن اُلعابدیٖن بوز بأے ہنٛزِ واپسی ہُنٛد سَہ دژاو تَس اِستقبالس۔ مگر دوٚیِو فوج وُچھِتھ گوس شکھ بأے ہنٛزِ واپسی پتھ۔ لہٰذا دِیُتُن لوتی قدم تہٕ دژاو سِری نگر تژ أوِتھ۔ یتھٕ کٔنی بیوٗٹھ کُنہِ خون ریزی بغأر علی شاہ دُبارٕ کشیٖرِ ہنٛدِس تختس پتھ۔

### علی شاہ 1419ء (دُبارٕ):

دوٚیمہٕ پھِرِ تختس پتھ بیہوٗنے کوٚر غأر مُلکی سِپاہَو کشیٖرِ لوٗٹھ کرُن شوٗروٗ۔ یِم أسی عام طور یَون (ہندوستانہٕ نیٚبرِم مُسلمان) تہٕ یِہُنٛد سردار اوس میر قصیر۔ کاشرَن مسطوٗراتن پتھ سۭد گوڈنچہ لٹہِ ظُلم تہٕ تِمن آیہ سرِ بازار بے حُرمتی کرنہٕ۔ امہِ باپتھ چھُ جوٗن راجن میر قصیر ذِمہٕ وار ٹھٔہر وومُت۔ تِلکیاز سُلطانس تہٕ اوس نہٕ تَس پتھ کانٛہہ دست رست۔[1]

1. Akaarsheet malino brangah sankuchantee iva abjineeh I
   Paura naareer anaaryah sa hatha samboga dooshitaah II

   Jon Rajtarangini, v.,722.

لُکن پیٹھ آیہِ نۆی نۆی ٹیکس لاگنہٕ۔ دۆیمہِ طرفہٕ ٲسی زیٖن اُلعابدینہٕ سٕنز مشہوٗری تہٕ اِنسان دوستی دوہ پتہٕ دوہ ہُران تہٕ یہِ اوس علؠ شاہ نہٕ باپتھ اٲچھی کٔٹر۔
جسرت کھوکھرس اوس مدر راج حاصِل کرنس منز سُلطان سکندرن واریاہ مدد کۆرمُت امہِ مۆجوٗب ٲس تمِس علؠ شاہ ہَس تہٕ زیٖن اُلعابدین، دۆشوٕنی سٟتی ہمدردی تہِ تہٕ لالچ تہِ۔ جسرت کھوکھرن اوس جمبیک رازٕ ژھیٚم دیو، یَس علؠ شاہ ہَس سٟتی رِشتہٕ تہِ اوس، لڑایہِ منز مورمُت۔ لہٰذا اوس نہٕ تَس وونی سُلطان علؠ شاہ ہَس نِش کانٛہہ تہِ فایدٕ مُمکِن۔ جسرت کھوکھرن کٔر تارٕ کانٛج زیٖن اُلعابدینس سٟتی۔ امہِ سٟتی آوتس واریاہ مدد۔ دۆیمہِ طرفہٕ اوس سُلطان پریشان تِکیازِ بٲے سُند خطرٕ اوسُس دوہ پتہٕ دوہ ہُران۔ ٲخرس کٔرن سوٗنتھ تتھ بٲیس خلاف فوج کشی۔ زیٖن اُلعابدین اوس امہِ ساتہٕ کھوکھرن نِش راجوری منز۔ جسرتہٕ نِس ژۆپس پیٹھ دیُت یِمو موقہٕ سُلطانس بژونٛہہ پکنس کُنہِ ٹکراوٕ بغٲر۔ بالو پیٹھٕ وٕسِتھ کۆر زیٖن اُلعابدینَن تَس پٔتِمہِ طرفہٕ حملہٕ تہٕ جسرت کھوکھرن کٔرنس بژونٛہہ پکنٛج وَتھ بَند۔ شاہی فوجس لٔج چھگ تہٕ سورے فوج گو چھلہٕ چھانگرٕ۔ علؠ شاہ گو قٲد تہٕ آو تمہِ پتہٕ مارنہٕ۔ زیٖن اُلعابدین گو واپس کٔشیرِ تہٕ کۆرُن مئی۔جون 1420ہٕ یَس منز کٔشیرِ ہُند تخت باظٲپتہٕ پٲٹھی حاصِل۔



## (۸) سُلطان زیٖن اُلعابدین (1420-70)ء :

ٲمِس ٲسی لۆکھ مایہِ سببہٕ بَڈشاہ تہِ ونان۔ بھٹہٕ ٲسِس مانان بھٹن ہُند بادشاہ تہٕ عام لۆکن ہٕندِ باپتھ اوس یہِ بۆڈ تہٕ عٔظیم بادشاہ۔ سُلطانس اوس

پنہٕ نِس لوکٕٹِس باَیِس محمٓود خانس پیٹھ سخ یَژھ تہٕ پَژھ لہٰذا گٔرِن تمی بھروسہٕ حۆکوٗمتچ سارِے کارگزٲری تٔسی حوالہٕ تہٕ بنووٗن سُہ پنُن وٗزیٖر خاص۔[1] یہِ تہِ سپُد وَژھِ وأنجہِ خدمت خلقس منز شأمِل۔ حالات سُدھریہِ تہٕ لُکن منز ہیوٚتُن سُہ پزٕ ون خوف تہٕ وٕحشت دوٗر گژھُن تہٕ رازس پیٹھ یَژھ پژھ بڈٕنی۔[2] تألیمہٕ گُن آو خاص توجہ دِنہٕ۔ پرٛانہٕ ریٖژ تہٕ ربوایژ آیہِ نوِ سَرٕ بارٕسس۔ مذہبی روادٲری ہیوٚت پوچھرلبُن۔[3] سُلطانہٕ سنٛز اِنصاف پسندی چھےٚ تمہِ ساتہٕ رَنگ لبان یِیلہِ دون برٛہمنن چھُ گاو ژوٗرِ ہِنِس پیٹھ جھگٕڑ گژھان شۆرُو۔ کمرازٕ کِس برٛہمنس چھکھ آسان گاو کیٚنہہ وَق برٛونہہ ژوٗرِ نیٚمٕژ تہٕ چھےٚ آسان پتہٕ سو مرراز کِ براہمنن مٔلی ہیٚرٕژ مٕژ۔ اکہِ دوہ چھُ کمراُزک برٛہمُن مرازٕ تمہِ گامہٕ کِنٕ آسان پکان تہٕ چھُ پٕنٕنی گاو پرٛزٕ ناوان۔ چھیکرس چھُ مسلہٕ واتان سُلطانس پیٹھ۔ سُلطانہٕ سُنٛد عقٕل مٔندی ہُنٛد فأصلہٕ بوٗزِتھ چھِ سأری حأران گژھان تہٕ چھیکرس چھِ گاو مألکس تام واتان۔ سأری چھِ أکی سے قونوٗنس تل یِوان اَنہٕ۔ کیٛاہ ہِھٕٹہٕ کیٛاہ مُسلمان۔ قونوٗن چھُ سارِنٕی باپتھ ہِوٗے آسان، أمیٖر تہٕ غریٖب تہِ۔ یہِ کتھ چھِ اَسہِ لولہٕ راجنہِ تہٕ نوٗن راجنہِ زمین طنازٕ سٟتٕ تران فِکرِ۔ سُلطان چھُ ژوٗرس دربارس منز چھِتہٕ کران تہٕ تس چھُ سزا دِوان۔

1. Kim anyad raajyam evaaseet chhatra chaamara varjitam I
   Shri Mohammad Khaanasya Kashmirendra prabhaavatah II

   Jon Rajtarangini, v.,760.

2. Shaante siddhaashrame simhair mrigaa iva na peeditaah I
   Turushkaih pushkala bhayair Brahmnaah purvavat tadaa II

   Ibid, v.,770.

3. Tasya daakshinya dakshasya prajaanaam hita hetunaa I
   Putre mantrini mitre vaa dushte naalakshyayat kshamaa II

   Ibid, v.,794.

یِہ تہٕ یِتھہٕ ہِشہِ واریاہ مِثالہِ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ جونٛ راجن زین اُلعابدین سٕنٛز رعایا پروری یِمن لفظن منٛز بیان کرمٕژ۔ یُس معنی تشبیہ دِتھ چھےٚ شاعرن پننہِ شاعری ہُنٛد حُسن بیان کوٚرمُت۔ تِمہٕ سُند بیان چھُ یِتھہٕ کٕنۍ،

"کارتِکس شوٚروٗہس منٛز گرمی تہٕ سردی برابر برابر چھُ آسان، یِتھہٕ کٕنۍ آفتاب خطہِ اِستواہس پیٹھ وٲتِتھ دوہ تہٕ راتھ برابر چھِ گژھان تِتھےٚ کٕنۍ اوس سُلطان اَکی نظرِ اِسلامی فلسفس تہٕ باقی فلسفن وُچھان۔ یِتھہٕ کٕنۍ نہٕ باپٲری دون ترٛکرِ پٲترن ہٕنٛز بےٚ سوٚم حالتھ چھُ برداشت کران تِتھےٚ کٕنۍ اوس نہٕ سُلطان مختلف فلسفن منٛز تزاد برداشت کران۔"[1]

اَتھی دوران چھُ سُلطانس کھونہٕ وُلس پیٹھ کنہِ وُلٕہِ پھٕٹِتھ نیران۔ حکیمن ہُنٛد وُنُن اوس زِ اتھ ہیٚکہِ "گارُڑی شاستر" زانَن وول کانٛہہ "اگنہٕ ہوتری"، "آیُروید" زانَن وولےٚ زہر کڑِتھ۔ مگر بُرہمن سُلطانن ہٕنٛزِ مذہبی ناراو دٲری کِنۍ اوس یِتھ ہیٚوٚ وَید میلُن سبٹھاہ مُشکل۔ یا تہٕ اَسی یِتھی ہِوۍ شخص ژھیٚپھ دِتھ بِہتھ نتہٕ اَسی رِیاستہٕ نیبر ژٕلۍ مٕتۍ۔ جونٛ راج چھُ لیکھان زِ "یِتھہٕ کٕنۍ وندس منٛز شین پیٚنہٕ کِنۍ پوشن ہٕنٛز قِلت گژھان چھےٚ تِتھےٚ کٕنۍ اَس مُسلمانن ہٕندِ کٹر وَرتاوِ کِنۍ یِتھ ہیٚوٚ وَید میلُن تہِ دُشوار۔"[2] سبٹھاہ ژھانٛڈ دِنہٕ پتہٕ تہٕ شاہی

1. Sheetoshnayorivorjaadau vishuveahamishoriva I
Tasya maano abavattulyah sve pare vaapi darshane II
Raajaa vanigi vaatyartham tulaayah putayoriva I
Saamyabhangam darshanayor naaksha mishta kathanchina II

Jon Rajtarangini, vv.,768-69.

2. Yajvaa Gaaruda shaastragyah Shirya Bhatto nripaanugaih |
Atraanvishat bhiraaphtotha koopo adhvanyair maraat iva ||

Ibid, v.,812.

فرمانو پتہٕ ''زِ تتھِس ہِوِس وَیدبس پیٚیہِ سُلطانہٕ ہندِ طرفہٕ جانٛچ امانتھ بخشنہٕ'' لوٚب اٚخرس سِپاہَو شری بھَٹ ناوِی وَید۔ تیٚمی سُلطانہٕ سُنٛد پھیٚپھر تیتھے کٔنی پژوٹ ییتھ کٔنی ہوٚس جنگلس منٛز ناپسند گُلبن چھُ پژاٹان تہٕ تمہِ ستی سیٚز شرؠ بھٹنٛز مشہوٗری، راژِ سُنٛد سوکھ تہٕ لۄکن ہنٛز خوشی ہُر بر۔[3]

جون راج ترنٛگنی ہُنٛد یُس قلمی نوسخہٕ ڈاکٹر رگھناتھ سِنگھس 1972ہٕ منٛز کشیر منٛز حاصِل چھُ سپدان ترجمہٕ کرنہٕ باپتھ تتھ منٛزٕ چھِ شلوٗک نمبر 816ہَس منٛز دَرِج زِ راژِ چھُ یَژھان دھنہٕ تہٕ عوٚجدٕ وغاٲرِ دِتھ حکیمس خوش کرُن، مگر شرؠ بھَٹ چھنہٕ یِمن چیزن کانٛہہ لول بَران۔ اَمہِ شلوٗکہٕ پتہٕ چھِ اتھ قلمی نوسخس منٛز 30 شلوٗک جزب سپدیٚمتؠ یِم بمبئ نوسخس منٛز نظرِ چھِ گژھان۔ امہِ پتہٕ چھِ شلوٗک 817 اڑلیوٗک ییتھ منٛز برٛہمنن پیٹھ جذبہٕ معاف کرنٕک اِشارٕ چھُ میلان۔ امہِ شلوٗک پتہٕ چھِ کٔشیرِ ہندِس قلمی نوسخس منٛز ییٚیہِ ژوداہ شلوٗک کم یِم چھِ اَسہِ بمبئ نوسخس منٛز میلان یِمن منٛز تِم واریاہ مرات چھِ دَرِج یِمو نِشہٕ کاشُر بھَٹہٕ اٚسی سُلطانی دورس منٛز محروٗم آمتؠ تھاونہٕ تہٕ سُلطان زینُ العابدٕنن چھُ تِم ساٚری مرات یِمن بحال کران۔ سری نگرٕکہِ قلمی نوسخہٕ منٛز یِمن مراتن ہُنٛد بڑوٚنہہ کُن اضافہٕ چھُ شلوک 816 تہٕ تمو پتہٕ شوٚروٗ سَپدان۔ یِم تہٕ مرات شرؠ بھٹن سُلطانس بھٹن ہندِ باپتھ منٛگی تِم ساٚری ماٚنٛز سُلطانن صِدق دِلی سان مگر ستی وۄننس: ''زِ یِم چھنہٕ چانہِ ذاتہٕ باپتھ بٔلکہِ چھِ یِم چانِن گیر سپدیٚمتین بھاین

3. Tasya keertih sukham Raajyah prajaanaam harsha santatih I
Praarohamstreeni visphote tatra ekasmin vipaatite II

Jon Rajtarangini, v.,815.

ہِنٛدِ خاطرٕ۔ بہٕ روزٕ توٚ تام چون ممنوٗن یوٚتام نہٕ ژٕ پننہِ ذاتہٕ باپتھ کانٛہہ اوحدٕ قبوٗل کرکھ۔ چاۍٚنۍ صاف تہٕ پاک اوصاف وُچھِتھ چھُس بہٕ حُکم کران زِ ژٕ بنکھ میانہِ سلطنتُک دیوانہٕ کُل تہٕ یتھٕ کٔنۍ سپدٕ بہٕ چانہِ قرضہٕ نِشہٕ آزاد۔" سُلطانہٕ سُنٛد یہٕ حُکم ہوٗ زِتھ گو شرۍ بھَٹ مون۔ نہٕ کارس اوسُس نہٕ وار سو گٔییہِ حُکم اوٗ لی۔[1] سُلطانہٕ ہنٛز رعایا پروری ستۍ گو راجس وارِیاہ وبستار۔ أنٛدۍ پٔکھۍ اگر کانٛہہ تہِ دُشمن اوس سُہ گوو زیرٕ۔ فِرقن تہٕ زأژن ہنٛزٕ لڈٲیہِ گٔییہِ ختم۔ پرٛتھ طرفہٕ آس خوشحٲلی تہٕ شانٛتی۔ جونَ راج چھُ لیکھان زِ رازٕ اوس سلطنٔتس تِتھے کٔنۍ نظر گُزر تھاوان یتھٕ کٔنۍ کمٔیل چھُ پننہٕ نِس دان فصلس۔[2]

زینَ اُلعابدینس آسۍ ترٛےٚ نیٚچوٚ تہٕ زٕ کورٕ۔ ترٛےٚ نیٚچوٚ آسۍ: آدم خان، حاجی خان تہٕ بہرامَ خان۔ کوربن دوٚنوٚنۍ سیُٛد خانٛدر۔ نیٚچوین روٗد دوٚہوے پانوٚنۍ اکھ أکۍ سُنٛد وأر تہٕ بُغض یُس آخری دَمَس تام یمن ستۍ روٗد تہٕ آخر بَنیوٚو یوٚہے امہِ خانٛدانکہِ آخرٕ تُک وجہہ تہِ۔ سُلطانن کٔرۍ پننہٕ نِس آخری عیامس منٛز وارِیاہ رعایا ہنٛزٕ بیٚہبوٗدی ہنٛز کامہِ مثلن سأری سے کٔشیرِ آیہٕ نہرن ہُنٛد ذال واہراونہٕ ییٚمہِ ستۍ خوشحٲلی بڈٕییہِ تہٕ سُہلا بن گو روٗٹ، وارِیاہ محلات تہٕ سرلیہِ آیہِ تأمیر کرنہٕ۔ زمین ہبنہٕ کِننہٕ باپتھ آو اکھ خاص محکمہ مُقرر کرنہٕ۔ مالیہِ، مالہٕ، مجوٗزٕ، یم آسۍ کینٛہہ خاص محصوٗل یم کُل پیداوارٕکۍ یا فأیدُک شیٚیم حِصہٕ آو مُقرر کرنہٕ

1. Samyagdashblenaatha sarvagyena Mahebhujaa I
Saugatah Tilkaachaaryo mahattam pade kritah II

Jon Rajtarangini, v.,823.

2. Prakrateenaam dadad Raajaa shoshaapyayau yathochitam I
Pratyavekshyam akaarsheet sa shaaleenaam iva karshakah II

Ibid, v.,837.

یُس سُلطانَس کُن اوس آسان پیش کرُن۔ امہِ پتہٕ چھِ مہاپدم سرٕچ کھہٲنی شوٚرٕ گرٛھان۔ وولَر سَر بَنہٕ پتہٕ چھُ سُلطان اتھ منٛز باگ جزیرس منٛز زآنہٕ لآ نک تآمیر کران۔ سُلطان چھُ واریاہَن سرن منٛز گاڑ مارنس پیٹھ ٹھاکھ لاگان۔ آدم خان ہنٛدِ بے وقت موتہٕ کِنۍ اوس سُلطان ہمیشہِ دُکھی روزان۔ اَمہِ کتھِ ہُند چھُ جونَ راج ذِکر کران۔[1] أتھۍ دورٕان چھُ مہٕم شری یُس جونَ راجُن خاص سرپرٛست چھُ باسان اوسمُت تہٕ یَس لکشمی تہٕ اوٚحدٕ، دونٕوے چھِ حاصِل آسان، چھُ رحمتِ حق گرٛھان۔ یہِ صدمہٕ تہٕ چھُ بَڈشاہَس ألراوان۔ أتھۍ دوران چھُ سُلطانہٕ ہنٛدٕ بن مذہبی ماملن ہنٛز رأچھۍ راوٕٹ کرن وول شری بھٹ تہٕ سورگہٕ واس گرٛھان۔[2] جونَ راج چھُ یہِ تہِ حوالہٕ دِوان زِ سُلطانَن اوس مارتنڈس آس پاس نےٚ شکر ووپدومُت۔[3] جونَ راج ترنگنی (کشمیر ایڈِشنس) منٛز چھُ آخری شلوٚک 976 یتھ منٛز جونَ راج چھُ ونان زِ فصلس سُہلابو ستۍ ناش کرن واجنہِ سیندھ ہُند روخ پھیُر تُلہٕ مُلہٕ نِشہٕ أمۍ رازن بھورُس گام کُن تاکہِ فصل بچِن سہلابہٕ نِشہٕ۔[4] اَمہِ پتہٕ چھِ بمبیٔ ہنٛدِس نوٕسخس منٛز مَدید اگوہ (21) شلوٚک (1313-1334) یمن ہُند مطلب جون راجن موخصر پأٹھۍ بیان

1. Astam Mohammad Khanah sa kalaanidhirathaagamat I
   Atyanta ramaneeyanaam suchirasthaayitaa kulah II

   Jon Rajtarangini, v.,966.

2. Raajyo Dharmaadhikaareshu pratyavekshaaparah sadaa I
   Mahaa Shree Shirya Bhattopi tasmin kaale divum yayau II

   Ibid, v.,970.

3. Yeshaam himaamshu preyooshapravaahaa nityabhikh shavah I
   Ikshavastena Maartanda desha bhaamishu ropitaah II

   Ibid, v.,974.

4. Udeepe sasya sampatte rupa plvakareem vyadhaat I
   Tulamulaadpaakrishya Sindhum Bhaarosagaamineem II

   Ibid, v.,976.

چھُ کوٚرمُت۔ یَمن منٛز چھُ رُپہٕ بھٹ سُنٛد موت، سہہٕ بھٹ نٕس دورس منٛز وُڈٕ راٲوی ٲمتٮ۪ن شوٗن داہ دِنٛچ کاٲم، میر ٹھاکُر سُنٛد جج بنُن، مُلک نو روزٕ سُنٛد سپہہ سالار بنُن تہٕ باقی زمینہِ ہُنٛد دان دٕرج یُس سُلطان پنہٕ نٮ۪ن خاص پاٲرو کارن اتھٕ تُلِتھ چھُ دِوان۔ شلوٗک نمبر 976 پیٹھ چھُ دوٚیم زیٹھ شُکروارِ دوہ 1459ء یَس منٛز جونٕ راج فوت سپدان۔ یتھٕ کٕنٛز چھُ یہ بے سمھنہِ راجہٕ پیٹھٕ 1128-1459ء یَس تام 330 ؤرِیَن ہنٛز توٲریخ پٮ۪ٹھ لد واتناوان یتھ منٛز سُلطان زیٖن اُلعابدیٖن نہِ راجکی تقریباً ژتجی ہَن (40) ؤرِیَن ہُنٛد راج تہِ چھُ شاٲمِل آسان۔

جونٕ راجنٕ راج ترنگنی چھا چھٕرَاہ توٲریخ کِنہٕ مہاوکاویہِ۔ یہِ وَنُن چھُ مُشکِل۔ ڈاکٹر رگھُناتھ سنگھ چھِ وَنان زِ جونٕ راجنٕ تخلیق چھِ محض توٲریخ تہٕ یہِ چھِ توٲریخ زانٛنتھ آمٕژ لیکھنہٕ۔ یہِ چھنہٕ رِوایتی النکارو، رسہٕ بیٚترِ سٟتؠ گوٚبرٕ وومُت مہاکاویہِ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ سوانح، کہاٲنی، داستان یا دستاویز گوٗیٔ ہُنٛد کُنہِ قسمُک ذخیرٕ موٗجوٗد۔ تمؠ چھُ ترتیب وار رازن تہٕ سُلطانن ہُنٛد خاٲلِص تہٕ قاٲبلہٕ تاٲریف توٲریخ لیکھنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔''

یہِ کتھ تہِ چھِ ماننٕ لایق زِ توٲریخ ٲستھ تہِ چھُ یہِ اکھ مہاکاویہِ تہٕ اتھ منٛز چھِ تَم وارِیاہ کیٚنٛہہ لوٲزِم یِم اَکِس تخلیقی مہاوکاویہِ، رزمیہِ کِس ذِمرس منٛز یِوان چھِ۔ جونٕ راجن چھُ اتھ ناو کوٚرمُت ''کاویٚہِ''، ''کاویٚہِ ذرُم''، ''شاٲعری ہُنٛد کُل''۔ یتھ تل واریاہو راجو بدکھ جان، تھکھ تہٕ شُہُل چھُ کوٚرمُت۔[1]

---

[1] جونٕ راج ترنگنی، شمار 8، 21، 22-23۔

خیالاتن ہنٛز ذوقیت (رس)، شوٗبہِ دار زیبأیِش ہتی پرُ (النکأرٕ) تہٕ شاعرانہٕ وزن تہٕ بحرس منٛز لیچھ ہرٕ اتھ تخلیق ہنٛدی ایکٹر فنکار چھِ رازے تہٕ تِہنٛزٕ کارکردِگی۔ یعنے تمہِ وِچھِ قیتھ توٗأرتیٖ مگر واقعہن ہنٛز بیأنی چھِ واقاتن پیٹھ منحصر یوسہِ شاعرانہٕ انداز منٛز کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ کُنہِ چھُ لڑٲیہِ ہنٛدِس تزکرِس منٛز شجاعتک (ویٖر رسک) اِظہار تہٕ کُنہِ چھُ لولہٕ تہٕ مایہٕ بابتھ ترس پسندی (کرونا رسک) وَرتاو تہِ۔ شُجاژ مورتہِ مان رانہِ ہُنٛد افسوٗس ناک اَند وُچھتھ چھِ أچھی پُرنَم گژھان۔[1]

رانی سُبھٹا آس سکندرٕ ہنٛز مأج۔ سکندر اوس تاج پوٗشی وِزِ أٹھ وُہُر لہٰذا بنے یہِ سُبٹھا تسنٛز سرپرٕست۔ اُدک یا رائے مأگرے اوس وٕزیرِ اعظم تہٕ تہٕ سُبھٹایہِ ہنٛدِس مامہِ سُنٛد نیچو تہِ۔ شاہ اوس اُدک سُنٛد نیچو تہٕ تسنٛزٕ زنانہِ اوس دیوی ناو۔ سو آس سکندر ہنٛز دوہِ مأج۔ اُدکس باسیوو زِ خبر دیوی ما کرِ سُبھٹایہِ متأثر تہٕ تس موکلہِ کُرسی۔ تٔمۍ مارنوو پننیٚ کورِ زاہٕتر چال کرِتھ زِنٛدے نارس منٛز تِتھے کنٛز یتھٕ کنٛز بڈٕ گاڈ چھِ لوکچن گاڈن کھوان تہٕ ماچھِ شوقین تُکرِ چھےٚ پوتُس پننی رانہِ کھوان۔ جوٗن راج چھِ افسوس کران زِ پزٕ پأٹھی چھُنہٕ شِکارس شِکأرۍ ہنٛدبن اِرادھن ہُنٛد پتاہ آسان۔[2]



[1] جوٗن راج ترنٛگنی۔ شار 302-307۔

2. Sookshamaanatti timir svakulajaan vyadhaadajaanan vadham I
Svaam ambaamapi maakshikaavat madhugraahaat bhavishyat vadaa II
Lakshmi lobhabhrena mohita dhiyadh kalpaananal paan sithatim I
Jaananto ti jadaa na kim kucharitam kurvanti haa hanta haa II

Ibid., v.,543.

# زین راج ترنگنی : شری ور

شری ور اوس جون راجن شاگرد تیٚمی زین العابدین سنٛز توٲریخ 1459ء پیٹھ 1470ء یَس تام لیچھ۔ شری وَرن تلو اَتھی توٲریخس پَن تہٕ لیچھن تہٕ 1486ء یَس تام۔[1] تمۍ اوس زین العابدین ہندس نیچوٚس حیدرشاہ تہٕ تیٚمسندین ذُریَن پوٚترن حسن شاہ تہٕ محمد شاہ، ژونوٚنی ہندِ راجک وکھ وُچھمت پننی حالے حیاتی منٛز۔ تمۍ اوس یمن سارنۍ سُلطانن نِشہِ عزت تہٕ خلت تہٕ حاصل گرِ متی۔[2] زین العابدین تہٕ اوس پانس باپتھ "یوگ وَسشٹھس فارسی ترجمہ کرِنوومت۔[3] حیدر شاہ تہٕ اوس تس نِشہِ وَق گزارنہٕ خاطرٕ برہت کتھا بوزان تہٕ تس اوس وِزِ وِزِ عزت تہٕ بخشان۔[4] حسن شاہ اوس تیٚسنٛز قابلیَژ ہُند سیٹھاہ قایِل سپُدمُت تہٕ ییلہِ زَن تیٚمسندِس دربارس منٛز اکھ مشہوٗر شاعر تہٕ عالم پوارکدن، گیوٚن، سنگیت تہٕ فلسفس پیٹھ بحث کرنہٕ آو، بحثس منٛز زیوٚن شری وَرن۔ سُلطان ووتھ تھوٚد شری ورس کوٚرُن نالہِ موٚت تہٕ بہٕ آوازِ بُلند ووننس

---

1. Zaina Rajatarangini Ed. by Dr. Raghunath Singh, Published by Chowkhamba Sanskrit Series Office Varanasi-1, Parts : I & II, Year (1977) and III & IV, year (1978).
2. Shishyoasya Jona Raajasya so aham Shrivara Panditah |
   Raajaavali granthasheshaa pooranam kartum udhyutah ||
   Shrivara, Rajtarangini, Book 1,1,7.
3. Mokshopaaya iti khyatam vaasishtham Brahmadarshnam |
   Manmukhaat shrunoth Raaja Shrimat Vaalmeeki bhaashitam ||
   Ibid, Book 1,5,80.
4. Sohan sammaanya Raajaasmai dattah tat samye anvaham |
   Kurvan Brihatkathaakhyanam abhoovam dhrita pustakah ||
   Ibid, Book II, v.2,158.

زِ توٚہۍ چھِوٕ میَانہِ مُرشِد۔[1]

شرؠ ورس چھُ جونَن راجنہِ اَچانک موتُک صدمہٕ سپدان تہٕ راہ چھُ کھاران بھگوانس زِ تمِس آو نہٕ خوش زِ سُہ شاعِر یُس پننہِ قلمہٕ ستۍ فانی سپدن والین راژن اَمر چھُ بناوان، چھُنہٕ یتھ بُتراتھ پیٹھ زِرناوان۔[2] شرؠ ور سُنٛد گُفت چھُ زِ شاہ میر آسۍ قاعدِ قونوٗن زانن واٲلۍ، اعلا اُلدین اوس بہترٟن قانوٗن دان، شہاب الدین اوس شُجاعت پسند تہٕ بہوٗدر تہٕ کُتب الدین اوس قابِل تہٕ تجرُبہٕ کار سُلطان۔ سُلطان سِکندر (سِکندر بُت شِکن) اوس اِسلام دھرمہٕ پریمی تہٕ علی شاہ اوس سبٹھاہ فراغدِل سُلطان۔ زینُ العابدین (بڈشاہ) اوس ساری عِلِم زانن وول تہٕ سارِنے زبانَن ہُنٛد عالِم، شاعِر تہٕ تخلیق کار۔ حیدر شاہ اوس وینا تہٕ باقی ساز وایِنس منٛز طاق۔ سُلطان حسن شاہ اوس سنٛگیتس منٛز قابلہِ قدِر لوٚے خوٚے تھاوان۔[3]

اکہِ پھِرِ آو اکھ مشہوٗر گونماتھ گوٚن وول پواز کدن سُلطان حسن شاہ سٕنٛدِس دربارس منٛز۔ تمۍ گوو بڈ موٗدرِ ہتہِ پرٕ معنے بٲتھ راژس بڑوٚنہہ کنہِ یُس داستانہِ ہُنٛد اکھ حِصہٕ اوس۔ چوٗنکہِ سُلطانس اوسنہٕ زبانہِ ہُنٛد مکمل گیان تمۍ پُرٕژھ امِک مطلب شرؠ ورس بے تقلُفی سان۔ سُلطان تہٕ اوس ووسی دِل، تَس آیہ

1. Shrutvaa prabandhaan mattah sa ascharyo gadno abhovat I
   Aho Kaashmeeriko api idrik chaturah sarvashastra vit II
   Itiukhtvaalingya maam me tvam Gurur iti abraveet sutukam I
   Zaina Rajtarangini, Pt. III-IV, Book III, vv., 263-264 (a).

2. Yeshaam kroomi vapur asthirm atra raagyam I
   Teshaam ayam jagati keertimayam shareeram II
   Aakalpa varti kurute kimiteeva roshaad I
   Ghaataa harad dhruvamatah Kavi Jonarajam II
   Ibid, 1-1-5

3. Shrivara Zaina Rajtarangini. Book iii. vv., 265-269.

تہٕ پرٛژھنس منز کانٛہہ تہِ رُکاوٹ پیٚپتس۔ شریٖ ورس تہٕ گوٚن وٲلس سپُد اتھ مُتلِق ادبی بحث۔ شریٖ ورن کوٚر پنُن منطِق ناٹیہ شاسترٕ تہٕ سام ویدکین مختلف پہلوٗن پیٹھ بحث کران پیش تہِ سمجھووٗن گوٚن وول تہٕ راز ہندوستانٛی سنگیت شاسترِکی مختلف پہلوٗ۔ اتھ بحثس دوران سپز سُلطانس شریٖ ور ہنٛزِ قٲبلیت مولوٗم تہٕ لوٗگس تٔمی ہنٛدِ علمی بجرُک باس۔ سُلطان گو تیٚوٗت شاد زِ سُہ وۄتھ تھوٚد تہٕ دِژن سرِ دربار کرٛکھ "واہ! کٲشرِ (بھٹہٕ) ژٕ چھکھ یٔت عالم تہٕ دانا؟" تہٕ کوٚرُن شریٖ ورس نالہِ موٚت تہٕ وۄتھس زِ ژٕ چھکھ ووٚنی میٚون گورُ تہِ۔ تتھ کٔنٛز کوٚرُن پرٛتھ رَنگہٕ مالا مال۔ شریٖ ورن اۘسی وِبھٕنٲوی متی امہِ باپتھ مختلف پَد، شارِچ ییٚتھ، آواز، تال تہٕ راگ بیٚترِ تیٚوٗت مُدلل پٲٹھی زِ سُلطان گو خوش تِکیازِ سُہ اوس پانہٕ تہِ شار شِناس۔[1] یہِ کتھ چھِ صاف پٲٹھی ہاوِتھ دِوان زِ سُلطان حسن شاہ ہنٛدِ وقتہٕ اوس عالمن قدر سپدان تہٕ دربار اوس علم تہٕ ادبُک گوہر۔

اَمہِ حوالہِ تلہٕ چھُ باسان زِ شریٖ ورس اوس علم تہِ اَدبس پیٹھ خاص نظر تہٕ اوسُس امیُک مُطالعہٕ واریاہ سوٚن حاصِل۔ سُہ اوس شاعر آسنہٕ علاوٕ اکھ باکمال سنگیت کار تہِ تہٕ ناٹککار تہِ۔ بھرت مُنہٕ ہنٛدِ ناٹیہِ شاسترُک اوسُن سبٕتھاہ سوٚن مُطالعہٕ کوٚر مُت۔ پنٛنس گورس (جوٗن راج) ہنٛدِس وٕنٛنس پیٹھ تہٕ پَناہ دِنہٕ وٲلس سُلطان سُنٛد دِل رٔنزناونہٕ خاطرٕ لیچھ تٔمی یہِ تصنیف 1459ءٕ کہِ تمہِ نوقطہٕ برٛونٛہہ کُن ییٚتہِ یہِ تٔمی ہنٛدی گورن (جوٗن راجن) اچانک فوت سپدنہٕ موٗجوٗب ترٛاوِمٕژ اۘس۔ پنٛنہِ تصنیفہِ ہنٛدِس گوڈٕ آغازس منٛزے چھُ قلمکار امہِ کتھِ

---

1. Shrivara Zaina Rajtarangini, Book 3, v., 263 (b), 264 (a).

ہُند اِقرار کران زِ ''راز ہِندی خراجِ، عزت تہٕ روتٕبک بور یُس سُلطانَن میٚنٛ تَچھو زأنِتھ عطا اوس کوٚرمُت، سُہ نَکھہِ والنہٕ باپتھ چھےٚ مےٚ یہِ تصنیف لیکھنُک اِرادٕ کوٚرمُت۔''[1]

شری ورٚ ہِنزِ راج ترنگنی منز چھہِ ژور ترنگ (باب)۔ صِرف چھہِ گوڈنِچہِ ترنگہِ منز سَتھ سرگ (حِصہٕ)۔ باقی ترنگن چھنہٕ حِصہٕ بٲگرِ آمٕژ کرنہٕ۔ ژون ترنگن (حِصن) ہُند احوال چھُ یِتھٕ کٕنۍ:

ا۔ گوڈنِچہِ ترنگہِ منز چھہِ زینُ العابدیٖن ہِندِ راجُک احوال 1459ءٕ پیٹھہٕ 1470ءٕ یَس تام دَرج آمُت کرنہٕ۔

۲۔ دوٚیمہِ ترنگہِ منز چھُ سُلطان حیدرٚ شاہ سُند وورِ حو کوٚمت آمُت بیان کرنہٕ۔

۳۔ ترٛیٚیمہِ ترنگہِ منز چھُ سُلطان حسنٚ شاہ سُند تزکرٕ کرنہٕ آمُت۔

۴۔ ژوٚرِمہِ ترنگہِ منز چھُ سُلطان محمد شاہ ہِندِ راجُک ذِکر آمُت کرنہٕ۔

پرٛتھ ترنگ چھہِ پرٛتھ رنگہٕ مکمل اکھ أکِس نِشہٕ آزاد تہٕ تمہِ سأری جُز مِلٕن سُلطانَن ہنٛز پیدایش۔ راجیہٕ کال تہٕ موت بیٚترِ چھہِ پرٛتھ ترنگہِ منز موٗجوٗد۔ مُطالعہٕ تلہٕ چھہِ باس لگان زِ زنتہٕ چھُ شری ورَن اِبتدأیی طور صِرف زینُ العابدیٖن ہِندِ یوت راج کالکہِ لیکھنُک اِرادٕ اوسمُت مگر پَتہٕ چھُ تس یہِ احوال بڑونہہ پکناوٕنُک خیال پیوٚمُت۔ یہِ تہٕ چھُ باسان زِ شری ور چھُ سُلطان فتح شاہ ہِنزِ تاج پوشی بڑونہہٕ فوت سَپدمُت نَتہٕ آسہےٚ تمہِ سُند احوال تہٕ تمۍ پأنٛژمہِ

1. Tat tat guna ganaadaanaat swasampatti samarpnaat I
Putravat vardhito Raagya graamahemaadya anugrahaih II
Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book I. v.,1.1.11.

ترٛنگہِ منٛز بیان کوٚرمُت۔ سُہ اوس نہٕ کانٛہہ پرٛانہِ وقتٕچ توٲریٖخ لیکھان۔ سُہ اوس تی لیکھان یُس تِس درٛیٚشٹھمان سپدان اوس۔ ڈاکٹر رگھُناتھ سِنگھ سٕنٛز یہِ کتھ چھِ وزن دار باسان یتھ منٛز سُہ ونان چھُ زِ "شری وَر سٕنٛزِ زین راج ترنگنی چھےٚ توٲریٖخہِ کھوتہٕ حافظ گوئی ہندِس دٲیِرس منٛز یوان۔"[1] تٔمۍ چھُ تی بیان کوٚرمُت یہِ تٔمۍ پننہِ حالے حیاتی منٛز وُچھ یا محسوٗس کوٚر۔ چوٗنکہِ شاعر چھُ آسان حسّاس لہٰذا چھِ تسُند یِمو حالاتو ستیٚ اثر پزیر روزُن اکھ حقیقی روجحان۔ یِم حالات بیان کرنس منٛز کوتاہ چھُ شری وَر کامیاب سپدُمت چھُ یِمہِ کتھِ تلہٕ نَنان زِ یمیٚتہٕ جون راجن چھُ ترٛن ہتن ؤریٚن ہُند احوال نو ہتھ تہٕ شٔستھن 976 شلوکن منٛز بیان چھُ کوٚرمُت تتہِ چھُ شری ورن صِرف ستوٚہن 27 ؤریٚن ہٕنٛدی درٛیٚشٹھمان حالاتن ہُند تذکرِ دون ساسن دون ہتن تہٕ اکتاجیٚین 2241 شلوکن منٛز کوٚرمُت۔

شری ور ہیکہِ ہے نہٕ کلہن سٕندی پٲٹھی بے باک تہٕ بے خوف توٲریٖخ دان آسِتھ۔ سُہ اوس راج کٔوی آسنس ستیٚ ستیٚ سُلطان سُند نمک خوار تہٕ روٗدمُت تہٕ تٔمۍ چھُ سُلطان سٕنٛزن مہربٲنین ہُند اعتراف تہِ کوٚرمُت۔

سُلطان سُند یہِ قرض نکھ والنہٕ باپتھ اوس تٔمۍ یہِ کام مٔتہِ ہیٚژمٕژ۔[2] تو پَتہٕ تہِ چھےٚ تٔمۍ جایہِ جایہِ واقعات بیان کرنہٕ وِزِ پٔنٛنۍ خیالات تہِ آزادانہٕ پٲٹھی بیان کٔریمٕتۍ تہٕ اِسلام دھرمکین پٲروکارن یہِ سوٗنچنہٕ باپتھ یاداش پیش کٔریمٕتۍ

1. Raghunath Singh, Zaina Ragatarngini, (Tr.) Foreward, P.37
2. Saatmajasya nripasyasya praaphte raajya vamanaat |
Pratishthaa daana sammaana vidhaanaguna nishkritih ||
Zaina Ragatarangini, v.,1,1,17.

زِ میٛت وٕ ڑراونہٕ کٔنی چھُ واریاہ زمین آوٕراونہٕ یِوان تہٕ غریبن ہنٛدِ روزگارُک مار چھُ سپدان۔ سُہ چھُ ورگہٕ پانٛژھی یَمن فِکرِ تاران زِ مرُن زیٛون چھُ اکھ متواتر سِلسِلہٕ تہٕ یِتھٕ کٔنی چھےٚ پرٛتھ وٕری قبرستان پھٔہلان گژھان تہٕ اَن ووپداون واجینٛژ زمین چھےٚ شرٛوکان۔ اتھ برعکس چھِ ہیٚنٛدی اکِ سے زمینہٕ ژٔلس پتھ ساسہٕ بدٕن سوٗرکران یُس مَتیٛک اَخری عمل چھُ، تہٕ تمہِ باوجوٗد چھُ زمینہٕ ہُنٛد سُہ ژٔکُل تِتھےٚ تہٕ سرِ ثوبوٗت روزان۔[1]



## (۸) سُلطان زینٛ اُلعابدٕنٕن (1459-70)ٕ:

شرٛی ور چھُ سُلطان حیدر شاہ (حاجی خان) 1470-1472ٕ یُس مٔژ کٔشیرِ ہُنٛد سُلطان بننہٕ برٛونٛہہ یَمن کتھن ہُنٛد مُشاہد کران۔ سُہ چھُ سارِنےٚ واقعاتن ہُنٛد چشمِ دید گواہ آسان۔ یِم وٕزیر، خادِم، نوکر چاکر، دلیہِ تہٕ فوجی تہٕ باقی بڈی حاکم زینٛ اُلعابدٕنٕن ہنٛدِ وقتہٕ منظوٗرِ نظرِ آسی تہٕ تھدٕ بن عہدن پتھ فائز آسی تہٕ یِمو پننہٕ خاطرِ آرام گاہ، پیرٕ تہٕ قبرستان وَدِ آسی کڈتھ تھاوی متی۔ سُلطانہٕ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ سپدی تِم ساری شاہی آسایشو نِشہِ محروم تہٕ وقت واتنٕس پتھ نی تِم راتھ کیٛت چنڈالو لوتہٕ پانٛژی تہٕ پربتس نزدیک (ملہٕ کھاہ) گرِکھ

1. Aho lobasya mahaatmyam jeevat vad yanmritaa api I
Shavaajiraapadeshena kurvantya varanam bhuvah II
Mahaanto hanta kurvantu krita yatnaah shavaajiram I
tat nirmaanena jeevanti kriyantopi bubhukhita II
Vandhyo anya darshanaachaaro hastamaatre bhauvastale I
Dagda yat katisho nityam saavakaasham thaiva tat II
Shrivara Zaina Ragatarangini Book 2, vv.,94-96.

قبرن منز دفن تہٕ پتھ تھاوکھ سیر۔[1] اتھی سے وقس پتھ چھ تسند نوزک شاعرانہٕ دِل
سونچان زِ "یمن لوکن پننہٕ زندگی منزے پننہٕ آخرت پتاہ آسہٕ، تیمس ساری دوستی
موجوب آخرتس تانی ساتھ دِن تہٕ ماتمی ہُند قدر کرن۔ تہندی خاطرٕ چھ قبرستان
بناوُن واجب۔ نتہٕ چھ یہ مُسلمانن منز اکھ ناکارٕ رواج۔ یہ چھ میون سونچ۔"[2]

حیدر شاہن یُس ظُلم لوکن پتھ سُلطان بننہٕ پتہٕ کوٚر تمیک اِظہار چھ
شری ور کھُلم کھُلاہ کران تہٕ صاف لفظن منز بیان کران۔ تتھ وقس منز آسی بٹن
دوہلی لوٹان تہٕ براہمن بٹہٕ آسی کرزکہٕ دِوان زِ "یہٕ چھُس نہٕ بٹہٕ، یہٕ چھُس نہٕ
بٹہٕ۔"[3] اتھی منز چھ سُلطان سری نگرکس شُمالس منز واقع بھوکھاتکی شور
منڈرکس اِشٹ دیو سنز موٗرتی پھٹراونک فرمان مُسلمان پتھ رائج کران۔
منڈرن عطیہ دِنہٕ آمژ زمین ضبط کرنک حُکم جاری کران تہٕ یتھ کُنہٕ غلط صلاح
کارن ہندِس طُسلتس تل یتھ ساری رِعایا باپتھ وبالِہ جان بنان۔[4]

شری ورن چھے زین العابدین سِندِ عہدٕ خوٗکومتکی سخ تاریف کری متو۔
دوٗر دِشاہن ہندی شیٚتھر مارتھ تہٕ واپس پننِس دیشس واتتھ کوٚرتمی رام سِندی
پاٹھی سلطنت قایم تہٕ کوٚرن تتھ پتھ راج۔[4] یتھ کُنہٕ مختلف راگ اِکہٕ وٹہٕ سمتھ
چھِ کنٔن خوش پننہٕ واجنٕی آواز چھِ پادٕ کران یتھے کُنہٕ اوس تمی سُلطانن پننی شوہرت

1. Yah svaayusho avadhimavaiti svadeha nishtham I
Yasyantako bhavati mitratayativashyah II
Yujyet tam prati shavaajirakarma kartum I
Malechheshu durvyasanamaatram idam matam me II
Shrivara Zaina Ragatarangini Book 2, v ,90

2. Tyakta svajati visheshah tat dineshu Brahmnaadayah I
Na Bhattoham na Bhattahoham itiuchur Bhatta lunthane II
Ibid, Pt. (I-II), Book 2, v.,125.

3. Ibid, Pt. (I-II), Book 2, vv.,127-131.

4. Ibid, 1-2, v.,19.

بنگال، مالوا، اَبھیر دیش (حیرات تہٕ قندہار علاقہٕ) تہٕ اُہیر بھیروی (اکھ تال) گوڑ (دیش) یا گوڑی (تال) کرناٹک دیش یا (کرناٹکی سور) یم سأری سور اُکی سے مالہِ منز تارِتھ پننِ شوہرت ژُوپاسے پھہلاوِمژ یوسہٕ سأرِسے سلطنتس آبہِ حیاتک درشن اُس کران۔[1] کھسُون تعالعہٕ وُچِھتھ اُسی تژنوے ورِگ، یعنی اِنسأنی حیأتی ہِندی عنصر : محبت، ڈِوٹی (فرض) تہٕ دھن دولت یا فأیِد برابری تہٕ نوقصان یا سارئے اِنسأنی ذأژ (برٛہمن، کھشتری تہٕ ویش) یکہٕ وٹہٕ سپدِتھ محبوبایہِ ہِندی پأٹھی تس رازس دایہ تون کران۔[2] قونوٗن زانن وأٹس یا پٔنن گرِ گرٛہست ٹھیکھ پأٹھی چلاون وأٹس ہیکہِ ہے نہٕ کانٛہہ تہِ شخص اکھ ہار تہٕ بہٕ زورِ ظٔلم وصوٗل کٔرِتھ۔[3] ووں گوئیس نہٕ بٔنیہٕ کانٛہہ گُذار آسہے سُے خال کانٛہہ اوس ژوٗر بیٚترِ کوکرِم کرٛنس پٹھ مجبوٗر سپدان۔ یہٕ سوٗنچِتھ اوس تٔمی سُلطانن پننِس سأری سے راجس منز بےٚ کأری دور کرنٕکی واریاہ کینٛہہ وہ پاے کری متی۔ تِہندِس دورِ حکوٗمتس منز ووٗتھ دوٚیہ پھِرِ دژاگ، زبرٛدست قحط سألی گیہ۔ تژن ہتن روٗپین (دیٖنارن) ہنٛز داٲن کھار لٔج ڈوڈس ساسس دیٖنارن۔ کینٛہس کالس کوٗر سُلطانن شأہی خزانہٕ منزِ لوٗکن مدد۔ گامکو لوٗکو کھٔنیہِ بوچھِ گالنہٕ خأطرِ ڈوٗنی تہٕ ترٛتھ گٔنزِ ووٗتھ تیلہٕ دژاگ۔ سُلطانن ہیٚچھناوِی ڈوٗنی باپأری یارِ کُلو منز تیل

---

1. Bangala Maalvaa bheer Gouda Karnaat deshagaa I
   Yat keertee raagamaaleva babhoovaamrita varshinee II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini, 1-1, v.,25.
2. Trivarga projjvalam drishtvaa yasmin tat rasikaa iva I
   Avasan shaktayah tisrah samam ekamata iva II
   Ibid, 1-1, v.,29.
3. Ibid, 1-1, v.,37.

کڈُن یتھ گٔژ آو یہِ قحط تہٕ کاپہٕ ۔[1] یِمو بھرٚشٹاچار ورتاوتھ قحطس دوران لُکن سبٕٹھاہ قیمتس پیٹھ اناج بیٚترٕ کنٛمت اوس، حالات سُدھرنس پیٹھ کرنوو سہٕ اِضافہٕ رقم یِمن نِشہٕ سُلطانن واپس وصوٗل تہٕ یہِ رقم آو اَتھ زدِ لوٗکن واپس دِنہٕ۔ یِمو سوٗد خورو لُکن کم کاسہٕ پانسہٕ دِتھ زیادٕ قیمتس پیٹھ دستخط آسی کرناوِمتی۔ تِمن آیہٕ تِم سارِے قرضکی کاغذات ضبط کٔرِتھ رد کرنہٕ ۔[2] گوڈنکین دون سَرگن (بابَن) منٛز چھُ یِمنے حالاتن شاعرن واش کوڈمت۔

ترٛیِمس بابَس (ترنگ) ہِنٛدِس اِبتداہَس منٛز چھُ سہٕ حیدر شاہ سُلطانس خلاف بغاوت کران تہٕ چھُ یتھ گٔژ کمراز ژلان۔ حسب موموٗل چھُ تتہٕ تہٕ سہٕ کُہرام مچاوان تہٕ ژوِیہٕ کٔرِتھ تتہٕ کین لوٗکن پریشان کران۔ شری ور چھُ اتھ دوران حیدر شاہ ہنٛدٕن کرتوتن مُتلِق کھلہٕ ڈلہٕ پاٹھی نوقطہٕ چینی کران۔ مگر سُلطانس چھُ آسان اٲمی سے پیٹھ بھروٚسہٕ تہٕ سہٕ چھُ تَس واپس ینہٕ باپتھ خوٗصوٗصی طور خط لیکھان یتھ زَن سہٕ واپس راجدھانہٕ ییہِ۔ لیکھان چھُس ''چِٹھی پَرونہٕ وِزِ اگر شونٛگتھ آسکھ بیدار گژھِ زِ۔ اگر بیدا آسکھ تھوٚد وٚتھی زِ، اگر تھوٚد وٚتھتھ آسکھ دوران یِزٕ۔ اگر نہٕ میانہِ زِندٕ زوٗ واتکھ تہٕ پتہٕ یِنَس چھُنہٕ کانٛہہ فایدٕ۔''[3]

1. Durbhiksha bhakshita akshyota dakshah kshiteeshvarah I
   Dhiya sarala vrikshebhyah tailaakarshanamaadishat II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini, v.,1, 2. 33

2. Tasmin samvatsare Raajaa kaarunyad boorja gaamini I
   Uttamanaardham ardhamarnaanaam vyavastha vinivaaritaa II
   Ibid, v.. 1, 2, 34

3. Mat patraavekshane yuktam Shayitasya thathaasanam I
   Aaseenasya samutthanam uthitasya cha dhaavanam II
   Ati toomam cha chet praaphto mayi jeevati vihvalve I
   Gate mayi madbyramam punaraagamena kim II
   Ibid, vv.,1, 3, 88,90

سُلطان ہِندِس زِٹھس نیچِوس آدم خانس چھُ یمن کتھن ہُند باس لگان تہٕ سُہ تہٕ چھُ بغاوت کران۔ سُلطان چھُ باقی دربارِبن ہنٛزٕ نظرِ بچاوِتھ وتستا پوٗزایہِ منٛز شامِل گژھنہٕ باپتھ ژٕری یایلی روانہٕ سپدان تہٕ ستی بغاوتھ تہٕ کاپہِ انان۔[1]

ژوٗرِمس ترنٛگس منٛز چھِ سُلطان سُند سمجھاوِتھ پرٛنٛدس منٛز ''ژِترٕ اُتسوٗ' باپتھ ناو ساُلک ذِکر کرنہٕ آمت۔ عام سنسکرت مہاکاوبن منٛز چھِ اتھ ''وسنت اُتسوٗ' ونان۔ یتھٕ کِنۍ چھُ سُلطان مَدٕو راجَس تام چکر کران تہٕ وٗلی عہدس ستیٖ تہٕ مُلاقات کران یتھٕ کِنۍ چھُ حیدر خان واپس راجدھانہِ واتان تہٕ سُلطانہٕ سنٛز وٗلی عہد ہِندِ باپتھ پریشانی چھےٚ دوٗر گژھان تہٕ سُہ چھُ باقی دِفاہ عام کمِن کامِن کُن راغِب سپدان۔

پانٛژِمس سرگس (بابس) منٛز چھُ سُلطان لگہِ بہبوٗدی ہنٛزن کامِن دَس تُلان تہٕ شری ور چھُ امیُک جان پاٹھۍ وِستارٕ سان لیکھان۔ 1462ٕ وِیک دژاگ مدِنظر تھاوِتھ کھوٗلۍ تمۍ وَتہِ وَتہِ اَنہٕ بنٛڈھار۔ پانٛژٕ بَنووٗن اَناجُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ بنٛڈھار۔[2] تِکیازِ یہِ چھُ وادی ہِندِس وسطس منٛز ژٕری یاو بُٹھس پٹھ آباد تہٕ اتھ وتس منٛز اوس امہِ قسمُک مال اکہِ جایہِ پٹھٕ بیٚیس جایہِ واتناونک یہِ خاص ژٕریہِ۔ سُلطانن کوٗر ساری سے کشیرِ منٛز کولن تہٕ نہرن ہُند تأمیر تہٕ سَرن تہٕ ناگہٕ جوٗین کرنووٗن پاز یتھ زَن آبُک مقدار بڑٕ تہٕ بےٚ روک روانی پزاوِ۔ شری ور چھُ ونان ''کانہہ سوتھُر یا ژٕری یاو، گام یا بستی، شہر یا وُڈٕر

1. Vitastaajanma Poojaartham Triyodashyam tato nripah I
Deepamaalaa didrikshah sanaukaaroodo abhyagata puram II
Shrivara, Zaina Ragatarangini v., 1, 3, 53.

2. Ibid, v.,1, 5, 20.

غرض کانٛہہ جاے تہٕ روٗزٕ نہٕ یوٗت نہٕ وأنِتھ تٔمۍ زین اُلعابدٕنَن ہنٛزٕ پاپر جایہِ ہِندی نِشانہٕ وُچھی نہٕ۔[1] یوسہٕ تہٕ زٔمین سٕنٛز یا سنٛزسان أس تتھ تژاوٕن کولہٕ منٛز تہٕ بنآوِن سَر تیار۔ پَمچھ تژ أوِتھ سجھاوِن یم سَر رنگہٕ رنگہٕ جاناوارن ہِندِ باپھ۔[2] نوِ نوِ نٔہر بنٛنہٕ ستۍ گیہِ جایہِ جایہِ داں ڈوٗری تیار تہٕ پڑتھ جایہِ لگۍ دانٛبس تہٕ موٗس ڈیر۔[3] سرگہٕ کِس باقی حِصس منٛز چھُ سُلطان عٔلم تہٕ ادبس کُن زون پھِران۔ سُہ چھُ بذاتِ خود والمیکی سُنٛد یوگ وسِشٹھ تہٕ رامایَن شٔری وَرس نِش بوزان تہٕ رأتی راتس پتہٕ اتھ منٛز دَرٕج کتھَن پٔٹھ سوران سوٗنچان۔[4] یِمن کِتابن مثلن ویدانت، یوگ، میمامسا، درشن (ویشنو، بودھ) یِمن سارِنٕے مَتن پٔٹھ کُنہ تژادٕ بغأر صحت منٛد روحجانس منٛز آیہِ یِمَن تشریح کرناونہٕ یِمہٕ کِنۍ یہٕ ہِنٛدوستأنۍ درشن شاسترُک اکھ حقیقی دستاویز بنیوو۔ سُلطانن کوٗر امیک یہٕ روحجان پَسند مگر چوٗنکہِ سِکندر بُت شِکن ہِندِ وقتہٕ أسۍ واریاہ کأشر بٹہٕ مُلک تژ أوِتھ پٔنُن عِلمی سرمایہِ ہتھ کٔشیرِ منٛز دژامتۍ لہٰذا اوس کٔشیرِ امہِ رنگہٕ واریاہ دَدارٕ ووٗتمت۔ سُلطانن سوٗز دوٗر دیش پنٛنۍ کارنٛد یِمہٕ کِتابہٕ کرناوٕن یا تہٕ نقل تہٕ نتہٕ تِمو دیشو پٔٹھ کرناوٕن واپس طلب۔ یِتھہٕ کِنۍ آو واریاہ سنسکرِت تہٕ تتھ ستۍ باقی زبانَن ہُنٛد عِلمی سرمایہِ کٔشیرِ یِتھ پٔٹھ رازس پہٕ واریاہ خرٕچ تہٕ گرُن۔[5]

---

1. Na saa nadee na tat kshetram na sa graamo na saa puree I
   Na tat sthanam na yat Raajya Jainanaamaankitam kritam II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini, 1, 5, v.,29.
2. Ibid, 1, 5, v., 30.
3. Ibid, 1, 5, v., 25.
4. Ibid, 1.5, v.,80.
5. Puraana Tarka Meemaamsaah pustakaam paraanapi I
   Dooraa daanaayya vittena vidvadbhyah pratipaadayat II
   Ibid, 1,5, v.,79.

عِلم ادبک پرٛون جمال آو واپس کٔشیرِ تہٕ شری ور چھُ ونان زِ سُلطانن "أنی سنسکرت تہٕ فارسی زبانن ہندی عالِم تہٕ زانن وألی یمو سنسکرت شاسترکین کتابن فارسی ترجمہٕ کوٚر تہٕ فارسی فلسفس سنسکرت پأٹھی ترجمہٕ کوٚر۔"[1] أتھی دوران آو راج ترنگنی ہنٛدین ذٔہن رازن (شاہ میر سِندِ پٔتھ زین اُلعابدنٛس تام) فارسی ترجمہٕ کرنہٕ۔ یا ویشنو سِندی "دٔش اوتار"، متسیہ، کاچھپ، واراہ، نرسمہہ، وامن، پرشرام، رام، کرٛشن، بُدھ تہٕ کلِک یہ ہیکہٕ کشمیندرُن دشہٕ اوتار چرِت ناوٕ تصنیف تہٕ أستھ۔ امہِ پتہٕ چھِ سُلطان نو بندھن ترتھک بجر، شری ورس نِش بوٗزِتھ امہِ تیرِ تھچ یاترا کرنک اراد کران تہٕ لہٰذا چھُ امی تیرتھک بیان سرگہٕ کِس آخرس تام چلان۔

شیمس سرگس منٛز چھِ کٔشیرِ ہنٛز پارِ جایی وُچھِتھ باقی رِیاستن ہنٛدی راز سُلطانس رنگہٕ رنگہٕ ڈألی سوزان تہٕ ستی پنٛنی سفیر تہٕ سوزان۔ یہ سِلسِلہٕ چھُ ستیٚمِس سرگس منٛز تہٕ جأری روزان۔

سنہٕ 1469ہٕ یَس منٛز چھُ خُراسانس پٔتھ تُرکن ہُنٛد حملہٕ سپدان یتھ منٛز سُلطان ابوٗسعید مارٕ گو تہٕ عراقس منٛز گیہِ اَفراتفری تہٕ قتلُ غارتُک دور شوٗروٗ۔ کینٛہہ لوٗکھ چھِ کٔشیرِ ہُنٛد بتہٕ سوچھ بوٗزِتھ یور تہٕ واتان تہٕ سُلطان زین اُلعابدنٛس نِش پیش سپدان۔[2]

1. Iti Sanskritadeshaadi Paarsivaag vishaaradaih I
Bhaashaaviparyayat tat tat shastram sarvamacheekrat II
Shrivara, Zaina Ragatarangini 1-5, v.,83.

2. Sukha prada bhavedesham shrutvaa annaadi smriddhibhih I
Aagataamstat kshamaapaala rakshaasmaan vibikshataan kshudhaa II
Ibid, 1-7, v.,32.

سُلطان سٕنٛزِ علالت باوجوٗد اوس نہٕ باسَن پانٕونی یکٕت تہٕ سمرٛار۔ زین اُلعابدنٕس آسی ژور نیچوٗی۔ آدم خان اوس گوڈے فوت سپُد مُت۔ باقی ترٛے آسی ہمیشہٕ پانٕونی مُنٛڑ مینان۔ شراب تہٕ ناکارٕ صوحبتھ تھاوان۔ سُلطان اوس یہِنٛد یہٕ وٕطیرٕ وُچھتھ پریشان۔ شرٛی ور چھُ ونان زِ سُلطان اوس سوٗنچان ''یتھٕ کٔنۍ لأچھی پکوس پننی اُتھر چھِ دوتہٕ دوتہٕ کران۔ یی چھُ میأنس جگرس یہِنٛد یہٕ وٕطیرٕ وُچھتھ سپدان۔''[1] رازس چھُ پننٮ۪ن سنتانن ہُنٛد یہٕ وٕطیرٕ سبٹھاہ دوکھ دِوان۔ سُہ چھُ پرٛتھ کانٛہہ کوٗشش کران زِ یمن گوٗژھ عقلہٕ شمع روشن گژھن مگر تتھ برعکس اوس یمن قدمس پتھ گتہٕ جارے ہُران۔ آخرس چھُ راز تنٛگ یتھ کھٮ۪من چیٖن ترٛاوِتھ ڈبکس ژٔنڈاہ دِتھ سوٗنچان ''اگر میانہٕ حیاتی منٛز یم اکھ اَکِس رتھ والن تہٕ مےٚ پتہٕ کیاہ کرن یم تہٕ میانہٕ یٮ۪مہٕ زِندگی ہُنٛد فأید کیاہ چھُ۔ (میأنی) یم خاص پأروکار تہٕ طاقتور شخص میانہٕ نرِ زنگہٕ آسہٕ تم سپدی سأری فوت۔ وونی اَے بہٕ پرٛژھہ تہٕ کس کرے تہٕ کیاہ!''[2] آخرس کوٗر سُلطانن راج پاٹھ وٕزیرن حوالہٕ تہٕ پانہٕ کٔرن گوشہٕ نشینی۔ کھٮ۪من چیٖن ترٛاونہٕ پتہٕ تہٕ آو نہٕ تسنٛد بن شرٛبن منٛز کانٛہہ بدلاو۔ اُخرس سپُد یہٕ سُلطان زیٹھ بأشی دوہ 1470ء یس منٛز فوت تہٕ آو یہٕ مزارِ سُلطانی پنٕنس بُڈی بَبہٕ سٕنٛزِ قبرِ نزدیک اکِس کفنس منٛز دفن کرنہٕ۔ مگر پیٚوٗر تھوٗہس سبٹھاہ بڈ شیل۔ دپان اَمہٕ دوہہ چھنہٕ کأشرِ کأنٛسہٕ تہٕ گرن پیٚوٗمُت تکیاز سُلطان اوس پرٛتھ گرس منٛز ہر دِل عزیز۔

1. Aho mayi mridau sarva sukhade chhidrakaarinah I
   Naashaayami sutaa Jaataa Raankave krimyo yathaa II
   Shivara, Zaina Ragatamgini 1-7, v.,143.

2. Mayi jeevati nashyechchet kim kaaryam jeevitena me I
   Bhaktaah shaktaa gataa bhrityah kim prachchhaami karoomi kim II
   Ibid, 1-7, v.,178.

(۹) سُلطان حیدر شاہ (72-1470)ء :

سُلطان زین اُلعابدٕنن ہِندِ فوت سپدنہٕ پتہٕ بنیوٚو تٔمی سُند دوٚیم نیچو حاجی خان تختس۔ یہ اوس سُلطانٔن بزوٚنیہِ ؤلی عہد مُقرر کوٚرمُت۔ چوٚنکہِ بایَن اوس پانوٕنی وأر لیہٰذا آسی اکھ أکِس پٔتھ شک کران تہٕ شُری پانہٕ پٔتھٕے اکھ أکِس زاگہِ روزان تہٕ ژودیہِ کران۔ سُلطان سُند زیٹھ نیچو آدم خان اوس پٔنٕنی مامن مَدر دیشکِس رازِ مانک دیوس نِش تھوومُت ییتہِ سُہ مُغلن ستی لڑایہِ منز مارِ سپُد۔ حیدر شاہ روٗد أکِس ؤری یس تہٕ ژٕہن ریتن سُلطان تہٕ سپُد ماگھ زوٗنہٕ پچھ پانژِم 1472ء یَس منز فوت۔ شُری ور چھُ لیکھان ''ییمو مالی ہِندبو خاص وٗزیرو تہٕ عالیمو تختس بیہنہٕ وِزِ تَس راج تِلک کوٚر تمے ماژتھ بنیوٚو سُہ تختس پٔتھ تہٕ بیلہِ موٗد لوٗکو نیوٚ سُہ صرف کفن وٗلِتھ توبوٚ دس منز تہٕ کوٚر کھ سُپرد خاک مالی ہِندِ بن کھورن تل شاہی قبرِستانس منز۔''[1]

سُلطانہٕ سُند جیٹھ اوٚ کدو دوہ تختس بہٕن آو جان پأٹھی مناونہٕ۔ رازِ ہِنز موٚہر آیہِ اِجرا کرنہٕ وٗزیرن تہٕ عالمن آو خلت تہٕ پوشاکھ عطا کرنہٕ تہٕ عزت کرنہٕ۔ راج تِلک وِزِ اوس حسن خان (حیدر خانٔن لوکُٹ بوے) تہٕ بہرام خان (نیچوٚ) تہِ اتھ تقریبہِ منز شأمِل تہٕ تِمو کُر اتھ تاج پوشی منز دِل کھوٗلِتھ شِرکت۔ امہِ پتہٕ بڈبو سُلطان سُند روحجان تِمن لوٗکن کُن ییم دیش تہٕ عواماکی دُشمن آسی۔ شُری ور چھُ ونان ''اختیار میلنہٕ کِنی تیمی تہٕ پیتکی عام لوٗکھ دُکھی کری

---

1. Yebyashcha Rajatilakam simhaasanagato agraheet I
   Pitryamstaan sachivaan hatvaa prameeta iti kechana II
   Manjooshikaantraat neetvaa tam pataikaavritam shavam I
   Pituh paadatale tatra bhugarbhabyantare akshipat II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book 2, vv.,207, 210.

تِمَن اوس سُلطان سارِوٕے بڑوٕنہہ پنٕہ نبن پۄترن ہندی پأٹھی رچھان۔[1] شری ور چھُ لیکھان ''وارِیاہَن لۄکن آیہ (یِمَن مُنافقتَن ہنٛدِس وٕنٛنَس پتھ) راز ہنٛدِ حُکمہٕ موجوٗب نأوِدَن ہنٛدِ ذٔسی جِسمأنی انگ ژٹنہٕ۔''[2] سُلطان اوس گوٗنٕک تہٕ گٕنٛدنٕک سبٕھاہ شوقین تہٕ تنتری[3] وایِنٕک سبٕھاہ ماہر۔ یہ اوس ژاٹھِن ویناوادَن تہٕ ہیٚچھناوان تہٕ یِمنٛے محفلِن ستیٚ آوٕر روزان عام لۄکن مُشرأوِتھ۔

یمو وٕزیرو عألمو مألی ہنٛدِ وقتہٕ پتھ وفادأری کٔرمٕژ أس تِتھی ہی ژُکدٕر تہٕ حِساب کِتاب تھاوَن وألی، حسن تہٕ میرکاک ہی وٕزیر تہٕ تِمَن ستیٚ باقی وارِیاہ نفریم سُلطان ہنٛدی خأرخواہ أسی واتناوِکھ ژھل کٔرِتھ محل خان تہٕ کٔرِکھ تتہٕ قتل۔[4] تیٚہندٕبن میتَن ستیٚ آیہ بدسلوٗکی کرنہٕ تہٕ شری ور چھُ لیکھان زِ ''لاوَلدن ہنٛدِ پأٹھی آیہ تِم راتھ کیٚت چنٛڈالَن ہنٛدِ ذٔسی پرٛدیُمن (پربت) پٕٹھس نزدیکھ نِتھ سیر تھأوِتھ قبرن منٛز دٔبراونہٕ۔[5] تتھ کٔنٛز لۄب مُنافِقو زیادٕے بٔل ژوپأری وٕژھ ہوٗل حالے تہٕ شری ور چھُ لیکھان ''ژوپأری بغاوتھ پھٔہلِن کِنٛز أسی لۄکھ تہٕ عام سوچِن وألی پی منگان زِ تِہِنٛدِس سُلطان ہنٛدِ آسنہٕ کھوتہٕ اوس أسٕنٛد نہٕ آسنُے بہتر یُتھ زَن مُلکس شأنتی پیہ ہیٚ۔[6]

---

1. Yenaadhikaaraat deshe asmin prajaah kukarmabhih kritaah I
   Dukhitaa rakshitaah poorvam putravat Shri Maheebhujaa II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini Book 2, v.,37.
2. Bahoonaam atha lokaanaam napito avayava chhidaam I
   Bhoopaalaath aaphta nirdeshah ksheebatopi tathaakarot II
   Ibid, v.,46.
3. سہ سِتار وغأریُس تارن پیٹھ چھُ وزان۔ یمہٕ تار چھیٚ بڑأرٕ أندرمن ہنز تہٕ شیٚشٕتر وآسان۔
   Discussed by Raghunath Singh while editing verse no. 59 of this book.
4. Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book 2, vv.,77-78.
5. Pradhyumana giri paadaante Chandaalair nishinaathavat I
   Ittikaabhistatto neetwa bhugarbeshu niveshitaah II
   Ibid, Book 2, v.,88.
6. Ibid, Book 2, v.,142.

## (۱۰) سُلطان حسن شاہ (84-1472)ء:

حسن شاہ اوس غُلہٕ خاتوٗن ہُنٛد فرزنٛد یوٚسہٕ اسلام قبوٗل کرنہٕ پتہٕ تہٕ باقی مذہبن مُتلق رَوا دار اُس ماننہٕ یوان۔ تمہِ اُسی واریاہ مٹھ، مندر، مسجِد تہٕ زیارژ تأمیر کرناوِمژ تہٕ واریاہن مندرن ہُنٛد تأمیر نوٚ سرٚ کرنووُمت۔ شرٛی ور چھُ تِسنٛز بَرابری دِبہٕ رلنہِ ستیٚ کران تہٕ لیکھان تمہِ کوٚر دِبہٕ مَرس منٛز اکھ بڈ دھرم سال تأمیر تہٕ ناو کوٚرنَس مدرسہٕ۔[1] لِہذا اچھُ یہٕ قودرتی زِ تِسنٛدِس فرزنٛد حسنہٕ سُنٛد مِزاجہِ تہٕ اوس امی آیہِ تہٕ تس منٛز تہٕ اُسی یِیےٚ صِفتھ۔

سُلطان حیدر شاہ سنٛدِ 1472ء یَس منٛز فوت سَپدنہٕ پتہٕ بیوٗٹھ حسن شاہ کشیرِ ہنٛدِس تختس پیٹھ تہٕ بنیوو ڈہم سُلطان۔ تِسنٛز تاج پوٗشی سپٕز بڈ ٹھکہٕ ٹھکہٕ تہٕ شرٛی ور چھِ اَمی سنٛز تاج پوٗشی ہُنٛد ذِکر ترٛیِیمہِ (3) ترنٛگکبن شتوٗہَن (26) شلوٗکن منٛز کران۔ سارِنے عالمن، وٗزیرن تہٕ بُڈی بَبہٕ سنٛدبن خاص پیروکارَن چھُ یوان خِلعت تہٕ اِنعامہٕ بخشنہٕ۔ یِم چھِ یوان بڈبن تہٕ موٚزوٗن عہدن پیٹھ معموٗر کرنہٕ۔ یِمن منٛز تأزیٚ بھٹ، جون راجانک تہٕ مِلک احمد بیتٕرِ آیہِ تھدبن عہدن پیٹھ مُقرر کرنہٕ۔[2] تم وٗزیرٕ تہٕ امیرٕ یِم سُلطان سنٛدِس ماکی تہٕ بُڈی بَبہٕ سنٛدِ وقتہٕ مخالِف دھڑس ستیٚ اُسی روٗدیمٕتی تم آیہِ مُلک بَدر کرِتھ بھوٹ دیش (لداخ) سوزنہٕ۔

---

1. Gola Khatoona Abhidhaa Raagyee Maataa Diddeva I
Vishaalam Dharamshaalaam saapyakarot Madrasaakhyaya II
Shrivara, Zaina Ragatarngini, Part II, v.,176.

2. زینہٕ راج ترنٛگنی، شرٛی ورم ترنٛگ 3، شلوٗک 31,30,27۔

کینٛہو فاشی تہٕ چاپلوس وٗزیرو اُکنوو بہرام خان، سُلطان سُند لوکُٹ پۆتر کٔشیرِ پیٹھ حملہ کرنہٕ باپتھ تہٕ بہرام تہِ آو یہنٛزن کتھن منٛز تہٕ کوٗرُن کٔشیرِ پیٹھ کمراز کِنۍ حملہ تِکیاز یہِ اوس امہِ وِزِ راجوری منٛز تہٕ کم کاسہٕ فوج جمع کٔرِتھ ووت سُلطانس مُقابلہ کرنہٕ باپتھ۔ سُلطان اوس امہِ ساتہٕ ووٚنتی پورس منٛز۔ پأغام بوٗزِتھے وژایوو سُلطان رازدھانہٕ کُن مگر ملک احمد ہنٛدِس وَنس پیٹھ موٗرُن کھور۔ سونٛچ کوٗرکھ زِ ''وُچھو کم عُمراہ یا أمیر گژھن تس مدتس تتھے کرو أسی تہِ ہنٛز۔ مگر بہرام خان ہنٛدِ کمراز واتہٕ وُنے بدلیہٕ حالات۔ تس گو نہٕ عوامہٕ منٛز تہِ کانٛہہ آو بھگت کرنہٕ۔ وٗزیرن تہٕ عوٚہد دارن ہنٛز آس نہٕ کتھے۔ وٗزیرن گو شکھ زِ سُلطان اوس بڑونٛہہ سری نگر تژاوِتھ وژامُت تٔمی آسہِ بہرام خان ہرِ پوٗروتہِ گژھتھ وَتی پسپا کوٗرمُت۔ وٗزیرن ہنٛدیو اَپزیو اِرادو کوٗر بہرام خان پریشان تہٕ ستی پیوس سُلطان لاولشکر ہتھ بڑونٛہہ کُن واتتھ تہٕ کوٗرُن نچوٗ ہتھ قأد۔ یم دوشوٕے چھِ قأدس منٛز أنی یِوان کرنہٕ تہٕ پتہٕ چھِ یم أتی فوت تہِ سپدان۔

أتھی دوران چھِ کینٛہہ وٗزیر تأزی بھٹس، مُلکِس تہٕ تہنٛدبن اولادن درمیان دُشمنی پأدٕ کرنہٕ باپتھ ژوٕے کران۔ تأزی بھٹ ہنٛدِ فرض شِناس آسنہٕ کِنۍ اوس سہٕ سُلطانس سبٹھاہ نزدیک آمُت تہٕ تٔمی چھُ سہٕ سروادِھکاری (مُشیر کُل) کِس رۄتبس پیٹھ فأض آسان کوٗرمُت۔ یہِ چھُ مُلکِس ناگوار گژھان تہٕ تَس چھُ حسد ووتلان۔ اَمی ساتہٕ چھے مُغلَن ہنٛز سرگرمیہٕ بڑان تہٕ اَثر چھُ جوٗم تام واتان۔ کٔشیرِ تہٕ جیمکبن رازن أسی رِشتہٕ علاوٕ تہِ امہِ ساتہٕ پأہوٚنی جان تعلقات۔

سُلطان ہِندی کن آسی مُلکن تہٕ باقی کینٛہہ وٕزیرو بزوٚنہٕ برٕ ی متی۔ سُلطانن زون موقہٕ غنیمتھ تہٕ کٔرن مُغلن خلاف بچاوٕچ مُہم پتھ لاو لشکر رَوانہٕ۔ مُغلن ہِندِ طرفہٕ اوس تاتار خان پنجاب زیٖنتھ جیٖمہ کِہن سرحدن تانی ووتمُت۔ سیالکوٹس منٛز سَپُد تاتار خانس تہٕ تاآزی بھٹس درمیان خوٗن ریز جنگ۔ مُغل فوج گو بارٕ نوقصان تُلِتھ پسپا۔ کامیاب سپدِتھ پھیوٗر تاآزی بھٹ واپس پنٕہ نِس مُلکس۔ ووٚمید آسس اِستقبالِچ مگر مُلکن اوس سُلطان ییٚتس وقس پوٚرٕ پاٹھی اَتھس تل کوٚرمُت۔ لِہذا آس سُلطان ہنٛزِ سرِ د موہری واَجب۔

دیان ''وِناش کالے وِپریتہٕ بُدھِ'' سُلطان لوٚگ سوچنہٕ تاآزی بھٹ چھُنہٕ پرٛزِ لایق۔ مُلکس چھُنہٕ تیٚوت بٔڑ زِ راج پاٹھ ہیٚکہٕ سمبھالِتھ۔ یِی سوٗنچان پیوٚتس حبس سعیدن ہُند یِم تِہندی رِشتہٕ دار تہٕ مُغلن ہِندِ خوٚکوٚہ متی ژٕکی در بنیتھ دِلہٕ منٛز آسی روزان۔ شری ور چھُ لیکھان: ''سُلطانس اوس نہٕ وَق تہٕ یاد پیوان ییٚلہٕ سعیدو ژوٚپہٕ کٔرِتھ کٔشیرِ ہِندِس تختس نوقصان واتناونٕچ کوٚشِش آس کٔرمٕژ تہٕ سُلطانن تِم دَربدر کٔری متی آسی دِلہٕ کُن۔[1] یام سعیدن شُرِ نی گیہٕ تِم لگی جوگ در جوگ کٔشیرِ واتنہٕ۔ سُلطانن سوٗز شیچھ مِیاں حسن سعیدس پنٕہ باپتھ یُس حیات خاتوٗنہٕ ہُند مول اوس، کٔشیرِ یِنٕچ دعوت تہٕ شری ور ہِندِ بیانہٕ موجوٗب کھیٚیہ ہامِک جاگیٖر، یُس تَس بزوٚنہہ تہٕ اوس دِنہٕ آمُت، کٔرن تَس حوالہٕ تہٕ بیٚیہ کوٚرُن نہٕ سِدھادیٖش اِدھکاری (دیوانہٕ کُل) مُقرر پننہٕ رِیاستُک۔ یہٕ اوس وزارتُک

1. Apakratya punah Saidaan yadaanayati Mallikah I
Tena syath sarvanaasho asyati avadat teekshna dheer janah II
Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book 3, v., 335.

سارِوے کھوتہٕ بڈٕ عوہدٕ۔ یتھ پتھ سہ دربارس منٛز قایِٕض سپٕد۔ یتھٕ کنۍ سپٕد کاشُرِ بِن وٕزیرن ہُنٛد یوتِہ سعیدن آویز تہٕ سپدۍ تمہٕ وارٕ وارٕ دربارٕ نِشہٕ الگ۔[1] ملک احمد روٗد توتہٕ سُلطانس کن بران تہٕ تٔس پنہٕ نو وٕزیرو، عالمو تہٕ اُمراہو نِشہٕ دوٗرٕ راوان۔ شرٛی ور چھُ لیکھان: ''تمۍ زَن اوس یہِ قصد کوٗرمُت زِ یِم سارۍ چھِ مےٚ زمین بوس کرٕنۍ۔''[2] سعیدو بٕرۍ سُلطانس مُلک احمدس خلاف کن تہٕ یتھٕ کنۍ گو سُہ بدظونٕ تس نِشہٕ تہٕ کٕرن نیچُو حُسینٕ تس نِشہٕ چھُڑاونہٕ خاطرٕ کوشش۔ حُسین اوس سُلطانٕ مُلکس رٔچھنہِ باپتھ حوالہِ کوٗرمُت، یتھ حکومت سازی ہنٛچھ، مگر سپٕد نہٕ کامیاب۔ چھیکرس کوٗرنس ژھل زِ حُسینٕ تھاوَن شرٛی وَرس نِشہٕ تہٕ کوٗرن نیچُو پننس قبضس منٛز۔ یتھٕ کنۍ سپدییہِ مُلک احمد تہٕ مازٕگہٕ پتۍ جہانگیر فوج ہتھ راجدھانی منٛز داخل۔ تازٕ بھٹ کرنو ملک احمد سپاہن اتھٕ گرفتار تہٕ تھوٗوکھ گرس منٛزے قاد۔ یتھ سعیدن ہنٛزٕ ژھٕہِ تلہٕ بچہٕ۔ فوجن دیُت محل خانٕکس أکِس دروازس نار تہٕ محل خانک اکھ حِصہٕ سپٕد خاکسر۔ سُلطان ژوٗل شرٛی بأژ ہتھ۔ اتھ گڑبڑی منٛز وٕژھ شُرِ بِن پانہٕ وِنۍ لڑاے ملک احمد سپٕد یہِ حالت وُچھِتھ غمگین۔ یہِ اوس سنہٕ 1482ء۔

سُلطانن کرنوو ملک احمد تہٕ تٔمنٛدی ساتھی گرس منٛزے نظر بنٛد عیال ہتھ تہٕ تٔمنٛدِس گرس بارس تہٕ مال دولتس آیہٕ قُرق کرنہٕ۔ پننس ہہرس

1. Kramaat samaagataih Saidair aakraante mandale balaih I
Aabyantarascha baahyascha Kaashmiraas tatra surjanaah II
Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book 3, v.,350.

2. Evam Malik Ahmadena parodrekaa sahishnuntaa I
Dhvasta praaya vyadeeyanta sarve te prabhavishnavah II
Ibid, Book 3, v.,362.

مِیاں حسن سعیدس دیُتن مُلک سُند روتبہٕ تہٕ تَس آو ناگمک جاگیر عطا کرنہٕ تہٕ شری ور چھُ لیکھان: ''سُلطانن زوٗن نہٕ مُناسِب زِ شہزادٕ حسن روزِ ووٚنی احمد میرس نِشہِ محفوٗظ لیہذا کوٚرُن تس نِشہِ سہ ژھل گرِتھ آزاد تہٕ دیُتن شری ور سپٕز سُپرٕدگی منٛز رچھنہٕ باپتھ تہٕ مِیاں محمد سعیدس کوٚرُن نصِف خزانہٕ تہٕ ریاست عطا۔[1] لوہر کوٗٹ قِلس منٛز پناہ ہیتھ جہانگیر رینہ چھُ جیرٕ یتھ سُلطانس چِٹھی لیکھان زِ ''اَے سُلطان! رسعیدو گری تم ساری لوٗکھ نیست تہٕ نابوٗد یم سانہٕ باپتھ تھیکنٕ لایق جوہر آسی۔ تم گرِکھ اَسہِ نِشہِ دوٗر تہٕ سلطنتہٕ باپتھ گرِکھ پریشانی تہٕ مُفلِسی قایم۔''[2] یتھِ کنٕی چھُ جہانگیر رینہ سلطنتہٕکی ساری حالات مدِ نظر تھاوِتھ سُلطانس باخبر کران تہٕ امہِ ساتہٕ چھُ مِیاں حسن سعید تہِ دربارس منٛز موٗجوٗد آسان، تس چھُ چِٹھِ ہُند مضموٗن بوٗزِتھ نار گنڑان۔

نِوٗری یہِ کس آغازس منٛز چھُ سُلطان لوٗکن درشُن دِنہٕ باپتھ ناوِ سأےلس نیران وتہٕ چھُ تس سرُف ٹوپھ دِوان تہٕ اَتھی دوران چھِ تس باقی بیمارِ تہِ نال وَلان۔ دوہ پتہٕ دوہ چھُ سُلطان علیل سپدِتھ پریشان گژھان۔ سہ چھُ اکہِ دوہ مِیاں حسنٕس خلوق بُلاوان تہٕ چھُس ونان: ''میوٗن نیچُو وٲلی عہد چھُنہٕ راج کرنس لایق تہٕ نہٕ دِیہِ بہرام خان (پِتر) تَس راج کرنہٕ۔ کُنہٕ ژھلہٕ گوٚژھ آدم خانُن (بیاکھ پِتر) نیچُو انُن تہٕ ہوٚکوٚمتک یہِ مثلہٕ اُزراوُن۔[3]

---

1. Sabhritya putravargebhyah prameyan vibhajannvaan I
   Sa Meya Mohammadaaya ardha dhana rashtram samarpayat II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini Book 3, v.,426.
2. Raajan punratna koshaste yoaboot sarvaarthasaadhakah I
   Utpaatayot saaritah Sayadair yat daaridryam suduhsaham II
   Ibid, Book 3, v.,478.
3. Ibid, Book 3, vv.,541-42.

سُلطانہٕ ہِندِ علیل سپدنہٕ پتہٕ اوس سوٗرے بدلیومُت۔ محل خانک أندرِم نِظام اوس رأنِیَو سمبھولمُت تہٕ سلطنت أس سعیدن ہِندِ حُکمہٕ چلان۔ سُلطان اوس محض ہاونہٕ باپتھ روٗدمُت۔ لہٰذا چھُ سُلطان ستی میاں حسن‌س ونان: "نتہٕ یہِ ژٔرے کوٗر (رانی میٖرا خاتوٗن) وَنی تی کرتہٕ۔"[1] رانی میٖرا چھے حسنس (مأ‌لِس) مشورٕ دِوان زِ "بہرام خانن نیچو بنأوِتھ سُلطان یہِ میوٗن لوٗک نیچو بنأوِتھ ؤلی عہد۔ وَہیکہِ گٔژہٕ پچھ بأشی دوہ سیٚد سُلطان حسن شاہ بہن ؤرِیَن راج کٔرِتھ فوت۔"[2]



## (۱۱) سُلطان محمد شاہ (1484-86)ء:

مرحوم حسن شاہ تہٕ تیٚمسٕنزِ رانی ہٕنز راے نہٕ مأنِتھ تہٕ سُلطان فوت سپدنہٕ پتہٕ ترٚیہِ دوہ کوٗر سعیدو جلدبأزی منز مشورٕ تہٕ محمد خان بنوٗکھ سُلطان کشمیر، یُس تمہِ ساتہٕ صِرف ستہٕ ؤہُر اوس۔[3] تخت‌س بِہوٗنے یِم نزرانہٕ تَس پیش کرنہٕ آیہِ تمو منز دِژ تِمو گوڈٕ انوارِ تیر کمانس تھپھ تہٕ شینکن والو وٗن زِ أمی ہِندِس دورِ کیٚنہ متس منز روزِ جنگ جِدٕ بے سرس۔[4] سعید حسن تہٕ تمی ہِندی سأتھی أسی خوش زِ تیٚمسٕنزِ کورِ ہُنٛد نیچو بنیوو سُلطان۔ نبہِ أس سأرے رعایا ناخوش زِ لُوکس سُلطان ہِندِس چھتٕرس تل چھُ سعیدن ہٕنز من مأنی تہٕ کأشرِ رعایا پیٚٹھ ظُلم یوان کرنہٕ۔ أخرس گیہِ سأری کھوٚرِ ؤرِکی وارِیاہ ؤزیر تہٕ محافِظ سعیدن خلاف یکجا

1. Shrivara, Zaina Ragatamgini, Book III, v.,43.
2. Ibid, Book III. v., 555.
3. Atha raajaye vyadeeyanta tat sutam saphtavaarshikam I
   Kritva Mahammad Shaahaakhyam Gonandaeva sundram II
   Ibid, Book IV, v., 3.
4. Ibid, Book IV, v., 5.

تہٕ کرِکھ یمن ٹکر مارنک اکھ منصوبہٕ تیار[1] اکہٕ دوہ چھےٚ رانی میرلیہٕ یہٕ پتاہ لگان زِ میاں حسن چھُ دربار گرٕھن یژھان ییٚلہِ زَن تمہِ دوہ آتھوار چھِ آسان۔ سو چھےٚ مأژس تاکید کران زِ سہ مہٕ گرٕھن آتھوارِ دوہ دربار۔ (نژِ پالےٚ) تِکیٛازِ آتھوارِ دوہ دربار گرٕھن چھُ یوان نِشید (ناٹھیک) مانہٕ۔ یہٕ بدشوگُن چھُ آسان تمہِ خوابس منٛز تہِ وُچھمُت۔[2] مگر سعید چھُنہٕ یمن کتھن کُن زون دِوان تہٕ چھُ دربار گرٕھان۔ امہِ بڑونہہِ چھِ واریاہ نیٚبرِم لۄکھ دربارس منٛز ژھیٚپہٕ آسان ژأمتی تہٕ تتھےٚ دربار چھُ لگان تم چھِ نموٗدار سپدان۔ سہمہ بھٹ (یُس زین اُلعابدنہٕ وقتہٕ پتھ بڈس اۄ حدس پتھ فایز چھ آسان) چھُ یمن لۄکن شناخت کران تہٕ یمن سزا دِنٕچ وتھ ژھاڈان، مگر پرشرام چھُ تس پیٹھ حملہٕ کران تہٕ چھُ تس مارن۔ سأری سعید چھِ ہے بنگہٕ گرٕھان۔ اَمہِ دوہ چھِ اتھ دربارس منٛز تقریباً 30 سعید اَتھ بغاوژ تحت قتل یوان کرنہٕ۔ یمن منٛز نیٚچوی تہِ اَسی شأمل تہٕ مألی تہٕ۔[3]

اَمہِ قتلچ بیأنی چھُ شری ور یییٚمہِ آیہِ کران: "یتھ کُنیٔ زَن سعیدو گرس اندر گاو مارِنی کانٛہہ گوناہ مون نہٕ تتھےٚ کُنیٔ سعید قتل کرِنی تہِ مون نہٕ مدر دیشکو جنگجوٗ ہو کانٛہہ پاپھ۔"[4] شری ور چھُ لیکھان زِ یژی پأٹھی اوس یہٕ 1484ء تک وٗری یُس سعیدن باپتھ ناشک وٗری زَن اوس۔[5] مَدرِ دیشکبن لۄکن تہٕ

---

1. Shrivara, Zaina Ragatarngini, Book IV, v., 25.
2. Gadaayameenakaasm Mallajaadhyasdantike I
   Trimshanmaatraa hataastatra putra mitrasamanvitaa II
   Shrivara, Zaina Ragatarangini, Book IV, v., 48.
3. Griheshu govadhaat teshaam paapabhir na bhavad yathaa I
   Tathaa tatra ghnanaam Saidaan Madraanaam naabhvad ghrinaa II
   Ibid, Book IV, v., 50.
4. Ibid, Book IV, v., 93.

کاشرِ بن چھُ پانہٕ وٲنۍ جنگ جدل چلوٕنۍ روزان۔ یم چھِ سارٕے وقس پٔتن پہلوٗ بدلان روزان گرا سعیدن خلاف تہٕ گرا سعیدن ستۍ رلِتھ اکھ اَکس مار کران تہٕ مٔنزۍ دونوے رٔلِتھ سعیدن خلاف ووتھان۔ خانہٕ جنگی لوٗٹھ مار تہٕ ژوٗرن تہٕ ٹھگنہٕ نٔد چھےٚ اتھ دورس دوران برتری آسان۔ ژوپارۍ چھُ ہاہاکار آسان۔ نہٕ اَسۍ کاشر خوش تہٕ نہٕ مدر دیشکۍ لوٗکھ۔ نہٕ برہمن خوش تہٕ نہٕ مُسلمان یا سعید بیٚترِ۔ سعید سُلطان سُنٛد طرف گٔرِتھ بغاوت کرن والین قٲد کران تہٕ لوٗک سُلطان شُرِل گٔرِتھ یمن قٲدِ منٛز ترٲوِتھ وزارت تہٕ تھٔدۍ اوحدٕ تہٕ روتبہٕ بخشان یتھٕ کٔنۍ چھُ یہِ افراتفری ہُنٛد دور آسان یتھ شرٕی ور چھُ اَخرس پیٹھ صرِف ترٛن شوٗلوٗکن منٛز ویژھناوان۔

"یہِ راز چھُ خزانس سرُف زٲنتھ نگار وٲے وٲے پانٛس نِشہٕ دور تھوان۔ پژانین تہٕ بھروسہٕ منٛد نوکرن تہٕ خادمن بایتھ چھُ یہِ تِتھےٚ یُتھ پمپوشہٕ باغہٕ بایتھ چلےٚ کلانٛچ شینہٕ ژھٹ چھِ۔ سُلطان چھُ سلطنت چو کامو نِشہٕ تِتھےٚ پٲٹھۍ دوٗر روزان یتھٕ کٔنۍ ڈٲہہِ دِتۍ ہتس ماچھِ گنس نِشہِ چھےٚ تُلرِ دور روزان۔ محفلہٕ سجاوتہٕ بایتھ زنتہٕ چھُ سُہ سونتہٕ ہوا۔ غلط ورتاو تہٕ ظُلم گٔرِتھ دھنہٕ جماہ کرنہٕ یِنۍ۔ ژُکودرن تہٕ جان لوٗکن دغا کرنہٕ یِنۍ۔ وٲنسہِ لوٗکٹ آسنہٕ یِنۍ عُمرِ رسید وٗزیرن تہٕ عالِمن ستۍ حسد ورتاونہٕ یِنۍ رٕوٗد تہِنٛدِس دورِ خوکومتس منٛز تِتھےٚ کٔنۍ فساد چلوٕن یتھٕ کٔنۍ راز سُسلٕہٕ (1112-20) ہِنٛدِس اِبتدٲیی راج کالس منٛز تِتھی حالات اَنتھک چلان اَسۍ۔

اٲمِس سُلطانس آو گوڈٕ مٔرٕ سعیدن ہِنٛدِس جوشِ جنگس منٛز۔ اٲمۍ گٔرۍ

پنٕنۍ دُشمَن قاَدِ منٛزٕ آزاد تہٕ بنأوِن تمہٕ وٕزیر تہٕ اوٚحدِ دار۔[1] آخرس چھُ شرٛیؔ ور سُلطان محمد شہُن یہِ دورِ حکومت اند وأتتھ وَنان زِ "تیمۍ حأکمَن دُشمَن وٕتتھ مشہوٗری پزٕ آو، تیمۍ پنٕنۍ دُشمَن نیست تہٕ نابوٗد کٔری، سُہ ڈامر تہٕ سارِنے عہدِ دارن ہُند زیٹھ سیف مُلک پزٕ اوِن ہمیشہِ فتح۔[2]



1. Shrivara, Zaina Ragatarangini Book IV, vv., 656.57.
2. Ibid Book IV, v., 658.

# شُک: راج ترنگنی

کلہن پنڈت، جونٛ راج تہٕ شری ورس پتہٕ چھِ دپان پراجہٕ بھٹن اُس ''راجا وٕلی پتاکا'' ناوٕچ توٲریٖخی تصنیف (رزمیہ) شُبھ سموت کُنہمتس 89 منٛز (1515-16)ء تام لیچھ ہٕژ ییٚتھ منٛز تِمہٕ سُلطان فتح شاہ سٕندِس دورس تام حالاتن ہُنٛد ذِکر کوٚرمت چھُ۔ مگر وُنیک تام چھنہٕ یہِ تصنیف چھاپ سپٕز ہٕژ۔ اُمِس پتہٕ چھُ شُکن یہِ احوال راج ترنگنی[1] منٛز لیٚوکھمُت۔ تِمہٕ چھُ پنُن پان ''سِری ییٚس برابر روشن بُدھیا شرٕ تےٚ سُند نیٚچو شُک وٕنتھ متعاٰرِف کوٚرمُت۔''[2] شُکن چھنہٕ پنٕنس دھرمس یا متس متلق کینٛہہ تہٕ لیٚوکھمُت نہٕ چھُن پنٕنس پرٕوارس، زبنہٕ جایہِ یا روزن جایہِ مُتلق لیٚوکھمُت۔ صِرف چھُ پننہٕ تصنیف ہٕندِس آغازس (منگلا چرن) منٛز شِوس تہٕ بھیروس نمن کرنہٕ کِنۍ کاشُر شیوو پنٛڈِت باسان اوسمُت چھُ۔

پراجیہِ بھٹ سٕنزِ ''راجا وٕلی پتاکا'' ناوِچ تصنیف فتح شاہ سٕندِس ترٛیمہٕ پھِرِ (1515-16)ء یَس تانی لیکھنٕک وجہہ بیان کران چھُ شُک لیکھان۔ سامتن تہٕ لوٗکن ہٕندِ خواہ مخواہ پانٕوٕنۍ وٲرتھاونہٕ موجوٗب تہٕ باقی حکوٗمتکی دوٗش وُچھتھ روٗز تِمہٕ سٕنزٕ سو تصنیف یوسہٕ تِمہٕ کلہن پنٛڈت تہٕ جونٛ راج نِس طرزس پٔٹھ لیچھ ہٕژ

---

1. Rajtarangini Sangrah by Shuka, Ed. by Chowkhamba, Amar Bharati Prakashan, Varanasi, year 1976.
   Dr. Raghunath Singh and published by Chowkhamba, Amar Bharati Prakashan, Varanasi, year 1976.
2. Vratam mohaandatamo yadanugraharochishaa Shukasya api I
   Vande tam gurutaranim Buddhya Shraya hritsaroja deeptikaram II
   Ibid, Book I, P.2, v.,3.

اَ س۔ تتھے پأٹھی ژھیٚپھ دِتھ ییتھِ ہِنٛز سرٕک پوٗنی چھُ بِلہٕ تل ژھیٚپھ روزان۔[1] یوٗ دوٚے نہٕ شکن پننہِ زبنہٕ جایہِ متلِق ہِنٛزی لیٚو کھمٹ چھُ مگر ییٚمہِ آیہِ تمیٚ سری نگر شہرٕک اَحوال چھُ بیان کوٚرمُت باسان چھُ نہٕ چھُ شہرٕک روزن وول اوسمُت تکیازِ باقی جایَن ہُند احوال چھُ تمیٚ اَنگہٕ وَنہٕ حسابے کوٚرمُت۔ نہٕ چھُنہٕ کانٛہہ یوٗ ڈ بارٕ شاعِر اوسمُت یُس کہِ تمیٚ چھُ یہِ بھارلوٗ ژراونہٕ باپتھ امہِ آیہِ قلم تُلمُت نہٕ کہِ شاعر بننہٕ باپتھ۔[2] شک چھُ باسان آسہِ زامُت (90-1480)ء یَس درمیان تہٕ کیاہ ییٚمہِ تاریخ پیٚٹھ نہٕ راج ترنٛگنی لیکھان چھُ (16-1515)ء تَمہِ ساتہٕ آسہِ نہٕ 30-25 ہہِ وُہُر۔ شُک سُنٛد شرح چھُ اسہِ سُلطان شمس الدین (دوم) سٕنٛدس دورس (40-1537)ء یَس تام میلان۔ اتھ منٛز چھُنہٕ شکھ زِ شُک چھُنہٕ اسہِ سُلطان سٕنٛز تخت نشینی ہُند سنہ بیان کران مگر سُلطان محمد شاہ سٕنٛدِ فوت سَپدنک سَنہٕ تہٕ ذِکر چھُ واضح پأٹھی بیان کران۔ سُلطان شمس الدین سٕنٛزِ تاج پوٗشی برٛونٛہہ چھِ آسان کٔشیرِ ہٕنٛز حالت اَبتر سپز مٕژ تتھ چھِ وجہہ زِ:

۱۔ مِرزا حیدر مُغل سردارٕ سٕنٛدِ (1532)ء یِک حملہٕ یُس وُرِی وادَن چھُ چلیوٚن روزان۔

۲۔ امہِ حملہٕ پتہٕ چھُ کٔشیرِ قحط سالی ووتھان تہٕ ساسہٕ بٔڈی لوٗکھ چھِ بوچھِ بوچھِ کران مران۔

۳۔ سُلطان چھُ لورِ دستار آسان تہٕ تمیٚ سٕنٛدِ 1537ء یَس منٛز فوت سَپدنہٕ ستی چھِ حالات زیادے بگران۔

---

1. Atha deshaadidoshena dushta lubdhaka bheetilah I
   Naagraheet Raajavrataanta shevaalam maanase kavi II
   Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book I, v., 9.
2. Ibid, Book I, v., 11.

۴۔ مُلِک، قاضی چَک تہٕ ابدال ماگرے یِمٕ دوٚے حریف چھِ آسان چھِ اتھ موقس پٮ۪تھ یِکہٕ وٹہٕ رٲلتھ تہٕ اتھواس گرتھ جومہِ۔ پرٛونٛچھ تہٕ راجوری پٮ۪ٹھ غلہٕ اِنٛناوان تہٕ سہٕ لوٗکن تہٕ یوچھِ ہمتن منٛز بٲگراوان ییٚمہِ کِنہِ حالات چھِ کاپہٕ یِوان۔ تہٕ

۵۔ نوِ وٲری یِک غُطُل پیداوار چھُ لوٗکن منٛز آشہِ تہٕ وومید ووتلاوان تہٕ اتھ سٟتی چھِ شانتی ہُنٛد دور شوٗروٗ گژھان۔

اَتھی دوران چھِ ابدال ملک کمرازس منٛز بغاوت کران تہٕ یہٕ چھُ سنہٕ 1538-39ء آسان۔ بغاوتھ چھِ یِوان فوراً کاپہٕ اَنہٕ تہٕ اَتھی سٟتی چھِ شُک سٕنٛز توٲریخ راج ترنگنی تہِ ہنگہٕ منگہٕ کانٛہہ ''اِتہٕ'' وغاٲرٕ کانٛہہ تصنیف بنٛد کرنٕکی الفاظ لیکھنہٕ بغاٲرٕ ے ختم سپدان باسان چھُ زِ شُکَ چھِ اَتھی وقتس دوران ییٚمہِ عالمہٕ روخصت سپدیٚمتی ییٚلہِ زَن تِم 68-58 وٕہرِ آسہٕن (1480-90-1538)ء۔

یِتھِ کنہِ چھُ شُکَ سٕنٛز راج ترنگنی منٛز پانٛژن سُلطانن ہُنٛد ذِکر:

ا۔ فتح شاہ (دوٚیمہِ ترٛیٚیمہِ پھِرِ سُلطان کشمیر)۔

۲۔ محمد شاہ (ترٛیٚیمہِ، ژوٗرِمہ تہٕ پانٛژِمہِ پھِرِ) تہٕ

۳۔۵ اِبراہیم شاہ، نازُک شاہ تہٕ شمس اُلدین (دوم)

تخت حاصِل کرنہٕ باپتھ جنگہٕ وجدِل، خانہٕ جنگی، دَل بَدلی تہٕ کٲشیرِ ہِندِ بن لوٗکن ہنٛز پریشانی تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ یِمن پنٛژہن وٕری ین بدلییہ کانٛہہ پھِرِ کٲشیرِ ہِندِس تختس پٮ۪ٹھ مختلف سُلطانن ہُنٛد دور۔

☆

(۱۴) فتح شاہ (14-1505)ء دوٚیمہِ پھِرِ:

زینُ العابدینٛن ہندِس دوٚیمِس نیچوِس حاجی خان سُنٛد نیچو حسن شاہ تیٚو دٕہم سُلطانِ کشمیر (84-1472)ء ییٚس تام۔ حاجی سیٚد جوأنی منٛزٕ رحمت حق ییٚلہِ زن تٔسنٛد نیچو محمد شاہ سبتھاہ لوٚک اوس۔ سُہ روٗد سعید حسن پننٮ۪س ماتامال بُڈی بَبس تأبین سُلطانی چلاوان 1505ء ییٚس تام۔ سعید حسن اوس غار مُلکی مُسلمان تہٕ تمی کٔری سأری کاشر اُمراہ تہٕ وٗزیر سُلطانس نِشہِ دوٗر تھاوِنچ کوٗشش ییمہِ کِنٛی تس مُخالفت تہٕ سپٕز۔ کشیرِ ہُنٛد یہِ سُلطانی دور اوس زنتہٕ أنی ژھیپہٕ ژھور۔ اکِس زینُ العابدینٛنس زٔرِس، وقتی سُلطانس گرٛھان زولہِ تہٕ بیاکھ کھسان تختس تہٕ یہِ سِلسِلہِ چھُ روزان سُلطان حبیب شاہ (61-1554)ء نِس دورس تانی چلوٗن۔

کشیرِ ہنٛز تباہی ہُنٛد وجہہ چھُ شُک غلط طریقہِ حکوٗمتس تہٕ ظالِم تہٕ ناحق لُکن پیٹھ شک کرن والین سامنٔتن تہٕ وزیٖرن مانان تہٕ ونان زِ یتھٕ کِنٛی بل (شیوال، شِل) سرِکس آبس ھُرِ چھےٚ تھاوان، یتھےٚ کِنٛی چھِ یتھِس مُلکس برکت تہٕ ژھیپھ دِوان۔ فتح شاہ نہِ دوٚیمہِ دورِچ مِثال چھُ شُک ییمن لفظن منٛز صاف صاف بیان کران زِ اتھ وقتس منٛز أسی بھٔٹ (برٛہمن) بھوٗت (لداخی بوٹٕہ) سیادت پسند تہٕ جرایم پیشہ۔ نژن وألی (گلوٗ کار) تہٕ شِہوأتی (شہوت پأدٕ کرن وألی) ییم سأری أسی کلہِ کالن اکہِ سوٗتھرِس پیٹھ واتناوِی متی۔[1]

1. Duraachaarotha Saachaaro Bhatto Bhatto Nato vitah I
Itievam aaseeth tatkaale sabhaasaamyam kaler balaat II
Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book I, v., 28.

شاہ قاسم انور اوس سعید محمد نوربخش سُند نیچو۔ مِرزا حیدر دُغلت، شمس الدین عراقی یَن آس پننین شِیا مُریدن ہندِ باپتھ "ال فِکرِ اَلوھیت" ناوِچ کِتاب لیچھ مژ۔ یہِ چھےٚ فارسی زبانۍ منز اسلامیاتس پٮ۪ٹھ اکھ سائے کلوپیڈیا مانہٕ یوان۔ کشیرِ منز اِسلام پھہلاونس منز چھُ میر شمس الدین عِراقی سُند واریاہ اتھہ تہٕ أمی ہِندِس تبلیغس دوران سَپدۍ کشیرِ منز شِیا سُنی فساد تہٕ شوٚرُوٚ۔ تہٕ اَمی دیُت موٗسارینس جزیہِ دُبارٕ شوٚرُوٚ کرنک وٕتش تِکیازِ یہِ اوس سُلطان زینُ اُلعابدینن اوٚصوٗلی طور منسوٗخ کوٚرمُت۔ أمی ہِندِ ہے ڈٕپس پٮ۪ٹھ کوٚر موٗسارینہٕ، یُس سُلطان فتح شاہن بٔڈٕ وٕزیر اوس تہٕ تیمی مندرن ہُند جاگیر تہٕ جاداد ضبط کوٚر تہٕ یہِ آو شمس الدین عراقی ہِندی ڈٕسی دھرم تبدیل کٔری متین منز عطیہِ رٔنگہِ بٲگراونہٕ۔[1]

اِبراہیم ماگرے تہٕ موٗسارینہٕ آسی پانوٕنۍ دوست مگر موٗسارینہٕ ہِندی کرتوٗت وُچھتھ گیہِ تِمن پانوٕنۍ مژکری۔ ماگرے رَلیوو پننہِ بچاوٕ خاطرٕ سُلطانس سٍتۍ تہٕ موٗسارینہٕ ہِندی موٗل پژانہٕ باپتھ کوٚرُن طاقتُک استعمال تہٕ أخرس سپدۍ یہِ زال ڈٕگر علاقس منز (سری نگر) لڑآے۔ موٗسارینہٕ گو پَسپا مگر سُہ گو پنجاب ژٕلنس منز کامیاب۔ ماگرے یُس ووتلیہِ شانہٕ تہٕ تِمی رَلوو ماگرے سُند نیچو شرِیہِ تہٕ عُسمان مُلِک پانس سٍتۍ تہٕ کٔرن فتح شاہس خلاف بغاوت۔ أتھی دوران اوس محمد شاہ (سُلطان 11) تہٕ تخت تژیمہِ پھِرِ حاصِل کرنہٕ باپتھ آمُت۔ سُلطان فتح شاہ ہِندِس فوجس (سُلطان 12) تہٕ محمد شاہ ہِندِس فوجس منز چھِ کھٕیہِ ہلمہٕ

1. Mosachandrah tadaadeshaat dhritvaa Devaalayasthitaam I
Bhoomim dvijebhyu neetvaa tadbhrityamstraphtaan vyadhaataya II
Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book I, v., 25.

نزدیک جنگ لگان یتھ منز فتح شاہ چھُ ہاران۔ سُہ چھُ پنٕنۍ کینٛہہ ساتھی ہیتھ ہندوستان ژلان۔ مُلِک عُسمانَ تہٕ تَسُند فوج چھُ نِو نزدیک بالہٕ گوپھِہ منز پان چھُپاوان مگر محمّد شاہَن فوج چھُس تمہِ منز کڈِتھ گرِفتار کران تہٕ پتہٕ چھِہ سُہ جیل خانس منزٕ ے مارنہٕ یِوان تہٕ یتھہٕ کنٕ چھُ سُلطان محمّد شاہ (11) ترٛیٛیمہِ پھِرِ سُلطان کشمیر بنان۔



## (۱۴) سُلطان محمد شاہ (11) ترٛیمہِ پھِرِ:

فتح شاہ نہِ ہندوستان ژلنہٕ پتہٕ بنوو ابراہیم ماگرین محمد شاہ ترٛیٛیمہِ پھِرِ سُلطانِ کشمیر 1514ہٕ یَس منز۔ محمّد شاہَن کوٚر اَمی ساتہٕ پنٕن نیٚچو شاہ سِکندر وٕلی عہد مُقرر۔ مأگرے بنووٕن پنٕن وٕزیر اعلا تہٕ تِہندی سأری دُشمن کرِن قأد۔ عُسمانَ مُلِک بیٚترِ لوٗکن ہِندی خأر خواہ آیہِ قأدس منزٕ ے قتل کرنہٕ۔ ژوپأری پھٕہلیہِ لاقونوٗنیت، اَمی وٕریہِ (1514)ہٕ یَس منز آو زمینٕک مألیہِ دوگناونہٕ۔ گامہٕ شہرٕ وۄتھ ہاہاکار۔[1] تمہِ ساتہٕ اوس سُلطان فتح شاہ پنجابس منز۔ جہانگیر پڑٕتی ہار گوٚتس بُلاونہٕ تہٕ اوٚنُن پانس ستۍ۔ سُلطان محمّدس اوس لُکن ہُند ساتھ موکلیوٗمُت۔ لہٰذا دڑاو سُتہِ لوتہِ پأٹھۍ لڑایہِ بغار تہٕ ژوٚل تخت ترٛأوِتھ تہٕ یتھہٕ کنٕ بنیو فتح شاہ ترٛیٛیمہِ پھِرِ سُلطانِ کشمیر۔



1. Bhogyamsho dviguno yato graamyanaam tatra vatsare I
Vigyafti shravane mooka badhiraa mantrino abhavan II
Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book II, v., 101.

## (۱۴) فتح شاہ تہٕ تیٚمہِ پَتہٕ (16-1515)ء سُلطان:

أکی موموٗلی ڈیڈی وانن، جہانگیرن بنوو فتح شاہ سُلطانِ کشمیر تہٕ شنکرراجان سِدھ ادھکاری، قاضی چک بنوٗن شیستراادھکاری یعنی مالکہِ لشکر۔ شُک چھُ لیکھان زِ "یہِ اوس لوٗکن قسمتھ زِ سُلطانس آو دھرمک خیال۔[1] یُس کلہِ کال آسنہٕ موٗجوٗب ووٗنی اوٗک زوٗ ٹنگ بنیوٗمُت اوس مگرتمی سُلطانن یمہ زِ ٹھ تہٕ مظبوت تھم بجہِ مُشید لاگی تمہِ ستی باسیوو زِ دھرمس آیہِ باقی ترٛے پٔدی تہٕ تہٕ یہِ گوو پوٗر ژون پدِن پیٹھ کھڑا۔[2] اَتھ شلوٗکس منٛز چھُ شُکن لفظ "دھرم" طرزِ زِندگی رٔنگی اِستعمال کوٗرمُت یُس کاشُر بھٹہٕ ازتہٕ مانان چھِ نہٕ کہِ مذہبہٕ کِس ناوس پیٹھ۔ أتھی دوران چھُ سُلطان بٔتن حُکم دِوان زِ ازتام یوسہٕ پابندی تمن موردن ہنٛز أسترِ کہٕ گنگایہِ منٛز ترٛاونس اوس سو چھِ ختم کرنہٕ آمژ تہٕ ووٗنی ہیکن تم یمہٕ بۆزرگن ہنٛز أسترِ کہٕ گنگایہِ نِتھ۔[3] اِجازت میلنچ تار آس تہٕ ساسہٕ بٔدی یاترٛی سٕپدی اَمہِ باپتھ ہرمُکٹ گنگایہِ رولنہٕ بھأدٕری پیٹھ ریٚتس منٛز۔ ہنٛگہٕ منٛگہٕ گو موسم خراب ڈوٗتھ تہٕ شینہ ووٗلن تہٕ ساسہٕ بٔدی یاترٛی موٗدی اتھ یاترِ لیہِ دوران۔ أتھی دوران دژاو سُلطان پنُن خاص وٗزیر اِبراہیم تہٕ وأتی لشکر ہیتھ بأنگِل۔ فتح شاہ اوس بڑوٗنہِ فوج ہیتھ تور ووٗتمُت۔ زور دار لڑأے سپدییہِ یتھ منٛز اِبراہیم مأگرے سپُد زِ نیچو ہیتھ اتھ لڑایہِ منٛز شہید۔ باقی فوج تہٕ واریاہ سالار گییہِ اتھٕ لڑایہِ منٛز مارٕ۔ یتھی سے موقس پیٹھ چھُ شُک سُلطانس قصوٗروار ٹھہراوان

---

1. Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book II, P.61, v., 107.
2. Kalau Dharmasya paadaiko vartate asmin bhuvastale I
   Maha Masodastambaih sa chatushpaadeva yojitah II
   Ibid, Book II, P.65, v., 116.
3. Ibid, P.51, v., 109.

زِ لۄکن ہِنٛدی گوناہ کرنہٕ ستیٚ لۄگ رازس تہٕ تتھےٚ گٲژ وُتش لڑلیہِ ہُنٛد ہتھ گٲژ داشت سَپدٕیمتس پلۄس اَتھِ لاگنہٕ ستیٚ ترٕ چھِ وسان۔[1] اتھ دوران چھِ (1516-17)ءٕ یَس لنٛدر خطرناک مہامٲری کٲشیرِ نموٗدار گژھان۔ ژوپٲرؠ اَسی شۆےٚ شۆ نَظرِ گژھان۔ مہامٲری گٔیہِ ختم تہٕ مُحمد شاہ ہِنٛدِ کٲشیرِ تیٚنٛج خبر پھہلیہِ ژوپاسے۔ قاضی چِک تہٕ شنکر رینہٕ دورییہِ فوج ہیتھ نِوس سُلطانس اِستقبال کرنہٕ باپتھ ہرٕ پور گُن۔ وٗزیر جہانگیر میر ہیتھ دژاو سُلطان کم کاسہٕ فوج ہیتھ جنگس۔ لڑلیہِ منٛز آو فتح شاہ گُرِ پیٹھٕ لاینہٕ تہٕ پنہٕ نوٚ خاص نفروٗتل سُہ مأدلنہٕ منٛز تہٕ چھُپووُکھ بچاوٕ باپتھ۔ فتح شاہ ژۄل ہندوستان ییٚتہِ سُہ بِمار گوٚ تہٕ سَپُد تَتیٚ رحمتِ حق۔



## (۱۵) مُحمد شاہ سُلطان : کشمیر ژۄری مہِ لٹہِ (1517-28)ءٕ :

اِبراہیم لودھی اوس جنگس منٛز کامیاب سَپدمُت تہٕ مُحمد شاہَن اَس اتھ لڑایہِ منٛز لودھی یَس مدد کۆرمُت۔ لہٰذا آو سُہ یہِ فاتح فوج ستیٚ ہیتھ کٲشیرِ تہٕ کاٗشرِ بوٚ کۆرہَس جے جے کار۔ شنکر رینہ آو وٗزارتہٕ نِشہٕ ہٹاونہٕ تہٕ یہِ عہدٕ آو ابدال ماگریَس دِنہٕ۔ قاضی چِک چھُ وٗزیرِ اعظم یِوان مُقرر کرنہٕ۔ تخت حاصِل کٔرِتھے چھُ کٲشیرِ منٛز سردی ہُنٛد موسم شۆرۄ گژھان تہٕ نُصرت رینہ تہٕ لوہر ماگرے چھِ بغاوتھ تہِ کران ییمہِ ستیٚ سِیاسی طور چھلہٕ چھانٛگرٕ چھِ گژھان۔ لۄکھ چھِ کمزور حکوٗمتس تہٕ اَن زاٗنی وٗزیرن ہِنٛدِس لرزَس تل کاٗنپان۔[2] اکِہ طرفہٕ

---

1. Vitastih pooryyate jeerna vastre hasto visheeryyate I
   Itievamaadikaa doshaa jaayante paapinaam vishaam II
   Shuka, Rajatarangini Sangrah, Book I, v., 118.

2. Himaarto araajako desho aparigyataashcha mantrinah I
   Desho durvaartaya sheshashcha kampean vahamityatah II
   Ibid, 1, v., 142.

اوس نصرت رینہ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ قاضی چک زٕ زوٚروٚر وٲزیر تہٕ کٲشیر غار محفوٗظی ہنٛز شِکار۔ دونٕوے آیہ چلونہٕ لڑایہِ منٛز ہینہٕ تہٕ لوہر ماگرے ہنٛزِ غار حاضری منٛز گو مُلِک نصرت مارٕ تہٕ قاضی چک گو کامیاب۔ مگر جنگس منٛز ژھینس اکھ اونٛج۔ بھوُدر دیوراو آو ژلان ژلان زال ڈگر مار بُتھس پیٹھ چک فوجیو ڈٲسی مارنہٕ۔ وٲریٚیس منٛزے کٔری قاضی چکن شاہ مُلِک تہٕ لدٕر بھٹ ہی سامنت قاد۔ مُلِک جہانگیر تہٕ تٔمی ہٕندی سامنت وغارٕ خوش کرنہٕ خاطرٕ دیُتن جہانگیرس سِدھ اَدھِکاری ہُنٛد تھوٚد عہدٕ تہٕ کوٚرن سُہ خوش۔ حکوٗمتچ باگ ڈور روٗز بدستور قاضی چکنس اَتھس منٛز۔ یہ سوٗرے انتظام کٔرِتھ تہٕ پننس آقا ابراہیم لودِیس رنٛگہٕ رنٛگہٕ تحفہٕ پیش کٔرِتھ تہٕ تٔسند فرزنٛد سعید ابراہیم ساتھی ہتھ ووت سُہ کٲشیرِ تہٕ بیٛوٚتھ تختس پیٹھ۔ مگر کاشرِ بن بٹن منٛز یموٗ نہٕ اوٗ تام اِسلام اوس قبوٗل کوٚرمُت، اُس یِم مارنٛچ کوٗشِش رنٛگہٕ رنٛگہٕ کرنہٕ یوان۔ اَتھ کلہِ کالس منٛز چمکوٗ نرِمل کنٹھ تیٚمی ونٛدٕ کاچ بغاوتھ پسپا کریہِ تس اوس سامنتو مُسلمانن پیٹھ ظُلم کرنک تہٕ مارنک اِلظام دیُت مُت۔ یہ اِلزام کریٚو وتٔمی کنٹھ بھٹنہٕ وسالتہٕ تہٕ قاضی چکس نقدٕ ہرجانہٕ دِتھ رَفاہ دَفعہ مگر خوجہِ میر محمدس آیہ نہٕ یہ صُلح صفائی پَسنٛد تٔمی مارٕ ناوی نرِمل کنٹھ وغارٕ یِم سبٹھاہ بھروٚسہٕ منٛد ساتھی اُسی سلطنتکی، دوکھ کٔرِتھ لڑایہِ منٛز۔[1] تہٕ یتھٕ کٔنٛز یُس مُسلمانن ہُنٛد جنگ سعید کالس منٛز بھٹن خلاف اوس شوٗرٗ سَپُدمُت سُہ سَپُد بالغ قاضی چک نِس حوٚکومتس منٛز۔[2]

---

1. Shuka, Rajatarangini Sangrah, 1, v., 156-60.
2. Aasootritah Saidakaaley Somachandrena vyanjitah I
   Prafullah Kaacha Chakrena Mausulopadrava kramah II

Ibid, P.88, v., 161.

اتھ دوران چھُ سُلطان فتح شاہ 1519 یَس منز فوت سَپدان۔ فتح شاہنہِ موتچ خبر بوٗزِتھ گو سُلطان محمد شاہ سخ غمگین۔ تمی ساتہٕ گر قاضی چکن مُلک چک تہٕ باقی کینٛہہ سِپاہ اَفسر خزانہٕ کھوٗلِتھ خوش۔ اِبراہیم خان، شنکر بھٹ گرِفٕ نظر بند۔ وُزیرِ کُل عہدٕ کوٚرُن حُسین راجانس پیش۔ یہِ حالتھ روٗز صرِف ژون رتن۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن حُسین قاد۔ کینٛہہ کال گژھتھ چھِ حریف سکندر خانس، ہُم سُلطان کشمیر، فتح شاہ ہِندِس زِٹھس نیچوٚس، کشیرِ ییٚنٛج دعوت دِوان۔ امہِ باپتھ چھِ ملک چک جہانگیر پدر (پرتی ہار)، لوہر ماگرے تہٕ عیدی رینہ تَس ساتھ دِوان تہٕ تم چھِ لشکر ہیتھ لار پرگنہٕ واتان۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ قاضی چک تہٕ تسُند نیچوٚ مَسوٗد چک تہِ لار واتان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ شاہی فوج (پنجابک) تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ قاضی چکس جہانگیر پدرُن فوج حملہٕ کران۔ قاضی چک چھُ بچاوٕ خاطرِ مسوٗد چکس لار گُن سوزان۔ اتھ لڑایہِ منز چھِ جہانگیر پدر تہٕ تِہنٛدی ساتھی مارٕ گژھان۔ یپاری چھِ سکندر لوٗدھی تہٕ اُتھی سنس (1519ہَس) منز رحمتِ حق سَپدان۔ سُلطان محموٗد چھُ فتح شاہ ہِندِ موتہٕ ستی دُکھی آسانٕے، ووٚنی چھُس سِکندر لودھی سُند تہِ دوکھ پیوان تِکیازِ تَس چھِ نبرِم سہارٕ موکلان۔ تہٕ اَندرِم سہارٕ چھُس ووٚنی مَسا مَسا قاضی چک باقی روزان۔ اُتھی دوران چھِ کینٛہہ بھروسہٕ مَند سالار دُشمن دٕرِس ستی اتھواس کران۔ فتح شاہُن نیچوٚ حبیب خان تہِ چھُ رحمتِ حق گژھان۔ ووٚنی اگر کانٛہہ روشنی اُس تہٕ سُلطان ہِندِ بن اُچھن منز تہٕ سو اُس قاضی چک ہِنٛز عقیدت۔ یپلہِ تس علی میر تہٕ رگ چک ہی خاص پنٕنٛی سردار تہٕ اُدربُدر وِہنہٕ گیہ تَس زَن پیو دَزونہِ سوٚیژ آب تہٕ سو گیہِ

ژھبتہٕ۔ باقی سالارن ہتیٚ صلاح کٔرتھ رٲلیوو اؔدو بھٹ پنٕنۍ سأتھی ہتھ قاضی چکس ہتیٚ یُس پتُن فوج ہتھ اوس زال ڈگرس منٛز۔ راتھ کیٚتیٚ ژھینٛز مارگ پتۍ یَن یتھ منٛز قاضی چکُن باپوتھُر تہٕ اوس، مُلک بَدر کٔرتھ۔ یَمن عہدِ دارن سگ اوسُن ازتام دیتُمت تم آیَس پھٔلِتھ از۔ أتھی دوران چھُ بابر کابُل قندہار پیٹھٕ پتُن رووُمت تخت حاصِل کرنہٕ باپتھ حملہٕ کران۔ بڑوٚنیہ کالہِ ییٚلہِ سُلطان محمؤ دن اِبراہیم لودِیُس مدد اوس مۄنگمُت تمہِ ساتہٕ اوس تس پتُن نیچُو امانت بَدل تِمس نِش بند تھاوُن پیومُت۔ لہٰذا اوس اِبراہیم خان مأکو ہنٛدِ شفقت نِش غأر وأقِف۔ بابرٕ ہنٛزِ لڑٲیہِ منٛز بچوو سُہ تہٕ آو ژٔلِتھ کشیرِ مألِس نِش۔ سُلطان ہنٛدِ کینٛہہ سالار أسۍ یژھان اِبراہیم خان سُلطان بناوُنۍ مگر قاضی چکن کٔری تم نظر بَنٛد۔ ملِک تہٕ لدٕر بھٹ آیہِ گرفتار کرنہٕ۔ تأزٕ چک آو نظر بَنٛد کرنہٕ۔علی میر آو سأتھیَو سان بے حوش کٔرتھ قأد خانس منٛز تراونہٕ تہٕ پانہٕ کوٚرُن اِبراہیم خانس سواگت۔ ییتھٕ کٔنۍ سَیِٚد محمد شاہُن پأنٛژِم دور 1528ءیَس منٛز ختم۔ تہٕ قاضی چکن بنوو اِبراہیم شاہ 1528ءیَس منٛز ترٛوأہم سُلطانِ کشیر۔



## (١٦) اِبراہیم شاہ سُلطان کشمیر (29-1528ء):

قأضی چکن تھوو تاج اِبراہیم شاہ ہنٛدِس کلس پیٹھ تہٕ پانہٕ بنیو ساری حکومتُک حقیقی بادشاہ۔ یہِ چھُنہٕ باقی سامنتن منظوٗر آسان تہٕ مارگیش ابدال چھُ خشمہٕ ہوٚت دِلہِ لاران بابرس فٔری یادٕ۔ مارگیش سُنٛد طرزِ بیان تہٕ اَدا وُچھِتھ گو بابر خوش تہٕ کوٚرنس عزت تہٕ سوارِ باپتھ گُر عطا۔ اکھ ساس فوج دیُت نَس

ٲسۍ کشمیر فتح کرنہٕ خاطرٕ۔ قاضی چکن ہُوز یہِ سوٗرے پننہٕ نِوٕ ؤسپلو ڈٕسۍ مگر رٕوٗد غفلتھ کران پننِس عیش عشرتس منٛز۔ ہُپارِ وٲتۍ ملِک ابدال، لوہر ماگرے، محمد خان تہٕ علی بیگ مُغل فوج ہیتھ پہاڑ ژٔٹتھ بأنٛگل کِنہِ کٔشیرٕ۔ فتح شاہ ہُن نیچو نوزُک شاہ تہِ رَلیو تِمن ٲسۍ۔ قاضی چک تہِ چھِ لڑٕلیہِ باپتھ دھنو بأنٛگل واتان ٹکر دِنہٕ باپتھ۔

اڈٕ تام چھُ مغلن ہِنٛدِ پننہٕ ٲسۍ ریاستس درمیان پٔتر وِہارس دَس آسان وٕتھمُت تہٕ یُس فوج نوزُک شاہس مدتہٕ باپتھ بابرن سوٗزمُت اوس تتھ منٛز اوس اکھ لیکھ ہار Petition Writer موٗجوٗد تہٕ کٔشیرِ منٛز تہِ اوس امہِ قسمُک روٗجان شوٗروٗ سَپدمُت۔ دِلہِ پیٹھٕ اوس ابدال مکاری بحیثیتِ لیکھِ ہار فوجس ٲسۍ آمُت تہٕ تٔمۍ پوٗرپٕنن مراسلہٕ بہٕ آواز بُلند قاضی چکس بروٗنٛہہ کنِہ، جنٛگ شوٗروٗ گژھنہٕ بروٗنٛہہ:
"یہٕ اوُسس بادشاہ بابر ہٕنٛدِس دربارس منٛز۔ تتہِ پیٹھٕ چھُس فوج ہیتھ ژٕے خلاف یوٗر آمُت۔ جان گو اگر ژٕ تہِ میلکھ بادشاہ ہٕنٛدٕن خاص خاۆدِمن منٛز۔ نتہٕ چھےٚ نہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ صوٗرتھ۔" قاضی چک تہِ اوس نہٕ لوکچہِ ماجہِ ہُنٛد ٹٔکہِ اوس سَتو یارٕ بلو چھوٗلمُت سِیاست دان۔ تٔمۍ یُس جواب بادشاہ بابرس درجواب سوٗز سُہ چھُ قٲبلہِ غور تہٕ مُشعلہِ راہ تہِ، سُہ چھُس لیکھان: "دِل نہَ چھُ چون مُلُک تہٕ نہَ چھُ ٲسۍ پٔرتِشٹانٛکی (پُرانا دِشٹھانکی) پُشتینی باشندٕ۔ لہٰذا نہَ چھےٚ ژٕے کانٛہہ فٲیدٕ اِتھ واہراونہٕ منٛز تہٕ نہَ چھُ میٚے کانٛہہ فٲیدٕ چون بھکتی بننہٕ ٲسۍ۔"[1]

1. Tasya Mereja Baabhora raajasyanucharaa ime I
   Mayaneetaah sahaayartham sannaddhoastu bhavaan rane II
   Itiukhte Lekhahaarena Chakresho anvavadadmum I
   Dillee na deshah Kashmiraah pratishthaanaa vayam nate I
   Phalapaakomato deshaan Muggulaanaam mahaujasaam II
   Shuka, Rajatarangini Sangrah, 2, v., 16-17.

قاضی چکن یہِ سیاسی جواب بابرس، چھُ از تہٕ تِتھے پُر معنے آسنہٕ علاوٕ تیٚوٗتے ساآدٕروار یوٗت یہِ از بزوٗنہہ پاںٛژھ ہتھ وٕری اوس۔ اتھ لڑایہِ منٛز چھُ تاج ملِک مَران۔ مِیاں ملِک تہٕ سرنگ میر چھِ مُغل فوجس ستی رَلان۔ ابراحیم خان، دولت چک تہٕ قاضی چک واتناوِکھ رٕز گنڈ کٔرتھ مُغل فوجن سری نگر۔ دولت چک ژوٗل ژھَل کٔرتھ تہٕ قاضی چک ژوٗل زخمی حالژ منٛز بالو پٔتے۔ سُلطان ابراحیم تہِ ژوٗل لڑایہِ ہنٛدِ ماَدانہٕ منٛز تہٕ وارِیاہ کاشُری فوجی گییہِ اتھ لڑایہِ منٛز مارٕ۔ مٔلِک ابدال تہٕ ماَگرے وٲتی لڑاے زیٚنتھ سری نگر۔ سُلطان سُند لوٗگ نہٕ پے سہ کوٗت گو۔ نوزُک شاہ یا ناَدِر شاہ بنیوٗ کشیرِ ہُند ژودٲہم سُلطان۔



## (۱۷) نوزُک شاہ یا ناَدِر شاہ سُلطانِ کشیر (30-1529)ء :

ابدال ماگرے تہٕ ملِک قاضی آیہِ وٕزیر خاص مُقرر کرنہٕ تہٕ لُکن آو دِلاسہٕ دِنہٕ زِ تِمن ییہِ مُغل فوجَس نِش بچاو کرنہٕ۔ راجدھانی آیہِ سری نگرٕ پیٹھ نوٗو شہر مُنتقِل کرنہٕ۔ سُلطان وڑایوٗ پانہٕ وٕزیر ہیتھ ابدال میرس تہٕ علی چکس ژھانٛڈنہٕ باپتھ مرگن تہٕ بالن مگر تِہُند پے لوٗگس نہٕ کُنی۔ زِٹھی سامنت سَمیہِ تہٕ سلطنت بٲگرکھ برابر ژون حِصن منٛز۔ سُلطان اوس حسبِ موموٗل ناوٕ خاطرٕ۔ سلطنت بٲگراونہٕ پتہٕ چھُ قاضی چک، مٔلِک قاضس غضبناک چِٹھی لیکھان زِ "توہہِ کوٗروِتَس سُلطانس ستی دوکھٕ یَس توہہِ وُمرِ عاش کٔریٖو ییٚلہِ سہ لوکٹہِ سُلطان بنے یوٗ۔" محمد خانس واپس انِنہٕ خاطرٕ چھُ میر علی لارکوٹ واتان۔ سُلطان نوزُک شاہ چھُ وِچھ نزاکتھ زانان تہٕ مارگیش تہٕ مُغل فوجی حاَکمن تحفہٕ

دِتھ واپس رولنہٕ کَران۔ وندٕ گُزٲرِتھ چھُ محمد خان واپس سری نگر یِوان تہٕ 1530ءٕ یَس منٛز پانٛژمہِ پھِرِ سُلطانِ کشمیر بَنان تہٕ نوزُک شاہَس وٕلی عہد مُقرر کران۔ أتھی دوران چھِ بادشاہ بابر رحمتِ حق گژھان تہٕ ہمایوں چھُ دِلہِ ہُند راج سمبھالان۔



## (۱۸) محمد شاہ سُلطانِ کشمیر پانٛژمہِ پھِرِ (1530-37):

بادشاہ بابر سَپُد 26 ڈسمبر 1530ءٕ یَس منٛز آگرٕ اہَس منٛز فوت تہٕ آوتٕ تاج محلس نٔزدیک عارضی طور دفن کرنہٕ تِکیازِ تمِیٚ اُس وصیت کٔرمٕژ زِ سُہ گژھِ کابُل شہرس منٛز دفن یُن کرنہٕ۔ سُہ چھُ ہمایوں مِرزاہَس پنٕن جانشین بناوان تہٕ ہمایوں چھُ پتہٕ دہلی، آگرہ تہٕ میدانی پنجابُک راج پانس تھاوان تہٕ کابل، سِندھ تہٕ پہاڑی علاقن ہنٛز حکومت کامران ہِندِس تحویلس منٛز تھاوان۔ ہندوستانہٕ نیٚبرِمبن حملاوَرن چھُ گوڑٕ پیٚٹھے کٔشیرِ پیٹھ راج کرنُک اَمار آسان تہٕ ہمایوں تہِ اوس اَمی آیہ سوٗنچان تہٕ کامران ہنٛز نظر تہِ اُس کٔشیرِ پیٹھ۔ 1531ءٕ یَس منٛز ووت کامران نوشہر تانی مگر سُہ رُوٗد اَتہِ کمے کالس۔ أخرس چھِ کینٛہہ مُغل سردار یِمن منٛز شکھال بیگ، محموٗد خان، علی بیگ، محمد خان مُغل، محرم بیگ کاکو، مشہوٗر أسی، کامران لشکر ہیتھ کٔشیرِ سوزان۔ محرم بیگ آو اتھ مُہمہِ سپہ سالار بناونہٕ۔ یِہِ شیٚچھ بوٗزِتھ دژاو کاشُر فوج تہِ تہٕ سمیہ ژیٚرِ ہارقُلس منٛز۔ قاضی چکن تہِ اَنٛو وپنٕن نیٚچوٗ تہٕ باقی سأتھی پہاڑی علاقو منٛز۔ مُغل فوج ووت تبأہی کران کران شہرس منٛز۔ وارِیاہ بلہٕ ویر دژایہِ قلو منٛزٕ تہٕ سَپدی لڑان لڑان شہید۔ شہرس گوسأرِسے مُغل فوجُک قبضہٕ۔ مگر مُغل غلبہٕ رُوٗد نہٕ زیادٕ کالس تہِ کیازِ مأ گرے

تہٕ قاضی چک أسی تمن زاگہِ دَدارِ واتناوان تہٕ تمو کھۄل مُغل فوج تیتھے کٔنۍ
تیتھہِ کٔنۍ سرۍ یہِ نیرۄنے چھُ روٗتلو گژہِ غاب گژھان۔[1] أتھی دوران چھُ مِرزا
حیدر دُغلت تبتس پیٹھ حملہٕ کران تہٕ تبت تباہ کٔرتھ سونہٕ مرگہِ درِ کٔنۍ کشیر وأرِد
سَپدان تہٕ یہِ مُختار فوج وُچھتھ چھہِ کأشر گرِ بار تژٕ أوِتھ بالوٕ پٮ۪ٹھۍ ژلان تہٕ یہِ حملاور
فوج چھُ سأری سے کشیرِ مۄلے پژاٹان۔ کشیرِ چھہِ سأری سے افراتفری
پھہلان۔ مگر اتھ منز تہِ چھہِ قاضی چک تہٕ تٔمِسنٛد فوجی عملہٕ پان بچأوِتھ یمن
تعاقب کران تہٕ ژھیپھ دِتھ حملہٕ تہٕ کران۔

کیٛنٛہہ سردار گیہِ سُلطان محمٗودس یہِ شیٚچھ ہیتھ مگر سُہ وُچھکھ پنُن آخرت
تلاش کران۔ یم گیہِ تَس مدد منگنہٕ خأطرِ مگر تتہِ تھاونکھ تمۍ شُر بن تہٕ عیالچ ذِمہٕ
وأری مٔتہِ تِکیٛازِ تَس أس وۄنۍ أخرچ تلاش۔ یتھہِ کٔنۍ چھُ سُلطان محمد شاہ
1537ہِ یَس ژِترس منز فوت سَپدان تہٕ تمہِ دوہ روٗدۍ کشیرِ ہنٛدی ساری لۄکھ
دُکھی۔ کأنٛسہِ تہِ کھوٚنہٕ کال تہٕ نَہ کوج تِکیٛازِ تمہِ دوہ دزاونہٕ سأری سے کشیرِ
گٔنہِ تہِ گرِ منز دِہہ۔[2]



1. Tatah Kashmeerikair veerair maarge shaishcakribischa te I
Arkaamshubhis tamaadseeva Sandhyapaasitah itah II
Shuka, Rajatarangini Sangrah, 2, v., 56.

2. Tadahni shokamookasya lokasyotuchchhavasnaat param I
Bhoomaadi randhanaa bhaavaan naalakshayat graheshu tat II
Ibid, 2, v., 124.

## (۱۹) شمس الدین (دوم) سُلطانِ کشمیر (1537-40)ء:

شمس الدین اوس محمد شاہُن دوٚیِم نیچُو یُس شاہ میر خاندانُک پنڈاُہم پادشاہ بنیوو۔ گوڈنیک نیچُو ابراہیم اوس ہُم سُلطان۔ ترٚیِم نیچُو اسمٲیل شاہ چھُ بنان ژوداُہم سُلطان تہٕ اسمٲیل شاہُن نیچُو بنیوو پنڈاُہم سُلطان۔ سُلطان شمس الدین (دوم) بنیوو ماگرے ہندِس دٔپس تہٕ وٲرن ہندِ مدتہٕ ستی پنڈاُہم سُلطان۔ 1537ء یَس منز محمد شاہ ہندِ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ۔ تام گیہِ قاضی چکس حالاتھ مولوم۔ سُہ آو پننہٕ جاگیر زینہٕ پور پیٹھ وٲتھ رِگ چکس تہٕ مأگرے ہَس سزا دِنہٕ باپتھ تہٕ تموتُھے بوٗزتم ژٔلی ورمُلہٕ تہٕ گژھتھ رِکوہوم علاقس منز۔ أخرس چھُ کُنہِ لڑایہِ جھگڑٕ بغأر سارِنے صلاح صفأیی گژھان تہٕ حسبِ مومول چھِ سأری اکھ اَکی ہنز رضامندی لَسان بَسان تہٕ یہِ ماحول چھُ سُلطان ہندِ خأطرٕ تہٕ تہٕ عام لُکن ہندِ خأطرٕ تہٕ خوش پسند آسان۔

کینٛہن دوہَن چھُ رِگ چک قاضی چکس نِش اتھ سمجھوتس تحت روزان مگر دوہ گژھتھ چھُ تس مَنز راوان تہٕ سُہ چھُ قاضی چکُن یہِ وٲطرٕ وننہٕ خأطرٕ مارگیشس نِش گژھان ییتہٕ تم پنٛنٕ سأری سأتھی چھِ یکہٕ وٹہٕ کران۔ اَوتام وأتِتھ چھُ شُک سُند بیان ختم گژھان۔ یہِ صوٗرت چھِ ہنگہٕ منگہٕ تہٕ اچانک ووتلان۔ مُصنف سُہ چھُ ''اِتہِ'' بیتِرِ لیکھان تہٕ کانٛہہ وجہہ وننہٕ روٗستے بیان بَند کران۔ باسان چھُ زِ شُک چھُ أتھی دوران ہَنگہٕ مَنگہٕ رحمتِ حق گژھان۔ ییمہِ کِنی بیان تہٕ چھُ ختم گژھان۔

کلہن، جوٗن راج تہٕ شری وٚر ہنٛزن راج ترنگین برٛونٛہہ کنہِ چھےٚ شُک ہنٛز تخلیق حقیر باسان۔ باسان چھُ زِ نہٕ چھُ تس کٲشیرِ ہندِ پرٛانہِ توآریٖخُک عِلم اوسمُت تہٕ نہٕ چھُس برصغیرچہِ جغرافیٲئی علٲمچ کیٛنٛہہ پتاہ آس ہیٚو۔ کُنہِ تہِ لڑٲیہِ ہنٛزن وتن مُتلِق یا لڑٲے کتہِ آیہِ کرنہٕ تمن جاین مُتلِق چھُ تس عِلمچ وٕرٛ ھے باسان۔ تِمۍ ہنٛز یہِ باوتھ زِ ہُشک، جُشک تہٕ کنِشک چھِ پانٕوٕنی کٲشیرِ باگراوان[1] چھُ یہِ کتھ صاف تہٕ عیان کران زِ تس چھُنہٕ کلہن ہنٛزِ راج ترنگی ہُنٛد تہِ پوٗرٕ عِلم اوسمُت۔ مگر توٚتہِ پتہٕ تہِ ہکو نہٕ أسۍ اَمِچ اہمیتھ کم مٲنِتھ تہِ کیازِ سہٕ چھُ پنٕنہٕ راج ترنگی ہِنٛدِس آغازَس منٛزٕ لیکھان زِ یہِ چھُس تمہِنٛز کتھن ہنٛز باوتھ کران یم واقعہٕ میانہِ برٛونٛہہ کنہِ پیش آیہِ۔ محموٗد شاہ ییٚلہِ پانٛژمہِ پھِرِ چھُ سُلطانِ کشمیر بنان تمہِ ساتہٕ چھِ واریاہَس کالس مُغلن سٕتۍ جنگ جدل روزان۔ پھیکرس چھُ جنگ ختم گژھان تہٕ خطرناک دزاگ چھُ کٲشیرِ نال وَلان۔ یم دزاگ تہٕ وِزِ وِزِ ہنٛدی سہلاب چھُ کٲشیرِ دُبہٕ پھِرتھ گژھان ییمیٚنٛک احوال چھُ شُک تتھٕ پاٹھۍ کران زن چھُ سہٕ پانہٕ تہِ اتھ دزاگس منٛز ہینہٕ آسان آمُت۔ لیکھان چھُ:

''داش کھار نٕچ ژٕہن ساسن موہرن (نِشکاہن) لوٗکن مٔنٛز فرمابرداری، اولادٕ دوٗد، مٲلِس ماجہِ ہُنٛد سرٛیہہ، سورٕے کیٛنٛہہ، یُس وَ سہٕ اوس پنٕنۍ پرٛان بچاونٕچ کوٗشش کران۔ تیمِس تہِ کیٛنٛہہ سرمایہِ، سون چانٛدی آس سہٕ اوس مُچہِ مٔلۍ کِنتھ، ہاکھ، ڈوٗنی گوجہِ تہٕ بُرمُت تیل کبتھ پنٕنۍ پرٛان بچاوان تہٕ زِنٛدٕ روزنٕچ کوٗشش

---

1. Vibhajya bhubhta deshoatra deshotpattih pura tri bhih I
   Hushaka Jushakanishkaakhais thaiviair tairmahaatmabhih II
   Shuka, Rajatarangini Sangrah, 1, v., 74

کران[1] قحط چھُ دۄر سپدان تہٕ سوکال چھُ ییِنہٕ یوان تہٕ شُک چھُ شاعرانہٕ اندازس منز ونان: ''یِنکہٕ ڈھنٹھلو منزی ییٚلہِ یِنکہٕ ہیؤل چھُ نبرٚ نیران باسان چھُ زنتہٕ چھِ شیش ناگَن زُری پوٗتری سرپھ بچہ ماجہ بتراٗ ژ گژ ایہٕ ماری ماری آرتی کران۔ لکو وُچھی نۆو بتہٕ زَن میٚچھ نۆو زِندگی۔''[2]

شُک سنٛز راج ترنگنی پرٛتھ چھِ ییٚمہٕ کتھِ ہُند صاف باس یوان زِ تس چھُ سنسکرت زبانۍ ہُند واریاہ مُطالعہٕ اوسمُت۔ رامائن تہٕ مہابھارت چھَن واضح طور پٔریٚمتۍ آسان۔ مُغلن خلاف لڑایہِ ہندی تیٚور وُچھِتھ چھُ قاضی چک نچوٗس لار سوزان تہٕ پانہٕ چھُ سری نگر بچاونہٕ خاطرٕ لاران۔ مسوٗد میر چک چھُ دُشمن ہندٮ٘ن تیٖرن تھٕ ژٕ ژٹان یتہٕ کٔنی ارزنہٕ ہندی نچوٚی ابھمینوٚہن کوٗرون ہُند ''چکرٕ وِیہہ'' مِس مار کوٗر تہٕ تس برٛونٛہہ کنہٕ ہیوٚک نہٕ کانٛہہ تہٕ کمانڈر ٹھٔہرِتھ۔[3]

ساری تصنیف ہنٛز زبان چھےٚ سلیس تہٕ النکارن ہندِ گوبرِ نِشہٕ مُچھ۔ عموٗمن چھُ کٔشیرِ ہندٮ٘ن کینٛہن رازن تہٕ بٔلہٕ وِیرَن ہُند متبادِل تقوبُل رامائن یا

1. Sahasra dashabhir nishkair lalmya moolyena khaarya bhoot I
Dhaanyasya gatimaadaatum kaanyasya dhanino vinaa II
Bhartur bhaktim sutasnyeham shushrooshaam pitroreva cha I
Hitvaa svapraana rakshaayai cheruh stree purushaah kshudhaa II
Sanchitam roopyakupyadhi vikreeya vyadhuraatmanah I
Praanasandhaaranam kechit shaakenaakshota pinyakaih II
Shuka Rajatarangini Sangrah 2 P 179-81, v., 92, 93 97

2. Yathaa godhoomakalata udyayuh stambajaa bhuvah I
Kurvantah svaphalaih sheshajantoraa raatrikaam iva II
Anna raajaphalaih pushtaa jantavo ati krishaastatah I
Punarjaatamivaatmaanamamanyanta divaanisham II
Ibid, 2, P.182-83, vv., 101,104.

3. Paartha putropame tasmin ranam chakrini kurvati I
Arimadhyat susannaddho naaseet kopi Dhanurdharah II
Ibid, 2, P.99, v., 189.

مہابھارتہٕ کٕمِن بُلہٕ ویٖرَن تہٕ راژن ہٕنٛز کرنہٕ آمٕژ۔ قاضی چَکنِس تشبیہ بھگوان رامس سٟتؠ دِوان چھُ شُک لیکھان: "زنتہٕ چھ راژٕ دشرتھٕ ہٕندِ گرِ رام تھنہٕ پیوٚمُت یعنے حُسیٖن چک چھُ دشرتھ آمُت مانَنہٕ تہٕ تَس چھُ قاضی چک نٟچو تِتھے پرٛاکرمی یِتھ زن رام اوس۔[1]

پَتہٕ وَنِکہِ تۄاریخہٕ خاطرٕ چھُ شُک ہٕنٛز تۄاریخ راج ترنگنی اکھ زِندٕ جاوید ثبوت۔ دراصل چھُ شُک سُنٛد مقصد تہٕ راژن ہُنٛد احوال دِیُن آسان۔ تِکیازِ سُہ چھُ پانہٕ وَنان، پرٛانیو گونماتو چھُ اَنتھک پانٕسہٕ زیٛنتھ یتھ کالہٕ راژو ژٕسی تہٕنٛز کہانی لیکھی لیکھی کمأے گرہو تہٕ تمہٕ بارُک وزن تھوڑا کم کرنہٕ باپتھ تُل میٚے قلم یہِ تصنیف لیکھنٕچ تہٕ چھُنہٕ میٚے شاعر بنُنک کانٛہہ طماہ۔ کتہِ میٛانِن پرٛانِن شاعرن ہٕنٛز شاعری تہٕ کتہِ میٚے ہیوٗ کم عقل ہٕنٛز یہِ تخلیق۔ مُلہٕ مایہِ کرنہٕ سٟتؠ چھا سرتلہِ سون بنان۔[2]



---

1. Shreemad Hosan Chakrasya Kramaraajyaji janmana I
   Prodbhootah kanchino veero Ramo Dasharathaadiva II
   Shuka, Rajatarangini Sangrah, 1, P.60, v., 106.

2. Pooveshaam raaja sammaanam shamya Prathu sampadaam I
   Tad bhaara shantaye vaaham no kurve kavi vaanchhaya II
   Kvo poorva kavi vaktritvam kvedam manda dhiyo mama I
   Varnamaatrena reetyamshah suvarna khandaayate katham II
   Ibid, P.6, vv., 11-12.

# راج ترنگنی سنگرٛ ہہ: شک

یِہ چھنہٕ کانٛہہ توارٛیخی کِتاب یا تصنیف بٔلکہِ چھُ یہ فہرس مختلف خاندانن تہٕ راجواڑن ہُند یمو کٔشیرِ پیٹھ راج چھُ کوٚرمُت۔ چاہے تِم کشیٖرِ ہٕندی پشتینی باشندٕ اُسی یا وہ پرٛ مُلکن ہٕندی حملاور اُسی تہٕ پتہٕ بسیہٕ کٔشیرِ منٛزٕ۔ یہٕ تصنیف چھِ شرٛاُہمہِ صدی منٛزٕ آمٕژ لیکھنہٕ ییٚمہِ ساتہٕ نہٕ باقی عالمس یہِ زونٕے اوس زِ فہرس کیاہ گوو۔ باقی ترقی پسند دُنیاہَس لوٚگ یہِ پےٚ وُہمہِ صدی منٛز ییٚلہِ اَمہِ آیہِ تخلیقہٕ تِمن نظرِ گییہِ۔

یوٚ دوٚے کلہن ہٕندِس وقتس تام واریاہ توارٛیخی مواد موٚجوٗد چھُ اوسمت ییٚمیُک اِنکشاف کلہن پنڈت پانہٕ تہٕ چھُ کران تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چھُ کلہن پنڈتس پتہٕ تہٕ تقریبن ژون ۂتن وٕرییَن تاں چلوٗن روزان۔ مگر تمہِ پتہٕ چھُ یہِ سِلسِلہٕ ہنٛگہٕ منٛگہٕ ختم گژھان۔ تہٕ باسان چھُ زِ امہِ پتہٕ چھُ تِمو گونماتو پٔتٕمن ذاتی کُتب خانن منٛزٕ یُس تِمو سمجِہ ژھٕٹہٕ نِشہِ بچاونہٕ باپتھ ژوٗرِ اوس تھوومُت، یِمن ترٛنگن منٛز دٔرج رازن ہٕندی فہرس تیار کٔرِمتۍ یِتھ زَن حقیقی توارٛیخ قلم ژوٗرِ نِشہِ بچہِ تہٕ توارٛیخ سپدِ نہٕ مسخ۔ امہِ لحاظہٕ چھُ یہِ فہرس تہٕ تیٚوٗتے ضروٗری ییٚتۍ یم توارٛیخی نواَدِرات چھِ۔

یہٕ فرس چھُ شلوک نمبر 126 ہَس پیٹھ اند واتان تہٕ لیکھن وول چھُنہٕ پننٕ ناو لیکھان۔ مگر راجن ہُند ناو تہٕ احوال چھُ کلہن پنڈت ہٕندِ پیٹھے شوٗروٗ

گرٕھان تہٕ شُک ہنٛدِس بیانس پیٹھ اند واتان۔ اتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ کینٛہہ بیان چھِ اتھ منٛز جوڑنہٕ آمتۍ ییٚمن منٛز تمہ توٲریٖخی حالات، رازن یا سُلطانن ہُنٛد فہرس تہٕ شامل چھُ یُس تتھ دورس سٟتۍ وابستہٕ چھُ ییٚلہِ کٔشیٖرِ منٛز سنسکرت اوس پتھ کھورِ گومت تہٕ فارسی اوس بارسس آمت۔ اتھ فہرسس منٛز چھِ ہتھ کُنٛز رازن تہٕ سُلطانن ہُنٛد ترتیب دِنہٕ آمت:

۱۔ شلوک نمبر اکہِ پیٹھٕ شلوک نمبر 73 تام چھُ کلہن پنڈِتن اوحوال دٔرج اتھ منٛز چھِ اُمِس گونماتہٕ ہنٛز اٹھِوِنۍ ترنٛگن منٛز دٔرج رازن ہُنٛد فہرس دٔرج۔[1] اَمہِ پتہٕ چھُ یہِ فرس باضابطہٕ ختم آمت کرنہٕ۔ یہِ اَحوال چھُ ہتھ کُنٛز گونند ہنٛدِ پیٹھٕ مُسلسل سُسلہٕ ہنٛدِس نچوس جے سِمہَس تام چلوٗن روزان۔

۲۔ شلوٗک نمبر (75) پانٛژِ ستتھ پیٹھ چھُ جوٗن راجن فہرس شوٗرُو گرٕھان تہٕ یہِ چھُ پرمانگ ہنٛز تاج پوٗشی پیٹھ زین العابدین نس دورِ حوٗکومتس (1459ء) تام بیان چلوٗن روزان۔ مُطلق فہرستس منٛز چھُ یہِ شلوٗک نمبر ہتس 100 پیٹھ ختم گرٕھان تہٕ اِتھ تہِ چھُ ترتیب کار باضابطہٕ پاٹھی یہِ اَوحوال ختم کران یتھ زن امہِ پتہٕ نوٚو فہرس چھُ شوٗرُو گرٕھان۔[2]

---

1. Tarange hi ashtame bhoopaah khyataah Kashmira mandale I
   Mantrinaa Kalhanenokhtaah kalau kavivarena cha II
   (Samaaphtoyam Kalhana Raajatarangini) Rajatarangini Sangrah, Ed. Dr. Raghunath Singh, Year 1977, p.,237, v.,73.
2. Asyam Raajtaranginyam bhoopaalaah kathitaah kramaat I
   Jonaraabjaahidhaanena jaina raajyee ati shobhane II
   (Iti Jonaraaja Nripaavalih Samaaphtaah)
   Rajtarangini Sangreh, V, p.,247, v.,100.

۳۔ شلوٗک نمبر 101 پیٹھٕ چھُ شری ور سِندِ بن رازن ہُند فہرس شوٗرُ ٛ گژھان۔ یہِ چھُ سرِ فہرس حیدر شاہ سِندِ ناو پیٹھٕ شوٗرُ ٛ گژھان یُس شاہ میری خانداُنک گوڈنیُک سُلطان چھُ آسان۔ یہِ بیان چھُ شُک سِنٛزِ راج ترنٛگنی منٛز دَرِج شاہ میر سِندِ خانداُنکس سُلطان شمس الدین دوم سِندِس دورس تام جاری روزان تیٚمس پتہٕ (1540)ٕ یَس منٛزٕ ابراہیم شاہ (سُلطان نمبر 12) سُند تریم نیچُو کٔشیرِ ہِندِس تختس پیٹھ پَنٛدأہم سُلطان بِنتھ بیہان تہٕ أمِس پتہٕ چھُ أمی سُند نیچُو شاہ میری دورُک آخری سُلطان حبیب شاہ (1560)ٕ یَس منٛز شُرأہم سُلطان تختس پیٹھ بیہان۔ سُہ چھُ (1561)ٕ یَس منٛز یِوان چکوٗ ڈِسی بَرطرف کرنہٕ۔[1]

اَمہِ پتہٕ چھُ راج ترنٛگنی سنگرٛہس منٛز دَرِج زِ شمس الدین سِندِ تاجراَل (شمس اُلدینس مول) خانداُنچ راج لکشمی گیہِ پتہٕ چک خاندان کٔشیرِ ہِندِس تختس پیٹھ بیہناونہٕ باپتھ تیار۔[2] أتھی دوران چھُ حبیب شاہ رحمت حق گژھان (1561)ٕ یَس منٛز تہٕ بدخواہ وٗزیرو چھِ کٔشیرِ ہنٛز سلطنت پانٕوٕنی بأگرأوِمٕژ آسان تہٕ أکِس وٗرییَس تہٕ وُہَن دوہَن چھِ یتھٕ کٕنی سارِے کٔشیرِ بغاَر کانٛہہ رازٕ آسان۔[3]

اَمہِ پتہٕ چھُ چک دور شوٗرُ ٛ گژھان تہٕ غازی شاہ چک چھُ اَمہِ خانداُنک گوڈنیُک بادشاہ آسان یُس 1561ٕ پیٹھٕ 1563ٕ یَس تام راج چھُ کران۔[4] أمِس پتہٕ چھُ أمی سُند بوے حُسین شاہ چک 1563ٕ منٛز تختس پیٹھ

1. Shuka, Ragtarangini Sangrah, p.,192, v.,127. and p.,252, v.,111 and commentry by Dr. R.N. Singh.
2. Taahiraalaka vamshaanaam tyakhtvaa simhaasanam krudhaa I
Paarthivaashreeh prayataadya Chakkaabhi jana mandiram II
Rajtarangini Sangreh, V, p.,252, v.,112.
3. Ibid, p.,253, vv.,113-14.
4. Ibid, v.,116.

بیٚہان تہٕ أمی سُند راج چھُ برابر (1569)ء یَس تام جأری روزان۔[1] شلوٗک نمبر 118 ہَس منٛز چھُ زنتہٕ فِہرِستُک شُمارٕ باسان ہَنٛگہٕ مَنٛگہٕ زَن تھامہِ گژھان تہٕ مرزا حیدر دُغلت سُند ذِکر شوٗرٕ گژھان۔ یہِ چھُ منگول چگتائی قبیلس سٟتؠ وابسطہِ آسان تہٕ چھیکرس بابر ہٕندِس فوجس سٟتؠ رٕلِتھ مُغل فوجُک عہدٕ دار بنان۔ ہمایوٗں ہٕندِس دورس منٛز چھُ یہِ کامرانس سٟتؠ روزان تہٕ تس پنجابس منٛز مدد کران۔ شیرشاہ سوٗری ہٕندِ حملہٕ پتہٕ چھُ یہِ مُغل فوجہٕ نِشہٕ ژھنہٕ گژھان تہٕ چھیکرس کٔشیرِ واتان۔ اَتہِ چھُ یہِ کیٚنٛہن سردارن پانس سٟتؠ رلاوان۔ قاضی چک چھُ سُلطان اسمائیل (سُلطان نمبر 15) سٟتؠ ژلان تہٕ شیرشاہ سوٗری یَس مدتہٕ باپتھ دوران۔ یپأری چھُ حیدر دُغلت نوزُک شاہَس (سُلطان نمبر 13) تختس پٹھ بیٚہناوان تہٕ ابدال مأگرے یَس وٗزیرِ اعظم بنأوِتھ کأشرٕن ہُنٛد یقین زیٚنان۔ قاضی چک چھُ شیرشاہ ہَس نِشہٕ 5000 فوجی حُسین خان شیروانی ہٕنٛزِ سَربرٲہی منٛز کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ کران مگر اَتہِ چھُ مرزا حیرت دُغلت کامیاب گژھان۔ یِتھہٕ پأٹھی چھُ تَسُند قبضہٕ کٔشیرِ پیٹھ زیادٕ مظبوٗط گژھان۔ مگر تہِ کٔرِتھ تہِ چھُ تَس دوہہٕ دِش لڑایہِ ناراض وٗزیرٕن تہٕ سامنتن سٟتؠ جاری روزان۔ آخرس چھُ اکہِ دوہہٕ تس تیٖر لگان تہٕ چھُ رحمتِ حق گژھان۔ گوٚڈہ تہٕ یہِ سورُے بیان چک کہانی بڑونٛہہ اَمُن تکیازِ مرزا حیدر دُغلت سُند دور چھُ (1541)ء پیٹھہٕ (1551)ء تانٛی کٔشیرِ پیٹھ آسان، ییٚلہِ زَن چک دور چھُ (1560-61)ء پیٹھہٕ چھُ شوٗرٕ گژھان۔[2]

1. Shuka, Rajatarangini Sangrah, vv.,117-118.
2. Ibid, pp.,254-55, v.,119 with commentary by Dr. Raghunath Singh.

حُسینؔ شاہ چک یَس اصلی ناو اوس نصیؔر الدین حُسین شاہ تہٕ یُس قاضؔی چکُن بوے اوس، چھُ 1563ہِ یَس منٛز تختس پٮ۪ٹھ بیہان تہٕ کٔشیرِ 1570ہِ یَس تام راج کران۔ اُمِس پتہٕ چھُ اُمی سُنٛد بوے علی شاہ چک کٔشیرِ پٮ۪ٹھ 1570-78ہِ تام راج کران۔ یوٗسف شاہ چک چھُ امہِ پتہٕ گوڈنکہِ لٹہِ کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ 1579ہِ یَس منٛز بنان تہٕ دون وٕرؠ یَن راج کران۔[1]

1576ہِ یَس منٛز چھُ کٔشیرِ زبردست قحط ووتھان یُس برابر ترٛٮ۪ن وٕرؠ یَن چُھ جأری روزان یٮ۪مہِ ستۍ کٔشیرِ ہنٛز نصف کھوتہٕ زیادٕ آبادی چھےٚ چھیٚپہِ لگان۔ دپان اتھ وقتس دوران چھِ واریاہو آدم خوری تہِ کرِمٕژ۔ أتھی پریشانی منٛز چھُ علی شاہ پولوٗ گنٛدان عیدگاہ گرِ پٮ۪ٹھٕ وٕسۍ پیوان تہٕ کیٚہ کاٗلی فوت گژھان، مگر نیچوِس یوٗسف شاہَس تختس بیہناوِتھ۔

اُمِس چھُ محمد بیہکی وٕزیرِ عظم آسان یُس اُمی سُنٛد شأعرانہٕ مِزاجُک فأیدٕ تُلِتھ چھُ اُمِس عزٕل کران تہٕ وٕزیرن ستۍ ژوٕے کرِتھ حکوٗمت سمبھالان۔ یوٗسف شاہ چھُ اُمِس خلاف فوج کٔشی کران مگر لوٗکن ہُنٛد ساتھ نہٕ آسنہٕ موٗجوٗب چھپنہٕ کامیاب گژھان۔ محمدؔ بیہکی تہٕ چھُنہٕ تختس قبضہٕ کران ئلۍ کہِ چھُ سُلطانن ہنٛدۍ قیٖمتی چیز کِنِتھ تم پأنسہِ غریبن منٛز بأگراوان تہٕ لُکن منٛز چھُ عزتھ پژاوان۔ سُہ چھُ لوہرؔ شاہَس تختس پٮ۪ٹھ بیہناوان یُتھ زَن لُکھ بدظون گژھن نہٕ۔ امہِ پتہٕ لوہرؔ شاہُن نیچوٗ یاقوٗبؔ شاہ گوڈنچہِ لٹہِ کٔژن تأنی دوہَن 1579ہِ یَس منٛز سُلطان بنان توٗ تام چھُ یوٗسف شاہ ہندوستانہٕ پٮ۪ٹھٕ واپس واتان تہٕ پٔنُن تخت

1. Shuka, Rajatarangini Sangrah, p.,256, v.,121.

سمبھالان۔ 1580ہٕ یَس منز تہٕ چھُ سُہ 1586ہٕ یَس تام کشیٖر کِس تختس پیٹھ روزان۔[1] اَمہِ پتہٕ چُھ راج ترنٚگنی سنٛگرٚہہ لیکھن وول مُغل فوجدار بھگوان داسُن کٲشِرِ پیٹھ حملہٕ بیان کران۔ شہنشاہ اکبر، جہانگیر، شاہ جہاں، اورنگ زیب تہٕ شاہ آلم بادشاہَن ہُنٛد ذِکر چھُ فقط دون شلوٗکن منز کرنہٕ آمُت۔ مگر یِمن بادشاہَن ہُنٛد وق چھُنہٕ برابر بیہان۔ باسان چھُ زِ زَن چھُ یہِ سٟے اَنگوٗن راج ترنٛگنی ہِنٛدِ سنٛگرٚہہ کارن گرس منز ہیتھ گرٕمژ تہٕ سُہ زَن چھُ نیٚبر موٗ حالاتو نِشہٕ غاَر واَقِف اوسمُت۔ مگر یہِ کِی چھُ ڈاکٹر روگھُناتھ سنگھن پتہٕ نَس پُر معنی تبصٕرس منز پؠٚوٚر گرٕمژ۔[2]

شلوٗک نمبر 126 پتہٕ چھُ راج ترنٛگنی سنٛگرٚہہ لیکھن وول پننٕ تخلیق یہِ لیکھتھ بنٛد کران زِ ''سماپھتو اِیم راج ترنٛگنی سنٛگرٚہہ''۔ امہِ پتہٕ چھُ اتھ تصنیفہٕ منز بییہٕ شٔے شلوٗک آمٕتۍ جوڑنہٕ یِم موضوٗعس ستۍ وابستہٕ اَستھ تہٕ امہِ نِشہٕ بِدوٗن چھِ۔ یِمن ہُنٛد تعلُق چھُ:

۱۔ شلوٗک نمبر 29-127 ہَس چھُ سَر مارکروٗف صاٴبَس 100 وٕری واَنٛس کانٛچھنہٕ آمُت۔ یُس مہاراجا رنجیت سنگھ نِس راجس دوران کٲشِرِ آو، تہٕ پریم تہٕ محبتہٕ سان یہِ راج ترنٛگنی شِوٕ سوامی ہِنٛدِ گرِ منٛزٕ حاصِل کٔر۔

۲۔ شلوٗک نمبر 130 ہَس منز چھُ تاکید آمُت کرنہٕ زِ یہِ راج ترنٛگنی چھِنے صِرف شِو رامنہٕ گرِ موٗجوٗد بییہٕ نہٕ باقی کُنہٕ تہٕ جایہٕ۔

1. Shuka, Rajatarangini Sangrah, pp.,256-57, v.,122.
2. Ibid, pp.,258-59, vv.,125-26.

۳۔ شلوک نمبر 131 ہَس منز چھُ مُصنف عالم شِو اُپادھیایَس (شِوراِمس) یُس نمسکار کران یَمی عالمن پانژن ساسن وٗرِیَن ہنز یِہ اہم راجاولی دِیِہ سِنز پڑھنہٕ ستی رٕژھراوِتھ تھاوِمژ اٲس۔

یِم ساری شلوک چھِ واش کڈِتھ وبڑھناونہٕ آمتی یِمہِ پتہٕ ترتیب کارن پُتن احوال ولدِیت تہٕ سکونت وغارِ سان بیان کوٚرمُت چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اَمہِ کِتابہٕ ہنزٕ بن (راج ترنگنی تہٕ تہٕ سنگرٚیہہ) شارن ہُند فہرس یِمہِ پتہٕ چھِ بیٚاکھ فہرِس یتھ منز کِتابہِ منز دٔرج اسمِ خاصن ہُند تزکرِ چھُ آمُت گرنہٕ۔

☆☆☆

# ناٹک تہٕ اَتھ سٟتؠ وابستہٕ اَدب

نٟلمَت پُرانس منٛز چھُ دٔرج زِ کٔشیٖرِ منٛز اوس سمأجی تہٕ مذہبی ووسہٕ دژوسہٕ ہِنٛدِبن دوہَن پیٹھ مَندرَن تہٕ کھُلہٕ مأدانَن منٛز، ووژھبن تہٕ یاتر ایَن پیٹھ، مأژن تہٕ سأژن پیٹھ ناٹکھ گِنٛدنُک تہٕ پأتھر چارنُک رِواج پرٛانہٕ وَقتہٕ پیٹھٕ چلان روٗدمُت۔ اَمہِ باپتھ آسہَن وارِیاہ ناٹک کار تہٕ پأتھر گِنٛدنٕس سٟتؠ وابستہٕ عملہٕ، لِکھأرؠ تہٕ مُسودٕ بناوَن وألؠ، کٔشیٖرِ منٛز موٗجوٗد یِم تِتھؠن پہلوٗ دار موقن پیٹھ گِنٛدنہٕ أسؠ یِوان۔ اَتھ مشغلس سٟتؠ تہٕ آسہَن وارِیاہ لوٗکھ وابستہٕ۔ یِمن کتھَن ہُنٛد چھُ اَمہِ نٟلمتس منٛز وارِیاہ اِشارٕ موٗجوٗد۔ ناٹکن سٟتؠ وابستہٕ یِمن لوٗکن أسؠ یِمن وِزن پیٹھ بُلاوان، انعامہٕ دِوان تہٕ باقی مألی مدد گران یِمٕک ذِکر پُورانس منٛز جایہِ جایہِ چھُ۔[1] وِتستایہِ ہُنٛد بوڈ دوہ اوس دوہہٕ وادَن چلان تہٕ تژن دوہَن أسؠ ناٹک تہٕ یِوان گِنٛدنہٕ تہٕ پَتہٕ اوس یِوان یِمن عِزت افزأیی تہٕ گرنہٕ تہٕ انعامہٕ تہٕ دِنہٕ۔[2] مگر افسوٗس چھُ یِمہِ کتھِ ہُنٛد زِ وُنی کُنہِ چھُنہٕ اَمہِ نِش شیاملک سٕنٛدِ لیکھمتہٕ ناٹُک "پادتاڈِتک" اکھ حِصہٕ، جینت سُنٛد "آگماڈمبر" تہٕ بِلہَن سٕنٛز چھپژ ناٹِکا "کرن سُنٛدری" علاوٕ بیٚیہِ کیٚنہَن تہٕ نظرِ گژھان۔ وارِیاہَن بہلہِ پایہِ گونماتن مثلن چندرک، یشو ورما تہٕ کشمیندر بیترِ ناٹک کارن ہُنٛد چھِ

---

1 The Nilmata Purana by Dr Ved Kumari. 1994, vv.,399,427,546,896.

2. Nartakaanaam Nataanaam ca charavaanaam tathaiva cha I
Taavad etad bhaveth kaaryam yavatsyat krishna Panchamee II
Shuka, Rajatarangini Sangrah, v.,547.

اَسہِ تام ناوِ یوت وأتی مٕتی مگر یِہنٛز کانٛہہ تہٕ تخلیق چھَنہٕ وُنِستام اَسہِ بڑونہہ کُن آمٕژ۔ نیل مَتہٕ کہِ مُطأبق تلہٕ چھُ نَنان زِ تتھ وَقتس منٛز آسہن کٔشیرِ منٛز ناٹک کارَن ہِنٛدی کُلب یِم زَن فرمأیشہِ پیٹھ آسی تتھی ہی ناٹک گران تہٕ یاترِین یا عقیدت مَنٛدن ہُنٛد دِل رنٛزناوان، یِم تِمن طور طریقس تہٕ ضأبِطس تحت نقدی اِنعامہِ علاوٕ بخشش تہٕ آسی دِوان۔ اَمہِ قسمُک حوالہٕ چھُ ہرِوَمش پُورانس تہٕ منوسمرتی منٛز تہٕ میلان۔[1] مگر نیل متس منٛز چھُ اَتھ عطیس اَکھ مخصوٗس ناو دِنہٕ آمُت "پرٛیکشادان"، یُس لفظ باقی سنسکرت اَدبس منٛز امہِ بایتھ عام پأٹھی رأیج چھُ۔ ہارس منٛز سری یہ پھیرنس پیٹھ یتھ "اُتراشاڈھ" تہٕ چھِ ونان، اَمہِ ترٛوٗشی دوہہٕ آسی سِیارچن (نکھشترن) ہنٛز پوٗزا یوان کرنہٕ یتھ منٛز ناٹک کارَن مُروجہِ طریقس منٛز بخشش دِنہٕ بایتھ تأکید چھُ کرنہٕ آمُت۔ تتھے پأٹھی چھُ "اندرپکشس" منٛز راز تہٕ تیٚنٛدن سپاہن ہنٛز پوٗزا سنبٹ تہٕ پوشہِ مالو ستی تہٕ ناٹک کارَن اِنعام تہٕ بخشش جان پأٹھی دِنک تہٕ تأکید کرنہٕ آمُت۔[2] وِشودیُون (دِوتاین ہُنٛد اکھ قسم) ہنٛز پوٗزایہِ بایتھ چھُ ہارِ زوٗنہٕ پچھی ترٛوٗش دوہ ناٹک گنٛدنُک تہٕ ناٹک کرن والین نٔٹن تہٕ باقی اہلس موضوٗن پأٹھی تہٕ پننہٕ شکتی یتہٕ مُطأبق بخشش تہٕ عطیہٕ دِنُک تأکید کرنہٕ آمُت۔[3]

---

1. Harivamsha Purana, Ed. by K. L. Joshi, II, 93-96.
   Manusmriti, Oxford University Press, Reprint, Delhi, 1964, IX, 94.
2. Prekshaadaanai sushobhanai I Nilamata Purana, v.,224 (b)
   Prekshaadaanaischa vividham..., Ibid., v.,759 (a)
3. Trayodashaam ch kartavyam Prekshaadaanam yatha vidhi I
   Dhanam cha shaktya daatavyam ye naraa rangajeevinah II
   Ibid., vv.,731 (b), 732 (b).

نیٖل مت چھُ پرٛتھ ماَلس، ووژھبَس تہٕ بڈٕس دوہَس پیٹھ نژنک تہٕ گیوٚنک تاکیٖد کران۔ باسان چھُ زِ کٔشیٖرِ منٛز اَسہَن قسم قسمکۍ رقص کرن وألۍ موجوٗد مگر یِم دوٚے پوٗران چھُنہٕ یمن قسمن ہِندِ ناوٕک ذِکر کران مگر مختلف مذہبی اِجتماعن پیٹھ تہٕ سمأجی محفِلن منٛز مثلن موسم بدلنس، شیٖن پینَس یا زِراتَس مُتلق دوسہٕ منٛز وسہٕ ستۍ وابستہٕ دوہَن پیٹھ اوس یمن ہُند واریاہ ذِکر آمُت کرنہٕ۔ زنو مَردن ہُند اِکہِ وٕٹہٕ رقص کرنک حوالہِ تہٕ چھُ واریاہَن جاین۔ کأشُر گونماتھ بلہن چھُ یہِ وَنَس منٛز حق بہٕ جانب زِ تِتھٕ کٔشیٖرِ ہنٛز زنانہٕ چھےٚ ناٹک سأزی تہٕ رقص کرنَس منٛز تیٚز ماہِر زِ سورگُچ اَڑہٕ رٔژہٕ مثلن رَمبھا، چِترلیکھا تہٕ اُروشی تہٕ ... تہٕ تِمن نِشہِ مُجراه۔[1]

نیٖل متَس منٛز چھِ ناٹک گِنٛدن والین فنکارن مُتلِق زٕ لفظ استعمال کرنہٕ آمٕتۍ۔ اکھ چھُ ''نٹ'' تہٕ بیاکھ چھُ ''نرتک''۔ نٹ لفظ چھُ فنکار یا ایکٹر ہِندِ باپتھ استعمالس منٛز اوسمُت تہٕ دوٚیِم اوس نژن وألِس (واجنہِ) یا رقاصا یا رقص کرن وألِس ستۍ منسوٗب تہٕ گیوٚن والین آسۍ ''چارن'' وَنان۔[2]

کٔشیٖرِ منٛز چھِ ڈرٛاما گِنٛدنہٕ خأطرِ فرشِ فروٗش ستۍ آراستہٕ تہٕ بڈۍ بڈۍ ہال آسمٕتۍ۔ امہِ کتھِ ہُند حوالہِ چھُ اَسہِ دامودر گُپت (784-753)ہٕ نِس دورس منٛز میلان۔ کلہن پنٛڈت چھُ لڑایہِ منٛز ہارَن والین فوجین ہُند مُقابلہٕ ڈرٛاما وُچھن والین لوٗکن ستۍ کران یِم روٗدٕ چھوٚل والنہٕ ستۍ چھلہٕ چھانگرٕ چھِ گژھان،

1. Bilhana, Vikramaanka Deva Charitam, s.,79, Canto, xviii, vv.,25-29.
2. Nartakaanaam Nataamaam cha Chaaranaanaam tathaiva cha I
Taavad etat kaaryam yavat syat Krishna Panchamee II

Nilamata Purana, v.,447.

یِمو کتھو ستی چھُ نتان زِ ڈزاما ہال اَسی کشیرِ منز پرانہِ وقتہٕ پیٹھہ موجود[1] مگر نیل متکس دورس تام چھُ باسان زِ ڈزاما اَسی یاتہٕ مکانن نیبر کنہِ الاو زالتھ یا اَسی یِوان کھُلہِ کھلن تہٕ مأدانن منز گندنہٕ۔[2]

کلہن چھُ مذید لیکھان زِ مشہور شاعر تہٕ ناٹک کار چندرک یُس سارِنے لوکن (لوکن بڈن) کتی وُچھنی لایق ناٹک لیکھی، اوس راز رانا دِیتی (دوییم صدی عیسوی) منز عروجس پیٹھ۔ یمہِ کٔرُ تمی سارِنے لوکو دِسی پسند ناٹک اَسی لیکھمِتی۔ تمی چھُ کلہن پنڈتن ہی گونماتن تس مہاکوی ناو دیتُمت یُس سُہ بھگوان ویاس مُنی سُندے اکھ حِصہٕ (اَمش) قرار دِوان چھُ۔[3] اَبھنو گیُت تہٕ چھُ بھرت مُنہِ سِندِس ''ناٹیہ شاسترس'' متلق راے زَنی کران لیکھان زِ چندرک ناوی ناٹک کارن چھُ شجاعتکو تہٕ خوف پادِ کرن والی ڈزاما لیکھمِتی، یم کأنی مقبول اَسی سنسکرت زبأنی منز۔[4]

چندرک سِندیو ناٹکو منز چھِ کینہہ اِقتباس، شری ورن پننہِ تصنیف ''سُبھاشِتاولی''، کھشمیندرن پننہِ کتابہِ ''اَوچیتہِ وِچارچرچا'' تہٕ دَھنکن تہٕ چھُ تمو منز کینہہ حِصہٕ پننہِ کتابہِ ''دَشرو پک ٹیکایہِ'' منز استعمال کرِمتی۔ ''سُبھاشتاولی'' منز چھِ ترے اِقتباس سیِد سیوٚد کمُن تانی ترن ناٹکن ہندی ''نان دی گان پد'' ہی

1. Savrishtyambuhato rangaprekshiloka iva aagamat I
Kalhana, Rajtarangini, Book VII, v.,1606.

2. Vastavya cha nishaa saiva vahneh paarshavaratai naraih I
Nilamata Purana, v.,398 (b).

3. Naatyam sarvajana prekshyam yaschakre sa mahaakavih I
Dvaipaayana Muneramshas tatkaale chandrako abavat II
Kalhana, Rajatarngini, Book 2, v.,16.

4. Chandrakena swani roopakaani veer-Randraadhiko payogeetaani sanaskrit Bhaashayaiva II
Abhinava Bharti.

باسان یمن منز شوٗس تہٕ پارؠتی ہنز توتاہ چھِ گرنہٕ آمژ۔ أکِس یٔدِس منز چھُ شِو ہٕنزِ گر گرٛہستی زِندگی ہُند اکھ خوش یِوٗن پہلوٗ ہاونہٕ آمُت۔ ''شِو چھُ موچھِ زٕ وٕٹتھ سماز منز بِہتھ۔ تمی ساتہٕ چھُ کُمار اُرف کارتِکیہِ (شِو سُنٛد زیٛٹھ فرزنٛدٕ) گنٛدان گنٛدان تہٕ ووٚتہٕ تُلان دأخل سَپدان تہٕ مأجِس کُن وُچھِتھ ماجہِ کُن ونان، ''مأجی! مأجی! مألی کیٛہے اَتھن ہنٛزِ موچھِ منز کھٔٹِتھ تھوومُت؟'' ماجہِ چھِ زیٛرِکی ووتلان تہٕ چھٕس ونان، ''سبٕٹھاہ مَزدار موٕ چھُن ژوٗرِ تھوومُت۔'' ''کیٛاہ میٚے دِیہِ نا؟'' نیچُو ہٕنٛدِس یہِ وَنَس پیٹھ چھےٚ پارؠتی تَس وُٕتشی دِوان تہٕ ونان، ''گژھ تہٕ نِتس۔'' کارتِکیہِ پٔوک بڑونہہ تہٕ موٕٹھ مُژراوِن شِوس زَبردٕستی۔ سماز آو ژھٔمن تہٕ شِوٗن یِیلہِ بچہِ وُچھ بڑونہہ کنہِ تَس ژوٗل ٹھاہ ٹھاہ گَران اَسُن نیٛرِتھ۔ ناٹک کار چھُ ناٹک وُچھن والین أہی گَران، ''شِوٕ سُنٛد سُے اَسُن کھنٛگالہٕ گٔرِتَن تُہنٛز رأچھ''۔[1]

بیٚیِس أکِس اِقتباسس منز چھِ شِو تہٕ پارؠتی خوشگوار ماحولس منز پانہٕ وٕنی گنٛدان آسان۔ گنٛدان گنٛدان چھُ شِو سُنٛد ژٔنٛدر وٕسی پیوان تہٕ پارؠتی ہٕنٛدِس ہٕرٕس گٔنٛڈِتھ گرِس پیٹھ پیوان، یٛیمہِ سٕتۍ یہِ کوٚر چھُ کھُلان۔ پارؠتی چھےٚ لوتہِ پأٹھی ژٔنٛدر تُلِتھ گرِس ژٔنٛدرٕ سٕتۍ دَھکہٕ دِتھ واپس جوڑان تہٕ شِوس بَڈٕ چاوٕ سان پنُن تگُن ہاوان۔ ناٹک کار چھُ لوٗکن أہی کران ''سُے (سوٗرے زأنِتھ تہِ

1. Maatar jeeva kim etad anajli pute taatena gopaayate,
Vatsa saadu falam prayach chhati name gatvaa grahaana swayam I
Maatraivam prahite grihe vighatatyakrishya sandhyanjalim,
Shambhor bhinna samaadhi Ruddhrobhaso haasodgamah paatu vah II
Subhaashitaavali Padhya, v.,69.

باس تہٕ دِنہٕ وول) شِو تہٕ سو پارؤتی تہٕ سُے خنجر نُما سفید زِژ وول ژٔندر رٔگرِ تَن توہہِ سارِنے (ناٹک وُچھن والین) پیٹھ رٔحم تہٕ بجأیی۔[1] نبی نوع اِنسانہٕ سٕنٛد یتھ بُرأژ پیٹھ چھِ تِتھی ہی منظر تہٕ ناٹکی واقعات عام لُوکن ہٕنٛزِ اَچھِ وأیی زِندگی مَنٛز اَسہِ اَز تہٕ نظرِ گژھان، مگر یِم وَدِ کَڈٕنی تہٕ یِمن ڈرامأیی صوٗرت دِنی تہٕ حقیقی طور سأمیٛن بڑوٚنہہ کنہِ پیش کرٕنی چھےٚ ڈرامانِگارن تہٕ مُصنفن ہٕنٛز کأم۔

دھنک سٕنٛز لِچھمٕژ دَش رٔوپک ٹیکایہٕ ہٕندِس اُکِس اِقتباس مَنٛز چھُ اُکی سے پدس مَنٛز کھوژوٗن (روٗدر رس)، حُسن تہٕ دِلکشی (شرٛنگار رس) بیک وقت آمتی وُہتلاونہٕ۔ یتھ مَنٛز اُکِس ماہرِ فن نژن واجنہٕ ہٕنٛز مُشابہت مادِ چکوٕ جاناوارس سٕتی چھِ آمٕژ دِنہٕ یوسہٕ اَکہِ شرارتہٕ بُرژ اَچھی چھےٚ آسمانس مَنٛز باگ دَزِونس سِری یَس وُچھان تہٕ بیٚیہ پرُنم اَچھی چھِ پنٕنس معاشوقس وُچھان۔ یتھ کٔنی چھےٚ یہ مادِچکوٕ دوہہ دَرٕ لُکنس پیٹھ پنٕنس بے ووفا معاشوقہٕ سٕندِ باپتھ پُرنم اَچھ پڑاران تہٕ دوٗیمہِ اَچھی نار ژھٹِونس آفتابس پرٛشرارت نظرِ وُچھان تہٕ یتھ کٔنی اُکِس بازوق رقاصایہٕ ہُند فن پیش کران۔[2] یہ اِقتباس چھُ پےٚ دِوان زِ چندرکؔ کوتاہ تھدِ پایک شأعر اوس۔ یہ وَنُن چھُ مُشکل زِ یہ چھا سُے چندرگومن

---

1. Chyutaamindor lekham rati kalaha bhagnam cha valaam,
Shanairekeekritya prahasita mukhee Shailatanaya I
Avochadhyam pashyetyavatu sa Shivah saa chi Girijaa,
Sa chi kreeda Chandrodashana kirnaa poorita tanuh II

Subhaashitaavali, v.,66.

2. Ekenaakshnaa parilata rushaa veekshate vyoma samstham,
Bhaanur bimbam sajala, lalitenaaparenaatma kaantam I
Ahnahschhedp dayita virahaashankini chakravaakee,
Dovau sankeernau rachayati rasau nartakeeva pragalbhaa II

Subhasolvali, 1916, Dasharoopak Tikaa.

تیٚمۍ تِبتی زبانۍ منٛز ترجمہٕ سپُدمُت ناٹک ''لوکانند'' چھُ لیٛوکھمُت یِمہٕ یہِ چھُ کانٛہہ الگ شخص۔ تیٚمہٕ پتہٕ کروٚ اَسۍ تبصرٕ تِمن ترٛین سنسکرت ناٹکن پیٹھ یِمن ہُنٛد ذِکر بڑٕوٚنہہ چھُ سپُدمُت تہٕ یِم سٲری تُوبتھ اَسہِ تام واتۍ مٕتۍ چھِ۔

## (۱) پادتاڈِتک

''پادتاڈِتک''[1] ناٹک چھُ شیاملِک ناوٕ ناٹک کارَن لیٛوکھمُت۔ یہِ گونماتھ اوسا کٔشیرِ ہُنٛدے روزن وول یِمہٕ نہٕ یہِ چھُنہٕ سکہٕ پاٹھی مولوٗم ہیوٚکمُت سپدِتھ۔ ووں گو ابھنوگپت، کیشمندرٕ تہٕ مقولہٕ تہٕ کہاوٕژ لیکھن والیٚ قلمکارو چھُ اتھ کتھِ کُن اِشارٕ کوٚرمُت زِ شیاملِک اوس کٔشیرِ ہُنٛدے روزن وول۔ پادتاڈِتک اَنٛد واتناوَس پیٹھ چھُ تَس ''اُدیچہٕ'' شاعر یعنے ''شُمالی ہندوستانُک روزن وول'' آمُت مانہٕ۔[2] یہِ کتھ چھےٚ ژٕتس تھاوٕنۍ لایق زِ اَسہِ پٔزِ شیاملِک ابھنوگپتس بڑٕوٚنہہ ترٛےٚ ژور ہَتھ وٕری پرٛوٚن گونماتھ مانُن۔ تِکیازِ اَکِس مایاناز تحقیق کار، ٹی برو ہِندیو واریاہو تحقیقی حوالو موٗجوٗب چھُ پٔدتاڈِتک ناٹکُک وَق ژوٗرِمہِ صٔدی ہِندِس اختتامس پیٹھ یا پانٛژمہِ صٔدی ہِندِس شروٗعس منٛز مانُن واجِب۔ تسُنٛد وَنُن چھُ زِ یُس عالم گیٖر بادشاہ سُنٛد ذِکر ناٹک کارن ناٹکس منٛز کوٚرمُت چھُ سُہ چھُنہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ ٹھوٚکہِ چندرگپت بکرماجیت دوم۔ ناٹکس منٛز یُس بعدزایدھ بوڈ سپہہ سالار چھُ وَکھنہٕ آمُت تہٕ یُس کارُشملد تہٕ

1. اَمہِ ناٹکُک ترتیب کار چھِ ڈاکٹر موتی چندر تہٕ بیٚیہٕ ڈاکٹر واسدیو شرن اَیوال۔ یہِ چھُ ہِندی گرنتھ رتناکر کاریالے، پرائیویٹ لمیٹڈ، ممبئی پیٹھ چٔتر بھانی تحت چھاپ سپُدمُت۔

2. Iti kavir Udeechasya Vishveshwar Datta putrastha Arya Shamilakasya kritih Paadataadita naama Bhanah smaaphatah.

باہلیک قبیلن ہُنٛد زیٹھ اوس، چھُ مگدھ راجہِ خأطرِ، مالوَ، شک تہٕ ایرانت علاقہٕ زیٚنان۔ چندر گُپت دوم ہٕنٛدِ باہلیک قبیلہٕ زیٚنٕنٛک حوالہِ چھُ اَسہِ اُمِس راژِ ہٕنٛدِ مہرُ لی شِلا لیکھس منٛز نظرِ گژھان۔[1]

پادتاڈِتکس منٛز چھُ ہوٗنٛن ہُنٛد ذِکر صِرف اکِہ لٹہِ آمُت یتھ منٛز شیامِلکن تمن ''سرحدی بٔسکیٚن'' ناو چھُ دیُتمُت۔ یہ کتھ چھےٚ یاد تھاوٕنۍ لایق زِ ہوٗنَو اوس کُمار گُپت ہٕنٛدِس دوٗرِ حوٗکوٗمتس منٛز ہِندوستانس پیٹھ حملہٕ کوٗرمُت تہٕ راجکُمار سِکنٛد گُپتن اُسی تِم شِکست فاش دِتھ سرحدن پیٹھ روزنس خأطرِ پامال کٔرۍمتۍ۔[2] چوٗنکہِ تمن اُس سو پژاُنۍ سأرِے جنگجوٗ تہیہ ووٚنۍ موکلے مِژ شاید چھُ تمی تہٕنٛد ذِکر صِرف اکِہ لٹہِ اَتھ ناٹکس منٛز آمُت سُہ تہٕ صرف سرحدس پیٹھ روزن واجنہِ ذأژ ہٕنٛدِس صوٗرتس منٛز۔ ڈاکٹر ٹی بروٗ چھُ پدتاڈِتکس منٛز دٕرج اِندر دتّ سٕنٛز پہچان مغربی ہِندوستانٕکس تژے کوٗٹک خاندانٕکس اَکِس سِکس پیٹھ لیکھتھ اِندر دتس ستیٚ کٔرمِژ۔ اُمِس اِندردتہٕ سُنٛد وق تہٕ چھُ اَزتام حأصِل شُدٕ ماخزو موٗجوٗب پأنٛژمہِ صٔدی ہُنٛد گوڈ کانٛہہ یوان مانٕنہٕ۔ کاکاین وہلٔیک چھُ بھِشک ہرِشچندر سٕنٛز پہچان چرک شاستریکس ٹیکا کار (شرح لیکھن وول) بھٹارِ ہرِشچنٛدرس ستیٚ کران۔ تیمی ہٕنٛدِ نژٕنکی تأریف مشہوٗر ناٹک کار بھانَن چھِ کٔرۍمتۍ۔ راج شیکھر سٕنٛزِ ''کاویہ میما مسا'' یہِ منٛز دٕرج حوالہِ موٗجوٗب چھُ ہَرِش چندر مہراج وِکرما دتیہِ سٕنٛزِ راجہِ سبھایہِ منٛز اوسمُت۔ امہِ حوالہِ موٗجوٗب تہٕ چھُ ''پادِ تاڈِتِک'' ناٹکُک وَق پأنٛژمہِ صٔدی ہُنٛد گوڈٕ کانٛہہ یوان مانٕنہٕ۔

1. Teertwa sahamukhaani yena samare sindhor jitaa Baahaleekaah.
Iron Pillar Inscription, Mehorali.

پادِتاڑِتک چھُ دراصل اکھ مزاحیہٕ ناٹک یتھ منٛز ناٹک کارن تمہٕ ساتچہٕ سماجی، سیاسی تہٕ اِقتصادی حالات بھاونچ کوشش چھےٚ کٔرمٕژ۔ امیُک کاشُر مُطبادِل ناو اگر أسی ''لَتہٕ لوٚیے'' تہِ وَنو تہٕ غلط گژھنہٕ کینٛہہ۔ یہِ اوس سائنس پزائنس ہندوستانی تہذیبس منٛز سُہ وَق یُس اَسہِ کاشرٮ۪ن از بزوٚنہہ کُمی کال ویوٚد اوس یتھ أسی ''طاشوانی تہذیب'' چھِ ونان، ییٚلہِ سانہِ وادی ہٕندی رٮ۪یس تہٕ جاگیردار پننین جِگر گوشن سری نگر طاشوان أسی سوزان ییٚتہِ تمن حافِظ آسہٕ جاگیرداری تہٕ رٮ۪یسی ہٕندیو طور طریقو نِشہِ آگاہ کران۔ کٔشیرِ ہٕندِ وسطی دورٕکین واریاہن رازن ہنٛز بیشتر رأژ آسہٕ یمہِ گتہٕ رینٛنن حوالہٕ آسان یمن سماجس منٛز مُختلف ناو أسی مثلن: دیو کنیایہِ، گتہٕ رینٛہِ، حافظہٕ بیٚترِ۔ امہِ ترٛایہِ ہٕندی چھِ واریاہ حوالہٕ توأریخی سرمایس منٛز موٚجوٗد۔ ییٚمہٕ حافِظہٕ آسہٕ راز دربارچہِ گتہٕ رینٛہِ آسنہٕ علاوٕ سِیاسی اکھاڑن تہِ موچھِ منٛز رٹان تہٕ رازٕ مندورٕن ہٕندٕن اَبود باٗلگن دُنیاوِی طور طریقٕچ زان کأری تہِ دِوان۔ ییٚمہِ آسہٕ رازَن ہنٛز رازدار تہِ آسان تہٕ یِہندٕن مثلن تہٕ کھُرٕن ہنٛز زانی کار تہِ۔ سائنس کاشرِس شبدٕ سرمایس منٛز چھُ اکھ لفظ ''ترٕٛپتٕ'' یا ترٛی پٔدی۔ یہِ لفظ چھُن أسی دوکھہِ بأزی، شرارت، ژھل بأزی، چالاکی بیٚترِ ہٕندِس مانے یَس منٛز استعمال کران۔ لِسانی طور چھُ یہِ لفظ ''ستری پَد'' منٛز اخذ سَپدِتھ ووں صرف ''ترٕٛپتٕ'' یا ترٛپٔدی روٗدمُت۔ شاید ما آسہے یہِ ستری پَد یمہِ گتہٕ رینٛنن ہٕندِ باپتھ مُروج۔ یم رازٕ مندورٕن منٛز گتہٕ رینہِ آسہِ آسان تہٕ تتھ کٔنی سُلطانن تہٕ رازن ہٕندِس ہنٛس تہٕ بِگرِس ستیٖ وابستہٕ

آسان۔ یمن راژِ مندورِبن منز آسہِ یمہِ گتھ کرِتھ راژس پننہِ خاہشہِ ہُند باس دِوان تہٕ وٲلی عہد مُقرر کران۔ وقت گنڈرنس ستی ستی سپُد ''ستری پد'' لفظ ترٛپُدس منزٕ ے زم۔ تکیاژِ کاشرِ زبانی منز چھِ ازتہٕ ''رنہِ'' ہندِ باپتھ ''تری'' لفظٕ استعمال سپدان۔ باسان چھُ امہِ لفظُک سنسکرت رِ پھ ''پادتاڈِتک'' چھُ از بڑونہہ شُراہ شتھ وٕری ہندوستان کِس اَدبی سرمایس منز موجوٗد اوسمت تکیاژِ تمہِ وقتکبن راژن تہٕ آسہن یِمے حاٗفِظ تہٕ گتہِ رینہٕ یتھبن شاہی معاملن منز مدد کران۔ بَس یوہوٕے اوصوٗل چھُ اَسہِ پادتاڈِتکس ناٹکس منز تہٕ نظرِ گژھان۔

پدِتاڈِتک چھُ اکھ مسخرٕ پاٹھر ییمِنگ کِردار وٕسی پایہِ نٹ چھُ، یُس پانس ستی ہوہس منز سوال تہٕ پانے کران تہٕ جواب تہٕ پانے دِوان تہٕ یتھ گنٕز ساری کہانی بوزن والین بوزٕ ناوان۔ پلاٹ یا ناٹِچ کہانی چھِ یتھ گنٕز:

''سوراشٹرِ کِس مہاماتیہ (وزیرِ عظم) وشنہِ ناگ سُند نچُو چھُ گژھان تمہِ وقتچہِ سارِوے کھوتہٕ بجہِ گتہِ رینہِ نِش پنُن قسمت آزماونہٕ خاطرٕ۔ سو تہٕ چھس قدرٕ کرِتھ تالہِ لتھ تھوان۔ تس پزٕہے پننس قسمتس پیٹھ ناز کرُن۔ مگر سُہ مُرکھ چھُ ویہرٕ گژھان تہٕ تُلہِ نار ژاپان۔ پانس یہِ لتہٕ لایُت ہُند دوٗش کاسنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ بڈٕبن بڈٕبن براہمنن نِشہِ گژھان مگر امیُک حل چھُنہٕ تس کانسہِ نِش تہٕ نظرِ گژھان۔ ساری چھِس ٹھٹھہ کران تہٕ پاگل زانِتھ دکہٕ دِوان۔ آخرس چھس اَکھ لوکُٹ براہمن شانڈلیہ بھوسوامی یُس وٕسہِ پایہِ ناٹکن منز بیچھ کِردار کرن والین بٔتن نِش گژھنک تس مشورٕ چھُ دِوان۔ یمن ناٹک کارو بٹ اوس ناو

تھوومُت۔ یِم اَسی عام لُکہٕ مُجلِسن منٛز شاٰمِل سَپدِتھ زَنتہٕ پزٕ ی پاٗٹھی بٕتھ لاگان تہٕ ییتھٕ کٕنی پاٗتھر چاران یہِ ڈیٚپی زِ تہٕ ساٗنبن اَزٕ کٕمن باٹن ہنٛدی پاٗٹھی۔

وَدرُن مادھو ہنٛدِ وننہٕ مۆجوٗب چھُ بٹن ہیرسبھا بُلاوِنٛچ کاٗم اَکِس بٹس حوالہٕ آمٕژ کرنہٕ۔ ''بٹ'' لفظٕچ وضاحت کران چھِ بٔڈی بٔڈی سرکاٗری مُلاٗزِم تہٕ وٕتھکو سامنت تہٕ یِمٕنی منٛز گٔژرنہٕ آمٕتی یِم طواٗے فَن موٗڈ رٕقم دِتھ پَتہٕ پَتہٕ چھِ یِکان۔ بٹ چھِ پرٛتھ رنٛگہٕ خوشحال شہرس منٛز داٗخل سپدان تہٕ تِہنٛز خوشحاٗلی وُچھِتھ تمہِ شہرٕک تعاٗریف کران۔ تِمن مُلکی تہٕ غاٗر مُلکی تواٗیفن ہُنٛد فِہرِس پیش کران۔ وَتہٕ یِکان چھُ تَس پاکیزٕگی ہُنٛد ڈوٗنگ ورتاوَن وول جِ وِشنہ داس نظرِ گوھان۔ ےَ خانس نِشہٕ واٗتِتھ ڈولہٕ واٗلِس تہٕ بیٚیہٕ باقی سازنٛدرَن ستی میلِتھ شرابک نوٗٹ تٕلِتھ نژان نژان چھُ سہٕ واہلیکٕ سنٛدِس نیٚچوِس واشِپس وُچھان یُس ہمیشہٕ نٔشس منٛز دُت چھُ آسان۔ تتہٕ پٔتہٕ نیرِتھ چھُ سُہ ڈولہٕ واٗلی ستھانہٕ ہِتر ہنٛز پزٕاٗنی محبوٗبا طواٗیف مژ دِنکناہِ وُچھان یوسہٕ کامہٕ دیوٕ ہنٛدِ مندرٕ پٔتہٕ یِوان چھِ آسان وَتہٕ یِکوٗن چھُ تَس کاکیٖن حکیم اپشان چنٛدر سُنٛد نیٚچوٗ ہرٕی چنٛدرٕ تہٕ میلان، یُس پننہٕ محبوٗب ویشایہٕ ہنٛدِس کلہٕ داٗدِس دوا کرنہٕ خاٗطرٕ چھُ دِوان۔ بژونہہ یِکتھ چھُ بٹ فوجہِ کِس سربراہ سینکٕ ہنٛدِس نیٚچوِس آریہٕ گھوٹک مگھوژ ماہَس وَشیا پُشپ داسی ہُنٛد درواز مُژراوان وُچھان۔ اِنٛدر سُوامی سُنٛد پژاویٹ سیکٹری ہرنیہٕ گربھک کاٗشی ہنٛز مشہوٗر تہٕ ساریٚوے کھوتہٕ بٔڈ طواٗیف پراکر مِکایہٕ ہنٛدِ گرِ نیران۔ سِپہ سالار بھٔدراٗیدھ وُچھن شوٗر پارکِہ

طوآیف، رام دأسی ہِندِ گرِ نبر نیران۔ بھِکشو نرِپیکھشہِ وُچھن مُژِ بناوان۔
بٹ چھُ تَس پزلنہِ محبوبایہِ رادِھکایہِ نجات پرٛاوِنٛچ وُتشی دِتھ بۄزنہٕ نیران تہٕ پننہِ
معاشوقِ شۄر سیناییہِ ہِنٛدِس باغس مَنٛز اَژِتھ تس سمکھان۔ پتہٕ چھُ سُہ مَشکہِ ہِنٛدی
پأٹھی وٕنٛٹھس اُپگُپتس سمکھان، یَس پتہٕ کِتابہِ پیٹھ تبصرٕ کرن واجِنٛز مادٕیتی پننس
تبصرٕ کرن وأٚلس ترٛأوِتھ، فریفتہ گأمٕژ چھےٚ آسان۔ تمہِ پتہٕ چھُ سُہ أکِس
رٕیپس تہٕ شان شوکتس مَنٛز روزن وأٚلس لاٹھ صأبَس سمکھِتھ پننِس دوستَس رام
سُنٛد گرِ واتان۔ مگر أندرٕ گَھئن ہُند شرٕونی بۄزتھ چھُنہٕ اَندر اژان۔ نِکہٕ نٔدُر
توٗنٛڈکوکہِ سۄریہِ ناگ چھُ بٹ وُچھِتھے پَتُن بتھِ کھٔژتھ ژلان تِلیازِ ذٔلیل وٕسی پایہِ
ویشاہو چھُ اُتس مقدمہِ آسان کوٗرمُت۔ تمہِ پتہٕ چھُ سُہ سہل دہشچہِ ویشایہِ مۄر
سیناییہِ ہِنٛدِ گرِ نیرِتھ وِدٕرٕیکس تلوٗر ہرِ شۄدرس نظر دِنہِ گرٕھان۔ بازرچہِ گلی مَنٛز چھُ
سُہ شک کُمار جیتنکس ستی گھنٹہ أسی برٕبرٕ کایہِ وُچھان۔ آبھیلک مۄر کُمارس ستی
چھُ وُچھان راکایہِ گنٛدان۔ شاردِلہِ ورما ہِنٛدِس نچوس وراہ دأسس چھُ وُچھان
پننہِ یوٗنی رکھیلہِ کرپۄر ترِشٹایہِ ستی شراب چیوان۔ ہُسی رچھن وأٚلی سُنٛد نچو اوس
پرٛوأل بالایہِ ہُسی تس پیٹھ خأرِتھ پکناوان۔ یمن سارِنے بٹ پنچایتس مَنٛز شأمل
سپدِنٛچ داوتھ دِتھ ووت سُہ بٹ جیموت سُنٛد گرِ تہٕ تتہٕ أسی واریاہ بٹ جمع
سپدٕمتی۔ خأدِم چھِ چانٛدِ ہِنٛدیو لوٹو ستی پرٛھبن ہِنٛدی کھور چھلان۔ أڈی چھِ
اورٕ یور پوٗش وہراوان۔ کُنہ چھِ ژأنگی زٲلِتھ چراگان یوان کرنہٕ۔ کُنہ چھُ یوان
ژنٛدھن بأگراونہٕ۔ أڈی چھِ عطر چھکان۔ گوٚن، گنٛدُن تہٕ طوأیفن ستی ٹھٹھہِ
مسخری چھِ اتھ دوران چلٕونی روزان۔

بٹ چھُ اُتھی بٕڈہٕ سماجس وٕشنہٕ ناگ ہٕندِ باپتھ موکجارچ وَتھ ژھانڈنہٕ خاطرِ ونان۔ بٹن چھُ یٟمہٕ کتھِ ہُند افسوٗس زِ مدن سیتایہِ ہٕش تھدِ پاتیٚج طوٲیف تہٕ چھنہٕ ہیچھِتھ صٔحۍ اِنسانہٕ ہٕنٛز پہچان کٔرتھ۔ دھاوک انت کتھِ ہٕنٛز راے چھےٚ زِ بیوقوٗف مدن سنیایہِ گژھِ امہِ باپتھ سزایُن دِنہٕ۔ یٟمۍ تٔمِس جانور ہٕندِس کلس پٹھ پوٚ دتھوو۔ یہِ خرس بڑوٚنہہ کنہِ بین واتیٚج ہٕش کٲم کٔیاز کٔرتمہِ۔ شِو دیشک شاعر آرییہٕ رکھشِت یُس اکہِ پیالہٕ شراب خاطرِ پنٕنۍ شاعری کِنان چھُ، چھُنہٕ مانان زِ وٕشنہٕ ناگ اوس اتھ قابل زِ مدن سینایہِ ہٕندۍ پٔدۍ لگہن تٔسندِس کلس سٟتۍ۔ بھوکپرتی ہٕنٛز راے چھےٚ زِ مَدن سینایہِ پزِ وٕشنہٕ ناگ سُند مَس رٔٹتھ پنٕنس اَڈۍ پنٕس گنڈُن تہٕ تٔس اَتھِ کھورن موٚتھ دِوناوٕنۍ۔ گندروسین چھُ اتھ رایہِ برخلاف۔ دکھِن دیشک کوٗی آریک چھُ امہِ باپتھ پرایسچت خاطرِ یہِ راے پیش کران زِ مَدماٗس مدن سنیایہِ گژھِ نٔحرو بٔرتھ اُچھن ہٕنٛز ٹلہٕ تڑاو کٔرتھ نظرو سٟتۍ پنٕنو کنکو پمپوشہٕ جمکو سٟتۍ وٕشنہٕ ناگس کلس پٹھ ٹاس لایٕنۍ۔ مگر گاندھار دیشُک ہستہِ موٗرکھ چھُ اتھ کتھِ خلاف، تِکیازِ تٔمۍ سُند وَنُن چھُ زِ کٕنِن ہٕندِ پمپوشہِ جمکو لایٕنہٕ سٟتۍ میلہِ نہٕ وٕشنہٕ ناگس کانہہ سزا ٲکۍ کِہ سُہ کرِتھ برعکس تٔمۍ ہٕنٛز خوش بوٗ حاصِل۔ گُپت سُند وَنُن چھُ یتھ پٲنس منٛز مدن سینایہِ ہٕندۍ کھور سٟتۍ چھلنہٕ تمہِ پانہِ سٟتۍ گژھِ وٕشنہٕ ناگہٕ سُند کلہٕ یُن چھلنہٕ۔ مہیشوردت چھُ یہِ وٕنتھ اتھ کتھِ دول دِوان زِ وٕشنہٕ ناگ چھُنہٕ سُہ پوٗرۍ چھٕنس لایَق تہٕ یٟمہِ سٟتۍ مدن سینایہِ کھور سٟتۍ چھلنہٕ۔ سَوویر دیشُک بُڈ بٹ چھُ امہِ غلطی ہٕندِ نجاتہٕ باپتھ یہِ راے دِوان زِ وٕشنہٕ ناگ گژھِ اتھس منٛز نوکرِ ہٕندۍ پٲٹھۍ اَنہٕ رٹُن تہٕ شرٛان کٔرتھے دڑاہ۔

مَدن سینا گرٛ ٹھِ تمہِ اَنہٕ مَنٛز پٔنٛنی شبیٖہہ وُچھِنٛی تہٕ پٔنٛنِس مستس شیرٕ پأر کرٕنی۔ یہِ سُجاو تہِ چھُ داشیٛرک شأعر رٛوُدرٕ ورما سٕنٛدِ ذٔریعہِ دَکہٕ دول کھوٗان۔ تمۍ سٕنٛزِ رائے پٔھٹے زِ وِشنہٕ ناگس گرٛ ٹھِ مَس یُن کاسنہٕ۔ بھٹ جیموٗت سُنٛد خیال چھُ زِ وِشنہٕ ناگ گرٛ ٹھِ ناموافق خوشک مَس تھاوُن۔ مَدن سینا گرٛ ٹھِ پأنٛز یب گنٛڈِتھ یم کھورو جیموٗتَس تالہِ پٹھ تھاوٕنٛچ دَیا کرٕنی۔ تہٕ وِشنہٕ ناگ گرٛ ٹھِ یہِ سورُے اَچھی پھِری پھِری وُچھوٗن روزُن۔ اَتھی پڑایاچتس چھِ سأری منظوٗر کران تہٕ پٔتہٕ سٕنٛز یہِ حقیر خأہش پوٗرٕ سپدنٛچ اَہی ہتی چھُ یہِ ناٹک انٛد واتان۔ اَہی چھِ یتھٕ کٔنی:

''زٔر کہِ تہٕ طعنہٕ دِنٛس منٛز مأہر دَلألی کرن واجنہِ (کُٹنہِ) روٗزِتَن وارٕ وتہِ۔ ہتہٕ بَدبٔن ٹھگَن ہٕنٛز آمدنی روٗزِتَن بَدستوٗر جأری۔ یَتھ شہرس منٛز روٗزِتَن ٹھگَن ہٕنٛز مزدار بیٛٹھکہِ چلوٕنہِ تہٕ بےٚ پھرٕکی پأٹھی سنٛدھیا وقتس پھیرن تھورن والین ہٕنٛدی لولہٕ بٔرتی جلسہٕ روٗزِتَن لگاتار چلوٕنی۔''

یتھٕ کٔنی چھُ یہِ بھان (مزاحیہ ڈرامہ) انٛد واتان۔

سنسکرت ڈراما چھِ عام طور رازن تہٕ رأئین مُطلق آسنہٕ موٗجوٗب عام لوٗکن ہٕنٛز زِنٛدگی ہٕنٛز عکأسی نِشہٕ دوٗر آسان۔ مگر طنزِیہ، ظرافتی تہٕ مزاحیہ ناٹکن تہٕ پأتھرن منٛز اوس عام لوٗکن ہٕنٛزے زِنٛدگی ہُنٛد بیان عام طور آسان۔ اَتھی مہِ نٛوی مہِ صٔدی پتہٕ لیکھنہٕ آمتین پأتھرن تہٕ مزاحیہ ڈراماہَن منٛز چھُ اَسہِ روٗدِ وأدی موضوٗعن پٔٹھ بیان بأزی نظرِ گژھان، مگر شاملکہِ سٕنٛدِس یَتھ پأتھرس منٛز چھِ تمہِ وقتکین سماجس منٛز مُروَجہ تمن حالاتن یم توأیف عملس ہتی وابستہٕ چھِ، زِنٛدٕ جاوید تصویرٕ کٔشی کرمٕژ۔ باسان چھُ زنتہٕ کٔشیرِ ہُنٛد بھان لیکھن وۄل

شامٟلک چھُ پٟنٟس کٹنٟمتس منٛز تہٕ بحیثیتِ اَکھ کِردار شامٟل اوسمُت۔

کھشیمنٛدر چھُ ورپہٕ وٟلنس منٛز، دیشو پدیش، نَرمہٕ مالا تہٕ سمے ماترِکا ہیٚتھ تصانیفن منٛز یوٚہے طور طریقہٕ ورتاوِتھ سماجکین غُمنٛڈی، لالچی، بدکار تہٕ پاپٟ پانس روتبہٕ کھارَن والین کیٚہن خاص شخصن ہنٛز ملامتھ کٔرمٕژ۔ امہٕ قسمکی یم ظرافتی ڈرامہ اَسی عام لۄکن ہُنٛد دِل رٔنٛزناوان تہٕ سٟتۍ سماجس منٛز مۆجوٗد تِمن کمزوٗرین تہٕ خامیَن منٛز دَب والان تہٕ یتھ کٔنۍ کارِبارٕ تہٕ اوسۆدِ حال طبقچہِ حالژ ہُنٛد اَلی وانگُن سماجس برٛونٛہہ کنہِ پیش کران۔ اچھ ژیٖنہٕ وَن چھِ زَن یمن سارِنۍ ناٹک کارن شامٟلک سٕنٛدِ "پادتاڈِتک" بھان (نداحیہٕ ڈرامہ) پیٚٹھے حاصِل سپٕز مٕژ۔ امہٕ بھانٕک مقصد چھُ صرِف دِل بہلاوٕنۍ سٟتۍ سٟتۍ تمہِ وقتچہِ اَبتر سماجی حالژ پیٚٹھ چوٹ کرُن۔ طنٛز تہٕ ظرافتہٕ ذٔسی وٕتیٚکین مانہٕ آمتین بڈبن لۄکن ہنٛز مشہوٗر زِندگی ہُنٛد اَلی وانگُن نوٗن کڈُن تہٕ طوایفن ہنٛزِ زِندگی ہنٛز عکاسی کرٕنۍ۔

دامۆدر گُپت تہٕ بلہن سٕنٛدِ پاٹھی اوس شامٟلک اوسۆدِ حال بننہٕ باپتھ کٔشیرِ پیٚٹھ اُچین وۄتمُت۔ یہٕ اَس گُپت شاہی ہنٛز رازدھانٕی تہٕ تہٕ شُمالی ہِندوستانُک باوِقار تجارتی مرکز تہٕ۔ اتھ چھِ شامٟلک ناوٕ ہہنہٕ بغار پرٛتھ رنگہٕ پاپَر جا نگر ونان۔ اَمی سٕنٛدِ وننہٕ موجوٗب چھے یہٕ نگری جوٗمبہٕ دیپُک (ہندوستانُک) ڈیکہٕ ٹِکہٕ تہٕ واریاہَن جنگن منٛز زٕنٛنہٕ متہِ سوگاتہٕ سٟتۍ برِتھ نگر۔ اَتہِ چھے مُطلق العنان بادشاہ سٕنٛز روزن جاے[1] امہِ شہرٕکی لۄکھ چھِ واریاہَن علاقن تہٕ ذاژَن ہُنٛد رَل۔ پہاڑو پیٚٹھ،

1. Aho tu khalu Jamboo dveepa tilaka bhoo tasya sarvaranaa vishkritavibhooteh I
Saarva bhauma Narendraa dhitishthitasya saarva bhaumanagrasya paraashrih II
Shaamilaka Paadataaditaka.

زُوِبو پیٹھٕ نٛتہٕ سیکہِ صحراوو پیٹھٕ چھِ راز یور یتھ امہِ شہرٕکین مختلف طرفاتن مَنٛز بسیمتیٚ۔ شک، یَون، تُشار، پارسی، مگدھ، کِرات، کلنگ، بنگال، چول، پانڈے تہٕ کیرل علاقن ہٕنٛدِ بو لۄکو سٟتؠ بۄ رُت یہِ شہر چھُ پرٛتھ رَنٛگہٕ خوشِیوُن۔[1] امہِ مہانگرٕکی بازرچھِ دیٚشِ دیشانترکۍ لۄکو۔ مردَو تہٕ زنانو سٟتؠ برِتھ یم کھٔسی پایہِ تہٕ وٕسی پایہِ آبی تہٕ خوشکی وسیلو وٕسی وٕسی یاب مال ہوٕان تہٕ کِنان چھِ۔ مال ہٕنٛنٛس کِنٛنٛس پیٹھ چھِ پرٛتھ ساتہٕ مردَن تہٕ زنانَن ہٕنٛز ووسہٕ دٕروس آسان۔[2] پھکِیس سٟتؠ پھیوٚک رَلاوِتھ ژیٚلہٕ ژرٕٹ کٔرِتھ، وَکمٕدٕکی کٔرِتھ پاہِوٕنی بہَس گَران۔ کیٚنٛژھا خریدآری کٔرِتھ یِنہٕ گرٛھنہٕ وول لُکہٕ ارساتھ چھُ باسان زَن چھُ زمینٛس مَنٛز فصل اِستادٕ۔[3] طوائفن ہُنٛد چھُ الگ ''لَوٕنِکاہن'' بازار ( گوشہِ نِشینَن ہُنٛد بازر)۔ مُلکٕکو واریاہو علاقو پیٹھٕ یا تمہِ نبرٕ تہِ چھِ واریاہ طوائف مثلن، سَوراشٹرٕ چ، مدن سینِکا، پاٹلی پترٕچ، پُشپ دأسی، کاشی ہٕنٛز پراکرمِکا، شوٗپارٕچ رام دأسی، سمہلٕچ میوٗر سینا، دراوِڈ دیٚشچ کاویرکا، بَربَرکا تہٕ یَون دیٚشچ کرپوٗر تُرِشٹا بیٚترِ بیٚتہِ روزان۔ طوائفن ہٕنٛدِ محلک ذِکر چھُ شوٗدرک ہٕنٛدِس ''مرٕچھک ٹِکہس'' مَنٛز دَرٕج، وَسنت سینایہِ ہٕنٛدِ محل خانٕکس اوحالس سٟتؠ واریاہَس حَدس تام میل کھوٕان۔ چاردیوآری، زنانہٕ خانہٕ، دارِ، أنٛدرِم کُمرٕ، ٹاور تہٕ تہٕ پرٛتھ محلس مَنٛز سوٗندر تہٕ شفاف بۄوِلی تہِ چھےٚ تتھےٚ کٔنٛز وکھناونہٕ آمٕژ یتھ کٔنٛز

---

1. Giribhyo dveepyabhyah salilanidhi kakchhaadipmaror,
   Narendairaayatairdishi dishi nivishtaishcha shatashah,
   Shakayavan Tushaara Paraseekair Magadha Kiraata Kalinga Banga Kaashaih I
   Nagaramatimudaayutam samantaan mahishaka Chola Paandya Keralaishcha II
2. Esha bho anekadesha sthalaja jalaja saaraphalgupanya kriya vikriyopasthita stripurushasam baadhaantaraapanaam saarvabhaumasya vipanim anupraaphtah II
   Shaamilaka Paadataaditaka, p.,166, v.,8.
3. Amsenaamsambhignataam vtvadataam tat tatcha sankreenataam I
   Sasyanaamiva panktayah prachalataam trinaamami raashayah II
   Ibid, p.,176, v.,30.

یمہٕ مرچھلٹکس منز چھہِ بیان کرنہٕ آمٕژ۔ طوائفن ہنٛدی واریاہ ناو مثلن: ویشانگنا، ولاسنی، مدن دؤتی، ویشسترٛی، ویش دیوتا، ویش کنکا، انگنا، پتاکا ویشا، رؤپ داسی، رؤپاجیوا، دیش سُندری، داسی، وارستری، گنکی وغارٕ ناو چھہِ قابلہِ ذکر۔ ''ویشیا دِیشہِ پزتی ہارِ، آسہے ویشاین ہنزن سرگرمین نظر گزر تھاون وول سارِوے کھوتہٕ بوڈ حاکم۔ یاسان چھُ زِ یمہٕ طوایفہٕ آسہٕ سنگیتس تہٕ نژنس منز سبٹھاہ طاق۔ اَتھ منز چھُ بٹہٕ مجلسن ہُند زِندٕ جاوید تزکرٕ میلان۔ بٹن ہنٛدِس سردار بھٹہٕ جیموت ہنٛد گرِ یِیمہٕ بٹہٕ مُجلسہٕ منعقد کرنس دوران چھُ آمُت تمہٕ وقتکین شوقین جانبازن ہُند رنگین منظر پیش کرنہٕ۔ ''پادتاڈِتک'' بھان کہٕ تزکرٕ مُطابق چھُ بٹ سُہ شخص یُس پؤرٕ دوہس کارِ بار والین ستۍ جگرٕ تہٕ طناز کران روزِ تہٕ شامس کائنسہِ دوستہٕ ہنٛد گرِ کھناہ چھناہ گرتھ گزارِ راتھ کائنسہِ ویشایہٕ ہنٛد گرِ یا تُلہِ ہتھی یارٕ تہٕ راتی راتس روزِ مارا ماری کران۔ غریب آسِتھ تہٕ آسبس خرچس کیٛت شاہی طبیعت تہٕ پنُن زُو دِتھ تہٕ کرِ دوستہٕ ہنز راچھی ''دیشو پدیش'' تہٕ ''نرمہٕ ملایہٕ'' منز تہٕ چھُ بٹن ہُند یہوے رٕپھ نظرِ گژھان۔

پادتاڈِتک بھانس منز چھےٚ بول، چال تہٕ مہاورٕ دار سنسکرت زبان سبٹھاہ شیرٕ پارٕ گرِتھ ورتاونہٕ آمٕژ۔ تمی چھِ سرٹامس ونان زِ یہٕ چھےٚ سارِے سنسکرت زبانی ہنٛدِ سرمایک چیرتھ کڈنہٕ آمُت اَمرٕ بتھ۔[1] دھارمِک شبدن ہُند اِستعمال چھُ اتھ منز طنزٕ یہٕ طور کرنہٕ آمُت۔ بودھ بھکشوٗہن ہُند وٕطیر، عام آدمی خصٲلت (65.3)، پزتہِ بھگیا (14-88)۔ یوٗگ شاسترٕ کی لفظ (26)چھِ عام طور طنزٕ یہٕ طور ورتاونہٕ آمٕتی۔ یم لفظ چھِ سیدِ سیوٗد وَیشن ہنٛدِس تہذیبس ستۍ وابستہٕ

1. Chaturbhaani, p.,5.

کَرنہٕ آمتۍ۔ واریاہَن درشن شاسترن ہٕنٛدۍ تکنیکی لفظہٕ چھِ وَلیش لفظ ؤترِس ستۍ رَل کٔرِتھ اکھ مِثال پیش کرنہٕ آمژ۔ یہِ ناٹک چھُ وَلیش تہذیٖبک تہٕ تمدٕنُک اکھ موٗلُل خزانہٕ۔ اتھ ناٹکس مَنٛز چھُ زبأنی لحاظہٕ النکارن ہُنٛد تہِ استعمال کرنہٕ آمُت۔ شلیش (اِبہام) النکارٕچ یہِ مِثال نٕی توٚن: ''بے خوف روٗسی کچھِ کتہِ روٗد دوٗرِ دوٗرِ مَنٛز یاد شِکأری سُنٛد تیٖر مارُن''۔ اتھ شارس چھِ بیٚیہِ مانے نیران: ''رِیاضہٕ موٗجوٗب پنٕنہِ پانٕچھِ تھکاوٹ نِشہِ بے خبر تھاگتس کتہِ ترِ فِکرِ زِ تسٕنٛدٕ ن أچھن بزٕ ونہہ کنہِ چھِ بے گوناہ روٗسی کچھِ تیٖر ماران۔[1] سوٗریہِ ناگہٕ سٕنٛز مُشابہت چھَن ذٕدِمتِس سال کُلِس ستۍ یا ہوکھ رَنٛگأری آبی بٔخس ستۍ کٔرمٕژ۔[2] سوٗریہِ ناگ سٕنٛز ٹأٹھ کوٚب طوٲیِف یوٚسہٕ کنکیہِ تُجہِ ہٕنٛدۍ پأٹھی تنٛوٗکھ، زأوِج تہٕ کھوٚکھر، اَپزِیارٕ ن ہٕنٛز مایہِ ہٕنٛدۍ پأٹھی یوٚسہٕ وُچھنہٕ وِزِ سوٗندر بُتھ کٔرِتھ چھِ باسان۔ مُروجہ زبأنی ہٕنٛدِ استعمالکہِ تحقیقی مُطالعہٕ باپتھ تہٕ طوٲیِفن ہٕنٛدِ تہذیٖبکہٕ مُطالعہٕ باپتھ چھُ یہِ اکھ موٗلُل خزانہٕ۔

☆

---

1. Shramanisraita jihvam unmukham hridinissanga nikhaatasaayikam I
   Samavekshya mrigam Tathaagatam smrasi tvam na mrigam tathaagatam II
   Paadataaditak.
2. Dagdhah shaalmali vrikshahaa, Ibid, p.,217, v.,88.
3. Yadhyapi vayasya kubaja naalinlikaa krishaa cha gadlaa cha I
   Astaam iva sampreetir mukha ramaneeya bhavati II
   Paadataaditak.

## (2) آگماڈمبر

یہ چھُ جینتن لیؠکھمُت فلسفیانہٕ ڈرامہ۔ جینتس چھُ ''نیاے منجری'' ہُند مُصنیف آسنُک حرف تہٕ حاصِل یَمہٕ موجوٗب تَس سنسکرت اَدبَس منز اکھ خاص مُقام حاصِل چھُ۔ یِیتہٕ تمۍ نیاے منجری مَنز فلسفکۍ مُشکِل تہٕ خوشِکھ پہلوٗ پننہٕ شاعرانہٕ مِزازٕ سٟتؠ رَسل تہٕ سہٕل بناوِتھ پیش چھِ کٔرۍمٕتؠ تتہٕ چھُ تمۍ آگماڈمبر[1] ناٹکس منز پننؠ فلسفیانہٕ تیٚہہ عوامس بروٗنٹھہ کنہٕ پیش کٔرمٕژ۔

جینتن چھُ نیاے منجری مَنز دامودھر گُپت سٕنؠ کُٹنی مت کاویک ذِکر کوٗرمُت یُتھ چھُن آنند وردھن سُند ناو ہیٛنہٕ بغٲر تسٕندِ دھونیالوکُچ حوصلہٕ شِکنی تہٕ کٔرمٕژ۔ دامودھر گُپت تہٕ آنند وردھن آسۍ اونتی ورما سٕندۍ ہم اثر تہٕ جینت بھٹ اوس اونتی ورما سٕندِس نیٚچوٗ شنکر ورما (883-902) سُند ہم اثر۔ نیاے منجری منز چھُ جینتن شنکر ورما سُند ذِکر پننہٕ وِزِکس راز سٕندِ حٔسیتہٕ کوٗرمُت تہٕ تیٚتھے حوالہٕ چھُ اَسہِ آگماڈمبرس منز تہٕ نظرِ گژھان۔ جینتن چھُ نیاے منجری ہٕندِس اَکِس پدس منز یہ تہٕ بوومُت زِ رازن رٔکھ کوٗر سُہ اکہِ لٹہِ دوٚکھس منز قٲد۔ باقی سأری ہے ڈراماہس منز چھِ شنکر ورما سٕندۍ تعأریف کرنہٕ آمٕتؠ۔ جینتنؠ تم واقعہٕ یِم تمۍ شنکر ورماہس مُتلق یمن تصنیفن منز دٔرج چھِ کٔرۍمٕتؠ چھِنہٕ تتھ بیانس سٟتؠ میل کھوان یِم پنڈت کلہنن اَمِس رازس مُطلِق راج ترنگنی مَنز بیان چھِ کٔرۍمٕتؠ۔ کلہنن سٕندِ بیانہٕ موجوٗب اوس شنکر ورما کرٛوٗر تہٕ ظألم راجہ۔ یا تہٕ چھے

1. Aagadaambar, by Jayant, Ed. by. B. Raghavan, year 1964.

راز ہِندِس طبیعتس منز دورانہِ حوٗ کوٗمتھ پھیر فرِق آمُت نتہٕ چھُ دون محققن ہِندِس سیأسی سوچس منز فرِق آسنی امہِ فرقہِ ہُند بأعِث۔ یہِ وُنن چھُ سبٹھاہ مُشکِل زِ کمن حالاتن منز پیوٚ جینتس جیل گژھُن تہٕ اتھ کیاہ وجہہ اوس۔ ڈاکٹر راگھون سُند خیال چھُ زِ یمہِ ساتہٕ شنکر ورماہَن دھاروا ابھسارس پیٹھ حملہٕ کوٚر تمہِ ساتہٕ آسہے تتہٕ کہوٚ لوٗکو جینت رٔٹِتھ جیل بوٚرمُت۔ پتہٕ ییلہِ تمن فکِر توٚر زِ یہِ چھُ شأعر تہٕ گوٗنماتھ تمو بنوو سہ پنُن زیُٹھ۔

آگمانڈمبر چھُ فلسفیانہٕ ڈِراما یتھ منز ڈِراما نِگارن تہٕ فلسفیانہٕ اَنداز س منزٕ ے کِردار نِگأری تہٕ چھےٚ کٔرمٕژ۔ جینت اوس زانان زِ تسُند یہِ ڈِراما چھُ ہندوستأنی ڈِراما نِگأری ہِندیو مُروجہ نوقطو ہنا ڈٔلِتھ تہٕ گوٗنماتھ ہیٚکن اتھ مُخالفتھ تہٕ کٔرِتھ۔ لہٰذا چھُ سہ ڈِراماکِس شوٚروٗہَس منزٕ ے سوٗتر دھار تہٕ تمی ہِندِس سأتھیس کُن ونان زِ ''بھٹ جینتہٕ سِنز شیٚش ٹوٗکِجہٕ چھُ میےٚ وبستار دیُت مُت زِ یہٕ کٔرِتھ نِوِ تخلیقہٕ آگمانڈمبرس منز بحثیت اکھ کِردار کأم۔ گوڈٕ مُروجہ رٔوشہٕ نِشہٕ تہٕ مُقرر ڈِراما شاسترٕ کیوٚ اُصوٗلو نِشہٕ بِدوٗن اتھ ناٹکس منز کِتھہ کرو أسی شرکتھ؟ بیٚہتر چھُ لوٚبے روزُن۔'' یتی ووٚل مددگار سأتھی چھُس درجواب ونان: ''اگر یہِ ناٹکھ بھرت مُنہِ ہِندِ ناٹیہ شاستر کیوٚ اُصوٗلو مُطأبِق چھُنہٕ آمُت لیکھنہٕ یہِ چھُنہٕ اتھ منز کأم کرن والین کِردارن ہُند قوٚصوٗر بٔلکہِ چھےٚ یہِ ناٹُکھ لیکھن وألِس ڈِراما نِگار یا گوٗنماتہٕ سِنز غلطی۔[1] ووٚن گو ناٹکھ وُچھن وألی چھِ سأری جینتنی

1. Kaayam karoti sa kavir Bharatopadesham ulangya tasya cha prathayanti shishyah Saamaajikaastavata eva bhavaan prayunkhtaam paarshavai sithitah parivadishyati kim janoanyah II

Agamander by Jayant, Act I, v.,4.

چیلہٕ لہٰذا چھُنہٕ مُجادلہٕ لگنچ کانٛہہ گُنجاَیش۔'' اَمہٕ کتھہِ سٕتۍ چھُ یتھ کتھہِ تہٕ پوٚچھر لگان زِ کٔشیرِ منٛز آسۍ نہٕ ناٹکھ صِرف راجیہ سبھاےٚن منٛزے یوت گنٛدنہٕ یِوان بٔلکہِ مذہبی تہٕ تأليمی درسگاہَن منٛز تہٕ آسۍ عام لۄکن رٕژناونہٕ باپتھ ناٹکھ یِوان گنٛدنہٕ، اَمہِ ڈرامایُک مُدعا تہٕ مقصد چھُ اوسمت ژاٹہٕ شُربن تہٕ عام لۄکن مُروجہِ فلسفیانہٕ رٔوِشو نِشہِ آگاہ کرُن تہٕ پرٛزر بڑوٚنہہ کُن اَنُن۔ جینیتن ہنٛدِ شاعرانہٕ تدبُر۔ ظرافتھ نِگاری تہٕ طنزیہٕ بیانُک چھُ یہِ کمال زِ فلسفۍ واریاہ اۆلِی، ذاۆلِی تہٕ خوشکھ مصلہٕ بناوۍ متۍ چھِ تِمۍ عام فہم تہٕ مذہبکس ناوس پیٹھ سپدن واجنہٕ دیکھا دیکھی تہٕ ہاوٕ بھاوٕس ژھایہِ سپدن والین گوہن وُرن ٹلُن تہٕ حقیقتھ عام لۄکن بڑوٚنہہ کنہٕ پیش کرٕنۍ اَس ناٹکھ کار جینیت ہنٛز سارِوے کھوتہٕ اَہم کام۔

آگمانڈمبر ڈراماہَس منٛز چھِ پانٛژھ اَنک۔ شۆرٕ چھُ سپدان سِری نگرِکس اَکِس بودھ وِہارِکس باغس منٛز کلٕہ شِہلِس بودھ لامن ہنٛز اکھ ٹوٚلِج چھےٚ پنٕنس گورس نِشہِ ژورن اَبدی پرٛزن۔ دوکھ، سنگھ، ٹھاکہ تہٕ صحۍ وتھ (مارگس) پیٹھ وِیا کھیاں بوزان۔ آتما چھُ روزوُن تہٕ پوشہٕ وُن تہٕ باقی ساری کاینات چھےٚ بدلوٕنۍ تہٕ اَسار۔ اکھ بودھ ژاٹہٕ شُر تہٕ چھُ اَتھ ٹوٚلجہِ منٛز آسان ناو چھُس سنکرشن۔ تِمۍ چھُ سارِنے ویدن تہٕ ویدانٛگن ہُنٛد پوٚر مُطالعہٕ آسان کۆرمُت۔ تس چھُنہٕ لاما ہنٛز یِمہٕ کتھہِ ہٹہِ وسان۔ سُہ چھُ پرٛزن کران زِ یوٚتام نہٕ سُہ بحث کٔرِتھ وید ویدانٛگن ہنٛز برتری بحال کرِ توٚتام چھُ تسُند زِنٛدٕ روزُن فۆضوٗل۔ امی ساتہٕ چھُ گھنٹا ناد گژھان ساری چھِ وہارس منٛز حاضر سپدان۔ اۆت واتِتھ چھُ سنکرشن اَرِچ ٹاٹھ باٹھ وُچھِتھ حَیران گژھان۔ ''اَما یِمہٕ کیاہ ییٚژ بجہِ زنتہٕ زۄنہٕ

گاش ژھٹن واجنہِ منڈوٗرِ، پوشو ستی شولوٗنی یم باغ تہٕ یہ پمپوشہِ سر۔ گنٛہو ستی سجاوِتھ بھگوان بُدھ ہنٛز یمہٕ مُرژ۔ ژنڈُن نہٕ نافہٕ مُلتھ یمہٕ سونہٕ ہنٛز مُرژ پوشہِ وَرشنس تل گاٹٕج۔ یہ ہیکہِ سیاستک اڈٕ آستھ۔ تپسیا کرنک مٔٹھ نہٕ کینٛہہ۔" اَمہِ پتہٕ لاماہَن ہُند تہٕ بودھ بھکشن ہُند طور طریقہٕ تہٕ پیچھ ورتاو وُچھتھ چھُ سنکرشن دِل ملوٗل گژھان۔ اتھ بُتھ تہٕ شران بیٚتر گرنے تہٕ ماز، شراب تہٕ اَول صوٗل کھیتھ چھِ لاما تہٕ ساری بھکشو واپس باغس منٛز کُلِس تل واتان۔ سنکرشن تہٕ تُنٛند سأتھی چھُ اَمی ساتہٕ بودھن ہنٛدِس اتھ وِہارس پیٹھ سوال کھڑا کران۔ بحث چھُ تکرارس تام واتان۔ تمی وِزِ چھِ کینٛہہ گونماتھ اور وأتِتھ پوان تہٕ بیچ بچاو کران۔ سنکرشن چھُ یمن ستی بُدھ مَتس منٛز دَرج اوٗصوٗلن تہٕ لامن ہنٛدِس ورتاوس تہٕ وِہارس منٛز تذادس پیٹھ بحث کران۔ معاملہٕ چھُ چوب چوبہِ تام واتان مگر یم گونماتھ چھِ بچاو کران تہٕ چھیکرس چھُ فأصلہٕ سپدان زِ بودھن ہُند یہ وَنُن زِ سمسار چھُنہٕ روزن وول یا سار یا بودھن ہُند یہ وَنُن زِ یہُنٛدے یوت طور طریقہٕ چھُ پوٚز تہٕ صحیٖ، چھُنہٕ دراصل کانٛہہ حقیقت۔ یہِ اعلان سپدِتھ چھُ سنکرشن بحث زینان تہٕ شران کرنہٕ نیران۔

اَمہِ ڈرامائِکس دوٚیمس انکس منٛز چھُ اکھ مزاحیہ اقتباس اکھ بُڈ بودھ سادھو چھُ پنٕنہِ بُڈ روٗچھ مٔژ ساد بابہٕ مَنہٕ ناوان مگر سو چھُس نہٕ مانان کینٛہہ تہٕ چھس ژلان۔ سنکرشن چھُ پنٕنس سأتھیس اَمس بُڈ سادھبابہٕ ہُند رَکھ کرِتھ اَمس بُڈس نِشہٕ سوزان۔ تس چھُ دوکھہٕ لگان تہٕ سُہ چھُ اَمس ستی آشنہٕ ہُند ہیوٗ ورتاو کران۔ مگر حقیقت چھُنہٕ زیادٕ کالس ژوٗرِ روزان۔ بُڈ سادھ چھُ شرمہٕ وُرن

کَرنہٕ باپتھ اُمِس نقالس کوٗژہ بیٚتر دِتھ رفا دفا کران۔ تمی ساتہٕ چھےٚ اُمِس پَنٕز بُڈ تہِ یِوان تہٕ وۄہرِ گرٕ سٟتۍ ماران۔ اَتھی دوران چھُ مولوٗم سپدان زِ اَمہِ علاقُک بوٚڈ رئیس چھُ اَکِس ساسس بودھ بِھکشوٕہَن بَتہٕ کھینٛچ دعوت دِوان۔ سنکرشن تہٕ تَسنٛد ساتھی تہِ چھِ اتھ داوتہ منٛز شامل سپدان۔ اَتھ فوضوٗل خرچی وُچھِتھ چھُ سُہ حیران گژھان۔ سُہ چھُ سوچان زِ یِیہِ نا رازس یورٕ کُن ظون تہٕ سُہ کرِ تیٚمس ٹھوکرٕ سٟتۍ ساریے گھروٕتھ تیمی دمہٕ ضبط۔ یہِ ٹھوکر چھُ آسان نیلامبر سمپرٕدایس سٟتۍ وابسطہٕ تہٕ اَمی ساتہٕ چھُ سنکرشنَس یِہنٛدِ پیٚچھ کارٕ ژھتس پیوان تہٕ عمگین گژھِتھ چھُ چوٗنٹ وٹان۔

ناٹک کِس تریٚیمِس انکس منٛز چھُ شیو سادھک تہٕ تانترِک کنکالَ کیتو تہٕ شُمشان بھوتہٕ سُند ذِکر۔ یِم دوشوٕے چھِ پریشان آسان زِ راز شنکر ورماہَن تہٕ تَسنٛدی وزیر جینتن چھُ آسان قَصد کوٗرمُت زِ یِم لوٗکھ نہٕ ویدِک دھرمس پیٹھ پکان آسن تِم ہیٚن دیٖش بدر کرنہٕ۔ یِم دوشوٕے شیو وۄپاسک چھِ یژھان زِ مہاراُنی سُگندھایہِ پیٹھ پییہ یہِ دباو تراونہٕ یُتھ زَن یہِ سون دیٖشہِ تیاگ رُکِتھ ہیکہِ۔ تمی ساتہٕ چھےٚ پارے سپدان زِ راز شنکر ورماہٕ سنکرشن چھِ اعلان کران زِ یِم تہِ مت عالمی پاپرجایی باپتھ پرٕانہٕ وقتو پیٹھٕ چلان چھِ تِم روزن بدستوٗر جاری یوٗتام نہٕ یِمن منٛز کانٛہہ طرزاد گژھِ پادٕ۔ طرزادٕ پادٕ سپدنہٕ کِس صوٗرتس منٛز کرِ راز شنکر ورما پانہٕ فسادٕ ٹلُن والین تحہ طیغ۔ سنکرشن چھُ پانہٕ شیو آشرم گژھِتھ تتہِ لوٗکن شکھ دوٗر کران تہٕ یتھٕ کٔنی چھُ سُہ ژلونین تہٕ ژٔلیٚتمین قاصِد تہٕ شیٚچھِ سوٗزِتھ واپس انان۔ تمی ساتہٕ چھُ اکھ بُڈ سادھا آشرم واتان تہٕ اُمِس چھُ دھرمہٕ شِوس

تہٕ سنکرشنَس ستۍ اپشور ہنٛدِس آسنَس پیٹھ بحث لگان۔

ناٹکلکس ژوٗرِمس اَنکس منٛز چھُ گورس تہٕ ہوتاہَس درمیان کتھ باتھِ دٲرۍ پتاہ لگان زِ دراصل چھُ ویدِک دھرم مانن والین ہنٛز حالتھ سبٹھاہ خراب۔ راز چھُ مہیشور یِوان مانہٕ تہٕ سنکرشن چھُ سارِنٕے آگم شاسترن ہُنٛد آگُر تہٕ مانن وول بنان۔ مہارٲنی سُگندھا چھےٚ سارِنٕے ویدِک دھرمس پیٹھ یَژھ پَژھ تھاوَن والین تہٕ آگم شاسترٕ مانن والین ہُنٛد اکھ بۄڈ بارٕ جلسہٕ بُلاوان۔ اتھ منٛز ہندوستٲنی فِلاسفی ہنٛدی شنوے انگ مانن والۍ پٲرِو کارو تہٕ گونماتو شِرکتھ کر۔ مہارٲنی چھےٚ نیاے زانن وٲلِس مشہوٗر گونماتس بھٹ ساہٹس عُرف (دھیریہِ شری یَس) جج مُقرر کران۔ سارِنٕے مذہبن تہٕ متن ہنٛز زانٛکٲری دِنہٕ پتہٕ چھُ سُہ أتھۍ نتیجس پیٹھ واتان زِ یتھِ کٲنٛہ نگرس یا محل خانس منٛز داخل سپدنہٕ باپتھ واریاہ وتہٕ تہٕ درواز چھِ آسان تتھے کٲنٛہ چھِ مختلف مَت تہٕ مذہب مگر مقصد چھُکھ کُنُے۔ اِنسانہٕ ہنٛز بجأیی تہٕ پار جأیی۔[1] یہِ فٲصلہٕ چھِ سٲری متفق راے سپدِتھ مانان تہٕ یہِ انک چھُ جینت ہنٛزٕ نیاے منجری ہنٛدِ شوٗلوٗکہٕ ستۍ أند واتان۔ یتھ منٛز مختلف آگم شاسترٕ چھِ گنگایہٕ ہنٛدی مختلف معاوِن چھِ آمتۍ مانہٕ۔[2] چھیکرس چھِ زٕ فٲصلہٕ سپدان۔ اکھ یہِ زِ اَہِمسا وغارٕ مانن والین سارِنٕے

---

1. Priveshtu kaamaa bahavaah pumaasah pure prathaikatra mahaagrihevaa I
   Dvaaraantrenaapi vishanti kechit tathotamena dhaamni mumukshivopi II
   Agamaandar, Act IV, v.,52.
2. Naanaavidhairaagammargabedair aadeshyamaanaa bahavoabyupaayah I
   Ekatra te shreyasi sampantati Sindhau pravaahaa iva Jaahanaveeyah II
   Ibid, Act 4, p.,54.

متن ہنٛز کرن لوٗکھ پأروی۔ یتی کرن تم پننین پننین متن منٛز مُروجہ رسمن تہٕ رِواجن تہِ پننہِ پننہِ جایہِ آبیأری۔ مگر یم لوٗکھ دھرٕمکس ناوس پیٹھ بدامنی تہٕ بد وِیوہارس ہر دِن تمن پزِ نہٕ آسرٕ دیُن۔

یہِ ناٹکھ چھُ بھرت ہنٛدِ ناٹہ شاسترٕ ڈٲلتھ اکھ نوٚو کوٗشِش۔ یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ تہِ مرکزی زنانہٕ کِردار چھُ۔ نہٕ چھُ اتھ منٛز ویر رس تہٕ نہٕ شرٛنگار رس۔ پوٗرٕ ناٹکس منٛز چھنہٕ کانٛہہ تہِ رس ووتلاونہٕ باپتھ کانٛہہ شوٚعوٗری کوٗشِش کرنہٕ آمٕژ۔ بلکہِ یہِ چھےٚ اَمہِ نِشہِ ڈٲلتھ فلسفیانہٕ خیالاتن اکھ نوٚے زبو دِچ کوٗشِش۔ اتھ تخلیقہِ منٛز چھُ راز شنکر ورماتہٕ رانی سُگندھایہِ علاوٕ واریاہَن ہم اثر گونماتن ہنٛز ذِکر تہِ تہٕ کِردار نِگاری تہِ ییمہِ کنہِ امہِ تخلیقچ سماجی، توأریخی تہٕ سیأسی اہمیت چھِ وارِیاہ ہُران۔ ناٹکس منٛز چھُ تمہِ ساتکین واریاہَن مٹھن تہٕ مَندرن ہُنٛد ذِکر وبستارٕ سان دِنہٕ آمُت۔ تہٕ یہِ وکھنے چھِ سماجی تہٕ اِقتصأدی لحاظہِ سبٹھاہ اہم۔ رانی سُگندھایہِ چھِ آسان دھرٕمکین مالن منٛز سبٹھاہ یَژھ پَژھ۔ ویدن ابدی مانن والین تہٕ ایشور وأدِین چھُ پانٕونی تزاد ووتھان تہٕ یہِ پھیرٕ فرق دوٗر کرنہٕ باپتھ چھےٚ سو نِیاے فلسفس پیٹھ عبور تھاون وألِس دھیریہِ راشہِ اَمکہِ فاصلہٕ باپتھ مُشکس کران۔[1] اَگشیرِ منٛز تمہِ وقتہٕ مُروجہ فلسفی خیالاتن ہنٛز عکأسی کرِتھ چھُ بڈٕ شانٛدار تہٕ شفاف انٛدازس منٛز یہِ پیش کرنہٕ آمُت۔

---

1. Taya samaagatya kathitam, Teerthaan taraanaam
trayeevidaam chaatra vivaade stheyataya
sarveshaam sammatah prateeta guno
maha Naiyayiko Dairyi Raashiriti prathitaapa -
ranaamaa Bhatta Saahattah tamatra vivaadah
padanimetaaram kurviti I

Agamaandar, Act. 4, p.,79.

بودھ دھرموتر آرہت جِن رِکشت، چرواک، وِزٕدامبھی، شیو دھرمہ، شِونیایِک، دھیریہِ راشی، میِمامسک تہٕ سنکرشن یِہنٛدِ پانٕونۍ بحث سٕتۍ چھےٚ رِیاستس منٛز مُروجہ واریاہَن متن ہِنٛدۍ اُصوٗل گاشراونہٕ آمتۍ۔ بھکھشو دھرموتر سُنٛد ماننُن چھُ زِ ساری نفی واد چھُ تُلہِ کتٕرۍ عمارت تہٕ بے بُنیاد سوٗنٛچ۔[1] آرہت جِن رِکھشت چھُ پننِٮ۪ن ژاٹھن ونان زِ جین بھگوانہٕ سٕنٛدِ کلامُک رِیاض تہٕ زیٛچھ کرٕنکِن اُصوٗلن پیٹھ پکُن چھُنہٕ بیٚیہِ کٕنٛہہ ٲلۍ کہِ پنُن جِسم ہوٚکھراوُن بَس یوٚہے مقصد تہٕ راز چھُ اتھ منٛز۔ چراوک وِزٕدامبی سٕنٛزن نظرن منٛز چھُنہٕ پَتھ کٕنٛہہ ٲلۍ کہِ شرِیرس رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ عذاب کرُن تہٕ دوٗکھ واتناوُن تہٕ بیٚیہِ پننۍ خواہشات قوٚیوٚہَس منٛز تھاوٕنۍ چھِ صرِف پنُن پان عیش عشرتہٕ نِشہِ لوٚب تھاونہٕ علاوٕ نہٕ بیٚیہِ کٕنٛہہ۔ ہَون بیٚترِ کرٕنۍ چھِ صرِف شُرۍ گِنٛدُن۔[2] ایشور سُنٛد تصوٗر چھُ تِتھے زَن سراب آبہِ شرٛناہ کوٚر۔ زن سجوٚو ہوٲئی مُکٹ خیاٲلی پوشو سٕتۍ، یا خرگوشہِ سٕنٛدٕ بن ہینٛگن ہنٛز بناوٕمژ کمان یوٚسہٕ ہتھ چھُ سادِ بابہِ ہُنٛد نچوٚ زن وَتہِ پکان۔[3] جین بھکھشو چھُ پننِٮ۪ن ژاٹھن ونان زِ جین متس منٛز درٕج یاد تہٕ تپ کرٕنکۍ اُصوٗل چھِ صرِف پننِس جِسمس اِزاہ دِتھ سوٚزٕراوُن تہٕ بیٚیہِ نہٕ کیٛنٛہہ۔ بھگوانہٕ سٕنٛدِ وُجوٗد نِشہِ مُنکر بُڈ سٕنٛز چھےٚ

---

1. Tasmaat sarvam shunyam sarvam kshanikam niraathmakam sarvam I
   Sarvadukham ateethyam dhyayan nirvaanamaaphnoti II

   Agamaandar, Act 1, v.,16.

2. Tapaamsi yatanaah chitraah samyamo bhogavanchanam I
   Agnihotraadikam karma balakreedeva lakshite II

   Ibid, Act 3, v.,9.

3. Ka punar Bhagvaaneeshvarah?
   Mrigatrishnaambhasi snaatah khapushpa krita shekharah I
   Esha Vandhya suto yati shashashranga Dhanurdharah II

   Ibid, Act 3, v.,10.

عبادتھ کَرِنۍ فضوٗل تہٕ صرف پننِس شریرس تکلیف واتناوُن۔ پننٮ۪ن خوٲہِشاتن قوٗبوٗ کرُن چھُ محض لُطف اَند وزی نِشہِ لوٚب روزُن۔ نارس آہُتی دِنہِ تہٕ ہوَن ہیٚترِ چھُ صرِف اکھ کھیل۔[1] اِشور ہِنٛدِ نہٕ آسِنکس خیالس برخلاف چھُ شیو دھرماشو ونان۔ فاعلس (کرتا) بغاَر کتھِ واتہِ کاَم اَند؟ کانٛہہ تہِ کاَم چھنہٕ بَس ناو ہینہٕ سٕتی اَند واتان۔ ئلُکہِ چھےٚ کاَم سو یوسہٕ گرِنۍ پیٚیہِ۔ فاعِلس بغاَر کتھ ہیکنہٕ کاَم اَند وارتھ یہِ چھنہٕ اَسہِ خبر۔ لہٰذا کلہٕ داُدیک دوا چھُ یوہَے زِ اِشور سُنٛد آسُن مانِنو۔ بیٚیہِ چھنہٕ بدل کانٛہہ وَتھ۔[2] نیایک دھیریہِ راشہِ سُنٛد نظریہِ چھُ ہم آہنگی پیٹھ مُبنی مگر سُہ تہٕ بیٚیہِ سنکرشن دونوے چھنہٕ مذہبس خلاف کانٛہہ ناشایستہٕ کتھ بوزنَس تیار۔ ڈرامٕک موضوٗع سنجید آسنہٕ باوجوٗد چھُ اتھ منٛز واریاہَن جاین تہٕ موقن پیٹھ قوردٕتکٮ۪ن مناظرن ہنٛز منظرکٔشی کرنہٕ آمٕژ۔ دوٗیمِس ایکٹس منٛز چھُ بودھن ہِنٛدِ آشرمُک اِظہار شاعرانہٕ اندازس منٛز یتھ کٔنۍ گرنہٕ آمُت۔ شیٚہجار گنبر چھُ، سَر سبز ڈوٗرۍ چھِ۔ چلوِ نہِ آبہٕ ژادرٕ چھےٚ۔ پوٚشن ہنٛزِ خوشبوٗ سٕتۍ موعطر چلوُن ہوا چھُ۔ روٗسی کچہِ چھےٚ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ کھیلہِ کران، جاناوار چھِ قسمہٕ قسمہٕ بولہِ کران۔[3]



---

1. Jha ijjadi jinavayanam tava niyamehi khavijjayi sareeram I
   Ittiyametta ginhaha uvaesarahassa savassam II
2. Agamandar, Act 2, v.,6.
3. Agamandar, Act 2, v.,13.

## (3) کرن سُنٛدری

بلہن سُنٛد لیٚوکھمُت یہِ ژاونٛگ ناٹکھ ژھوٹبن (لگہ) ناٹکن ہنٛدِس طرزس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت موختصر ڈراما، پُلاٹ چھُ یِتھ کٔنۍ: "دِشو لِنگہٕ پیٹھکۍ ووٚتھ تارٕنٛکس پاداشس پیٹھ چھےٚ سورٕچ اکھ پاکدامن ہوٗر (وِدھیاذری) شاپھ دِتھ بُتراَژ پیٹھ یِوان سوزنہٕ۔ یوٚت وأتِتھ چھُ چالوٗکیہ خاندإنکس بھیم دیو سُنٛد نچوٗ کرن دیوتس وُچھِتھ پھرٛیفتہٕ گژھان تہٕ تس پٔنٛن دِل دِوان۔ یہِ کوٗر چھےٚ مہاراَنی ہنٛز داسی بٔنِتھ محل خانس تانۍ واتان۔ راژِ سُنٛد دوست تہٕ عام سنسکرت ڈراماہن منٛز کام کرن وول مزاحیہ کردار وِدوٗشک چھُ اَمِس ووھیا دھری کورِ راژس سٟتۍ سمکھاوٕنچ کوٚشِش کران۔ اکِہ دوہہ چھُ راژ کرن سُنٛدری[1] ہُنٛد فوٹو شاہی فوٹو گیلری منٛز وُچھان مُدے گٔنٛڈِتھ۔ امی ساتہٕ چھےٚ مہاراَنی اور واتان تہٕ راژ وُچھِتھ خشمہٕ سان واپس نیران۔ پَتہٕ کینٛہہ وَق گژھِتھ چھےٚ سو کرن سُنٛدری ہُنٛد رَکھ بدلاوِتھ راژس برٛونٛہہ کُن یِوان۔ راژ چھُ دوٚکھس منٛز یِتھ اَمِس حقیقی کرن سُنٛدری زأنِتھ تعاریف کران تہٕ تانۍ چھےٚ راَنی پٔنٛن اصلی رٕپھ راژس باوان۔ راژ چھُ منٛدچھِتھ معأفی منگان۔ رانہِ چھُ کانہِ تلِے روزان۔ سو چھےٚ بیٚیہ اکہ لٹہِ پٔنٛنس باپوٗتھرس کرن سُنٛدری ہُنٛد رکھ کٔرِتھ راژس سٟتۍ کھانٛدر کرٕنٛچ چال کران۔ مگر وزیر چھُ اصلی کرن سُنٛدرۍ امی ساتہٕ پیش کٔرِتھ یہِ چال ناکام کران۔ چھیکرس چھِ راَنی کرن سُنٛدری ہُنٛد خانٛدر راژس سٟتۍ کرنہٕ باپتھ راَضی گژھان۔ خانٛدر چھُ سپدان تہٕ تمی ساتہٕ چھےٚ راژس شیچھ واتان زِ دُشمن چھِ پسپا کرنہٕ آمٕتۍ۔

1. Edited by Pandit Durgaprasad, Nirnaya Sagar Press, Bombay, 1888.

یہِ لوٚکٹ ناٹِکا چھِ ناٹکھ کار سٕنز دِماغی پیداوار یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ تہِ حقیقتھ چھےٚ۔ راز چھُ اتھ منٛز مُستقِل مگر شوخ مِزاج تہٕ دوٗر اندیش ہاونہٕ آمُت یِیلہِ زن رأنۍ حسدی تہٕ ضِدی طبٲیچ چھِ ہاونہٕ آمٕژ۔ لوٚکٹ نایِکا گرن سُندری چھےٚ خوٗبصورتی ہٕنٛز مِثال تہٕ یار سٕنٛز جُدأیی برداشت نہٕ کرن واجِنۍ حُسیناہہِ ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ یوسہٕ یارس نِش ژھینہٕ گژھنس پتہٕ پانہٕ مور کرنس پتہٕ تہِ تیار گژھان چھِ۔

ناٹِکایہِ پتہٕ چھِ کالِداسنہٕ مالوِکا اگنی مِترٕ تہٕ ہرشنہِ رتناوٗلی ناٹکُک اثر ٹاکارٕ پأٹھۍ نظرِ گژھان۔ رتناوٗلی ہُنٛد مَدن مہوتسو تہٕ کرن سُندری ہُنٛد نابیٚیہِ (بڑ ہما جیُن) مہوتسو چھِ دوشونٛی منٛز أکی آیہِ۔ موسم بہارس منٛز راز سُنٛد باغن سٲل کرُن چھُ دونوٛنی منٛز ہیٚوٗے۔ دوشونٛی منٛز چھُ لوکچہِ نایِکایہِ ہُنٛد لولہِ وبوہار تصویرٕ دٕسی آمُت ہاونہٕ۔ ترٛشونٛی ناٹکن منٛز چھُ لوکچہِ نایِکایہِ ہُنٛد رکھ باقی کِردارن پھوان گرُن تہٕ وبتراوُن۔ ترٛشونٛی ناٹکن منٛز چھُ مہارأنی ہُنٛد طبیعت ہیٚوٗوے پیش کرنہٕ آمُت۔

ییٚتہٕ رتناوٗلی ناٹکس منٛز کأنس ہش نایِکا ساگارِکا چھےٚ مہادیوٗی واسوٗدتایہِ ہُنٛد رِپھ لاگان یِیلہِ زَن کرن سُندری منٛز مہادیوٗی کرن سُندری ہُنٛد رِپھ کرِتھ رازس بڑوٗنہہ کُن چھےٚ یوان۔ دونوٛنی منٛز چھےٚ مہادیوٗی روٗشتھ ژلان۔ حقیقت بڑوٗنہہ کُن یتھ چھُ راز سکھ شرمنٛدٕ گژھان تہٕ مہادیوٗی معأفی منگنہٕ باپتھ زارٕ پارٕ کران تہٕ پَرن پھوان۔ راز چھُ پرن پھٕنکس حالتس منٛزٕ آسان تہٕ اورٕ چھُ راز سُنٛد یار وِدوٗشک یوان تہٕ رازس ونان، ”مہرا مہادیوٗی دزایہِ ووٗنی وأران

جہانس منٛز ودنہٕ سٟتؠ کیاہ فایدٕ چھُ" تتھے کٕنؠ چھےٚ یہےٚ کتھ مالوِگاگنی مِتر تہٕ
وِدِشال ونجکا ناٗوی ناٹکن منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔ وِدِشال ونجکا ناٹکس منٛز تہٕ چھےٚ
مہادیوی رازس سٟتؠ ژھل کران تہٕ مِرگانک ورما ناٗوی جوانس ناٮِکا مِرگانکوٗلی
ہُند رٕکھ کرِناوِتھ کھاندر کرِنچ ترکیب کران یوسہٕ ناکامیاب چھےٚ گژھان۔

اتھ ناٹکس منٛز چھےٚ شرِنٛگار رسس سبٹھاہ اہمیتھ آمژ دِنہٕ۔ وصلہٕ کھوتہٕ
چھُ تہٕ جُدائی ہنٛزِ ژھرٕ ژھرٕ زیادٕ اہمیت آمژ دِنہٕ۔ ناٹکس منٛز ظرافتھ
ووتلاونہٕ باپتھ چھُ وِدوٗشک بڈٕ اہم کردار۔ تٔمنٛد بر وقت تہٕ برمحل طنز چھُ
ظرافتھ ووتلاونچ کامیاب کوشش خاص کر باقی کردارن سٟتؠ کتھ باتھ کرنہٕ
وِزِ۔ اِستعارٕ تہٕ تشبیہ چھِ صحی مُقامن تہٕ موقن پٔٹھ اِستعمال کرنہٕ آمٕتؠ۔

راز چھُ مہادیوی خوش کرنہٕ پتہٕ لڑی بٲگراوان، ودوٗشک چھُ یڈ برِتھ
لڑی کھوان۔ ہتھ کھٕسِتھ چھُ شوٗگن یژھان تہٕ تھر پھیرِتھ ونان "ووٗنی چھُ
آرامے دٲوا۔"[1]

بٮٚیس اَکِس جایہِ چھُ سُہ ترنگوٗتی منٛز ؤتہٕ روٗٹ کرِتھ زرکہٕ دِوان
"ہیے! بہٕ چھُس چنٛدرلیکھایہٕ ہنٛدی پاٗٹھی چانہٕ ؤتہٕ وُچھان تہٕ ژٕ چھُکھ میٚے
وُچھِتھ لبن کھٕسِتھ پان بچاوان زنتہٕ چھُسے راہ بُتھ پیوان۔"[2]

سوٗنتھ کالک اثر چھُ شہوٗتی مالہٕ متٔبن ہنٛدِ خاطرٕ زیادٕے پہن ترگر
آسان۔ یمن کٔن چھُ شاعر ونان: "وُیؠ ژٕ رتلن والو بومٕرو چھُ مستی منٛز گنگراے

1. Nibratamapavarakaantare svapimi, modakaih prashtabhuyishtham tishthati me udaram I
Karam Sundari, Act II, p.,19.

2. Aham tava Shashilekhaaya iva maarge pralokayami I
Tvam Raahumiva maam pariharsi II Ibid.

کران ژوپاری شہۄژ ووتلاون وول ماحول پاد کۆرمُت۔ اکہِ طرفہٕ کۆر امنہٕ پوشہِ گوندرن منٛز مێۄٹھ کۄکۄ کرِونہٕ کُکلہِ شہۄژ منٛز مست لُکن ہِنٛدی کن پانٛس کُن مُتاثر تہٕ بێیہِ طرفہٕ کۆرُن جُدٲیی ہِنٛدِس نارس منٛز مُبتلا حسیناین ہُنٛد نارتاو دوگنہٕ۔[1]

پرٛ بھاتس سورِوتہٕ چنٛدرُک تہٕ کھسونہٕ بَرِی یِک تزکرٕ چھُ کالِداس نِس مالوکا اگنہٕ مِترٕکس تزکرِس سٕتی رلان۔ "اکہِ طرفہٕ چھُ اَستاچل پہاڑس منٛز زم گژھنہٕ باپتھ ژھوکیومُت ژٔندر باسان زنتہٕ پنٛنن باژن نِشہِ جُدا حسیناین ہِنٛدِ شاپہٕ سٕتی ولنہٕ آمُت۔ دۆیمہِ طرفہٕ پۆری کنہٕ پھہلیومُت بَرِی یہٕ سُنٛد پرٛاگاش چھُ کرٛۄدھی چکورن ہنٛزن وۄزجن اَچھن ہِنٛدی پاٹھی یِوان برٛۄنٛہہ کُن۔"[2] یا "رٲتی راتس ژٔندرمَس وُچھُون روز نہٕ مۄجوٗب چھُنہٕ ہیۆکمُت پمپوش شۆنٛگِتھ، وونی چھِ تس تھکِتھ صُبحکہِ ٹھنٛڈ ہوا سٕتی کوٹھی زولہٕ پیٚمژ۔"[3]



1. Kamasundari, Act I, v.,42.
2. Ibid, Act I, v.,4.
3. Chandraalokanaraaga jaagranatah shraantiva kritsnaam nishaam I
   Praaleyanila sauhridaat kumudini nidraa vrataam poornate II

Ibid, Act 4, v.,2.

# مہاکاویہٕ

سنسکرِت اَدبَس منٛز چھِ مہاکاوِکۍ تاأریف کرنہٕ آمٕتۍ، مگر اَمِکین مُختلف اَنٛگن تہٕ جُزن، قسمن تہٕ باقی زأوِجارَن چھُنہٕ یِمو اَدب نوازَو تیٚوٗت وِستار دیُتمُت، یۄٗت یِمو اِستعارَن، مجأزی تہٕ پیٚہنٛدِ بن اَنٛگن تہٕ جُزن ہٕنٛدۍ تاأریف چھِ کرِمٕتۍ۔ ووٚنۍ گو بھامہہ دٔنڈھی، رۄدرٹ، وشوناتھ وغأرٕ اَدب نوازن ہٕنٛدِ بن خیالاتَن ہٕنٛز سام ہینہٕ ستۍ چھِ اَسہِ مہاوکاوِکۍ یِم تعریف بڑوٗنہہ کُن یِوان۔

مہاکاوِیَس چھُ گۄنماتو ''حدِ بنٛدی'' ناو کۄرمُت یعنی کُس شاأعِری یا اَدب پارٕ کمہِ اَدبی رایہِ ترٛایہِ چھُ شیرنہٕ تہٕ پأرنہٕ آمُت۔ سأرِی گۄنماتھ چھِ مانان زِ یِم حدٕ (سرٕگ) نہٕ گژھَن پزنہٕ پیٹھٕ زٕ ٹھی آسنۍ تہٕ نہٕ زیادٕ ژھوٚٹۍ۔ یِمن سرگن ہُنٛد تیٚداد چھُ أٹھِ پیٹھِ ترٛہن تانۍ مُقرر کرنہٕ آمُت۔ اَتھ ہِکو أسۍ رزمیہِ تہٕ وَنِتھ۔ بھامہہ سُنٛد گُفت چھُ زِ اَمہِ رزمیچ کہأنی گژھِ تواریٚخی طور مۄتبرٕ آسنۍ۔ کہأنی دوران گژھِ قأصِد، صلح، مَشورٕ، ہِجرت، روانٛگی تہٕ جنٛگُک تزکرٕ آسُن۔ اِنسأنی زِنٛدگی ہُنٛد مُدا، دھرم، اَرتھ (مقصد)، کام (اُجدوأیِی زِنٛدگی)، موکھشہٕ (نجات) یِمن ہُنٛد گژھِ ورتاو آسُن۔ اَتھ شاہکارَس منٛز گژھَن صلح تہٕ آسنۍ تہٕ مُجادلہٕ یا لڑایہِ تہٕ۔ مگر امیُک مَرکزی کِردار گژھِ سرس آسُن۔ پینٛنِس مخأِلف کِردارَس (وِلن) پیٹھ گژھِ یہِ ہمیشہٕ بأوِی آسُن تہٕ یہِ گژھِ پرٛتھ وَقتہٕ تہٕ کامہِ منٛز تخلیق کارٕ سُنٛد خاص مقصد آسُن۔ لگ بھگ تِتھی

ہی صِفت آسنہٕ علاوٕ چھُنہٕ اَتھ شہکارس منٛز مرکزی کِردار سُند موت آسان۔[1]
بھامہہ سُند وَنُن چھُ یہِ تہٕ زِ بیانس تہٕ تفصیلی جایزس یمن دۄن منٛز گژھِ نہٕ
بیانس زیادٕ وبستار آسُن یعنی یہِ گژھِ موختصر آسُن ۔ یہِ چھُ یتھٕ کنٛی کہانی ہندِس
مُتحرک آسنہٕ بجایہِ اِظہارِ سے تھزر بخشان۔ اۄمس گونماتہٕ سُند چھُ یہِ تہٕ گُفت زِ
رزمِیس منٛز گژھن یتھی لفظ استعمال کرنٕی یمیُک معنی پَرن وأٔلِس ژھانڈُن
پیِٛیہِ۔[2] ڈنڈی سُند وَنُن چھُ زِ مہا کاوِیس منٛز گژھِ شہر، سمندر، پہاڑ، موسم،
سِری یہِ کھسُن، ژندرمہٕ کھسُن، کھلوکھ جاین ہُند سأل، آبی کھیل، کھبن چبن،
عشقہٕ معاشوقی، جُدأیی، کھاندر، پۆتر زاے، نصیحت، قاصِدن ہُند ین گژھُن،
جنٛگ تہٕ بییہِ گژھِ مرکزی کِردارِ سنٛز ترقی ہُند ذِکر آسُن۔[3]

مگر رودرٹ چھُ اَمہِ رایہِ ہدۄن تہٕ ہنا ڈٔلتھ وَنان زِ مہا کاویک
مرکزی خیال چھُنہٕ ضرۄری زِ یہِ گژھِ توأریٖخی آسُن۔ مرکزی کِردار تہٕ ہیکہِ
توأریٖخی یا خیأٔلی اۄستھ۔ اۄمی سُند چھُ یہِ تہٕ گُفت زِ بیانس دوران ذِکر کرنس
درمیان تال میل پادٕ کرِتھ ہیکہِ رزمیہِ شأعری ہُند خاکہٕ تیار کرنہٕ یتھ۔[4] اَتھ
رزمیہِ شأعری منٛز چھُنہٕ مرکزی کِردار سُند موت ہیکان سپدتھ۔ لگ بھگ چھِ
یتھی ہی خیالات سارِوٕے گونماتو وِہنٛی متی۔ وِشوناتھ چھُ پننِس ساہِتیہِ درپنس
منٛز مہا کاوِس منٛز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ مرکزی کِردارن ہُند آسُن تسلیم کران۔ تمی
سنٛدِ وَنہٕ مۆجوٗب ہیکہِ مرکزی کِردار کانٛہہ دِوتا اۄستھ تہٕ نتہٕ کانٛہہ جُرت منٛد

1. Bamah, Kavyalankaara, s.,1, vv.,18-22.
2. Bamah, Kavyalankaara, s.,1, vv.,18-23.
3. Dandi Kavyadarsha, s.,1, vv.,14-22.
4. Roudruta Kavyaalankaara, s.,16, v.,5,18.

کھشتری یا ہکبن أکی سے خاندانس منٛز پزٕتھیمتی واریاہ راز تہِ أستھ۔[1] مگر سارِوے قلمکارو چھُ سارِوے کھوتہٕ سرس 'رَس' مونمت، یُس مہا کاوِیس منٛز اَظمی طور آسُن گژھِ۔ شرٛنگار (زینت)، وِیر (شُجاعت) تہٕ شانت (صُلح پسٔندی) یمو منٛز گژھِ کانٛہہ تہِ رَس ورگہٕ یا ٹاکارٕ پأٹھی وَرتاونہٕ یِن تہٕ باقی رَسن ہُنٛد استعمال گژھِ جُزوی آسُن۔ رَسن ہُنٛد ظہوٗر چھُ بیانٔس ستی ستی پکان۔

شعارَن ہِنٛدِس وَزنٔس مُتلِق چھُ گونماتن ہُنٛد وَنُن زِ کُنہِ تہِ بابٕکۍ آخری شعار تژأوِتھ گژھِ آسُن أکِس بابَس منٛز اکُے وَزن۔ اَتھ منٛز تہِ چھےٚ ساہیتہٕ درپن کارٕ سنٛز راے زِ مُختلف سرگن یا بابَن منٛز ہکبن بیٚون بیٚون وَزن تہِ أستھ۔

کأشرِ یمو تہِ سنسکرٕت شأعرو رزمیہٕ لیکھیٚمتی چھِ تمو چھُ اَدٕبکبن ضأبِطَن تہٕ قونوٗنَن ہنٛز پوٗرٕ پأروِی کرنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔ یمن منٛز چھُ عموٗمن مَرکزی کِردار یا تہٕ کانٛہہ دِوتا طبیعت نتہٕ توأریخی اہمیتُک اِنسان ژارنہٕ آمُت۔ مثلن ہروجے تہٕ شری کنٹھ چرِتَس منٛز چھُ، شِو رام چرِت تہٕ رامایَن مُجزی منٛز چھُ رام، یوٗدِشٹھر وِجے نأوِی رزمیَس منٛز چھُ یوٗدِشٹھر (پانڈوَن ہُنٛد زیٚٹھ بوے) مرکزی کِردار وکھنہٕ آمتی۔ راوَن ارجُنیہٕ، رزمیُک راز چھُ پُرانَن منٛز وَکھنوومُت مشہوٗر ہستی کارتہِ ورٛیہ اَرجُن۔ کپفنا بھیوٗدے نأو رزمیُک مَرکزی کِردار چھُ لیلاؤتی رِیاستُک مشہوٗر راجہٕ کپفن۔ وِکرٛ مانک دیو چرِت تہٕ پرتھوی راج وِجے ناٹکن ہِنٛدی کِردار چھِ چالوکیہ خاندانُک وِکرٛما دتیہِ تہٕ چاہمان

1. Vishva Nath, Sahitya Darpan, s.,6, vv.,315-367.

خانٛدانُک راز پرتھوی راج۔ کتھا کوتُک ناوٕ رزمیُک نایک چھُ فارسی اَدبُک مشہوٗر کِردار یوسُف تہٕ تِتھےٚ کٔنٛز چھِ راج ترنٛگنی ہِنٛدی کِردار واریاہَن خانٛدانَن (وٕمشن) تہٕ مذہبن ہِنٛدی راز تہٕ رأنیہ۔

چوٗنکہِ کٔشیرِ ہِنٛدی رَزمیہِ چھِ بھٹی، ماگھ، بھاروی وغارٕ سنسکرتکہٕ مشہوٗر نقادو تہٕ شاعرو پَتہٕ تھَنہٕ پیٚمتیٚ لہٰذا چھُ اَزکلہٕ کیٚنہٕ اَدب شِناس نقادو باسان بے تعلُقی کأم ہیٚرٕمژ۔ تِمو چھُ یہِ اَدب تکن گٔری بوٚرُت ہاوِ بھاوِ خأطرِ لیکھنہٕ آمُت خوشِک فلسفہٕ ہیٚوٗ مونمُت۔ مگر یِتھِ کٔنٛز اَسہِ بڑوٚنہہ کُن امہِ اَدبُک تنقیدی مُطالعہٕ کَرنہٕ پَتہٕ ٹاکارٕ پأٹھی باسہِ، یِمن نقادَن ہنٛز یہِ راے چھَنہٕ صحی۔ یہِ چھےٚ حقیقت زِ کأشرِ بوٚ شاعرو چھےٚ پنٛنہِ رزمیہِ شاعری منٛز زیادٕ رَس (مزٕ) سَرس مونمُت تہٕ أتھی چھکھ آبیأرِی تہِ کٔرمژ۔ کُنہِ تہِ وقتچہِ شاعری مُلانکون کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ أسی تراوَو تمہِ وقتکین مُروجہِ پرٛمانَن پیٹھ پوٗر پوٗر نظر تہٕ تمہِ پَتہٕ کَرو پنُن پرکھاوُن یا تنقید شوٗروٗ۔ ہیندوستأنی رَزمیہِ شاعری ہِنٛدِ مشہوٗری ہنٛز بُنیاد چھِ امیُک اِظہار تہٕ تمیُک ورتاو۔ رَسُک اِظہار باوَنہٕ خأطرِ چھُ خوشیوٗنی منظر تہٕ کلامہٕ یکجا کرُن ضروٗری۔ یِمنےٚ دون یکجا کٔرِتھ چھُ رَس ووتلان، یہِ چھےٚ سارِنےٚ ہنٛز راے۔ کٔشیرِ ہِنٛدبوٚ رزمیہِ شاعرو نَہ چھُ خوشیوٗنین کامبن منٛز تہٕ نَہ اتھ لایق منظر بیأنی منٛز کانٛہہ کنجوٗسی ورتأومژ۔ شری کنٹھ چرِت کِس قلمکار منکھ سُنٛد وُنن چھُ زِ ہَتہٕ بدبوٚ زیبأیِشو (اَلنکار) سٟتی سجأوِتھ طرحدار لفظو سٟتی بٔرِتھ آسنہٕ باوجوٗد تہِ ہیکہِ کانٛہہ تہِ اَدب پارٕ مزٕ (رَس) نَہ آسنہٕ باوجوٗد رَزمیہِ شاعری ہِنٛدِس ضِمرس منٛز یِتھ۔ تِتھی کٔنٛز تلخی سان جوس چھُ مزٕدار باسان تِتھےٚ کٔنٛز چھُ لفظ

وۄتُر تہٕ رَس فنا گڑھنہٕ پَتہٕ مَزدار بیان تہٕ رزمیا شاعری حُسن بخشان۔[1] شِو سوامی، منکھ، بِلہن، جیانک، بھٹہٕ بھیم یِمن سارِنے ہِنٛدِ بن رزمین مَنٛز چھُ زیباشی تہٕ شعرن ہُنٛد حُسن تہٕ بیاڑ روأنی یِمن دوشوٕنی ہُنٛد برابر خیال آمُت تھاونہٕ۔ بھٹہٕ کاویس مَنٛز چھُ گرامرِ کی اۄصوٗل مِثالو ذٔریعہ بیان کرنہٕ آمٕتی۔ تِتھے کٔنٛز چھُ راونارجُنِیٖ بیان لحاظہٕ بھٹہٕ کاوِیہٕ کِس طٔرس مَنٛز یوان۔ مگر یِتھ کِتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ مُبالغہٕ زِ یہٕ رزمیہٕ کلامہٕ چھُنہٕ صِرف گرامر زانَن والین ہِنٛدِ یوت خاطرِ مُشغل راہ۔ منکھ، رتناکر تہٕ جیانک بیٚترِ شاعِرو چھُ یکسان لفظ، مختلف معانین مَنٛز استعمال کٔرِتھ پننِس کلامَس مَنٛز لفاظی آرایش پاؤد کٔرِتھ اَتھ اَکھ الگ مُقام بخشمُت مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُنہٕ تِہنٛدِس کلامَس مَنٛز تھٔکِنٛز لایق لتافت پڑاوِتھ تہٕ رَنٛج کٔمی نظرِ گڑھان۔

بڑوٚنہہ کُن ہمو کینٛہن رزمیا تصنیفن ہِنٛز تنقیدی سام۔



1. Shreekantha Charita s.,2., vv.,32,38.

# کپفنا بھیوُدے

راز اونتی ۄرما ہِنٛدِس دورِحکومتس منٛز یمن ژۄرن گونماتن مشہوری حاصِل سپز، تِمن منٛز اوس شِو سوامی تہٕ اکھ۔ ۄپان شِوسوامین آسی ستھ رزمیہٕ، وارِیاہ مذہبی کتھایہِ۔ ۂتی لوٚکٕٹ بڈی ناٹک، مضموٗن بیٚترِ لیکھی متی، مگر اَمہِ سارِیے مولِلہِ خزانہٕ منٛز چھُ صرف یوٚہے اکھ رزمیہِ کپفنا بھیوُدے[1] اَزتام دٔستیاب ہیوٚکھمُت سپدتھ۔ شاعِر اوس پانہٕ شیوی اُستھ تہٕ بودھ دھرمس کُن مُتأثِر۔ بودھ دھرمُک مہا پنٛڈِت چندرِ مِترِ ہِنٛدِ ۂتی مُتأثِر گژھتھ اُس تٔمی یہِ شاہکار لیچھ مُت، یتھ منٛز اکِہ طرفہٕ بھگوان بُدھ ہِنٛدِ بجرُک سِکہٕ چھُن بہنو ومُت تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ بِھکھشو بنہٕ بجاے گرٛہست دَھرمے سارِوے دَھرمو کھوتہٕ موٚتبر موٗنمُت۔ مہاتما بُدھ ہِنٛدِس اَکِس خاص چیلہٕ مہاراج کپفنس ہنٛزِ کتھایہِ ''اَوداننتک'' (بُدھ مذہبکی ہَتھ اوٗصوٗل) منٛز مواد حاصِل کٔرِتھ بنوٗن پننہِ دِماغی تخیُل ۂتی تہٕ دِتُن اَتھ اکِہ رزمیچ صوٗرت۔ کہاٗنی چھِ یتھٕ کٔنی شروع گژھان:

وِندھیاچل پردیشس منٛز نرمدا دٔریاوِ کِس بٔٹھِس پیٹھ بُستھ لیلاوٗتی شہرُک راجہِ کپفِن اوس سبٹھاہ خوٗبصورت، گونہٕ وان، نیک سیرت تہٕ بَلہٕ ویر۔ اَنٛدی پٔکھی رازن ہُنٛد شاہ پتاہ موٚلوٗم کرنہٕ خاطرٕ آسی تٔمی وارِیاہ سُراگ رسان تھٲوِی متی۔ یِمو منٛز اکھاہ آو اَمِس شیٚچھ ہیتھ زِ کوشل دیشُک راز پرٛسین جِت چھُ

1. Edited by Pandit Gaurishankar, Lahour, 1937.

تَس خلاف واُر تھاوان تہٕ دُشمنی وَرتاوان۔ کپفِن تہٕ تِہندی باقی وزیر گیہ یہ شیٚچھ بوٗزِتھ سبٹھاہ نار۔ سِپہ سالار سُبھاہُوٚن اُکساوٕ ساری جنگہِ خاطرٕ، مگر وٗزیر بھِشمک ہنٛز یہ رائے زِ جنگہِ برٛونٛہہ پزٕ اَسہِ کانٛہہ قاصِد راز پرٛسین جِتس نِش سوزُن، یہ کتھ مانٛز سارِوے یک رائے۔ اَتھ باوٕژ تام چھِ رزمیکی ژوٗر باب اَنٛد واتان۔ پانٛژمہِ سرِگس شروعس منٛز چھُ اکھ وِدیا دھر (آکاشی مخلوٗق) یار وِچھنٛز باہو رازس ملنے پرٛنچہِ یاترٕ لِیہ باپتھ سال گران تہٕ کپفِن چھُ فوج لشکر ہیتھ روانہٕ سپدان۔ رازٕ ہٕنٛدِ اوٚت واتھ زَنتہٕ چھِ شیٖنۍ موسم یکجا سپدِتھ اُمس خوش آمدید کران۔ شیٖنہٕ ژادرٕ وٗلتھ بالہٕ تیٚپٹالہِ، دٔریاو، جنگل، لوٗبُن ہوا، پوش، گُلہِ کُٹہِ، پٔشہِ تہٕ جاناوار، یمن سارِنے ہُند ذِکر چھُ وِستارٕ سان شیٚمہِ پیٹھ پنٛداہِمس بابس تام کرنہٕ آمُت۔ شُراہِمس سرگس منٛز چھُ کوشل دیشچہِ راجدھانی شراوستی ہُند تذکرٕ آمُت کرنہٕ۔ مندرو، لرٛو تہٕ منٛدوزٕ ہو ستی بوٚرُت یہ شہر چھُ باسان زَن چھُ کلیٚگ کہِ تاثیرٕ نِشہٕ مُچھِ۔

کپفِن سُنٛد قاصِد درشک چھُ تانٛی شَراوستی (کوشل دیشچ راجدھانی) رازٕ ہنٛز شیٚچھ ہیتھ رازٕ پرٛسین جِتس نِشہٕ واتان تہٕ مشورٕ دِوان زِ سُہ گرٕنی رازٕ کپفِن ہنٛز ماتحتی قبوٗل تہٕ نتہٕ روٗزِن جنگہِ باپتھ تیار۔ پرٛسین جِت چھُنہٕ ماتحتی قبوٗل کران۔ قاصِد ہٕنٛدِ واپس پننِس دیشس واتنے چھےٚ کپفِنٕنۍ سینا لڑٕلِیہ باپتھ تیار گژھان۔ ارداہِمس بابس منٛز چھُ دوٚنوٚنی فوجن ہُند خطرناک جنگک ذِکر کرنہٕ آمُت۔ ییٚلہِ پرٛسین جِتٕنۍ فوج چھُ ہارُن ہوان، سُہ چھُ بھگوان بُدھس برٛونٛہہ کنہٕ زارٕ پارٕ گران زِ یتھ زَن سُے دوٚنی ییٚمہِ خطرٕ منٛزٕ تَس بچاو کرِ۔ بھگوان بُدھ

چھُ پننہٕ عالم بالاَیی طاقتہٕ ستی کپِفن ہٕندِس دِلس منٛز تبیلی پاد گران۔ گنو ہمس تہٕ وُہمس باہس منٛز چھُ بھگوان بُدھ ہٕندِ بن نصیحتن ہُنٛد تذکرٕ وہرناونہٕ آمُت۔ کپِفن چھُ یتھان بودھ بھکشو بنُن مگر بھگوان چھُ تَس مشورٕ دِوان زِ تَس پزِ گوڈٕ گرہست دھرمس اَدھین روٗزِتھ پنُن راز دھرم پالُن تہٕ پتہٕ صحیٖ وَق واتِتھ بِھکشوہَن ہنٛز طرزِ زِندگی اِختیار کرٕنی۔

''یمن دھرمس پٹھ یقین (شرٛدھا) چھِ یم پزٕ پاٹھی عقلمند چھِ، یم خاَراتھ دِنہٕ باپتھ وٕسی دِل چھِ، رٔحم کرنہٕ باپتھ پزتھ ساتہٕ تہٕ ہر حالتس منٛز تیار چھِ، یم صبرٕ تہٕ توحملہٕ باپتھ مُتحرک سپدن تہٕ یمن دوٗیمن ہنٛز بلاَیی تہٕ جانبر کرنس منٛز یتھ پٹھ آسہٕ، تِم لوٗکھ چھِ گرٛہست آشرمس منٛز اَستھ تہٕ نجاتکی وومیدوار آسان۔''[1]

قلمکار شِو سوامی سُنٛد کلامہٕ چھُ النکارو بوٗرُت۔ سِری یہٕ کھسنَس تہٕ لوسنَس چھِ تِمٕ تصویر کشی کرِمٕژ یتھ منٛز منظر کشی ستی النکاَری زبان تہٕ چھےٚ آمٕژ ورتاونہٕ۔[2] جنگس منٛز جوانن ہُنٛد حوصلہٕ بڑاوان چھُ شاعر ونان زِ یتھ سمسارس منٛز چھُ تِمی سُنٛدے زِندٕ روزُن پوٗز تہٕ حقیقتھ تیمی ہٕندِ خشمہٕ ستی دوٗ دمت دُشمن زِندٕ ہیکہٕ نہٕ سپدِتھ۔ یعنی دُشمن تُلہٕ نہٕ کلے۔ سُہ یُس دُشمنس کھوٗژِتھ،

1. Dharme shardhaa sammatih satyasaare;
Daane veeryam samprathaanam dayayam I
Kshaantau kshobhah prema punye cha yeshaam;
Noonam mukhtaaste grihasthaashramepi II
Kapphinabhyudaya, Edt. by P. Gaurishankar, Sarg 20, v.,32.

2. Shokam kokaa kumadamalayah saandravaataa digantaan;
Deepaavarteerabhimatabujaa bhyantaram chaabhi sarpah I
Jyotsnaah kaashthaa nishadanaminaa barhino vaasayashtee;
Vyomaapaantaastimara pataleestulyameva tyajanti II
Ibid, s.,15, v.,21.

ژلہِ تہٕ تمٕس (بُزدِلس) نِشہِ چھےٚ لکھشمی تہٕ دوٗرٕ ے روزان یعنی سُہ چھُ ہمیشہِ موحتاج روزان۔[1]

شِو سوامی ہٕندِس مہاکاوِس پٔٹھ چھُ واریاہَن جایَن ماگھ ہٕندِ شِشہِ پاآل ودھک تہٕ رتناکر ہٕندِ ہَر وِجے رَزمین ہُند اَثر ٹاکارٕ نَظرِ گژھان۔ مگر یہِ اَثر چھُ صرِف خیالاتن ہٕندِس اثرس تاپے محدوٗد۔ بڑوٚنہِمن شاعِرن ہُند خیال ژاٚرِتھ چھُ شاعِرن پنٕنس انداز س منٛز تہٕ پنٕنہِ طرزِ مُطابِق یمن خیالاتن اکھ نوٚوِ ے شکل دِتھ یم اَسہِ بڑوٚنہِہ کنہِ تھاوٕ مٕتی۔ ساٚنس سنسکرِت اَدبَس منٛز چھُ لکشمی پارٕ کی پاٚٹھی اَکی سے جایہِ تہٕ ٹھہرن واجِنیٚ مانٛنہٕ آمٕژ۔ ئِتھو شاعِرو چھُ اَمی ہٕندِس مُتحرک آسنَس سمندرچن لہرن سٟتی تہٕ مُشابِہتھ دِژمٕژ۔ لکشمی ہٕنٛز یہے مُتحرِک حالت آسنُک خیال چھُ ہرِ وِجے رزمیس منٛز تہٕ تہٕ کپِفنا اَبھیودے مہاکاویَس منٛز تہٕ۔ وُچھی تو ہَرِ وِجے رزمیُک یہِ شعار:

سمندر منٛزٕ پژھیمٕژ لکھشمی چھےٚ اَمچن لہرن سٟتی وابسط آسنہٕ کِنی زنتہٕ یمن ہٕندِ مُتحرِک آسنہٕ منٛزٕ ے تھنہٕ پیمٕژ تہٕ لہٰذا چھِ ییٚتہٕ مُتحرک طبیعت تھاوَن واجِنیٚ۔ یہٕ چھُس زانان زِ یُنس تہٕ راز نیک سیرت آسہِ تَس نِش چھےٚ یہِ پنٕنی نَہ سورِنس لایَق قرار گاہ بناوان۔[2]

1. Sa jeevatirushaa yasya dvishandagdho na jeevati I
   Palaayate yastad bheeto Lakshmeeh tasmaat palaayate II
   Kap., Ed., by P. Gaurishankar, s.,18, v.,32.

2. Bibharti paaripalavataamudanvritah,
   Tadoormi samsarga kritaamivotthitaa I
   Avaimi Lakshmeemaya vartamanaagataa,
   Sthiram nibaghnanti nrape padam punah II
   Harivijay, Ratnakar, s.,12, v.,33.

شِو سوامین چھےٚ یِہےَ کتھ ییتھ اندازس منٛز لیچھ ہِو:

''وزنی پہاڑ ''مندار''، مندراچل ژٕسی منتھن (چھنوٚنھ) دِتہٕ موٗجوٗب کرٛوٗدھی سمندرچِن لہرن ستیٚ تال میل آسنہٕ ستیٚ پاۍدٕ سپدیمٕژ لکھشمی چھُ پننہٕ زِہنہٕ جاپہٕ ہُنٛدے یِہ اثر زِ مُتحرِق طبیعت تہٕ جانباز کامہٕ کَرن والیٚن یا چاہت تھَون والیٚن لُکن منٛز چھےٚ یِہ لَسُن بسُن پَسنٛد کران۔[1]

بَسری یِہ چھُ مغربی سمندرس منٛز لوسان تہٕ چکو تہٕ چکوی چھِ پننہٕ پکھ واپنہٕ شروع کَران تِکیاز گاش کم گوٚھنہٕ ستیٚ چھِ تِم اکھ اَکِس نِشہٕ جُدا گوٚھان۔ یِہنٛدِ پکھ واپنہٕ ستیٚ چھِ پمپوٚشن الہٕ ڈلہٕ گوٚھان۔ شاعر چھُ پننِس تخیُلس منٛز تصویرکَشی کَران زِ بَسری یِہ چھُ لوسان تہٕ یِہ غم چھُنہٕ سرس منٛز پھولِتھن پمپوٚشن برداشت گوٚھان تہٕ تِمن چھِ کلہٕ یون کُن گوٚھان تہٕ پکھ واپنہٕ ستیٚ چھِ یِم زَن تہٕ پنٕنٛز لٹھری کھوٚلِتھ پاٚنٕ پانَس پننو اَتھو چوب دِوان۔[2]

سوٚنتھ کال چھُ یِوان تہٕ ساری منظر چھِ بدلان۔ وتہٕ چھِ باسان بدلیمٕژ، گُلی چھِ رَنٛگ بدلان، پوٚش تہٕ باغ چھِ نوِ انہارِ پٔنٕنی پرتو ترٛاوان۔ لوٗکھن جوانٔن تہٕ اِنسانن ہٕنٛز سوچن ترٛاپِہ چھِ بدلان۔ آشہٕ تہٕ ووٚمیدِ تہٕ چھےٚ کاڑ کڈان تہٕ جُدأیی تہٕ تفریق تہٕ چھِ بڑان۔ یِتھےٚ سوٚنتھ کالس منٛز چھُ وتہٕ گَتَس مَن

---

1. Gurutara girimantha kshobhitakshobhya Sindhu-
Vyatikararasabhogya vaasanaa vaasiteva I
Sambhimatavimardaa roudrarakarma priyeshu;
Prasarati ramamaanaa taadrisheshveva Lakshmi II
Kap., Ed., by P. Gaurishankar, s.,4, v.,31.

2. Shlatha jalavenayah patativaarini tigmakare,
Vapuravanabhra padmavadnaah shatapatrabhuvah I
Viyutarathaanga naama prathu pakshati nidhootibhih,
Karatalapeedanaabhiriva jagnuratha vyathitaah II
Ibid, s.,11, v.,25.

وۄڈھ تِتھے پأٹھۍ کڈان یِتھٕ پأٹھۍ ژٕندرمہٕ گاش چھُ سمنٛدرَس روتلہِ گران مُتحرک۔ شأعرن چھُ یہِ پٔنٛنس انداز س منٛز بیان کٔرِتھ اکھ خوبصورت شیبہٕ وۄتلاوِتھ یَتھ منٛز آواز ہِشر تہٕ لفظی مُطابِقتہٕ ذٔریہِ شعارُک حُسن چھُ وۄتلیومُت بھارگو براونہٕ بغأر۔ وتہٕ گتھ چھُ آسان پننہِ کامہِ دژ امُت تہٕ وتہٕ ہٕنٛدی منظر چھِ سونتہٕ کِنۍ بدلِتھ تَس تِتھے کٔنۍ وتہِ ڈالان تہٕ ژکھ کھاران یِتھٕ کٔنۍ ژٕندرمہٕ کھسنَس پتھ چھُ سمنٛدرس منٛز آب یَژھان آکاشس کھسُن مگر گاڈن ہٕنٛز ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ چھس وتہِ ڈالان تہٕ خِشم کھاران۔[1]

یَمن دِلس کھوچرٕ آسہِ تِمن ہُنٛد پریم تہٕ لول تہٕ چھُ کھۄٹ تہٕ ژھۄٹ آسان۔ پٔنٛنۍ کأم دژ ایکھ تہٕ ژٕنہٕ کانٛہہ تہٕ ہٕنہِ کانٛہہ۔ اَتھ خیالس چھُ شأعرن شأعرانہٕ رنگتھ دِتھ حُسن پأدٕ کۄرمُت۔ سأری سے رہتہٕ کأٮ۪لس اأسۍ یم بۄمبر پمپوشو ہتۍ بٔرِتس سرس گتہٕ گیٛو ر کران۔ وَنٛدٕ کال آوسُرُک آب لۄگ تہٕ امیُک جُس موکلیوٗو۔ بۄمبرو تہِ ژٕروو یہِ پٔنُن ویٛو دَسر تِتھے کٔنۍ یِتھٕ کٔنۍ غلیظ طبیعت اِنسانہٕ سُنٛد پریم تہٕ لول سبٛھاہ کم وقتی چھُ آسان۔[2] تواریخہِ ہٕنٛدِس اَتھ عظیم شاہی دورس منٛز چھُ شأعرس آزادی ہُنٛد پۄرٕ پۄرٕ باس آسان۔ تٔمۍ سُنٛد گفت چھُ زِ آزأدی رأو تہٕ سوٗرُے روو پَتہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ مول دھیارَن تہٕ نَہ مال جادادس۔ اَلنکارَو

1. Samudite suyrabhou pathikaah pathi,
   Sthira dhritikshati chakshubhire kshanaat I
   Shashibhriteeva sameeyushi sindhavo,
   vitimire timire chitaveechayah II

   Kap., Ed., by P. Gaurishankar, s.,8, v.,9.

2. Madhulihah pravilokya himaahataam,
   Parichitaamapi pankajineem jahuh I
   Kva suchiram kriyate malinaatmabhir,
   Dhruvataraa vata raagaamayee gatih II

   Ibid, s.,8, v.,52.

ستیٚ سجأوِتھ شأعری منٛز چھِ یہے کتھ یتھ کنۍ وٕنتھ شأعرن احساسات حسین رٔنگتھ دِژمٕژ۔ ''تس اِنسانہٕ سٕنز لکھشمی چھےٚ فوٗضوٗل یٔسند ڈکہٕ دُشمنٕس برٛونٹھہ کنہٕ نمنہٕ ستیٚ ناپاک آسہِ سپُدمُت۔ ژھینہٕ مٕژ نرِ چھا باز بَند شوٗبان۔'' آزادی چھےٚ نرِ ستیٚ مُشابہتھ دِنہٕ آمٕژ تہٕ شعارس منٛز چھُ اَکی لفظُک استعمال دوہراوِتھ آواز ہشر پأدٕ کٔرتھ شعارُک حُسن وارِیاہ ہُر یوٗمُت۔[1] اَتھ شعارس منٛز چھِ لفظ ''پ'' تہٕ ''ک'' استعمال کٔرتھ آوازٕ ہشر ''اَنپُراس'' آمُت پأدٕ کرنہٕ۔ کپھنا بھیوٗدُے نأوی رزمیک شأعِر شِو سوامی چھُنہٕ صرف لولن، حُسنَن، باغہٕ سأٔلن تہٕ مأٔلن پھیران ئِلی کہِ چھُ سماجک تہٕ سیاستک اکھ زِنٛدٕ جاوید فِرد اَستھ حکوٗمتس مُتلِق پٔننۍ رائے بےٚ خوف پأٹھۍ دِوان۔ سُہ چھُنہٕ سیأسی معاملاتن منٛز سوہلنگأری ہُند قأیِل ئِلی چھُ اَتھ حقس منٛزن زِ سیأسی فاصلہٕ گژھن کُنہٕ ژیر لاگنہٕ بغأر تہٕ بروقت نٔنۍ تِکیازِ تٔمۍ سُند گفت چھُ زِ ''راج لکھشمی رازٕسی ہٕنز دیوی'' چھُنہٕ تاخیر پَسند رازَن ہٕندِس محل خانٔس منٛز زیادٕ کالس روزُن پَسند کران۔[2]

برٛونٹھہ کُن چھُ شأعِر ونان زِ راج نیتہِ چھےٚ آلٕژھ تہٕ کامہِ ژوٗرن ہٕندِ بایتھ ماجہِ برابر یعنی یتھ کنۍ مأج کامہِ ژوٗر یا کھوٗژ بڈ سنتانٔس رٔچھان چھ تِتھے لوٗکن ہٕندِ خاطرِ چھےٚ راج نیتہِ بچاو۔ نتہٕ یُس دوٗر درشی رازٕ آسہِ تَس چھُ شکھتی

1. Vidambanaiva pumsi Shreeh para pranati paamsule,
Kaantim kaamapi kurveeta kooneh kataka kalpanaa I
Kap., Ed. by P. Gaurishankar, s.,16, v.,50.

2. Nripa tadalamachintair neeti chintaantaraayaih,
Safalayatu bhujaste bhoobhritaam vaanchchhitaani I
Asahanasahavriddhaa saahasai kanta kantaa,
Vrajati nahi nripashreeh deergataam deergasutire II
Ibid, s.,4, v.,23.

"طاقتچ دیوی" بڑونہہ بڑونہہ پکان، یعنی سونچنہٕ بڑونہہ چھُ تَس بڑونہہ پکنک طاقتھ یِوان تکیازِ حُسن و جمال تہٕ شان و شوکت چھِ دوٗرِ رَس نظر تھاوَن والین رازن ہُنٛد گہنہٕ تہٕ یِی چھِ راج نیتہٕ تہٕ۔[1]

بیٚیتہٕ شِوسوامی سیاستس حکوٗمت سازی ہُنٛد اکھ طرزِ چھُ مانان تہٕ چھِ باقی کینٛہہ گونماتھ مثلن بھیشمک تہٕ سُبھاہوٗ تہٕ تِہنٛدی ساتھی تہٕ حامی، نَل، سُشرما، پوٗن، شتِدوچ بیٚترِ اَمہِ نِشہٕ بیٛون رائے تھاوان۔ تِم چھِ سیاستہٕ کامیابی ہُنٛد خاص ترکیب مانان۔ تِہنٛد گفت چھُ زِ "طاقت چھُ تیٚلی کام کران ییٚلہِ تتھ سیاستک ڈوٗکھ آسہِ۔"[2] پتہٕ اَتھ کتھِ باوُز بَل دِنہٕ باپتھ چھِ تِم یہِ مَنتیٚکھ پیش کران زِ "سیاست چھےٚ تیٚلی رَتھِ کھسان ییٚلہِ تتھ مَنٛز ووٚڑھ ژھانٛتھ آسہِ۔ ووٚں اگر سیاست پتھ کُن ترٛاوِتھ یا سوچ لبہٕ تاپَس تھوٚوتھ کانٛہہ وُدیوٗگ کرِ سُہ چھُنہٕ تتھ مَنٛز کامیاب ہیٚکان سپدِتھ۔ سیاستس پتھ دِرتھ وُدیوٗگ چھُ اصلی تہٕ سُہٕی کامیابی ہُنٛد آگر۔[3]

مہاکوی ماگھُن تہٕ شِوسوامی دونوٚیو چھِ پہاڑ پتھ وسنہٕ آبہٕ ژادرِ ہنٛز تشبیہ ہٕسی ہنٛدِس گرس ستی دِژمٕژ۔ مگر بیٚیتہٕ ماگھ صِرف ہٕسی گرُک ذِکر کرِتھ تسکین چھُ حاصِل کران۔ تتہٕ چھُ شِوسوامی پیٚرِ وسنِس ہٕستِس ستی تشبیہ دِوان تہٕ بالہٕ

---

1. Iyamiha nanu neeti bheeru lokasya maataah,
   Prabhavati vijigeeshor vastunah kasya siddhyai I
   Vahati nayavibhooteh shaktiragresarstvam,
   Samamidamudapaadi kshaatram ugram cha tejah II
   Kap., Ed., by P. Gaurishankar, s.,4, v.,26.
2. Vijayasya param padam nayastamatho mantra parishkritam jaguh II
   Ibid, s.,5, v.,24.
3. Na vibhaati nirudhyamo nayona nayatikrama kritya paraakramah I
   Parameti hi siddhiriddhataam naya garbhavyavasaaya saadhitaa II
   Ibid, s.,5, v.,27.

تھوٚنکس پیٹھ پھٲلۍ مِتین سٔنجہِ پوشن سیٚنڈ رِ ژ تۍ رنگدار بنے مِتس ہٕسی پنٛدِس ڈٕکس ژ تۍ مُشاہِتھ دِتھ اتھ شعارس رُمہِ ریٚشن آے بخشان۔[1]

شِو سوامی ہنٛز زبان چھےٚ عام فہم سنسکرٕت زبان پَتھ مٕز باپتھ زیبآیش (النکار) چھِ جرنہٕ آمٕتۍ۔ شیٚمہِ سرگہٕ (باب) پیٹھٕ پَنٛدٲہمس سرگس تام چھُ وِدربھی (وِدرِبھ دیٖشُک) فرحت بخٕشش طرزِ بیان آمُت ورتاونہٕ۔ اَتھ منٛز چھُ خُدا دادٕ نعمتن ہُنٛد ذِکر بیٚترِ کرنہٕ آمُت۔ اَردٲہمس سرگس منٛز چھُ گوڈی طرزُک استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ منٛز چھُ شُجات، پاکیزگی تہٕ صیٚحت کٕبن مسلن دَل آمُت دِنہٕ۔ گوڈی چھُ سنگیت شاسترس منٛز اکھ خاص طرزٕ تہٕ مُقام۔ وُہمِس سرگس منٛز چھُ حُسنٕچ ادا تہٕ شعری ہُنٛد تنقید آمُت وہٕوھناونہٕ۔ مختلف لفظن ہنٛز تٕلہٕ ترٛاوِ ہُنٛد تہٕ ورتاوَس منٛز اَہنگ چھِ شعأعرن جان حوالہٕ دِیتُمت۔ شاعری منٛز چھُ عام پأٹھی اَنشُٹھ چھند (سنسکرٕت شاعری ہُنٛد خاص قِسم یَتھ منٛز دوٕیہ ترٛ ہہ اَچھر چھِ استعمال یِوان کرنہٕ) ورتاونہٕ آمُت۔ شاعرن چھُ باقی ستٕرہَن (37) چھندن پیٹھ تہٕ پنُن قلم اَزموٚمُت۔ یِمَن منٛز ''دُرٛتہٕ وِلمبت'' چھُ اکہٲٹھن (61) شارٕ مجموٗعن منٛز۔ ''وٕسنٛتھ'' چھُ پأنٛژ وُنزاہَن (55) شلوٗکن منٛز، ''وسنت تِلکا'' چھُ پأنٛژہٲٹھن (65) کِتاہَن منٛز۔ ''وِیوٗگی'' چھُ پنٛژہَن (25) پدن منٛز۔ ''اُپجاتی'' تہٕ ''پرٛہرشنی'' چھِ تیٚیہ تاجہن (43) شوٗلوٗکن منٛز، ''ہارِنی'' منٛز چھِ ژَتجی (40) تہٕ ''منداکرٛ انتا'' یِہ طرزس منٛز چھِ ژوٕیہ ترٛ ہہ (34) پَد لیکھنہٕ آمٕتۍ، وغأرٕ۔

---

1. Shashipalavadha, S.4, v., 49 and Kapiphinabhyudaya, Ed., by Pandit Gouri Shankar Lahori, Year 1937, s.,6, v.,55.

کپِفنا بھیوڈے چھُ پننہِ ڈژامأیلی رُواُنی موٗجوٗب تہٕ ہینٛدوٕ دھرم تہٕ انسانہٕ ہنٛزِ فرض شِنأسی، بودھن ہنٛز ییٚمہٕ عالمہٕ مُکھتی پژاوِنکین اوٗصوٗلن تہٕ نظریہٕ تِہٕنٛچ ہم آہنٛگی وِبٕڑھناونک سنسکرٕت اَدبُک اَکھ مولُل خزانہٕ۔[1]



## (2) بھٹ بھوم سُنٛد راوَن ارجُنیہٕ

وَرمُلِ کشمیر نزدیک چھُ اُڈوٗ ناوٕ اَکھ لوکُٹ گام، اتیکۍ اوس بھوم بھٹ روزان وول، ییٚمۍ رَن راون ارجُنیہٕ ناوٕ یہِ رزمیہ لیٛوکھمُت چھُ یتھ منٛز ستووُہ سرٕگ چھِہ۔[2] یہِ چھُ بھٹہٕ سنٛدِس مہاکاوتہٕ راوَن وَدھ کِس طرزس پیٹھ آمُت لیکھنہٕ۔ شأعری ہنٛدین قسمن وَکھناوان چھُ کھیشمندرن یہِ رزمیہ ''شاستری رزِم'' کِس زِمرس منٛز تھووُمت۔[3] اگر أسۍ مانو زِ ییٚم تہٕ مِثالہٕ اَسہِ بڑوٚنہہ کُن چھِہ ییوان ییٚم رَن اتھ منٛز وِبٕڑھناونہٕ چھےٚ آمٕژ تمہِ تلہٕ چھُ باسان زِ یہِ گرٛہٕ ستٕمہِ صدی ہنٛدِس دوٚیِمس نصفس منٛز آسُن لیکھنہٕ آمُت۔ باسان چھُ یہِ تہٕ زِ امہِ رزمیُک مقصد چھُ پانٛنی سنٛزِ ''اشٹادھیایی'' ہنٛدی سوٗترٕ مزید گاشراوِنۍ تِکیازِ امہِ کاوِکِس پرٛتھ سرگہٕ کِس آخرس پیٹھ چھُ ''اشٹہٕ اِدھیایی'' ہُنٛد تمہِ پادُک (شلوٗک) تزکرٕ کرنہٕ آمُت تیٚنٛچ مِثالہٕ اَتھ بابَس منٛز وِبٕڑھناونہٕ چھےٚ آمٕژ۔ وَیدِک سنسکرتکۍ زبأنۍ ہنٛدی طور طریقہٕ چھِہ اَمہِ نِشہٕ مُچھِہ تژاونہٕ آمٕتۍ۔

---

1 یہِ عبارت چھےٚ شری گوری شنکر، لاہور وألۍ ہنٛدِس اَکِس مضموٗنس منٛز یُس 1933ہٕ منٛز لنگوسٹِک سروے آف انڈیاہس منٛز چھُ اُمۍ مُصنفن چھاپ کوٚرمُت، ییٚمہِ پیٹھ یہِ استعمال چھُ کرنہٕ آمُت۔

2. Bhatta Bhom kaa Ravanaarjuneeya, Ed. by Shiva Datta and Kashi Nath, Nirnaya, Sagar Press, Bombay, Year 1900.

3 وُچھِو ''سوٗرٕتہٕ تِلک'' کھشمیندر شلوٗک ۴۔

یہ رزمیہٕ چھُ پُورٲنی کہٲنی پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ ارجُن چھُ آسان کارتہٕ ویرٕیہ سُند نیچُو تہٕ یہٕ چھُ راوٕنس سٟتۍ لڑٲے گران، یتھ منٛز اکھ ساس نرِوٲلِس کاژتہٕ ویرٕیہ ارجنس چھےٚ فتح نصیب سپدان۔ رزمیہٕ شاعری ہنٛدی لوٲزِمات مثلن: سِری یہ کھسُن، سندھیا کال، روٗتل، ڈٕری یاو، پہاڑ، موسمن ہُند بدلُن بیٚترِ چھِ اَتھ منٛز پننہِ پننہِ مُقامہٕ تہٕ حِسابہٕ ورتاونہٕ آمتۍ۔ کاژتہٕ ویرٕیہ چھُ نرمدا ڈٕری یاوُک آب رُکاوان یتھ پٮ۪ٹھ راوٕنس چھِ ژٕکھ کھسان۔ سُہ چھُ کرٕژترٕ ویرٕیس قاصد سوزان لڑٲے کرنہٕ باپتھ۔ کرترِویرٕیہ تہٕ قاصدٕ سُند اَکھ أکِس سٟتۍ کتھ باتھِ ہنٛز تُلہٕ ژ اوچھےٚ واریاہ مُتأثر کُن انداز‌س منٛز بیان آمٕژ کرنہٕ۔ لڑایہِ باپتھ چھِ دونوٕے ڈٕرۍ تیار سپدان۔ مندوٗڈٕرۍ (راونہٕ سٕنٛز زنان) چھےٚ راوٕنس جنٛگ کرنہٕ نِشہِ پتھ روزنٕک صلاح دِوان۔ درجواب چھُس راوٕن وَنان زِ سُہ یِیہ جلدٕے کرٕژتہٕ ویرٕیس ختم کٔرِتھ تہٕ ہُرراوِ راکھسن ہُند عزت تہٕ وبکار ییمہٕ سٟتۍ سارِی خوش سپدن۔ جنٛگ چھُ شرٕٲہمہِ بابہٕ پٮ۪ٹھ شروع سپدان۔ راون چھُ بذاتِہ خود لڑایہِ ہنٛدِس مأدانس منٛز دٲخل سپدان، ییٚتہِ تٔسند رتھ چھُ پھٔٹِتھ یِوان۔ کارتہٕ ویرٕیہ تہِ چھُ رتھ پٮ۪ٹھ وٕستھ لڑایہِ ہنٛدِ قونٛونٛچ پیروی کران۔ أخرس چھُ لڑایہِ منٛز راوٕن قٲد یِوان کرنہٕ مگر ییٚلہِ پُلِست ریوٗش تہٕ تٔمۍ سٕنٛدی چیلہِ کاژتہِ ویرٕیس زارٕپارٕ چھِ کران تہٕ تِہنٛدِس صلحس پٮ۪ٹھ چھُ راوٕن یِوان ژ اونہٕ۔ فلسفی یا ''شاستری'' رزمیہِ أستھ تہٕ چھُنہٕ اَتھ منٛز شاعری ہُند کانٛہہ تہٕ اَبھاو نظرِ گژھان۔ چوٗنکہِ یہ تصنیف چھےٚ سنسکرِت گرامرس مُتلِق لیکھنہٕ آمٕژ لہٰذا چھِ اَتھ منٛز واریاہن جاین وُلٹہٕ تہٕ ویٚکھٕژ مِثالہٕ نظرِ گژھان۔ مگر یہ چھُ صرف

موضوٗعی نہٕ کہِ مُصنِف سُنٛد کانٛہہ عالمانہٕ ول ہاونٛک طریقہٕ یتھ منٛز شوزَر تہٕ سادٕگی چھےٚ آمژ ورتاونہٕ تہٕ سَرس تھاونہٕ۔

گوڈٕنِکس بابہٕ کِس شروٗعس منٛزٕ ے چھُ شاعِر کارتہٕ ویریَس سٕہس سٟتی تشبیہ دِوان تیٚمِس وُچھتھے دُشمن چھُ لڑایہٕ ہنٛدِ مأدانہٕ منٛز ہٕسی تمن ہنٛدی پأٹھی ژلان۔[1] رازس چھِ زیور، لال تہٕ جوأہر یتھٕ کٕنی چھُ راز لالن تہٕ جوأہرن ہُنٛد شوٗب بڑاوان۔ یِم دوشوٕ ے چھِ یتھٕ کٕنی اکھ أکی ہنٛدِ زیور بنان تہٕ شوٗب ہُرراوان۔[2] شاعِر بھوٗمس تہِ چھُ کالِداسٕنی پأٹھی شاعری منٛز پُرمعنی لفظٕ ژأر ہٕنز سجاوَٹھ، تشبیہ، مُشابہتھ بیتٕر النکار باسان زیادٕ پَسنٛد أسی متی۔ سِری یہ کھسوٗنے چھِ تارکھ تہٕ باقی سیارَن ہٕنز روشنی کم گژھان تہٕ پہنٛد گاش چھُ ژھوکان۔ گونماتس بڑونٛہہ کنہِ کتہِ چھِ کٕٹہٕ ژاٹھ ڈٕرِتھ ہبکان۔[3] شام وَقتن چھُ سِری یہ لوٗسن ہوٕان۔ باسان چھُ زنتہٕ چھُ کاژتہٕ ویریہ تہٕ راوٕنٕنی خوٗن ریز لڑأے وُچھِتھ یہ دِل اوٗ زُردٕ گژھِتھ اَستاچلس (یتھ بالَس پٮ۪تی سِری یہ چھُ لوسان) پٮ۪ٹھ آرام کَرنہٕ باپتھ بیوٗٹھمُت۔[4] سوکھ تہٕ رحمت کرن وول سِری یہ ییٚلہٕ استاچُل چھُ واتان عام لوٗکھ چھِ دُکھی گژھان۔ لٮ۪کن ووپکار تہٕ فأیدٕ واتاوَن وألی ہنٛدِ زوالہٕ کُس چھُنہٕ دُکھی سَپدان۔[5] روشن دِماغ راوٕن کوٗر ہُشیار دِماغ تہٕ پھُرتیلہٕ ارجنٕنی تِتھے کٕنی قأد یتھ کٕنی راہ چھُ سِری یَس گرٕہنہٕ وِزِ قوبوٗ کران۔[6]

1. Ravana Arjuneeya, s.,1, v.,1.
2. Ibid, s.,2, v.,6.
3. Ibid, s.,18, v.,6.
4. Ibid, s.,16, v.,75.
5. Ibid, s.,17, v.,10.
6. Ibid, s.,22, v.,29.

پَننِس ذُرِس راوَنٕہ سٕنٛزِ عقلہِ پٮ۪ٹھ دوکھ باوان چھُ پُلستیَہ ریوٚش راونٕہ سٕنٛز راژَسی پٮ۪ٹھ چھکرٕچ یا داندِ گاڑِ ہنٛز مُشابہتھ دِوان۔ سام یعنی سِیاست (مٕدٕر زیو)، دام (شفقت، قیمت)، دان (عطیہِ)، دنٛڈ (سزا) تہٕ بھید (فرق، پھاس دِٕٕن) وغارٕ چھِ امہِ گاڑِ ہنٛدی داند تہٕ اَصلس تہٕ فرٕہَس ودِ کڈن وول یعنی چالک (زارٕ) چھُ امہِ گاڑِ ہُنٛد چلاون وول۔ اگر تَس چھُ تگان یہِ سورُے لوٕہہ لنٛگر پکناوُن تیٚلہِ چھُنہٕ سُہ بےٚ سوٗنٛچ کینٛہہ[1] یہِ سورُے بیان چھُ ہأوِتھ دِوان زِ سام، دام، دان، دَنٛڈ تہٕ بھید یِم سأری فلسفہٕ زانٕنہٕ باوجوٗد اوس راوُن بےٚ سوٗنٛچ آسنہٕ کِنہِ یہِ راژَسی ہنٛز گأڑی چلاوُنس ناہل لِہٰذا سپُد ارجُنٕنہِ دٕسی پَسپا تِکیٛازِ سُہ ہیوٚک نہٕ راژَسی ہنٛزِ گأڑی صحیٖح سِمت دِتھ۔ کارتہِ وِیرِیہِ تہٕ تَس ماتحتھ راژَن ہنٛدِس وۄہارَس چھُ شأعِر یہِ ورگہٕ تشریح تہِ کران۔ کانٛہہ راژٕ چھُ پانٕہ تہِ سوٚکھی بَنان تہٕ لۄکن تہِ سوکھ واتناوان۔ ووٚں گو تگبس نہٕ تیٚلہِ چھُس صرِف فلسفہٕ زانٕن فضوٗل تہٕ گون نہٕ کانٛہہ۔ یتی چھُس ونان زِ کانٛہہ تہِ اِنسان چھُ گونٕہٕ نِش ہیُن پانَس باپتھ فخر زانان۔"

گرٛامر تہٕ شارُت دونٕوٕنی چھُ اتھ رزمیس منٛز برابر تہٕ یکسان اہمیتھ دِنہٕ آمٕژ۔ امہِ لِحاظہٕ چھُ یہِ سنسکرِت اَدبُک اَکھ موٗلُل گوہر۔

کارک، چھِ سنسکرِت گرٛامرس منٛز کأم کرٕنچَن مُختلِف حالتن وَنان۔ امہِ منٛزٕ چھےٚ اکھ خاص حالتھ جُدا یا الگ گژھنچ یتھ زَن "اپادان کارک" چھِ ونان۔ اتھ مُتلِق چھِ شأعِرن اَمِکہ ژوشوَے قِسم یا پَد اَکی سے شۄلوٗکس منٛز

1. Ravana Arjuneeya, s.,1, v.,16.

دِرتھ مِتر یتھ منز فوجس لڑایہِ خاطرِ کوچ کرنچہِ حالژ چھےٚ تیتھ کنۍ تصویر کشی کرنہٕ آمژ۔ ''وتہٕ پکوٚنۍ چھِ کینٛہہ پانس گرزِ گُبار کہِ گٹہٕ کارِ نشہٕ بچاونچ کوٗشش کران۔ بیا کھ گُرۍ سوار چھُ ہٕسۍ سوارس نشہٕ پانس بچاوان، ہٕسۍ ہندِس ڈبکس تہٕ بتھٕلبن پیٹھ چھُ مدجل (شراب) جمع گومُت۔ یتھ سٕہ کن وامنہٕ تہٕ کنہٕ پیٹھ واینہٕ ستۍ بوٚمبرن چھُ دوٗر کھلان۔[1] سنسکرت زبانۍ منز چھِ زمانہٕ لحاظہٕ کانٛہہ تہٕ کام اَند واتنکۍ اَٹھ مُقام[2] یمو منز گوڈنیُک چھُ ''لَٹ'' یُس حال خاطرِ اِستعمال چھُ یوان کرنہٕ۔ یمو منز چھُ لِٹ، یُس صرف ویدک سنسکرتس منز اوس اِستعمال سپدان، باقی اَٹھوے چھِ حال، ماضی تہٕ مستقبل بایتھ سنسکرتس منز از تہٕ رائج تہٕ یمن چھِ گرامرس منز ''لکار'' وَنان۔ لَٹ، لکارُک اِستعمال چھُ شاعر یتھ پأٹھۍ مِثالہٕ دِسۍ اَسہِ فِکرِ تاران سہٕل تہٕ فِکرِ ترٛوِنۍ زبأنۍ منز:

''یہِ چمکوٗن نرمدا دٔریاو وُچھی تون۔ یتھ پأنس منز پمپوش چھِ جوگ در جوگ پھلیمتۍ۔ بجہِ بجہِ گاڑ چھِ اتھ منز اورِ یور پھیران تھوران تہٕ چھےٚ لوکٹین لوکٹین گرٛزن کھوان۔ اَمہِ کِس بٔٹھس پیٹھ ہیتھ یم پھلوٚہأری (صِرف پھَل کھینہٕ وألۍ) برٛہمچأری چھِ یہِ سورُے وُچھان۔'' یتھ کنۍ چھُ نرمدا دٔریاوَس تصویر کشی زمانہٕ حالس منز کرنہٕ آمژ سو تہٕ طرحدار۔

---

1. Paraajer svodheh, Vaaranaarthaanaameepsitah I
   Antardau yenaadarshanam ichchati janikartuh prakritih II
   Ravana Arjuneeya, s.,18.
2. 'Lat' vartamaane 'Let', 'Veda', 'Lan', 'Bhute', 'Lun', 'Litastathaa', Vidyoshishau tu 'Linlotau', 'Lut', 'Lun' cha Bhavishyati II
   Anuraad Chandrika, Ed., by Jagdeshlal Shastri, Year 2005, p.,13.

''بھٹہِ کاوِیس'' اگر أسؠ ''راون ارجنیِیہٕ'' رزمیَس ستؠ تقوٲبلی مُقابلہٕ گرو، اَسہِ ترِ صاف فِکرِ زِ بھٹ بھوم ہنٛز طرزِ بیانی چھےٚ بھٹہِ نِشہِ واریاہ سہٕل، پُرٲکشِش تہٕ مَزٕدار تہِ۔



## (3) ہَرٕ وِجے

راجانک رتناکرُن لیٛوکھمُت ''ہَرٕ وِجے'' رزمِیہِ چھُ سآری سےٚ سنسکرٕت رزمِیہِ شأعری مَنٛز سارِوٕے کھوتہٕ بۆڈ تہٕ باڈٕو دار تصنیف یتھ مَنٛز پنٛژاہ باب (سرٕگ) چھِہ۔ ژور ساس ترٛےٚ ہَتھ گُنترٕہَن شارَن پیٛٹھ مُشتمِل، امہِ پیتہِ بڈِ رزٕمیچ کہأنی چھِ سبٹھاہ موختصر یوسہٕ ہکند پوران پیٛٹھ چھِہ اخذ کرٕمٕژ۔ گِنٛدان گِنٛدان چھِہ پاروٲتی دیوِیَو اَتھو ستؠ شِوٕ سنٛزٕ ترٛنوٕے أچھ بَنٛد کران۔ ژوپأری چھُ اَنہِ گۆٹ گژھان۔ تِتھی اَنٛدٕھکارس چھُ بَنان اون اَنٛدھکاسُر تیار۔ سبٹھاہ رِیاضت کرِتھ چھُ سُہ برٛہما جیَس نِش أچھی گاشُک وردھان پرٛاوان۔ أچھی گاش یتھ چھُ یہِ سآری سےٚ عالمس تنگ تہٕ دُکھی کران۔ شِو چھُ مجبوٗر گژھتھ تَس لوٗکن ہنٛز بھلأیی خأطرٕ ماران۔ یہِ لوٗکُٹ واقع چھُ رتناکرَن پنٛنہِ قلمہٕ کہِ تہٕ عقلہِ ہنٛدِ ذٔسی یوٗت بۆڈ واقع بنوومُت۔ اتھ مَنٛز چھُ شہرن ہُنٛد ذِکر، موسمن ہنٛز ذِکر، پہاڑن ہُنٛد ذِکر، شامُک ذِکر، ژٔندرٕ کھُسُن، آبی کھیلہٕ، سمٛندری کھیلہٕ خوبصوٗرتی یا سجاوَٹھ ہُرٕراوٕنٕکی مَد، محفلِ جام، اِظہارِ لطافت و خُشی، جُدأیی، سِیاست تہٕ فلسفہٕ، یِمن سآرِنٕے مَدن ہُنٛد رَل چھُ اَتھ رزمیَس مَنٛز نظرِ گژھان۔ مہا کاوِیہِ کِس خأتمس پیٛٹھ چھُ شأعرس مُتلِق تآریف تہِ دٕرج، یتھ

مَنٛز شاعِر چھُ ونان زِ میٲنٛی یہِ خوبصورت، موٚدُر، زیباٰیشہِ بُرٕژ رَزم یَتھ مَنٛز غلطیٖن ہنٛز گُنجاٰیش سبٹھاہ کم چھِ، حرفی مُطابقت، تشبیہ تہٕ استعارو ہتی بُرٕژ میانہِ یَیمہِ عجوبٕچ آواز بوٗزِتھ گیہِ نہٕ صِرف رازے یوت ٹلی کہِ دِوتاہَن ہُنٛد گوٗروٗ برٛہسپتہٕ ہِنٛدِس مَنَس مَنٛز تہٕ شکہ شُبہہ پاٰدٕ۔[1] شاعِر چھُ یہِ تہٕ وادِ کران زِ یوٚد کانٛہہ تہٕ پَرن وول میٲنٛ یہِ رزمیہِ پَرِ سُہ بَنہِ یا تہٕ شاعِر نَتہٕ آسبس مادِ تہٕ تیٚلہِ ہیٚکہِ مہاکوی تہٕ بَنِتھ۔[2]

راجانک الکن چھُ امِکی مُشکِل پَد فکرِ تارنہِ خاطرِ تشریح لیچھ مِژ تہٕ رَتنہٕ کنٹھن چھُ ''لگھو پنچکا'' ناوِچ ٹیکا لیچھ مِژ۔ رتناکرن چھُ امہِ رزمیہٕ کِس پرٛتھ کُنہِ سرگس پَتہٕ کُنہِ پانَس مُتلِق یِی لیٚوٗکھمُت زِ سُہ چھُ بال برٛہسپتہٕ ہِنٛزِ پُشت پناہی آویزٕ شاعِر۔ کلہن چھُ راج ترنٛگنی مَنٛز ونان زِ للتا دیتیہِ مُکھتا پیڈ ہِنٛدِس نچوِس چمپٹ جیاپیڈس اوسُکھ ''بال برٛہسپتی'' ہُنٛد خطاب دِیتمُت۔ بیٚیہ اَکِس شارَس مَنٛز چھُ کلہنن وونمُت زِ اونتی ورما ہِنٛدِس دورِ حکومتس (855-883)ء مَنٛز اَو مُکھتا کن شِو سوامی، آننٛد وردھن تہٕ بیٚیہ کوٚ رتناکرن کاٚفی مشہوٗری۔ باسان چھُ زِ شاعِر رتناکر سُنٛد شاعرانہِ دور چھُ جیاپیڈ ہِنٛدِ وقتہٕ پیٚٹھ شوٗروٗ سَپدمُت تہٕ تمی ہِنٛز مشہوٗری سَپٕز ییٚلہِ سُہ اونتی ورما ہِنٛدِس دورِ حکومتَس مَنٛز عُمر رٕسیدٕ اوس سَپدمُت۔ اَکی ہِنٛز بیٚیہ زِ تصنیفہِ چھےٚ ''وَکروکھتہٕ پنچاشِکا'' یہِ چھےٚ اَدبی تنقیدس

1. Lalitamaduraa saalankaaraa prasaadamanoramaa,
Vikata yamaka shleshodgaara prabandh nirmalaah I
Asadrishamiteeshchitre maarge mamodi garato giro;
Na khalu nripateshcheto vaachaspaterapi shankate II (Hara Vajaya)
2. Haravijaya Mahaakaveh pratigyam shrunut krita pranayamama prabandhe |
Api shishura kavih kavih prbhaavaad bhavati kavishcha Mahaakavi kramena II
Ratnakara, Haravijaya (Concluding Verses of Hara Vajaya)

مَنز اِبہام بیانی پیٹھ سنسکرِتس مَنز لیکھنہٕ آمُت کِتاب۔ تہٕ بیا کھ ''دھونہِ گاتھا پنچکا''۔ یہِ چھےٚ ''دھونہِ'' شاعری مَنز آواز یا نغماتی اثرس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت کِتاب۔ رتناکر سٕنٛز مشہوٗری چھِ خاصکر تِمَس رزمِیہٕ ہَرِوِجے لیکھنَس پیٹھ سپز مٕژ۔ اَمہِ تصنیفہِ ہٕنٛدبن بابَن ہکو اَسی یتھٕ کٕنٛز ورگہٕ باگے کٔرِتھ۔ گوڈنکین پانٛژن سرگن مَنز چھُ شہرُک ذِکر تانڈو (اکھ خاص قسمُک رَقص) نژتیہٕ۔ موسمَن ہُنٛد ذِکر تہٕ پہاڑَن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ شےٚمِس بابَس مَنز چھُ تقریباً 200 شارن مَنز شِو سٕنٛز توتاہ (دُعایہِ) شاعری کرنہٕ آمٕژ۔ سَتِمہِ پیٹھ شُراٹھمس بابَس تام چھُ شِو پٕنٕنبن گنَن (سأتھین) سٟتی صلاح مَشورٕ کران زِ اَنٛدھکا سُر کِتھ پٔیہٕ گالنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ بژونٛہہ کُن ترٛوہَن سرگن مَنز شِوگنن ہٕنٛدِ وَن وِہارُک ذِکر آمُت کرنہٕ یتھ مَنز پوشن ہٕنٛز زاژ، جَل کرٛیڑا (آبی کھیلہِ)، مے خأنی ہٕنٛز محفلہِ، سَنٛدھیا کال، ژنٛدر کھسُن، سمنٛدری کھیلہِ تہٕ پرٛبھات وغأرُک ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ تہٕ ترٛہمہِ پیٹھ اَرژہمس سرگس تام چھُ شِو سوزان قاصِد تہٕ یمن نۆوونٛی بابَن مَنز چھےٚ سو سأرے کتھ باتھ وَکھناونہٕ آمٕژ یوسہٕ شِوٕ سٕنٛدس قاصدس تہٕ اَنٛدھکا سورس درمیان چھےٚ سپدان۔ اتھ ژھس مَنز چھِ تِم واریاہ سیأسی داو پیچ آمٕتی وبرٛچھناونہٕ یِم دوان دَربن مَنز یتھبن موقن پیٹھ چھِ سپدان، جنٛگ نِشہٕ لۆب روزنہٕ باپتھ۔ بژونٛہہ کُن چھُ ژدون سرگن مَنز لڑایہِ ہٕنٛز تیأرِی تہٕ باقی آخری اٹھن سرگن مَنز چھُ لڑایہِ ہُنٛد ذِکر تہٕ اَنٛدھکاسورٕ سٕنٛدِ مارٕ گژھنُک ذِکر آمُت کرنہٕ۔ سَتہٕ تأجی یمس سرگس مَنز چھِ چنڈی دیوی ہٕنٛز پوٗزا آمٕژ بیان کرنہٕ۔ یٟمہِ تلہِ باسان چھُ زِ شاعر چھُ آگم شاسترِکس شاکھتہٕ فلسفس سٟتی

بابسطہٕ اوسمُت۔ شِوٕ سٕنٛز تہٕ چنڈی دیوی ہِنٛزِ آہوزاُری یِمہِ آیہِ رتناکرن گرٕمو چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُ باسان زِ شاعِر چھُ روحانی طور باکمال اوسمُت۔ گرٛامر، فلسفہٕ، سیاست یِمن سارِنےٚ پیٹھ چھُ رتناکرس دَست رَست اوسمُت۔ سام (سِیاسی طور میٹھ زبان)، دام (پانٕسہٕ خرٕچ کٔرتھ کانٛہہ چیز یا کتھ مأنٛز راوُن)، دان، (عطیہِ)، بھید، (پۆز تہٕ اَپُز پَرکھأوِتھ اتھ مَنٛز فرِق کَڑُنۍ) تہٕ یِمن سارِنےٚ پتھ کھورِ ترٛأوِتھ ڈنٛڈ نیتہِ (سزا دِنہٕ کٕمن اصوٗلن) پیٹھ پکن وأٔلس چنٛڈیشور (شِوٕ سُنٛد اَکھ روٗپ) سُنٛد وَرنَن چھُ زِ: "برٛہما جی روٗزِ تَن سام (ویِد) پَران۔ تِہنٛد بن ٔگن ہِنٛدی زِٹھی گوٗھیِ تَن پۆز تہٕ اَپُز زانٕنس اَحل۔ ہُسی تِمن ہِنٛز قطارِ برٛسأوی تَن عطیہِ رٔنٛگی اَناج۔ میےٚ چھُ لڑایہِ ہِنٛدِس مأدانَس مَنٛز صرف راکھسن سَزا دِنٛک عہد کۆرمُت۔"[1]

دوٗیِمہِ طرفہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ روشن دِماغ لڑٲیہِ ہُنٛد فوری نتیجہ اَخٕذ کرنہٕ بٕکس حقس مَنٛز آسان تِکیٛازِ وُچھِتھ تہٕ واش کَڑِتھ کٲم کَرن والین ہِنٛدِ خأطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ کتھ ناممکِن۔[2]

فلسفہٕ تہٕ عدلیہ زَبان مدِنظر تھأوِتھ تہٕ تِمٕیک استعمال کٔرتھ چھُ شِوٕ سُنٛد قأصِد اَندھکارسُرس پرٛژھان "پزِرس ساتھ دِنہٕ موٗجوٗب تہٕ (لڑایہِ ہِنٛدِس) وِجہس پیٹھ سبٹھاہ کوٗشِشہِ سان سوٗنٛچنہٕ پَتہٕ چھُ میہ باسان زِ میٲنٛزِ دُشمن چھِ زرِ بگترٕ نِشہِ لاچارِ۔[3]

1. Brahmaapyudeeratu saama sabheekadarpaad,
Bedam janavraja mukhaani cha yant balam vah I
Daanam Matangajaghataa vitarantva manda -
Moorikrito yudhi maya ditijeshu dandah II

Ratnakara, Harivijay, s.,13, v.,18.

2. Prekshaavataam jagati tanna yadastya saadhyam I, Ibid, S.9, v., 75.

3. Tvaya naiyayikeneva satpakshaashraya shaalinaa I
Hetau vidadhataa yatnam para paksho niraakritah II

Ibid, s.,32, v.,75.

اَندھکا سُر سِنٛز سجھایہِ ہِنٛز تشبیہ چھےٚ پاٗتھر کِس طور طریقس سٟتؠ کرنہٕ آمٕژ یٚتھ منٛز صحت بخش، عاٗلمانہٕ تہٕ وۄسی تمیز تھاوَن واٗلِس کِردار سِنٛز وبٕژ ھے چھِ آسان تہٕ کانٛہہ تہٕ حاجتھ کڑنہٕ باپتھ یا پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ چھُ مختلف وَل یِوان آزماونہٕ[1] کُنہٕ کُنہٕ چھِ رتناکرن بڑ شۄبدار تہٕ شجوٗنہٕ تشبیہ تہٕ دِژمٕژ۔ ''لویہ ہِنٛدی منٛز اَتھ'' چھِ اٟمؠ سِنٛز سارِوے کھوتہٕ شۄبہِ دار تشبیہ یٚتھ پٮ۪ٹھ اٟمِس ''تال رتناکر'' تخلُص تہٕ اوس دِنہٕ آمُت۔ نظمہِ منٛز چھُ سندھیا کالُک ذِکر آمُت کرنہٕ بِری یہِ سُند عکس چھُ استاچلس پٮ۪ٹھ مۄجوٗد (یعنی وِنہٕ چھُنہٕ لوٗسمُت) تہٕ ژٟندرٕ سُند پرَتو چھُ اُدیاچلکس (بِری یہِ کھسنُک بال) بالہِ تھوٚنٛگس پٮ۪ٹھ پیوٚمُت۔ باسان چھُ زَن چھُ شِو سندھیا کالس نژان تہٕ لویہِ تھال ژٕ چھِ تَس منٛز باگ دون اَتھن کٮ۪تھ۔ سَندھیا وِچِتر یہِ تصوٟرکشی چھےٚ بے جوڑ یٟمہِ سٟتؠ آکاشٕچ خۄبصوٗرتی ہیٚیہِ ہَن چھےٚ ہُران۔

بوزِ نا دَے دِوتاہَن تہٕ دانوَن ہِنٛز دُشمنی بدلہِ دوستی منٛز۔ یہِ خیال مدِ نظر تھاٗوِتھ چھُ شِو سُند علچِی اَندھکاسورَس مخاطِب سپدان: ''یٚتھِ کٕنٛی سمنٛدر منتھنس پٮ۪ٹھ گوڈٕ اَنوارِ زہرِ ہلال پاٗدٕ سپُد تہٕ اٟخرس پٮ۪ٹھ امرِتھ (آبِ حیات)۔ تٮ۪تھے پاٚٹھی گۄژھ لڑایہِ پٮ۪ٹھ آماد سپدِی ژتھِن راکھس تہٕ دِوتاہَن درمیان واٗر تہٕ حسد دوٗر گژھن تہٕ پیار، لول تہٕ محبت گۄژھ بڑُن۔''[2]

---

1. Shubha prastaavanaam hridyam prakhyatodaattnaayakaam I
Naanaartha prakriti shlaaghyam naataka prakriyam iva II
Ratnakara, Harivijay, s.,32, v.,16.

2. Nivartate virodhe api yuvayordhuna mithah I
Apahastitanihsheshavairam prema vivardhataam II
Atisangarshatah Sindhu Mandaraachalayoh paraa I
Praakkaala kootasambhaarah pashchaat Amritam utitham II
Ibid, s.,32, vv.,107-08.

قاصِد ہِنز کتھ بوٗزِتھ چھُ اَند ھکاسُرس نار گنڈان، خشمہٕ ہوٚت چھُ سُہ
تِمِس درجواب ووتھان زَن چھُ قیامتُک اوٗبُر بالہٕ گوپھو منٛز ہیرِتھ سارِسے گرٛز
تُلان۔ تِمۍ ہِندی کِنۍ اوس قاصِد سُند وَنُن زَن تہٕ نیشبوٗدی شُری سُند وَنُن یمہٕ کتھہٕ
بوٗزِتھ ہیکَن گرن منٛز ماجے یوت خوش سپدِتھ۔[1] سُہ چھُ علچیس درجواب ووتھان:
''اے قاصِد! ژٕ چھکھ یور ییتھ فوضوٗل راکھسَن راز ہِندِ پَسپا کرنٕچہ خوفناکہ کتھہٕ
وٕنۍ وٕنۍ سانٛین راکھسَن کھوژناوان۔ مگر ژٕ ونتہٕ لوکچو لوکچو کوٚلو سۭتۍ چھا سودرُک
نار ژھبتہٕ گژھان۔''[2]

اَتھ مہاکاوبس منٛز چھِ وارِیاہ شارِتھ تہٕ یِمو سۭتۍ قونوٗن تہٕ فلسفکۍ وارِیاہ
کٕڈرۍ وَل چھِ بڑٕ سہل انداز منٛز وبرٕھناونہٕ آمتۍ۔ یِم زَن سہل تہٕ چھِ تہٕ رَس
دار تہٕ۔ شاعِر چھُ ونان: ''سارِنے نیک اِنسانَن چھِ مکھوٹہٕ آسان یِمَن ہِندِ
(اِستعمالہٕ) سۭتۍ تِم لوٗکھ تہٕ چھِ عقل مَند اِنسانَن ہِنز گرٛنٛدِ منٛز یِوان تہٕ تِم تہٕ
چھِ نمسکارس (عزتس) مُستحق گژھان یِم لوٗکن ہِندِ بن صِفتَن ہِندی تأریف چھِ
کران۔ یِمَن صِفت والین ہِندِس منَس منٛز باقین ہِندی گون بوزنہٕ سۭتۍ حَسد یا
وٲر ووتلہِ پانَس منٛز تِمَن بدخصلتھ اِنسان چھِ لعنت۔''[3]

---

1. Yad baalabhaava sulabham shasha lakshma mauli;
   Dooto abhyadaadayamashankita chittavrittih I
   Vakhtum kshamam pitra grihe tadasheshameva;
   Shrotaasti yatra rabhasena sa maatrivargah II
   
   Ratnaakaa, Haravijaya, s.,35, v.,13.

2. Daityadhi Raaja vinipaata vibheeshikaabhi -
   Rabyetya bhaayayasi doota diteh sutaanyat I
   Tad vyahatam laghu ghanaaghana mukhta toya -
   Dhaaraabhireti na yatah shamamaurva vahnih II
   
   Ibid, v.,15.

3. Ye nirgunaah paraguneshu dradhaanuraagaastebyu;
   Namah sakalasajjana shekharebhyah I
   Yeshaam punargunavataamapi saabhya sooyam;
   Cheto anyadeeya gunasampadi dhik khalanstaan II
   
   Ibid, s.,38, v.,24.

مگر اَتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ رتناکرَن چھےٚ ساد تہٕ سہل زبٲنۍ بجایہِ النکٲرۍ تہٕ صاف ستھر زبٲنۍ ہُند اِستعمال کوٚرمُت۔ پٔنٛژ زیٖرکی ہاوان ہاوان چھُ واریاہن جایَن خیال زنتہٕ رأوِ متہٕ۔ واریاہ تم لفظ یِمن ہُند استعمال سبٹھاہ کم چھُ، چھِ آمتۍ اِستعمالس منز اَنہٕ مثلَن ''رأژ'' ہِندِ بدلہٕ چھُ ''واتیسی''، گرِ باپتھ چھُ ''نِشانت''، پوشہِ ٹۄرِ باپتھ ''آکربی'' تہٕ تِتھۍ ہی مُشکل لفظہِ اِستعمالہٕ سٟتۍ چھُ شاعرن اَمۍ زبان زیادٕ مُشکل بنأومٕژ۔ لڑایہِ ہنٛز ذِکر کران چھُ شاعرن تصویر کشی ہُند عام استعمال کوٚرمُت۔ واریاہ ''وار''، ''بَندھ'' مثلَن ''گیُن وار''، ''گُرِمتہٕ وار'' تہٕ سارِنے خاطرِ وُچھن لایق ''وار'' پمپوشہٕ وار وغارٕ ہی چھِ واریاہَن شکلَن ہِندۍ وار آمتۍ بناونہٕ۔ ارتاجیمس باسَس منز چھُ کیٚنٛہن شعارن منز دۄنۍ لفظن ہُند اِستعمال وُچھنس لایق۔[1]

باس چھُ سَپدان زِ رتناکر اوس پننہِ رزمیہِ کہِ بارٕ کنۍ، زبٲنۍ سجاوٹکہِ طرزٕ کنۍ، بیانٛچہ روأنی کنۍ، شاعری ہِندِ بحرٕ کنۍ، ماگھ سِندِس شیٚشہ پال ودھس مات یِژھان دِیَن۔ ماگھ چھُ پنُن رزم لکھشمی ہِندِس سأمی سِندِ خوبصورت صِفت بیانی کرنہٕ موٗجوٗب یوان مانٛنہٕ زِ رتناکر چھُ پننِس مہاکاوس منز شو سٕنٛز صِفت اَفھأیی کرنہٕ باپتھ سرس۔ دۄنوٕنۍ منز چھِ واریاہ ہشر تہٕ مثلَن: موسمن تہٕ بالن، بغیچن، کھیلن ہیٚتر ہُند ذِکر، سیأسی تکرار، قأصدن ہُند ذِکر، دون پہلوانَن برونٛہہ فوجٕچ لڑأے ہیٚتر چھِ دۄنوٕنۍ منز یکسان۔ طرزِ بیان تہٕ چھکھ ہوٗے۔ صِرف چھُکھ باڈوس منز فرق مگر دۄنوٕے چھِ مشہوٗر شاہکار۔

☆☆☆

---

1. Taanee taani tanoonnataani tanitum tanoteeni to
Ratnakar, Haravijay, s.,48, v.,132.
Sasaarsuh saarasasaarasaaree sasaara soorih sasuraa suresau
Ibid, s.,48, v.,15.

## (4) کادمبری کتھا سار

فلسفہٕ اِنصافس مُتلق تصنیف لیکھن وأِلس جینت بھٹ سِندِس نچوس بھِنٛدٛ سٕنز اکھ تصنیف کادمبری کتھا سار چھِ ناٹک کار بھان بھٹ سِندِ ناٹکک کادمبری ہُند خلاصہٕ یُس شارن مَنز چھُ لیکھنہٕ آمُت۔[1] سہٕ ابھِنٛدٛ ییٚمی رام چرِت نأِس لیٚوکھمُت چھُ چھا اُمس ابھِنٛدس نِشہٕ بدوٗن نفر کِنہٕ یوٚ ہوے چھُ سہٕ، وُنن چھُ مُشکِل۔ کھشمیندرن چھُ ''سُووٚرت تلِکم'' ناوٕ کِتابہِ مَنز ابھِنٛدٛ سِندین آسان تہٕ ''اَنُشپ''[2] چھندس مَنز لیکھٕمتہٕ اُمی سٕنزِ شاعری کأفی تأریف کٕرمٕتٕ۔ اَمہِ چھندُک استعمال چھُ کادمبری کتھا سار تہٕ رام چرِت مانس دوٕنوٕنی رزمین مَنز یَسلہٕ پأٹھی کرنہٕ آمُت۔ پرٛتھ بابہٕ کِس اَخری شارِ بغأر چھُ کادمبری کتھا سارس مَنز عام پأٹھی اَمی چھندُک استعمال کرنہٕ آمُت۔ دوٕنوٕنی رزمین ہٕنز شاعری چھِ شوٗز تہٕ سہل۔ دوٕنوٕنی ہُند آگُر چھُ بڑٕ وَنہہ کالہٕ لیکھنہٕ آمٕژ تصنیفہٕ۔ ہاں پیٚنٛژہَن چھِ زِ رام چرِتس مَنز چھِ شاعِر سٕنز بُرت بأری نظرِ گژھان یوسہٕ موضوعی تہٕ ہیٚکہِ اَستھ۔ دوٚنوٚے تصنیفہٕ چھےٚ اکھ ساس سَنہٕ عیسوی یَس آس پاس ترتیب دِنہٕ آمٕژ۔ کُنہِ چھُ یمن مَنز اَخرس ابھِنٛدٛ تہٕ کُنہِ گوڈٕ

---

[1] بھان بھٹن چھُ کادمبری رزمیکو ترٛےٚ حِصہٕ لیکھٕمتہٕ۔ ییٚمہِ پتہٕ یم سورگہٕ واس چھِ گٔمتہٕ۔ امیُک آخری حِصہٕ چھُ اُمی سٕندی نچوی پُلند بھٹن پوٗرٕ کوٚرمُت۔ اَمی دیُت مأِلی سِندِس لیکھٕمتس حِصس ''پوٗروآزدھ'' تہٕ پننِس حِصس تھوٚوُن ''اُتر آزدھ'' ناو۔ بھاو (خیال) زبان، کلپنا، روأنی تہٕ رَس، یعنی ہَر لحاظہٕ چھُ یہٕ بے جوڑ رزمیہٕ مانہٕ یِوان۔ وُچھو آدرش ہیندی سنسکرٛت شبدھ کوش، رام سوٚروٗپ رسہٕ گیش (ڈاکٹر) چوکھمبا وِدھیا بھون وارانسی، سَنہٕ 2007، صَفہٕ 747۔

[2] سو شاعری یتھ مَنز نِی شعارس مَنز دوٕیہٕ ترٛہہ اَچھر آسن استعمال آمٕتی کرنہٕ۔

ابھِنَنٛد مُصنِف سُنٛد ناو نظرِ گژھان۔ رام چرِت مانٛس لیکھن وول ابھِنَنٛد چھُ بنٛگال کِس راز دیوپال سُنٛد راج کَوی اوٗسمت۔ کادمبری کتھا سار لیکھن وألی سٕنٛدِ جَدَتہٕ أسی گوڑ (بنٛگال) دِیشکی روزن وألی تہٕ تِم أسی پتہٕ ہجرت کٔرِتھ کشمیر وأتی ہتی تہٕ داروابھسار علاقس مَنٛز بسیمتی۔ ییٚنہٕ چھُ صرف یِی زِ رام چرِتُک ابھِنَنٛد چھُ پنٛنِس مألی سُنٛد ناو پژتاپانٛد تہٕ کادمبری کتھا سارُک ابھِنَنٛد چھُ پنٛنِس مألی سُنٛد ناو وجینت لیکھان۔

کادمبری کتھا سارُک مُقابلہٕ ییٚلہٕ أسی کادمبری (ناٹکس) سٟتی کرو تہٕ پتاہ چھُ لگان زِ ناٹکس مَنٛز چھُ ڈٟلیلہٕ وبڑھناونہٕ کھوتہٕ ناٹکِچ کہأنی بڑونہہ پکناوٕنس کُن زیادٕ توجہہ دِنہٕ آمت۔ ییٚتہٕ بھان چھُ وارِیاہ النکار استعمال کٔرِتھ کُنہِ چیزس یا نظارس شکلاوان، تتہٕ چھُ یہِ کأم ابھِنَندن أکُے النکار اِستعمال کٔرِتھ کأم چلاوان۔

بھان چھُ سونتھ کالس نظارن ہنٛز خوبصورتی ووتلاونہٕ باپتھ مُختلِف رَس (شعارس مَنٛز) ووتلاوان، النکارن ہُنٛد استعمال کران۔ ماچھک تہٕ بوٚمبرن ہُنٛد ذِکر کران۔ وسنٛتس مَنٛز کُلین بامُن نیرنُک، حوالہِ دِوان، ماچھِ تُلرِبن پوشن تہٕ بوٚمبرن، مست جوأنی تہٕ کامدیوس مطلب سارِنے گیٚڈ کران تتہٕ چھُ ابھِنَندن صرف شعارِ مِصرِ سٟتی یہِ سورے توٗر پأد کران۔[1] پُنڈریک سٕنٛدِس مَرنس پتھ کپنجل سٕنٛدی وِلاپھ چھِن صرف دون اَنُشٹوٗب مِصرن تانی محدوٗد تھأوی متی۔

---

1. Atha baalyatparam praapamaham naanaarasaaspadam I
Manobhava vikaaraanaamekamaayatnam vayah II
Abhinanada, Kaadambari Kathaa Saar, s.,4, v.,28.

کادمبری چھےٚ اَمہِ رزمیچ مرکزی زنانہٕ کردار تہٕ أمی سےٚ أندی پکھی چھُ
یہٕ سوُرے رزمیہِ چلوٗن روزان۔ اتھ رزمیَس چھِ مختلف بابو علاوٕ زٕ حِصہٕ۔
گوڈنیک تہٕ خاص (پوٗزوادزدھ) حِصہٕ چھُ بھانؔ بھٹن لیٛوکھمُت تہٕ یہٕ تصنیف
اڈلیچ ترٛأوِتھ چھُ سُہ رحمتہٕ حق گومُت تہٕ باقی اُتراڑدھ چھےٚ پتہٕ تٔمی سُندی نیٚچوی
پُلند بھٹن لیچھمُژ۔ کادمبری چھےٚ پننس معاشوقس نشہٕ ژھینہٕ گژھان تہٕ پترلتا، تٔمی
سُنز وہس چھِ یہِ جُدأیی ہُند دوکھ صرف دون پدن منز بیان کران۔ مگر تہٕ گرِتھ
تہٕ چھِ یہِ کتھ مانٛز زِ مَنس یِیےٚ زٕ مِصرٕ چھِ پرٛتھ دِلس جُدأیی ہُند دوکھ
ہمراوان۔ شارُک مطلب چھُ:

"تٔمی سُند دوکھ تہٕ جُدأیی ہُند بیان کتھٕ ہیکہِ کانٛہہ بیا کھ گرِتھ، امیُک
حال ہیکہِ صرف سوے بیان گرِتھ یوسہٕ امہِ جُدأیی ہنٛدِ مرحلہٕ منٛز بزاتہٕ خود
گذریمژ آسہ۔"[1]

یا

"یہٕ چھےٚ کیاہتام وَننہٕ باپتھ وُٹھ کُمجار کران۔ مگر شکھ چھُ گژھان زِ
أمی ہنٛدِس دِلَس منٛز چھُ گُستاخی گور أمِس کینٛہہ وَننہٕ نشہٕ رُکاوٹ کران۔"[2]



1. Kiyatte vamyate tasyah parena viraha vyathaa I
   Svasamvedanagamya hi saa tayaivaanubhuyate II
   Abhinanda, Kaadambari Kathaa Saar, s.,6, v.,28.
2. Kimaapyakhyatukaameva bahushah sufritaadharaa I
   Hridayasthena kenaapi, guruneva nishidyate II
   Ibid, v.,29.

## (5) شری کنٹھ چرِت

منکھ سُند لیٚوٗکھمُت شرؔی کنٹھ چرِت چھُ پنٛژہَن بابَن ہُند شیٛو فلسفس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمُت رزمِیہ یُس پوٗرٕ پاٗٹھی عاٗلی مانہٕ تہٕ اَلنکارو بۄرُت چھُ۔ منکھ سُند بوے النکار اوس مہاراجا جے سنٛگن نِس دربارس منٛز ؤزیر۔ جے سِمہہ سُند وَق چھُ (55-1150 - 28-1127) یِوان مانہٕ۔ لیہاذا ہمکون اَسۍ منکھ تہٕ امی دورُک شاعر ماٗنتھ۔ منکھن چھُ شری کنٹھ چرِت کِس پنٛژہِمس سرگس منٛز دون گونماتن، راج شیکھر تہٕ بلہن سُند ناو بڑٕ اَدبہٕ سان ہیوٚتمُت۔ لیہاذا چھُ اَمی سُند آسُن یِمو پتہٕ ممکِن، یہ کتھ چھِ پزی کنٛز سیٚکہٕ۔ امہِ تخلیقہٕ ہُند یہٕ پنٛژہِم باب چھُ کٔشیر ہِنٛدِ تہذیٖبی تہٕ توارٔیخی لحاظہٕ سبٹھاہ ضۄرۄری۔ اتھ سرگس منٛز اوس منکھن پننِس باٗیس اَلنکار سِندِس محل خانس پٮ۪ٹھ بُلاونہٕ آمژ اَدبی محفلہِ ہُند وبستارٕ سان ذِکر کۄرمُت، یتھ منٛز ترٛہو گونماتو تہٕ شاعرو حِصہٕ اوس نیوٚمُت۔ تِمو منٛز اَسۍ زٕ ہشاعر تہٕ گونماتھ یِم زَن غاَر رِیاستی اَسۍ۔ اکھ اوس تیج کنٹھ تہٕ بیاکھ اوس سُہل یِم کونکن تہٕ کنوج رِیاستن ہِنٛدی سفیر اَسۍ کٔشیر ہِنٛدِس دربارس منٛز۔ یِمن علاوٕ اَسۍ کلیان (کلہن)، گرٛگ، گوند، جلہن، پٹہٕ، پدمہٕ راج، بھُدا، یوگ راج، لوشٹھ دیو، واگیشور، شری کنٹھ، شری گربھ، شری وَتسہٕ تہٕ ششٹھ بیٚترِ یِم اَسۍ اَدبَس سۭتۍ وابستہٕ عالم۔ منکھ سُند گور رُیک تہٕ ناگ اَسۍ النکار شاسترٕکی عالم۔ جنک راج اوس گزامر تہٕ ویدن ہُند گونماتھ۔ آننٛد، جنٛدُک، ترٛے لوکیہ نندن، پزکٹ تہٕ شرؔی گُن اَسۍ فلسفی۔ شمبو سُند نیچو اُمانند اوس حکیم، رمیہ دیو تہٕ لکھشمی دیو اَسۍ خاصکر وید زانٛن واٗلی یِیلہِ زَن شری گرگ سُند نیچو منٛڈن

سارِنے علمٔ مَن ہُند زانَن وول اوس۔ منکھ سُنٛد رزمیہ آو اتھ عالمی منٛز ہنٛزِ محفلہِ منٛز پَرنہٕ۔ باسان چھُ زِ تتھ زمانَس منٛز آسی وزیر اَدب شِناس تہٕ اَدبَس سٟتی لوٗے خوٗے تھاوَن والی آسان تہٕ پرٛھن محفلِن منٛز آسی وو پر مُلکن ہنٛدی سفیر تہٕ شِرکت کران تہٕ فائزیاب سپدان۔ بٔہمہِ صدی منٛز کشمیرچہِ ادبی سرگرمیَن ہُند اکھ بڈ بارٕ ثبوٗت چھےٚ یہِ محفِل یوسہِ النکارن، وزیر اعلا آسِتھ بُلاوِتھ آس۔

شرٟی کنٹھ چرٟتچ موخصر کہأنی چھےٚ مُروجہِ شِو پورانہٕ منٛز آمژ اَخذ کرنہٕ یتھ منٛز راکھیُس ترٟپُراسُر ہنٛدِ مارنچ ووکھنے چھِ کرنہٕ آمژ۔ دراصل آسی اَتھ قصس منٛز کہأنی بجایہِ النکأری (سجھاوٹی) شأعری لغأتی تہٕ رَس دار النکأری تہٕ مصرٕ شوزرس پیٹھ زیادٕ زور یوان دِنہٕ تہٕ کہأنی اوس نہٕ کانٛہہ بوٗج۔ منکھ چھُ بذاتہِ خود ونان ''شأعر بنُن چھُ سبٹھاہ دُشوار۔ اگر تصنیف پُر معنی آسہِ۔ مگر مِصرٕ آسنَس نہٕ لایکہِ کار۔ مِصرٕ شوزر آسبس مگر آوازٕ ہنٛز وبرٛ ھے آسبس ضروٗر۔ ووٚنی اگر آواز آسبس تیٛلہِ آسبس نہٕ خاص کانٛہہ واقع یا کہأنی۔ ووٚنی اگر یہِ تہٕ آسبس تیٛلہِ ہیکہِ نہٕ وٕنٛنس لایق (زیوٚ پیٹھ کھسنٕ لایق) آسِتھ یا مُروجہ طرزٕچ آسِتھ۔ ووٚنی اگر یِم سأری چیزٕ آسنَس تہٕ رَس یا لتافتھ آسبس نہٕ تیٛلہِ چھِ یہِ سارے فضوٗل کوٚشش۔''[1] ریچ وکھنے کَران چھُ شأعر ونان زِ ''ہتہٕ بدیو النکارو سٟتی سجأوِتھ، گوٚبہو لفظو سٟتی آوِرِتھ کانٛہہ تہِ تصنیف ہیکہِ نہٕ توٚ تام مہاکاویہ (رزمیہ) بنٟتھ یوٚ تام نہٕ تتھ منٛز رَس آسہِ۔''[2]

---

[1] شری کنٹھ چرٟت، سرگ 2، شعر 30۔

[2] سوے، سرگ 2، شعر 32۔

رزمیک آغاز تہٕ رَس ییٚے زٕ چیز چھِ شارَس ویٕوُن تہٕ لۄیُٔن بناوان۔[1] شری کنٹھ چرِت رَس گوڈٕنکس بابَس منٛز چھِ دِوتاہَن ہنٛز ثناخوانی آمٕژ کرنہٕ۔ دوٕیمس بابَس منٛز چھِ شاعری ہنٛدی گون وَکھناونہٕ آمٕتی تہٕ بیٚیہٕ چھُ رٔتِبن تہٕ رزیلہٕ اِنسانَن ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ۔ ترٛیٚیمس سرگس منٛز چھُ کٔشیرِ ہنٛز خوبصوٗرتی آمٕژ وبٕژھناونہٕ ییٚتیک کونٛگہٕ ٹیوٗک چھِ ترٛنوٗنی لۄکن ہنٛزٕ راج رأنی ڈٔکس لگاوان۔ بیٚیتہٕ وبتستایہٕ ہنٛزن لہرن پٮ۪ٹھ پیر وِسوٗنبن پوٗشن پٮ۪ٹھ بۄمبر جوگ در جوگ چھِ پھیران زنتہٕ چھِ یم باسان سورٕگچن ہوٗرَن ہنٛدی لٔٹھری۔"[2] ژٕتھِ سرگس منٛز چھُ منکھن پننہٕ خاندانُک بیٚتر ذِکر تہٕ کوٗرمُت۔ ژوٗرِمس سرگس منٛز چھُ شِو ہنٛدِ کیلاشَس پرٛپنٛچ سبٕژھاہ سوٚندر تصویر کٔشی کرنہٕ آمٕژ۔ سفید سنٛگرو ستی وٕلتھ چھُ باسان زنتہٕ چھےٚ گنگا اتھ أنٛدی أنٛدی نژان، ژٕندر زَن چھُ پۆت پھیرِتھ کیلاسہٕ دامنَس پٮ۪ٹھ ییتھ زَن تہٕ تھکس بیٛوٚژھمُت تہٕ زَن چھُ یہ بذاتہٕ خود بھگوانہٕ ہنٛدبن خورن پٮ۪ٹھ آننٛد مگن گژھتھ اوٚش ہاران۔ پاٗنژِمس سرگس منٛز چھِ شِو سُنٛد ذِکر ییتھ منٛز تٔمی ہنٛدِ رقصُک خاص ذِکر چھُ۔ شیٚیمس سرگس منٛز چھُ کامدیو (حُسنُک دِوتا) ہنٛد دوست وَسنتُک بڑٕ لۄیُٔن ذِکر۔ بہری یہ چھُ نِصف قرہ شمالی کُن گومُت۔ شاعر سُنٛد شاعرانہٕ تصوٗر چھُ زِ کٔمی تانی چھِ بہری یَس جنوٗبَس خلاف کُن بٔری ستی ییتھِ کٔنی چھُ اَتھ جورِ منٛز جُدأیی عملہِ منٛز آمٕژ تہٕ یہ نِفاق پأدِ گومُت۔[3] اشوک کُلی چھےٚ دوپھ (لَتا) رأنٹھ باسان پننیو ووزلیو پوٚشو ستی بٔرتھ تھأومٕژ زَن

---

[1] شری کنٹھ چرِت، سرگ 2، شعر 38۔

[2] سوے سرگ 3، شعر 7-6۔

[3] سوے سرگ 4، شعر 22۔

تہٕ چھےٚ یہِ کامدیو سٕنٛز کانٛگر۔[1] پلاش کٕلۍن ووزلۍن پوشن مُتلِق چھُ شاعر سُنٛد تصوٗر زِ یِمہٕ پٕنٕنۍ عاشقن نِشہٕ ژھینہٕ چھےٚ گٲمٕژ معاشوقہٕ تہٕنٛد دٕکھہِ وُچھِتھ چھُ کامدیون خشمہٕ ہٕنٛز نظر اَتھ کٔلِس کُن ترٛٲومٕژ یِیمہِ کِنۍ یہِ ووشلیومُت چھُ۔[2] یِیٚلہِ بوٚمبرو گتہٕ گیٚوُر کوٗر رٲنٛٹھدار پوشہِ لٔنٛجو ہیوٚت اَتھ آوازِ پیٹھ نژُن زَن تہٕ کُکلِی ہٕنٛدِس بول بوٗشس بَرابر ہوٚٹ تھاوَن وول راز ژاو دَرشَنَس سبھایہِ مَنٛز راگ راج پنٛچم ہٕنٛدی پٲٹھی۔[3] اَمہِ تلہِ چھُ باسان زِ شاعرس چھِ سازَس سٟتۍ تہٕ لوے خوے اَسمٕژ۔

سَتِمس سرگس مَنٛز چھُ شِو تہٕ پاروَتی ہٕنٛدِ جَنٛگل سٲرُک تہٕ جھوٗلہٕ سوراہن ہُنٛد ذِکر۔ ہرری یہِ ہٕنٛز گرٛمی سٟتۍ چھُ پاروَتی ہٕنٛدِس ڈیکس پیٹھ عٲرقہٕ پھیٚرۍ نموٗدار گٲمٕتۍ، یِم تاپَس مَنٛز چمکان چھِ۔ مَلیا چلِچ (یَتھ مَنٛز ژندھن خوشبو آسہِ) ہَوا چھُ چلان۔ کُکلہِ بول بوش چھُ پرٛتھ طرفہٕ۔ شِو چھُ پاروَتی جھولَس کھسنہٕ خاطرِ وَنان یتھ زَن تِمۍ سٕنٛز ترِیشہِ ہَرٕ اَچھی اَمرِتھ ہیکَن چیتھ۔ پاروَتی چھےٚ لوٚت لوٚت جھولس کھسان۔ جھوٗلہٕ سوارِ وِزِ چھِ سو تیٚتھے کُنۍ شوٗبان زَن چھِ صاف اَسمانَس مَنٛز وُزملہٕ گرٛزھان۔ پاروَتی ہٕنٛدِس بُتھِس پیٹھ چھِ تھکاوٹہٕ کِنۍ گُمہٕ پھیٚرۍ ووتلان یِمن ہَوا چھُ پھش دِتھ نوان تہٕ امہِ بدلہٕ پھوٚلمِتۍن سونہٲرۍ پمپوشن ہٕنٛز خوشبو بَرِتھ آکاشہِ گنٛگایہِ ہٕنٛدیو آبہٕ قطرو سٟتۍ سٔرۍ کران۔ خیالن ہُنٛد زٲوِر جار تہٕ خوبصورت تصویرکٔشی چھےٚ قابلہِ تأریف۔

---

[1] شری کنٹھ چرِت سرگ 6، شعر 9۔
[2] سوے سرگ 6، شعر 15۔
[3] سوے سرگ 6، شعر 19۔
[4] سوے سرگ 6، شعر 42۔

أڈھی مِس سرگس مَنز چھےٚ پوشِ سۆمبراوِنچ کھیل، نۆمِس سرگس مَنز چھےٚ آبِی کھیلہٕ تہٕ دٔہمِس باہِس مَنز چھُ سندھیا وَقتُک ذِکر کرنہٕ آمُت۔ سَندھیا وَقتُک آکاشُس پیٹھ ووزٕ جار چھُنہٕ وُنہٕ ہیومُت مگر ژٔندرمہٕ چھُ کھوتمُت۔ شاعر چھِ تصوُر کران زِ کامدیوُن چھُ تِمن عاشقن ہِندِ خاطرٕ یم وُنہٕ وتی چھِ یعنی گرن چھِنہٕ وأتی مِتی، تِہنزٕن پزاروِنین معاشوقن ہِسَر دِنہٕ باپتھ چھُن یہ چاندِ ہُند ژہگلہٕ (ژٔندر) بنیومُت۔

شاعر چھُ تصوُر کران زِ شام وقتُک آکاشہٕ دٔرِس پیٹھک وُزٕ جار چھُ نار یُس آکاشِ ناوِ دأنِس مَنز دزان چھُ۔ ژٔندر چھُ چانٛدِ ہُند ژہگلہٕ تہٕ ژٔندرمَس مَنز باغ یُس داغ چھُ سُہ چھُ سُہ کرٕہنیار یُس اتھ ژٔلِس نارِس پیٹھ آسنہٕ موٗجوٗب نموٗدار چھُ گومُت[1] سندھیا وِچٕ یہ تصور کشی چھےٚ موضوٗن تہٕ تہٕ بَروقت تہٕ تِمن ماشوقن ہِندِ خاطرٕ یِہندی عاشق وُنہٕ اڈٕ وَتی چھِ گرٕ چھِنہٕ وأتی مِتی کینٛہہ۔ سُومِنگ پوٗلس (ژھانٛٹھ واپِنگ تالاب) مَنز چھُ ژٔندرمُک عکس پیوٗمُت تہٕ شاعر چھُ تصوُر کران زَن چھُ کامدیوُن زِ یَزتھ زنانَن ہُند غوٗروٗر پھٕٹہنہٕ خاطرٕ یہِ آبہٕ گزٕٹہٕ بنوومُت۔[2] سونہأری ہِری یہِ ہِندِ لوسنہٕ پَتہٕ چھےٚ رات انٛدھکارٕچ کرٕہنی ژادر واہرِ اوان تہٕ شاعر چھُ سوال کران پأنس زِ اَما کال (وَق) گٔنزرن وإٔلس اَے میلہٕ یٔندٕر سونہٕ سُند اوس تمی اوس چمکان یہ ما چھُ وونی وٕسی پیٹھ پھہلومُت یِیمہٕ ستی یہ سأرٕی بٕراتھ زنتہٕ آیہٕ کرٕہنیارٕ ستی لوِنہٕ۔[3] سَندھیا کالٕچ یہِ تصویرٕ کشی چھےٚ قأبلہٕ تأریف۔

---

[1] شری کنٹھ چرِت، سرگ 10، شعر 61۔
[2] سوے، سرگ 10، شعر 56۔
[3] سوے، سرگ 10، شعر 19۔

کہمس تہٕ باہمس بابَس مَنز چھُ ژُندرِ سُند ذِکر آمُت کرنہٕ۔ پژھ طرفس چھِ زوٗنہٕ گاشہٕ ورشن۔ شاعر چھُ تشخص کران زِ شِوَن چھُ کامدیو بزونہہ کالہٕ پنٕنی ترٛیم أچھی کھوٗلتھ بَسم کوٗرمُت۔ ووٗنی تَس نجات دِنہٕ خاطرٕ چھُ ژُندرمہٕ زوٗنہٕ گاشہٕ ذٕریہٕ گنگایہٕ ہُند آب زمینس پیٹھ تارِکن ہندی پاٹھی وٲہراوان۔ یتھ زَن کامہٕ دیوس شیجار واتہٕ۔ ژوٲہمس سرگس مَنز چھُ زنانن ہنٛز خوبصوٗرتی بڈراونکی سازٕ سامانٕک ذِکر۔ ژودٲہمس سرگس مَنز چھُ مے کَشی ہُند ذِکر تہٕ پنٛدٲہمس بابَس مَنز چھِ ہم بِستری کرنٕکین طور طریقن ہُند ذِکر کرنہٕ آمُت۔ شُرٲہمس بابَس مَنز چھُ صُبح گاش پھولنٕک ذِکر آمُت کرنہٕ۔ سدٲہمس بابَس مَنز چھےٚ کہٲنی ذرا زیٛر ہش لگان یتھ مَنز دِوتاہ چھِ ترٛپرٕ راکھسہٕ ہِندِ بن ظُلمن ہندی بداد دِوان۔ اردٲہمس، کنُوہمس تہٕ وُہمس سرگس مَنز چھِ لڑایہ ہنٛز تیاری یِوان کرنہٕ۔ اکوٚہمس سرگس مَنز چھُ شِو سُند فوج لڑایہِ باپتھ نیران۔ راکھسن مَنز یوسہٕ اَفراتفری چھےٚ یہٕ بوٗزِتھ پھیران، تمیُک ذِکر چھُ لڑایہِ بزونہہ کرنہٕ آمُت۔ امہٕ پتہٕ چھُ ژوٗہمس بابَس مَنز ترٛپُرا سُرس انت سَپدان تہٕ پنٛژٕہمس سرگس مَنز چھُ تمہٕ مجلسہٕ ہُند ذِکر یمیُک تذکرٕ بزونہے چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ یتھ مَنز یہٕ رزمیہ پرنہٕ آو۔

قودرتہٕ کِس یتھ نِظامَس مَنز چھِ وارِیاہ تِتھی واقع گژھان یمن مختلف اِنسان مُختلِف اندازٕ چھِ وُچھان یا بیان کران۔ شاعر ہِندِ باپتھ چھِ یم واقع پُرمعانے تہٕ زیادٕ سَنی تہٕ طرحدار آسان۔ سِریہٕ سُند نصف قُرہ شُمالی (اُتراین) یا جنوٗبی (دکھِنایَن) گژھُن چھِ اکھ جغرٲفِیٲیی عمل۔ یہٕ عمل چھُ شاعر

اتھ رزمیس منز مرکزی کردارن ہنز پانوَنی ووتھ بیٹھ ستی وابسطہٕ کران۔ مثلن یہ زِ ہری یہِ چھنہٕ جنوٗبی نصف کرتڑ آوِتھ ہبکان ییمہِ کنی تُنند وُشنیر تہٕ چھُ کم گژھان۔ تمی ساتہٕ کرکمی تانی تہنز اکھ اکھ اکس نشہٕ چوکلی، لہٰذا پوٚ تمن اکھ اکس نشہٕ الگ گژھن۔[1] بیٚیس اکس جایہِ چھُ اکس مِصرس منز شاعر جنوٗبی طرفس مرکزی کردار بناوِتھ اکس تڑتھِ نایکایہِ (فنکاراہ) رنگی پیش کران یُس ہری یَس ستی لگاو اوس پتہٕ کینہہ کالاہ گژھتھ لُج سو مُدے گنڈِتھ ملیا چل پیٹھ آمتس نوجوان ''پوٚنَس'' وُچھنہٕ ییمہِ کنی ہری یَس کھوٚت غُصہٕ تہٕ تمی پھہلیو پنُن پان تہٕ دیُتُن امس دکھن دِشایہ پانَس نشہِ دکہ تہٕ تڑاوِن سو۔[2] بیٚیس اکس مِصرس منز چھےٚ دَکھن دِشا ہری یِچہ گرمی ستی تپش محسوٗس کران تہٕ پنُن پان شہلاونہٕ خاطرٕ تہٕ ژندن خوشبو برٕتس ملے پَروَتہٕ کِس ہواہَس ستی یارٕ زکران۔[3]

شام وَقتہٕ ییلہِ اقتابہٕ چھُ لوسان۔ پمپوش چھُ وَٹنہٕ یِوان۔ یوٚہوٚے نوقطہٕ مرکز بناوِتھ چھِہ شاعرن واریاہ تصوٗرات قایم کری متی۔ مثلن مرکزی کردار کملنی دِژوٗونہٕ پننِس ٹاٹھس (ہری یَس) نیرنہٕ تہٕ کرنَس کرنن ہنڈِس دامنَس تھپھ مگرسہ تہِ اوس نیرنہٕ خاطرٕ مجبوٗر۔ پمپوشن زَن کریوٗس گلو زِ گنڈِتھ (پنٛنی وُتھر بنٛد کرِتھ) زارٕ پار۔ مگر تمہِ پتہٕ تہِ آیہ جُدایی تَس باگہِ۔[4] سارِی ہے

[1] شری کنٹھ چرِت، سرگ 6 مِصرٕ 1۔

[2] سوے، سرگ 6، مِصرٕ 2۔

[3] سوے، سرگ 6، مِصرٕ 3۔

[4] سوے، سرگ 10، مِصرٕ 5۔

دوہَس لوکٹین لوکٹین پمپوشن ستۍ گنٛدِتھ چھِ سِریٖیَس اَتھِ زخمی سَپدٕمتۍ۔ ووں یێلہِ وقتن شامَس دَ کہِ دِتھ یوٚن تژ ووُن، (زخمی اَتھ آسنہٕ موٗجوٗب) سُہ ہیوٚک نہٕ کُنہِ پان بچاونہٕ باپتھ تچھِھ تہِ دِتھ۔[1] شامَس ہیوٚت سِریٖیَن جنوٗبی سمنٛدرس کُن پرتو تژاوُن۔ لکھشمی تہِ پیہ زون مالُین گرٛھنگ لیہاذا کرِ تمیٚ پننہِ سارے زنجیرٕ بَنٛد (کمل آیہِ وٹنہٕ) تہٕ وزایہِ سو تہِ تَس پتے۔[2]

ژٔنٛدرٕ کھسنہٕ ستۍ چھِ کمل پمپوش مُژرنہٕ یِوان۔ یہِ تصوٗر چھُ شاعر ییٚمہِ آیہِ بیان کران۔ کھسوٗنے مُژراوی ژٔنٛدرمن سأرِی سرِ کی سفید پمپوش زنتہٕ اُس تِمَس تِمن نِشہِ سو چمک واپس رَٹنۍ یوسہٕ تمیٚ ضُحس سِریٖیہِ کھسنہٕ وِزِ (سِریٖیہِ ہٕنٛدِ) بھَیہِ موٗجوٗب تِمن نِشہٕ تژاُوِتھ اوس وژامُت (لوٗسمُت)۔[3] ژٔنٛدٕ چھُ کامدیوُن بہترین جنگجو سپاہ۔ کھسوٗنے کوٗرتمیٚ ہٕژو رِرنو سَرِکین پمپوشن پیٹھ حملہٕ تہٕ تِم ژھٔنۍ ژٹتھ۔ زنتہٕ اُس اُمِس یہِ خاوِنٛدن نِشہٕ ژھینہٕ زنانن ہنٛدین دِلن پُرٕ پار کرُن ہیچھناونہٕ باپتھ مَشق یِوان کرُناونہٕ تاکہٕ یہِ بنہِ تتھ قأیِل۔[4]

چنٛدرمہٕ چھُ ادوِیاتن ہُنٛد تہِ دِوتا یِوان مانہٕ۔ "سبٹھاہ کأژِ پَتہٕ سمکھنہٕ کِنۍ چھِ ژٔنٛدرٕ پننین نرین واش (کرنن) کڈان یُتھ زَن سُہ یِمن اوشیدیَن چیرٕ نالہٕ موٚت کرِ ہے۔

---

[1] شری کنٹھ چرِت، سرگ 10، بمصر 12۔
[2] یوٗ ہوے، سرگ 10، بمصر 1۔
[3] یوٗ ہوے، سرگ 10، بمصر 42۔
[4] یوٗ ہوے، سرگ 10، بمصر 12۔

کیلاس پَروت چھُ مانسر ورس منٛز مُنعکِس گژھان۔ باسان زَن چھُ شیش ناگ پاتالہٕ پیٹھٕ یتھ بُتراتھ وُچھنہٕ خاطرٕ آمُت۔

اَمی کتھِ ہنٛز چھےٚ بیٚیِس جایہِ یتھٕ کٕنۍ تصویر کشی آمٕژ کرنہٕ:

''پرٛیچھو گوپھو منٛز چھُ آواز گران ہوا نیران زنتہٕ چھُ شِوس گران پوٗزا تہٕ دُعا منگان۔ نوٗید خاطرٕ رَنگہٕ رَنگہٕ موٚہ پیش کران۔ مانسر چہِ لہرٕ بٹھن ستۍ ٹکراونہٕ سٕتۍ زَن چھِ سازنٛدر سمٕتھ ساز وایان۔ زنتہٕ چھُ یہِ کیلاس زٕنم زنمو پیٹھٕ پیٚتھ شِوٕ سنٛز پوٗزا کران۔[1] تَس چھُ باسان زِ کیلاسَس پیٹھٕ یِم کُلۍ کٕٹۍ چھِ یِم تہٕ چھِ ریٚشۍ تہٕ تپسوی یِم شِوٕ سنٛدِس دھیانَس منٛز مگن چھِ۔ تمو چھِ کلن پیٹھ پھَل تہٕ باسان چھِ شِوٕ سنٛز مُنٛڑ مالایہِ (کلہٕ کھوپرن ہنٛز مال) تہٕ وٕتھر چھِ ہَوا زیرٕ ستۍ ہِلان تہٕ بوٚمبر چھِ ہیوٚر بون وسان کھسان باسان چھِ زَن چھِ اتھن منٛز یِم رودراکھشہِ مالا پھِران۔ گُلبن ہنٛدۍ موٗل چھِ بسان زَن چھِ یِمن ہنٛز جٹہٕ یِمہٕ ہَواہہٕ ستۍ ہِلنہٕ موٗجوٗب چھِ باسان زَن چھِ یِم پرٛانایام کران۔[2]



## (6) کتھا کوتُک

کیٚنٛہن سُلطانَن ہنٛدِس دورس منٛز چھِ کٔشیرٕ روٗزمٕژ عِلم اَدبُک مَرکز مثلن زین العابدیٖن (بڈشاہ)، حیدرشاہ، حسن شاہ تہٕ محمد شاہ۔ شری وَرن چھُ یہِ رزمیہِ فارسی شاعِر مُلا جامی سنٛدِس حضرت یوٗسف ذُلیخاں ناوک پرٛیم دستان

---

[1] شری کنٹھ چرِت، سرگ 4، مصرٕ 52۔

[2] یوٗہوٚے سرگ 4، مصرٕ 53۔

[3] یوٗہوٚے سرگ 4، مصرٕ 56۔

مَدِ نظر تھأوِتھ پٔچھمٕژ۔ رَزمیہٕ کِس شروٗعس منٛز چھُ شری ورٛ لیکھان پانہٕ زِ مُسلمانٔن ہٕنٛدِس فلسفس منٛز بیان کرنہٕ آمٕژ یہِ داستان چھس بہٕ سنسکرٕت زبأنی منٛز لیکھان۔ یٖمہِ سِلسِلہٕ یہٕ مُلاجأمیٖنٛ چھِہ پٔچھمٕژ سُے سِلسِلہٕ چھُ میٖٚہ شعار مِصرن تہٕ دیُتمُت[1] اَمہِ کتھِ تلہٕ چھُ باسان زِ شری ورن آسہٕ مؤلہٕ کہأنی کُنہِ تبدیلی کرنہٕ بغأرے اتھ منٛز ورتأومٕژ۔

پَنٛدہَن مجموٗہَن پٮ۪ٹھ مُشتمل اَتھ رزمیس منٛز چھِ شری ورن پننِس سہارٕ دِنہٕ وأرِس سُلطان محمد شاہ سٕنٛز ثناخوانی کرمٕژ تہٕ چھُن اِنکشاف کوٚرمُت زِ تٔہنٛدِس دوٗرِ حکومتس منٛز اَسی سأرِی پننِس پننِس دھرمس پٮ۪ٹھ پکان۔ سُلطان اوس گأوٕن حِفاظت کران۔ تِسی سُلطانس خوش کرنہٕ خأطرٕ کوٚر تٔمی (شری ورن) یوٗسفؔ ذُلیخاں کہأنی سنسکرٕت ترجمہٕ۔ چوٗنکہِ یہِ تصنیف چھےٚ سجأوٹی (شرٛنگار) رَس آویزٕ لہٰذا چھُ شری ورن تہٕ مونمُت زِ یہِ چھےٚ ''راگس'' آویز رزمیہٕ یٖمہِ کنۍ اوٚصوٗلن پٮ۪ٹھ پکِتھ بٔنٛدِس نِچانٛچ وَتھ چھِہ صاف صاف نظرِ گوٚھان۔ اتھ مِصرس منٛز چھُ لفظ ''راگس'' زِ معانے اکھ گو سنگیت شاسترس منٛز بھیٖوری وغأرٕ

---

[1] یہِ کِتاب چھےٚ کاویہٕ مالا نمبر 71 تحت بمبئی منٛز 1901ؤِس منٛز چھپے مٕژ تہٕ ترتیب کار چھِہ شِودت تہٕ کأشی ناتھ مُشترکہٕ طور۔

2. Pranamya vignaugaharam Gnesham,
Tridhaasvaroopaampi Bharateem taam I
Virachyate yavana shaastra baddha kathaa
maya nirjara bhashayeyam II
Kramena yena bhedyartho Malla Jyamena varnitah I
Teenaiva hi maya saayam sholokenaadya niroopyate II
Malaa jyamena yesohaa Jolekhaanam vishrutah I
Rachitopiyadbhutah poorvam grantho Deva mukhodgatah I
Tasminmaya Pandita Jona kaavyam natvaa Gurum Pandita Shrivarena II
Bhoopaala tu shtau surakloka vaanyarambho dhvanaakaari manoharam ayam II
Katha Kautuk, Ed. by Shivdatta & Kashinath, s.,1,vv.1-2 and v.,39-40.

راگہٕ تہٕ بیٚاکھ گو اُلفت۔ لہٰذا چھُ شاعر گوڑٕ انوارِ بیان کران زِ راگ چھُ یتھ بُتراٲژ پیٹھ پرٛتھ کُنہِ جٕز تہٕ زٕوٕن ہنٛز ووپُز ہُند وَجہہ تہٕ راگے چھُ نِجاتُک سارِوٕے کھوتہٕ آسان وتہٕ پۆدتہٕ۔[1]

دۆیمِس تہٕ ترٛیمِس مجموٗعس مَنٛز چھِ تیمّم شاہ تہٕ تسنٛزِ کوٗر زُلیخایہِ ہُند ذِکر۔ زُلیخا چھےٚ وُچھان سۆپنس مَنٛز أکِس نوجوانَس تہٕ چھےٚ تَسی پتہٕ فریفتہٕ گژھان۔ سو چھِ پنٛنۍ گُدرُن دایَن تہٕ وبسن باوان۔ بێیِس خوابَس مَنٛز چھُ تَس پتاہ لگان زِ سُہ نوجوان چھُ مِصرُک شہزادٕ (عزیز مِصر) زُلیخایہِ ہنٛدِس مأیِلس پێلہِ یہِ پَتاہ چھُ چلان سُہ چھُ زُلیخایہِ مِصر سوزان۔ زُلیخایہِ ہنٛدِ آمدٕچ خبر بوٗزِتھ چھُ عزیز مِصری سَبٹھاہ خوش گژھان۔ مگر زُلیخاے چھےٚ وُچھان زِ یہِ نوجوان چھُنہٕ سُہ شخص یُس تمہِ خابَس مَنٛز پنٛنۍ مأیِلکھ اوس بنووُمُت۔ سو چھِ سَبٹھاہ غمگین گژھان۔ اَمی ساتہٕ چھےٚ آکاشوٲنی گژھان زِ "ژٕ کرُن یہِ گوڈٕ قبوٗل، اتی ہیٚکی ژیٚے پنٛنۍ مأیِلکھ سمکھِتھ۔" زُلیخاں چھِ عزیز مِصریَس ستیٚ کھانٛدر کران۔ مگر کُنہِ چھُمُت نَہ پڑاونہٕ کُنۍ چھُس نہٕ منَس قرار یِوان۔ مِصرٕچ رازٕسی ہُند سوکھ چھُ تَس زنتہٕ کُنٛڈی باسان۔ پنٛنہِ خاص دایہِ بۆژنہہ کُنہِ پنٛنۍ ووندٕ مُژراوان چھےٚ سو وَنان "موٗکہِ لالچہِ اوس مےٚ خۆژرکُل وومُت۔ موٚ وُچھُم نہٕ

1. Sadaadharmadhritopaaya hataapaaya sukarmbhih |
Deva praayah prajaa paayo yasmina shaasati medinem ||
Preetaitu gosahasrasya yena Dharma purena cha |
Gyatvaa poorva padaarthaikyam vadhaat gaavo vimochitah ||
Katha Kautuk, s.,1, v.,25,30.

2. Tasmaad Raagamayam sarvam chetana ahetanam Jagat I
Pratibhaateva yettena rahitam tanna ganyate II
Ibid, v.,62.

کیٚنٛہہ صرِف آم بھاگیہِ کنڈٕبن ہُند ڈیر۔ مأجی میےٚ اوس یتھ دِلس منٛز اُلفتُک بیاٗلی پھوٚل وومُت یہِ کنڈی کُل کتہِ زاو میانہِ باپتھ۔ "[1] بڑ وٕنہہ کُن چھس ییٚہہِ وَنان: "یہِ ژٲیس باغس منٛز پوش ژٕٹنہٕ۔ پوش وُچھم نہٕ کیٚنٛہہ مگر سأری سےٕ جِسمس ژٲیم کنڈی۔ میےٚ لٕج ترٛیش تہٕ ہوٚٹ، وُٹھ تہٕ تال تأنی ہوٚکھُم زیو دژٲیم پھٔٹتھ۔ پریشان گرٛھتھ أسس ریگستانس منٛز دَربہ دَر پھیرانٕ۔ قودرَتن تھاوِیوٚنم نخلِستانس منٛز صاف تہٕ شوٚد آب تہِ میسر۔ مگر یوٚتام دَب لٔگی لٔگی یہِ تتھ جایہِ وأژس چینہٕ باپتھ توٚتام اوس سُہ نخلستان لیٚمب بنومُت۔ "[2]

نٔومِس تہٕ دٔہمِس سرگس منٛز چھُ حضرت یوٗسف[ع] سُنٛد ذِکر۔ سُہ اوس حضرت یعقوب سٕندیو باہَو نیچوٚیو منٛز سارِوٕے کھوتہٕ ٹوٹھ، بہودُر تہٕ مألِس سُنٛد فرمابردار نیچُو۔ تمی اوس خودأیی فرشتس نِشہِ اکھ تیر تہِ حاصِل کوٚرمُت۔ باقی وۄرِ بأیَن أس أمی سٕنٛز ژٕرَان۔ سلطنت حاصِل کرنہٕ باپتھ گٔر بایَو پانہٕ وٕنی ژوٕے، یوٗسف مأرِتھ ژھٕنٛنک کوٚرُکھ اِرادٕ۔ شِکار گِندٕنکی بہانہٕ گٔییہِ یِم سأری جَنٛگل تہٕ تتِہ ترٛووٗکھ یہِ أکِس چھہس منٛز۔ شرٛیٚ ور چھُ لیکھان زِ تتھ چھہس منٛز

1. Tyakhtvaa lokabhayam raagapreetikuru divaa nisham I
   Kritvaasya nirnayam jantur Mukhtim praaphtotya samshayam II
   Katha Koutuk, s.,6, v.,78.
   also:
   Maya kharjoora vrikshoyam ropitah phalalubdhaya
   Tatnaivaadhigatam kim tu praaphtaa kashta samhati II
   Manah kshetre mayophatam tu sukha beejam svayechchhaya I
   Param tvadhigatam Maatah katham dukha phalam tva idam II
   Ibid, s.,7, vv.,16-17.

2. Kusamaavachayam kartamudyanam prasthitaasmyaham I
   Na tadaaphtam param jaatam kantakairvyathitam vapu II
   Aho chintaaturaivaaham gharshitaapi marusthale I
   Gachchhantee shushka kanthaushathataalusjihvaa tatah param I
   Daivaat drishtvaapi swachchhaambah patitvaa punarutthitaa
   Paatum samaagataa yavat taavat pankaayitam jalam.
   Ibid, s.,7, vv.,19-21.

کٕر بھگوان شِوَن تیٚنٛز حِفاظت۔ اکہِ دوہہٕ آیہِ سودا گارن ہنٛز اکھ ٹوٗگجاہ اپارٕ، یمن جنٛگلن منٛز وَتھ اَس راوٕمٕژ۔ اتھ بیابان جنٛگلس منٛز آب ژھانڈان ترٛوٗکھ توٗبرٕ اتھ چہس منٛز۔ اورٕ کھوٚت اتھ منٛز آیہِ علاوٕ اکھ سوٚندر نوجوان تہٕ أتھی دوران آیہِ أمی ہٕندی بأے تہِ اور تہٕ تِمو ووٗن سودا گرن زِ یہِ اوس سون غُلام۔ حُکُم اَدوٗلی کرنس پتھ اوس أمِس یہِ سزا آمٕت دِنہٕ۔ سودا گرن ہٕندی زٕٹھی ہیوٚت یہِ مُلی بکیٛتہٕ غُلام تہٕ نیوٗن پانس سٟتۍ مِصر تہٕ تتہِ کٕنُن تتہِ رٕکس رازس عزیز مِصرلیس۔

کٕہمہِ پتھٕ ترٛوٲہمِس مجموعس تام چھُ زُلیخاں تہٕ تٕہٕندِ مُحبتُک تہٕ یوٗسُف ہٕندِ بےٚ مأل آسنُک وبستارٕ سان وَننہٕ آمٕت۔ زُلیخاں ییٚمہِ پٔنِن معشوق خوابَس منٛز وُچھمُت چھُ سو چھےٚ یَژھان تَس پتھ سوٗرے قوربان کرُن۔ مگر سُہ چھُنہٕ تَس برٛوٚنہہ کنہِ زبو تہِ کھولان۔ باقیٚن ہنٛزِ و نظرو نِشہٕ بچنہٕ باپتھ چھےٚ سو تَس گُری رچھنہٕ باپتھ تبیلس منٛز مُلأزِم تھاوان، یُتھ زَن محلس سٟتۍ واسطہٕ روزِ۔ سو یوٗتاہ پانٕنیارٕ تہٕ قرٕبی چھےٚ تَس ہاوان تیوٗتاہ چھُ یوٗسفؑ مایوسی ظاہر کران۔ سو نہٕ لجہِ زُلیخایہِ پامہٕ دِنہٕ زِ أکس اَدنا مُلأزِمس پتھ چھِ سو فریفتہٕ گأمٕژ۔ مگر یِتھےٚ تِمہٕ تیٚسنٛز خوبصوٗرتی چھِ وُچھان تِمہٕ چھےٚ پانہٕ تہِ بے ہوش گژھان۔ اکہِ دوہہ چھےٚ زُلیخاے اکھ خوٗبصورت محل بناوناوان تہٕ تتھ منٛز چھےٚ پٔنِن جُدایی سٟتۍ ژھیٚنِتھ پھوٚمُت تہٕ وِہرٕ گمتِس یوٗسفہٕؑ سُند تصویر بناوناوِتھ تھاوناوان تہٕ پتہٕ چھےٚ یوٗسفسؑ تور گژھنُک حُکُم دِوان۔ زُلیخایہِ ہُنٛد یہِ خلوٗکھی منٛز حُسن تہٕ تِمی ہٕنٛزِ جدآیی ہُنٛد دوٗد وُچھِتھ تہِ چھُنہٕ حضرت یوٗسفسؑ دِلس پتھ کانٛہہ اثر پیوان۔ زُلیخایہِ چھُ نار گنٛڈان تہٕ یوٗسفنٛزؑ شِکایت سُلطانَس نِشہٕ کٔرِتھ چھےٚ تَس قٲدخانس منٛز بنٛد

کرناوان۔ یوٗسفؑ چھُ دٔہن وٕرییَن قاَدخانَس منٛز روزان۔ اکِہ پھِرِ چھُ سُلطان عزیز مِصری خواب وُچھان یَیمیُک فال کانٛہہ تہِ چھُنہٕ ہیکان وٕنِتھ۔ یوٗسفَسؑ چھُ پرٛژھنہٕ یِوان تہٕ سُہ چھُس ونان زِ مُلکس منٛز چھُ جلدٕے دژاگ وۄتھن وول۔ یِتی چھُ سُہ رازَس اناج گُدام کرنُک صلاح تہِ دِوان۔ راز چھُ تَس قاَدِ منٛز رِہا کرِتھ اَناج گُدام کرناوَنَس پیٹھ مُلأزم لاگان۔ یوٗسفؑ چھُ یہِ کأم سرانجام دِوان۔ تمی ساتہٕ چھُ راز تہِ مران تہٕ تَسُند وٕزیر تہِ۔ لوٗکھ چھِ یوٗسفَسؑ تختَس پیٹھ بیہناوان۔ سأری ریاستس منٛز چھِ سأری سوکھی تہٕ خوش مگر زُلیخایہِ چھےٚ أچھی گاشہِ نِشہِ آسان گأمژ۔ تَمِ سُند جِسم چھُ ژمٹھیومُت آسان۔

ژودأہِمس مجموعس منٛز چھُ یوٗسفؑ سٕندی بأے قحطہٕ کِہ گٹکارٕ یِتی دُکھی أنِس مأیِلس ہیتھ یوٗسفہٕؑ سٕندِس راجس منٛز واتان۔ نچوٗ سٕندبن پلون تھپھ کرنہٕ یِتی چھُ مأیِلس اَتھن أچھن گاش یِوان۔ یوٗسفؑ چھُ بایَن دھنہٕ تہٕ اَناجہِ رٔنٛگی مدد کران۔ أتھی سپزٕمژ زُلیخایہِ تہِ چھِ راز دربارس منٛز یِتھ یوٗسفَسؑ زارٕ پار کران۔ مگر یوٗسفؑ چھُنہٕ تَس اَمہِ کِنۍ قبوٗل کران تِکیازِ سو چھےٚ ژٕیف بُڈ آسان۔ بقول ترجمہٕ کار زُلیخاے چھےٚ شِو سِنٛز آہوزأری کران تہٕ شِو سِنٛزِ دیایہِ تہٕ مہربأنی یِتی پٔنُن پرٛوٗن حُسن تہٕ جمال واپس پرٛاوان۔ یوٗسفؑ چھُ خوش گژھِتھ تَس قبوٗل کران۔[1] پَنٕدأہِمس مجموعس منٛز چھُ شأعِر شِو سِنٛز آہوزأری کران۔

1. Evam saa bhoopateh kanya jaraajeernaapi tat kshanam || (53(b))
Sanjaataa poorvataarunyashaalinee pramodattamaa |
Atha bhoomipatir labdha prateeti hrishtamaanah || (55)
Pragrahya paaninaa paanim tasya baalamrigee drishaah I
Sura sapadyopamam shreemat krita kautuka mangalam I| (56)
Geeta vaaditrasam jushtam praavishad raaja mandalam I
Mene kritartham aathmaanam sada bhoomipatistadaa || (57)
Katha Kantuk, Ed. by Shiv dutt & Kashinath, Bombay 1901, s.,14, vv.,53 (b), 55-57.

اَتھ رَزمِیہ شاعری ہنٛز کہانی ہنٛدِس رفتارس منٛز چھِ واریاہ رُکاوٹہٕ۔ زبان چھِ سہل تہٕ ساد۔ یوٗسفؑ تہٕ زُلیخایہ ہنٛدِس بیانِ حُسنَس منٛز چھُ روٗسی کچھِ ہُنٛد، کُکلہِ ہُنٛد، زٔندرِچ تہٕ ہٕسی ہنٛز عام مُشابہتن ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ فلسفی بیانات تہِ چھِ رزمیس منٛز خوبصورتی سان سجاونہٕ آمٕتی۔ شاعر چھُ لعل تہٕ مجنوٗن ہنٛدِ موحیچ تشبیہِ اِنسانٔس تہٕ قودرتس ستی دِوان تِکیازِ دونوے چھِ اکھ أکی ہنٛدِ باپتھ لٲزِم مظلوٗم۔



## منجری کاوِیہ

یُس لوٗ باُمن گُلبن نیران چھُ تتھ تہِ چھِ منجری وَنان تہٕ رأنٛٹھ دار گُلِس تہِ چھِ منجری وَنان۔ پوٗشہِ گوٚنٛدس یتھ منٛز قسم قسمکۍ پوٗش آسن۔ مطلب کانٛہہ پرٛوٗن چیز نوِ سرٕ سجاوٕن شیرُن۔ پرٛوٗن کانٛہہ رزمِیہ آسہِ تمہِ منٛز کُنہِ اقتباسَس دِموٗو رَنگ یا شوٗبدار شکل یتھٕ کٔنی رأنٛٹھ چھِ آسان بیٚیہِ کُنہِ مظبوط گُلس یا مکانچہ لبہِ آویز تتھ چھِ منجری وَنان۔ تِتھے کٔنی چھِ اَدبَس منٛز کانٛہہ اقتباس آسان بنہٕ آمُت کُنہِ رزمِیہ منٛز تتھ تہِ چھِ منجری وَنان۔ تِکیازِ امیُک بیان چھُ تتھ زرمِیَس تابع آسان۔ لہٰذا چھِ اتھ ادبہٕ نٔجہِ منجری ادب وَنان۔ ہندوستانس منٛز چھِنہٕ امہِ اَدبُچ ورٛثہ کینٛہہ۔ وۄنی گو سأنی پرٛأنی گونماتھ تہِ چھِ اتھ صِنفہِ پکناوٕنس منٛز بڑوٚنٛہہ بڑوٚنٛہہ روٗدیمٕتی۔ یِمن ہُنٛد تعداد آسہِ واریاہ مگر یِمہِ منجری اَسہِ تام ازتام واتِمٕژ چھےٚ تِمہٕ چھےٚ یِتھ کٔنی:

## (1) بھارت منجری:

1037ء عیسوِیَس منز چھِ کھیشمندرنی لیچھ ہِژ یہِ قأفی باڑو واجینٛز منجری یوسہٕ مہابھارتس پیٹھ چھِ لیکھنہٕ آمٕژ[1] اتھ منز تہٕ چھِ مہابھارتکی پأٹھی 18 حِصہٕ، پَرو، ضرورت مدِنظر تھأوِتھ چھِ وارِیاہ واقع ییم مہابھارتس منز چھِ اتھِ منز قلمبند آمٕتی کرنہٕ۔ مأری منظر ہُرراوَنہٕ خأطرٕ چھِ کینٛہہ منظر اَفأدِتھ مدِنظر تھأوِتھ پتھ بڑوٚنہہ کرنہٕ آمٕتی مثلن: یُس گدایُدھ مہابھارتَس منز دُریودھن تہٕ بھیمَس درمیان شیمَس پَروَس منز چھُ دَرج تتھ چھُ بھارت منجری منز گدا پرو ناو آمُت تھاونہٕ۔ اَنُشاسن پرِوک بیان چھُ آمُت شانتہِ پَروس سٕتی رل کرنہٕ۔ چوٚنکہِ مضموٗن چھُ کأفی کُشادٕ لہٰذا چھُنہٕ کھشمیندر ہیوٚ کمُت اتھ منز پٔنٛنی گون پوٗرٕ پأٹھی ہأوِتھ۔ مگر مہابھارت ہیٚوٚ وِشال کاے رزمیس ژھوٹرن کرِتھ اتھ اکھ آسان تہٕ سہل شکل دِنَس منز چھِ تٔمی ہنٛز محنت قابلہِ تأریف۔



## (2) رامایَن منجری

یہِ چھُ کھیشمندرنی دوٚیِم موخصر رزمیہ یوسہٕ رامایٔنس پیٹھ منحصر چھےٚ۔ اتھ منز تہٕ چھِ رامایٔنکی پأٹھی ستھ کانڈ (حِصہٕ)۔ بھارت منجری ہِنٛدی پأٹھی چھِ رامایَن منجری[2] منز تہٕ واقعہٕ پتھ بڑوٚنہہ آمٕتی کرنہٕ۔ ارنیہٕ کانڈ تہٕ کِشکندھا کانڈن منز چھُ مختلف موسَمن ہِنٛدِ ذِکرُک خوبصوٗرت رَل کرنہٕ آمُت۔ پمپاسرُک ذِکر کران چھُ شأعر ونان:

---

[1] بھارت منجری، ترتیب کار شِو دت و کاشی ناتھ، بمبئی 1901ء۔
[2] رامایَن، ترتیب کار شِو دت و کاشی ناتھ، بمبئی 1903۔

''اَژھرٕ ژھو تہٕ سبدھن ہنٛز پٔری ذأ ژو چھُ یتھ سرس منٛز شرٛان کرنہٕ وِزِ آگرٕ وٚ بیٚترٕ جسمس پیٹھ استعمال سَپدی مِتی رَنگ سرٕکس پأنس منٛز چھیلہِ مِتی تہٕ تمہِ ستی چھُ سرٕک آب کرٕہُن گومُت۔ باسان چھُ زَن چھےٚ کامدیوٚن دزنہٕ پتہٕ پٔنُن نار ہرٛاونہٕ خأطرٕ یِتھی سرس منٛز وٕدھِ لاے ہٕژ تہٕ تمی سٕندیوٚ وُہہ وِنو تیوٚنگلو چھِ ژھتہِ گژھتھ یِمہِ سرٕک پوٚنی کرٕہُن کوٚرمُت۔[1] واریاہس تیداس منٛز یوٚمبر وُچھتھ چھُ شأعر قیاس کران زِ :شاید چھِ یِم ''رجنی''، ''رات'' سوٗزی مِتی پٔنٛز علچی یُتھ زَن پوٚشن وُزناوَن۔[2] یہِ سَر چھُ تِتھے پأٹھی صاف یتھ پأٹھی أکِس بُلند اِخلاق مَنشہِ سُند وِوٗسی مَن چھُ آسان زنتہٕ چھُ یہِ آکاشُک عانہٕ۔ (صفأیی منٛز) سودرٕ سُند بوے (برداشتس منٛز)، کیلاش پروتُک مَن (بُلند خیأِلی منٛز) یا ژوٚدشی ہنٛزٕ زوٚنہِ ہنٛز روزن جاے (لکن ٹھنڈک یا شیٚہجار واتناوِنس منٛز)۔[3]

رام یِیلہِ ستیایہِ نِشہِ الگ چھُ گژھان۔ أندی پٔکھی منظر زَن چھِ تَس فوٗدِ تُلان۔ آبہٕ ستی یوٚرُت یا پھلیوٗمُت سِندھُ دٔریاو (سمندر) چھُ جمنایہِ میلنہٕ باپتھ بے قرار۔ ژٔندرمہ چھُ پننس زوٗنہٕ گاشس ستی جورِ ماران۔ رأتھ چھُ پٔنُن پان سرٕ وُکلِس وُلُمت۔ آبہٕ جوٚیَو تہٕ چھوٚلو چھُ پہاڑس نالہٕ موٚت کوٚرمُت۔ جُدأیی منٛز چھِ رامس خوٗبصورت گُلی تہٕ زہرٕ بٔرِتی باسان۔''[4] وُہرأ ژ تہٕ ہرٕ دٕ موسمن ہُند ذِکر تہٕ چھُ تس دِلس ترٕتھ گژھان۔

---

[1] رامایَن منجری، آرنیہٕ پَروشعر 1124۔
[2] یوہوے، شلوک 1125۔
[3] یوہوے، شلوک 1132,1134۔
[4] یوہوے، شلوک 1152-54۔

رام چھُ وبدا کھ دِوان: "سِر یہِ چھُ تیتھے پأٹھی اؤبرن وۆلمُت یِتھٕ کٔنہ یٚمس (رامس) چھُ غمو نال وۆلمُت۔ بڑٕ صاف تہٕ سوندر اَسن واجنہٕ یِتیایہٕ ہٕندی پأٹھی چھُنہٕ ووٚنۍ ژٕندرِ تہِ نظری گژھان۔"[1]

آبہٕ قطرن پکناوَن وول ہَوا چھُ جُدأیی ہٕنز دوکھٕ لدِ خبر ہیتھ پکان زَن چھِ یمہٕ رامہٕ سِندی تَم ووٚش یم دوکھکہِ اَشہٕ ستی چھِ أدرٕ یمتی۔"[2]

ہَردس منٛز چھُ کولن ہُند آب کم گژھان۔ شاعر چھُ تصوُر کران "کولہِ ہُند پوٚنۍ چھُ نوجوان ماشوقن ہٕندی ڈُپٹکی پأٹھی بون وٕتھمُت۔ یٚمہٕ کٔنہ راج ہنسو پنہٕ نوٚنمو ستی زلِتھ (کولہٕ بٔٹھی) صاف کٔرِتھ (مستہٕ سُم) زٕتہٕ ژٕنی چھِ کٔڈمٕژ۔"[3]



## (3) برٛہت کتھا منجری

برٛہت کتھایہِ ہُند مُصنِف چھُ گُناڈھیٚہ یِوان مانٕنہٕ۔ یہِ چھےٚ اردا ہَن ہِجن منٛز بیان سپٹھاہ ذخیم کتھن ہُند سرمایہ یتھ کھیشمندرن اردا ہَن گچھن منٛز اکھ لوٚکٕٹ تہٕ موخصر سوٚمبرن چھِ "برٛہت کتھا منجری" منٛز کٔرمٕژ۔ اتھ منٛز تہِ چھِ وَتسہٕ راج، اُدیَنہٕ سُند نیٚچُو نرواہَن دَت مَرکٔزی کِردار یٚمہِ سِندین کأفی فتوحاتن ہُند ذِکر تہٕ واریاہَن سوندر مَسولن ستی أمی سِندِ پریم ویوٚہارُک برپوٗر وَکھنے چھےٚ کَرنہٕ آمٕژ۔ مگر مؤلہِ کتھایہِ ستی چھِ واریا لوکٕچہٕ کتھایہِ آمٕژ جوڑنہٕ۔

---

1. رامایَن منجری، صفہٕ 17۔
2. یوہوے، صفہٕ 6۔
3. یوہوے، صفہٕ 53۔

اُدیِن سُند کھاندر واسودتایہِ سِتؠ، واسودتایہِ ہُند نارس مَنز دَزِنچ افواہ تہٕ تمہِ پتہٕ اُدین سُند کھاندر پدماؤتی سِتؠ۔ نِرواہَن دَت سُند زٕنم تہٕ پتہٕ جوان سپدِتھ واریاہَن اژھ رژھن سِتؠ پریم وِہار تہٕ آخرس مَدن مُنچکایہِ سِتؠ تٕسُند خاندر تہٕ تمہِ پتہٕ تٕسُند وِدھیا دھرن ہِنٛدِ مَدتہٕ سِتؠ (دِوتاہَن تہٕ مٔنشن درمیان اکھ خاص زُو ذاتھ) چکروَرتی راز سِنٛز پدوی حاصِل کران۔ یمہٕ چھےٚ اتھ مَنز وَکھنِتھ خاص کتھایہِ۔ اکِہ کتھِ چلوٗن اُتھی اندر بیاکھ جوڑنی، یہےٚ چھِ امہِ تصنیفہٕ ہُند خاص صِفت۔ وَیتالہٕ پچسی تہِ چھےٚ اُتھی مَنز دَرج۔ لُکہٕ اَدبُک تہٕ زِندگی ہِنٛدبن مختلف پہلوٗہَن سِتؠ وابستہٕ یم کتھہٕ چھےٚ بذاتہِ خود اکھ عجوٗبہٕ۔ واریاہَن جایَن چھےٚ دیوی دِوتاہَن ہِنٛدِس تارٟیفس مَنز مناجات تہِ جوڈنہٕ آمِتؠ۔ نٔومِس حِصس (لمبک) مَنز چھُ ''بھگوتی ستوتر'' دیوی مُتلق پزارتھنا تہٕ پَندٲہِمِس حِصس مَنز چھُ نارائن سِنٛز آہوٗزٲری کرنہٕ آمٕژ۔ یوٗتانی اَتھ مَنز دَرج کہانٟین ہُند تعلُق چھُ امِکی تارٟیف گژھن مؤلہِ مُصنِف گُناڈھیَس مگر یوٗ تام اتھ مَنز ورتاونہٕ آمٕژ زبانی ہُند تعلُق چھُ تہٕ اچھن تشبیہن، اِستعارن تہٕ طرحدار لفظن ہُند تعلُق چھُ یُس کھیشمندر سِنٛدِ کلامُک زیوٗر چھُ، چھِ اتھ مَنز وُچھن تہٕ پرٛکھاوُن لایق۔ اُدین رٹنہٕ باپتھ چھُ نقلی گج راج (ہوٗس) سُند وِبستارٕ سان ذِکر کران سُہ واریاہَن بے شٔکل تشبیہن ہِنٛز رٔژ ہتھ کٔنی لاگان:

''غروٗرکی پاٹھی تھدِ تھوٗدے، دُنیہِکی پاٹھی بےٚ پرٛتھ، لکھشمی ہِنٛدی پاٹھی بے چین (اکہِ سے جایہِ نہٕ ٹھہرن وول)، آبروٗریزی ہِنٛدی پاٹھی آخرس تکلیف دِنہٕ وول، غلط تہٕ ناقص صلحکی پاٹھی بےٚ پھل، فایِد، روٗس تہٕ نیشپھل۔

زنانہِ ہِنٛدِ چال چلنٕکۍ پأٹھۍ بےٚ پڑھ جہاںٛکۍ پأٹھۍ فرِیبس منٛز تڑاوَن وول یہِ (نقلی) ہوٚس وُچھِتھ تون۔[1] یتھے کٔنٛز چھےٚ وَیتال پچیسی ہِنٛدِس آغازس منٛز شُمشانٕچ تصویر کٔشی سبٹھاہ مُتاثرکُن کرنہٕ آمٕژ۔



## (4) بودِھستو اودان کلپہٕ لَتا

کھیشمنٛدرٕ سٕندبن باقی منجری تصنیفن ہِنٛدی پأٹھۍ چھِ بودِھستواودان کلپہٕ لتا تہٕ جان چاپَلنٛس تہٕ صِفتن پٮ۪ٹھ منحصر تصنیف۔ اتھ منٛز چھُ بھگوان بُدھ سٕندبن بڑٕنٛھمبن زَنمن ہُنٛد تہٕ تٔمۍ سُنٛد بُدھ اوتار ہٮ۪نٛس دوران یِم واقع پیش آیہِ تِمن ہُنٛد وبتارٕ سان شعرن منٛز ذِکر آمُت کرنہٕ۔ اتھ تصنیفہٕ منٛز چھِ اکھ ہٮ۪تھ تہٕ أٹھ اَودان (جان طور طریقہٕ) أژری اَودان چھُ کھیشمنٛدرٕ سٕندی نیٚچوِ سومینٛدرَن لیٚوکھمُت، پرٛتھ اَودانَس چھُ شروٗعس منٛز أکۍ شار اکھ تہٕ آخرس پٮ۪ٹھ نصیحت آمیز اکھ شار دِنہٕ آمُت۔ یَتھ منٛز یتہِ چھُ آمُت وننہٕ زِ کہانی منٛز وَکھنومُت مرکزی کِردارکُس چھُ دورِ روانٛس منٛز۔

یِمن کہأنِین منٛز چھُ مہاتما بُدھ سٕندبن ووپدیشہِ کیٚن اوصوٗلن تأیِد سپدان یتھ اَودانَس منٛز پرٛتھوی ہُنٛد ذِکرسَرِ فہرس چھُ تتھ منٛز چھِ مہاراجا اشوک یہِ سأرِے زمین سنٛگھِس دان کران۔ تٔمۍ سُنٛد زُر چھُ سنٛگھس ژۄر کروڑ سونہٕ مُدرایہِ دِتھ یہِ زمین واپس ہوان۔ جیٖموٗت واہن اَودانس منٛز چھُ ناگ نند ناوِکس ناٹکس منٛز جیٖموٗ تواہن تہٕ مَلیٚ وٕتی ہنٛز کہأنی آمٕژ وَکھناونہٕ۔ شِوسُبھاشِتا

[1] برہت کتھا منجری، کھیشمنٛدرٕ لمبک 2، مصرٕ 38-35۔

اَودانَس مَنز چھُ پَنُن رَتھ تہٕ ماز خوشی خوشی دان دِنہٕ وأٔلِس راجا شوِیَس مُتلِق آمُت ونہٕ زِ سُہ اوس پَتہٕ مِس زَنمَس مَنز مہاتما بُدھ سُندے اوتار۔ پرٛتیپتہٕ سم اُتپاد اودانَس مَنز چھُ بودھ دھرمَس مَنز لیکھِتمن باہَن نصیحتن ہُند تذکرِ آمُت کَرنہٕ۔ باقی ژون اودانَن مَنز چھُ آریہ ستیہ (پَزر یُس پوشہٕ)، سمیک (پوٗ زُن لایق یا مُکمل کُل)، سم بودھِ (یکساں سوچ یا احساس)، نِروان (نجات)، شیِل (نِظامِ قوٗدرتھ)، سمادِھ (دھیان)، پرٛگیا (عقل مندی) تہٕ پنٛچ شیِل (زِندٕ روزنٕکی پانٛژہ سونہری اوٗصوٗل)۔ شارن ہُند طرز چھُ سادٕ تہٕ سہل مگر نصیحت آمیز۔ شأعری چھِ سأرِے شانت رَسس مَنز کَرنہٕ آمٕژ۔

کھیشمندر سٕندِ وَنہٕ موٗجوٗب چھُ تمی یہ گرٛنتھ یا تصنیف دیسی سَنہٕ ستوٗہَس مَنز یعنی 1052 یَس مَنز پوٗر کٔرمٕژ۔ ڈوڈٕ ہَتھ وٕری پَتےٚ اوس أکی تبتٕکی مشہوٗر نقاد سنشوتون لوچاوٕہن تبتی زبأنی مَنز اتھ ترجمہٕ کوٗرمُت۔



## (5) دشہٕ اوتار چرٛت

کھیشمندرُن نظریہٕ اوٗس قأنی ووٗسی۔ تمی سٕنز تصنیف دَشہٕ اوتار چرٛت چھِ تمی سُند بھگوان وِشنو سُند بھکھتی آسُن ہاوان۔ تصنیفہٕ مَنز چھُ وِشنو سٕندِ بن ڈٕہن اوتارن متسیہ (گاڑ)، کچھپ (کچھوٕ)، وَراہ (سور)، نرسمہہ (نصف شیہہ تہٕ نصف آدم)، وامن (ژھوٗٹ)، پرشرام، رام، کرٛشن، بُدھ تہٕ کَلکِ (آخر زمانس مَنز پأدٕ سپدن وول اوتار) اوتارن ہُند ذِکر کَرنہٕ آمُت۔ یِمہٕ کتھایہٕ چھےٚ پُرانو مَنز نِنہٕ آمٕژ۔ مگر کھیشمندرن چھےٚ یِمہٕ پنہٕ آیہٕ استعمال کرِمٕژ۔ کُنہٕ چھَن

ظرافت ووتلاوِتھ تہٕ کُنہِ چھِن وِقتٕچ تہٕ سماجٕچ مولانکون کرٕتھ۔ دراصل کھیشمنٛدر نَہ چھُ راجہِ کُوی تہٕ نَہ چھُس نقادَن ہٕنٛزِ محفِل مَنٛز بِہتھ پٕنُن رۆب داب بیٚہناونُک شوق اوٚسمُت۔ یہِ چھُ عام اِنسانہٕ سُنٛد شأعِر تہٕ عام لُکن ہٕنٛدِ سوکھ دوکھ نِشہٕ چھُ وأقِف۔ دشہِ اوتار چرِت چھےٚ بھکتہِ شأعِری اَستھ تہٕ تمہِ وقتہٕ سماجس مَنٛز موٗجوٗد خأمیِن کُن سوٗن ظوٗن پھِران۔ گوڈٕنِکس متسیہِ اوتارس مَنٛز چھِ شأعِر آہوٗزأری کران ونان: ''اے دیاہِ ہٕنٛدِ سوٚدرٕ! میٚےٚ بچاوتہٕ، یہٕ چھُس یمن بجن بجن گاڈن مَنٛز کھوژان۔ سماجس مَنٛز چھِ بلوان لُکھ بجہِ بجہِ گاڑٕ۔ یمہٕ کمزورن چھِ نبٕگلان۔''[1] تَس چھُ امہِ کتھِ ہُنٛد سبٕٹھاہ دوکھ زِ یتھ سمسارس مَنٛز ہِوُے اَتھ کھورشٕکل صوٗرت تھاوَن والِو لُکو مَنٛز چھِ کیٚنٛہہ لُکھ مأٔلِکھ تہٕ کیٚنٛہہ چھِ غُلام۔ خوداہِ ہٕنٛدِس راجس مَنٛز چھِ یہِ نابرابری بڑ صوٗرت اکھ عجوباہ۔[2]



1. Bheetoham sathoola matsyabhyah rakshamaam Karunaanidhe I
   Bakshyanti kshudhaa nityam durbalam balavattarah II
   Kshemendra, Dasha Kummar Charita, s.,1, v.,21.
2. Sadrishe purushatvepi tulya paada karodare I
   Ekahh prabhuh paro daasau iti chitra vijumbhitam II
   Ibid, s.,5, v.,159.

# لُکہ کتھ

## کتھا سرِت ساگر

گُناڈھین اُس برہت کتھا مؤلہٕ تلہٕ پَیشاچی بھاشایہِ منٛز لیچھمٕژ تہٕ اَتھ چھُ سومدٕ یوٗن سنسکرِت ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یہِ اوس راژٕ انت سٕنٛز سبھایہِ ہُند شاعر۔ سوم دیوٗن سَجاوِ یمہٕ کتھایہِ سنسکرِت شارَن منٛز۔ پانہٕ چھُ سوم دیون یہِ تصنیف لیکھان لیکھان وونُمت زِ یوٚدوَے یتھ منٛز تمیٚ چھنہٕ کُنہِ قسمُچ تبدیلی کرمٕژ ئلی کہِ چھِہ یہِ امیُک صِرف ترتیب کار۔ ووٚنی گو ییٚتھ مؤلس منٛز زیادٕ پھٕہلاو اوس تہِ چھُم ہَنا ژھوٚٹ پہن کرمٕژ، کتھایہِ پٔٹھ کانٛہہ اثر کرنہٕ بغاَر۔ صرِف چھُس بھاشا الگ مؤلہٕ نِشہِ مگر مُناسبت چھےٚ آمٕژ بدستوٗر بَرقرار تھاونہٕ۔ مؤل کتھایہِ ہُند لُطف ہُرزاونہٕ خاطرِ چھِس کیٛنٛہہ نوٚی پد شاٰمِل آمٕتی کرنہٕ۔ وَنان چھُ: ''یہِ سوٗرے چھُنہٕ میٚہ پننہِ تکن گری ہاونہٕ خاطرِ کرمٕژ ئلی کہِ اَتھ بے انت کتھن ہنٛدِس مجموٗعس یاد کرُن آسان بناونہٕ خاطرِ کوٚرمُت۔''[1] امہِ کتھہِ لوٚغتُک مقصد اوس راژٕ انت سٕنٛز مہارانی سوٗریہِ متی ہُند دِل رٔژناوُن۔[2] انت سُند راج کال چھُ 1042 پیٹھہِ 1077 عیسوی تام۔ وُری 1077 تھٕس منٛز چھُ سُہ راج پاٹھ پننِس نیچوِس کلشس کران حوالہ تہٕ چھُ پانہٕ وَن واس گژھان۔ مگر

1. Katha Sarita Sagora, 1,1, v.,10,12.
   Shaastreshu nitya vihita shravana shramaaya I
   Devyah kshanam kimapi chitta vinodahetoh II
   Kshemendra, Katha Sarita Sagara, 1,1, v.,11

کلش چھُس نہٕ تتہِ تہٕ دِوان سوکھ سان بیہنہٕ۔ سُہ چھُ تِمَن ہندِس آشرمس دِوان نار۔ نچو ہندِ غلط طور طریقہٕ ستیٚ آو راز تہِ تنگ تہٕ رأنی تہِ۔ رازن بُلو وسوم دیو تہٕ تس وُنن برہت کتھا مورجہِ زبأنی منٛز پھرِنی، یتھ زَن مہارأنی دِل بہلأیی گژھِ۔ سوم دیون تہِ پھیوٚر یہِ کتھن ہُند ساگر سنسکرِتس منٛز تِم سأری لوأزِمات مدِ نظر تھأوِتھ یم یژھِ ہشہِ تصنیفہٕ باپتھ ضرۄری أسی۔ مگر تۆ پتہٕ تہِ آیہِ نہٕ کلشہِ ہندِس طور طریقس منٛز کانہہ فرق۔ راز گو مجبۆر تہٕ تِمۍ کٔر خودکشی تہٕ رانی سۄریہِ متی گیہِ تسی ستیٚ ستی۔

کتھا سِرت ساگرکس کہأنی ہندِس آغازس منٛز چھُ گُناڈھیہٕ سٕنٛزِ زِندگی تہٕ یمن کہأنین ہندِس آغازس مُتلِق بیان آمُت دِنہٕ۔ یمہِ موجۆب یہِ چھُ مولۆم سپدان زِ یمہٕ کہأنی آسہِ شنکرن پاروتی بوزِ ناوِمٕژ۔ شِو ہندِ دۄیو گنو مالیٚوان تہٕ پُشپدنتن دۄشوٕی بوزِ یمہٕ کہأنی ژۆرِ پأٹھی۔ پاروٗتی دیُت یمن دۄشوٕنی زمینہٕ پیٹھ زٕنم ہیٚنگ شاپھ تہٕ لہٰذا زایہِ یم دۄشوٕے گوشامی نگری منٛز تہٕ ناو اوسُکھ وارِ رُچی تہٕ گُناڈھیہٕ۔ گُناڈھیہٕ بنیوٚو راز ساتواہنن وزیرِ اعلا۔ رازن دیُت تس حُکم شین رتن اندر اندر سنسکرِت ہیچھنُک، مگر سُہ ہیوٚک نہٕ ہیچھِتھ۔ شرمندٕ گژھِتھ کۆر تِمۍ پرٛن نہٕ سنسکرِت ہیچھنُک تہٕ نہٕ بولنُک تہٕ دژاو جنگل کُن۔ تتہِ بۄز تِمۍ پِشاچ کان بھۄتیَس نِشہِ پِشاچی پأٹھی وارِیاہ دٔلیلہٕ یمہٕ کان بھۄتیَس پُشپدنتن بوزِ ناوِمٕژ آسہٕ۔ گُناڈھین لیچھِ یمہٕ پِشاچی زبأنی منٛز تہٕ سوزن رازِ ساتواہنس۔ مگر رازن دیُت یمن دَکہِ سنسکرِتس منٛز نہٕ آسنہٕ کِنۍ گُناڈھیہٕ تہِ گو سبٕٹھاہ دُکھی۔ سُہ اوس اَکھ اَکھ کہأنی پَران جاناورن تہٕ وَن جانوَرن بوزِ ناوان

تہٕ پَتہٕ زالان۔ وَن حیوان تہٕ جاناوار گٔیہٕ تِتھۍ مَست یِمہٕ کہاَنی بوزان زِ تِمن گو کھمن چھِن مُشِتھ۔ رازن یِیلہِ یہٕ بوٗزتِمۍ مٔنٛز ماَنی مگر توٗ تام اُسی صرِف اکھ لچھ شلوٗکھ باقی بچیمِتۍ۔ تِمنے پیو ''برہت کتھا'' ناو۔

اصلی بزٕہت کتھا چھنہٕ دٕستیاب کینٛہہ مگر برہست کتھایہ پیٹھ یا واسطہٕ ژور تصنیفہٕ چھےٚ ازتام دٕستیاب سپزمژٕ۔ نیپالس منٛز دٕسۍ یاب ''بزٕہت کتھا لوک سنگرٕیہہ'' ہَس منٛز چھےٚ بُدھ سوامِین گُپت دورِکہ تہذیٖچ جھلک نظرِ گژھان یوٚسہٕ تِمۍ یہٕ لیکھان ورتاوٕمژ چھےٚ۔ سنگھداس مُنیَن چھُ ''وسُدیو ہِنڈی'' منٛز نِرواہَن دت سٕنزن کہاَنین وسُدیوس کُن منسوٗب کٔرِتھ یِمن کہاَنین جین دھرم حِساب پیش کرنٕچ تہٕ تتھ دھرمس سٟتۍ واسطہٕ گرنٕچ کوٗشِش کٔرمژ۔ کشمیٖرکۍ مہاکوی کھیشمیندرَن چھِ ستھ ساس تہٕ پانٛژہ ہتھ (7500) شلوٗکن منٛز ''بزٕہت کتھا منجری'' منٛز اتھ ژھوٚٹٕرن کٔرمژ۔ سوم دیو سُند لیٛوکھمُت ''کتھا سرِت ساگر'' چھُ زٕتووٕہَن ساسن شلوٗکن (22000) پیٹھ پھٔہلِتھ کہاَنین ہُند اکھ باگہٕ بوٚرُت سمنٛدر۔ اَتھ چھِ 18 الگ الگ حِصہٕ یِمَن ''لمبک'' چھِ وَنان۔ یہٕ لفظ چھُ دراصل ''لمبھک'' تہٕ معانے چھُس کھانٛدر یِیمہِ کِنۍ مُروجہ ریٖژ تہٕ رِواج پاَلِتھ زنانہٕ یِیہِ حاصِل کرنہٕ۔ پرٛتھ لمبکس منٛز چھِ مرکزی کِردارس زنانہٕ حاصِل سپدان۔ موٗل کہاَنی اَندر چھِ وارِیاہ کہاَنی نٔتھۍ آمژٕ کرنہٕ۔ دِوتاہَن، آسماَنی اَژھرژھَن، اِنسانَن، راکھشن، وِیتالَن، یِمَن سارِنے سٟتۍ واسطہٕ کہاَنی۔ اَکِس منٛز دوٚیِم دوٚیمہِ منٛز ترٛیِم۔ کہاَنی منٛز کہاَنی چلوٕنۍ روزان۔ زیادٕ تر کہاَنیَن منٛز چھُ زنانہٕ کِردارنے ہُند چال چلن ووکھنہٕ آمُت۔ یِمَن منٛز چھِ

ناپاک، کمینہٕ، خاوندٕس مارَن واجنہٕ جأدی گرنہٕ تہٕ بے وفا زنانٕن ہنٛز کتھایہٕ زیادٕ۔ اگرچہٕ رٕنس پَتہٕ سٕتی گرٕھن واجین عیلا کردار زنانٕن تہٕ دھرمَس پیٹھ پکَن واجنٕن مذہبدار مستوٗراتَن ہُند تزکرٕ تہٕ چھُ میلان۔ یمَن کتھن پیٹھ تبصرٕ کَران چھُ مشہوٗر نقاد 'وِنٹرنِٹز' لیکھان: "سانہٕ ہندوستانچہ تہذیبک عِلم چھُ سبٹھَہ حدس تام سوٗم دیونٕس کتھا سرٕت ساگرس آویزٕ۔ اتھ تصنیفہٕ منٛز چھُ ہندوستأنی درمَس تہٕ زمانہٕ قدیمَس منٛز ہندوستأنی زنانٕن ہُند مُقام یمَن کتھَن پیٹھ گاش پیوان۔ اَمہٕ سٕتی چھِ اَسہٕ سماجَس منٛز ذأژن ہُند نِظام، رازن ہنٛز کولاوٗلی، ہونرٕ، تأیفہٕ در تہٕ کأری گر، ذار، شراب تہٕ ہندوستأنی سماجَس سٕتی وابسطہٕ لسنہٕ بسنٕکی باقی طور طریقہٕ تہٕ تِمَن مُتلِق وأقفِیت تہٕ چھُ اَتھ منٛز دٕرج۔"[1] بلوٗم فیلڈ، اکھ وسط ایشائی تہذیب تہٕ تمدنُک نقادٕ سُند مانُن چھُ زِ یہٕ تصنیف چھےٚ دُنیاہچ سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ تہٕ زخیم کِتاب کہأنی سرمایس منٛز۔ تِمۍ ہِنٛدِ وَننہٕ موجوٗب چھِ کہأنی بیأنی تہٕ سومبرن کرنس منٛز یہٕ بے جوڑ کِتاب۔ کتھن منٛز طرحدأری تہٕ بیٚہتری پأدٕ کرٕنی چھِ امہٕ تصنیفٕچ سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ خأصیتھ۔ کُنہٕ چھےٚ جُرت مَند نَوجوانٕن ہنٛز موٚحبتٕچہٕ داستانہٕ تہٕ کُنہٕ چھےٚ دور تہٕ وو پر مُلکن گرٕھن والین مُہم جوہَن ہنٛدی کارنامہٕ۔ کُنہٕ چھَس اَسناوَن واجنہٕ بیقل کتھٕ تہٕ کُنہٕ چھَس ہأران کرن واجنہٕ عقلمندی ہنٛز زیرک داستانہٕ تہٕ۔ کُنہٕ کُنہٕ چھےٚ ژھوچہٕ ژھوچہٕ کہأنی أکِس پٕتہٕ تأرِتھ آمٕژ تھاونہٕ تہٕ کُنہٕ چھِ پدماوٗتی وِکرما دیتہٕ ہشہٕ رزمیہٕ تہٕ شأمِل آمٕژ کرنہٕ۔ پنٛچ تنترٕ تہٕ ویتال پچیسی تہٕ چھےٚ آمٕژ شأمِل کرنہٕ تہٕ امہٕ اتھاہ

[1] بھارتی ساہِتیہ کا اِتہاس۔ وِنٹر نِٹز۔ جلد 3، پیرا 502۔

کہانیَن ہِنٛدِ سمنٛدرٕ کِ حِصہٕ بنیمتۍ۔ بودھ، جین تہٕ پورانی کہانیَن ہُنٛد چھُ سبٹھاہ بۄڈ تیداد اَتھ تصنیفہٕ منٛز شامِل کرنہٕ آمُت۔ اَلف لیلا منٛز چھےٚ وارِیاہ کہانی اتھ کِتابہٕ ہِنٛزن کہانیَن ستۍ میل کھوان۔

بے وقوفن ہنٛز کہانی چھِ کتھا سرِت ساگرُک اکھ خاص حِصہٕ۔ أکِس ساد بےٚ ڈول گۄرِس چھےٚ گاو دوہے پٲنٛژہ سیر دود دِوان۔ تِسنٛدِس گرِس منٛز اوس کیٛاہ تانۍ ووژھب، تٔمۍ سوٗنٛچ گاو دوہوے چاونہٕ کھوتہٕ چھُ بہتر زِ یہِ چاون تٔمۍ دوہہ یتھ زَن بۄڈ دوہہ ٹھیک پٲٹھۍ مناونہٕ ہیکہِ یتھ۔ تٔمۍ چاوٕنہٕ گاو پۄرٕ أکِس رتبس۔ ووں ییٛلہِ بڑ دوہہ گاو چاونہِ بیوٗٹھ تتہِ دژاونہٕ دود قطرٕ تہٕ۔

أکِس دھنوان سیٹھس چھُ آسان مُرکھ نیچو۔ سُہ چھُ تِس وارِیاہ مال اسباب ہتھ کُتاہ جزیرِس سوزان کارٕ بار کرنہٕ۔ مال ستۍ تُلنہٕ وِزِ چھُ سُہ وارِیاہ ''اَگرُوٗ'' (اکھ دوا) پانٛس ستۍ باپار خاطرٕ نِوان۔ سُہ چھُ تتھ زُوِس منٛز سورُے مال کُنِتھ موکلاوان مگر ''اَگرُو'' باپتھ چھنہٕ تَس کانٛہہ خریدار یِوان۔ یہِ چھُ تَس سَرِ ژۄہتھ موجوٗد آسان۔ سُہ چھُ بازرِس پھیران نظراہ گُزراہ دِنہٕ باپتھ۔ لتہِ چھُ سُہ وُچھان ژنٛبن چھُ سخ بھاو۔ سُہ یتھۍ چھُ پننہِ جایہِ واتان سُہ چھُ سُہ سورُے مال مولُل اَستھ تہِ زالِتھ ژھنان تہٕ پَتہٕ امچہِ ژنٛبہٕ کِنان تہٕ یتہٕ کٔنۍ سونٛچان زِ تٔمۍ موکلِو سورُے مال کِنِتھ تہٕ نیران واپس پننِس مُلکس۔ تتہِ چھِس لۄکھ کارٕ بارس مُتلِق پرٕژھان تہٕ سُہ چھُ سرِفہرِس پننہِ تگن گری ہُنٛد بیان کران تہٕ لۄکن نِش پننہِ بے وقوٗفی ہُنٛد اِنکشاف کران۔ ٹھگن ہنٛز کہانی چھِ تمہِ وقتہٕ لۄکن منٛز مُروجہٕ خامیَن سوتھرِس پیٹھ انِنس قابِل آسان۔ اِنسانی فِژتکی یم پہلوٗ ییمہِ

آیہِ تِمُی سوٗنچ تہٕ تِم پیش کرنس مَنٛز چھُ سوم دیو مند چھ تھوٗدتُلِتھ پیش کَرنَس مَنٛز سرِفہرِست اوسمُت۔

اکہِ دوہہ چھُ اکھ ڈھونگی مونی سادھو منگان منگان اَکِس بُنیہِ سُند گرٕ واتان۔ تتہِ صدا کرنس پتھ چھَس بُنیہِ سٕنٛز نوجوان سوٗندر کوٗر عطیہ ہتھ وَسان۔ کورِ وُچھِتھ چھُ ڈھونگی ہے بنگہٕ گژھان تہٕ تَس چھےٚ کام واسنا غالِب گژھان تہٕ کرٕکھ ژلان نیرِتھ ''ہاے موٗدُس!'' تہٕ چھُ پوٚت کھورِ ژلان تہٕ واتان پنٕنس آشرَمس تہٕ بیہان دارِ بَر بَنٛد کٔرِتھ۔ بُنیہِ تہِ چھُ سادھوہَس پتے دوران یہِ مولوٗم کَرنہٕ زِلتس ہے گو تہٕ کیاہ۔ تیٚنٛدِس آشرَمس مَنٛز وٲتِتھ چھُ سادھوہَس نِشہِ وجہہ زانُن یژھان تہٕ سُہ چھَس ونان زِ یہِ کوٗر چھےٚ ژٕرے پتھ بدشوٗگوٗن۔ ژٕ گژھ وُنی تہٕ سو بَرٕن پیٹہِ مَنٛز تہٕ پتٕھ تھاوُس دَزٕوُن ژونگ تہٕ ترٛاوُن دٔریاوس بیٛرٕ۔ نتہٕ چھُ چون بچُن مُشکِل۔ بُنیہِ تہِ چھُ آسان ڈرپوک تہٕ وٕہمی۔ سُہ چھُ یکدم گژھان یہِ کَرنہٕ خاطرٕ تیار تہٕ پننہِ کورِ پیٹہِ لٔدِتھ دٔریاوس بیٛرٕ ترٛاوان پتٕھ کنہِ دَزٕوُن ژونگ تھٲوِتھ۔

قودرتُک کَرُن شہزادا اکھ چھُ شرٛان کرنہٕ باپتھ دٔریاوس پتھ اَمی ساتہٕ واتان۔ دَزٕوُن ژونگ تہٕ پیٹ وُچھِتھ چھُ تَس شکھ گژھان تہٕ پننین نوکرن یہِ پیٹ قوبوٗ کٔرِتھ کھولنُک حُکم کَران۔ اَتہِ ییلہِ اَمہِ مَنٛز خوبصوٗرت کورِ ہَنا دژایہِ تِمُی کٔرسو پانس نیتھری۔ پیٹہِ بَرٕنوٗن خطرناک پوٚنُژ تہٕ ژٕھنی یہِ پیٹ تتھے پٲٹھی دٔریاوس پتھ کنہِ ژونگ تھٲوِتھ۔ سادھن اُسی پٔنٕنی چیلہِ بزونہے سوٗزی متی یہِ پیٹ قوبوٗ کَرنہٕ باپتھ۔ تِمو ژھانٛڈ یہِ پیٹ سارِی ہے دٔریاوس تہٕ آخر کٔرِکھ قوبوٗ

تہٕ واتناوِکھ سادھوہَس نِشہِ۔ تِمۍ وُچھ پیٚڑ تہٕ تہٕ دِزُون ژونگ تہٕ۔ چیلن ووٚنُن توہۍ نیٚرِو کُٹیایہِ نِشہِ دور تِکیاز مینۍ چھُ راتس پیٚتھی پیٹہِ پیٚٹھ منتر کماوُن۔ چیلہٕ ژٕلی دوٗر آشرمہٕ منٛز۔ سادھن کھوٚجۍ پیٚڑ تہٕ امہِ منٛز دژاو خوفناک پوٚنز تہٕ ژیٚونس بُتھ،نس، کن تہٕ اتھ کھور صاف گٔرِتھ۔

یِژھ ہَتہٕ بڑے کہانی وِنٛس منٛز چھُ سوم دیو کامیاب روٗ دمُت۔ یِمہٕ اکہِ کھوتہٕ اکھ عجیب تہٕ پُر لُطف چھِہ۔ پینٛچ سُنٛد وَنُن چھُ زِ ''کتھا سرت ساگر'' چھُ ہِندوستانی جمالیاتس منٛز اِنسانی فِطرتُک عانہٕ یُس سوم دیون یِنہٕ والین پیٚر بن خاطرِ ترٛاوِتھ چھُ تھوومُت۔''[1]

تہذیبی طور چھُ کتھا سرت ساگر سبٹھاہ اہم تصیف۔ تِمۍ گُپت کال برٛونٛہہ پیٚٹھ کُہمہِ صدی ہِنٛدِس آخرس تام ہندوستانی سماجُک تخلیق پَسند تہٕ ضابطہٕ مُتابِق تصوپر اَسہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوِمژ چھےٚ۔ ہِندوستانی باپاری، ناوِ ہانٛز، دھرم تبلیغ کرن والی، سمنٛدری سفر کرن والی اَسی تہٕ اَمہِ سفرُک کانٛہہ پَروا ے کران تہٕ دوٗر دوٗر دیشو پیٚٹھ اَنتھ، زیٚنتھ پنُن دیش امیر بناوان تہٕ پنُن تہذیب بیٚین دیشن تانۍ واتناوِتھ تہٕ اِمکی نِشان نَسب گران۔ یِمَن کہانیَن منٛز چھِہ واریاہ جزیرٕ وننہٕ آمتۍ۔ مثلن سُوَرن دیپ (سُماترا)، کٹاہہ دیپ (گیٹرا)، نارِ کیل دیپ (نِکوبار) کرپوٗر دیپ (بوٗرنیا)، تےٚ دیپ (مالیا) وغیرہ جایَن ہُنٛد تذکِرِ کرنہٕ آمُت۔ شُمال، مغرِبس منٛز چھُ گانٛدھارس ستۍ اَتھ راجدھانی پُشکلاوتی ہُنٛد ذِکر میلان۔ تَمہِ وِٹکس بھارتہٕ کِس شُمالس منٛز اوس نیپال، اَلکا، مان سروٗ ور، اپور ترٟتھ اوس اَسہِ چین دیشس ستۍ تہٕ رابطہٕ قایِم کوٚرمُت۔

1. "Katha Sarita Sagara", Ed. and translated by C.H. Tony, Introduction.

سماجی طور چھُ کتھا سرت ساگرچن کہانیٚن ہُند بیان یِمہِ کتھِ ہُند شاہِد زِ تمہِ ساتہٕ چھےٚ ہندوستانی سماجس منٛز انقلابی اُتھل پُتھل اَسمٕژ۔ پرٛانہِ ربوایژ آسہِ پھُٹان۔ روحانی سوتھرِس پیٹھ اوس مادِیتھ طاقت ازماوان۔ ذاتن ہٕندِس گنڈس منٛز اوسُن ڈیٚجر ہیوٚتمُت ییٚن۔ مختلف ذاتن درمیان کھاندرن ہٕندی واقع چھِ وارِیاہ وُچھنَس منٛز یِوان۔ انگار وٕتی ہٕندِس کھاندرس منٛز چھِ مختلف ذاتن ہٕندی نوجوان حِصہٕ نِوان۔ پَرووپکاری راژِ ہنٛز شیٚہزاز چھِ براہمَن یا کھشترے نوجوانَس ستی خاندر کرُن یژھان۔ راژِ مہا وٕراہ ہنٛزِ کورِ پدمہٕ رٕتی ستی چھِ براہمن کھشتری، ویش تہٕ شُدٕر جوان تہِ کھاندرٕ باپتھ حاضر سپدی۔ مگر سو چھنہٕ یِمو منٛزِ کانٛسہِ تہِ منظوٗر کران۔[1]

کام کارکرنَس مُتلق چھِ آزادی گژھان نظرِ۔ شری دَت چھُ براہمن اَستھ تہِ دَنگلہِ منٛز مہارت حاصِل کران۔[2] پنچ پٹک چھُ شُدرٕ اَستھ تہِ بَزاز آسان۔[3] عموٗمن چھِ شُدرٕ نفرت کرنہٕ موٗجوٗب بُدھ مذہب اختیار کران ہاونہٕ آمتی۔ زنانَن منٛز چھُنہٕ پرٛدُک استعمال نظرِ گژھان۔ یوٚ دوٚے سوامی ہنٛز سیوا دھرٕم زانتھ کرٕنک چھُ وارِیاہہِ پھرِ تاکید آمُت کرنہٕ تہٕ امکی چھِ تعاریف تہِ کرنہٕ آمتی مگر تِو پَتہٕ تہِ چھےٚ ہَتہِ بزَن ناپاک زنانَن ہنٛزِ کہانیہِ تمہِ وقتکِ اِخلاقی گراوٹن ہُند حد ذِلتھ تہٕ بےٚ لاکم تہٕ بےٚ راہ رٕوی کُن اِشارٕ کران۔

[1] کتھا سرت ساگر، کھیشمندر، سرگ 2,9، شعر 110۔
[2] یوٗ ہے سرگ 15,2,2۔
[3] یوٗ ہے سرگ 13,12، شعر 24۔

واریاہَن کہانٔیَن منٛز چھُ تمہِ ظُلمُک ذِکر یُس ہشہِ آسہٕ تمہِ ساتہٕ نوشن پیٹھ کران۔[1] یہِ تہِ چھُ پےٚ میلان زِ تتھ وقتس منٛز اوس دیودأسیَن ہُنٛد غلط چلن مؤجوٗد۔

سِیأسی مأدانس منٛز چھِہ ناپایدأری نظرِ گژھان۔ جنگن منٛز چھُ فنِ سفارت زیادٕ عام اوسمت۔ دِل بہلأیی ہنٛدٕ بن واریاہَن ذٔریَن مثلن نژٕنچہ، سنٛگیت چہِ محفلہِ، گِنٛدُن، مے خأنی، آبی کھیلہِ، باغہٕ سأر، شِکار گِنٛدُن، کُکھج لُٹھس گِنٛدُن، وغأرٕ کھیلن ہُنٛد ذِکر تہِ چھُ اتھ منٛز۔

پنٛتھٕ کُنی چھِہ کتھا سرت ساگر کہانٔیَن ہنٛز طرح دأری کِنی، دِلچسپ آسنہٕ کِنی وأفر تہِ تہذیبی مادٕ آسنہٕ موجوٗب اکھ اہم تصنیف۔ شأعری ہنٛز کہوچہِ خأرِتھ تہِ چھِہ یہِ سٔلیس طرزس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ رزمیہِ مانٛنۍ لایق۔ شأعرانہٕ نفاستَس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕتۍ سوٗندر تہٕ سبق آموز شلوٗک چھِہ نرم اِنسانن ہنٛدی دِل تہٕ بۄد، دونٕوۍ مُتأثر کران۔ کوتاہ خوش یوٗن چھُ یہِ طرزِ بیان۔

پنٛتھٕ کُنی لبہٕ پیٹھٕ وأرِتھ دِژمژ بال پۄت پھیرِتھ چھِہ تمی ساتہٕ مارن وأرِلس نِشہِ واتان تِتھے کُنی چھُ کأنٛسہِ بدکانٛچھن وول پانہٕ بُرأیی منٛز گرِفتار گژھان۔[2]



[1] کتھا سرت ساگر، کھشمیندر، لمبک 3,6، شعر 67,69۔

2. Kundako bhitti nihkshpta iva pratiphalan muhu I
Aapatyatamani praayo doshoanyasya chikeershitah II
Ibid, Lambak 3, v.,213.

# مُکھتک کاویہ

اَگنہِ پوران لیکھن وألی ریش چھُ وۆنمُت زِ مُکھتک گیہِ تِم شار یِتھ مَنز اَکھ مِصرِ اکہِ عجوبہِ کھوتہٕ کم آسہٕ نہٕ، یہِ گژھِ باسُن اَکھ چمتکار ہیۆے[1] وِشوناتھ ساہیتہِ درپن کار ہیٚنز راے چھےٚ زِ ''وزنس پیٹھ مُنحصر سُہ شعار یا مِصر یَتھ نہٕ بیٚیہِ کُنہِ شعارک یا مِصرُک معانے سمجھاونہٕ خأطرِ ضروٗرتھ پیٚیہِ، سُہ گو مُکھتک۔'' یعنی سُہ شارِ یتھ زَن ''گاگر میں ساگر'' ہیٚکو وٕنِتھ۔ پُر وَزن مِصر یا شعر یُس نہٕ دۆیمِس شعارس یا مِصرس معانے باپتھ آویز روزِ گو مُکھتک۔ شعرس مَنز وزَن آسُن چھُ لأزِم آمُت مانِنہٕ نَتہٕ ہیکِہ یہِ بیٚیہِ کینٛہہ أستھ، مگر مُکھتک نہٕ کینٛہہ۔ ''شأعری مَنز وزنکہِ مُقامکو بأنی کار، آننَد ورھن چھُ ونان زِ سُہ شعر یُس اَبدی سکوٗن تہٕ دایِمی مَزِچ قیفت پأدِ کرِتھ ہَرن یا بوزن وألِس آننٛد اوستھایہِ واتناوِ تہٕ دُنیٲوی تفریقو نِشہِ لوٗب رَٹہِ تتھ ہیٚکو کامیاب مُکھتک وٕنِتھ۔''[2] آننٛدِ ورھنَن چھُ امرؤک ہِنٛدِ اکہِ اکہِ مُکھتک پَدکی تعأریف کران، یہِ سِلسِلِ وار شأعری برابر تصوٗر کوٗرمُت۔[3] یتھ کُنہِ تسُلسُل واجنہِ شأعری مَنز لُطف آمیزی (رس) چھُ ضروٗری تتھےٚ کُنہِ چھُ مُکھتکس مَنز تہٕ رس آسُن لأزِمی

1. Mukhtakam shloka ekaikah chamatkaarakshamah sataam.
Agnipuraan, A.A. Series, Press, Bombay, Year 1910, 336 v.,37.
2. Chandobaddhapadam padhyam tena mukhten muktakam.
Sahitya Darpan, Ed. by P.V. Kaul, 6, v.,314.
3. Mukhtakeshu hi prabandheshu iva rasabandaabhiniveshinah kavayo drishyante yathaahi Amrukasya kaver Muktakaah Shringaara rasasyandinah prabhandhaayamaanaah prasiddhaa iva.
Dvanyaloka by Anandvardhana 3,6, (Vritti Bhaagah)

یہِ چھےٚ وارِیاہَن شاعرن تہٕ نقادن ہُنٛز راے۔ یِتھٕ کٔنہ زَن اَمروٗک سُنٛد شعر
شرٛنگار رس بزٕونہہ پکناوَن والین رَزمیہ شاعرن ہِنٛدی پاٹھی (بجھاوٕٹہٕ بٕرتی)
مُکھتک مشہوٗر چھہٕ۔

کاشرِ بو گونماتو یم مُکھتک لیکھمتۍ چھہٕ تِمَن چھہٕ وارِیاہ قسم۔ یِمَن منٛز
چھُ خالِص نصیحت آموز قابلِ فہم مُکھتکن ہُنٛد اَکھ خاص مُقام۔ اَمہِ علاوٕ شرٛنگار،
جان ورتاو، خُدا دوستی، ترکہِ دُنیاہ تہٕ نصیحت وغارٕ نِہَن ہِنٛدِ فرقہٕ موجوٗب تہٕ چھُ
مُکھتکس منٛز یم قسم یِوان مانِنہٕ۔ شاعری یوٚدوَے زِنٛدگی ہُنٛز کھوٚٹ یا صحت
مَنٛد تنقید چھہٕ تیلہِ چھُ باقی نصیحت بیانی منٛز مُکھتک زِنٛدگی ہِنٛدِس اتھ مالِس منٛز
برابر بیٚہان تِکیازِ یِمَن منٛز چھہٕ شاعر ہِنٛدِ منٛکۍ سٔنۍ محسوٗسات وبٕرٕھناونہٕ یِوان یم
سُہ علامتو (النکارٕ) ذٔریٚ چھُننہٕ ہرکان باوِتھ۔ طنزیہٕ کلامَس ڈٕکھ رٔٹِتھ چھُ شاعر،
گُلبن، پوشن وغارٕ ذٔریٚ یہِ بناوِتھ اِنسانی زِنٛدگی ہِنٛدٕ بن دِلن ترن والو پزرو نِشہِ
آگاہ کٔرِتھ پَرن وٲلی ہِنٛدِس دِلس تہٕ دِماغس دوٚنوٚنی پیٹھ مینٛٹھ دَب والان۔
"بھللٹ شتک" تہٕ "اَنیوکھتہِ مُکھتالتا" ناوی یم زٕ تصنیفہٕ چھےٚ مُکھتک شاعری
ہُنٛز تِمہ زٕ تصنیفہٕ یِمہٕ اَتھی طرزِ بیانس پیٹھ چھےٚ لیکھنہٕ آمٕژٕ۔



## (1) بھللٹ شتک [۱]

شتک چھہٕ سنسکرٕت پاٹھی تہٕ تہٕ کاشرِ پاٹھی تہٕ ہَتس وَنان یتھ منٛز
کینٛہہ تہٕ ہتھ تعدادس منٛز آسہِ تتھ چھہٕ سنسکرٕت پاٹھی شتک وَنان۔ یہِ تصیف چھہٕ

۱ ترتیب کار مہر چند لچھمن داس، دریا گنج دہلی، 1985۔

شاعر بھللٹ ہنز۔ کلہنن چھُ راج ترنگنی منز کشیر ہندِس راژ شنکر ورما سُند ذِکر کران بھللٹ سُند ذِکر کوٗرمُت۔ گونماتن ہنز صُحبتہِ نشہِ دوٗر روزن وأئِس تس راژ ہندِس دورس دوران اوس بھللٹ ہوس گونماتہ ہنز باپتھ دبن گذارُن سبٹھاہ دُشوار۔ اکہِ طرفہِ أسی بڈی بڈی گوی تہٕ گونماتھ کُنہِ تنخواہ یا اوٗ زتہٕ بغأر زِندگی پریشأنی منز گزاران تہٕ بیٚیہِ طرفہِ اوس موٗزوٗری کرن وول تہٕ بور سارن وول ضیفِ اُلعقل للٹ تہٕ۔ سُہ اوس رازس نشہِ زِ ساس دنیار تنخواہ حاصل کران۔ برٛہمن أسِتھ اوس سُہ پأنس پنٕچ شُدرِ کولہِ منز زامُت ونان تہٕ اَمہِ باپتھ أس تمی سَند تہِ پیش گرمژ۔[1] شنکر ورما اوس سنہٕ 883ء پیٹھہٕ 902 تانی کشیر پیٹھ راج کران۔ لیٚہذا ہیکو أسی بھللٹ سُند وقت تہِ نومہِ صدی ہندِس آخری نصفہِ پیٹھہٕ دہمہِ صدی ہندِس گوڈنکِس نصفس تانی مأنتھ۔

بھللٹ ہنزِ بھللٹہِ شتک چھےٚ کاویہِ مالا سِلسِلکس ژوٗریمِس حصس منز برنے ساگر پرس بمبیٔ کس زخیرس منز دٕسی یاب۔ تمہِ نوسقہٕ تہٕ باقی نوسقن ہندِس بَل بوٗتس پیٹھ چھُ تیار کرنہٕ آمُت اکھ مجموعہ تہِ مہر چند لکھشمن داس، دٔریا گنج دہلی 1985ء منز چھپوومُت۔ اَتھ منز چھِ اکھ ہتھ تہٕ ترٛےٚ (103) شلوٗک درِج۔

بھللٹن چھُ شتکس منز یاتہٕ نصیحت آمیزی نتہٕ ہدایت بیأنی ہنزِ بنٕیأز پیٹھ تمہِ وقتکس سماجس منز روزن والین تھزٕ ذأژ ہندہِ بن ناقابلِ لوٗکن پیٹھ طنز کوٗرمُت۔ یمن مثالن منز چھُ بے جان چیز پٔشی، جاناوار وغأرن علامتی کردار

[1] کلہن راج ترنگنی کتاب 5 شلوٗک 6-204۔

بناوِتھ پنُن مقصد پوٗرٕ کرنٕچ شاعرن پوٗرٕ پوٗرٕ کوٗشِش کرمٕژ۔ یُس بنُن سُہ یَمو ڈٕسی بڑٕونہہ کُن چھُ اَنان سُہ چھُ موٗلٕہ تلہٕ اَمس شاعرس ہِوٗبن سماجہِ کٕنِن باقی لوٗکن اصٕل صوٗرتس منٛز بنٛیوٗمُت آسان یَتھ سُہ یَمو ڈٕسی زبان اَچھُ دِوان۔ بَھللَٹ سٕنزن یَمن مِثالن منٛز چھُ شاعر سُند دِل زخمی آسان سَپدمُت تہٕ سُہ چھُ یہِ کرِتھ کوٗشِش کران سماجس منٛز گژھہ اتھ نظرِیَس خلاف آواز ووٕتھنی۔

شرٛنگارس منٛز جُدٲیی ہُند اَحساس (وِپرٕلمبھ) بیان کران چھِ جُدٲیی منٛز ہینٕہ آمژٕ مَسول تیٛتھ طعنہٕ دِوان زِ شاعر چھُ پنُن مقصد یہِ وٕنتھ پوٗرٕ کران۔ ''خوٗش بوے دار ہَوٕہَن تہٕ گرٛزوٕنی اوٗبرن یِکہٕ وٹہٕ میٛلتھ وہرٲژ منٛز برٛٲو میٲنہِ دِلچ دَگ تہٕ کرٕہَس بیدار۔ موٗرن ہیٛوٗت نژُن وُزملہٕ چھِ گرِ گرِ چمکِتھ میٲنِس دِلَس ألراوان۔ جُدٲیی منٛز ہینٕہ آمژٕ میٛے مَسولہِ چھُنہٕ ہَوٕہَس، موٗرَس تہٕ اوٗبرس سٕتی کانٛہہ تہِ شِکایت تِکیازِ یِم چھِ ساری پرٛگرٕژ کٕنی پرُش (نَر) لِہٰذا چھِنہٕ یِم زنانہِ ہٕندِ تکلیفہٕ نِشہِ وٲقِف۔ مگر شِکایتھ چھَم تیٛمس وُزملہِ ہٕنٛز یوسہٕ میٲنی پٲٹھی ناری پرٛگرٕژ ہٕنٛز آسِتھ تہِ چھےٚ یوٗت بے رٕحم ووٕہار کران۔ کم از کم اَمِس گوٗژھہ میٛہ ہشہِ جُدٲیی ہٕندِ نارٕ سٕتی سوتیمٕژ سٕتی ہمدردی آسٕنی۔''[1] خوفناکھ تہٕ کھوٗژٕوُن (بھیپتسہٕ رس) پٲدٕ کرن وٲلِس شارس یَتھ منٛز یِمہٕ دوشوے کٕفیژ چھےٚ موٗجوٗد، چھُ شاعر شِکارس ظٲلِم حٲکمہِ سٕنٛزِ حۄکوٗمتک مُتبادِل مانِتھ قومچہِ یِنہٕ واجِنہِ بَدحٲلی ہُند اندازٕ کرناوان۔ وَنان چھُ ''موٕتِکس فِرشتہٕ سٕندی پٲٹھی چھُ اَس

---

1. Vaataa vaantu kadambarenubahalaa nratyantu sarpa deshah,
Sotsaahaa navatoyadaana guruvo muchantu. deshah naadam ghanaah I
Magnaam kaalaviyoga dukha dahne maam veeksha deenaananaam,
Vidyut sfurasi tvamapi karune streetve api tulye sati II
Bhallata Shatakam, Ed. Meharchand Lachchmam Dass, 1985, v.,97.

ؤہرِتھ اٲسۍ ہِنٛز یہِ کمان، زہرِ حلاکس منٛز بوڈوِتھ اٲسۍ ہِنٛدۍ یم تیٖر۔ ارجنس تہٕ مات دِنہٕ وول اٲسۍ سُنٛد یہِ نِشانہٕ۔ اٲسۍ سُنٛد یہِ مُشہیُل چُست جسم، دِلہِ کِنۍ ظاٲلم مگر مۄدُر بول وُٹھن پیٹھ۔ ووٚنۍ کتہِ روزِ جنٛگلس منٛز جانوٗر باقی یعنی ووٚنۍ کمۍ ہِنٛز بسن باتھ چھِ ییٚتہٕ۔[1]

شاعرن چھُ پننٮ۪ن مُکھتکن منٛز بے موقہٕ تہٕ غاٲر مُتلِق النکار۔ پانہٕ ناٲوۍمتۍ تہٕ یِتھِ کٔنۍ شاعری ہٕنٛدِ وۄجوٗدِچ آواز بُلنٛد کٔرِتھ قسم قسم کوٚ النکارو سٟتۍ یم سجاٲوۍمتۍ تہٕ پننِ کلامہٕ مُتاثِر کُن بنٛیوومُت۔ یَتھ شارَس منٛز چھُ ہرِی یہِ دِوتاہَس ''رتہِ''[2] وَننہٕ کِنۍ اکھ مُتاثِر کُن تہٕ بِدۄن ورتاو عملہِ منٛز آمُت ییٚمہِ سٟتۍ مُکھتکُک معانے چھُ طرحدار بنٛیومُت۔ لفظ ''رتہِ'' چھُ تشبیہ رٔنٛگۍ ورتاونہٕ آمُت تہٕ مشابہِتھ چھُس آمٕژ دِنہٕ۔ ''دِک پُرندژی'' سٟتۍ تہٕ زَن گو سوٗ گرِچ خانہٕ دارٕ بِن یوسہِ کامہِ ہٕنٛدِ گۄبرٕ سٟتۍ ٹاکِھن آسہِ وہراونہٕ آمٕژ مگر ''رَتہِ'' سٟتۍ تشبیہ دِنہٕ مۄجوٗب چھُ امہِ زَن پننِ پان سیٚنٛدرِ رٔنٛگہٕ سٟتۍ غولاب روے بنوومُت۔[3]

1. Mrityoraasyamivaatatam dhanuridam chaasheevishaa bhaah sharah;
   Shikshaa saapi jitaarjuna prabhutikaa sarvaanga lagnaa gatih I
   Antah krauriyamaho shathasya madhuram haa haari geyam mukhe,
   Vyadasyasya yathaa bhavishyagati tathaa manye vanam nirmriagam II
   Bhallata Shatakam, Ed. Meharchand Lachchmam Dass, 1985, v.,94.

2. رَتہِ چھےٚ دیو مالاٲیی اَدبس منٛز کامدیو ہِنٛز ماشوق مانہٕ یوان۔ کامدیوس چھُ شِوٕ بسم کران تہٕ رتہِ چھےٚ کامدیوس غلطی معاف سپدنس تام وِلاپ کران۔ اَمِس چھِ یَتھ شارَس منٛز گٔرمی خانہٕ دارِنہِ سٟتۍ مُشاٲبہِتھ دِنہٕ آمٕژ تہٕ یِتھِ کٔنۍ چھُ ''وِژودھابھاس'' النکار ووتلاونہٕ آمُت۔

3. Yushmaakamambaramaneh prathame mayookhaa,
   Ste mangalam vidadha toodayaraagabhaajah I
   Kurvanti ye divasa janma mahotsaveshu,
   Sindoorapaatalamukheeriva dikpurandhreek II
   Bhallata Shatakam, Ed. Meharchand Lachchmam Dass, 1985, v.,2.

بھلّٹ چھُ واقف اوسمُت اونتی ورما سٕندِ دوٗرُک یُس گونماتن عزتِ بخشن وول ووٗسی دِل راز اوس۔ تٔمی پتہٕ شنکرورما سٕندِس راجس منٛز وُچھ پرٕ متّمن لیکھی متّمن ہنٛز حالتِ ذار تہٕ کتھٕ کٔنٛز اوس یمن دَکہٕ پوان دِنہٕ تہٕ کمہٕ آیہٕ آسہٕ عام لۄکن حاۍ کم لۄکھ ہاڑٕ ہوان۔ یہِ حالت وُچھِتھ گو شاعر سُند دِل دُکھی تہٕ ہرکیہِ سٕندِ دُہلی گاشہِ تہٕ روتلہِ ہٕندِ اندھکارٕچ شیٖبہہ ووتلاوِتھ چھُ یمن دون رازن ہٕندِ دوٗرِ حکوٗمتکۍ حالات اَسہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوٕنٛچ کوٗشِش گران زِ۔ ہرکیہِ لۄس یہِ چھُنہٕ کانٛہہ غم کرنُک مُقام۔ تکلیف چھُ امہِ کتھِ ستۍ سپدان زِ سرۍ لوٗہوٗنے کوٚر اَنہِ گٹہِ ساری ہے آکاشس قبضہٕ۔ یہِ وَنس منٛز چھُ شاعرن ورگہٕ معانے ورتومُت تہٕ دویہِ قسمہٕ شیٖبہ ووتلاوِمٕژ۔ اکھ گیہِ ہرکی یکہٕ گاشٕچ یوسہٕ سونہاری دوہ چھِ پاۆدٕ گران یُس آشن تہٕ ومیدن ہُنٛد ضامِن چھُ تیٚمیُک بجر تہٕ پَسنٛدگی شینہٕ بالن پتۍ روزن والین کاشرٕن بے شک چھِ۔ مگر یوٚ دوَے شیٖن تہٕ سردی چھُ راژ ہٕندِ اندھکارٕکی پاٹھی وٕلتھ یمن لۄکن اٚذیتھ شیٖبہہ تہٕ ووتلاوان یوسہٕ گٹہٕ پچھ ماوسہِ ہٕندی پاٹھی پرٛتھ شےَ چھِ گٹہِ ستۍ وٕلان تہٕ یتھٕ کٔنٛز چھُ دون رازن ہٕندِس دورِ حکوٗمتس مقابلہٕ آمُت کرنہٕ تہٕ اِبہامس کاٗم آمٕژ ہیٚنہٕ۔[1]

بھلّٹ چھُ تمن لۄکن لانہٕ طعنہٕ گران یم لگاتار بے عزتی چھِ برداشت گران تہٕ ناقابلِ تہٕ بدلحاظہٕ آسنہٕ باوجود خدمت گران روزان۔ بۆمرس ستۍ تہنٛز تشبیہ ووتلاوِتھ چھِ اِبہام پاۆدٕ کرنہٕ آمُت۔ شاعر چھُ اَکس ساوِمنوشس

---

1. Paahah pooshno bhavati mahate nopataapaayi yasmaat,
   Kalenaastam ka iha na yayuryanti yasyanti chaanye I
   Etaavatu vyathayatitaraam lokabaahyai stamobhi,
   Svasminneva prakritimahati vyomni labdho avakaashah II
   Bhallata Shatakam, Ed. Meharchand Lachchmam Dass, 1985, v.,11.

وَنان زِ ژِ کِتھ لوٗ گُکھ تیٚمِس کنجوٗسس نش۔ تِتھِس کنجوٗس اِنسانہٕ ہِنٛز سیوا پزٕ ہے
نہٕ ژٕنے کُنہِ تہٕ صوٗرتس منٛز کرٕنی۔ ییٚس کٔرِتھ کزاوِتھ گٔرِچ وَتھ ہاوِ سُہ تہٕ
ژھروِے اَتھو تہٕ موقعہٕ وأتِتھ وَنہٕ "بابا یہِ کوہوٚنڈ گراکھ۔" یہِ چھُ دونٕوی پٔتھ
ٹسنہٕ آمُت کرنہٕ اکھ چھُ ۂسی ہِنٛدی پأٹھی مالدار مگر کنجوٗس بیاکھ چھُ بوٚمبرِ ہِنٛدی
پأٹھی پان ژٕٹان مگر حاصِل چھُس نہٕ کینٛہہ یوان۔[1]



## (2) اَنیوکھتہٕ مُکھتالتا

کٔشیٖرِ ہِنٛدِس راز ہرش دیو (1089-1101) ہِنٛدِ درباری شأعر شمٕبھ ہِنٛز
یہٕ تصنیف چھے 108 مِصرن پٔٹھ مُشتمِل سبٕٹھاہ دِلکش مُکھتیک۔ یتھ منٛز بڈٕ مزدار تہٕ
مُتأثر کرن واجنہِ ورگہٕ معانے دار تہٕ پُر معنے تشبیہ تہٕ استعارٕ چھِ۔ شمٕبھ ہَن چھِ
بیاکھ اکھ تصنیف تہٕ لیچھمُت "راجیندر کرن پوٗر" یتھ منٛز راز ہرشہٕ ہِنٛدِ بن فتوحاتن
ہُنٛد ذِکر چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ أمِس رازٕ ہِنٛدی تعأریف چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھُ
مُمکِن زِ انیوکھتہِ مُکھتالتا تصنیف ما آسہِ أمی رازٕ ہرش ہِنٛدِس آخری عیامَس منٛز
لیچھمُت یِیلہِ زَن رازٕ ہرشہٕ سُند ظألم نظریہِ وُنہِ ووتلنٕے اوس یا یتہٕ چھُ مُمکِن زِ یہِ
تصویف آسہِ تٔمی ہرش ہِنٛدِ مرنہٕ پتے لیچھمُت یِیمہِ ساتہٕ کٔشیٖرِ پٔٹھ اُچھل سُند دورِ
حکوٗمت اوس تہٕ ریاستس منٛز ژوٚپأری سِیأسی حالات کمزوٗر تہٕ قابلِ فکر

1. Soaporvo rasanaa viparyi yavidhistat tat karnayoshchaapalam,
drashtih saa madavismratsvapara dik kim bhooyasoktena vaa I
Poorva nishchitavaanasi bhramara he yad vaarano adayapyasaa,
Vantah shooni ķaro nishevyata iti bhraatah ka eshah grahah II
Bhallata Shatakam, Ed. Meharchand Lachchmam Dass, 1985, v.,19.

اَسی۔ راز ہِنٛز پناہ گاہ راوِنس پیٹھ آسہٕ شاعر شمبھُہس سنگ دِل حاکمن ہِنٛز بُتھی لائیہٕ تہٕ پوٚمُت مُقابلہٕ کرُن۔ یِیمیُک اِشارٕ اَسہٕ انیوکھتہٕ مُکھت لتایہٕ منٛز میلان چھُ۔

گتھ تانی عالِمن ہِنٛز سبھایہٕ منٛز گو اَکھ مُرکھ موٗنٛڈا تہٕ شامِل آسٕرٕ ے داتا شاعرس یہٕ فِکرِ تارنہٕ خاطرٕ زِ یتھ سبھایہٕ منٛز بٔڈی بٔڈی پنٛڈِت تہٕ عالِم آسن رونق بڑراونہٕ باپتھ تھزن کرسیَن پیٹھ بہتھ، تتہٕ چھنہٕ میٛیہ ہوٚس مُرکھ موٗنٛڈس تِمن لوٗکن برابر عزت دِین ٹھیک کتھاہ کینٛہہ۔ پوٚشن ہُنٛد ہار بناوَن وألِس باغوانس کُن چھُ شاعِر ورگہٕ پأٹھی یہٕ شعر ونان مگر اصلی معانے چھُس زمانس خلاف بغاوت کرٕنۍ آسان۔

"یِم پوٚشہٕ مالہٕ یتھ منٛز ژٕ ے مول سِری (بکُل) پوٚش، روٗنگہٕ (لونٛگ) پوٚشکی ٹوٗری، زنٛڈٕدار مُکُل پوٚشوٕ ستی، اَسمانی رنٛگہٕ (نیل) پمپوشوٕ ستی تہٕ وِچترٕکلِ کو پوٚشوٕ ستی خوشبوٗ پأدٕ کرن وول سوٗدُر چھُتھن شوٗبہٕ رووُمت تہٕ سجھووُمت چھُتھ، تتہٕ کیازِ چھکھ یتھ ہارس منٛز اے سیٛدِ باغوانہٕ! یہٕ خوشبوٗ رٔوس تہٕ لیٛدرِ رنٛگہٕ "کُسُمبھ" پوٚش تاران؟ یہٕ چھُنہٕ ٹھیک تہٕ پزٕیوٗن وبو ہار۔"[1]

باسان چھُ زِ شاعر شمبھُہ ہِنٛزِ موٗدر شاعری بوزن وألی اَسی سبٹھاہ کم دِلدار یِم کُن دِتھ تِہنٛز شاعری بوز ہَن۔ تِتھی تہٕ کینٛہہ تنقید نِگار تہٕ آسہٕ ہَن

1. Utphullair lavanga mukulaih shefaalikaakudamalaih,
Neelaambhojakulaistathaa vichakilaih krantam cha kaantam chayat I
Tasmin saura bhadaamni daamni kimidam saugandha vandyam mudhaa,
Madhye mugdha Kusumbhamumbhasi bhavena naivaisha yukhtah kramah II
Anyokhtimukhtalata by Shambhu, v.,5.

سماجس منز یِمو حدِ موجوب شمبھ ہنز شاعری آسہٕ نہٕ ٹارِ کھسان تہٕ تِم آسہِن
اُمس نفرت کرِناوُنس کوشش کران تہٕ باقی شاعرن ہُند کلامہٕ آسہِن جان تہٕ
ژھز مانان۔ یِمہٕ وارٕ کرن والین تہٕ ہمدردی روٗس اِنسانٔن تہٕ تنقید نِگارن
بوزِ ناوُن چھُ شاعر یِمَن ووٚنتھ مَدِ نظرِ تھاوِتھ ونان زِ ''یِیلِہ چون مَن چھُ گنٹڈی
گُلی ژھاران تہٕ ٹیٹھِن نیم کُلہِ کین پتٔرن کھنٚس منٚزے لُطف انٛدوُز چھُ
سَپدان تہٕ سَپدِ ٔتن۔ اَتھ منز کُس نوقصان چھُ۔ مگر اے ووٚنتھٕ! یہٕ کتھٕ کرِ چاۓ
تہٕ شوکھی برداشت زِ ژٕ چھُکھ رَسدار گنہٕ گنٹڈن نِشہِ یِم بے حدِ میٹھی چھِ، لُوکھ
بدزون گرِنس پتہٕ لوٚگمُت۔''

اَمی قسمکین ظُلمن ہِندِس شِکار گمِتاۓ شاعرس متٲلق شمبھوٗ سُند یہٕ ٹاٚنہٕ
چھُ برحق تہٕ برمحل مگر شِکایتھ چھُ ورگہٕ پاٹھی اُتھی نے شکر گنٹڈس کران تہٕ
ونان ''اے نے شکرٕ! چانین گنٹڈن پیٹھ چھُ تمن کاشُربن سوندرن تہٕ مَسوٚلن
ہِندِ بن وُٹھن ہُند عکس تہٕ نِشان یِمو چون رس چوٚ یا یِمو چانہٕ رسہٕ ستی بنیوٚمُت گور
یُس ماچھِ کھوتہٕ تہِ موٚدُر چھُ، نوش چھُ کوٚرمُت۔ یِمہٕ چانین مزدار تہٕ سفید
گنہٕ گنٹڈن چھُ یہٕ خوشِک دِماغ ووٚنٹھ بِلا میحنت، فضوٗلس منٚزے مَلامت
کران تہٕ یِمَن الظام دِوان۔''[1]

برداشت روٗس دِل والین منز پھٔسِتھ شاعر ہِندِس دِلس چھِ دَگ
ووتھان زَن چھِ اکھ نابالغ کردار چمیلی ہِندِ بن پوشِن بَد ویوہار کرِنِکس اِلزامَس

1. Dhatte keeravadhoora dachchhadasudaa maadurya mudraam raso,
yeshaam saa paripaaka sampadapi cha kshaudra dra varohinee I
Teshaam pundraka kaanda paandim jushaam tvat parvanaam charvanaan,
Kim mugdhah karabhaamudhaiva virsaa vindanti nindanti cha II
Anyokhtimukhtalata, v.,8.

پیٹھ ورگہٕ اندازس منٛز یِتھٕ کٕنہٕ مُخاطِب سَپدان، ''یتھ چمیلی یا مولسری پوشس یُس خراب کٕنڈی کُلِس پیٹھ چھُ پھولان۔ اے پاگل مول سِری (چمیلی) ژٕ کٕمہ ؤکھ یتھ سخت کٕنڈی دار کِکر کُلِن ہِنٛدِس جنگلس منٛز باگ ییٚتہٕ چانِہِن نَرم پوشہٕ ٹۄربن ؤتھرن تہٕ باغِہن تانی بۄمبر ہیکن نہٕ وٲتِتھ۔''[1] تارکن ہِنٛزِ شکلہٕ مَولسری (بکل یا چمیلی) ہِنٛدبن لوکٹِن لوکٹِن پوشن ہِنٛز نشاور خوشبو چھےٚ بۄمبرن حٲران کَران مگر ؤتھرو بغٲر کٕنڈی تہٕ کسرٛ پیڈن ہِنٛدِس جنگلس منٛز پھۄلیمتِن تِمَن پوشن ہُنٛد مول کُس ہیکہٕ وَدِ کٔڈِتھ؟ تعٲریفن تہٕ لولِچ بۄچھہِ منٛس منٛز ہیتھ چھِ تِم پوش تِمنٕے کنڈبن منٛز لنجو پیٹھ ؤسی پیتھ ہٕرِتھ پہوان تہٕ تِی مُناسِب زانان۔

لۄبہٕ وِنہن پڑأنِہن دِلس تسکین دِنہٕ والِہن خیالن تِچھان چھُ شاعرس ہارٕچ بَدحالی ستی تہٕ اَنہِ گٹہٕ ستی وٲلِتھ مُستقبلچ قیاس آرأیی ہُران تہٕ دُکھی گرٛھِتھ بۄمبرس پڑژھان: ''ہے میانہِ حسین دوستہٕ، بۄمبرا! ووٚنی چھےٚ ژےٚ أمی ہیے کِکر کُلِس اِلتجا کُرن۔ کریڈ کُلِسے سیوا کَرِنی۔ أسی کیاہ کَرو؟ تِکیازِ ووٚنی چھُ چانہِ خاطرِ یۄہوے کٕنڈی کُلو ستی بۄرُت یہِ سیکہِ صحراوے جان۔ تِم موتِیا پوشن ہِنٛدی ٹۄری، نیلِہن پمپوش ہُنٛد واریاہ تیداد، جیوہی پوشہِ ڈۄری تہٕ سوروٕنگچ تیٚہہ دار رأٹھ (بیل)۔ یِم تمام چھِ ووٚنی ژےٚ نِش سبٹھاہ دۄر سپدی متی۔''[2]

1. Kenaatra karkashakareervanaataraale baale balaad bakulakundali ropitaasi I
Yatraapnayur madhulihastava komalaani no kunalaani na dalaani na kandalaani II
Anyokhtimukhalata, v.,7.

2. Yachyaste khadirah kareeravitapah sevyopi kim kurmahe,
Maargah sangata esha te kharataruryad Bhairavomaaravah I
Taumalleemukulam tadut palakulam saa yoothikaa veethikaa,
changa tachcha lavangamangabhavato ha branga dooram gatam ||
Ibid, v.,33.

ناوۄمید سپدتھ مُخاٲلِف یا غلط ماحولس منٛز زِنٛدٕ روزنہٕ کھوتہٕ چھُ مرُنے بیٚہتر باسان۔ ییٚلہِ تہٕ شاعر پانس أنٛدۍ پکھی خود غرض، پُرنفرت، بے دِل، بدزون تہٕ بے عزت کرن والو لۆکو سِتۍ وٲلِتھ باسیوو تیٚلہِ چھُنہٕ تَسُنٛد قلم خوبصوٗرتی ہُنٛد ورشُن ہیٚکان کٔرِتھ۔ دَگہِ سِتۍ ہُرٛی مۆران چھُ سُہ موتس نالہِ موٚت کرنہٕ باپتھ بے چین گژھان۔ یِہے کتھ چھےٚ تٔمۍ روٗنٛگہِ کُلِس رو بہ رو بٲوِمٕژ۔

''ہیو روٗنٛگہِ کُلہِ! یَتھ کُلۍ گیٛہُلِس منٛز چھِ صرِف کرٛیڈ کُلۍ۔ ییٚتہٕ چھِ درٛ ہِنکھ کُلِن ہُنٛز پھُلے ییٚتہٕ چھِ کٔنٛڈۍ کُلِن ہٕنٛدۍ بامن ژۄپٲرۍ تہٕ جنٛگلۍ بیگ جوش چھِ ژۄپٲرۍ پھہلِتھ تتہٕ کیٛاز ِ چھُکھ ژٕ فۆضوٗلس منٛز پھۆلُمت۔ کیٛاز ِ چھُکھ مَسلون تمبلاوِنچہِ آدایہِ تہٕ ہاوٕ بھاوٕ کٔرِتھ تِمَن پانَس کُن مُطوجہ کران۔ یہِ کرِژھ ہِش یارِز چھےٚ اَمہِ کھوتہٕ کونہٕ پھُٹکھےٚ ژٕ۔''[1]

یِم مُکھتک ییٚتہٕ شاعر سٕنٛز مہارت چھِ ہاوان زِ تس چھُ کُلِن، جنٛگلن پوشہِ باغن تہٕ پوشن ہٕنٛدِ بن ناوَن سِتۍ سبٹھاہ دِلچسپی أسہٕ مٕژ تتہٕ چھُ تٔمۍ نصیحتھ آمیز (اُپدیش) مُکھتکس منٛز شاعر سٕنٛدِ دِلکۍ گہرٕ خیالاتن محسوٗس کَرنہٕ کِس جزبَس ہاوان یِمہٕ سُہ علامتی طور وٕنِتھ چھُنہٕ ہیٚکان۔ لیہذا چھُ تشبیہن تہٕ استعارتن کٲم ہیوان پٔژن ووٛنٛدٕ واش کَڈنہٕ باپتھ تہٕ پَشن، جاناوَرن، کُلِن، پوشہِ رٲٹھن، پوشن بیٚترِ واریاہَن اِشارن تہٕ نِشانن کٲم ہیوان تہٕ تشبیہو تہٕ اِستعارو دٕسۍ اِنسٲنی دِلکۍ کوٚمَل، اۆلِی تہٕ زٲوِلِن خیالاتن وُزٕ ناوان تِتھٕ کٔنۍ یِتھ

---

1. Kunje korakitam kareeratarubhirdrekkaabhiroon mudritam,
 Yasminnankuritam karanjavitapairnmeelitam peelubhi I
 Tasmin pallavitosi kim vahasi kim kaantaamanovaaguraa,
 Bhangeemanga lavanga bhangamagmah kim naasi koyam kramah II
 Anyokhti., Shambhu, v.,45.

زَن دِلس تہٕ دِماغس پیٹھ دوٛنوٕنی سبٹھاہ سون زخم لگہِ۔ اکہِ پَتہٕ دوٛیم تہٕ دوٛیمہِ پَتہٕ ترٛیم یتھٕ کٔنی چھُ مطلب کتھَن واش نیران گرٛھان تہٕ کلامہٕ چھُ بٕڑوٛنہہ بٕڑوٛنہہ پکان تہٕ نٔوی نٔوی مُشاہِد واش کڈان تہٕ زُولبان۔

دوٛیمِس کانٛسہِ تہٕ کُنہِ تہٕ قسمُک فایدٕ واتناونہٕ نِشہِ اَپاہج سَپدیٛمتِس اوسوٛدٕ حال شخصس ہیٛو گَران چھُ سمنٛدرس کُن ونان: ''چون اَسمانَس تام لہٕرٕ کھارنُک کیٛاہ فایدٕ؟ نَہ چھُ یہِ پوٛنی چیٛون لایِق تہٕ نَہ شرٛان کرنَس لایق۔ چانو اَمہِ آبہٕ کھوتہٕ چھُ کیٛریک بے مَزٕ آبٕے یا ریگستانَس مَنٛز نخلِستانُک لوٕکٹٕن تلاوَن، بووِلبن تہٕ نأگَنبن ہُنٛد کم سوٚن مگر صِحت بخش آب حَدٕ درجہٕ اصل۔ (یُس اَکار بکار چھُ یِوان)۔''[1]

سو اوصوٛدٕ حالی تہٕ خوشحالی یوسہٕ نہٕ کانٛسہِ دوٛیمِس بکار لگہٕ یا اتھٕ شیٚہلاوِ، چھِنہٕ کُنہِ تہِ کامہِ ہٕنٛز۔ شاپ دِوان یتھِس آسنَس چھِ شاعِر سمنٛدرس مخاطِب وَنان۔ نارلگِتن چانِس آسنَس، اے سمنٛدرٕ! نَہ چھُ یہِ آبہٕ قطرٕ ہبکان کانٛہہ چیٚتھ تہٕ پٔنٛنی ترٛیش ہومرأوِتھ ہبکان۔ آبَس مَنٛز پھیرٕ ونبو مگرمچھو چھُ چون پان دُکھی کوٚرمُت۔ چلوٗن ہوا چھُ جانٛبن لہرن ہُنٛد جال بناوان۔ غالِب نوٗنَس ستی صوحبتھ تھَونہٕ موجوٗب چھُ چون آب تہِ نمکین بنیومُت۔ چون آب کتہِ بنہِ چوٚن لایِق۔''[2]

---

1. Neeram neerasamanastu koupamiti tatpaathau varam maaravam,
   Kaasaarambu tadastu vaa parimitam tadaastu vaapeepayah I
   Paanemajjan karmanarmani tatha baahyai ratnam vaaridhe,
   Kallolaavalihaaribhistava nabah samchaaribhir vaaribhih II
   Anyokhti., by Shambhu, v.,57.
2. Tatte paathah pavana janito taala kallola jalam,
   Jvaalam jvaalam jvalotu jaladhe sarvamauvaarnalena I
   Ibid, v.,41.

شمبھو سنزن زیادٕ تر مُکھتکن منز چھُ شرنگار (سجاوٹی) رس عموٗمن سرس۔ پننہِ معاشوقہِ نشہِ الگ گژھتھ چھُ سُہ بوٗمبرس کُن مخاطِب سپدتھ ونان: ''وُچھتن ہُہ بوٗمبرُ دُنیا ہکین پوشو نشہِ بُتھ پھِرتھ چھُ یہ بوٗمبرُ صرِف مالتی پوشس اِسوٕ ہوٗنچہِ یاد کران یتھ کلی دٕدرِ منز ژھوپہ دَم کرِتھ بِہتھ۔''[1]

☆

## (3) راجیندر کرن پوٗر

راجیندر کرن پوٗر چھےٚ شمبھوٗ سندِس آشرِ یہ داتہِ راز ہرش دیوس مُتلق اکھ ژھوٚٹ تعاَرُفن ہُند اکھ احوال، تصنیفہِ ہندِس صوٗرتس منز یہ لوٗکٹ تخلیق اَس نہٕ توأریخی ادبس منز تھاوُن واجب تہٕ نہٕ اوس یہ واجِب زِ یہ یِہےَ پیٚٹھ ن باڑودار کِتابن ستی تھاونہِ تِکیاز یتھ منز اوس توأریخی سرمایس کم تحریک آمُت دِنہٕ تہٕ شاعری ہُند اوس خاص ذِکر۔ شمبھو سندِس راجیندر کرن پوٗرس منز چھِ پانژٕستتھ (75) مُکھتکو منز راز ہرش دیو سندِس شرپرچہِ خوبصوٗرتی، گوٗنن ہندی، رِعایا پرٕوری ہندی بیترِ سِفتن ہندی تعاَرُف کرنہٕ آمٕتی۔ باسان چھُ زِ شمبھ سُند خاص مقصد چھُ اوسمُت پناہ دِنہٕ وألس راز ہندی تعاَریف کرٕنی تہٕ تِہندِ مہربأنی ہُند مُستحق بنُن تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دھنہِ ووٗصوٗل کرُن۔ تمی چھُ تمیٚ سنزِ توأریخچہِ ستی واسطہ مثلن کُن کم توجہہ دِتمُت بہٕ نسبت تمیٚ سندین گوٗنن کُن، قیاس چھُ یِوان کرنہٕ زِ یہ تصنیف چھےٚ راز ہرش سندِس گوڈٕ کالس منز لیکھنہٕ آمٕژ

1. Naanandam muchukundu kudamala kule no ketake kautukam,
Notphulle kumude madam no kutaje kautambyamaalambate I
Cholidanta chatushki kaashu chiruchismeraam smaranmaalatee,
Kim tvaaste taru koti kotara kutee baddhaspadah shat padah II
Anyokhti by Shambhu, v., 30.

یِیلہِ تِسُنٛز مشہوٗری ژھٕ پاسے آس۔ پتہٕ خزانہٕ خٲلی گژھنہٕ پتہٕ یِیلہِ تِمۍ لوٗکھ لوٗٹنۍ
ہیٚتۍ تہٕ خزانَس برنہٕ خاطرٕ مندر لُہراوِنۍ لاگۍ یِیتہٕ تِسٕندی راجوری تہٕ دردٕ دیشَن
پیٹھ حملہٕ ناکامیاب گٔیہ تمہِ پتہٕ چھُ نہٕ مُمکِن زِ کانٛہہ راج گوٗی کیاہ لیکھِ اَمہِ قسمچ
قصیدٕ کٲری یتھِس رازَس مُتلِق۔ راجیندر کرنپوٗرَس منٛز چھُ راز ہرشہٕ سٕندی
صِفت بیانی۔ تہٕ دوٗر دیشاین پھٔہلِتھ تِمۍ سٕنٛز مشہوٗری شارَن منٛز بیان کرنہٕ
آمٕژ۔ جنٛگلَن تہٕ زمینی قسمہٕ قسمکین تصوٗراتن ستۍ یِمَن ہنٛز تصویرٕ کشی کٔرِتھ چھےٚ
تِمَن ستۍ مشابہتھ کرنہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ سارے تصویرٕ چھےٚ تمہِ وقتکین شاہی محلاتکین
عیاشی جمالیاتکین حالاتن ستۍ مُطابقت تھاوان۔ یِمو منٛز چھِ کیٚنٛہہ تصویرٕ ترژھہٕ تہٕ
یِمہٕ دِلَس شاد چھِ کران۔ علم دوست رازٕ منٛجہِ سٕندِس مرنَس پیٹھ چھِ دُکھی سپدیمٕژ
سرسوٚتی دیوی ہُند سارٕی سے جِسمس سیٖہرن پادٕ کرن وول خیال چھُ شاعرن
دون مِصرن منٛز بیان کوٗرمُت۔ ''پتہٕ پان آسرِ موکلنہٕ کنۍ بےٚ آسرٕ گمٕژ واگ
دیوی ہٕنٛدٕ بن پستانَن چھِ تھرتھرٕ وُوتھان۔ تِسٕندی وُٹھ چھِ اَشہِ ستۍ چھلنہٕ آمٕتۍ۔
بُتھِس پیٹھ چھَس ووداسی صاف نظرِ گژھان۔ پتہٕ بُتھ اَتھَن دون پیٹھ رٔٹِتھ
چھےٚ خبر کتھ سٔنِس سوٚنچس پیمٕژ زِ ووٚنۍ کُس دِیہِ تَس سہارٕ؟'' شاعر چھُ تس
پرژھان: ''ژٕ ےٚ یہِ دَم پھُٹٕ حالتھ، یہِ بےٚ چیٖنی تہٕ یہِ بے تسلی کیازِ چھےٚ۔ ژٕ
کیازِ چھکھ زَن راوٕمٕژ ہش، کھوٚژمٕژ تہٕ برٕزَن گامٕژ۔ کیاہ رازٕ منٛجہِ سُند مرُن
چھا چانہٕ ووداسی ہُند وَجہہ۔ تیلہِ مَتہٕ گابر تہٕ یہِ رازٕ ہرشؔ مانُن چھُ سُے رازٕ
منٛجہِ۔ عقلہِ، مشہوٗری، خوبصوٗرتی، بے باک، سِیاست، سوچ، اَدبک

لول، جاداد وغأرٕ صِفت چھِس بِلکُل رلان لَس ءستۍ۔ [1]‘‘یہِ بۄزِتھ لٔج سرسۆتی پٔزی پأٹھۍ نژنہِ۔ تِہنٛدی خوبصوٗرت کنوٲلۍ تہٕ ہار ہِلیہِ تہٕ دژا ایکھ آواز۔ نرٕبن ہٕنٛدی گُنسۍ تہٕ بنگرِ لجہِ وَزنہِ۔ سِئِنس پیٹھ شوٗبوٚنۍ لوٗکٹ شراقہِ ہن لٔج ٹھِسراے کرنہِ۔[2]
ہرٕشؠ سٕنٛز مشہوٗری أس پرٕتھ رَنگہِ رٕژ یوسہٕ پہاڑَن، دٔریاوَن، سمنٛدرن سارِنے طرفاتن أنٛتھَس تانۍ پھٔہلیمٕژ أس۔ تشبیہو تہٕ اِستعارو وغأرٕ النکارن ہٕنٛدِ مدتہٕ ءستۍ چھُ شأعر تِسنٛزِ سخاوتُک تہٕ مُتأثرکُن حالات بیان کران لیکھان زِ اَنہِ گٹہٕ دوٗر کران تہٕ سارِنے طرفاتن چھلان تہٕ شوٚزرٕ راوان وأژ یہِ مشہوٗری آکاشس تام تہٕ پھہلیہِ تتۍ تہٕ تمی پرٕگاشِچ سفیدی موٗجوٗب ترٕوو آکاشی دُری یأژ پٕنُن رنٛگ تہٕ چھُ باسان اَسہِ ووٚنۍ سفید۔ موموٗلی پہاڑ تہٕ چھِ شیٖنہٕ ءستۍ بُرتۍ ہِمالیے بوزنہٕ یِوان۔ پرٕتھ سُرف چھُ زنتہٕ شیشہِ ناگ باسان۔ پرٕتھ ہوٚس چھُ اَیراوت[3] تہٕ پرٕتھ کانٛہہ نَرٕگُلکۍ چھےٚ راز ہوٗنٛز لگان۔‘‘[4]

بہوٗدُری مَنٛز چھُ راز ہرٕشؠ راز نلسؠ تہِ تھوٚدُے۔[5] ہمیشہِ پرٕتھ دوہ نٔوی نٔوی طرفات زیٖنٛنۍ۔ تمی سٕنٛزِ تلوارِ ہیکو بھگوان کرٕشنہِ سٕنٛز تلوارِ ءستۍ مُشابت کٔرِتھ۔ ہمیشہِ لُکن ہٕنٛدِ بچاوٕ باپتھ تیار آسنہٕ کِنۍ ترٕن لوٗکن مَنٛز مشہوٗر تمی سٕنٛزِ تلوارِ أسۍ جنگ کرنٕکۍ حالاتھے بدلٲوی ءتۍ۔ یعنی کانٛہہ اوس نہٕ جنٛگُک ناوٕے ہوان۔[6]

---

1. Kim taanti kimanirvratih kimadratir Vagdevi munje gate,
   Kim shoonyasi kimaakulaasi kimiti klaantaasi kaayam kramah I
   Evamviddhi tameva saasyahimtih saa vishrutih saa dyotih,
   Sa tyagah sa nayah sa sookhtishu rasastaah sammataah sampadah II
   Rajinderkarnapoora by Shambhu, v.,36.
2. Sanjaate tvayi haarihaara valaya kavaanam kvanat kankanam I
   Chanchatkaanchanakaanchi saa Bhagwati narnarti Vaagdevataa II
   Ibid., v.,17.
3. ایروات چھُ سورٕگکس راز یِنٛدراز سُنٛد ہوٚس مانٛنہٕ یِوان۔
4. Ibid, v.,4.
5. Ibid, v.,11.
6. Ibid, v.,34.

دُشمنن ہنزن زنانن وِدوا بناوان چھےٚ یہِ تلوارِ تہٕ چول دٲچھِن زنانن ہنٛدی کلکِی زیوِرات ژوٗرِ نیمتی۔ کرناٹ (کرناٹک) دٲچھِن زنانن ہنٛدی کٔنن ہنٛدی زیورات چھِن ساری سے چھکرٲوی ٲمتی۔ مُرل (مہاراشٹر) تہٕ کیرل چِن سونٛدرن ہنٛدی ہار چھِن تھپہِ نیمتی تہٕ لاٹ دٲچھِن مَسولن ہنٛدِ بن ڈٕکن ہنٛدی ٹیٚکی چھِن نہٲونٲوی ٲمتی۔[1] کُتل تہٕ کونگن دیشکی راز آسی تس کھوٗ ژِتھ روزان۔[2] دون مِصرن منٛز چھُ ریگستانس منٛز حاصل فتوٗحاتن ہُنٛد تہِ ذِکر آمُت کرنہٕ۔[3]

کلہن سِنٛزِ راج ترنگنی منٛز چھُنہٕ رازِ ہرشُن سُنٛد وِستارِ سان بیان آمُت دِنہٕ۔ تٔمی تہِ چھےٚ ہرشہِ سِنٛز واریاہ ثناخٲنی کٔرمژ۔ مگر تٔمی چھُنہٕ رازِ سِنٛدی بدکار تہٕ گوناہ تہِ چھپٲوی ٲمتی۔ تٔمی سِنٛز عیاشی، ژھوٗٹ نظریہِ تہٕ عوام پریشان کرنکی کارنامہٕ تہٕ چھِن وتہِ پیٹھ تھاوی ٲمتی۔ راج ترنگنی ہنٛدِ ہرشس ستی منصوٗب چھ مُقابلی اگر راجیند رکرن پوٗرس ستی کرنہٕ یِیہِ زِ أکس خالِص توارٟیخ دانس یَس نہٕ طرفداری کرنک کانٛہہ تہِ اثر رَل آسہِ تہٕ أکس شاعرس یُس بیٚیہِ سِنٛدِس حُکمس تعابِعٕ آسہِ، کأژاہ فرق چھےٚ۔ کلہن اوس نہٕ کُنہِ تہِ راج دربارس ستی وابسطہِ ییٚلہِ زَن شمبھُ سبھا کوی اوس۔ یِمن دون منٛز اوس یہِ جغرافیٲیی فرق یُس پٔہنٛدِس اِظہارِ بیانَس پیٹھ تہِ اوس ہاوی سپدمُت۔ تمی چھُ یِمن دون بیانن منٛز فرق۔ کلہن سِنٛز نظر أس توأرٟیخی طور اہم واقعاتن تہٕ اہم حادِثن پیٹھ دِرتھ

1. Chaudee choodaabaranaharana keemakamar vatamsah,
Karnaateenaam mushita muralee Keralee haaraleelah I
Kurvarnnurveetilaka tilakot srashtalaatee lalaatam,
Jeeyadekastava navayashah svarnashaanah krapaanah II
Rajindrakarnapoor by Shambhu, v.,6.

2. Ibid, v.,2.
3. Ibid, vv.,21-26.

ییٚلہِ زَن شارُت اوس نہٕ لَس باپتھ ضروٗری۔ شمبھس مَنٛز اوس قلمس کش سبٹھاہ بۄڈ مگر اُمِس رَچھن وأنِس رازس خلاف لیکھنُک جُرت اوسُس نہٕ کینٛہہ تہٕ تمی روٗز سو تصنیف اوٗک اوٗ نگ تہٕ توٲرتحکہِ دأیِر نِشہِ نیبر۔

اَدبی لحاظٕ چھُ یہِ لوکُٹ یا ژھوٚٹ مجموعہ کلام یُس کافی دِلچسپ چھُ۔ ہوٚنرمنٛدی سرِس آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھَنہٕ اتھ مَنٛز خیالاتن ہِنٛز ورٕ ژھے۔ تشبیہ اِستعارن، علاماتن تہٕ اِشارن، مُشابہت، شہر آشوب، شخصاوُن تہٕ منظر کشی۔ گونہٕ (وصِف) یکسأنِیت۔ اِنکار پسنٛدی یا نکارُن۔ شارتکی نِشان، نتیجہِ ورتاو، راگ تہٕ تالہِ ہُنٛد زون۔ دُمعانے لفظن ہُنٛد وَرتاو وغأرِ النکارَن ہُنٛد استعمال کَرنہٕ کِنۍ شأعری پٹھ یقین تھاونہٕ کِنۍ تہٕ شأہی آداب نظرِ تل تھأوِتھ چھُ شوق شہوت پوٚچھر لبان۔ زبأنی مَنٛز چھُ، لفظن ہِنٛز ژأر مِصرن ہِنٛز ترتیب، دونوے چھِ قأبلِ تعأریف۔ مثالہِ پأٹھی نمون امہِ مُکھتکُک دوٚیِمہ ترٕہم (32) مِصرٕ۔ گوڈنِکس پدس مَنٛز چھُ لفظ ''ل'' اکثر دُہرأوِتھ شعارِ ذٔریعہ تصویر کشی آمٕژ کَرنہٕ تہٕ دوٚیمس مِصرس مَنٛز چھِ لفظ ''نیأں'' تہٕ ''ڈأں'' نستہِ کِنۍ نیرن واجنہٕ آوازِ اِستعمال کٔرِتھ باسان زَن چھِ پُرٕی پأٹھی مَسوٗلن ہِنٛز بنگرِ نَرِ وزان۔ یِتھٕ کِنۍ چھےٚ آوازِ ذٔریعہ تشبیہ آمٕژ ووتلاونہٕ تہٕ مُدا چھُ شہوت پَسنٛدی ووتلاوِنۍ شارِ ذٔریعہ۔[1] شارس مَنٛز چھُ لوچدار موکھتہٕ مالو تہٕ ہوٚہَس مَنٛز گژایہِ مارٕونس مَستج صاف شیٚبہہ برٕونٛہہ کُن یوان تہٕ دوٚیمہِ مِصرس مَنٛز چھُ لفظو ذٔریعہ وزٕنن کرٕھکرن ہِنٛز شرٕونہٕ آواز آمٕژ پأدٕ کَرنہٕ زنتہٕ چھِ شیشہِ وَزان۔

1. Lolanmauktikaballi belldalakam vaachaala kaancheegunam I
Chanchat kaanchana kankanam ch Girija jaatosavaa nratyatu II
Rajinderkarnapoor, Shambhu, v.,32.

## (4) شانتہِ شتک

بھرت ہری سِندِس ''ویراگیہ شتک'' کِس طرزس پٹھ لیٚوکھمت شِلوٚکن
سُنٛد یہِ شانتہِ شتک اوس پننہِ وِچ قتح مشہوٗر تصنیف۔ جیو آنند وِدھیا ساگر سِندِ ذٔسی
ترتیب دِتی متِس نوسکس منٛز چھِ اکھ ہتھ تہٕ اکھ (101) مِصرٕ۔ واٹ لِنگ نِس
اِشاعتس منٛز چھِ اکھ ہتھ تہٕ کاہ (111) مِصرٕ۔ شان فیلڈ سُنٛد اَتھ پیٹھ تنقیدی
جایِزٕ چھُ جرمنی بھاشایہِ منٛز ترجمہٕ سان موجوٗد۔ بھرت ہری سِندِ ویراگیہِ شتکہٕ منٛز
چھِ اَتھ منٛز وُہہ مِصرٕ آمتی دٔرج کرنہٕ۔ 1205ء منٛز شری دھر داس نہِ ذٔریعہِ
ترتیب دِنہٕ آمژ ''سُکھ دُکھ چرِتس'' منٛز چھُ آمُت ونہٕ زِ شِلوٚکن سُنٛد زٔنم چھُ
بھرت ہری (سٔتم صدی) پتے تہٕ شری دھر داسس بروٚنٛہہ سپدُمت۔ امہِ تصنیفہٕ
ہِندی زیادٕ تر قلمی نوسخہٕ چھِ بنگالہٕ منٛز حاصِل سپدیٚمتی صرف اکھ قلمی نوسخہٕ چھُ
رنوٚبر سنسکرت اَنُسندھان سنستھایہِ منٛز محفوٗظ۔ قیاس چھُ یوان کرنہٕ زِ شاید چھُ
شِلوٚکن تہِ بلوٚکن ہِندی پاٹھی بنگال دیشس ہجرت کرمژ تکیازِ تِس آسہِ روزگار
ژھانڈنہٕ باپتھ اور گژھُن پیوٚمت۔ پِشلی چھُ شِہلن تہٕ بلوٚکن کُنی مانان۔ تمی
سِندی کنی چھِنہٕ یِم زٕ ناوٕ بلکہ اکی سِندی ناو۔ مگر لِسانی طور تہٕ اَدبی مُطالعہٕ تلہٕ
چھُنہٕ یہِ صحی بیہان تکیازِ بلوٚکن سِندِس طرزِ بیانس منٛز یوسہٕ حِس حواسن قوبوٚہس
منٛز رٹن واجٕلی مد چھِنہٕ شانتہِ شتکچہ طرزِ بیانی ستی واٹھ کھوان۔ شان فیلڈن چھُ
جرمن بھاشایہِ منٛز اتھ تصنیفہٕ ترجمہٕ تہِ کوٚرمُت تہٕ تنقید تہِ۔[1]

شانتہِ شتکُکین مِصرن منٛز چھِ ژور حِصہٕ۔ یِم چھِ :

1. Das Santisataka Karal Schonfeld, Leipzig, Year 1910.

(۱) پَرتا پۆ پشم، (۲) وِویکودَے، (۳) کَرتوِیۆ پدِیش تہٕ (۴) برہمہ پڑاپتہٕ۔

یتھ کِنۍ اگر وُچھو یم چھِ سیٚدِ سیوٚد اِنسانی زِندگی ہِندۍ ژور مُقام۔ چۆنکہِ تصنیفہٕ چھُ ناو آمُت تھاونہٕ شانتہٕ شتک امہِ تلہٕ چھُ عیاں زِ یہِ چھَ شانتی تہٕ سکوٗن پڑاونہٕ باپتھ لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَتہِ چھُنہٕ اِنسانی وُمبرِ حصہٕ باگے کرنہٕ آمٕژ بلکہِ چھےٚ اِنسانی سوچس حِصہٕ کرنہٕ آمٕژ۔

یم چھِ تِم مُقام ییٚلہِ اِنسانَس چھِ عقٕل واش کڈنہِ لگان تہٕ پَتہٕ چھُ جوانی ہُند سہ وَق آسان ییٚمہِ ساتہٕ سوٚن ووُگن چھُنہٕ بوزنہٕ یِوان۔ اتھ دوران چھِ اِنسانَس مَنز اوٗژ جا یا گرمی آسان تہٕ سہ چھُ امی آیہِ پکان۔ اِنسانہٕ ہنٛز یہِ گرمی یا اوٗژ جا چھِ کاپہِ اَنٛز تہٕ تتھۍ چھِ اَیہِ شَنم ناو یعنی شمراونی۔ اتھ اصل سمت دِنۍ۔

دوٚیِم مُقام چھُ ''وِویک'' یعنی پَرکھ ٹھیک کیٛاہ چھُ تہٕ ناکارٕ کیٛاہ چھُ۔ کوسہٕ کتھ چھِ پانٛناونۍ تہٕ کوسہٕ کتھ چھِ مُشراونۍ۔

ترٛیِم مُقام چھُ ''کرتوِ وِویک'' یعنی فرض۔ فرض پنٛنس ساجس، گرس، گرٛہستس، عیالس، ہمسایَس بیترِ ستۍ تہٕ ژوٗرِم مُقام چھُ ''برٛہمہٕ پڑاپتہٕ'' یعنی نجاتھ یا مُکھتی پڑاوُنک یُس پرٛتھ آدمہٕ سُند اُخری مُقام تہٕ چاہت چھِ۔

گوڈٕنِکِس حِصس مَنز چھُ شاعر دوکھ ظاہر کران زِ دُنیاہکۍ لوٗکھ چھِنہٕ زانٛتھ مانٛتھ تہٕ ترٛکہِ دُنیاہچ وَتھ پانٛناوان یتھ مَنز آنٛندِ تہٕ آرامے یوت چھُ۔ یہِ کاٛژا حارٛان گَن کتھ چھےٚ زِ ترٛنوٗنۍ لوٗکن ہُند مالِکھ بھگوان وِشنو یُس دِلہٕ ستۍ سیوا کرنَس پتھ پنٛنۍ سارٕوے کھوتہٕ اُہم پدوی دِنَس تیار چھُ سپدان، تہٕ اَستھ تہٕ چھُنہٕ یمَن بے وقوٗف تہٕ پنٛچ مَنٛشن ہنٛز سیوا کرنہٕ باپتھ ہم دم تیار روزان،

یَس یم کرِتھ کرٛاوِتھ تہِ زیٖٹھہٕ پھٔلین تہِ چھنہٕ پرٛژھان۔[1]

وَنَس منٛز پننہِ مرضی پھیرن تھوٗرن وأنِس ہانٛگلِس وُچھِتھ چھُ شاعرتس کُن مخاطِب گژھِتھ ونان۔

''ہتا ہانٛگلہِ! ژےٚ کم کَرم چھی کٔرِمٕتؠ تہٕ کوسہٕ تپسیا چھےٚ کٔرمٕژ زِ ژےٚ چھےٚ نہٕ گرِ گرِ یمَن دھیٛارِ والین ہنٛدِس بُتھِس کُن وُچھُن پیوان۔ نہَ چھےٚ فضوٗل یمَن ہنٛز چاپلوٗسی پیوان کرٕنۍ۔ نہَ چھےٚ ژےٚ یمَن دھیٛارِ والین ہنٛز مغروٗر کتھہٕ بوزنہِ پیوان تہٕ نہَ چھےٚ تِمَن پتہٕ پتہٕ دورِ پکُن پیوان (تِکیازِ دھنوان چھُ آسان ہمیشہِ گُرِ سوار تہٕ غریب چھُ آسان پیدل پکن وول)۔ ژےٚ ییٚمہِ ساتہٕ بوچھِ چھےٚ لگان ژٕ چھُکھ سبز سبز لوٗ ولوٗ گاسہٕ کھیوان تہٕ ننٛدٕر پیٚنِس پیٹھ چھُکھ سوکھہٕ سان شونٛگان۔[2]

پرٛتھ اِنسانَس چھُ وُمرِ بڈنَس سٕتؠ خاہشات تہِ بڈان تہٕ دِلُک طمع تہِ چھُ بڈان۔ واریاہ کٔرِتھ زِینتھ تہِ چھُکھ دِلَس بےٚ تسلأیی آسان۔ تِتھسےٚ أکِس بُڈِس چھُ شاعر یتھ کُنٛز مخاطِب سپدان۔

''یتھ دُنیاہَس منٛز چھُ لوکہٕ چار، جوأنی تہٕ بُجر یِمہٕ ترٛےٚ اِنسأنی زِندگی ہنٛز حالژٕ یِمو منٛز چھےٚ کانٛہہ تہِ کأنٛسہِ تہِ یاتہٕ یِنہٕ واجیٚنۍ آسان نَتہٕ چھِ

1. Naathe Shri Purushottame trijagataamekaadhipe chetasaa,
Seve svasya padasya daatari sure Naaraayane tishathati I
Yam kanchit purushaadhamam katipayagraame shamal paar thadam,
Sevaayai mragayamahe nara maho moodhaa varaakaa vayam II
Shantishatak by Shilhan, s.,1, v.,11.

2. Yadvaktram muhareekshase na dhaninaam brooshena chaatumrashaa,
Naishaam garvagirah shranoshi na punah pratyashaya dhaavasi I
Kaale baala tranaani bhaadasi sukham nidraasi nidraagame,
Tanme broohi kuranga! kutra bhavataa kim naama taphtam tapah II
Ibid, s.,1, v.,14.

کأنٛسہِ أنٛدی پکھی یِنہٕ واجِنٛز تہٕ نتہٕ چھہِ کأنٛسہِ ہنٛز زِنٛدگی منٛز یہِ حالت بڑوٚنٛہےٚ یا کینٛہہ کال پَتھ کُن ترٛاوُن آسان۔ لوکٕٹس بچہٕ ہنٛدِ خأطرٕ چھُنہٕ مُمکِن زِ سُہ کرِ اتھ سأنٛلم زِنٛدگی کانٛہہ قدٕر۔ نوجوانَس چھہِ نوجوأنی خودایہِ سُنٛد دیُت تہٕ گرِیتَن عأشاہ۔ مگر ژٕ بُڈٕ! ژٕ یمَو سارِوٕے دولابو دَھکہٕ دِتھ ترٛوٚوِتھ ژٕ کتھ پوٚت پھِری پھِری یِمَن پوٚت نظرٕ دِوان۔"[1]

شأعر چھُ پنٛنِس منَس کُن مخأطِب سپدِتھ صلاح دِوان، اے مَنہٕ! لوکٹوٕ لوکٹوٕ سوکھو خأطرٕ مَتہٕ دِتہٕ لایچِس منٛز یتھ یِمَن لالن تھچھ تِکیٲزِ یِمَو باپتھ یِمَن خطرناک زہرٕ والین سَرپھَن ہتی سیٹھ دٔنٛی چھِنہٕ کُنہِ تہٕ صوٗرتس منٛز واجِب۔"[2]

اِنسانَس چھہِ پنٛنی کرٕم سارِوٕے کھوتہٕ اَہم تہٕ ضروٗری آسان۔ دِوتاہ لوٗکھ چھہِ بھگوانَس ماتحت تہٕ بھگوان ہیکہِ صرِف سُے پھَل دِتھ یُس اَسہِ قسمتَس آسہِ۔ لہٰذا چھُ کرمن سانٛہن نمسکار یِمَن پیٹھ بذاتہٕ خود بھگوانَس تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ قوبوٗ۔ یعنی سُہ ہیکہِ نہٕ یِمَن کانٛہہ زیر زبر کٔرِتھ۔[3]

---

1. Agre kasyachid asti kanchidashritah kenaapi prashthe kritah,
   Sansaarah shishu bhaava yauvanajaraa bhaavaavataaraadayam I
   Baalastam bahu manyataamasulabham praaphtam yuvaasevataam,
   Vradastvam vishiyatbahishkrata iva vyavratya kim pashyasi II
   Shantishatak by Shilhan, s.,2, v.,26.

2. Visham vishdharaanaam dosha dranshtotkataanaam,
   Visham vishavimarda vyakta dushcheshtitaanaam I
   Virama virama chetah sanni dhaanaadameeshaam,
   Sukhakarna mani hetoh saahasam maasma kaarsheeh II
   Ibid, s.,3, v.,17.

3. Namasyamo Devaan nanu hatavidheste api vashagaa,
   Vidhir vandhyah soapi pratiniyata karmekafaladah I
   Phalam karmaayattam kimamaraganaih kincha vidhinaa,
   Namastat karmabyo vidhirapi na yebyah prabhavati II
   Ibid, s.,1, v.,1.

"برٛہمہٕ پراپھتی" ناوی آخری جسٕس منٛز چھُ جوٗگس یِس یوگہٕ
ابھیاسس منٛز واریاہ بڑٕ وٕنہہ اوس پٗو کُمت، شاعر ونان زِ سُہ گژھِ ساری وٕے خوفو
نِشہٕ آزاد آسُن تِکیازِ تیٚمی سُنٛد مول "دھیریہٕ" اِرادٕچ پوٗختگی آسہٕ۔ تیٚمی سٕنٛز ماج
"کھشما" معاف کرُن آسہٕ، "شانتی" زٕھوپہ کرٕنی تیٚمی سٕنٛز گرواجِنٛی آسہٕ۔ تیٚمی
سُنٛد نیٚچُو "ستیہٕ" پوٗز وَنُن آسہٕ۔ "دٔیا"، "نرمی" تیٚمی سٕنٛز بیٚنہٕ آسہٕ تہٕ بوٕے
آسِس منٛک "دسمیم" قوتہٕ ہَس منٛز رٹُن۔ تیٚمِس بٲپتھ یہٕ ساری زمیٖنہٕ ہُنٛد پوٚتھر
چھُ بستر۔ ژوٗنوٕے "دِشایہٕ" طرفات چھِ ناٹھی ہِنٛدی پلو چھِ، علمٕ مکٕ آبہٕ حیات
تیٚمی سُنٛد کھیٚن چھُ۔ یِم ساری تیٚمِس یوٗگی ہِنٛدِ خانداُنکی مرٕد زَن چھِ، تِس
یوٗگس کمی سُنٛد خوف ہیٚکہٕ آسِتھ۔[1]

آخرس پیٹھ چھُ شاعر دُنیاہکِس تکمیلس ستی وابستہٕ واریاہن مدن ستی
رِشتہٕ قٲیم کرِتھ تمو نِشہٕ حاصِل کرِتھ گیان (علمٕ مکہٕ) پرٛکاش (نوٗر کہٕ) ذٔریعہٕ
لَس پرٛم برٛہم (رَب اُلجلیل) س اندر زَم گژھنَس کُن اِشارٕ کران۔[2]

شِلہنن سٕنٛز شاعری ہٕنٛز خاص خاصِیت چھِ زبٲنی ہٕنٛز سادٕگی۔ سُہ چھُ بڑٕ
آسان لفظن منٛز "گیان"، "علمس"، "بھکھتہٕ" یقیٖنہٕ محکمس تہٕ "وَیراگ" منفی

---

1. Dhairyam yasya pitaa kshamaa cha jananee shantishchiram gehinee,
Satyam soonuriyam daya cha bhaginee braatta manah samyamah I
Shaya bhoomitalam deshopi vasnam gyanaamratam bhojinam,
Yasyaite hi kutumbino vada sakhe kasmaadbhayam yoginah II
Shantishatak by Shilhan, s.,4, v.,9.

2. Maatarmedini taata maaruta sakhe jyotih subandho jala,
Braatarvyoma nibaddha esha bhavataamastu pranaamaanjalih I
Yushmat sangara shopajaata sukratodreksphurannirmala I
Gyanaapaastasamasta mohamahimaa leeye pare Brahmani II
Ibid, s.,4, v.,25.

نظریہٕ ہِو بن مَسلن ہٕندی تعأریف بڈٕ ساد مگر اثر انداز طریقہٕ گران۔ ہتہٕ بزن خوأہشن ہٕندِ موٗجوٗب چھِ یتھ دِلس منٛز غأر اطمینأنی آسان۔ اتھ کتھِ چھُ شأعر ونان بڈٕ خوبصوٗرت انداز س منٛز زِ ''اے میأنی یڈٕ! یہٕ چھُست ژٕے جان مانان تکیاز زِ ہاکہ دروساہ کھبتھ چھکھ برنہٕ یوان۔ تیمس ژیٚچ (کمینہٕ) دِلس کیاہ کری زِ ہتہٕ بزٕ خوأہشہِ آسنہٕ کنٛی چھُنہٕ یہ زانہہ تہٕ سیر گژھان تہٕ نہٕ چھُس تسلی یوان۔[1]



## (5) چتُر ورگہ سنگرٛہہ

کُہمہِ صدی ہٕندِس دوٚیمس حصس منٛز کھیشمندرُن لیٛوکھمُت یہٕ ''چتُر ورگہِ سنگرٛہہ'' چھُ دُنیاہچہِ دیاندأری مُتلِق اَکس ہتس تہٕ اُٹھن (108) پدن پیٚٹھ مُشتمل اکھ مُکھتک۔ یتھِ کنٛی ناوِ تلے چھُ ننان اَتھ مُکھتکس منٛز چھُ ژوٗرن حصن منٛز ترتیب وار، دھرم (حیاتِ زِندگی) ارتھ (ذریعہِ ماش) کام (عمل، شہوت) تہٕ موٗکھیہِ (نجات) یمن ژون کتھن مُتلِق لیکھنہٕ آمُت۔

گوڈنِکس حصس منٛز چھِ 27 مصرٕ یتھ منٛز شأعرن دھرمکین مختلف پہلوٗون پیٚٹھ مثلن ستیہ (پزر) اہمسا (کأنسہِ نہٕ اِزاہ دیُن)، پاکیزگی، عطیہ، اَمن تہٕ فِکی نظریہ بیتر مثلن پیٚٹھ روشنی چھُ ترٛاوان۔ اِنسانس منٛز اگر ترس پسندی وٕتشی دِنہٕ واجیٚنۍ رحم دِلی (اہمسا) آسہِ تیلہِ کیاہ مطلب چھُ تس تکلیف دیہہ تپ (عبادت) کرنس ستی۔ یوٚد شانتی (امن پسندی) ہٕندِ شودِ ولنہِ ستی پزی کنٛی

1. Tvaamudarja saadhu manye shaakaiapi yadasi labdaparitosham I
Hata hridayam hyadhika dhika vaanchhaashata durbharam na punah II
Shantishatak by Shilhan, s.,4, v.,

سیراب چھُ تیٚلہِ تَس دۄر دۄر مُقدس مُقامن گرٛٹھنک کیاہ ضرۄرتھ۔ اگر تیٚمہٕ عقل پٕزی پأٹھی دۄیمبن ہُند اتھہِ رۄٹ کرِنس منٛز پیٚش پیٚش چھِ تیٚلہِ کیاہ تس باو بھاوکہِ عطیہِ تہٕ خأراتھ کرنہٕ ستی۔ تیٚنڈِس شۄدِس مَنس ییٚلہِ لازوال پکہٕ اراد آسہِ، اعتماد آسہِ تیٚلہِ کیاہ تس نجاتچہِ باقی وتہٕ ژھانڈنس ستی[1]۔

دۄیمہِ ژھکلبن پنٛژہَن (25) مِصرن منٛز چھُ دھنکہٕ بجرُک ذِکر آمُت کرنہٕ تہٕ ستی چھُ یہِ ہُرراونہٕ خأطرِ تہٕ رٕژھرِتھ تھاونہٕ باپتھ طور طریقہٕ آمتی وبِستارٕ سان وننہٕ۔

دہن دھرمچہِ کتھہِ، شیٚوٕچ خُشی یا پرٛٹھ، تہٕ نجاتٕچ کل چھِ تیٚلی مُمکن ییٚلہِ انسانس منٛز ییٚڈ بُرتھ آسہِ۔ چنٛدس یا ٹھیلہِ منٛز دھنہٕ آسہِ نہٕ تہٕ بوچھِ آسنٛس نال وۄلُمت تیٚلہِ چھُنہٕ ہیٚیہِ کینٛہہ تہٕ بوزنہٕ یِوان ماسوائے بوچھِ دۄر گرٕنی۔

ترٛیٚیمس حصس منٛز چھُ زنانہِ ہنٛزِ خوبصۄرتی ہُند، کأنسہِ ٹأٹھی ہنٛدِ الگ سپدنکہِ دوکھک تہٕ ییٚلہِ مِیُل سپدنہٕ پتہٕ حأران کُن خوشی چھےٚ حأصل سپدان، تمیٚک اوحال دٔرج۔ شأعر چھُ پرٛژھان یہِ کیاہ وجہہ چھُ زِ ٹأٹھ ماشوقہٕ تیٚمی ہنٛز أچھِ نیٖلہِ پمپوش ہشہِ چھِ۔ بمہٕ زَن چھِ آبَس پیٹھ چلونہِ لہرٕ۔ بتھ زنتہٕ ژٕندرمہٕ تہٕ جسمکی انگِ زنتہٕ نٔدرٕکی پأٹھی پیچدار چھِ۔ تیٚمس ستی زنتہٕ اوس ژٕندنَس چھُہہ لگان، اُسن زنتہٕ شبنم ورٛشن چھُ سپدان۔ سوے ماشعوق چھےٚ

1. Taphtaisteevravratаih kim vikasati karanaasindinee yadyahimsaa,
Kim dooraisteerthasaarair yadi shamvimalam maanasam satyapootam I
Yatnaadanyopakaare prasarati yadidheerdaana punyaih kimanyaih,
Kim mokshopaaya yogair yadi shuchi mana saamachyute bhaktirasli II
Chaturvarga Sangreh by Kshemendra, s.,2, v.,27.

جُدا ئی منٛز نارِ ے نار بنان تہٕ تِمی ہنٛز یاد تہٕ چھَ اَڈنٛجہِ روزن وول بُخار بنان۔[1]

عاشقس یُتھ کانٛہہ سمکھنہٕ یِکس اَکِس حسین منظرس چھُ شاعر یتھ کٕنی تصویر

کَشی کران: ''خاونٛدار چھُ واریاہہ کالی گرِ واپس آمت۔ تَس وُچھِتھے چھِ سُنینا گرِ

واجنہٕ ہنٛزن اَچھَن منٛز خوٚشی ہٕتی اَشرٕ دار لگان۔ جذباتی سپدِتھ چھےٚ سو پننہٕ پُتھِ

ہتی تَس گری ہنٛزِ گردنِ ہنٛز لٔرِ دِنان تیٚمی تَسنٛد خاونٛد چھُ گرِ تام اونمت آسان۔''

یہِ چھِ قورتی مُحبتچ اکھ حاران کُن نِشانی یوسہٕ شاعرن بیان چھےٚ کرمٕژ۔[2]

آخری حِصس منٛز چھُ دُنیاوی چیزن ہنٛز فنا ہی تہٕ اِنسانہٕ ہنٛزِ زِندگی

ہنٛدی منفی نظریہِ بیان کرنہٕ آمتی۔

نَوجوانی یوت نہٕ بٔلکہِ زِندگی ہُنٛد بجر تہٕ چھُتھ ژٕ ے پتھ کُن

ژروومُت۔ ووٚنی نہَ چھِ چانٛنی اَٹھ وَرِن (جسمکی اَٹھ اَنگ، اَتھٕ، کھور، زَنگہٕ،

سینہٕ، اَچھی، کلہٕ، بوٗلن تہٕ مَن۔ یا جِسمکی اَٹھ ہیٚس، وُچھن، بولن، مِشکھ،

بوزُن، مزٕ، لُطف تہٕ اِخراج تہٕ ژٕ ے باقی رٕو دی متی۔ ژٕ ے پزِ ووٚنی بیٚین راے

ژٕنی نِشہٕ پرہیز کرُن تہٕ پنٛنین ہنٛز سنگت اکھ خواباہ مانُن۔[3]

1. Kuvalayamayee lolapaangetarangamayee bhruvoh,
   Shashishatamayee vaktre gaatre mranaalalataamaye I
   Malayajamayee sparshe tanvee tushaarmaye smite,
   Dishati vishmam smratya taapam kimagnimayeeva saa II
   Chaturnarga Sangrah by Kshemendra, s.,3, v.,7.

2. Samaayate patyau bahutara dina praapi padaveem,
   Samulangya vighnaagamana chaturam charunayanaa I
   Svayam harshodvaashpaa harati turaga syadaravatee,
   Rajah skandhaaleenam nijavasana konaavahananaih II
   Ibid, s.,4, v.,6.

3. Na kasya kurvanti shamopadesham svapnopamaani priya sangataani,
   Jaraani peetaani cha yauvanaani krataanta drishtaani chajeevitaani II
   Ibid, s.,4, v., 6.

## (6) چارُ چَریا

یہِ چھےٚ اُنشٹپ طرزَس پٔٹھ لیچھمٕنۍ اَکھ لوکٹ تصنیف۔ یتھ منٛز ہتہٕ کھوتہٕ زیٛادٕ مِصرٕ چھِ۔ تصنیفہِ ہُنٛد ناوٕ چھُ ہاوان زِ یہِ گژھِ نصیحت آموز آسنۍ تِکیٛازِ ''چارُ چَریا'' ہُک لوغوی معانے گو ''دِلکش مشاہدٕ''۔ اتھ منٛز چھُ جان صِفت، لُکہٕ ویوٚہار، مذہبی تال میل بیٚترِ مثلَن پٔٹھ شاعرن لُکن نصیحت کَرنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔ پٔژتھ مِصرٕ چھُ دون پَدن پٔٹھ مُشتمِل۔ گوڑنِکس حِصس منٛز چھُ شاعر اصوٗل وبژھناوان تہٕ دوٚیمس منٛز چھُ توارٔیخی تہٕ پورانی مِثالہٕ پیش کٔرِتھ بژونہہ باوِمتہٕ اوصوٗلچ پارٕوی کَران۔ جِسمانی سفایی پٔٹھ پٔنٛن پان پٔرزناوٕنس تام (یُس رِیاضس منٛز خود بینی ہُنٛد اٰخری مُقام چھُ) یَمَن کتھَن کُن چھِ شاعر سُنٛد اِشارٕ باوان زِ شاعرس چھِ اَسمٕژ عالی مانہٕ رَنٛگارنٛگی یوسہٕ تٔمۍ یکجا کٔرِتھ اَتھ شارِ ہَتس منٛز یِکوٹہٕ ورتاومٕژ چھےٚ۔ کیٚنٛہہ مِثالہٕ چھےٚ پیش: ''راز نلَن اَسی نہٕ ییٚگنہِ وِزِ کھور چھٔلۍمتۍ تمی سُپد کلہِ یُگ (آخر زمانہٕ) تَس اَندر داخل یٚیمہِ پَتہٕ تَس تیتۍ تکلیف پیٚیہِ برداشت کَرٕنۍ۔''[1]

شرابٕچ لَت مُشراونہٕ خاطرٕ چھےٚ ورشنیَن (یادَو خاندانَس ستۍ وابستہٕ) مِثال دِنہٕ آمٕژ یِم اَمی شراب نوشی کِنۍ نابوٗد سَپدۍیہِ۔[2] پانسہٕ کماونہٕ خاطرٕ گژھِنہٕ نا مُستحق نفرس خدمت کَرٕنۍ تِکیٛازِ بھیشم تہٕ دٕرونا چاریہ ہی مہارتھی گٔیہِ ختم تِکیٛازِ تِم اَسی دُریودھنس ہِوِس نفرٕ سنٛدِ مَدتہٕ باپتھ لَڑان۔[3]

---

[1] چارُ چَریا مِصرٕ 8۔

[2] سوٗے...... 11۔

[3] سوٗے...... 22۔

سبٹھاہ کالُک حَسد یا ترٛ وشرِ وِزِ پٮ۪زِ نہٕ کأنٛسہِ تہٕ غوسہٕ بڈٕنچ زیٛر دِنۍ تکیازِ ہتھس حالتس منٛز واتنہٕ و چانکیہِن رازنٛند ہنٛز سورٕے رازٕ سی صرف سَتن دوہَن منٛز اَند ۔[1]

وقت چھُنہٕ ہیٚؠ تہٕ سور روزان، کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ہونر گژھہِ ضرور آسنٕ یُتھ نہٕ وقت ضرورت آدم بنٛد گژھہِ۔ اگر نہٕ ارجُنس ڈرامانِگاری ہتی وابستگی آسہے سُہ کیاہ کرِ ہے یمہِ ساتہٕ پانڈون اکھ ؤری ''اگیات واس'' پیو روزُن یُتھ زَن نہٕ تہنٛز روزَن جاے یا اَتھہ پتہ کأنٛسہِ لگہے۔[2] جان لۆکن ہنٛدی تعأریف کرِتھ گژھہِ تہنٛد حوصلہٕ بڑاوُن۔ ییٚلہِ رام جین ہنٛومانہٕ ہنٛدی تعأریف کرۍ تیٚلی گو سُہ تمِس مدت کرنہٕ باپتھ تیار تہٕ تہٕ قأبل تہٕ۔[3]

کأنٛسہِ ہنٛدی گون وُچھِتھ چھُ لأزِم زِ اَسی کروتمۍ ہنٛدٕ بن گوٗنَن عزت تہٕ احترام۔ تمِس کتھ زاژ ہتی چھےٚ وابستگی تہٕ چھُنہٕ آسہٕ وُچھُن کینٛہہ تکیازِ زاژ کھوتہٕ چھِ گون سرس۔ دیپان دژون اوس زنمہٕ کنہِ براہمن مگر تمۍ پزاو پنٕنہٕ کرمہٕ ہتی شُدرۍ ذاتھ۔ تہٕ مہابھارتس منٛز اوس وِدُر زاژ کنہِ شُدری مگر پننہِ کرمہٕ کنہِ اَس تَس سأری عِزت کران۔[4] مأنٛس ماجہِ تہٕ ووستادَن ہنٛز گژھہِ سیوا کرٕنۍ۔ یہنٛد حُکم گژھہِ تالہِ پیٹھ مانَن یِہ چھِ سأرِی دہن تہٕ مذہب مانان۔ تاگ ذاژ دہت ماجہِ شرارتس منٛز شاپ تہٕ تمن گو خاتمہٕ۔[5]

---

1 چارُچرِیا مصرِ 65۔
2 سوٗے ...... 75۔
3 سوٗے ...... 35۔
4 سوٗے ...... 36۔
5 سوٗے ...... 16۔

ییاتہِ اوس نُہشہِ سُند نیچو یُس مہابھارتُک اکھ کِردار اوس تہٕ تیٚمی وارِیاہ ناو کموو، مگر ماٲلس اوس لوکُٹ نیچو (یَیاتہٕ سُند بوے) سخ خدمت گران تہٕ فرمابردار۔ سُہ بنیو و آخرس پیٹھ ہندوستانُک چکروٗرتی راز ییاتہِ نہِ کینٛہہ۔[1] اُستاد سٕندِ خاطرٕ تہٕ چھُ ضروٗری زِ سُہ گژھِ نہٕ پانٕسہِ لالچس منٛز غلط شاگردس ساتھ دٕ بن نَتہٕ پیٚیس برٛہسیت (مشتری سیارہ) سٕندی پاٹھی شرمندگی تُلٕنۍ۔[2] یہِ سیارٕ چھُ یِوان دِوتاہَن ہُندگوٗروٗ مانٕنہٕ۔

اَمہِ قسمُچہٕ وارِیاہ کتھایہِ یِم وارِیاہ کینٛہہ سبق آموز چھِ چھےٚ اتھ تصنیفہٕ منٛز شاٲمل یِمَن ہٕندِس پردس پتہٕ وارِیاہ دیومالاٲیی تہٕ تواریٖخی کتھہٕ چھےٚ وابستہٕ۔



[1] چارُچریا، صفحہ 17۔

[2] سوٗے، صفحہ 74۔

# لوکچہ نظمہٕ

## (1) چورپنچاشِکا

بِلہن سٕنٛز لیچھمٕژ ''چورپنچاشِکا'' چھ اَکھ تیژ لوٗکٹ نغمأتی نظم زِ اہٕکی چھِہ تژٕ ترتیب دِنہٕ آمتی نوسخہٕ دٕسیاب سپدِمتی۔[1] جنوٗبی ہندوستانس منٛز اَس وارِیاہن جایَن یہِ چورپنچاشِکا اکھ رزمیہِ شاعری یِوان مانہٕ امہِ علاوٕ اوس یہِ بِلہن سٕنٛدِ ''چَرِت کاویک'' اکھ حِصہٕ یِوان مانہٕ۔ اتھ پَتہٕ یوسہٕ کہأنی اَس سو چھِ تیٚمہٕ آیہِ بیان یِوان کرنہٕ۔

مہلاپٹن کِس راژٕ وِیرسِنگھس اَس اکھ کوٗر ناو اوٗسُس شٔشی کلا (اُرف چندٕرلیکھا)۔ رازن تھوٚو بِلہن اَمِس راژ کورِ ہُنٛدِ پرناونہٕ باپتھ ووستاد۔ دوٚنوٕنی ریلوو اَتھی دوران دِل تہٕ یِمو کوٗر پأنوٕنی گندروٕ وِواہ (سُہ خانٛدر یتھ منٛز لڑکہٕ تہٕ لڑکی سیٚدِ سیوٚد ہیٚکن خانٛدر کٔرِتھ)۔ رازس لٔج پتاہ تہٕ سُہ گو نارو نار۔ بِلہن گو قأد تہٕ تس آو سزاے موت دِنہٕ۔ پھأسی دِنہٕ برٛوٚنٹھہ چھِہ شاعرس آخری خأہِش مُتلِق پرٛژھان تہٕ تٕوٕ پَتہٕ پرماتما سُنٛد ناو ہیٚنہٕ خأطرٕ پرٛژھان تہٕ سُہ ووٚتھ

---

[1] وِکرمانک دیو چرِت کِس پیش لفظس منٛز چھُ پروفیسر بہوٗلر یہِ لوٗکٹ رزمیہِ بِلہن سُنٛد نہٕ مانِنس پٹھ تژٕ نوقطہٕ پیش کران:

(۱) شاعرن چھِنہٕ وِکرمانک دیو چرت کِس ارداہمس بابس منٛز پنٛنِ احوال بیان کران پنٛنس اتھ رزمیس کُن کانٛہہ تہٕ اِشارٕ کوٗرمُت۔

(۲) امہِ کِس قلمی نوسخس منٛز چھُ اتھ ''ژوٗرٕ شاعر سٕنٛز تصنیف'' ونہٕ آمُت۔

(۳) مختلف نوسخن منٛز چھِ رازِس تہٕ راجکماری ہٕنٛدِ ناوَن منٛز فرق وُچھنہٕ آمُت۔ مگر تٕوٕ پتہٕ تہٕ چھُ بہوٗلر مانان زِ یہِ تصنیف چھےٚ بِلہن سٕنٛزٕے۔

درجواب تمہِ سارے کتھ یادِ کرِتھ تہٕ بنوٗن پنٛژہَن مِصرن ہنٛز نظمہِ منٛز محبوٗ بابہ ہُنٛد سورٕے یادِ ووتُر تہٕ بوزناوِن سأری، تہٕ مَرنہٕ پتہٕ یوسہ تہٕ زِندگی پرٛاوِ تتھ منٛز کوٗرتمی امہِ کتھِ ہُنٛد اِقرار زِ سوے راجکُماری گژھِ تسنٛز گرِ واجینٛز بنٛنۍ۔ راجکُمار تہٕ گیہ شاعر سُنٛد یہ موتہٕ بژٕنہہ پادِ سپدمُت دوکھ وُچھتھ سخٹھاہ دِل ملوٗل تہٕ تمہِ کوٗر خودکشی کرنُک اِرادِ۔ پتہٕ کر مہارأنی مُداخلت تہٕ کوٗرن رازس اِستدا شاعرس پیٹھ رحم کرنہٕ باپتھ۔ مہاراجن کوٗر بِلہن آزاد تہٕ کوٗرن پننہِ کورِ ستی خاندر۔

کأشرِس نوسخس منٛز چھِ شوٗنژاہ مِصرٕ۔ اتھ منٛز چھنہٕ بِلہن سنٛز لولہ داستان مگر دوٗیمِس جِصس منٛز چھُ اتھ کُن ضروٗر اِشارٕ میلان۔ لیکھان چھُ ''پمپوشہ ؤتھرِ کی پأٹھی نوزُک تہٕ سادٕ مَسولی! ژٕ کیازِ چھکھ رازس بژٕنہہ کنہٕ فوٗضوٗل وَدان؟ چانِہن کرِمچہِ نظرن ہنٛدِس ذالس منٛز پھسیومُت یہ بِلہن ییہ مرِتھ تہٕ پوٗت پھیرِتھ یتھ دُنیاہَس منٛز چانی باپتھ۔''[1] اتمی ترتیب کِس بیٚیِس نوسخس منٛز چھُ ژُنمتھ مِصرٕ تہٕ دوٗیمِس منٛز چھِ نمتھ مِصرٕ تہٕ تہٕ بِلہن سنٛز لولہ داستان تہِ۔

ترٛنٕوۍ نوسخن منٛز چھِ صرِف پانٛژٕ ہ پانٛژٕ ہ پد یم پوٗرٕ پأٹھی یکسان چھِ، شری تدپتر پکرن آسی ذٕہَن قلمی نوسخن ہُنٛد تقوٗبلی مُطالعہٕ کوٗرمُت تہٕ اتھ نتیجس پیٹھ ووتمُت زِ یم پانٛژٕ ہ مِصرٕ چھِ دراصل بِلہن سنٛدی لیکھمٕتی پتہٕ چھِ شاعرو یمنٕے پانٛژن مِصرن پنٛژاہ مِصرٕ وألی یا امہِ کھوتہٕ زیادٕ تیدادٕ وألی تصنیفہٕ وہِستارٕ دِتھ تیار کرِمٕژٕ۔[2] اتھ تصنیفہِ آسہے گوڈٕ پنٛچشِکا ناو یُس وہِستار دِنہٕ پتہٕ پنچاشِکا یعنی

---

[1] چورپنچاشِکا۔ کأشُر نوسخہٕ۔

2. Ibid., Published by Annals of Bhandarkar Oriental Research Institute, V.II.

پٔژراہ بنیو۔ کیٚنژھ سُند وُنُن چھُ زِ جنوٗبی تہٕ کاشرِن نوسخن منٛز چھِ صرف ژوپٔترٕہ پد اصلی مُلہٕ شاعرٕ سٕندی۔ یِم تہٕ ازتانٕ نوسخہٕ چھِ دٔستیاب سپدۍمٕتۍ تِمن منٛز چھِ شاعرن ژوپٔترٕہ پد یِم خود حیاتی ہٕندِس ذِمرس منٛز چھِ یِوان۔ تمام نوسخن منٛز چھُ شاعرن صرِف پانژن مِصرن منٛز پنُن پان یعنی (First Person) استعمال کوٚرمُت ، سُہ تہٕ لفظ ''بہٕ'' استعمال کٔرِتھ چھُ تٔمۍ پنٕنۍ معشوق یاد کٔرمٕژ۔ کمہٕ تانٕ دوہہ چھُ تِمس تہٕ تسٕنٛز ماشعوقہٕ درمیان مُژکری گژھان۔ سو چھِ روشان، أتھی دوران چھےٚ مرکزی کِردارس پوٚنٛد پیوان یِہ بَدشگُن دور کرنہٕ باپتھ ''زِنٛدٕ روز''، ''وارٕ وتہٕ روز''، یِم لفظ ہیٚچ نہٕ ؤنِتھ مگر ڈٔکہٕ بجرٕچ نِشانی کَنہٕ کِس ڈیٚجہرِس دِژن یکدم تھپھ تہٕ سُہ لوگُن کنس ستۍ۔[1] عاشق تہٕ معاشوقہٕ سُنٛد کوتاہ پریم بوٚرُت دِیہہ ہار چھُ اکھ أکی سٕندِ باپتھ اچھ چھےٚ سبٹھاہ نزدیک تصویرِ کٔشی کرنہٕ آمٕژ۔ سبٹھاہ شوٗبدار تہٕ قودرتی محسوٗس کرٕنۍ لایَق۔ عاشقہٕ سٕنٛزٕ جُدایی ہُنٛد وَق ووت نزدیک یِہ بوٗزِتھے چھِ معشوقہٕ ہٕنٛزٕ أچھی کھوٗژِمٕژ ہرنہٕ سٕندۍ پأٹھۍ بے قرار سَپدان تہٕ زبان چھس کھوٗکھران۔ اوٗش لوٚگُس دٕرایہٕ وسنہٕ تہٕ تمۍ ساتہٕ کوٚرتمہٕ دُکھی سپدِتھ پنُن بُتھ بوٚن کُن۔[2]

1. Adhyapi tanmukhashashee Parivartate me,
Raatrau mayi kshutavati kshiti paala putrya I
Jeeveti mangalavachah parihritya kopaath,
Karne kutam kanakpatramanaalapankya II

Chaura Panchaashika, by Bilhana.

2. Adyapi taam gamanamityuditam madeeyam,
Shrutaiva bheeruharineemiva chanchalaaksheem I
vaachah skhaladvigaladashrujalaa kulaaksheem,
Sanchitayami gurushoka vinamra vaktraam II

Ibid.

دۄر سفرِ پیٹھ چھُ عاشق گرٕ واتان تہٕ دروازس پیٹھ کنہٕ چھےٚ ژۄرٕ روزان تاکہِ تسٕنز نظر پیٚیہِ سیٚود ماشعوقس پیٹھ یوسہٕ أتھی وومید پیٹھ چھِ آسان وتہٕ وُچھان زِ وُنی واتہِ عاشق۔ بُتھ أتھس پیٹھ ڈٕکھرتھ چھےٚ سو سبٹھاہ غمگین حالتس منٛز وُچھان۔[1]

کأشرِس نوٚخس منٛز چھُ آخری شارن منٛز شأعرن باوِتھ کرمٕژ زِ ماشعوقہٕ سٕنٛزِ جُدآیی ہُنٛد وَق چھُ زیادٕ أہم تہٕ قیمتی وصلکی وقتہٕ کھوتہٕ تکیازِ تَس ستی میلتھ چھےٚ عاشقس صرف سوے بژونہہ گنہٕ بوزنہٕ یِوان۔ بیٚلہِ زَن جُدایی منٛز أندی پکھی یہِ سورُے عالم چھُ تَس ماشعوق باسان۔ راز دربار، سڑکہٕ تہٕ وَتہٕ پٕدی، پلنگس پیٹھ پرٛتھ طرفہٕ پَتہٕ بژونہہ چھِ تَس صرف ماشعوقہٕ سٕنٛدے باس گژھان۔[2] شرِنگار رَسہٕ کیو وارِیاہو رسوٕ ستی برٛتھ یہِ تصنیف چھےٚ شأعر سٕنٛز خود حیأتی ستی واسطہٕ نغمأتی ژھوٹ نظم۔ یہِ چھےٚ پننہٕ بھرپۄر روأنی کِنی گیونس تہٕ سازس لایق۔ جذبأتی احساسو برٛتھ یم شار چھِ پَرن وألِس پیٹھ ضرۄر اثر انداز سَپدان۔



1. Adyapi taam mayi sameepaka paataleene |
   Man maargamukta drashimaanandatta hastaam ||
   Chaura Panchaashika, by Bilhana.

2. Praasaade saapathi pathi chasaa prashthatah saa purah saa I
   Paryanke saa dishi dishi cha saa naasti tad viyogaaturasya II
   dehaantah saa bahirapi saa massti drashyam dviteeyam I
   saa saa saa saa tribhuvanagataa tanmayam vishvametat II
   sangamaviraha vitarke varamiha virho na sangamastasyah I
   sange saiva tathaikaa tribhuvanamapi tanmayam virhe II
   Ibid.

## (2) درپہ دَلَن[1]

''درپ'' چھِ ونان مُکھوٹس تہٕ ''دَلَن'' گو پھُٹراوُن۔ یہِ چھےٚ کھشمندر نی لیچھمٕژ تصنیف، یتھ منز ستن أہم خیالن چھُ آمُت دَل دِنہٕ۔ یم اِنسأنی فِطرتس منز اہنکار یا بے جا خوٗدی چھِ وُتش دِوان۔ یہِ تصنیف چھےٚ شأعرن پننہِ حِسابہٕ ستن حِصن منز بأگرٲمٕژ۔ یم ستھ حِصہٕ چھِ اِنسانہٕ سُند نظریہِ یتھ منز کول (خاندان)، دھنہٕ (پأنسہٕ ٹوٗنک)، گیان (علم)، سوندریہِ (خوٗبصوٗرتی)، ویرتا (بلہٕ ویری)، دان (عطیہِ) تہٕ تپ (عبادت) ییٚمنے ستن اِنسأنی فطرتن ہُند تجزیہِ چھُ آمُت کرنہٕ۔ اَمہِ تصنیفہٕ ہنٛدِ لیکھنُک وجہہ بیان کران چھُ کھیشمندر لیکھان زِ: ''یہٕ چھُس مُکھوٹہٕ بیمارِ ہُند حکیم، دوستو کری ہم جتنہٕ تہٕ تہٕنٛدی پڑیمہِ کِنی بنوٚ میہ یہِ مٲدٕرٕبن مِصرن ہنٛز اوشدھی یادوا تہٕ چھُس تہٕنٛدِ صحتیاب گژھنچ کوٗشِش کران۔'' مزید چھِ لیکھان: ''موٗلہِ تلہٕ چھُ یہِ تمن لوٗکن دوا ییمن (اہنکارَن) بے جا خودی ستی آسہِ کاڈٕبن کھوتمُت تہٕنٛزی صحت یأبی خأطرٕ چھِ درپہٕ دَلَن لیکھنہٕ آمُت۔ پرٛتھ کانٛہہ پرٛژھ ہش خودی چھےٚ ستو منز کُنہِ تہٕ أکس مَدس مُتلِق موموٗلی کتھِ باتھِ ذٔسی شوٗرٕ گژھان۔ تتھ وجہس پیٹھ روشنی تژاونہٕ یا بحث کرنہٕ ستی تہٕ مِثالہٕ پیش کرتھ چھِ گُمنٛڈٕچ پٔستی ہُنٛد زٕون صاف صاف بیمارس یِوان فِکرِ تارنہٕ۔ اکثر چھِ کانٛہہ تہٕ کتھاہ یا کہأنی اتھ پرٛزرس ڈکھٕ تھاونہٕ خأطرٕ یِوان پیش کرنہٕ۔''

---

[1] یہِ چھِ سپزمٕژ چھاپ جے مالا سیریز 1961ءٕ منز اُسمانیہِ یونیورسٹی، حیدرآباد طرفہٕ ''کھشمیندر لگہ کاویہِ سنگریہہ'' ناوس تحت۔

یَس اِنسانَس پننہٕ خانداَنک اَہم آسہِ تس چھُ شاعر پرٛژھان گونو روٗس اِنسان اگر سبٹھاہ گونوان خاندانَس ستۍ تہٕ وابسط آسہِ، تس کُس چھُ پرٛژھان؟ اگر وۄژہر دوٗ دِجہِ گاوَن ہنٛدِ خاندانہٕ منٛز تہٕ آسہِ مگر آسہِ بے چین گاو یعنی چاونہٕ وِزِ روزِنہٕ قرارَس تَسُند خاندانٕ گاو آسُن کتھ چھُ بکار یوان؟ شاعر چھُ دِوان مَشورٕ زِ اَپزٕ دِل بہلاوٕنی خاطرٕ گژھنہٕ پاتال کَس بٲریک سرپہ ہنٛدِ پاٹھۍ چھراہ ذاتٕ ژ ہنٛدِس تھزرس پیٹھ اَہم کرُن۔ یمَن لوٗکن منَس منٛز شانتی (تسکین)، کھیشما (غلطی معافی)، دان (عطیہ)، دَیا (رحم)، یم سارۍ سہارٕ آسن تہٕ یَس اِنسانہٕ سُند چال چلن یمن کتھن پیٹھ دٕرِتھ آسہِ تتھۍ وَنو خاندانی بجر۔

دِلکہِ اہنکارٕچ کتھ کران چھُ شاعر وَنان زِ تتھ منَس پیٹھ کیاہ اہنکار کرُن یُس لکھشمی (دھن دوٲلتچ دیوی) ہنٛزن اَچھن ہنٛدِ ٹٹوہرکۍ پاٹھۍ بےٚ سوکھ چھِ یانے اَکِ ہیٚے جایہِ نہٕ کھٹہرن واجنہِ چھِ یتھۍ کنۍ نہٕ دھن دولت کھٹہرن وول چھُ۔ یوٚہے دھنہٕ چھُ وُمبرٕ اِنسانس ہٹس گنٛڈِتھ آسان یعنی تَرجہہ چھےٚ اَمہِ چی کملیہِ ہنٛز آسان۔ مگر وقت واتتھ چھُنہٕ یوٚہے اکھ قدم تہٕ اَمِس مرنہٕ پتہٕ ستۍ پکان۔ یہِ دھنہٕ چھُ نمکین سمنٛدر کہِ نونہٕ آبکۍ پاٹھۍ یُس یوٚتاہ چھون تیوٚتاہ چھےٚ ترٛیش بڑان۔

کالا دھنَس لعن تعن چھُ کران شاعر وَنان ''گنٛڈِکۍ پاٹھۍ ترِتھ گژھن والہِ ترٕسکۍ پاٹھۍ کیاہ فایدٕ چھُ اَمہِ دھنُک یُس حکوٗمتس خلاف ورضی کران زیوٗن مگر خوف کنۍ ہرکان چھُن یہِ خرچاوِتھ۔ آسہِ کنجوٗس نِش تیلہِ چھُنہٕ یہِ دھنہٕ روزان ٹھٕکہِ چھُ دِلچ بیمٲرۍ بنان یمہِ کنۍ بے مزگی، فِکرٕ، حوَس، لاچ تہٕ بے سوٗکھی ہی دٲدکۍ چھِ وۄتلان۔[1]

---

[1] درپہٕ دَلَن، کھشمیندر 3، مصرٕ 4۔

عٲلِمَس مُتلِق چھِ شاعرس بڑ روشن خیالات۔ ووٚنی یُس شخص عٲلِم حاصِل کٔرِتھ تہٕ خیالاتن ہنٛز پُستی کُن لَمہِ تِمَس گوناہ گار اِنسانَس چھُ کھیشمیندر دٕویو اَتھو نمسکار کران۔ تِکیازِ یِیمہِ عِلمہٕ سٟتی نہٕ واتہِ پانَس خٲرتہٕ نہٕ بیٚیِس، سُہ چھُ صرف کاغذن منٛز لیٚوکھمُت عِلم یُس صِرف اکھ بار آسنہٕ کِنۍ فضوٗل چھُ۔[1] یِیمہِ عٲلِمکہِ جرح سٟتی اِنصاف بنہِ ظُلم تیار تہٕ ظُلم بنہِ اِنصاف تمہِ عٲلِمُک فآیدٕ ے کیاہ چھُ۔[2]

یِمن لوٗکن بجّن محفلن منٛز کانٛسہِ ہنٛز صِفت بیاؠنی زَن تہٕ کنٛڈی ٹرٛسی لگن تہٕ تکلیف واتِتھ تہٕ پننۍ اَپزٕ بو تأرہفو دٔسی گونوانن ہنٛدی گون چھپاوَن یا پڑھ کوٚشِش کرن خشمہٕ سٟتی أچھی ووزلاوِتھ تہٕ حسدٕ سٟتی آسہٕ کِنۍ گرم پھُنکار سرپھَن ہنٛدی پاٹھی ترٛاوَن والین تِمن سرفن ہنٛدِ کلکلین منکن ہنٛدی پاٹھی آسن تِم لوٗکن دوٚکھ واتناونہٕ خاطرٕ زُوان۔[3]

صِرف دوٚہلہِ خوٗبصوٗرت لگن والین پمپوش ہنٛدی پاٹھی چھَنہٕ اِنسانَن ہنٛز خوٗبصوٗرتی تہِ روزن واجیٚنۍ تہٕ اتھ خوٗبصوٗرتی پیٹھ کرِ کانٛہہ گُمان تہٕ کیازِ؟ خوٗبصوٗرتی چھےٚ چمک پأدٕ کران یوسہٕ ناپایدار چھےٚ آسان تِتھےٚ کِنۍ یتھٕ کِنۍ لیٚدرِ منٛز رنٛگہٕ سٟتی ریشمی پلو چھِ۔[4] بجُر، دأدی، غریبی، لڑایہِ چھِ اتھ خوٗبصوٗرتی گوڈٕ نبتھ ناش کران۔

---

1 دٕرپہ دلن، کھشمیندر باب 3، مصرٕ 28۔

2 سوے ...... 3 ...... 29۔

3 سوے ...... 3 ...... 14۔

4 سوے ...... 4 ...... 1۔

شُجاتس پیٹھ اَہم کرُن تہٕ چھُ فۆضوٗل۔ یُس راتھ دُشمن ہندِس فوجس شِکست فاش اوس دِوان۔ سُے چھُ از کھوٗژِتھ تہٕ بےٚ حِمتھ ہیٚو باسان۔ تیمی پرُشرامَن کارتہٕ ویرِیہٕ ہوٚس بہوٗدر ہنٛز اکھ ساس نرِ ژٔٹتھ ترٛاوِ تمی کوٚر وَق وأتتھ رامہٕ سُند تیر کمان ثلنہٕ وِزِ لاچآری ہُنٛد اِظہار۔[1] دراصل چھُ دوٚیمِن ہندی پَران رچھنہٕ سٕتۍ شُجات بڑان مارنہٕ سٕتۍ نہٕ کینٛہہ۔[2]

عطیس مُتلق چھُ شاعر سُند سوچ زِ دُنیاوی مشہوٗری خاطرٕ کأنسہِ سٕتۍ مان مان کرِتھ پٔنُن پان بوٚڈ ہاونہٕ خاطرٕ دِنہٕ، پوٚترِ یا زنانہٕ ہنٛزٕ راچھی یا سوکھ خاطرٕ یُس تہٕ عطیہٕ چھُ یِوان دِنہٕ تمہٕ مطلبی عطیہٕ سٕتۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ فأیِدٕ مُمکِن۔[3] پوٚز عطیہٕ چھُ سُے یُس منگنہٕ بغأر کانٛہہ فأیِد کانٛچھنہٕ بغأر دوٚیمِن ہُنٛد دوکھ دوٗر کرنہٕ باپتھ پوٚشید پأٹھی دِنہٕ یِیہ۔[4]

آشایہٕ یا وومید ہیتھ یُس مستحق نفر دروازس پیٹھ یِیہ سُہ ترٛاوُن أتی تہٕ دوٚیمِس کأنسہِ نفرس یورٕے ہیتھ گرٛھوٚتمی ہنٛدِ وننہٕ یا منگنہٕ بغأر یُس تہٕ عطیہٕ یِیہ دِنہٕ۔ غریب ہندی گرم ووٚشی چھِ تتھ عطیس منٛز حرارت پأدٕ کران تہٕ تمہٕ دِتہٕ متہٕ عطیک چھُنہٕ کانٛہہ فأیِد۔[5]

تسکینِ قلب بغأر بےٚ عِزتی کرِتھ یُس پأنسہٕ عطیہٕ رٕنگی چھُ یِوان دِنہٕ سُہ چھُ تتھے کٔنۍ بےٚ معانے آسان یتھ کٔنۍ سیکہِ زمینَس بیٚول ؤوُن بےٚ سوٗدٕ چھُ آسان۔[6]

---

[1] دَرپہ دَلن کھشمیندر باب 5، مصرٕ 8۔

[2] سوٗے ...... 5 ...... 23۔

[3] سوٗے ...... 6 ...... 10-4۔

[4] سوٗے ...... 6 ...... 26۔

[5] سوٗے ...... 6 ...... 12۔

[6] سوٗے ...... 6 ...... 5۔

عبادتس مُتلِق چھُ کھشمیندر وَنان زِ اِنسان چھُ جان اِنسان ستی دوستی تھوٕنہٕ باپتھ، دَھنک گُمنڈ تہٕ جہالت ختم کرنہٕ باپتھ عبادتھ کران۔ ووٚنی ییٚلہِ تمی عبادتہٕ ستی گُمنڈ زٕنم ہیٚنہِ تیٚلہِ چھِ أسی فۆضۆلے پأنس اِزاہ دِوان۔[1] دُنیاہَس منٛز روٗزِتھ کھلہٕ وٕتھرِکی پأٹھی بِلکُل الگ تھلگ روٗزِتھ تہٕ باقی لُکن ہِندِ جانرٕ خأطرٕ کأم کران روزنٕی چھُ سانہِ باپتھ سارِوٕے کھوتہٕ بۆڈ تَپ۔[2] کأنٛی مگر مُتأثِر کُن طرزِ بیأنس منٛز یِہ کیٚنٛژھا تہٕ شاعرن چھُ لۆکھمُت چھِ تم خیال یِم از تہٕ تِتھی سأدرو . چھِ تِتھی تم از بڑوٚنہہ اکھ ساس وٕری أسی۔ پرٛتھ کُنہِ خیالس ستی چھیٚ پوٗرانو منٛز یا توأریخہٕ منٛز مِثالہٕ آمٕژ شأمِل کرنہٕ یِمہٕ ستی خیالن پوچھر چھُ میلان۔



## (3) سیوٚیہِ سیٚوکوپدیش

کھیشمیندرٕنی یِہ تصنیف ''مالِکس تہٕ نوکرس نصیحت'' چھِ اکھ اٹھن مِصرن پیٹھ مُشتمل اکھ لوکٕٹ نظم یتھ منٛز نوکرس تہٕ مأل‌کہِ سُند پانوٚنی تولُق چھُ آمُت وہرٛنہاونہٕ۔ شأعر چھُ تمن لۆکن شاباش دِوان یِمن نہٕ مألِکن سلام کرنہٕ باپتھ وتن ہِنٛز لرٛژھ پننِس ڈیکس چھیٚ مِتھٕنٛز پیوان۔[3] نوکرٕ سِنٛز تشویش ناک حالژ ہُنٛد ذِکر کران چھُ شأعر ونان مألکس سلام کرنہٕ وِزِ پیٚیِ نوکرس پننہِ لاچأری

---

[1] دَرپہ دَلن کھشمیندر باب 7، مِصرٕ 1۔

[2] سوٗے باب 7، مِصرٕ 36۔

3 Jayanti te svasti namoastu tebyah prabhu pranaam chyutamaanaratnam I
Sevaaprayasavyasaneshu mithya rathya rajiobhaag shiro na yeshaam II
Sevi Sevakopdesh by Kshemendra, v.,32.

ہُنٛد اصلی وجہ "یِڈ" کُن شرمنٛدٕ سپدتھ تہٕ بوٚن کُن نظر ترٲوِتھ وُچھُن زنتہٕ چھُ تس زمینہٕ منٛز دٲخِل گژھنُک اِرادٕ۔[1] نوکر چھُ زمینہٕ پیٹھٕ شوٚنگان۔ کھیٚن چیٚن تہٕ نہٕ کیٚنٛہہ کھیوان، سردی، گرمی، ہوا، سارِی چھِ تس دوکھٕ دِوان تہٕ چھُ سُہ بچارٕ ریٚشت کران تہٕ تمہِ باوجوٗد چھُ جہنمُک ہیوٗ تکلیف برداشت کران۔[2]

"آشا" ناوی سِیارس پان پُشرِتھ یِمن نوکرن ہنٛز زِنٛدگی تہٕ کیاہ چھِ ڈیکس پیٹھ اَتھ تھٲوِتھ چھِ دست بستہٕ روزان۔ دِلس منٛز چھِ حلیمی تہٕ آسس منٛز چھس خوشامدی ہنٛدی لفظ۔ کھیشمیندر سُنٛد چھُ یہِ خیال زِ بد مالِکس نِش کیٚنٛہہ حاصِل گژھُن چھُ ناممکِن۔ غوٚرورٕ ستی اوٚن بنیومُت یُس پانٛسہٕ وول مالِکھ بروٚنٛہہ کُنہٕ رِکس پتھرِس تہٕ چھنہٕ ہیکان وُچھتھ۔ اَما سُہ کتہٕ وُچھِ مُفلسی وٲلِتس حقیر نوکرس۔[3] بوزوٕ تہٕ اتھ مادٕنس منٛز چھِ نوکر تہٕ مالِکھ دونوے اَنی آسان۔ اکھ آسان غوٚرورن اوٚن بنومُت تہٕ بیاکھ لالچن۔ دونٕوی ہنٛدی بُتھی چھِ آسان تبدیل سپدیمتی، اکِس سُنٛد پانٛسن ہنٛزِ گرمی ستی تہٕ دوٚیمہِ سُنٛد پُستی موکھٕ، لہٰذا کُس کَس پزِ ناوِ ڈیکھ پاٹھی۔[4] مالِکہٕ سنٛز خدمتِ منٛز مشغوٗل نوکرٕ سنٛز تصویرکشی چھِ شاعرن یتھٕ کٔنی کرمٕژ۔ نوکر چھُ دروازس پیٹھ کھڑا۔ مگر

1. Prabhu pranaame jathram dainya moolam vilokyan I
   Praveshtum sevikah shanke vilakshah kshatimeekshate II
   Sevi Sevakopdesh by Kshemendra, v.,11.
2. Bhoomishaayee niraahaaraah sheeta vaataatapkshatah I
   Munivratopi naraka kleshamashnaati sevakah II
   Ibid, v.,20.
3. Yah prathiveemapi darpaandho napashyati purahsthitaam I
   Sa dainya laghutaam yatam katham sevakameekshite II
   Ibid, v.,11.
4. Darpadikah paro lobhaad dvabandhau sevya sevakau I
   Dhanoshamadainya vikratee mukhe kah kasya pashyati II
   Ibid, v.,4.

ماآلکس چھُنہٕ تَسُنٛد کانٛہہ تہٕ زون تہٕ نہٕ پَرواے۔ کتھِ تانٛی گٔنز جگرٕ گرِتھ چھُ سُہ جمنا نزدیک یِوان۔ مگر مآلکھ چھُنہٕ توتہٕ تَس کُن وُچھان۔ ووٚں اگر زارٕ پارٕ گٔربس گنہِ کتھِ بابت یا تہٕ چھُس نہٕ کیٚنہہ تھوان نتہٕ چھُس وُلٹہٕ وُریب کانٛہہ جواب دِوان۔ ووٚنۍ یُس نوکر تِتھِس مالکہٕ سٕنٛز سیوا کرِ سُہ چھُنہٕ پشاچ وُنن لایق تہٕ۔[1] شاعر چھُ نوکرن یہِ صلاح دِوان زِ لاعلٔمی موٚجوٗب یوسہٕ حلیمی تہٕ بےٚ فوٚضوٗل رازن، بڑوٚنہہ گنہِ ہاوان چھِ سو ژٕھنو ترٛاوِتھ۔ تِہنٛدن کھورَن تل پٮ۪ن پیٚیہِ یوسہٕ گرٕد توہہِ جماہ چھوٚ گرٕمٕژ سُہ چھلو تُہٕ سنتوشہِ ونہٕ ئتی۔ پوٚرٕ قناعت پَسنٛدی تہٕ پوٚرٕ زاٚنکاری پزٕ اوِتھ گرِو گُلہِ جہان کس مالکہٕ سٕنٛز پزٕ مَنہٕ پوٚزاتہٕ خدمت یٮ۪مہِ سٕنٛدِ یاد گرنہٕ ئتی یٮ۪مہِ دُنیاہکو سارِوے بنٛدِشو تہٕ رُکاوَٹو نِشہِ تُہٕ یلہٕ سَپدِو۔[2]



## (4) کلاوِلاس

کھیشمیندرٕ سٕنٛزِ یَتھ تصنیف منٛز چھُ دٔہہ قسمٕچ ہُنرمَنٛدی یوسہٕ زِنٛدگی ہٕنٛدٮ۪ن مختلف پہلوَن مُتلِق الگ الگ لوٗکن ہٕنٛدی ژھل، دوکھٕ، تہٕ ٹھٔگلہِ پیٹھ طنٛزِیہِ اندازس منٛز گرنہٕ آمٕت اکھ تنقید پیش چھِ کران۔ ہرنیہِ گُپت چھُ اکھ بیاپاری آسان یُس پننس نیٚچوِس چنٛدرگُپتس لگہِ ویوہارٕچ تألیم حاصل گنہٕ باپتھ موٗل دیوِس نِشہِ چھُ سوزان۔ موٗل دیو چھُ تس شہوت، غوسہٕ، لالچ، خوٚدگُمانی ہتیٚرِ اِنسانی فِطرت علاوٕ عضمت فروش زنانن، گٲرکن (حِساب کِتاب تھاوَن

1. Sevi Sevakopdesh by Kshemendra, v.,54.
2. Ibid, v.,58.

والین ) گۄن والین، سوٗزرن، نقلی حکیمن، اَپزٕ بن سادھوٗہَن، ڈرٛاما گندن والین "دنٛگن"، رَقص کَرن والین بیٚترِ سارِنے مَدن تہٕ طآیِفہٕ دَرن مُتلِق سآری عٔلمہٕ نِشہٕ تَس وآقِف کران۔

گوڈٕ انوآری چھِ آمِت شیٚنی ورتاون وآلی ہِنٛز۔ دراصل چھِ اَپزٕ گولہٕ ٲرنی پزتھ ہونزِ باپتھ مارتہٕ پزتھ طآیِفہٕ باپتھ نوقصان دیٚہہ۔ ییٚلہِ بھگوانَن وۄچھ زِ اِنسانَس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ ساتھ دِنہٕ خٲطرِ تیار تٔمۍ کٔر پادٕ ٹھٔگلو بےٚ یارٕو مددگار آدمَس پیٹھ رٔحم ووتلتھ تٔمِس رَبُ الجلال ہِنٛدِ آسرِ ستۍ چھےٚ ووٗنی یہِ ٹھٔگِل سآری سہِ عالمَس راج کران۔ واہلیکن[1] ہِنٛز زبآنی مَنٛز مشرِقی تہٕ جنوٗبی حِصن مَنٛز روزن والین ہِنٛدبن وُزہبَن تہٕ قآعدن تہٕ اوصوٗلن مَنٛز کیرلا (کیرل دیش) کِس حکوٗمتس مَنٛز، گورس، ژاٹس، رِیاض کرن وآلِس، سرکآری مُلآزمَس، جوٗتشس، حکیمَس، نوکرس، فنکارس، سِپاہَس، گۄن وآلِس مطلب سآری سپدییہِ اَتھ ٹھگلہِ ہِنٛدِس نِظامَس مَنٛز شآمِل۔ جانور تہٕ جاناوار تہٕ روٗدی

---

[1] واہلیک چھےٚ اکھ پہاڑی لُکہٕ ذاتھ ہندوستانس مَنٛز آس ہِنٛز یوسہٕ مہابھارت کالس تانی تہٕ سبٹھاہ طاقت ور آس تکیازِ یِہُند ذِکر چھُ مہابھارتس مَنٛز تہٕ آمُت۔ یِم آسۍ شُمالی ہندوستانس مَنٛز پہاڑی علاقن مَنٛز روزن وآلۍ لُکھ یِمو پٔتہٕ منتظم گوٚڈھتھ مہابھارت لڑایہٕ مَنٛز حِصہٕ چھُ نیوٗمُت۔

Pishaachaas Dardaashchaiva Pundraah Kundeevishaih saha I
Maarutah Dhenukahshchaiva Tanganah Paratanganah II
Vaahaleekaastitraashchaiva Chda Paandiyashch Bhaarate I
Etejanapadaa raajan dakshinam pakshamaashritaa I
Treenimaadi sahasrani Vatsaachaha Sahanaakule I
Shaka Kaamboja Vaahaleeka yavana Paaradestha II

Mahabharat, Ed. Bhemkarak Oriental Institute, Poona, VI.50, vv., 49-50 and VII 97, v.,13.

تہٕ اَمہِ نِشہِ مُچھِ۔[1] رِیاضت کرن وٲلی ہِنْدِ پٲٹھی سٲ کِن، أکی ہے زنگہٕ پیٹھ کھڑا، ہمہ اسمأنی بتھ وُچھتوْن تیمی ہِنز نظر گاڈن پیٹھ چھِ یم گُلی کُٹھ تہٕ یموتانگن ہِنْدی پٲٹھی پنہٕ وٕتھر چھِ پانس وٕلیٖمتی تہٕ سردی تہٕ گرمی أتھی حالتس منز چھِ برداشت گران چھِ دراصل بأرشہِ پڑاران۔[2]

دۄیِمس وِلاسس منز چھُ لالچ آمُت وبٕژھناونہٕ۔ یہٕ لالچ چھَ اِنسانس "گُناہ چھُ کرُن لایق تہٕ گُناہ چھُنہٕ" اَچھ زان مَسح کران۔[3] اتھ لالچہٕ کِس ۆدس منز ہِتھ چھُ ژوٗر تہٕ تہٕ باپأری تہٕ دوٚہلی عام لوٗکن لوٗٹھ کران۔[4] أکِس ھوٗدِرس پیٹھ چھُ طنز آمُت کرنہٕ۔ یُس پَزُن امانت واپس ہِنہٕ آمِتس أکِس غرِیبس لیکہِ کڈِتھ تہٕ بدرد وٕنِتھ واپس چھُ کڈان۔ نتہٕ چھُس یہٕ وٕنِتھ پنِنس نیٚچوِس نِشن سوزان زِ دوٚنی چھُ کوٗٹھ بُڈیٚومُت لہٰذا چھُم سورُے حِساب کِتاب نیٚچوِس حوالہٕ کوٚرمُت۔ ییٚلہِ پتہٕ نیٚچوِس نِش چھُ گژھان سُہ چھُس ونان یہٕ گوٚ مٲلِی سُنْد حِساب تہٕ تسی چھےٚ خبر تہٕ۔ ہِتھٕ کُنی اکھ أکِس چھاوَن دأسی کرِتھ یہٕ بیچارٕ بالہِ ہِنْدی پٲٹھی اوٗرِ یور تہٕ یورِ ہور گران صرِف پَزُن بوٗٹھ پھالناوان۔[5]

---

1. Vachne vaahaleekaanaam vrattaniyame Praachya Daakkshinaatyanaam I
   Adhikaare Keeraanam dambhah sarvatra Gaudaanaam II
   Tadanu cha Gana Chikitasaka sevakavarijaam Sahemakaaraanaam I
   Natta Bhatta Gaayaka vaachaka Chakra Charaanaam cha hradayani II
   Amshaih pravishya hradayam vividhaakaaraih samasta jantoonaam I
   Dambho vivesha pashaadantaamiha pakshi vrakshaanaam II
   Kalaa Vilaas by Kshemendra, vv.,87,91-92.
2. Ibid, vv.,1,93-94.
3. Ibid v.,2,1.
4. Kriya vikriya kootatulaa laagava nikshepa rakshana vyajai I
   Ete hi divasa chauraa mushnanti mudaajanam vanijah II
   Ibid, v.,2.4.
5. Ibid, Vil. 2, vv., 24-34.

تِرٛیِہ مِس حِصس منٛز چھُ شہوتُک اثر آمُت ہاونہٕ۔ اتھ چھُ آمُت مٔدبر مِلوتھ زہر آمُت ناو دِنہٕ یُس گوڈٕ گوڈٕ بڈٕ مێوٚٹھ چھُ لگان مگر پَتہٕ چھُ فناہ ژھنان گٔرِتھ۔[1] واسنایہِ ہنٛزِ غلط وتہِ پێٹھ پکوٚنہِ زنانہٕ کتھہٕ کٔنی چھےٚ پننِہ خاوندن بے عزتی کران تہٕ دۄیمِس نوجوانَن پننِس ژالس منٛز پھساوان اَتھ کتھہِ چھُ جان پأٹھی تہٕ دِلچسپ آیہِ آمُت واش کڈنہٕ۔ یِتھہٕ زنانہٕ چھےٚ قلبَن منٛز پھیرِنچہِ عاشق پننِہ خاوندن مُتلِق تِہنٛزِ کمی بیان کرنَس منٛز برٛونٛہہ برٛونٛہہ، ووپرِن ہنٛدی تعأریف کرنَس منٛز پیش پیش چھےٚ، یِمہٕ ہمیشہِ نوجوانَن سٟتی ہمدردی سان پیش یِوان۔[2] یِتھن بے شرم زنانَن ہنٛدِس ظأِلم تہٕ بےٚ سوکھ عادتَس پرٛزناون وۄلُے ہیکہِ تِہنٛدِ پھندٕ نِشہِ بچِتھ۔[3] نے تہٕ باپأرِی دھنہٕ دت ہنٛدِس زامتری سمندر دت ہنٛدی پأٹھی چھُ ٹلان مُصیبت۔

ژۄرِمس وِلاسَس منٛز چھُ ژُہأٹھَن ہوٚزَرن ہُنٛد زانَن وول تہٕ ماہرِ عٔظمت فروش زنانَن ہُنٛد ذِکر۔ شیرِتھ پأرِتھ روزُن۔ نٔژُن گیوٚن۔ أچھی بَنٛد گٔرِتھ بےٚ حرکت سێدن۔ مرِنُک ڈانٛب لاگُن، یِمہٕ سارےٚ کتھہٕ چھےٚ تِہنٛز ہوٚنر۔ اَپزٕ ووٚمیدِ ہنٛدی پأٹھی چھِ یِہ گوڈٕ سبٹھاہ خوش کران۔ کێنٛہہ کال گٔژھِتھ چھےٚ جُدأیی ہُنٛد کشٹ دِوان، گاہے جاے بَدلأوِتھ تہٕ گاہے شہر ترٛک گٔرِتھ تہٕ

---

1. Kaamah kamneeyataya kimapi nikaaman karoti sammohaml
   Vishaniva vishamam sahasaa madurataya jeevanam harti II
   Kalaa Vilaas by Kshemendra, Vil. 3, v., 1.

2. Goshthee viharanasheelaa tarunajane vatsalaa prakratyaiva I
   Paragunaganane saktaa niji pati doshaabhidhaayinee satatam II
   Ibid, Vil. 3, v., 21.

3. Ityetaah kutiltaraah krooraachaaraa gatatrapaash chapalaah I
   Yo naama vetti Raamaah sa streebhirnaiva vanchyate matimaan II
   Ibid, Vil. 3, v., 76.

ژٕرس چھِ یہِ دوکھٕے یوت دِوان۔[1] اَتھ جھس مَنٛز چھِ کھیشمیندرن کیٚنٛہہ کہأنی ژوٚرِ مَرِ یہمِہ وَیشاین ہٕنٛدِس وِہارس پیٹھ روشنی چھِ ترٛاوان۔ أکِس عاشقس ستیٚ چھٕنہِ أمِس تسلاہ یِوان یہِ چھےٚ وارِیاہَن پٔنٛنس زالس مَنٛز پھَساوان۔ اکھ چھُ تس لگان تعأریفَن۔ دوٚیِم چھُ تس پیٹھ پٔیٚسَن دھنہِ خرچاوان، ترٛیِم چھُ غُلام ہٕنٛدی پأٹھی تسٕنٛز غُلامی کران۔ ژوٗرِم چھُس پرٛتھ خطرٕ نِشہِ بچاو کران تہٕ پأنٛژِم چھُ تس ستیٚ شہوَت کران۔[2]

پأنٛژِمس وِلاسس مَنٛز چھُ شأعر کُلرک ہٕنٛدی ظأٔلم قلمکی کارنامہِ بیان کران یِم سارِنٕے دوکھ چھِ دِوان۔ باسان چھُ زَن چھِ ہوٚکوٚمتٕ دیوی (راج لکشمی) قلم پیٚٹھہِ ستیٚ کرٛہنہِ میلہِ ہٕنٛدی پھیٚری ترٛاوِتھ بہانہِ أچھن ہٕنٛدِ سورمہِ سان أشیٚ پھیٚرِ ترٛاوان۔[3] شأعر چھُ کلرک ہٕنٛدٕ بن پھیرِ دار لیکھِتھن أچھرن ہٕنٛز برابری برٛہمہِ پھأنٛسہِ ستیٚ تہٕ زہریلہِ سرپھَن ستیٚ دِوان۔ سُہ چھُ عجیب تہٕ پتھ ساتہٕ خأطرٕ جواب چِترگُپتس[4] ستیٚ تس برابری کران یُس قلمکہِ اکہِ ترٛسہِ ستیٚ چھُ "ع" نَس "غ" تہٕ "غ" نَس "ع" بناوان۔[5]

---

1. Prathamasamaagama sukhadaa madhye vyasana pravaasa kaarinyah I
   Paryante dukhaphalaah pumsaamaashaashcha veshyashcha II

   Kalaa Vilaas by Kshemendra, Vil. 4, v.,۲۸.

2. Varnadayitah kashchid dhanadayito daasakarma dayitoanyah I
   Rakshaa dayitashchaanyo veshyanaam narmadayitoanyah II

   Ibid, Vil. 4, v.,۴۲

3. Kalamaagra nirgatamashee binduvyajena saan janaa shrukanaih I
   Kayastha lunthyamaanaa roditi khinneva Raajyashreeh II

   Ibid, Vil. 5, v.,۳.

4. یہِ چھُ مہاکال (موتک فرشتہ) سُنٛد کُلرک یِوان مانٛنہِ یُس سارِنٕے ہٕنٛدٕ بن عملن ہُنٛد زانٛٹھ دول یِوان چھُ مانٛنہِ۔

5. Etehi Chitraguptaashchitra dhiyo gupta kaarino diviraah I
   Rekhaa maatra vinaashaat sahitam kurvanti ye rahitam II

   Ibid, Vil. 5, v.,۱۴.

شیٚمِس بابَس مَنٛز چھُ شاعِر ''مَد'' (نَشہِ) کھسنَس وضاحت کران اَمِکۍ ژۄ رمۆلہِ وجہہ بیان کران۔ یِم چھِ کُنۍ چھِ:

۱۔ خوبصۆرتی ہُنٛد نشہِ۔

۲۔ شُجاتُک نِشہِ۔

۳۔ پانَس سجھاوُٹھ تہٕ شیرِ پاٗر گرنُک نشہِ۔

۴۔ بَڑِ خاندانُک مَد۔

یِمن سارِنےٚ ہُنٛد مۆل نشہِ چھُ دھنُک مَد۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ نِشہِ چھُ شرابُک یُس ساسہِ بدبن ؤریَن ہِنٛدِ کماوِمژ راست داٗری تہٕ نیکی اَکِس برٛنٛزِس مَنٛز نیست نابوٗد چھُ کران۔ شاعر چھُ طنز کران ونان، زِ شرابۍ چھُ مہایوٗگی یُس اتھ سادھنایہِ مَنٛز آخری مُقامَس چھُ آسان ووتمت یُس عالمَس، برہمنَس، واتلس، گاو، ہسۍتَس، ہوٗنس سارِنےٚ کُنۍ نظرِ چھُ وُچھان۔ تَس چھُنہٕ پنٛنس تہٕ ووپرِ ہنٛز فرق روزان۔ جان کیاہ چھُ تہٕ ناکارٕ کیاہ اتھ پاٗری زان چھُنہٕ تس روزانۍ سون، لُکر، کُنۍ، یہِ سورُے چھُ تس نشہِ برابر مگر توٚ پتہٕ تہٕ چھُ سُہ جہنم کِس ژُکِس تل گرٛھان۔[1]

سٔتی مِس وِلاسَس مَنٛز چھُ سِپاہ سُنٛد، نژن واٗلۍ (واجنہِ) ہُنٛد، تہٕ ناٹک کرن واٗلس کِردارٕ سُنٛد اوٚل وانگُن نوٚن گرنہٕ آمُت۔ یِم پنٛنہِ ٹھگلہِ ستۍ عام لوٗکن بہٕ بانٛگہِ دُبل چھِ لوٗٹان۔ گوٚن وول چھُ صُبحس شیرِتھ پاٗرِتھ گرِ نیران تہٕ دُپہرس تام سورُے کینٛہہ زار بُزۍ گران تہٕ ژھوٚرِ تہٕ چھوٚن سپدِتھ شامَس

[1] کلاوِلاس، کھیشمیندر، وِلاس 6، مِصرٕ 17-15۔

اپزِ بن تعاًرپفن ہندی تہٕ لگاوِتھ سیدِ بن سادھن لوکن روسی کٕژن ہندی پأٹھی بےٚکار کران تہٕ سورے کینٛہہ مُجت نِوان۔[1]

اُٹھِمِس سَرگس منز چھُن سوہزِ بن ہنز پزِ اپزِ ٹیک اول وانگن توٚن کوڈُمُت۔ شاعر چھُ مانان زِ یم چھِ پرٛوزُنکی راکھس اَسی مِتی نتہٕ سُمیر پروتس[2] کھعَن وألی گَر۔ لہٰذا چھِ یتھ رٛزِلِس سمسارس منز دوہہ رات سون ژٹان روزان۔[3]

ژوٗمِس وِلاسس منز چھُ یکہٕ وٹہٕ وارِیاہَن طأیفہٕ دَرن مُتلِق مولوٗمات آئتی طنزِ یہٕ طور پیش کرنہٕ۔ یم چھِ:

(۱) ساسہٕ بُدِ بن اِنسانَن موہِنکس اَسس منز واتناوَن وول حکیم۔

(۲) زی عزت زنانَن رُسوأیی کَرن وألی عأشق ژوٗر۔

(۳) زارس، شرابَس تہٕ پیشہٕ وار زنانَن ستی رٛلِتھ پکن وألی گرِ ژوٗر۔

(۴) اپزِ فأیدُک دِلاسہٕ دِنہٕ وألی تہٕ قرض حأصِل کرِناوَن وألی چاپلوٗس ژوٗر۔

(۵) عدالت ناوِکس سمندرس منز سمندری نارِکی پأٹھی پزِتھ کینٛہہ ژاپن وألی انصافکی ژوٗر۔

(۶) چوٗگلی کرِتھ لوٗکن ہنز موٗزوٗری تہٕ روٗزی تھپہٕ ہِنہٕ وول روٗزی ژوٗر۔

(۷) سیدِ بن سادھن لوٗکن وتھ ڈألِتھ جانورَن ہندی پأٹھی پایِر دِتھ پردیس سوزن وألی دِپشہٕ ژوٗر۔

---

[1] کلاوِلاس، کھیشمیندر، وِلاس 7، مصرٕ 12-11۔

[2] یہٕ چھُ تتھ فرضی پہاڑس دیومالایہٕ تہٕ سانہِ گونماتو ناو دِتھمُت یمہٕ پٔتی کنی آفتاب چھُ کھسان تہٕ چھُ ووجوٗدس منز یِوان۔ لہٰذا چھُ یہٕ آشن تہٕ دومیدن ہُند پہاڑ یا بال یِوان مانِنہٕ۔

[3] کلا وِلاس، کھیشمیندر، وِلاس 8، مصرٕ 28-27۔

(۸) پأنسہٕ وُچھتھ ہۆمبرن ہٕنٛدی پأٹھی أندی پکھی پھیرن وألی تہٕ وقتِ سختی غأب گژھن وألی سوکھ ژۆر۔

(۹) دوٕیمبن ہٕنٛدی گون پسپا کُرِتھ پٔنُن پوٗتُر ہیوٚر رکھارن وألی گونہٕ ژۆر۔

(۱۰) دوہے باضأبطہٕ تنخواہ رٔٹتھ تہٕ کأم ترٛأوِتھ پٔنٛنی عأشی کرن وألی چھان، مِسترٛی بیٚترِ کالہٕ ژۆر، یِمن نہٕ دوٕیمہٕ ہٕنٛدِ وقتُک قیمتھ پتاہ آسہٕ۔[1]

سِتارن ہٕنٛدِس جوتشس چھُنہٕ پتہٕ ہے آسان زِ تٔمی ہٕنٛز زنانہٕ پانہٕ کتٮ۪ن عاشقن ستی چھےٚ کھیلِہ گَران آسان۔[2] ترٛامہٕ بأنٛکی پأٹھی تکلہٕ کلہٕ وول یہٕ دوا فروش چھُ باقی لُکن مَس پٮ۪نُک تہٕ مَس وبژھے دۆر گرنُک دوا گٔنٛنہٕ باپتھ ہٹرِ ہٹرِ پھیران۔

ڈٕہِمس وِلاسس منٛز چھُ شأعر کھیشمیندر ونان زِ یٔمن سارِنٕے ٹھگن ہٕنٛدِ باپتھ چھُ یِمن ہُنٛد عِلم آسُن ضرۆری۔ ستی چھُ صلاح دِوان زِ سوکھ پرٛاونہٕ خأطرٕ چھُ حسدس لتھ دِنی۔ شیرٕین آواز تہٕ زبان تہٕ ہمتھ، غوسہٕ نِشہٕ پرہیز تہٕ دُنیاہَس ستی لاتعلقی، یِم پأنٛژھ ہۆنرٕ درکار۔ سداچارٕ خأطرٕ چھےٚ خوأہشات قوبوٗ کرٕنی، جان وۆتھ بیٚٹھ، پاکیزٕگی، گورن ہٕنٛز خدمت، پزٕیک ورتاو، صحی عِلم، تہٕ پٔنٛنس عوٚروٗجس پٮ۪ٹھ نظرٕ موٗحوبَت، یِم ستھ ہونرٕ درکار یِم سون طور طریقہٕ بنٕن۔ یِتھ کٔنی چھُ شأعر دھرم (مذہب)، ارِتھ (ذی)، کام (واسنا) تہٕ موکھشیہ (نجات)

---

[1] کلا وِلاس، کھیشمیندر، وِلاس 9، مِصرٕ 37-22۔

[2] Ganapati gagne ganakashchandrena samaagamam vishaakhaayah I
Vividha bhujanga kreedaa saktaam grahineem na jaanaati II

Ibid, Vil. 9, v.,6.

زِندگی ہِندِ بن ژونِ ابدی مقصدن بڑٕ ٹھیکھ پأٹھی واش کڈان تہٕ لوٗکن صحی زِندگی ہُنٛد لُبہِ لباب فِکرِ تارنٛچ کوٗشِش کران۔

یِہ سورُے طنزیہِ کلام پرٛتھ چھُ پرَن وول أتھی نتیجس پیٹھ واتان زِ شأعرن چھِ سماجچین سارِنے کمزوٗریَن کوم کرٛتھ یمن ہُنٛد ألی وانگُن أکِس ہُشی نقادٕ ہنٛدی پأٹھی ژوٗتس پیٹھ تھوومُت یُتھ زَن عام لوٗکھ یمَن ٹھگن نِشہِ بچتھ روزن۔ کلرکن ہنٛدی وارِیاہ ناگوار کرتوٗت مثلن رِشوت، جالسأزی، وغیرِ مدن پیٹھ چھِ شأعرس بڑٕ سنٛز نظر أسمٕژ۔ یمَن کِردارن ہُنٛد خُلاصہٕ تمی کوٗرمُت چھُ تِم چھِنہٕ لگان تمی سنٛز دِماغکو پیداوار بلکہ تِم چھِ چلوٕنہٕ زِندگی ہنٛدی زِندٕ جاوید کِردار یِم سأنی پأٹھی لسان بسان چھِ أسۍمتۍ۔ کھیشمیندر چھُ اوسمُت سخی شأعر یمی نہٕ پزرس ٹھانہٕ چھُ تھوومُت۔ تمی چھُ یِہ پزر عام لوٗکن تام واتنوومُت یُتھ زَن تِم ہُشیار سَپدن۔ یِم چھِ تِم واقع یِمو ستۍ لُکن ہِندی دِل چھِ حرکتس منٛز یوان زِ پوٗز کتہِ چھُ تہٕ أسی کتہِ چھِ۔ یِہ کتھ چھِ اَز تہٕ تیٚژے تازٕ تہٕ ساٗدٕروار تیٚژ یِہ از برٛونٛہہ ساس وٗری أس۔



## (5) نرمہٕ مالا

نرمہٕ مالا چھِ کھیشمیندرُن کٔمہِ صٔدی ہِندٕ بن حکوٗمتہٕ کِین اوٗحدِدارن پیٹھ اکھ طنزِ بوٗرُت اَسن کھنگالہٕ۔ یِہ چھُ تمہِ ساتیکین مُلأزمن ہِندٕ بن کرٕ ہنٛین کارنامن، مثلن رِشوت، جعلسأزی، اَپزیأری بیٚترِ پیٹھ تیز نظرِ منٛز دَب۔ ونان چھِ أمِس حِساب کِتاب تھون وألِس شیطانس کُن زِ ''یِہ اوس راکھسین ہِندِ

گرِ یک خزانٕچی کلرک، ووٚنی ییٚلہِ راکھبس ختم گیہِ تہٕ کلہِ یوٚگ چہِ مہر باٚنی ستۍ چھُ ووٚنی اٚمۍ ہیتھیار رٕنگی سُے قلم ہیتھ دِوتاہَن ہنٛدِ ناشہِ خاطرٕ تتھ بُتراٚژ پیٹھ زٕنم ہیوٚتمُت۔[1] باسان چھُ زَن پانہٕ آخر زمانہٕ چھُ وبگلِتھ اٚمۍ ہنٛدِ قلمچ میل بٔنِتھ حاضِر سپُدمُت۔[2] پننہِ بے لوٚس آسنک تہٕ قابلِیتچ اپٕز شوٚوَے کٔری کٔری گرس مُتلِق پرٛتھ فاصلہِ کَرن واٚلِس اَفسر سنٛز پوٚزا گران۔ پوٚزا کران کران تہِ چھُ یہِ پننہِ ذٔسۍ عام لوٚکن رَنگہِ رَنگہِ اِذاہ تہٕ پریشان کرن واٚلۍ حُکم دِنچ بَڈٕ جانٛدار تصویر کٔشی گَران۔[3] خِفیہِ پُلسہٕ وول چھُ منٛدرُک جاداد لوٚٹہٕ نِنک مشوَرٕ دِوان۔[4] مُحاٚفِظے چھُ فوجس حُکم دِوان لوٚکن ہنٛدۍ درواز پھُٹراوِنۍ تہٕ تہنٛزٕ گرٕ وٕٹھ، سوٗرٕ سامانہٕ پَلو، بانہِ وغاٚرٕ تھپہٕ نٔنۍ ییٚمہِ پَتہٕ زنانَن تہٕ بچن ہنٛدِ شورٕ شرٛچ آواز چھِ کنَن گژھان۔[5] خستہٕ حال کلرکہٕ سنٛز آشنیٚز ییٚمس نہٕ رات تانۍ ژھینمتو پَلو وتہٕ میٚژٕ ہنٛدٕ ہِ کنواجو بغاٚر بیٚیہِ کینٛہہ تہِ نصیٖبس اوس آسان۔ یَنہٕ تَس رٕنس مُحاٚفِظس ستۍ ڈِوٹی لٔج تَنہٕ چھےٚ سو گنیٚش سنٛز پوٚزا پوٗربو ستۍ کران۔ ووٚنی چھِ تس پاٚنٛژوَے اونٛگجہِ گیوٚس منٛز۔ موہرِ گنٛزران چھُ تسُنٛد برتھاز ہَتھ دستاویز دوٚہَس لیکھان مُحاٚفِظس منَس خوش تہٕ وَیہِ وُن رِشوت واتناٚوِتھ چھُ سُہ تہِ دونٕویو اَتھو کماوان۔ تمۍ چھُ موٹوٚمُت تہٕ کاڈٕہن تہِ چھُس کھوٚتمُت۔[6] (گنجہِ دِوِر) اکوٗنٹ چھُ تمِس تہِ

---

[1] نرمہ مالا، کھیشمیندر، باب 1، مِصرٕ 11-9۔

2. Kalih prayato dravataam masheeroopena tishthati II

Ibid, s.,1, v.,29.

[3] سوے باب 1، مِصرٕ 44-39۔

[4] سوے باب 1، مِصرٕ 55-52۔

[5] سوے باب 1، مِصرٕ 70-69۔

[6] سوے باب، مِصرٕ 82-71۔

تیز، سُہ چھُ مُحاٗفظس بڑونٛہہ کنہِ ونان زِ یُس تہٕ مُحاٗفظ میانہِ مَنہٕ کاٗم کَرِنہٕ۔ تَس چھُ پٔنٛن گریک سامانہٕ تاٗنۍ کِنٛن پیوان۔ تِمس ستۍ مشورٕ کٔرِتھ پیہ وارٕ وارٕ مَندرُک سورٕے سامانہٕ کِنٛنہٕ۔ مُحافِظ تہٕ چھُ تِمۍ سٟتۍ جانکاٗری نِشہِ واٗقِف تہٕ یِتھۍ کٔنۍ واتنوو تِمۍ مَندرٕچ بُڈ ترٛاہو پہرات گرٕ تہٕ پَتہٕ پھُٹراون تتھ لوکٕٹ چھلاہ یِتھ تِمۍ مندرٕ خاطرٕ بوڈ گھنٹا بنوو تہٕ لگوون مندرس مَنٛز۔ پتہٕ نیُن سُہ گھنٹا تہٕ تمہِ پتہٕ بناوِن لوکٕٹ گھنٹی تہٕ تھاوِن مندرس مَنٛز۔ چھیکرس کھیٚیِن سوتہٕ کِنتھ۔[1] یِتھۍ کٔنۍ گگُر چھُ ڈوٚنِس اَندرۍ اَنٛدرۍ کھوکھر کران تِتھے کٔنۍ کوٗر اَمۍ مُحاٗفظن مندر تہٕ خاٗلی۔[2] وتہٕ راوُکھ یا سڑکہِ انجینئر چھُ یِتھۍ کٔنۍ دوہے گوٚ تہٕ ماز کھوان مگر اگر کانٛہہ سرکاٗری کارِنٛدٕ بڑونٛہہ کنہِ آسبس تیٚلہِ چھُ نوٚنہٕ بغاٗرٕے منونٛگہٕ دالہِ پیٹھ گُزارٕ کَران۔[3] پَتھوارِس اگر رِشوتُک تِتھے شِہے یوت لگہِ سُہ چھُ تِتھے کاغذ ہتھ گراکہٕ سُند گرٕ گرٛھان ہیرٕ پھیر کَرِنہٕ باپتھ۔ کلرکہٕ سٟتۍ زنانہٕ یوسہٕ کُنہِ ساتہٕ منٛگِتھ پھُٹۍ مَتِن بانن مَنٛز چاے اَس چوان چھےٚ ووٚنۍ چانٛدِ ہندٕ بن بانن مَنٛز نافہٕ ستۍ مُشکوٗمُت ماچھ چوان۔ زٕپٹھ مالا واجیٚنۍ چھِ پان ژاپان، تَسُنٛد گمنٛڈ چھُ ووٚنۍ مہاراٗنۍ تہٕ تھوٚد گوٚمُت۔ ووٚنۍ چھِ تَس سونہٕ سٟندۍ زیور تہٕ گوٚبٕ باسان۔ سوداگر بایَن لایق سونہٕ سٟتۍ رز چھےٚ سو پَسنٛد کران۔ تَس گرٛھِ اوٚک لُر رَز آسنۍ۔[4]

---

1. نَرمہٕ مالا، کھیشمیندر باب 1، مصرٕ 94-92۔

2. Itiupaayahataistais tadukhtaih paripaalakah I
Jarathaakhurivaakshyotam shunyam chakre suraalayum II

Ibid, s.,1, v.,96.

3. سوے باب 1، مصرٕ 127۔

4. سوے باب، 147-142۔

دۄیمس کھنگالس (اَسن) مَنز چھِ نےٚ پۄٚترۍ ہنٛزِ نوجوان آشیٚنۍ ہُنٛد تذکرِ یوسہٕ پنٛن پۄٚژھ بون ترٛاوِتھ پنٛن سیٖنہٕ ہاوان، نظرن ہنٛدۍ تیر چلاوان، نوجوانَن کُن وُچھان۔ کیٚنہہ مجنوٗن دِل نوجوان تہٕ چھِ کُنہِ مطلبہٕ بغار تہٕنٛدِس گرس أندۍ پکھۍ پھیران روزان تہٕ تِمس ستۍ کتھ باتھ تہٕ زانکاری حاصِل کرنَس مَنز کامیاب تہٕ گژھان۔ نےٚ پۄٚترۍ ہنٛزِ زنانہٕ وُپھلوٗآے کرنَس مَنز چھُ شرٛمنِکایہٕ ہُنٛد تہٕ اتھہٕ۔ مُٹھک اکھ ژاٹھ سَپدُتس نےٚ پۄٚترۍ ہنٛزِ زنانہِ کُن مُطوجہہ تہٕ سُہ چھُ تہٕنٛدِ گرِکٕن شُرٕہن پرٕناوَن وأرِلس پروفیسرس شرن گژھان تہٕ شُرٕہن پرناوان۔ سأری اَچھر لیکھنۍ زأنِتھ تہٕ چھُ سُہ لفظ ''اوم کار'' وارٕ وارٕ سوتہٕ سوتہٕ لیکھان۔ بہانہٕ چھُ آسان پڑھایہٕ ہُنٛد تہٕ کأم چھُس آسان نےٚ پۄٚترۍ ہنٛزِ زنانہِ تھلہِ تھلہِ وُچھنۍ۔ وارٕ وارٕ نےٚ پۄٚترۍ ہنٛزِ زنانہِ، بأے کا کنہٕ بیٚنہٕ سأری چھِ تہٕنٛدِس زالس مَنز پھَسان۔ أتھۍ دوران چھُ لاعلم حکیم سُنٛد ذِکر تہٕ چلان ترٛیمس کھنگالس مَنز تہٕ چھُ پولیس یِوان۔ محأفِظس چھِ قأد کران تہٕ تَس نرٛکِہ کس (جہنمس) سۄزِتھ چھُ نےٚ پۄٚترۍ ہنٛدِ فوت سَپدنُک اِختباس یَس نہٕ ہوٗن تہٕ چھُ پرٛژھان۔



## (6) دیشوپدیش

اَتھ تصنیفہٕ مَنز چھِ ساری مُلکچہِ (دیشچہِ) نصیحتہٕ یِکہٕ وٹہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ شاید چھُس تمی آمُت یہِ ناو دِنہٕ۔ اتھ مَنز چھےٚ مۄلہٕ تلہٕ أٹھ نصیحتہٕ دَرج یمن واریاہو پہلوٗ ہو ہَکۍ واش چھُ کَڈنہٕ آمُت۔ کھیشمیندرُن لیٚوکھمُت یہِ موخصر

رزمیہِ چھُ ذرافتی اَنداز س منز تمہِ وقتچہِ کشیرِ ہنزن سیأسی تہٕ سمأجی ناکارِ گین گاٹُشراوان۔ اَمہِ تصنیفہِ ہندِس آغازس منز چھُ شاعر پانہٕ وَنان زِ ''یِمن لوٗکن شیٗخی تہٕ دغابأزی نال چھُ وذلُمت تِمن ہنٛدِ باپتھ چھُنہٕ میٛون یہِ تجرُبہٕ کانٛہہ کوٗشِش۔ یہِ چھُس صرِف مَذاق گران گران کیٛنٛہہ نصیحتہٕ پیش گران تاکہٕ تِم لوٗکھ یِم نہٕ مخولس لگان چھِ تِمن پیِیہِ شرم تہٕ تِم روزن یِمو بدکارو نِشہِ دوٗر۔''[1]

گوڈنچہِ نصیحژِ منز چھِ بدکار اِنسانٛن ہُند لعن تعن کرنہٕ آمُت۔ دوست دُشمن، عزت، بے عزتی ہِوی نظرِ وُچھن وول تہٕ اوٗزِقہٕ تہٕ دوٚیِمِن ہُند روزی مارگرِنٛس منز مأہر بَدبختس پتھ طنٛز گران چھُ شأیِر تِتھِس آدِمس نجاتھ دِنٛس منز مأہر زانان۔ پنٛنہِ زبأنیٖ ستی پزِس پتھ پکن وأِلس لایق اِنسانٛس ژھیٛڑاوٕنٛس منز چھُ سُہ چوٗگل خور برابر ہوٕنٛس ہیٚوٗ تہٕ کُنہِ تہِ رٕژِ کامہِ منز رُکاوٹ کرن وول زَن تہٕ چھُ شنشچرس برابر سُہ۔[2]

دوٚیِمس ووپدیشس منز چھُ کنجوٗسس مُتلِق واریاہ پَسنٛدید تہٕ با مقصد تفصیلہٕ آمٕژ لیکھنہٕ۔ تِمِس ہیٚوٗ دِنہٕ وول کُس ہیکہِ دأتہٕ اَستھ دُنیاہَس منز۔ ییٚلہِ سُہ منٛگن وأِلس ہٕٛتس تھٕچھ دِتھ کیٛنٛہہ دِنہٕ بغأرِ دروازٕ نبرٕ چھُ کڈان سُہ چھُ دروازس پانے کُنٛڈ ماران تہٕ فاقہٕ پھری کیٛنٛہس کالس روزان۔ ییٚلہِ زانٛہہ نزدیٖکی رِشتٕدار تَسنٛد گرِ چھُ یِوان سُہ چھُ بناوٕٹی لڑأے زنانہٕ ستی کرِتھ اَن شَن گران تاکہِ رِشتٕدار ژلن پوٚت خوری واپس۔ شام وَقتس اگر کانٛہہ پوٚژھ ییِس

[1] دیشو پدیش، کھیشمیندر، باب 1، مصرٕ 3۔

[2] سوے ...... 1 ...... 8-6۔

لَس چھُنہٕ خبر اَتر تہٕ پرٛژھان یِنہٕ تہٕ گرنہٕ سٟتؠ لَس بَس پیٚیہِ پرٛژھُن۔ سارِنے کھٮ۪نہٕ وأرِلس کالَس تہٕ مُشتھ گومُت سُہ کنجوٗس چھُنہٕ شیٹھ وُہر دلنہٕ سٟتھ وومیز پیٹھ کنان زِ شاید بڑوٚنہہ گُن ماہُرس باو۔[1] قحطس وومیدوار یہِ کنجوٗس چھُ بارِش نہٕ پینَس پیٹھ تہٕ زیادٕ بارِش پینَس پیٹھ خوش گڑھتھ مَزس منٛز نژان۔[2] تٔمؠ سنٛز پنٕنؠ شکل چھےٚ وُچھنؠ لایق۔ کامبلہِ روٗگ گڑھنہٕ سٟتؠ چھَس بدہضمی گأمٕژ۔ آسہٕ کنؠ چھَس لال وَسان أچھؠ چھَس کھوٚڈن گأمٕژ۔ آسہٕ کنؠ چھَس بدبوے یِوان۔ باسان چھُ زِ لکھشمی چھِہ تٔمؠ سندِہن مالہٕ دٔدن تہٕ دِہہٕ سٟتؠ کرٛہنہٕ کملہِ منٛزٕ روزان۔[3]

ترٛیِمس وویدیشس منٛز چھُ أکس توأیفہِ ہُنٛد تجزیہِ آمُت کرنہٕ۔ یوسہٕ عأقلس بے عقل، دَھنأڈِس کنگال، پاک دِلس ژوٗر تہٕ بُڈِس لوکُٹ بناوان چھےٚ۔[4] ژوٗرِمس نصیحتس منٛز چھُ دَلالن ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ یِمن یِمہِ آز تہٕ چھُ کھوژان۔

پأنٛژِمس وویدیشس منٛز چھُ عیاش آمُت زدَس منٛز، عظمت فروش زنانو ڈٔسؠ پرٛتھ ساتہٕ دوکھہٕ دِتھ تہٕ گرٕ منٛزٕ نبرٕ کڈِتھ تہٕ چھُ سُہ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ تہنٛدِ نے بیٹھالن پیٹھ واتان۔ یِتھہٕ کنؠ ڈنٛڈٕ ٹاس کھٮ۪تھ تہٕ چھُ ہوٗن بیٚیہِ تتھی برٛانٛدس پیٹھ واتان۔[5]

---

1. Shshti varshasya dhaanysya yah karoti na vikrayam I
   Deshopdesha by Kshemendra, s.,2, v.,33.

2. Nartyaty avrashtishu pura hyativrashtishu nratyati I
   Durbhiksho paplavaakaankshee kadaryo dhanya gauravaat II
   Ibid, s.,2, v.,34.

3. Ibid, s.,2, vv.,29-30.
4. Dheemaan moododhanee nihswah shuchishchauro lagurguruh I
   Bhavitavyata yaivaayam veshyaya kriyate janah II
   Ibid, s.,3. v.,15.

5. دیشو پدیش، باب 5، مصرٕ 11۔

شیٚمس نصیحتس منٛز چھُ گوڈ دیشکی (بنگال) کینٛہہ جعلی لڑکن ہُنڈ کشیرِ پِنگ ذِکر کرنہٕ آمُت۔ یِم اَسی تہٕ آئی تالیم حاصِل کرنہٕ باپتھ مگر یوٚت واتِتھ گٔیہ رَنگ رٔلین منٛز مَست۔ اکھ لڑکا اوس پۄنٛے محض اکھ اَڈی جِہ کرتھ۔ لۆکھ اَسی تَس بھوٚت زانٛتھ دوٗر روزان۔ مگر کینٛہن دوہن منٛزے مُفتُک کھینٛ تہٕ کھینٛے گرِتھ تہٕ صابن مٔلی مٔلی سَپُد سُہ نوو نوٚٹ ہیٖو زَن تژوو تمی سَرپہٕ ہِندی پٲٹھی کژوژھ تہٕ نوٚو صحت منٛد شریر کوٚرُن حاصِل۔ بیاکھ گوڈِ لڑکہ اوس پاکیزگی ہُنڈ ڈھونگ کران تہٕ پننِن پلون ہِندی پوٚژھی کرتھس منٛز رٹان یتھ نہٕ پٔتھرِس ستی یا کانٛسہٕ وہپرس ستی لگتھ ناپاک گژھن۔ کھورن نٔوی پٲزار لاگتھ تہٕ تمیٚ آواز یۄزِتھ باسیوس پانس پیٹھ فخر، کمبَرس گنڈِتھ وہزِلس کمربندس تژاوِن چھری الونڈ، نَرِ گلوان تہٕ یمن جمبِش کران لۆگ سُہ سِرشام گلنہٕ بازرس کوچہ میٚنہٕ۔ تحریر کِمن حرفن ہنٛز زان تہٕ چھنہٕ تس مگر گرامر، قونون، فاصلہٕ کُن بحث ہیچھنہٕ چھُ لوٚگمُت۔ اگرمجلِس دوران تمی کھمن چِپن بانٛن یوٚر تہٕ ضروٗر زانٛن گوڈِ یہ سورُے گوٚکھر تہٕ لڑی واتن یِمَن بدکار زنانن ہِندِ کھنہٕ باپتھ۔ مٹھ شکلہٕ ہِندِس یتھ وَنس منٛز چھِ تس پٲنٛژھ رِیاض کرِنی، گانٛمن نِشہٕ گژھُن، زار کِنڈُن، شاہ پناہ ہیوٚن، بھوٚکھ ہڑتال کرُن، تہٕ لگن درمیان دوٗربر (خلاہ) پٲدِ کرُن۔[1]

ستیٚ مِس وہپدیشس منٛز چھُ کروڑ پتی بڈِ سیٹھ سُند تہٕ تسنٛزِ تازٕ نیٚتھری نوجوان زنانہٕ ہُنڈ دِلس ترِتھ گژھُن واجینٛز کتھ باتھ دَرج۔ بےٚ مأنی پٲدِ کرن وول، بڈِ بڈِ ژاس کران، گوٚٹ بوزنہٕ پنہٕ وأرِلس بڈس اَس خاندرِ وِزِ تہٕ بیٚمارِ

[1] دیشوپدیش، کھیشمیندر، باب 6، مصرع 21-20۔

ہنٛز زِنٛدِ جاوید مُرت ہِش مہریٖنی باسان۔ یتھی ہے زاہتری سُنٛد تعارُف پننہٕ اوٗش ہارِوہِ کورِ کران۔ چھُ مول وَنان زِ ''سہ چھُنہٕ وُمرِ بوٗڈ، یہِ چھُ وقتہٕ برٛونٛہہِ زَن بُڈ باسان''۔[1] جوان بَراتھن ہنٛزن نظرن ہنٛز موٗجوٗگی تہٕ مُدے گنٛدِتھ وُچھنَس دوران بُڈ خاونٛدس نِشہٕ گرٛھنَس چھےٚ سو تیتھے پاٹھی کھوژان زَن چھُس سُہ پھانٛسہِ کوٗٹ باسان۔ راٗنی ہنٛز حالَے حیاتی مَنٛزے چھےٚ سو ووپر مردن ستۍ عِشق ماشعوقی کَران تہٕ خاونٛدس اَتھِ کھورن موٗتھ دِوناوان۔

آخری نصیحژ مَنٛز چھُ بےٚ صِفت گورس، شرٲبی سِپاہَس گژاکن لوٗتھ کرن وول دُکاندار، گژامرِ نِشہٕ پوٗرِ غاَر واَقِف شاعر، ٹھگ، نیم حکیم وغاَرِ قسم قسمکین کِردارن ہُنٛد من پسنٛد وہژھنے شاعرن گرٛمُت۔ یِمَن سارِنے ہنٛز زِنٛدِ جاوَید تصویر کَشی کَران چھُ شاعر سُنٛد قلم بددیانتی ہُنٛد  اول وانٛگُن نوٚن کڈنَس مَنٛز پوٗرِ کامیاب سَپدمُت۔



## (7) سمےٚ ماترِ کا

شےٚ ہَتھ تہٕ اُٹھن شارَن پیٹھ مُشتمِل کھشمیندر سنٛز یہِ تصنیف چھےٚ وشیایَن مُتلِق اکھ تفصیلی نٛظم یَتھ مَنٛز اُٹھن سمیَن ہنٛز ووکھنے چھِ کَرنہٕ آمٕژ۔ لفظ ''سمے'' چھُ شخصاونہٕ آمُت یُس وقتہٕ وقتہٕ اِنسانن ہُنٛد روے خوے چھُ بدلاوان۔ امیُک مقصد چھُ فُحشہِ زنانَن، دَلالن، تہٕ عاشِقن نِشہِ دھنوانَن ہنٛدِ جادادٕ چ راَچھی کَرِنی۔ اتھ مَنٛز چھُ اُکس جوان گانہِ کلاوٗتی ہنٛز کہانی یوسہٕ پننہِ محافِظ نانہِ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ طاقتور غریب عاشِقو ستۍ وٕلتھ چھِ روزان مگر پاَنسا ٹوٗنکا

---

[1] دیشوپدیش، کھیشمیندر، باب 7، مِصرٕ 5-4۔

چھُس تہٕ اَتھِ کیٚنْہہ لگان۔ اکھ نٲوِد چھُ تَسُنْد مُلاقات راتہٕ موٗغلو بُتھ کرِتھ، کاوِ گردَن کرِتھ تہٕ بِلہٕ اَچھِ کرِتھ اَکِس بجِہ دلال زنانہٕ سٟتۍ کرناوان۔ یَس ناو چھُ کنکالی آسان۔ دوٚیِمس تہٕ ترٛیِمس سمیَس منٛز چھِ کنکالہٕ ہِنْدبن بچہٕ گانہٕ تہٕ نوجوٲنی ہِنْدبن کارنامن ہِوان دَل دِنہٕ۔ تمہِ ہِنْدِس روٗیَس خامتماہ گرٛہستھ چھُ پوٗرنِک، اکھ باپٲرۍ لڑکہٕ تس پیٹھ پھریفتہٕ گژھان تہٕ سو چھِ تس شراب چاوِتھ بے حواس کران تہٕ تِہِنْدی سٲری سونہٕ وَس ژوٗرِ نِوان۔ نِندِسوم نٲوی محلہٕ ڈیڈی وان چھُ تَس گورۍ مندرِ کِس اَندرِمِس کُٹھِس منٛز ناش فاش کرنہٕ باپتھ نِوان۔ تتہٕ چھےٚ سو دِوتاہَن ہِنْدی سٲری زیور ہیتھ ژلان۔ اَکِس پٲنسہٕ وٲلِس گرۍ سوارس پِنٛنِس زالِس منٛز پھسٲوِتھ تہٕ تمہِ ہِنْدِ اَکی رِنتہٕ پتہٕ مرنہٕ پتہٕ چھےٚ سو ستۍ سَپدنک ڈھونگ کران تہٕ تمہِ ہِنٛز سٲرے گروٚیٹھ، مال جادادس پیٹھ قبضہٕ کران۔ ووٚنۍ یِیلہِ بجر چھُس ہِوان سو چھےٚ باباجی بابے بنِتھ تپسیا کرن وٲلِس بھیرو سومِس ٹھگاوان۔ یِتھِ کٕنۍ واریاہ نال بدلٲوِتھ، کُنہِ یوٗگ ابھیٲسی ہُنْد بہانہٕ بنٲوِتھ، کُنہِ جایہِ رِہتہٕ کھٔنڈ باپتھ فاقہٕ درنک بہانہٕ کرِتھ تہٕ کُنہِ تیرتھ یاترٛی بنِتھ چھےٚ سو اَپزیٲری لُکن ہِنْدِ عِزتچ حقدار بنان۔ اَمۍ سے دَلالہِ ہُنْد ژاٹھ بنٕن مانِتھ چھےٚ کلاوٗتی فحاشا زنانَن ہِنْدی داوپیچ ہیچھان۔ کنکالہِ مُطٲبِق چھُ طوٲیفن ہُنْد طور طریقہٕ زِیٛیتہٕ تہٕ نوجوان پٲنسہٕ وٲلِس سٟتۍ میُل گوتس چھُ یِی وَنُن زِ ''ژےٚ چھُکھ میٛون دِلہِ جگر، ژےٚ چھُکھ میٛون روٗح، ژےٚ چھُکھ میٛون سورُے کینْہہ۔'' یِی وۍنۍ دھنہٕ حاصِل کرُن تہٕ تم دَھنہٕ بغٲر تھاوِنۍ تہٕ دوٚیِمس دَھنہٕ وٲلِس نفرس سٟتۍ لیچہِ واٹھ کرُن۔ بِلکُل تِتھے کٕنۍ یِتھِ کٕنۍ سُرۍ پھیٚنۍ چھِ پٕنن

کروڑھ ترٛاوان۔ یِتھٕ کٔنہِ پٔرتھ کلاوٗتی چھپےٚ أکِس دھنأڑیہ باپأرۍ شنکھ سِندِس نچوٗس پنکس پھساوان۔ تٔمِس تہٕ تٔمۍ سِندِس مأِلِس دوکھ دِتھ چھےٚ کنکأنۍ تمن ہنٛز سأرے وراثت کلاوٗتی ہِندِ ناوِ لیکھناوان۔ دھنہٕ رٔژِ ستۍ پنکس ژھینٛہ کملہِ رُغأنۍ نأنۍ ژھنِتھ چھِ تس گانہِ وانہٕ منٛز نبر کڈان۔ تمہٕ برٛونٛہہ چھِ سو أمۍ سِندِس لالچی مأِلِس زیورَن ہُند لالچ دِتھ ترِتھ یاترٛایہِ گژھنہٕ باپتھ خرچہٕ رٕنٛگی بہانہٕ بنأوِتھ اکھ لچھ دینار ٹھٔگِل کٔرِتھ نوان۔

کھیشمیندر سُند یہِ کاویہِ چھُ دَلالو تہٕ طوأیفہٕ درن ہنٛز چالو نِشہِ یوٗد دَھنہٕ والین بچاو ہیکہِ سپدِتھ تہٕ تم پھٔسن نہٕ تِہنٛزن چالن منٛز ئلیکہِ ہُشیار سَپدن۔ اَمِچ شأعری چھےٚ ذرا مُشکل تہٕ اَلنکارو ستۍ سجأوِتھ باقیو تصنیفو نسبَت۔ منٛزۍ منٛزۍ چھِ شارن ہنٛز ڈرامأیی نظاقتھ اَسوٗنی تہٕ ظرافتی کہأنی رلأوِتھ کلامہٕ زیادٕے چاشہِ دار بَناونہٕ آمُت۔

پنٛنہِ نانہِ مارن وأَلِس حکیم سُند ذِکر کران چھُ شأعر کنکالہِ اتھِ وِنناوان ''اڈپیچ حِکمت پرٕتھ پرٛتھ ساتہٕ بیمارس مارنہٕ باپتھ تیار یہِ حکیم چھُ بڈٕ أستھ تہٕ بیمارن نِشہِ دھنہٕ کہِ گمنڈٕ ستۍ زنتہٕ لوکٹوٗمُت[1] سبتھاہ کنجوٗس مسخر باپأرۍ شنکھ سنٛز خوٗبصوٗرت حُلیہِ کٔشی چھےٚ بڈٕ مُتأثر کُن۔ تیلکی مالہِ نِشان چھِ صاف نظرِ گژھان تہٕ گگرو کھیٛمٕ ٹوٗپی لأگِتھ چھُ سُہ عجیب بوزنہٕ یِوان۔ ژھنٛجٕ ژادٕرِ تل چھُ تسُند الوند موٗٹ پھیرن تٔمِس نالۍ یمکہِ ہلنہٕ ستۍ چھُ تس اکہِ ڈلہِ گژھان۔ ژھینہِ مژِ تہٕ ڈہہِ ستۍ کرہٕنۍ گموٗ موٗٹ کمل چھِ تٔمۍ ڈیجٕ سان پانس وٕچھو۔ تیل

[1] سمۓ ماترکا، کھشمیندر، باب 1، مصرٕ 28۔

نہ میلنہٕ یِٖنہٕ چھِ تمُو ہِنٛدِس ریٚشس مَنٛز لوٚکہٕ لوٚکٕٹ مَس لَنگ اَلوند یِم ہِلان چھِ۔ دوہہٕ خرچہٕ چلاونہٕ خاطرٕ پأنسہٕ منگنہٕ آمرٕ پٔنٛنی کورِ چھُ یہِ مارنہٕ خاطرٕ تیار سَپُدمُت۔ رَزِ گنٛڈِتھ فاقے سوٚی بزارِ ہِنٛزِ موٗرلیہِ ہِتۍ تہٕ چھُنہٕ اَہِنٛدِس دِلس کانٛہہ تہٕ رحم گژھان۔



## (8) کُٹنی مَت

کٔشیرِ ہِنٛدِس راژٕ جےٚ پیڑ (779-813) ہِنٛدِس وٚزیرِ اعظم دامو دھر گپُت سٕنٛزِ تصنیف کُٹنی مَت[1] چھُ عیاش زِندگی گُزارنُک بیباک بیان اَسہِ بڑوٚنہہ کَنہٕ تھوان۔ طوأیفَن ہِنٛز سماجس ضرٗورت یا غیر ضرٗورتس مُطلق توٗضیحی بیان چھُ اتھ مَنٛز موجوٗد تہٕ یِم چھِ واریاہہ لٹہِ دوہرانہٕ آمٕتۍ۔ یتھ زَن یِمَن پیٹھ راے زٕنی کرنہٕ ییہِ۔ شہوٗتس مُتلِق مُقرر ہندوستأنی پرأنین اوٗصوٗلن تہٕ شرطن باظأبِط تصدیق کران چھُ اِنسأنی فِطرتکین کمزوٗرِین مَدِ نظر تھأوِتھ ییٚتِکی سماجن مستوٗراتو مَنٛز اکھ ترٛٹہ جماتھ مُشقس کٔرمٕژ یِم عاشقن تہٕ عیاش پَرستَن ہِنٛز دِل بہلأیی چھِ کران تہٕ تِہنٛز شہوٗتی تژلیش چھِ ہوٚمراوان۔ وقتہٕ وقتہٕ روٗدسماجُک یہِ حِصہٕ عزتُک مستحق تہٕ کُنہٕ روٗد پتھ کھورِ تہٕ آوتیچ کار وننہٕ مگر ابتدا پیٹھٕ اَزتام روٗد امہِ کارُک دبہٕ دبہٕ چلُوٗن۔

راژٕ جےٚ پیڑس تہٕ تس بڑوٚنہہ تہٕ اَس کٔشیرِ ہِنٛز سمأجی تہٕ سِیأسی حالت زوال پزیر۔ جےٚ پیڑ اوس گوڈنِکس عیامَن مَنٛز سبٹھاہ بہوٗدُر تہٕ دھین پرست

1. Sa Daamodaraguptaakhyam kutneemata kaavyam I
Kavim kavim balireva dhruyam dheesachivam vyadhaat II
Rajtarangini, Kalhana, Book 4, v.,496.

راز تہٕ عالی مَن تہٕ فاضِلن اوس سبٹھاہ قدر کران۔ مگر پَتہٕ گییہ محل خانکی تہٕ سماجکی حالات اَبتر تہٕ راز بنیو وشہوت پرست تہٕ ظالم۔ رازن لوگ نوکرن ہندبن اِشارن پیٹھ پکُن تہٕ عام لوکن ہنز زِندگی گییہ لتہٕ مونجہ ییتھ کنہٕ آیہ پزٲنی ابتر حالات ییٖہ بارسس۔ اَمہِ حالژ ہُند اثر پیو عام جنتایہ پیٹھ۔ چال چلن بگریو تہٕ اتھ خلاف وۄتھی شاعر تہٕ گونماتھ۔ امیک اوّل واگُن کوڈ نوٚن دامودر گُپتن تہٕ کھشمیندرن، یمو پننہِ پانہٕ تمہِ ساتہٕ کِہن سماجی حالاتن ہُند مُشاہدٕ کوٚر تہٕ لُکن ہنز عیش پرست زِندگی وُچھتھ ہُشیار گییہ تہٕ لوکن وُزناوچ کوٚشش کٔرکھ۔ تمہِ ساتہٕ اُس بد چلنی، عظمت فروشی تہٕ دوکھہٕ بازی منز سورے سماج ہُرونہٕ آمُت تہٕ یمو تُل پنُن قلم تہٕ پننہٕ شاعرانہٕ عظمت اِستعمال کٔرتھ کوٚرکھ سُہ سماج ییتھ ناو پیومُت اوس ''جوشِ حُسن''، سماج یعنی ''کانتاسِمت'' تہٕ اتھ شاعری پیو ناو ''کانتا سِمتہٕ اُپدیش''۔ آنند وردھن چھُ پانہٕ کتھی متس آخرس پیٹھ وَنان: ''یُس یہِ شاعِری کُن دأرِتھ بوزِ تہٕ سمجِہ تہٕ پَتہٕ تمی مطلب سان پننہٕ زِندگی بَسر کرِتس ہیکِہ نہٕ دلال، طوائف، ٹھگ تہٕ کوٹھہ داریٚنہِ زانِہہ تہٕ ٹھگِتھ۔''

اَمہِ تصنیفہِ ہُند آغاز چھُ حسبِ معمول کامدیو نہٕ کامیاب سپدنچہِ خواہشہِ ہتی کرنہٕ آمُت۔ پَرن والین چھُ ونہٕ آمُت زِ تمہِ دِن نہٕ تصنیفہِ ہندبن شاعرانہٕ غلطِین کُن توجُہ یُلہِ کِہ اگر تمن ییتھ منز کانہہ تہٕ صِفتہٕ رَژھاہ نظرِ گژھِ تتھی کُن گژھن وُچھنۍ۔ یہِ دُعا منگنہٕ پَتہٕ چھُ شاعر بناوِتھ اکس طوائفہِ ہُند ذِکر کران یَس ناو چھُ مالتی آسان۔ کہانی چھِ شوٚروٗ سپدان زِ تسِندِس درِوازس پیٹھ چھِ عاشِقن ہنز رٔج لگِتھ آسان مگر مَنہِ مُوافِق چھُنہٕ تس دھنہٕ حاصِل گژھان۔ لہٰذا

چھِ سو أکِس بُڈِ دَلالہِ نِش گژھان یَس وِکرالا ناو چھُ آسان۔ أمی ہِنٛدِس دروازس پیٹھ چھِ عیاش تہٕ دَھنأڈی لۄکن ہُنٛز رٔج دوہے آسان۔ اَتھ چھُ شأعر وِکرالایہِ ہُنٛد جِسمأنی بناوٹُک تہٕ پوشاکُک تیُتھ زِنٛدٕ جاوید اِظہار کران زِ پَرٕوُنے چھےٚ تِمسُنٛز پوٗرٕ تصویرٕ أچھن برٛونٛہہ کُن یِوان۔ أمِس مَنٛز چھِ دۄ اکٕے کیٛنٛہہ باقی روٗدمٕتۍ دَنٛد، بوٗن وُژھمٕژ ہوٗنٛگٕنۍ، باڑو دار مگر چپٹہٕ نَس، کھوڈن گُمٕژ أچھی، ٹھینچہٕ وُتھمٕتۍ تہٕ ہوٚکھمُت سینہٕ۔ بُجرِ کِنۍ چھےٚ پھیٚٹمٕتۍ ہنگ، سفید ژادرِ تہٕ دوتہٕ مَنٛز وُلِتھ کایایہِ ہُنٛز لۄر رَنٛگہِ رَنٛگہِ دِوہو تہٕ منکو سٟتۍ بوٗرُت گردنہِ ہُنٛد پَن، یہِ سورُے چھُ وِکرالایہِ ہُنٛز تصویرٕ پیش کران۔

مالتی ہُنٛز کتھ چھِ وِکرالا نانان تہٕ چھُس پرٛیمُک ژھل کٔرِتھ فوجی اَفسر ہِنٛدِس نیچِوس نِش دَھنہِ وٹنہٕ باپتھ صلاح دِوان تہٕ طریقہٕ سمجھاوان۔ سارِوٕے برٛونٛہہ چھِ سو تس سُنٛدرسیٚن ہنٛز جُدأیی منٛز پُٹن پان مارن واجنہِ گانہِ ہارلتایہِ ہنٛز کتھ بوزناوان تاکہِ تِمِس روزِ یہِ ذیہنٛشین زِ گانٛبن تہٕ پَرٕ بعازے پٹُن پرٛیم پرٕکھاونأوُن تاکہِ دۄیِم زانہِ نہٕ زِ یہِ سأرِے چھےٚ صِرف کِترٕ و عمارت۔ اَفسر ہِنٛدِس نیچِوس سٟتۍ کم کیٛنٛژھا نزدیکی سَپدنہٕ پتہٕ ماجہِ سٟتۍ اَپُرٕ ے لڑأے کٔرِتھ گژھِ سو ہاوِنۍ زِ سو چھِ تَس (عاشقہٕ) ہِنٛدِ خأطرِ سورُے کیٛنٛہہ ترٛاوُنَس تیار۔ اگر وونۍ اَفسر بچہِ توتہٕ اثرانداز گژھِ نہٕ تیٚلہِ گژھِ ژوٗرِ ہُنٛد یا نارِ بُزِ گژھنُک بہانہٕ کٔرِتھ تَسُنٛد سورُے دھَنہٕ مُہتھ نیُن۔ پَتہٕ ماجہِ ہُنٛدِ حُکمہِ موٗجوٗب بہانہٕ کٔرِتھ گژھِ سُہ سورُے گرِ نبرَ وأپراوُن۔ أتھی دوران چھےٚ سُکرالا تَس راجکمار سمرُبھٹٕنۍ کتھا وَنان یَس رٔتناوٗلی نانک کہِ اکِہِ جَھیچ کأم ہأوِتھ أس منجرٕی گأنۍ اَپُرٕ سے پرٛیمہِ

زالَس مَنٛز وولنہٕ آمٕژ۔ یمہٕ سارِے نصیحتہٕ بُوٗزِتھ تہٕ سمجِتھ کٔرِتھ چھےٚ مالتی واپس پٔنٕن گرٕ گژھان۔

أتھی لوکچہٕ کہأنی پیٹھ چھُ دامودھر گُپت طوأیفن ہنٛز زِندگی مُتلِق پوٗرٕ زانکأری شارن مَنٛز اَسہِ بڑوٗنہہ کنہٕ تھاوان۔ کوٹھہٕ رأنی (کُٹنی) تہٕ تِمٕی ہنٛدِس حفاظتس تل روزن واجنہٕ طوأیفہٕ۔ دٔلالہٕ ہنٛدِس گرس پیٹھ روزن والین عاشقن ہُنٛد جمگٹھ۔ عاشقن عیاشی ہنٛدی طور طریقہٕ۔ تِم خوش کرنٕکی رنگہٕ رنگہٕ طریقہٕ۔ مختلف عاشقن ہنٛدی مُختلِف طریقہٕ۔ طوأیفن ہُنٛد پانٕوٕنی وأرُت یِمن سارِنے کتھن ہُنٛد چھُ بڈٕ لوٗبٕونِس اندازس مَنٛز بیان آمُت کرنہٕ۔ سأرِے تصنیف چھےٚ دٔہہ شتھ تہٕ ارٕونٛزاہَن (1058) آریایَن مَنٛز لیکھتھ۔ دامودھر گُپت چھُ ''آریا'' صنفہٕ ہنٛدی ازتامکی کوڈٕنٕکی آچاریہِ مانہٕ یِوان۔ یہٕ رائے چھےٚ بَلدیو اُپادھیایہٕ سنٛز۔ شارن ہُنٛد طرزِ بیان چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ غلطین ہُنٛد شِکار گومُت۔ کُنہِ کُنہِ چھِ یکسان معانٕے وألی لفظ ورتأوِتھ (شِلیش) شارن ہنٛز زبان گوٚب گٔمٕژ تہٕ مُشکِل تہِ۔ شأعری مَنٛز چھِن لُکہِ دِپیٚتین ہُنٛد استعمال کٔرِتھ شارُن ہُنٛد حُسن وتلوومُت تہٕ معانس تقویت دِژٕمٕژ۔ مثلن أکِس عاشقس، یُس ویشایہِ دھنہٕ دِنہٕ بغأرِے ہَرتر چھُ تُلان تس چھےٚ سو طوأیف ونان ''گنٛڈٕ کٔھ، پیٚرٕلِشی تہِ چھُنہٕ دِوان۔ تتھ برعکس چھُ ٹٕڈ بیول تأنی کھوٗان۔'' گانہٕ وانہٕ مَنٛز نہٕ نیرن وألِس أکِس سوٗتیٚمتِس عاشقس چھےٚ ونان، ''یہِ نگٕڈ زَن گو تٕرِتھ بُزی''۔ دھنہٕ خأطرٕ زیادٕ بوٗکھ طوأیفہٕ مُتلِق چھُ وَنان: ''أس چھُس زَن تہٕ گجٕ''۔ سنسکرٕت زبأنی

ہِندی یِم محاورٕ تہٕ دِپٕتۍ چھِ اَز تہٕ ہندوستانٔۍ زبانن منٛز زِنٛدٕ تہٕ جاوید پأٹھۍ استعمال
کرنہٕ یِوان۔ یِتھۍ کٔنۍ ادبی لحاظہٕ تہٕ مضموٗنٕک زاوی جار وُچھِتھ چھُ یہِ وَنُن صحیح
باسان زِ کُٹنی مَت چھےٚ اکھ غأر موموٗلی تہٕ پُرکشش تصنیف۔



## (9) مُگدھو پدیش

جلہن سنٛز لیچھمٕژ یہِ تصنیف "مُگدھوپدیش" چھِ شأعرن نوجوان بُرائی
نِشہِ بچاونہٕ باپتھ ترتیب دِژمٕژ۔ یہِ لیکھنس منٛز چھُ تَس صرف یوٚہے مقصد پیش
پیش اوسمُت۔ شأعرن اوس سارسے ہندوستانس پھیرتھ تھوٚرتھ واریاہن راجیہ
سبھایَن ہُنٛد ہَرتر تلُمُت تہٕ یِمن چھان بین کرمٕژ۔ چھیکرس ووت سُہ پننہٕ نِس
آبأیی وطنس کشیٖر۔ تتہِ وُن اُمس پننہٕ نو واریاہو قریبی زانن والو پننہٕ دیشکۍ
نوجوان بدکارو نِشہِ دوٗر رٹنہٕ خأطرٕ کینٛژھا لیکھُن۔ شأعرس تہٕ آو ترس پننہٕ نٕہن
نوجوانن ہنٛز حالتھ وُچھِتھ۔ دِل کُملیوس تہٕ پٔنٛنۍ تعاثُرات بأوِن پننہٕ تصنیفہٕ منٛز تہٕ
کٔرِن یہِ عمارت کھڑا[1] گانہٕ وانن نِشہٕ جوانن بچاو کران چھُ شأعر ونان:
"یِمس (گانہٕ) ہُنٛد مول لڑاۓ چھےٚ، یِمہِ سنٛز ماجہِ ژھاٹھ ہوزٕ چھےٚ، یِمۍ سُنٛد
رُح اَپُز چھُ۔ پأنسہٕ کماوُن صرف یِمہِ سُنٛد مقصد چھُ، یِمۍ سُنٛد پرٛتھ کانٛہہ
شرپرُک بند بکری چھُ، یِمۍ سُنٛد بیا کھ سأتھۍ (شریرٕ روٗس) چھُ، ہَتہٕ بَدبو مُصیبتو

1. Drashtvaa deshamasheshamaajala nidheraaloky kautohalaad,
Aasthaaneeravaneebhrataam punarapyagatya desham nijam I
Kaarunyattarunam janam prati sataamabyarthanaabhisthaa,
Soayam samprati Jalhanena kavinaa mugdhopadeshah kritah II

Mushadopadesha by Jalhama, v.,6.

بُرِتھ یہِ گاٲنۍ چھےٚ بزاتہِ خود اکھ سنگین بیمٲری یَتھ نہٕ کانٛہہ تہِ علاج چھُ۔"[1]

بیٚیہِ أکِس شارس مَنٛز چھِ طوایفہِ ہٕنٛز مُشابہِتھ ژأنٛگی ریٚہہ سٟتۍ کران چھُ شاعِر ونان: "یہِ ژأنٛگی ریٚہہ أس سارٕے راتس دَزان۔ راتھ تہِ گیہِ أمۍ سُنٛد لول تہِ ژھوکھ تہِ ووٚنۍ ہیوٚت أمۍ تمُن گرُن تہٕ ووٚنۍ چھِ یہِ ژأنٛگِس تہِ کرٕہُن بناوان۔ راتس أس یہِ ژأنٛگی ریٚہہ چمکان تہٕ اتھ خوبصوٗرتی پیٹھ أسۍ عاشق نوجوان بۄمبرن ہٕنٛدی پأٹھۍ پان ماران۔"[2]

قسمہٕ قسمکۍ دوٚکھو نِشہٕ خبردار کران چھُ شاعر ونان۔ ویشا چھِ تِتھےٚ کٔنۍ پریم کران یا تِتھُے ہیٚوٗ پرٛیم کران یُتھ زن کانٛہہ بے وقوٗف غلط کرتوٗتو بغٲر آسِہٕ۔ باپٲری ژھلہِ بغٲر آسِہٕ، سرکٲری مُلازِم ایماندار آسِہٕ، غُلام آزاد آسِہٕ، اَن پڑھ ہیٚکہِ نہٕ پرہیزٕگار آسِتھ، ژوٗر آسہِ نہٕ لالچہِ بغٲر تہٕ کھوٗژمُت نفر ہیٚکہِ نہٕ آرامہِ سان روٗزِتھ۔ مُگھوپدیشس مَنٛز چھِ کُل شِہأٹھ مِصرِ یَمن مَنٛز ٹھٹھو ڈٕسی اَمہِ قسمچہِ فأیِدٕ مَنٛد نصیحتہٕ چھےٚ آمٕژ کرنہٕ۔



1. Drohoyasya pitaa klaah kila chatuhshashtisthaa maatarah,
   Praanaah sarvamaleekamarthaharnam naama pradhaanam vratam I
   Vikreyam nijamangamangamapi chaananga sahaayah svayum,
   Tasyanartha shataathmakasya ganikaa vyadheh kimasatyaushadham II
   Mugdhopadesha by Jilhana, v.,38.

2. Maalinyam prakati karoti nibidham nairgunyamaatanvate,
   Jeernasneha paramparaa vidadhate paatreapyaho dooshanam,
   Veshya deepshikheva bhaati rajnau roopa bhramaandhee krato,
   Yatraayam kurute patangapatnam haahaa bhujangam vajah II
   Ibid, v.,26.

# سُتتہِ کاؤ یہ : دُعایِیہ شأعری

سَتتہِ گَیہِ توتا، زارٕ پار ، دُعا، تعریف یا زارٕ پار سہ تہٕ تھَزِ آوازِ منٛز گیوٚتھ۔ اَتھ شأعری چھُ دِلس ستیٚ سٕبٹھاہ سۆن تعلُق تہٕ پٔتھ دُعا چھُ دِلہٕ پیٚٹھے شۆرُ سَپدان۔ لہٰذا چھےٚ دِلس، شأعری تہٕ دُعا یِمَن ترٛشوٚنی اِنسأنی فِطرتس منٛز مرکزی ژٔشی ییتھ حأصِل۔ دَپان یُس شعر دِلہٕ نیرِ سہ گُس شعر تہٕ یُس دُعا دِلہٕ پیٚٹھٕ ووتھِ سہ گُس دُعا۔ یوہَے وَجہہ چھُ شأعری ہِندِس اَدبَس منٛز چھُ سُتتیہِ کاؤبس یا نعتیہِ یا منقبتس اکھ خاص مُقام۔ ویدِک دورس منٛز آسی سأنی ریٚش پٔژن یہِ دِلُک ہُباو اندرس (یِٔندراز) وَرُنس (ہوٚیک دِوتا) سوِتا (سِری یَس) بڑوٚنہہ کنہِ دِلُک یہِ ہُباو کڈان تہٕ تِمنٛے دُعا منگان تہٕ سُتتہِ کران۔ تیِتھے گٔنی چھِ اَسہِ رامایَن، مہابھارت، پوران بیٚترِ ادبَس منٛز تہٕ واریا سُتتہِ تہٕ نظرِ گژھان۔ تہٕ یِتھٕ گٔنی چھِ سانیٚ سنسکرِت عألِمو تہٕ اَدب نوازو وقتہٕ وقتہٕ یہِ صِنف بڑوٚنہہ پکنأوِمٕژ۔ ییتھ پتہٕ بھَکھتہِ ساہِتیہ ناو پیوٚ۔ یِمو شأعرو چھِ واریاہَن دیِوٚین، دِوتاین بڑوٚنہہ کنہِ پٔنٕنی پستی، غریبی، لاعلٔمی، مجبوٗری تہٕ بیُن دِوتاہَن بڑوٚنہہ کنہِ تھوومُت تہٕ کُنہِ پہٕندِس ووٚسی دِلس، آسرس، بخشاوأری تہٕ عظمتس بیٚترِ پیٚٹھ حأران گژھِتھ پہٕندی تعأریف گرٕمتۍ۔ کُنہِ چھِ تِمو شِکایت تہٕ گرٕمٕژ۔ دِلس پیٚٹھ سٕبٹھاہ سۆن اثر ترٛاوَن وول دَیہِ سُنٛد لول، نرمی، تہٕ حلیمی ستیٚ بٔرِتھ دِلکی جذبات دَیایہِ تہٕ، رحم دِلی ہِندِ گنگہٕ وانہٕ شرٛان گرِتھ یِم سنسکرِت ستوترٕ چھِ

سنسکرٕت اَدبکی اموول خزانہٕ۔ ہندوستانکین باقی حصن ہندی پأٹھی اوس کٲشِرِ مَنٛز تہٕ زمانہٕ قدیم پیٹھ سُتتہِ شأیری ہُند سبٹھاہ چلن تکیاز شیو شاسترچہِ یتھ بُرأژ پیٹھ تیمی امکس پرتہٕ بھگیا درشنَس زٕنم دِیت، آسہٕن اَمہِ انداز یِتہٕ امہٕ بھکھتہٕ شأعری ہندی وارِیاہ تصنیفہٕ مۆجۆد۔ مگر وارِیاہ کینٛہہ ضایہٕ گژھتھ تہٕ چھےٚ شو تہٕ شکھتی ہنٛز بھکھتی ہندی بے جوڑ نمونہٕ بھکھتہٕ یا سُتتی شأعری مَنٛز مۆجۆد۔ سانٛین بُزرگن تہٕ گونوان بڑاہمنن آسی یم وارِیاہ ستوترٕ تہٕ بھجن راتھ تانٛی یاد صرِف آسکھ زبان سنسکرٕت مگر تۆ پتہٕ تہٕ آسی یم سانہِ لسنہٕ بسنہٕ تہٕ دوہہ دِشکی اژھٕن انگ۔ یمن مَنٛز چھِ اُتپل دیوٕنی شِوٕ ستوٗتراولی، ابھِنوگیُپت سُند ایشور ستوٗتر یا بھیرو ستوٗتر، کلہن سُند اَردناری شِوٕ ستوٗتر، لوشٹک سُند دینا کرندن ستوٗتر، جگدر بھٹنٛز سُتتہِ کُسمانجلی۔ آنندوردھن سُند دیوی شتک تہٕ اوتار سُند ایشور شتک قأبلہِ ذِکر۔ سروگیہِ مِتر سُند لۆکھمت سرگدھرا ستوٗترٕ یا آریہٕ تارا ستوترٕ یوسہٕ بھود دیوی تارایہٕ ہنٛز سُتتی چھےٚ، چھِ ادبی تہٕ مذہبی لحاظہٕ سبٹھاہ موٗلی تصنیف۔



## (1) سُتتہِ کُسمانجلی

شیو ستوترن مَنٛز چھِ جگدھر بھٹ سنٛزٕ سُتتی کُسمانجلی اکھ خاص تہٕ أہم جاے۔ سُلطانن ہندِس دورِ حکومتس شاید سِکندر ہنٛدِس وقتس (1413-1389ء) مَنٛز لیکھنہٕ آمٕژ یہِ سُتتہِ چھےٚ مختلف اَوستھاین (حالتن) منٛز دُعا گو ہنٛدی مختلف وقتن پیٹھ دِلچسپ کأفیژن ہُند سبٹھاہ سۆن مُطالہٕ۔ یُس پَرن وألی ہنٛدِس منس مَنٛز بھکھتی تہٕ یژھٕ پژھ چھُ ووتلاوان۔ شأیرن چھُ تِتھس انداز مَنٛز پننِس شِوس

نِش آہوزاَری گرِھ زِ پرن واَلی سُند دِل چھُ شِو مے بنان۔ تصنیفہِ منز چھِ اِرترِہ ستوترِ یم اکھ ساس ژور ہتھ تہٕ پنٛدٕہن شلوٗکن منز چھِ بیان کرنہٕ آمٕتی۔

تصنیفہِ ہِندِس آغازس منز چھِ شاعرن پانٛژھ پدٕ لیکھیمٕتی یمن منز سرسوٚتی ہِندی تعاریف چھِ کرنہٕ آمٕتی۔ ونان چھُس، مے دِتہ ترٛٹھ زبان تہٕ سوچ یتھ زَن بہٕ سدا شِو ہیکہِ ہَن خوش کرِتھ۔ ونان چھُ: ''یتھہِ کنٛز سبٹھاہ خوشیوٗن وِہار کرن واجینٛز، دوٚشہِ روٗس، رحم دِلی تہٕ دِل بہلاَیی ہِندیو روشن گونو، پاک چال چلن واجینٛز، خوٗبصوٗرت زیورَو ستی آراستہٕ تہٕ مایہِ برٛرٕژ ماشوق پنٛنِس عاشقہِ سُند دِل پانس کُن مُطوجہہ چھِ کران، وَیدربھی انداز تہٕ وسنت تِلکا وغارٕ لوٗیونو چھندو ستی آراستہٕ، تشبیہ بیٚترِ النکارو ستی سجاَوِتھ، پنٛنِس کاَچھمِتِس دَیِس پژاونہٕ باپتھ سپدِ تَن تیتھے پاَٹھی یہِ میوٗن پُر زوٗر دُعا تہٕ قوبوٗل۔[1] دُمعنے لفظ وَرتاَوِتھ (شِلیش) چھُ یتھ شوٚلوٗکس منز خیالاتن ہُند ثھزر تہٕ ہونرمندی ہُند اِستعمال کرِتھ تہٕ تال میل پاَدٕ کرِتھ چھےٚ شعرِچ رواَنی تہٕ معانے تِچ طرحداَری پاَدٕ کرنس منز شاعر کامیاب گومُت۔ سارِنے جَڈ تہٕ چیتن (زُو ژاَژن) منز پنُن پان گاشِراَوِتھ چھُ شِوِ سندِ آسنُک ذِکر کرنہٕ آمُت۔ یہِ تہٕ چھُ واضح کرنہٕ آمُت زِ سُہ چھُ آوازِ، چھُہہ، شکلِ، مزِ، مُشکہِ، وغارٕ موادو نِشہِ مُچھِ، الگ، اَچھوٗت تہٕ پاک یُس فریبی خیالہِ موٗجوٗب چھُ باسان زنتہٕ رِپھ بدلاون روزان۔

دوٚیم چھُ نمسکارٕ توٗترٕ۔ اتھ منز چھُ شاعرن بیوٗن بیوٗن صِفت مدِ نظر تھاَوِتھ شِو سندِ بن گوٗنن ہُند بجر بوومُت تہٕ نمسکار کوٚرمُت تیٚندِس تتھ اوٗ حدس۔

1. Ramyareetiranaghaa gunojjvalaa chaaruvrataruchiraa rasaanvita I
Ranjayantviyamalamkrataa manah swaaminah pranayinee Sarasvati II
Sutati Kusmaanjili, Jagdhar Bhat, p.,1, v.,3.

سُہ چھُ مانان زِ شِو چھُ سمسارٕکہِ زالہِ منٛز موکلاوَن وول، لاعلمی ہنٛزِ حماقژ ستی وٕلیمتین غریب تہٕ کمزور زۄ زآژن پیٹھ رَنگہِ رَنگہِ دَیا کرن وول تہٕ یَمرازَس کھوٚژیمتین اِنسانن اَبے دان دِنہٕ وول۔ سُہ چھُ کُلِ عالٕچ ذُری یاتھ وۄپداوان، پالان پیتراوان تہٕ پتہٕ سمہار یا خاتمہٕ کران۔ برٛہما (پیٚدٕ کرن وول) ویٚشن (پیترن وول وِشنو) تہٕ رۄدرٕ (شِو۔ ناش کرن وول) رٕپھ یا شکٕل پرٛاوِتھ۔

ترٛیمس آشیر وادس منٛز چھُ ابدی سۄکھُک آخری مُقام، گیان (عِلم) تہٕ کرٛیا (فعل) شکھتہِ (طاقت) پرٛاوِتھ رتھن تہٕ کرتھن کرمن ہُنٛد جان تہٕ ناکارٕ پھَل شنکرجی سِنٛدِ رحمتہٕ پرٛاوٕنچ خاہش ظاہر کران۔ شِو سنٛز بھکتہِ موٚکھی پرٛاونہٕ کھوتہٕ تہٕ سرس مانتھ چھُ شاعر شِو سنٛز بھکتہِ پرٛاوٕنی یژھان۔ ژۄریمس منگلاشٹک ستوترس منٛز چھِ اَٹھ پد یمن منٛز شِو تہٕ وشنو سِنٛدی یکوٹہٕ رٕپھ "ہرِ ہرٕ" سنٛز سُتتی چھِ آمژ کرنہٕ۔

پاٗنژیمس سرگس "گوکاویہِ پرٛشمسا ستوترس" منٛز چھُ بھگوانَن تمن شاعرن ہِنٛدی تعاریف کریمتی یِہنٛز زباٗنی بھگوان شنکر سنٛز سُتتی چھےٚ آمژ کرنہٕ۔ شاعر چھُ ونان زِ رازن ہِنٛدی تعاریف واجیٚنی شاعری چھَنہٕ تیژ اہم ییژ زَن سو شاعری چھےٚ یتھ منٛز دُعا آسہِ۔

شیٚیمس ہرٕ "اشٹک ستوترٕ" کمن اَٹھن پدن منٛز چھُ شاعرن ہر سنٛز غار فِطرتی صوٗرتھ بیان کران تمِس مِہربانی ہُنٛد سۄدُر، ترٛپُرٕ راکھسس مارن وول تہٕ دِیایہِ ہُنٛد آگُر مانان۔ دھَن دوٗلتھ پُستی تہٕ بھکتی ہُنٛد بجر پرٛکھاونہٕ

آمُت۔ وَنان چھُ زِ شِو ہنز بھکھتی چھِ شاعِر سُند طرزِ بیان سہٕل تہٕ عام فہم بناوان بھکھتہِ چھےٚ نجاتہٕ کھوتہٕ تہِ سَرس مانٕنہٕ آمٕژ۔[1]

اُٹھِمس ''شرناشٹرِیہ'' ستوٗترس منٛز چھُ شِوس شرن آئتھن ہُند ٹوٹھ، وننہٕ آمُت۔ راز شویت، لوکُٹ شُر اُپمنیو، ارجُن، نندیشور یمن سارِنے ہندی کشٹ سپدی دوٗر تِتھُے یم شِوس شرن آیہٕ تہٕ پزووکھ دوٗکھو نِشہِ نجات۔

نوٚمس ''کرُنا کرندھن'' ستوترس منٛز چھُ شاعرن پننی حقیری ظاہر کرمٕژ تہٕ ژہمس ستوٗترس منٛز تہِ چھُ سُہ پننِس خاص دِوتاہَس بزونہہ کنہِ پننی آہوٗزاری جاری تھَوان۔ پننہِ پانہٕ نِشہِ بےٚ خبر سپدِتھ چھُ شاعِر پننِس اشٹ دیوس وَنان:

''اے وجوٗدِ کُل! دُنیاہکِس یتھ اَتھاہ سیکہِ سہٕراوس منٛز پھیری پھیری سبٹھاہ ناوومید سپدِتھ تہٕ خواہشاتہٕ ہندِ تیز تاپہٕ ژنجہٕ سٟتی تریشہِ ہتس میانِس دِلس چھُ چانِین پادَن ہُند ژرنامرت زَن آبِ حیات بنِتھ تسکین بخشان۔ اے سارِنے دوٗکھن گالن والہِ! دُنیاوی واسنایہِ چھےٚ سرفن ہندی پاٹھی مےٚ نال وٚلِتھ یتھ دُنیاوی مہاسودرس منٛز مزید پستی کُن لمان تہٕ لالچہٕ ہنٛزِ بجہٕ کنہٕ سٟتی مارنہٕ آمٕتس میہٕ بےٚکس خورن تل آمِتس کرتہٕ یموٚ غموٚ نِشہِ رِہائی۔''[2]

---

1. Bhava marubhramakhedakadarthitam suvishmaistrashitam vishayomabhih I
   Madayate hradayam mama nirbharam bhava bhavat charnasmranaamratam II
   Vishayapannagapaashavasheekritam, bhavamahaarnava magnamaneeshvaram I
   Bahala mohamahopala peeditam Hara samuddhara maam sharnaagatam II
   Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,10, vv.,58-59
2. Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,11, vv.,8-9.

کہمس ''دِپنا کرندھن'' ستوترس منز چھِ شاعر سٕنز پریشانی تہٕ یہِ فِکرِ آخری حدس تام واتان۔ شاعر چھُ آہوزآری کران زِ پاپکہِ نارِ دۄ دمُت، کُنہِ عقلہِ تہٕ سونچہِ نشہِ لاچار کھوژنہٕ کنِہ پریشان اِنسانہٕ ہنٛدِ موکھ منز چھنہٕ آواز تہٕ نیرِتھ ہیکان۔ ووٚنی یتھ تتھ گرمژ یہِ آہوزآری تہٕ زارِ پار، بوزتہٕ ہی سداشِو۔[1] پننہِ بے چینی ہُنٛد وجہہ بیان کران چھُ شاعر ونان ''یوٚتانٛز نہٕ پنُن مُصیبت پننس کانٛسہِ خاص ہمدردس وَنو سہ چھُ توٚ تام کُنٛڈِ کی پٲٹھی دَگ تُلان۔ اگر کانٛسہِ ناکارِ اِنسانس بڑ وٚنہہ کُنہِ پنٛنز دآدی کانگرِ وِنہِ کانٛہہ تتہٕ چھُ وَنن وآلی سُنٛد وِننے راوان۔ لہٰذا ہی ناتھ (مالِکہِ)! میٛ کوٚرژے ہِوس سوٗرے زانٛن وآلس، دیایہِ ہنٛدِس سوٚدرس، قادِرِ مُطلقس (سروٕ شکھتی مان) بڑ وٚنہہ کُنہِ یِم پنٛنز دوکھ بیان۔ یِیمہِ بڑ وٚنہہ زانکھ ژٕ پانے۔[2]

بہمس ''تپاہ شمنم'' ستوترس منز چھُ شاعرن کشیرِ ہنٛدِ شیو درشنکی پٲٹھی سداشِوے توٚتاہ یا دُعا کرن وول مونمُت، یَس سہ دُعا کرِ یعنی پرمیشور تہٕ سے یَس سہ پرٛارتھنا (دُعا) کرِ تہٕ کرن وول تہٕ سے مونمُت۔ یُس لاعلمی کنِہ الگ الگ چھُ بوزنہٕ یِوان۔[3] یعنی بنٛدٕ (بوزناون وول)، خودا (بوزن وول) تہٕ دُعا (توٚتاہ)، اَتھ چھِ شیومتس منز سداشِو تنتر وَنان۔ یِیتہِ سہ سوٗرے پانے چھُ۔ کھینہٕ وول تہٕ سُے، کھیاون وول تہٕ یہِ کھیٚمو۔ ترٛنوے چھُ سہ پانے۔

1. Sutati Kusmanjoli by Jagdhar Bhat, s.,11, v.,139.
2. Stutyah tvameva stuti krithvameva stuti tvameva, tvadrte asti naanyat I
Iyam tva vidhya yadaham stuve tvam stutyeti mithya prathagartha Buddih II
Ibid, s.,12, v.,2.
3. Ibid, s.,13, v.,32.

تُر ؤاَہمس ''پربھوٗ پڑاسادن'' سُتتہِ منٛز چھُ شاعر دُنیاوی کارنامو نِشہِ الگ گرٛہِتھ پننِس خودایس خوش کرنچ خاہش گران تکیاز دیہ سِنٛز مہربانی یوٗت ہیکہِ موتہٕ کہِ خوفہٕ نِشہِ بچاو کٔرتھ۔ یس شِو بھکتس کامیأبی سٟتؠ ڈیکہِ آسہِ پھولان تسٕنزِ شیٚبہِ ہنٛز برابری ہیکہِ نہٕ نہٕ زٕندرمہِ کٔرتھ تہٕ نہٕ کامدیو۔ تمٕی سٕنزِ عقلہِ ہنٛز برابری ہیکہِ نہٕ شاعر نہٕ دوتاہَن ہُند گور برہسپت (مشتری) کٔرتھ۔ آفتابہٕ تہٕ اگنہِ دیو (نار) تہٕ ہیکہِ نہٕ تمٕی سٕندِس جلالس تہٕ شُجاعتس مُقابلہٕ کٔرتھ۔[1]

ژودأہمس ستوترس چھُ ناو شاعرن ''ہیٹو'' (جانبر) ستوتر تھوومُت۔ تمٕی سُند مانُن چھُ ہی زِ سدا شِوٕے یوت ہیکہِ بٔندس پیٹھ یہِ عنایت کٔرتھ زِ تیٚسٕندِ علی چ وبٕڑ ھے کرِ سہٕ دوٗر۔[2]

پنٛدأہم ''کرُن آرادھن'' ستوترس منٛز چھُ شِو سُند رحم دِل آسنُک اِظہار کرنہٕ آمُت زِ نہٕ روزِوٕنی دھَنہٕ دھیار چھِ اِنسانس خراب وتہٕ کُن نوان۔[3] ییٚلہِ زَن یَس پانٕس پیٹھ پوٗر قوبوٗ آسہِ سُہ شخص چھُ زنمہٕ تہٕ مرنہٕ، بُجر تہٕ بیمأری وغأرِ دوکھو نِشہِ موٕکجار لبان۔[4] اردأہمس ''سِد ھِ'' (مجأزی یَتھ)۔ ستوترس منٛز چھُ اَمی کتھِ ہُند تأکید کرنہٕ آمُت زِ یتھ دُنیاہَس منٛز لعل تہٕ جواہر بیٚترِ تہٕ زمرُد وغأرِ منکہٕ حاصِل کرٕنی چھِ فضوٗل تکیاز تمو سٟتؠ چھُنہٕ کانہہ تہِ فأیِد۔ دِوہَو سٟتؠ چھُنہٕ کانہہ لابھ۔ مزدار کھبن چبن کرُن چھُ بےسوٗد، پاپو سٟتؠ وتلیومُت تہٕ ہیکہِ نہٕ اَمرِتھ تہِ ہمرأوِتھ۔ لہٰذا پَزِ شنکر سٕنزِ خدمژ منٛز روزُن۔

1. Sutati Kusmanjoli by Jagdhar Bhat, s.,.13, v.,14.
2. Ibid, s.,16, v.,20.
3. Ibid, s.,16, v.,22.
4. Ibid, s.,18, v.,22.

ستوترٕ کس آخرس پێٹھ چھُ شاعر یہِ راز نۆن کڈان زِ شوٗس بٔرۄٚنہہ کنہِ چھِہ تمِ سبٹھاہ آہوٗز آری کٔرِتھ سبٹھاہ کیٛنہہ حاصل کۆرمُت تہٕ ساریٚے کامیابی پرٛاوِتھ موٚچھِہ مَنٛز کٔرمٕژ۔[1] گنوٚہمس ''بھگود ورنن'' ستوترس مَنٛز چھُ شِوٕ سُنٛد نِراکار (شیٚبہہ بغاَر) تہٕ ساکار (معہ شیٚبہہ) حالتن ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ تہٕ وٕہمس ''ہَسِتہٕ ورنن'' ستوترس مَنٛز چھُ شنکر پنٛدِ اَسوٕنِن کھیلن مَثلن سمنٛدر منتھن (سوٗدُر منٛدنہٕ وِزِ)، تانڈو نرتیہ (اکھ خاص قسمُک مَردن ہُنٛد نژٕن)، گجانن نرِٛتہِ (ۂسی نژٕن) کاژتکیٛہ نریٚتہِ (اکھ خاص فوجی ڈانس) وغاٰرُک ذِکر آمُت کرنہٕ۔ اُتھی دوران چھُ بھکی رَتھ، اُپمنیو، شوٗیتہ کیٛو تہٕ راونہٕ ہنٛزٕ بھکتی ہُنٛد تہٕ ذِکر آمُت کرنہٕ۔[2]

اکہِ وٕہمس ''اَرٕدٕناریشوٗر'' ستوترس مَنٛز چھُ شوٗ سُنٛد اَرٕدٕناریشوٗر (شوٕ سُنٛد اکھ خاص رٔپھ یتھ مَنٛز سُہ نصف زنانہٕ تہٕ نصف مرٕد چھُ آمُت ہاونہٕ یا بیان کرنہٕ)۔ رٔپُک تزکرٕ کرنہٕ آمُت یتھ مَنٛز مرٕد سُنٛد ٹھوس بَدن تہٕ زنانہٕ ہُنٛد کومل دِہہ چھُ یکہِ وَٹہٕ ہاونہٕ آمُت یا بیان کرنہٕ آمُت یتھ کُنی چھُ یہِ دون، اکھ أکِس خلاف، چیٖزن ہُنٛد مێل یتھ زَن ''تزادٕ مَنٛز ساد'' چھِہ ونان۔

زٕتُووُہمہِ پێٹھٕ تریٚہمس ستوترس تام چھُ شاعرن تصویر کشی ہنٛز شاعری دٔسی سُتتی کٔرمٕژ تہٕ پننہٕ شاعر آسنُک سِکہٕ بیٚہنوومُت۔ زٕتُووُہمہِ ستوترٕکی ساری پد چھِہ ک ''اپچھرٕ ستی شوٗرٕ گرٛہان۔ اتھ مَنٛز چھُ صرِف صنعت (انُپراس النکار)

1. Kimanyat akhılam jitam karatale kritaah siddayah I

Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,18, v.,25.

2. Ibid, s.,20, vv.,3-5.

نظرِ گژھان۔ ترٛوٚ وٕہمس ستوترس منٛز چھِ اکہِ پتہٕ اکھ واریاہ النکار ورتاونہٕ آمتی تہٕ باقی سٔتن ستوترن منٛز چھُ یمک النکار (حرفی مُطابقت) واریاہ قسمہٕ آمٕژ ورتاونہٕ۔ مگر موزون لفظن ہنٛز ژارکرنہٕ باپتھ چھُنہٕ معانے تلف کرنہٕ آمُت تہٕ نہٕ چھُ شاعرانہٕ خیالس ژھوٚکھ لوٚگمُت۔ وُچھتو یتھ پدس منٛز کاژاہ پُستی ہُنٛد اعلان چھُ سُہ کران۔ صُبح پھولنہٕ پتہٕ مَلَے پہاڑکی ہوٚہَن کوٚر پمپوشہٕ ڈل موعطر یتھ منٛز وونی ژٔندرمہٕ چھُ پوشن ستی آبَس منٛز مُتبرک، میٚہ ووت یہِ سوٗرے دوٗہہ چانٛس وَصلس منٛز ہی بھگوانہٕ! پزاران مگر سو وِزِ آیہِ نہٕ وُنہٕ تہٕ کینٛہہ۔[1]

اکثرٕ ہمس ''نتوٚ پدیش'' ستوترس منٛز چھُ شاعِر شِو بھکتن عرض کران تہٕ نصیحت کران ونان زِ تِم روزن زہر چنہٕ وأٹِلس، ترِپُزراکھس مارن وأٹِلس، یَس نہٕ کانٛہہ تہٕ آسرٕ دِیہِ تِمن شرن دِنہٕ وأٹِلس، سبٹھاہ کومل تہٕ مُلأیم دِلہٕ وأٹِلس، گرِجایہِ ہنٛدِس سأمیٚس، توتاہ گران، آرادھنا تہٕ آہوزأری گران۔ دوٚیہِ ترٕہس شرٛ ناگتو دھرِن ستوترس منٛز چھُ شاعر بھگوانس کُن عرض کران زِ سُہ گرِ تن تَس اَناتھس بامبرٕ یمِتس بھکتِس صحٔی سلامتی ہُنٛد وَژدھان۔ ترٛیہِ ترٕہمس ''کرن پوٗرٕ'' ستوترس منٛز چھُ شاعرس یٚیمہِ کتھِ ہُنٛد فخر کران زِ سرسوٚتی چھُ تسنٛد اُس پٔنہِ باپتھ گندنٕک مأدان بنوومُت تمی چھُ تسنٛز زبان دوہ پتہٕ دوہ صاف تہٕ شفاپ اٗچھرو بٔرژ، شوٗبدار تہٕ خوش یونٛن پدن منٛز بزوٚنہہ کُن یوان۔ شِو ہنٛدبن سٔگن (شرٕپر سان) تہٕ نرِگن (شرٕپر بغأر) رٕپن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ پتہٕ چھُ شاعر آخرس

1. Marutaayateva Malayachalatah kshapitaa dhratih Kamala yachalatah I
Tat imaam prasaadanaparaam karunaam shruname giram kuru paraam karunaam II
Statuti Kusmanjili by Jagdhar Bhat, s.,25, v.,8.

پیٹھ عرض کران زِ تیٚنٛز مٔدرٕ تہٕ رَسدار گونو بٔرٕژ تیٚنٛدی شوٗ کھِت بٔژتن بھگوان شنکر ہیٚنٛدی کنہٕ دۄرِ یعنی سُہ رۄزِ تَن یم ستوترٕ ہمیشہِ بوزان۔

ژوٗیہ ترٕہِمس اگرٕیہِ وَرنؔ ستوترس مَنٛز چھُ شِوٕ سُنٛد بجر باوان شأعر ونان، سُے شِوٕ چھُ برٕہما سُنٛد رٕپھ پرٕ اوتھ یِیمہِ سمسارٕچ ذٔرِ یات پأدٕ کران۔ ویشنو ہنٛز شکل پرٕ اوتھ چھُ سُہ یَتھ کاینأتس پالان پیٚتران تہٕ رۄدرٕ آستھ چھُ سُے یَتھ خأتمہٕ تہِ کران۔[1]

پانژترٕہِمس ''ایشور پرٕشمسا'' ستوترس مَنٛز چھُ بھگوان، عالم تہٕ اتھ پیٹھ موجوٗد زُو زأژن ہُنٛد خدخال بیان کران۔ شأعر چھُ شِوٕ ہیٚنٛدی اَٹھ خأرِجی صوٗرژن پرٕتھوی (زمین) جَل (آب) أگنِ (آتش) پَون (باد) آکاش (آسمان) سوٗریہِ (آفتاب)، چنٛدر (زوٗن) تہٕ یَجمان (میزبان) نن ہُنٛد ذِکر کران۔[2] شیٚیترٕ ہِمس تہٕ سترٕہِمس ستوترن مَنٛز چھُ امہِ دُعا باپتھ تعأریف تہٕ رُت پھَل دِنُک ذِکر کرنہٕ آمُت ''یہِ شِوٕ سُتتی چھےٚ سبٹھاہ کھُلہٕ (وۄسی) مأدان، شوٗد زِیارت تہٕ شوٗژ رِیاض کرنُک تھوٗد مُقام تیٚوٗ وَن۔ یِیٚتہِ یُس تہِ یہِ کلام بوزِتَس میلہِ نجات۔[3] آخری ارترٕہِمس پُشیہِ پرٕنام ستوترس مَنٛز چھُ شِوٕ سُنٛد وِراٹھ سوٗرُوٗپ یَتھ مَنٛز سُہ روشن مُنار چھُ بنان، وَکھناونہٕ آمُت۔ کیٚنٛہن مِصرن مَنٛز چھُ شأعر یہِ چاہت کران زِ یہِ مِیوٗن کاویہِ بٔژتن یِنہٕ والِہن شأعرن ہِنٛدِ باپتھ معشلِ راہ، خودا وٕنٛدی اِنکار کرن والِہن سَپدِ تن خأتمہٕ تہٕ تِمن یِیہِ تَن

1. Satuti Kusmanjali, by Jagdhar Bhat, s.,34, v.,12.
2. Ibid, s.,35, vv.,8-9.
3. Ibid, s.,37, vv.,8-9.

عقلہٕ سلیم تہٕ تَمن ہُر ؤتن عٔلم تہٕ تم تہٕ کرِٕتن یہِ دُنیاہ سۆکھی بناونچ کوٗشِش تہٕ سپدِٕتن تم تہٕ چانہٕ بھکھتی مَنٛز شاٲمِل۔[1]

تصنیفہٕ ہِنٛدِس آخرس پیٹھ چھہِ شاعرن پننِس خانٛدانس مُتلِق زانکٲری فراہم کرٕمٕژ۔ شاعر سُنٛد بُڈِ بَب گوٗردھر بھٹ تہٕ چھہِ سارِنٕے شاسترن ہِنٛدی وِدوان تہٕ ماہرِ اٲسی مٕتی۔ تمو اوس یجُر ویدس پیٹھ ''وید وِلاس'' ناوٕچ تشریح لیچھمٕژ۔ شاعر سُنٛد مول رتن دھر اوس جان مونمُت شاعِر تیٚمی ہِنٛز توتایہٕ لوٗکن اُسہٕ حاران کران۔ پانس مُتلِق چھہِ لیکھان بڈٕ فخرٕ سان زِ تَمی چھُ وارِیاہَن مذہبی بحثن مَنٛز وارِیاہ بولن واٲلی ژھوپہٕ کرِناوِمٕتی۔ لوکچارٕ پیٹھے چھکھ شِو ہِنٛدِس دھیانَس مَنٛز مگن روٗزِتھ سُتتی تہٕ بجن لیکھِمٕتی۔ پننِن سُتتِن ہُنٛد بجر بیان کران چھہِ تم لیکھان: ''اے گونماتو ووٗنی مہٕ برٕ و لول تُہی لال جڑِتھ کنہٕ والِن خوبصوٗرت تہٕ دِل کش موختہٕ ہارن ہنٛزٕ چاہت مہٕ کرو ووٗنی۔ مزدار پان (تومبوٗل) کھیوٗن تہٕ کرِو بند ووٗنی تِکیازِ میاٲنی لیچھمٕژ شری شِو جی ہِنٛز ستوتراوٕلی ہنٛزٕ ییمہٕ توتایہٕ کرن ہُرٕ بر تُہنٛدِ بن کنَن ہنٛزٕ شوٗبہٕ تہٕ پمپوشہٕ بُتھ چہٕ خوبصوٗرتی۔[2]

جگدھر ہٕنٛز یہِ تصنیف چھےٚ خاص کرِتھ بھکھتہٕ رسہٕ کہِ سۆدرٕ مَنٛز گوتہٕ کرِتھ۔ توٚ پتہٕ تہٕ چھُ اَتھ مَنٛز کٔشیر شیو درشنُک وارِیاہ کینٛہہ وِژھناونہٕ آمُت۔ سدا شِو ہِنٛز کرِٛیا شکھتی (کٲم کرنٕچ صلاحیت) تہٕ گیان شکھتی (عِلمُک بجر) اَتھ

1. Bhuvi bhuvi kavikalpah svolpataametu jetum,
Dhuri dhuri duritaugham varddhataam shuddhabodhah I
Pathi pathi mathitogra vyapadaapannataapaa,
Nari nari paripoornaa jambhu bhaktih bhataam II
Sutati Kusmangali by Jagdhar Bhat, s.,38, v.,29.

2. Ibdi, s.,39. v.,13.

مَنز چھُنہٕ تریٖیمہِ گرداٹک (کُنۍ کریا کمہ مطلبہٕ کرٕن) یعنی ییٖیہ کُنہٕ مدتُک ضرٗورتھ نہٕ آسن صاف نظرِ گژھان۔[1] یہِ سوٗرے دُنیاہ چھِ تِمۍ ہنٛز کھیل۔ اِنسانی روٗح چھُنہٕ شوٗس نِشہِ بیٛون۔ مگر مایایہِ ہنٛدِ (دوکھ) کِنۍ چھُ اِنسان پننۍ وُسی حالت مُشراوان۔[2] ییٚلہِ سُہ دِماغی انتشار ستۍ سبٹھاہ دُکھی چھُ سپدان مَن، آواز تہٕ کرٕمہِ ذٔرۍ چھُ سُہ شِوٕ سنٛز آہوٗ زاری کران۔ یُس پتہٕ پانٛنۍ پانس شِو سنٛدِ آسنٛک باس محسوٗس چھُ کران۔ شِو سنٛدِس دھیانَس مَنز چھُ زیو مگن گژھتھ أکِس یِڈس تہٕ اژھبن گاشہِ بوٗرُت سپدتھ، نبرمو دولابو نِشہِ دوٗر گژھتھ فضیلتُک مقام پژٲوِتھ اَبدی سوٗکوٗنچ وَتھ پژنہٕ ناوَس قٲبل بنان۔[3] تسنٛدی تژٕ نوے مل یا دوٗش[4] چھِ تس ختم گژھان تہٕ تس چھُ موکجار میلان۔[5]

سُتتہِ کُسمانجلہِ لیکھنَس مَنز یوسہٕ ہونرمنٛدی زبانۍ ہنٛدِس ورتاوَس مَنز استعمال چھہٕ کرنہٕ آمٕژ، چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ رَنگہٕ خیالاتو نِشہِ ژھنہٕ۔ دونوے چھِ برابر برابر۔ تتھ زمانَس مَنز اوس پنڈت تہٕ برہمن سماجس خلاف لیکھُن کوتایہِ ہنٛز رٔوِش مانہٕ یِوان۔ مگر جدگدھر بٹن چھِ آم اِنسانَن ستۍ ستۍ پنڈِتن مُتلِق تہٕ یہِ ستوترٕ لیٚوکھمُت۔ حرفی مُطابقت (یمک النکار) تہٕ یکساں حرف ورتاونہٕ ستۍ چھُ واریاہَن ستوترن شوٗب ہُرِمُژ۔ گوڈنکیے ستوترس مَنز چھِ شاعرن شِوناتھس مورس ستۍ مُشابہتھ دِژمٕژ تکلیازِ دونوٕنی چھے گردن نیٚچ، یہِ آسنۍ تہٕ چھُنہٕ کانہہ عام کتھاہ۔

---

1. Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,3, v.,5.
2. Ibid, s.,9, v.,57.
3. Ibid, s.,34, v.,7.
4. یم چھِ یِوان تژٕ دوٗش یا مَل مانہٕ زِہمکی، زنمہٕ بُژہم تہٕ زنہٕ دوٗش۔
5. Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,24, v.,27.

خوبصوٗرت ژٗندرمچو کلایو (جھو) ستی چمکوٗن۔ واسُکی وغأرِ سرفن ستی
دوستی تھاون وأٔلِس تہٕ بُتھی تزٕ کرِس کالس (یمرازس) ستی دُشمنی تھاوَن وأٔلِس
سیٹھے عجیب نیلہِ کنٹھس (شِوَس) چھُس بہٕ توتاہ کران۔ دُنیاوی نیل کنٹھ
(مور) چارُچندرگ (خوبصورت پنکھ) نیرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ سوٗندر لگان، سرپَن ستی
چھُنہٕ دوستی کران۔ کالہِ اوٗبرس (مہا کالس) ستی چھُ دُشمنی کران۔ اس لئے
أمِس دُنیاوی نیل کنٹھس (مور) نِشہِ چھُ یہِ سدا شِو نیل کنٹھ بِلکُل الگ۔[1]



## (2) اپشور شتک

سجاوٹی تہٕ النکأری زبأنی منز لیٖوکھمُت اپشور شتک چھُ اوتار سُند سُتتہِ
کاویہ۔ اوتار اوس سُتتہِ کُسمانجلہِ ہنز ٹیکا لیکھن وأٔلِس راجانک رتنہٕ کنٹھن
سُند بُڑی بَب۔ رتنہٕ کنٹھن لیچھ کُسمانجلہِ پٹھ ٹیکا 1681ہٕ یَس منز۔ لہٰذا ہیکوٗن
أسی اوتار سدأہمہِ صدی ہِندِس آغازس منز زامُت مأنتھ۔ شاید چھُ تَس آنند
وردھن سُند دیوی شتک نظر گومُت لہٰذا چھُن تتھی طرزس پٹھ تصویر کشی ستی
بھرپوٗر یہِ تصنیف لیچھمٕژ۔ تکیاز دیوی شتکی پأٹھی چھِ اَمکی شار تہٕ النکارو ستی
سبٹھاہ گوٗبِ۔ حرفی مُطابقت تہٕ یکسان لفظن ہُند استعمال تہِ چھُ اتھ منز کرنہٕ
آمُت اَتھ تصنیف منز چھِ پَدمہِ بَنٛد (پمپوش بَنٛدھ)، ڈُمرُو (ڈابرٕ بَنٛدھ)، دَل
(ؤتھر بَنٛدھ)، چکرٕ (ژٕکھرٕ بَنٛدھ)، توٗرنہٕ (ترکش بَنٛدھ) بیٚترِ وارِیاہن بَنٛدھن

1. Chaaruchandra kalayopashobhitam bhogibih saha graheeta sauhradam I
Abhyupeta ghanakaalashaatrabam Neelakantham iti kautukam stumah II
Sutati Kusmanjali by Jagdhar Bhat, s.,1, v.,14.

ہُنٛد اِستعمال کَرنہٕ آمُت۔ شاعر ہیٚنٛز ایشورس پٮ۪ٹھ لول تہٕ ماے چھےٚ یِمنٛے النکارن چھیٚپہٕ لُجمژ۔ مِثالہِ نی توٚن یہِ شار: ''اے خودایہ ! ژٕ کر تہٕ اَسہِ ہِوِہن لُوکن ہٕنٛدی غٲر معموٗلی دوکھ دوٗر تِکیازِ اَسہِ بغٲر چھُنہٕ بێیہٕ کانٛہہ ذُری یاتھ دُنیاہَس مَنٛز یَس سمآدِ بغٲر مُہترِک دِماغ آسہِ۔ یِم بُڈی لُوکھ سبھاین مَنٛز چانٮ۪ن صِفتن ہٕنٛدی تعارِیف چھِ کَران تِمے چھِ نوکرو تہٕ زنانو سان زِنٛدٕ روزان۔''[1]

پدکی گوڈنِکۍ ژٕ مِصرٕ چھِ حلیمی تہٕ دُعا گوئی سٟتۍ بٔرِتی مگر آخری دون مِصرن چھُنہٕ گوڈنِکس خیالس سٟتۍ کانٛہہ تہِ واٹھ۔ شاعر ہیٚنٛز نظر چھِ ''سمادھ بھد'' سمآز مَنٛز روزُن تہٕ ''سدابھارِیاہ'' معہ عیال اَتھی حرفی مُطابِقتس سٟتۍ واسطہٕ رٔوزِتھ چھُ خیال مارٕ گومُت۔ کیٚنٛہن پدن مَنٛز چھِ یتھ تہِ لفظ آمٕتۍ یِمن مَنٛز ترٛےٚ ترٛےٚ مطلب چھِ مثلن کُنہٕ ترٛہِمس پدس مَنٛز چھُ لفظ ''گرِیش'' س ترٛےٚ معنی یعنی (۱) مہادیو (۲) مێرُ پہاڑ تہٕ برٛہسپت سیارٕ یتھ مشتری تہِ چھِ وَنان۔

شَیتاژِمس پدس مَنٛز چھُ سنسکرِت تہٕ کاشُرِ زبانۍ ہُنٛد اِکہٕ وٹہٕ اِستعمال کَرنہٕ آمُت پنٛژٕہِمس پدس مَنٛز صِرف دون زرِہن اچھرن ''م'' تہٕ ''ر'' ہُک اِستعمال کَرنہٕ آمُت۔ یِم پد تہٕ یِمن ہٕنٛز شاعری لُوکن تانۍ واتناونہٕ خاطرٕ چھےٚ شاعرن پانے اَتھ سُتتہِ کاوِیس پٮ۪ٹھ ٹیکا لیچھمژ۔



1. Bhavotsukaanaam samaadhi bhinnah,
   kashchid yadanyo na smaadhibhinnah I
   Ye tvaam prashamsanti sadaa sa bhaarya,
   stva eva jeevanti sadaa sabhayam II

Ishwar Shatak by Avtar, Padh. 6.

## (3) دیٖنا کرندن ستوترٕ

منکھن یُس شری کنٹھ چرتر لیٚوکھمُت چھُ تمکِس پنژہمس سرگس منٛز یمن شاعرن تہٕ گونماتن ہُند ذِکرتھ چھُ کوٚرمُت تمن منٛز چھُ لوشٹک تہٕ أکِس شاعر سُندِ ناو۔ منکھ سُند گُفت چھُ زِ شین زبانن زانن وألِس أمِس شاعر سِندین کیٚنہن عالمانہٕ شارن بڑونہہ کنہٕ آسہٕ کأفی مشہوٗر شاعرن ہنٛز شاعری تہٕ تِتھے پأٹھی موٗنڈان ییٚتھ کٔنی تیر چھِ مظبوٗط سِپرِ ستی ٹکرأوِتھ پھٕٹان۔ أمِس شاعِر سنٛزِ زِ تصنیفہٕ اکھ کالداسٕنِس رگھوٗنشس پیٚٹھ ٹیکا یوسہٕ وُنہٕ تہٕ ژھپنےٚ چھِ تہٕ دوٚیم دیٖنا کرندن سٔتوترِ یُس کاویہ مالایہٕ مجمع ہَس منٛز ژھپیوٚمُت چھُ۔

شِو سِندِس بجرس مُتلق اتھ توترس منٛز چھِ ژوٚنژاہ پد یمن منٛز شاعرن پننہٕ ووندٕکی عرض تَس بڑونہہ کنہٕ بیان چھِ کٔرِ متٕ۔ پننِس محبوب بھگوانس بڑونہہ کنہٕ چھُ شاعر گاہے حأران گژھان تہٕ گاہے چھُ تَس بڑونہہ کنہٕ پامہٕ دِوان۔ کُنہٕ چھِ تَس پننۍ کرم بد تہٕ گوناہ باوان، شرمنٛدٕگی ہُند اِظہار کران تہٕ کُنہٕ ژھُس کھوژناوان کُنہٕ چھُ بُجرس منٛز طاقتک کم گژھُن تس پریشان کران۔ دُنیأوی لطُف ٹلان چھُنہٕ منٛشس یڈ یوان ئلۍ کہٕ ترٛیش تہٕ پیٚاس چھِ تَس ہُران تہٕ أخرس ژھُس دوکھ واتناوان۔ یہٕ خیال چھُ شاعرن گوڈنِکس پدس منٛز ییٚتھ کٔنی بیان کوٚرمُت: "ییٚتھ سمسارکس لوٚکٕٹس تالابکس پأنس منٛز آومیےٚ گوڈٕ گوڈٕ بڈٕ مزٕ مگر أخرس دوکھ دِنہٕ والین۔ یمن خوأہشاتن پوٗر کران أس نہٕ میٚأنۍ ترٛیش رژھ تہٕ ہمان۔ ییٚتھ دُنیابکس سیٚکہٕ صحراوَس واریاہہ کالہٕ پیٚٹھ پھیری پھیری

چھُس ووٚنی تھوٚکمُت۔ ہۍ شِوٕ! میٚے دِتہٕ ووٚنی پننٮ۪ن ژٕرنٮ۪ن تَل جاے۔'' اتھ چھِ تشبیہ اِستعارٕ تہٕ جنسی شأعری ہٕنٛدی باقی اَلنکار سہل پأٹھۍ ورتاوس منٛز اَنِنہٕ آمٕتۍ بھکھتی ہٕنٛدِ سبٹھاہ حلیم نظریہِ آسنک پتہٕ میلان۔[1] پننِس ٹاٹھِس دَیَس برٛونٛہہ کُنہٕ پننہِ سارِیے غلطی برٕسَر ہٮ۪تھ چھُ شأعر ونان: ''اے بھگوانہٕ! دُنیٲوی خوٲہشاتن منٛز پھٔسِتھ روٗزنہٕ کنۍ لوٚگ مےٚ دِل حَسدس تہٕ وآرِس کُن۔ سارِنٕے ناش کَرن وٲلِس یمراز سٕنٛدِ بھَیہِ نِشہِ بچنک ژھوڈُم نہٕ کانٛہہ تہٕ تدبیراہ تہٕ نہٕ سوٗنٛچُم تتھ مُتلِق۔''

''پاپھ کٔری کٔری پول میٚے پننی کایایہِ ہُنٛد زیوٗت پسپا لوٗکن ہُنٛد نہٕ کینٛہہ۔ مجبوٗر سَپدِتھ روٗدُس بہٕ واریاہَس کالس زنانَن ہٕنٛدٮ۪ن کھورَن تَل۔ گوٚرن ہٕنٛدٮ۪ن کھورن تل نہٕ کینٛہہ۔ لالچ کوٚر مےٚ دھنہٕ کماونہٕ باپتھ۔ جان کاموٕ باپتھ نہٕ کینٛہہ۔ ووٚنی چھُس پشیمان مگر کَرٕ کیٛاہ؟ ژٕ ے یوت چھُکھ ووٚنی کُل سٔہارٕ۔''[2]

شِوَس پامہٕ دِوان چھُ شأعر ونان: ''یٮ۪مہِ برٛونٛہہ چھَنہٕ میٚے چانٛی زانٛہہ تہٕ سیوا کٔرمٕژ تمی ما چھُکھ نہٕ میٚے قریب آمتِس پٮ۪ٹھ ژٕ دَیا کَران؟ کیٛاہ برٛونٛہہ زان نہٕ آسن وٲلِس چھُنا کُل سایہِ کَران تہٕ شِہُل کٔرِتھ تسٕنٛز تھکاوٕٹھ دوٗر کَران؟''[3]

---

[1] دینا کرندن ستوتر، لوشٹھک پد 1۔

[2] یوٚے، پَد 48۔

[3] سوٚے، پَد 35۔

بیٚیس جایہِ چھُ لیکھان: ''یہٕ چھُس پأپی مگر ژٕ ے چھُکھ پاپ دۆر کرنَس منٛز مأہر۔ یہٕ چھُس کھۆژمُت۔ مگر ژٕ ے چھُکھ کھۆژی مٕتین بَھیہِ دۆر کرنٕک سبٕٹھاہ شوق تھوان۔ یہٕ چھُس سبٕٹھاہ پسپا مگر ژٕ ے چھُکھ غریبن تھۆد تُلنہٕ باپتھ پرٛتھ ساتہٕ تیار آسان۔ یہٕ زانے نہٕ باقی کیٚنٛہہ تہٕ نہٕ چھُم کیٚنٛہہ پتاہ ماسِوائے یہٕ کہِ میٚے پتھر پیٚمتِس پٹھ کرٕکھ ژٕ ے مہربأنی۔''[1]

بیٚیہِ اَکِس جایہِ چھُ ونان: ''نہٕ چھُ میٚے موتٕک ڈَر تہٕ نہٕ چھُم سۄن پرٛاوُنٕک طماہ۔ تہٕ نہٕ چھُم لۄکھ آسنہٕ مۄجوٗب دود چینٛنٕک لالچ۔ یہٕ چھُس صِرف چون اکھ دیدار یژھان۔ کیٛاہ اتھ منٛز تہٕ چھےٚ نا ژٕ ے میٛأنی سادِگی ظأہر سپدان۔''[2]

بیٚیتھ چھُ ترٛن پوٗرانٛچن کتھاین کُن اِشارٕ کران۔ شأعر سُند شِکوٕ زِ سہ چھُنہٕ شِویتن راژٕ ہِندی پأٹھی یَمرازس نِشہٕ پانس بچاو کرنٕچ کانٛہہ تہٕ کوٗشِش کران۔ راژٕ مۆرُتٕ ہِندی پأٹھی چھُنہٕ تَس سۄنہٕ ہٕژرٕن موہرن ہُنٛد تہٕ لالچ۔ رِیٚش بالکُل مُنہِ کمارٕ ہِندِ پأٹھی چھُنہٕ تَس دودھ چینٛنَس تہٕ کانٛہہ خوأہِش۔ تَس چھےٚ صِرف دٔرشُن کرنٕچ زبردست خوأہِش۔ توٗ پتہٕ دٔرشُن دِنَس منٛز تہٕ کیٛاہ حرج چھُ شِوَس تہٕ کم مُشکِلات چھِس۔

النکارن منٛز چھُ انُوپرٛاس (آوازٕ ہِشر) اُپما (تشبیہ)، اُتپرٛیکھش (مُشابہت) کاویہ لنٛگ، ارتھانتر نیاس (واریاہو پہلوٗ والہِ ارتھٕک اِستعمال)،

---

[1] دیِنا کرنٛدن ستوترٕ۔ لوشٹھک پد 49۔

[2] سوے، پد 23۔

سو بھاوکھتہِ (پٹُن چال چلن ونٕنچ وضاحت) تہٕ پرکر (أندی پٔکھچ) النکارن ہنٛز وضاحت نظرِ گژھان۔ وسنت تِلکا چھند (یتھ منٛز 14 اچھر فی پد چھِ آسان) چھُ شاعر سُند من پسند چھند یمیُک استعمال تٔمی یتھ منٛز ستتا ٚجہن پدن منٛز کوٚر مُت چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ تٔمی شار دوٚلہِ وِکریڈ تہِ (یتھ منٛز 19 اچھر فی پد چھِ آسان)، شِکھرنی (17 اچھر وول چھند)، منداکرانتا (17 اچھر وول چھند) تہٕ سرٕگدھرا (21 اچھر وول چھند) تہِ یتھ تصنیفہٕ منٛز استعمال کٔری مٕتی۔



## (4) شِو ستوترٛ اولی

آچاریہِ سومانند سُند ژاٹھ آچاریہِ اُتپل دیو ہنٛز لیچھمٕژ شِو ستوتراوٚلی چھےٚ شیو سوٚترٕ اَدبس پٹھ گوڈنیچ تصنیف۔ نۆمہِ صدی ہندِس دوٚیمس پنٛژاہس منٛز پرٛتھیمتس اُتپل دیوٚس یہٕتہِ شیوی اصوٗلن ہنٛز پوٚر زانکاری تہٕ عالم اوس تتہِ اوس تِہُند مَن شِوِ بھکھتی تہٕ تیٚنٛدِ پریمہِ ستی ہمیشہِ مَست تہِ روزان تہٕ آوٚر تہِ۔ أتھی عالمس منٛز آسی تٔم شِو سنٛز آرادھناتہِ گران یوسہٕ تٔھدِ پاٹھچ شاعری چھےٚ مانہٕ یوان۔ أمی سنٛز چھےٚ وُنستام ستتھ تصنیفہٕ دٔستیاب سپزٕمژٕ یمن منٛز ایشور پرٛتبھگیا، ایشور پرتیابھگیا وِوَرتہِ، سمبندھ سِدھِ، اَجڑ پرٛ ماترٕ سِدھِ، ایشور سِدھِ، شِوِ دٚرشٹی وژتہِ تہٕ شِوِ ستوتراوٚلی چھےٚ۔ گوڈنچن شین منٛز چھُ شیو فلسفہٕ ورٕتھناونہٕ آمُت تہٕ آخری تصنیف چھےٚ بھگوان شنکر سنٛزِ بھکھتی، آرادھنا، دُعا تہٕ بجرس پٹھ لیکھنہٕ آمٕژ سُتتی۔

شِو ستوتراوٚلی پٹھ چھےٚ آچاریہِ کھشیم راجن ٹیکا لیچھمٕژ یتھ منٛز تٔمی

وۄنمُت چھُ زِ شری اُتپل دیوَن چھِ یِم ستوترِ یا مُکھتک منٛزی کُنہٕ بیٚہوشی منٛز وۄنی ئمتی۔ تہٕ پَتہٕ چھِ تمُی ہنٛدبو شیٚشو۔ رام جی تہٕ آدیتہٕ راجن یِم موضوٗع جِساب ژاۘری ئمتی تہٕ اِکہٕ وٹہٕ کری ئمتی۔ پَتہٕ چھِ وِشواوَرتن یِمن ستوترن پۄرٕ پاٗٹھی ترتیب دِتھ یِمن الگ الگ ناو تہٕ دِتی ئمتی۔ یِمو منٛزٕ چھِ کیٚنٛہن ستوترن ہنٛدی ناو یِتھ کُنی:

(1) بھکھتہٕ وِلاس: 26 پَد، (2) سروالمبہٕ پرٕ بھاونا: 29 پَد، (3) پرٛنے پرٛساد: 21 پَد، (4) سُرٕ سوذبَل: 25 پَد، (5) سوبلہٕ نویٚشن: 26 پَد، (6) اَذِو وِپھُرن: 11 پَد، (7) وِدُر وِجے: 9 پَد، (8) اَلوکِکوذبَلن: 13پَد، (9) سُواتنٛترِ وِجے: 20 پَد، (10) رہسیہٕ نردیش: 29 پَد، (11) سنگرٛیہہ ستوترم: 20 پَد، (12) جے ستوترٕ: 24 پَد، (13) بھکھتہٕ ستوترٕ: 19 پَد، (14) پاشانٕہ بھید: 30 پَد، (15) دیۆکرٛپڈابہُمان: 48 پَد، (16) اوِشکار ستوترٕ: 21 پَد، (17) اُدھیوتن سوٗترٕ: 19 پَد، (18) تہٕ چرٛونا ستوترٕ: 21 پَد۔[1]

بھکھتی گیانہٕ کھوتہٕ تھٔز مانٛتھ چھُ اُتپل دیو وَنان "یِمو بھکھتو بھکھتہٕ ہنٛدِ نوٗرٕ سٟتی ضِد، حسد تہٕ وأرناوُک یہٕ اَنہٕ گوٗٹ ختم کوٗر تہٕ یِم ترٛشوے زیٚنٛنہٕ تِمن تھدِ پایہٕ کیٚن بُزرگن نِشہٕ کیاہ لوٗن یِم عالم تہٕ گیانی؟"[2] بھکھتی چھُ ہمیشہٕ تہٕ لگاتار شِو ہنٛزٕ پۄزایہٕ منٛز لیٚن روزُن یِژھان تِکیازِ تَس خاطرٕ چھِ وصلہٕ ایشورٕ سارِوے کھوتہٕ تھۆدسوکھ تہٕ تمہٕ نِشہٕ الگ گژھُن چھُ تَس باپَتھ

1. Published by Chowkhamka Sanskrit Series, Series office, Varanasi, 1964.
2. Raaga dveshaandhakaaropi yeshaam bhaktinvishaajitah I
Teshaam maheeyisaamagre katme gyanashaalinah II
Shiva Stotraavali by Somanand, s.,16, v.,16.

سارِوِے کھوتہٕ بۆڈ دوکھ۔[1] تہٕنٛدی شٟیٛتر ہوٕے (36) نار (اِنٛدرِیٛہِیہِ) چھِ تمہِ وصلہٕ وِزِ سوکھُک امرِتھ آسان چوان تہٕ پَنٕنٛز سارِی بھاو (خیالِ) یِم واریاہ رَنٛگہٕ چھِ، اَمی امرِتہٕ سٟتؠ بَرِتھ تھوان۔ تہٕ سُہ چھُنہٕ یَژھان اَمہِ مُستی ہٕنٛدِ عالمہٕ مَنٛز نیٛبر نیرُن۔[2] تُسنٛد محبوب دَے چھُ تَس بۄزنہٕ کنہٕ تہٕ سُہ چھُ تَس پَنٕنِس دِلس مَنٛز جاے گَرٕنۍ یَژھان۔ بھکھتہِ چھُ مَنہِ پلانٹ مگر یہِ چھُنہٕ تتھ دِلس تام واتان یتھ مَنٛز کیٛنٛہہ گنٛدگی یا ناپاکی آسہِ۔[3] تٕمؠ بھکھتؠ چھِ جان یِم بھکھتہِ رس مَنٛز سان چھِ چوان تہٕ مَست گژھتھ ہمیشہِ اَسان روزان۔ ہَر حالتس مَنٛز خوش روزان چاہے زینو یا ہارو۔[4] بھکھتی چھُ پریشان گژھتھ بھگوانَس وَنان: یٟیمہِ سمسارُک مَنٛزلہٕ چھُ سٟٹھاہ کرٛوٗٹھ۔ یہِ پان چھُ واریاہو تاپو تہٕ دوکھو سٟتؠ دۄ دُمت۔ عیش پرستی دوران یہِ کینٛژھا سوکھاہ وُچھو سُہ رۄد نہٕ پوشُون۔ یتھ کُنہِ چھِ میانٛزِ زِندگی فضوٗل بنیمٕژ۔ ہے ژٕنٛدرکلا دھارِی شِوا! چانِہِن کھورن پَرن پیٛنہٕ سٟتؠ آیہِ مےٚ ڈیکس شۆب۔ بہٕ چھُس چون بھکھتؠ لہٰذا گژھِہٕ چانہِ آنٛدٕچ دولت ہمیشہِ مےٚ سورٕنۍ سۆکھ تہٕ سمپدا گژھِ آیہِ تَن تھاوٕنۍ۔[5] فلسفکؠ سٟٹھاہ سُنٛز راز چھِ شاعرن بَڈٕ سہل زبانہِ مَنٛز سمجھاونٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ پَرَم شِو رٕپی ایشور ہٕنٛز تہٕ سداشِو رٕپی ایشور ہٕنٛز ایشوری حالت چھُ شاعر یَتھ منفرد اندازس مَنٛز فِکرِ تاران۔ ہے دُنیاہکہِ مالکہِ، چانٛزِ پرمیشوری چھِ عجیب تہٕ جَے جَے کارس لایِق

---

1. Shiva Stotraavali by Somanand, s.,13, v.,1
2. Tattadi indriyamukhena santatam yushmadarchana rasaayanaasawam I
   Sarva bhaava chashkeshu puriteshvaapibannapi bhaaveyamunmadah II
   Ibid, s.,13, v.,6.
3. Ibid, s.,13, v.,18.
4. Ibid, s.,16, v.,13.
5. Ibid, s.,15, v.,19.

تِکیازِ یہِ چھُنہٕ کأنسہِ تہٕ ماتحت روزن واجینٛے۔ تِتھے پأٹھی چأنہِ دؤیمہِ خودأیی تہٕ آسِتَن جے جے کار یِیمہِ کِنہٕ یہِ سورے زگتھ یِتھ بوزنہٕ چھُ یِوان تِیُتھ چھُنہٕ۔[1] تِژِک فلسفس مَنز دَرج تہٕ مأنہٕ ژِتمن شیٚترِ ہَن توتَن ہُند ذِکر کران چھُ شأعر ونان: ہے بھگوانہٕ یہِ چھُس چأنس رۄحأنی بیٹھالس مَنز بہتھ مگر میون شریر، وأنی، دِلچہِ مختلف حَرکژ بیٚترِ شیٚیہِ ترٕ ہو حبسو کِنہٕ چھُس ہمیشہِ چأنی بندٕگی کران آسان۔[2]

ستوترن ہُند طرز چھُ اکثر سادٕ تہٕ مُرکبن ہنرٕ آرایشہِ بغأر۔ کُنہِ کُنہِ چھُ زبأنی ہُند ورتاو ہَنا مُشکل۔ وُچھتو یِتھ شارس مَنز کوتاہ چھُ خیالاتن ہُند سنبر آسان انداز س مَنز آمُت بیان کرنہٕ۔ ''کُنہِ چیزِک آسُن چھُ تیٚلی یِیلہِ أسی تمیُک خیال کرو۔ یعنی یِیلی ژٕ میون خیال کرکھ تیٚلی گرٕ بہٕ چون خیال تہٕ اگر نہٕ یہِ وِہار آسہِ تیٚلہِ نہٕ چھُے ژیےٚ کینٛہہ تہٕ نہٕ میےٚ۔''[3]

وِژووابھاس (ادلہِ بَدل بھاس لگن) سِتی پرٕ یم شعر وُچھِتو:

''ہے بھگوانہٕ ! ژٕ چھُکھ ساسہِ بدٕن سِری یہِ زٕژن ہِنٛدِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تابان تہٕ گاش پھہٕلاوَن وول مگر تہٕ گرِتھ تہٕ چھُکھ سأری سے دُنیاہکس ذرس ذرس مَنز موٗجوٗد آسِتھ تہٕ چھُکھ نہٕ بوزنہٕ یِوان۔''[4]

سمندرٕچ تشبیہ چھُ شأعر یِتھ سمسارس سِتی دِوان تہٕ ونان زِ یہِ چھُ عأری فن ہِنٛدِ گِنٛدٕنک مأدان۔ اے دُنیاہکہِ مألکہٕ! دُنیاہَس مَنز چھِہ تِم چأنی

1. Shiva Satotrawali by Somanand, s.,16, v.,30.
2. Ibid, s.,17, v.,11.
3. Bhaavaa Bhaavataya santu bhavad bhaavena me bhava I
   Tathaana kinchadapyastu na kinchid bhavato anyathaa II

   Ibid, s.,12, v.,28.
4. Sahasra surya kirnaadhik shuddha prakaashavaan I
   Apitvam sarva bhuvana vyapako api no drishyate II

   Ibid, s.,6, v.,19.

غولام مرحبس لایَق یَمن ہنٛدِ باپتھ یہِ سمسارُک سۄ دُر کھیلہِ مادان چھُ ۔[1]

مانیس پھیرِ دِنہٕ وول (ارتھانترنیاس) شاعر سُنٛد یہِ خیال کوتاہ معنی بۄرُت چھُ تہٕ خوشیوٗن تہٕ!

میانٛی یہِ سبٹھاہ حقیر تہٕ حلیم آواز ییٚلہِ چانِہن کنَن تل چھِہ واتان یم چھےٚ بنان سبٹھاہ موللہٕ یتھٕ کٔنٛز زَن لوٕکٕڑ لوٕکٕڑ روٗدِ قطرٕ بانٛسہٕ کِس کھوکھرس منٛز سُمتھ ''بانٛس لوچن'' ناوٕک اوشدِھ بنان چھُ ۔[2]



## (5) دیوی شتک

کاوِیہ مالا ناوٕ یمہٕ سنسکرِت تصنیفہٕ یا مُجمع چھپاونہٕ چھےٚ آمژ تتھ منٛز چھُ یہِ نۄمِ گۄنٛد یِوان مانِنہٕ۔ آنٛنٛد وَردھن سُنٛد دُرگا بھگوٕتی مُتلِق چھُ یہِ سُتتہِ کاوِیہ یتھ منٛز اکھ ہَتھ تہٕ ژور پَد چھِہ۔ آخری شعارس منٛز چھُ شاعر پانہٕ ونان زِ ''ترٛن دِشایَن یعنی طرفاتن آرام تہٕ آنٛند بخشن والہِ کُر میانہِ زبانٛی پانےٚ شیرپار ییٚمہِ کٔنٛز بہٕ بنٛیوس یہِ مُشکِل ستوترٕ لیکھنٕچ کامہِ منٛز کامیاب تہٕ اَتھ منٛز چھُ اتھ صرِف دیوی ہنٛزِ دَیایہِ تہٕ مہربانٛی ہُنٛد۔'' اکھ ہَتھ أکِ مِس شلوکس منٛز چھُ اِنقشاف کران زِ ''دیوی آیہِ میےٚ سۄپنَس (خابس) منٛز تہٕ دِیُتنَم اِجازت یہِ شتک لیکھنُک۔ شارَن ہنٛز روانٛی چھےٚ النکارٕ زبانٛی ہنٛدۄ گنہِ پلو کٔنٛز زَن روٹہٕ گامژ، لیٖہذا چھُ بھکھتہٕ ہُنٛد تھۄد خیال زنتہٕ کنہِ پلن ستیٚ پان ٹھاسوان ٹھاسوان برٛونٛہہ پکان۔ یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ آنٛند وردھن چھِہ دھونہِ (آوازِ ہُنٛد دٕخل) مانِن

1. Shiva Stotrawali by Somanand, s.,3, v.,15.
2. Ibid, s.,11, v.,9.

ووِل شاعِر تہٕ آچاریہ مانَنہٕ یِوان تِیمی زَن یہِ فلسفہٕ عالمس بڑوٚنہہ کنہٕ تھوٚومُت چھُ۔ تِمَو چھُ یہِ تہٕ قوٚبۄل کوٚرمُت زِ شاعری منٛز اگر شاعِر شبدھ اَلنکارَس (لفاظیتَس) کُن زیادٕ دھیان دِیہ تیلہِ چھُ شاعری ہِنٛدِس رُحس یعنی رسس مَزٕ راوان۔ مگر تہِ کرِتھ تہٕ چھُ شاعرن سوٗرے یہِ مُشرأوِتھ لفاظیک پرٛزنہٕ پٹھۍ اِستعمال کوٚرمُت۔ شاید چھُ اَمی شاعرن پرٛزناوَن والۍ نقادن مُہم بھٹن آنَنٛد وردھنَن مُطلق پنٛنہٕ تصنیفہٕ وبکھتہٕ وِویکس منٛز یہِ شِکایت کرِمٕژ زِ ''یُس تہٕ پنٛنی تصنیفہٕ منٛز پانَس پٹھ قوٚبۄ ہیوٚک تھأوِتھ سُہ کیاہ ہیکہِ لۄکن نصیحت کرِتھ تہٕ رِتھ گٔنی؟ باسان چھُ زِ شاعرن چھِ یہِ تصنیف پنٛنِس لوکچارس منٛز لیچھمٕژ۔ییلہِ زَن سُہ اتھ ماأدانَس منٛز آچھرِ ے آسہے تہٕ پنٛنۍ شبیہہِ تہٕ تصویر ووتلاوِنک سِکہٕ آسہے جماوٕن یِرٛژھان پنٛنِس سماجس منٛز تِکیازِ اَتھ سوٚترس منٛز چھُ شاعرن یِیمیٛک (حرفی مُطابِقت) شِلیش (اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معانے والۍ لفظن ہُنٛد اِستعمال) تہٕ تصویر کَشی بیترِ النکار بڑٕ چوٗنک دٔستی سان اِستعمال کرِمٕتۍ۔ صِرف زٕ زٔری لفظ استعمال کرِتھ چھُن شار بنومُت یَتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معانے چھِ۔ مثلن یَتھ شارس منٛز چھِ صِرف زٕ زٔری لفظ ''س'' تہٕ ''ت'' ورتاونہٕ آمٕتۍ۔

''چون دھیان تہٕ سُتتہِ کرن وأنِس خوش نصیبَس چھِ ہمیشہٕ بجن بجن محفلِن منٛز جاے تہِ دِوان تہٕ تأریف تہِ کران۔ تِمی ستۍ چھُ تِمن دأدی دَگ تہِ دوٗر گژھان۔[1]

---

1. Sitasamsastsu sattaaste stuteste satatam stah I
Tataasti taiti tasteti sootistato asi saa II
Devi Shatak, Anandvardhan, Kavya Malla Guch-9, v.,93.

یتھ بیٚیہِ اَکِس شعارس منٛز چھُ ورگہ معانے ووتلاوِتھ شاعری منٛز
رَس آمُت پادٕ کرنہٕ۔

گُل عالمچ ماتا اَستھ تہٕ چھےٚ یہِ اَکِس نیٚش بوٚدی تہٕ لوٚکِس شُری
ہِنٛدی پاٹھی آسانی سان خوش تہٕ گژھان تہٕ ہمیشہِ بھکتن ہِنٛدِس خیالس منٛزے
آسان۔ سو چھِ تِمن تِتھی شکلہِ منٛز درشُن تہٕ دِوان۔[1]

اَکِس جایہِ چھُ شارس منٛز دُرگا بھگوتی صُبحکِس اَڈپھٕلِس گاشس سٟتی
مُشابہت کرنہٕ آمٕژ یوسہٕ ژھمبیر میلوٗن سرِ یہِ ہنٛز روشنی چھےٚ اَنان تہٕ روتلی اَنہِ
گٹہٕ چھےٚ دوٗر کران۔ یا دیوی چھےٚ گونماتن علی مکہِ نوٗرٕ سٟتی مُنور کران تہٕ لاعلمی
ہنٛز اَنہِ گٹہٕ چھکھ دوٗر کران۔[2] بیٚیہِ اَکِس جایہِ چھُ شعارس منٛز اکہِ کھوتہٕ
زیادٕ معنے تھاوَن والی لفظ (شیلش) استعمال کٔرتھ پاروٗتی ہنٛز برابری بوٗلنکس
طاقتس تہٕ پرٕتھوی سٟتی مُشابہت ہیتھ کٔنز کران۔

سو گوری کٔریتَن توہہِ سارِنٕے رُت! تٟمی ہنٛز سارٕی لوٚکھ پوٗزا چھِ
کران تہٕ تیٚمِس برٕ ونٛہہ گنہِ تِم زارِ پار چھِ کران۔ یوسہٕ (اَردِ ناریشور رٕپس منٛز)
شمبھو سُنٛد شریرِ تہٕ چھےٚ پرٛاوان۔ یوسہٕ ہمیشہِ عالِمَن ہنٛزِ ترقی ہنٛز چھےٚ خواہان
روزان۔ تِمےٚ تِمی ہِنٛدی بول تہٕ وانی یم برہماجی ہِنٛدِ پیٹھ چھِ ووپدان، تٟمی ہنٛز
پوٗزا تہٕ ووپاسنا لوٚکھ جان اِنسانَن ہُنٛد دِل رٕنٛزناونہٕ باپتھ چھِ کران، کٔریتَن

1. Durgaapimaatah sulabaasi bhaktya bhaavaanukoolaapi bhavam kshinoshi I
   Adhyeyataam yasi sadaiva Devi dhyeyasi Charitam tavaitat II
   Devi Shatak, Anandvardhan, Kavya Malla Guch-9, v.,75.

2. Vandhya prabhaata sandhyeva suryaloka pravartimi I
   Nivartayasi Devi tvam mahaamohamayee nishaam II
   Ibid, v.,77.

تُہنٛز کانٛچھہٕ مَنہِ کامنا پوٗر۔ سو مأج بُتراتھ کرِی تَن تُہنٛدِ مَنٛز خواہش پوٗرٕ تیٚچ ترقی زمیٖن لاگنہٕ یا کاشت کرنہٕ ہتہٕ سَپدان چھےٚ یوسہٕ شِوٕ سُنٛدٕ ے اکھ رٕپ چھےٚ یَس گوری گرٛہستی لۄکہ اَنہٕ دھَنہٕ باپتھ وُچھن چھہِ یِژھان۔[1]

أکِس ستوترٕکِس پَدَس مَنٛز چھُ شیٖن ہُنٛدوستأنی زبانَن ہُنٛد یِمہٕ تِمہٕ ساتہٕ مُروج آسہِ اِستعمال کرنہٕ آمُت یِمہٕ چھےٚ، سنسکرٕت، مہاراشٹری، پیشاچی، ماگدھی، شورسینی تہٕ اپبرٛنش۔[2] أکِس پَدَس مَنٛز چھِہ تصویر کشی کرنہٕ آمٕژ یوسہٕ پرٛتھ رنگہٕ صٔحی چھےٚ۔ اَتھ مَنٛز چھِہ حرفن ہتھٕ پأٹھی وبِستار دِنہٕ آمُت تیٚمی ڈٕچھنہِ کِنہِ پروکھ یا کھوٕرِ کِنہِ دۄنٕوَنی صوٗرژن مَنٛز چھِہ تِم ہِوی روزان۔[3]



## (6) سَرگدھرا ستوترٕ

أٹھمہِ صدی ہِنٛدِس گوڈنِکِس ڈٔلِس مَنٛز اوس بودھ شاعر سروگیہِ مِترٕن سرٕگدھرا ستوترٕ[4] لیٚوکھمُت یَتھ مَنٛز بودھ دیوی تارایہ ہٕنٛز توتاہ چھِہ سیترٕ ہَن ستوترن مَنٛز کرنہٕ آمٕژ سرگدھرا چھنٛدس مَنٛز۔ یہِ چھُ زبأنی ہِنٛدِ لیکھنُک سُہ طریقہٕ یَتھ مَنٛز عام طور صِرف اکُوہہ حرف آسَن۔ بودھ مت ووت بھگوان

---

1. Upaasate krashtikratodayam yam janaa sadaaraadhana maheemanaah I
   Shanbhoh prasiddhaa tanutaam vahantee Gauri hitam maa bhavataam vidheyat II
   Devishatak by Anandvardhan, Kavi mala, Guchi-9, v., 29.
2. Alolakamale chittalalaama kamalaalye I
   Paahi Chandi mahamoha bhanga Bheema avalamale II
   Ibid, v.,74.
3. Jitaanaya ya naataajitaara saatata saarataa I
   Na saavanaa navasaana saatanaaririnaataya II
   Ibid, v.,25.

[4] یہِ تصنیف چھےٚ ببلیوتھِکا انڈیاناؤ کِتابہٕ یوسہٕ (1908 ئیس) مَنٛز چھاپ سپزٕمٕژ چھےٚ۔

بُدھ ہنٛدِ نِروانہٕ پتہٕ کنٛہیں کالہٕ کشیرِ۔ اَتہِ لوٚب اَمِ نوٚو جہار ییٚلہِ یہِ متھرایہِ تہٕ پتہٕ کشمیر ووت تہٕ اَتہِ اَتھ ویشنومتس تہٕ شیو متہٕ کٔمن عالِمن ستۍ میٖل گو۔ تِمن توٚر فکرِ زِ بُدھ متکۍ پژانۍ اوصول چھِنہٕ نوِ سماجی رٔوشہِ نِش ٹکن والۍ۔ تِمو وُچھ شِوہستر فرمان رواَیِی تہٕ پاروتی ہُنٛد شیومتس منٛز تھوٚد مُقام تہٕ یِہنٛدۍ مذہبی گونماتھ تہٕ سپدۍ مُتاثر۔ اَتھ دھرمس آسۍ امہِ برٛونٛہہ ز فرقہٕ ہینٛ یان تہٕ مہایان سپدۍ متۍ۔ یہِ نوٚو سوچ روٚد مہایان (بُڈس ژٔرس) ستۍ واسطہٕ تِلیٚاز یہِ اوس بدلاو پسنٛد۔ اتھ منٛز اوس بُدھ تہٕ بودِھستو۔ بودھستو اوس وکھ گٔذرنس ستۍ اَولوکیشوہر (یہِ اوس بودھ تہٕ بُدھ بنٛنہٕ بجایہِ لوٚکن منٛز لٔستھ بٔستھ زِنٛدٕ جاوید بُدھ بھگوان بنان) تہٕ پتہٕ بُدھ بنٛتھ موٗکھ سپدان۔ تارا چھِ اتھ نوٚس طرزس منٛز پاروتی ہنٛز جاے رٹان تہٕ یہِ آس بُدھ ہنٛز ہستری رِپس منٛز ظمانتھ یِوان مانہٕ تہٕ اَمِس آسۍ سرٛ گدھراتہٕ ونان۔

اَمِ ہے تارا دیوی ہنٛز سُتنی چھےٚ یتھ ستوترس منٛز کرنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھےٚ دھن دولت تہٕ نجاتھ دِنہٕ واجیٚنٛز دیوی یِوان مانہٕ۔ کلہنن چھُ سرویٚگنہِ مِترٕ سُنٛد ذِکر راج ترنٛگنی منٛز کوٚرمُت۔[1] اَمِس سرویگیہِ مِترس مُتلِق چھِ اکھ کہانی مشہوٗر زِ سُہ اوس کٔشیرِ ہنٛدِس مہراج سُنٛد زامُتر۔ مگر تِمۍ اوس پنٛن سوٗرے رازِسی ہُنٛد خزانہٕ غریبن غُرباتن منٛز دان کوٚرمُت۔ اَکِس غریب تہٕ بےٚ ؤسیلہٕ برٛہمن ہنٛزِ کوٗرِ ستۍ نیٚتھر کرنہٕ باپتھ کٔن تِمۍ پان اَکِس تِتھس رازس نِش یُس اَکِس یِگنٛس منٛز ہتن انسانن ہنٛز بٔلی اوس دُن یژھان۔ یِمن سارِنے دوکھ زَدن

---

[1] راج ترنٛگنی، کلہن کتاب 4، شعر 210۔

ہنٛز آہوٗزاری بوٗزِتھ گو شاعر سُنٛد دِل سخ‍ٹھاہ غمگین تہٕ تمؠ لاج تارا دیوی ہنٛز پرٛارتھنا کرٕنۍ۔ دیوی سپٕز ظاہر تہٕ تمہِ کرۍ یم ساری اَمہِ دوکھ نِشہٕ آزاد تہٕ دیُتن سارِنۍ اَبھۓ دان۔ شارٕتکی ساری تقاضہٕ پوٗرٕ کرِتھ خوبصورت اَنٛد ازس منٛز لیکھنہٕ آمُت یہِ ستوترٕ چھُ بُدھ ستوترٕ سنگرٛیہہ حِصہٕ اول ناوٕ چھاپ سپُدمُت۔ مہایان بودھ دھرمس ستۍ وابسطہٕ یہِ بھکھتہِ ہنٛز تصنیف چھےٚ بھاگوت تہٕ شیو دھرمن ہنٛدِس اَثرس تل لیکھنہٕ آمٕژ اکھ بودھ سُتتی۔ بودھ دھرم اوس گوڈٕ نِکٕن عیامَن منٛز ایشورس نہَ مانن وول مگر وارٕ وارٕ بڑونہہ پکِتھ آو یہِ ایشور وادٕکس تسلُطس تل۔ بُدھ آو اوتار مانٕنہٕ تہٕ أتھۍ ستۍ ووتلیہِ واریاہ دیوی تہٕ دِوتاہَن ہُنٛد آسُن تہِ۔ یمن دیوی دِوتاہَن ہنٛز سُتتی آیہِ نجات دِنہٕ واجینہِ مانٕنہٕ۔ نتیجہ دژاو زِ واریاہ سُتتہِ کاویہِ آیہِ بارسَس۔ یم ستوترٕ آسۍ عام طور جذباتی زبانَن تہٕ طرزن منٛز لیکھنہٕ یِوان تہٕ دِوتاہ آسۍ خوش گرنہٕ یِوان تہٕ شاعر آسۍ یمن منٛز پننۍ بھکھتہٕ ظاہر کرن تہٕ پننٛن خیالاتن زیوٗ دِوان۔ سَرگدھرا ستوترٕ تہِ چھُ یمو سارِوے خوبھیو برِتھ اکھ بودھ سُتتہِ کاویہ۔



# کاوِیہ شاستر : فنونِ شاعری

شاعری ہُند فن چھُ تِتھے تھنہِ پیٛوٚمُت یَنہِ اِنسان یتھ بُتراتھ پیٹھ پژھو۔ اَمِچ مِثال چھِ اَسہِ سانہِ ویدو منٛز نظرِ گژھان۔ تِکیازِ یہِ سون موٗلُل سرمایہِ چھُ باذاپٹھہٕ چھندن منٛز تہٕ پرٛتھ وید کِس پدس منٛز یتھ ''رِیچا'' چھِ وَنان موجوٗد۔ یہِ چھُ اکھ خاص وزن تہٕ چھنٛد چاہے سُہ رِگ وید چھُ یا بیٛیہِ ییمو منٛز کانٛہہ۔ ''چھند'' چھُ سنگیتِکس فنس منٛز اکھ خاص پیمانہٕ۔ ''گیت'' یعنی شعار تہٕ ''سنگیت'' یعنی ساز چھِ لاَزِم مظلوٗم۔ بیٛیہِ ساز چھُ شاعری حُسن بڑاوان گوٚن بوزن والیٚن ہنٛدِ خاطرٕ، تتہِ چھُ گوٚن وول تہٕ تہٕ بوزن وول تہِ معیاری شعر گوٚنہِ تہٕ بوزنہِ خاطرٕ مُشتاق روزان۔ تِتھے کٔنہہ چھُ یہِ تہِ ضروٗری زِ شعر گژھِ معیاری آسُن تہٕ شارُک حُسن بڈ تیٛلی ییلہِ شاعرفنِ شاعری نِشہِ واَقِف آسہِ۔

یہِ تہِ چھُے حقیقتھ زِ ساَنٛے وید چھِ گوڈٕ گوڈٕ سانٛہن ریشن زبانی یاد آسِمٕتۍ تہٕ اتھ اَسی سِمرتی کال وَنان۔ گوریا ریوٚش اوس شار وَنان تہٕ شاگِرد اوس بوزان تہِ تہٕ یاد تہِ تھوان۔ یہِ شُرتہِ تہٕ سِمرتی کال اوس پیر در پیر کھبَر کاڈٕاہَن صدِیَن چلوٚن روٗدمُت یوٚتام ییم لیکھنک تہٕ لیٛکھتھ پرٛنک وَق ووت۔ تِکیازِ یہِ چھِ اکھ حقیقتھ زِ بچہِ چھُ گوڈٕ بوٗلُن ہوٗان تہٕ اِد چھُ لیکھنَس واتان۔ یہِ چھنہٕ صدیَن دون صدیَن ہنٛز کتھ بٔلکہِ چھِ یمن کتھن ساسہٕ بدی ؤری لگان۔

سنسکرت تہٕ باقی ہندوستانی اِدبکیو وُتستامکیو سارِوے کھوتہٕ پرٛانی آچاریہٕ یِمی فن شاعری پیٹھ قلم تُل چھُ یِوان مانٕنہٕ بھرت مُنہٕ تہٕ تمی کی ہِنٛدِ پیٹھہٕ تا سدأہمہٕ صدی تام لگ بھگ دوٚن ساسن ؤری یَن روٗز اتھ پیٹھ برابر کاٗم چلان تہٕ امیُک آخری شہہ سوار چھِ پنڈت راج جگن ناتھ مانٕنہٕ یِوان۔ اَتھ منٛز چھُ ہندوستانٕچن مختلف رِیاستن منٛز روزن والین واریاہن گونماتن ہُنٛد تہٕ واریاہ دیُت۔ مگر اتھ منٛز تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ ووٚنی چھُ علاقأیی زبانن کُن یہٕ روجان زیادٕ یِیمہٕ کِنی اکھ مرکزی یت مُتأثر گیہٕ تِلیاز سنسکرتس روٗز نہٕ مرکزی حیثیت کیٚنٛہہ۔ ووٚنی یوٚ تام اَتھ زبانی مرکزی یتھ حاصِل اُس سأری سے ہندوستانس منٛز یِیمہٕ کِنی یہٕ چھِ برصغیرس منٛز واریاہن مُقامی زبانن تہٕ بولین ہنٛز ماجہٕ زیو یِوان مانٕنہٕ توتام چھُ یہٕ وُنی بجا زِ اتھ اُس سأری سے ہندوستانس منٛز مرکزی یتھ یِیمہٕ کِنی اتھ زبانی منٛز اُسی مُلکس پرٛتھ گوشس منٛز سنسکرت شاعر تہٕ لول بران۔ مگر پیٚنٛہ کاٗم کٔشیرِ ہِنٛدیو گونماتو اتھ مأدانس منٛز کٔرمٕژ چھےٚ سو چھِ بے جوڑ۔ امہٕ باپتھ چھِ کٔشیرِ پرٛتھ اناجہٕ رٔنگی خود کفیل، خلوق تہٕ شانت جاے بڈٕ موزوٗن اُسی مٕژ۔ یہٕ کتھ چھِ حأران کُن زِ یمن سارِنے نظری یَن ہُنٛد زٔنم چھُ سِپُدمُت کٔشیرِ منٛزے۔ رَس چھُ شأعری ہنٛز سوچاش یِیمہٕ ستی شأعری کرن وألِس تہٕ پَرن وألِس لُطف چھُ کھسان۔ فلسفہٕ کِس امہٕ گوٚنِکس عالمَس یِیمی اتھ موزوٗعس فلسفچ رٔنگتھ دِژ، کر پرٛتھو تہٕ کٔشیرِ ہِنٛدِس کتھ جِسس منٛز اوس روزان، اتھ مُتلِق چھُنہٕ کِنٛہیں تہٕ مولوٗم سپہٕ پأٹھی۔ ''اَبھِنو بھارتی'' چھِ کٔشیرِ ہِنٛدی مشہوٗر نقاد، مُحقِق تہٕ فلسفی، اَبھنوگُپتن لیچھ مٕژ۔ رِیکس اتھ فلفس چھُ پتہٕ

سانٛو تمو گونماتو، بھٹ نایک، بھٹ لولٹ، شنکک وغارٕ فلسفیو تہٕ پَن تلۍمتۍ تہٕ یِم سارِی آسۍ ماجہ کٔشیرِ ہنٛدی فرزنٛد۔ کٔشیرِ منٛز چھِ کیٛنٛہہ گونماتھ تتھ ووپدۍمتۍ یِمو شاعری ستۍ وابسطہٕ وارِیاہَن سوچن تہٕ اِین زنٛم چھُ دیٛتمُت۔ یِمن منٛز چھِ بھامہہ، وامن، آنٛنٛد وردھن، کُنتک، مہم بھٹ تہٕ کھشیمینٛدر یِوان۔ بھامہہ چھُ یِوان النکار فلسفک، وامن چھُ یِوان شاعری منٛز سنگیتچ آرآیش، آنٛنٛد وردھن چھُ شاعری منٛز حرفن ہنٛدِ آوازک دٔخل، کُنتک چھُ یِوان ورگہٕ باوٕژ ہُنٛد تہٕ کھشیمینٛدر چھُ شاعری منٛز موضوٗنیتک فلسفس پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ وول مُحقق مانٛنہٕ۔ مٔہم بھٹن چھِ شاعری منٛز علامتی اِظہارس سارِوے سرس تھاوِنچ وکالت کٔرمٕژ۔

دوٚیِم جماتھ چھےٚ تِمن مُحققن ہنٛز یِمو شاعری ہنٛدٮ۪ن فلسفن پٮ۪ٹھ تشریح چھےٚ لیٚچھمٕژ۔ یِمن منٛز چھِ ابھنو گُفت، ممٹ، اُدبھٹ، لولٹ، شنکک، بھٹ طوطہٕ، راجانک تِلک، پرٛتیہاریٚنٛد راج، راجانک آنٛنٛد، رتنہٕ کنٹھ، جے رتھ بیٚترٕ یِوان۔

اَمہٕ علاوٕ چھِ تتھۍ تہٕ کیٛنٛہہ نقاد یِمو پرٛانیٚن گونماتن ہنٛدِ ذٕسی لیٚچھمٕژ، بوزمٕژ یا وٕنہٕ مٕژ سبٹھاہ گٔہر تہٕ سٔنۍ خیالات تہٕ فلسفی نوقطہٕ پننین تصنیفن منٛز سوٗمبرتھ شیٚرِتھ تہٕ تشریح کٔرِتھ تہٕ ضروٗرتہٕ مُطابِق اتھ منٛز کیٛنٛہہ ژٕٹہٕ واتھ یا تبدیلی کٔرِتھ یا پوٚزٕ پاٹھۍ واش کٔڈِتھ یا بدلاوِتھ، عام فہم بناوِتھ آسہٕ تام واتناوۍ۔ یِمن مُحققن منٛز چھُ آچاریہ ممٹ سُنٛد ناو سرِفہرِس تیٚمی ہنٛدِس کاویہ پرٛکاشس منٛز برٛنٛہِمین گونماتن ہنٛز شاعری مُتلِق سوچ تہٕ فلسفک اکھ عجیب سنٛگم چھُ۔ رودرٹ، رُییک تہٕ شوبھاکر مِترتہٕ چھِ أتھی جماژ ستۍ وابسط مُحقق مانٛنہٕ یِوان۔

## (1) وِشنُو دھرموتر پُوران

بھرت مُنیَن چھےٚ خاصکر ڈرامہَس مُتلِق فلسفٕچ تشریح کٔرمٕژ۔ ڈراماہکین اوٗصوٗلن پٮ۪ٹھ کتھ کران چھِ تِمٕو شاعری مُتلِق تہٕ کاَتبن اوصوٗلن پٮ۪ٹھ کیٚنٛہن بابن منٛز وضاحت کٔرمٕژ۔ ناٹیہ شاستٕرک وَکھ چھِ اَسی دوٗیمہِ صدی ق۔م پٮ۪ٹھ تریمہِ صدی عیسوی درمیان مُشکِس گران۔ اَمہِ پتہٕ پاٗنژمہِ صدی پٮ۪ٹھ شیمہِ صدی ہِندِس منٛز کالس تام چھُنہٕ اَسہِ بھامہہ ہِندِ لیٖکھمٕتہٕ ''کاویہ النکار'' برٛونٛہہ کانٛہہ تہٕ تصنیف نظرِ گژھان یتھ منٛز کاویہِ فلسفس مُتلِق کانٛہہ کتھ آسہِ کرنہٕ آمٕژ۔ بھرت مُنیس پتہٕ تہٕ بھامہس برٛونٛہہ اَتھ درمیانی دورس منٛز چھِ صرف اکھ کِتاب وِشنو دھرموتر پوران بارسَس یوان یتھ منٛز شارَن ہِندِس فلسفس پٮ۪ٹھ کتھ چھِ آمٕژ کرنہٕ۔ پروفیسر بہولر سُند مت چھُ زِ عرب مُلکُک مشہوٗر یاتری تہٕ توٲریخ دان اَلبِر وٗنی (1030)ء تیمی وِشنو دھرم تہٕ وِشنو دھرموتر ناوٕکین یمَن پُورانن ہِندی اقتباس چھِ دِتیٚمٕتی۔ تم اَسی یمن تمہِ وقتہٕ آگم شاسترس ستی وابسطہٕ مانان۔ یِم تہٕ اقتباس تِمٕو تمہِ ساتہٕ دَرج چھِ کٔرمٕتی تم چھِ سارٕی وِشنو دھرموتر پورانہٕ منٛزٕ نِنہٕ آمٕتی۔[1] واریاہَن گونماتن ہُند مانُن چھُ زِ وِشنو دھرموتر پُوران چھُ جموں و کشمیرس منٛز آمُت لیکھنہٕ۔ تِمی چھُ بھامہہ وغارٕ گونماتن پٮ۪ٹھ کتھ کرنہٕ برٛونٛہہ وِشنو دھرموتر پُوارنٕچ کتھ کٔرنی ضروٗری۔

وِشنو دھرموتر پُوران چھُنہٕ ارداہَن خاص پُورانَن منٛز گٔنزراونہٕ یِوان۔ یہِ چھُ ویشنُو پُورانہٕ پتہٕ لیکھنہٕ آمُت اَمی پُورانُک آخری حِصہٕ۔ تمی چھُ اَتھ

1. Indian Antiquarios, Part-19, pp.,402-07.

وِشنو دھرموتر پُوران وَنان۔ اتھ پُورانس منز چھِ 355 ادھیاے یا باب۔ تہٕ یم چھِ ترٛن حصن منز بٲگرتھ۔ دراصل چھِ یہ اکھ الگ تصنیف صرف چھُ ناو باپتھے یوت اتھ وِشنو دھرم پُورانکہِ ناوٕچ وابستگی سپز مژ۔ باقی پُورانن ہنٛدی پٲٹھی چھِ اتھ منز کینٛہہ حصہٕ یم زَن وارِیاہ قدیم چھِ تہٕ کینٛہہ حصہٕ چھِ یم وارِیاہ پتہٕ چھِ لیکھنہٕ آمتی تہٕ زیرِ بحث مضموٗنس ستی چھِ واٹھ کھوان۔ ویشنو دھرموترٕ پُورانکس ترٛیمس حصس پانٛژترٛہمس بابَس منز چھُ شاعری ہنٛدِس فلسفس ستی وابستہٕ وارِیاہ مواد موٗجوٗد۔ أگنہٕ پُوراَنس کاویہ شاستر کس حصس کُن چھےٚ عام نقادن ہنٛز نظر گٲمژ مگر ویشنو پُورانکس اتھ حصس تام چھُ خالے کانٛہہ کانٛہہ نقاد ووٚتمُت۔ أگنہٕ پُورانکی پٲٹھی چھُ یہ پُوران تہٕ قسم قسم کێن تعلیمی ترٛاین فلسفن تہٕ طور طریقن پیٚٹھ کتھ کرنہٕ موٗجوٗب اکھ اہن سائے کلوپیڈیا مانٛنہٕ یوان۔

امہٕ پُورانکس ترٛیمہِ حصہٕ کس ژودٲہمس بابَس منز چھُ دون شبدھ (آوازٕ) النکارَن تہٕ پنٛدہَن ارتھٕ (معانے) النکارَن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ یمَن النکارَن ہنٛدی ناو چھِ ییتھ کٕنی۔ اُنپرٛاس (آوازٕ ہشر) حرفی صُنعت، یمک یا حرفی مُطابِقت۔ روٗپک یعنی اِستعارٕ، وٕکرٛیک، اِنکار پَسنٛدی، شِلیش، دُ معانے لفظ، اُتپرٛیکھش، مُشابِہتھ، ارتھانترٛ نیاس، مختلف معانے وٲلی لفظن ہُنٛد اِستعمال، اُپنیاس، افسانہٕ، وِبھاوَنا، معانے تضاد، اتہٕ شیوکھتہٕ، نامُنٲسب مُشابِہت، وارتا، بیانِ، فِطری یا مُنٲسِب بیاٗنی، وِشیشوکھتہٕ، خاص بیاٗنی، وِرٛود، تضاد، نِنٛدا سُتتہٕ، غلطین ہنٛز عکاٗسی، نہٕ درشن، تشریح تہٕ انٛین وے، باقی۔

اَتھ باقٕیس مَنٛز چھِ وِشنو دھرموتر پُورانَن مَنٛز یِتھٕ کٕنۍ تشریح کرمٕژ۔[1]
اَتھ ''بقایاتس'' تشریح کران چھُ لفظ ''اُپما'' استعمال کرنہٕ آمُت مگر یہِ اِستعارٕ
چھُنہٕ بحث بیٚیتِہ اکھ آزاد النکار آمُت مانُنہٕ کیٚنہہ۔ اُپمایس افسانہٕ چھِ الگ، وکھرٕ
تہٕ آزاد صِنف۔ ممٹ تہٕ تَس پتہٕ یم آچاریہِ آیہِ تِمو چھُ یہِ مونمُت زِ یِمو نقادو
ممٹ آچاریَس پتہٕ تشریح چھےٚ کرمٕژ سو چھےٚ صاف گوئی کم تہٕ یہِ چھےٚ واریاہ
جہاتل، نوٚقس تہِ چھِ اَتھ تشریح مَنٛز نظرِ گژھان۔ مثلن یوسہٕ تشریح یِمو آچاریو
رۄپک (اِستعارٕ) خاطرٕ دِژمٕژ چھےٚ سو چھےٚ تیٚژ ڈیٚج زِ یہِ چھےٚ سبٹھاہ پھٔہلتھ تہٕ
باقی النکارن ہِنٛدِ باپتھ تہِ موزوٗن باسان یعنی دۄنوٚنی مَنٛز چھُ ہشر تہٕ برابری
باسان۔ وۄں اگر اتھ تشریح سٟتۍ مِثالہِ تہٕ یِہن دِنہٕ تیٚلہِ ماتَرِ ہے صحیح تشریح ہُنٛد
مقصد فِکرِ۔ مِثالِ باپتھ چھےٚ وِشنو دھرموتر پُوران مَنٛز اِقتباس یَتھ مَنٛز ونہٕ چھُ
آمُت زِ ''رۄپک (اِستعارٕ) خاطرٕ چھِ ضروٗری تِمہِ چیٖزٕک تِتھے آسُن یَتھ سٟتۍ
تتھ برابری کرو۔[2]

اَمِکِس پتہٕ اہمس بابَس مَنٛز چھِ اَتھ پُورانَس مَنٛز دَرج زِ شاعری ہُنٛد
مقصد چھُ دَھرم، ارتھ، کام تہٕ موکھش یعنی مذہب، بجائی، خواہشات تہٕ نجات
یم سأری پراوُنس مَنٛز گژھِ یہِ کارآمد ثأبت سپدنۍ۔ رزمیَس مَنٛز گژھن مرکزی
کِردار تہٕ تِسُند مخأِلف قأبل بیان آسنۍ۔ نایک گژھِ دھرم زینن وول آسُن تہٕ

1. Vinaa taya syath upama tu yatra,
   Tenaiva tasyaiva bhavetnraeera I
   Anannvayakhyam kathitam puraanai-
   Retaavadukhtam tava leshamaatram II

   Vishnudharamottara Puraana, Part III, Sec 14, v.,15.

2. Upamaanena tulya tvamupameyasya roopakam I

   Ibid, Part III, Sec.14, v.,4.

تُسُند مُخالِف گژھِ دُنیازَنن وول آسُن۔ شاعری مَنز گژھن شرنگار (زیبایش) ہاسیہ (اَسُن گَندُن) کرُنا (رحم دِلی) روذر (دَہشت) ویر (بہادُری) بھیانک (پُرخوف) بیبھتسیہ (کھوژوُن) اَدبھُت (شاندار) تہٕ شانت (حلیمی) ناوٕکی یم نَو رَس رٕلِتھ میلِتھ اکھ اَکِس سِتۍ آسٕنۍ۔ شاعری گژھِ دھرمس تہٕ ارتھچہ ہوٕنزِ ہِندِس ورتاوَس رٕلِتھ میلِتھ آسٕنۍ۔

سداٗ ہمس بابَس مَنز چھُ بابَن تشبیہن ہُند اِظہار کَرنہٕ آمُت۔ تشبیہ ہُند گوڈنیُک قسم چھُ زِ ناٹکس مَنز گژھن ساری پہلو تہٕ ساری رَس اکہٕ وٹہٕ سَمِتھ تہٕ رٕلِتھ کام کَرٕنۍ۔ مَرُن تہٕ سلطنتن ہنز بَربادی گژھنہٕ ناٹکس مَنز سیِٚدِ سیوٚد ہاونہٕ یِنۍ۔ ڈراماہکۍ ساری بول گژھن ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ تہٕ زبانۍ پٔٹھ یِنۍ لایق آسٕنۍ۔ ناٹکس مُتلق مخصوص بیانہٕ پتہٕ چھُ لوچن ناٹکایَن ہُند فہرس تہٕ اظہارِ بیان بیترِ کی تعاریف کَرنہٕ آمژ یُتھ زَن ڈراماہُک مُدا تہٕ مقصد فِکرِ ترِ۔ نوکر گژھن رازس ''ماٗلکھ'' وٕنِتھ پیش یِنۍ۔ رازس پَزِ وِدوٗشکس (ضرافتی کِردار) دوست وٕنِتھ راے پرٛژھٕنۍ۔ سجاوَٹھ کَرن واجینۍ تہٕ جُدآیِ ہنز پریشانی بڈاون واجینہٕ بیترِ آٹھن قسمن ہنز کام کرن واجینن ہُند ذِکر چھُ شاعری ہِندِ٘ن نوَن رَسن ہُندِ فہرس سان آمُت پیش کَرنہٕ۔ اَتھ رلہٕ مِلہٕ بیانَس وَکھنے کَرِتھ چھُ ناٹکہٕ کِس مَزَس مَنز ہُرب رَسُدُک اِظہار کَرنہٕ آمُت۔[1] مجازِیہ بیانہٕ دٕسی گژھِ دھرم، ارتھ تہٕ کام بیترِ لکہٕ بجاۓ ہُند پاٗغام عام لوٗکن تانۍ واتُن۔

1. Bandha rasaanugah kaaryah sarveshveteshu yatnatah I
Rasapradhaanamevaitat sarvam naatyam naraadhipa II
Vishnudharamottara Puraana, Part III, Sec.17, v.,62.

ترٛہمس بابَس مَنز چھُ ناٹکس مَنز ورتاوٕ یِنہٕ والِبن نوَن رُسن پیٹھ آمُت سوچنہٕ سرنہٕ۔ اتھ پُورانَس مَنز چھُ شانٛت رَس اکھ آزاد فلسفہٕ آمُت ماننہٕ۔ شرٛنگار مَنزٕ چھُ ظرافت، رودرٕ مَنزٕ چھُ دزامُت دَیا یا رٔحم، ویرِ رَسہٕ مَنز شاندار یا عٔجیب، بیبھتسہٕ رَس مَنز چھُ دزامُت بھیانک رَس۔ یِتھٕ کٔنی چھُ پٔنٛژ پٔنٛژ رَنٛگ وننہٕ آمٕتۍ۔ تھدِ پایہٕ کٕبن اِنسانَن ہٕنٛدِ اَسنٛک طریقہٕ، مَنٛزِمہِ درجہٕ کٕبن تہٕ اِدٕنا درجہکٕبن اِنسانَن ہٕنٛدِ اَسنٛک لہجہٕ چھُ الگ الگ بیان آمُت کَرنہٕ۔ وصلِ یار تہٕ جُدأیی ہُنٛد شرٛنگار تہٕ چھُ دویہٕ طریقٕک یِوان ماننہٕ۔ جُدآیی، وصلِ یار، أچھن بوٗچھِ تہٕ پرٕیچھ حالت وغارٕ چھِ دٔہہ قٕسمٕچ شہوت (کام) یا واسنایہٕ آمٕژ ماننہٕ۔ آخرس چھُ ناٹکٕک موٗل، رَس، مَزٕ یا لُطف آمُت ماننہٕ۔ بیآنی مَنز تہٕ چھُ رس آسنٕچ ضروٗرت وننہٕ آمٕژ۔

اکہٕ ترٛہمس بابَس مَنز چھِ کُنوٗنزاہ قٕسمکٕبن جذباتن ہُنٛد ذِکر کَرنہٕ آمُت۔ جوشہٕ شہوت، دوکھ تہٕ حاآرأنی بیٚترِ چھِ گوڈٕ انوارِ اول یِوان ماننہٕ اَمہٕ پَتہٕ چھِ امکی لنٛگ لٔنجہٕ مثلن حسد، محنت، فخرٕ، یاداش وغارٕ درمیٚآنی جذبات آمٕتۍ ہاونہٕ۔ آخرس پیٹھ چھِ ترٕ کُنٛڈی پھٕٹٕنۍ، آوازٕ فرٕق، بیٚترِ جان گوٗنن ہٕنٛدی جذبات رَل گرٛھنہٕ سٟتۍ رَسس مَنز پھیرٕ فرقہٕ دٕسی شرٛنگار وغارٕ رسن ہٕنٛدی قٕسم آمٕتۍ وٕکھناونہٕ۔

یِتھٕ کٔنی چھُ وِشنو دھرموتر پُورانَس مَنز کاویہٕ شاسترس مُتلِق کار آمد واریاہ معلومات قلم بَنٛد کَرنہٕ آمٕتۍ۔ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ کتھ چھےٚ زِ یہٕ چھُ سُہ خلاہ کم

1. Naatsya moolam tu rasah pradishto rasena heenam nahi vrattamasti I
Tasmaatprayatnena rasaashrayasya vrattasya yatnam purashena kaaryam II
Vishnudharamottara Puraana, Part III, Sec.30, v.,28.

گران یُس ناٹیہ شاستر تہٕ باقی نقادن ہٕنزن تصنیفن درمیان سنسکرت ادبس ستی لوٗ کھوٚے تھاوَن والین نظرِ اوس اَوٚ تام گژھان۔



## (2) کاوٚیہِ النکار : شاعری ہُند زیور

بھامہہ چھُ کاویہِ النکارس منٛز پننٮ۪س ماؤلی سُند ناو رَکل گومی لیکھان مگر پننٮ۪س پیدایش سنٕس تہٕ زہنہٕ جایہِ مُتلِق چھُنہٕ کہیٖن تہٕ وَنان۔ یہِ چھِ عام محقق مانان زِ بھامہہ اوس کشیرِ ہُندٮ۪ روزن وول۔ کاشرٮ۪ گونماتو مثلن اُدھ بھٹ، وامن، کُنتک، آنند وردھن، ابھنو گُپت، مَمٹ بیٚترِ گونماتو چھِ بھامہہ سُند ذِکر پننٮ۪ن تصنیفن منٛز کوٚرمُت تہٕ کشیرِ ہنٛدِ آچاریہِ اُدبھٹن اوس اَمِ سٕنز تصنیفہٕ پٮ۪ٹھ "بھامہہ وِورن" ناوٕچ شرح لیچھمٕژ۔ بھامہہ سٕنز زِندگی مُتلِق چھُ گونماتن منٛز پھیرِ فرق روٗزمُت۔ نرسنگھ اینگر تہٕ پی۔وی۔کانٕے چھِ ڈنڈی (شاعر) یَس بھامہس بروٗنہہ مانان مگر بھارتی لِکھاری یمن منٛز بھارتی ترِویدی، گنہٕ پتہٕ شاستری تہٕ ڈاکٹر اُپادھیایٮ۪ تہٕ چھِ شامل، چھِ مانان زِ ڈنڈی چھُ بھامہس پتہٕ اوسمُت۔ ڈاکٹر یاقوٗبی سُند مانُن چھُ زِ بھامہن یوسہٕ کاویہ النکارکس پانٛژمس بابس منٛز قونوٗنن ہٕندِس فلسفس مُتلِق تشریح کرمٕژ چھَن تتھ پٮ۪ٹھ چھُ دھرم کیرتی سُند اثر۔ مگر بلدیو اُپادھیایٮ۪ تہٕ وٹھناتھن چھُ وٕسی چھان بین کرِتھ یہِ ثابت کوٚرمُت زِ بھامہہ چھِ دنگناگ تہٕ تمی ہٕندِس گورس وٕسہ گُپت ہٕندِس اثرس تحت اوسمُت نہٕ کہِ دھرمہٕ کرتہٕ ہٕندِس اثرس تحت۔[1] یہِ چھُ ترٛنوٗنی ہُند مت زِ "انداز

1. 'Shiva saroopa aalingato gyanamanumaanam' I
Bhaamah and his Kavyalankar, pp.,40-55.

چھُ زِعلِم چھُ ترٚیہِ رنگہِ آویز آسان۔" یہِ کتھ چھےٚ دِنگ ناگ تہٕ بھامہہ تہٕ تہٕ دھرم کیرتہِ تہٕ ونان۔ لہٰذا چھُنہٕ ضروٗری زِ تٔمۍ آسہِ یہِ سوٗترٕ دھرم کیرتیٚنٛس نِشہٕ حاصِل کۆرمُت لَس آسہِ ہے دِنگ ناگنٛس نِشہٕ حاصِل سپُدمُت تہٕ کیاز زِ سُہ اوس گۆرس زیادٕ نزدیک تہٕ حیات دھرمہٕ کیرتہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ۔ دِنگ ناگ نِس پرٚتیکھشہِ (برٛونٛہہ کنِکس) مخصوٗص نِشانہٕ چھےٚ بھامہن تِتھے کٔنۍ ورتاوۍ مٕتۍ ییتھٕ کٔنۍ زَن دھرم کرِتیٚن۔ اَتھ منٛز اکھ خاص لفظ "اَبرانتم"، "سِرٕ ساوۍ گرٛھنہٕ بغاَر" جۆڑِتھ یہِ پد ییتھٕ کٔنۍ بنوومُت "پرٚتکھشم کلپنا پرٛوڈم اَبرانتم" یعنی "برٛونٛہہ کیٚنٛچ خیالاتن ہنٛز وُسعت چھےٚ بڑانتہِ بغاَر صاف آسان۔" دِنگ ناگہٕ سُنٛد وَق چھُ لگ بھگت 400ءیَس آس پاس تہٕ دھرم کرِتی سُنٛد وق چھُ 620ءیَس نزدیک مانہٕ یِوان۔ لہٰذا چھُ بھامہہ 400ءیَس پتہٕ تہٕ 620ءیَس برٛونٛہہ مانُن واجِب باسان۔ آنٛنٛد وردھنہٕ نِس دھونیالوک کِس ژوٗرِمہ بابِکس اَکِس سوٗترس منٛز چھُ بھامہہ سُنٛد اکھ جُملہ تہٕ بھان سُنٛد اکھ جُملہِ اِقتباسَس منٛز قلم بنٛد کۆرمُت ییتھ منٛز تٔمۍ گوڈِنِکس "پرٛون" تہٕ دۆیِمس "نۆہن" چھُ وونمُت ییمہِ ستۍ یہِ چھُ ثابِت سپدان زِ بھامہہ چھُ بھانٛس برٛونٛہہ اوسمُت۔ بھانٕ سُنٛد وقت چھُ سَتمہِ صدی ہُنٛد گوڈنیُک نصف لہٰذا چھُ یہِ صاف ظاہر زِ بھامہہ چھُ پانٛژمہِ صدی پیٹھٕ سَتمہِ صدی ہِنٛدِس شروٗعس درمیان مانُن واجِب۔

اَزتام دٔستیاب سپٕز منٛزن تصنیفن ہِنٛدِ مُطالع تلہٕ چھُ یِی پلہِ پیوان زِ بھرت مُنی سٕنٛدِ پتہٕ چھُ بھامہہ گوڈنیُک گونماتھ ییمۍ زَن شاعری ہِنٛدِس صِنفس وبژھناونہٕ باپتھ پنُن قلم چھُ تُل مُت۔ اُمِس برٛونٛہہ واریاہ صدی برٛونٛہہ چھُ

بھرت مُنہٕ یِمَن ناٹیہ شاستر خاصکر مدِ نظر تھاوِتھ پٔنٕن قلم تُلمت۔ تتھ منٛز چھُ تٔمۍ تمہٕ ساتہٕ صرف دون بابن منٛز صِنفِ شاعری پٮ۪ٹھ لیُوکھمُت۔ شیٚمس بابس منٛز چھُ شاعری منٛز رَسَک مُقام تہٕ سَدآہمس بابس منٛز دیپک (اکھ راگ یتھ خاص چھند چھِ آسان)، روٗپک (استعارٕ)، اُپما (تشبیہ) تہٕ یمک (حرفی مطابقت) بیٚترِ النکارن ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ یتھ کنہِ ییٚتہٕ اَسہِ بھرت مُنہٕ چھِن ناٹیہ شاستر کِ گوڈنکی گونماتھ مانان تِتھےٚ کٔنہ چھِ بھامہہ تیٚمۍ گوڈنچہِ لٹہِ شاعری صِنفہٕ تہٕ امکین مختلف اِصطلاحن پٮ۪ٹھ قلم چھُ تُلمُت۔ اَمۍ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ شاعری ہنٛدِس صِنفس پٮ۪ٹھ بحث کوٚرمُت تہٕ اَتھ سائنسی اصوٗلن پٮ۪ٹھ وِستار دِتھ اَمہِ باپتھ مکمل اصطلاحن ہنٛز تصنیف مُحققن برٛونٛہہ کنہِ پیش کٔرمٕژ۔ یوٚسہٕ اَز تام تہٕ سانہِن گونماتن اتھ مآدانس منٛز وتہٕ ہاوٕکھ چھےٚ۔ اَمۍ نقادن چھُ شاعری تہٕ شار بوزن والۍ اکھ اَکس سمکھاوِتھ یِم اصوٗل مُرتب کٔرۍمتۍ شاید چھِ تمی یمن اصوٗلن ہنٛز تیٚمہہ وُنہِ تہٕ سآدروار۔ ڈاکٹر سُشیل کُمار ڈےٚ چھِ ٹھیک فرماوان زِ ''بھامہہ ہنٛدِ کاویہ شاستر ستۍ چھےٚ سو بے خبری تہٕ اندھکار دوٗر گژھان یُس اَمکِس توآرٟخس منٛز اوتام نظرِ اوس گژھان۔ اَمہِ تصنیفہِ ذٔریعہ چھُ اَسہِ شاعری ہنٛدہِن اِصطلاحن مُتلق اکھ مُدلل تہٕ سائنسی اصوٗلن پٮ۪ٹھ مُبنی تحریک میلان۔''[1]

بھامہہ ہنٛدِس کاویہ النکارس چھِ شیٚیہ حِصہٕ۔ گوڈنِکس حِصس منٛز چھُ شاعری کرنچ ضروٗرتھ آمٕژ وٕژھناونہٕ۔ امہِ پتہٕ یہ لیکھنُک وجہہ، اَمکی گون (صِفت) تہٕ اَمکۍ قِسم ونہٕ آمتۍ۔ شاعری کرنچ ضروٗرت چھُ دھرم (لُسن بسن

1. Sanskrit Sahitya ka Itahas, by Sushuil Kumar Day (Hindi Translation), p.,37.

تہٕ لسنہٕ بسنہٕ دیُن) اَرتھ (اوٗ زتھہٕ) کام (شیہوت یا اجُدوایِ زِندگی) تہٕ موکھیہ (نجات یا اُخرت) تہٕ مختلف ہونرن منٛز چالاکی ییمہٕ ستی مشہوٗری تہٕ تھوٗد روطبہٕ حاصِل سپدِ، بیان کرنہٕ آمُت۔[1] بھامہہ ہِندِ مُطأبِق گژھِ روشن خیالی شأعری ہُند مقصد آسُن۔ کم عقل تہٕ چھُ گوُرِ ہِندِ بن کھورن تل وأتتھ عٖلم ہیکان حاصِل کرِتھ مگر شأعر بننٕک بٔتر چھُ خالے کانٛسہٕ کانٛسہٕ روشن دماغ شأعر ہِندی دٔسی پوٗرِ ہیکان سپدِتھ۔[2] سانہِ پرانیٚ نقادو چھِ یہِ روشن دماغی شار مُرتب کرنہٕ باپتھ سارِوے کھوتہٕ بڈ اَشد ضروٗرت مانٛنتھ پتٕمین زمن ہِندی رِتی سنسکار (وامن)، سبٹھاہ اعلا طریقس پٔٹھ بوٗز یا عقلہٕ ہُند آسُن (ابھنوگپت) شار وٕننٕک طاقت (رورٹ، ممٹ) آسُن مانٕنہٕ آمُت۔ شأعری ہِندی تعأریف گران چھُ بھامہہ وَنان زِ ییلہٕ لفظ تہٕ تِہُند معنی ''ساہتیہ'' یعنی اِکہٕ وٹہٕ تہٕ برابری ہمان (سہٕ بھاو) پکن، شأعری چھےٚ تھَنہٕ پوان۔[3] أمِس پتہٕ پانٛژو یوہے خیال ممٹ آچارِین تہٕ شأعری مُتلق۔ تِمُو دیُت اتھ ناو ''شبدارتھو'' تہٕ کینٛہہ اسمِ صِفت رلأوِتھ کرِن کینٛہہ مِثالہٕ پیش تہٕ دیُتُن اتھ روحجانس مزید وِستار۔ بھامہہ چھُ مانان زِ شأعری چھےٚ پانٛژِ قسمٕچ۔ اکھ گیہٕ سرگ بنْد (بابن منٛز)، (۲) ابھنَیارتھ (ڈرامأیی)، (۳) آکھیایِکا (قصہٕ)، (۴) کتھا (کہأنی) تہٕ (۵) اَنہٕ بنْدھ (گنٛڈ شأعری، موضوع حِساب)۔ بابَن ہِنٛز بنْدشہٕ منٛز چھِ شأعری

---

1. Dharmarthakaamamoksheshu vaichakshanyam kalaasucha I
   Preeti karoti keertti cha saadhu kaavya nibandhanam II
   Kavya Alankar, by Barmah, s.,1, v.,1.
2. Guroopadeshaaddhyetum shaastra jadadhiyo apyalam I
   Kaavyam tu jaayate jaatu kasyachit pratibhaavatah II
   Ibid, s.,1, v.,5.
3. Shabdaarthau sahitam Kaavyam. Ibid, s.,1, v.,16.

رزمِیہ خاطرٕ آسان تہٕ قصید شاعری چھےٚ یا تہٕ کُنہِ رزمِیہ کہِ کُنہِ خاص قِصت خاطرٕ یا ڈزاما خاطرٕ تہٕ نتہٕ ذراقت یا نقالی باپتھ تہٕ کرنہٕ یِوان۔ یہِ چھُ راسُک (اوٗک اوٗ نگ ڈزاماہس منز) تہٕ اِستعمال یِوان کرنہٕ۔ بھامہن چھُ کہانی تہٕ رزمیس منز فرق تہٕ باوِتھ دِژمِژ۔ تِمۍ چھِ گنڈِتھ شاعری تہٕ بے گنڈ شاعری تہٕ فرق وبِستارٕ سان بیان کرمِژ۔ وَیدربھی تہٕ گوڑی طریقن ہنز وضاحت کران چھُ بھامہہ ونان زِ ضروٗر تہٕ مُطابِق گون اَسِتھے چھےٚ کُنہِ خاص لیکھن یا سوچن تراے تعاریف کرنس لایق بنان نتہٕ گو اَچھی ؤتھ وَیدربھی ہندی تعاریف تہٕ گوڑی ہنز مُخالِفت کرنی چھنہٕ لازِمَن ٹھیک۔ گوڑی ہُند شعر تہٕ اگر معانی بۆرُت آسہِ، تہذیب کِس دایرس منز آسہِ النکارو ستۍ سجاوِتھ آسہِ، دُنیاہس تہٕ ادبس ستۍ آسہِ عدل تہٕ اِنصاف آمُت کرنہٕ تہٕ غار ضروٗری لفاظِیتہٕ ستۍ وُچھل واے یا مژگہٕ ترٛ شناپادٕ کرن وول آسہِ نہٕ، زانی توسہ چھُ تعاریفن لایق تِکیاز شعرس منز گژھن یِمہٕ صِفت آسنۍ۔ ووٗنۍ اگر وَدربھی تہٕ یِمو صِفتو بغار آسہِ سو چھنہٕ خانداَنی اَسِتھ تہٕ تعاریفن لایق۔[1] دراصل چھُ بھامہہ سُند مانُن زِ گوڑی یا ویدربھی آسنس پٹھ کانْہہ نتیجہ اخز کرُن چھُ فضوٗل۔ بھرت مُنین اَسۍ شعاعری ہنزی دٔہ صِفت بیان کرِمژ مگر بھامہہ چھُ صرف ترٛےٚ صِفت مانان۔ اکھ گو مادُھری یہِ (مِٹھر ونس ر بولنس منز) شعرن گژھِ خوشبوٗنی صوٗرت آسنۍ تہٕ یِمن شعرن منز گژھِ شعری برتری تہٕ فضیلتھ آسنۍ۔ اَمِس پتہٕ یِم تہٕ دھونہٕ (آواز)

1. Alankaara vadgraamyam arthyam nyayayamanaakulam I
Gaudeeyam api saadheeyah vaidarbham api naanyathaa II
Kavya Alankar by Bamah, s.,1, v.,35.

ہندی مانن والی نقاد آیہ تمو سارِوے ماأنی شاعری ہندی یِمے ترٛنوے اوصول۔ بھامہہ سُند وُنن چھُ زِ یِمن شاعری ہندین صِفتن چھُنہٕ ریتہٕ (شعرچہٕ آواز) ستی کانہہ تہٕ درٛیشٹھمان تعلق بیٚلہِ زَن ڈنڈی وغاٲر گونماتھ چھِ ریتہٕ گون ماأنتھ شاعری ستی مُتحد مانان۔ دوٚیمس بابس منٛز چھُ تعاریفو پتہٕ النکارن مُتلق بیان شوٗرُو گرٛھان۔ ترٛیمس بابس منٛز تہِ چھُ النکارن ہُند ذِکر چلوٗن روزان۔ کُل مِلناوِتھ چھُ بھاماہن کُنتاجھن النکارن ہُند ذِکر کوٗرمُت یِم یتھ کُنہ چھِ: اَپُرس۔ آواز ہشر (زِ قسم) یمک، حرفی مُطابِقت (پانٛژ قسم) روٗپک۔ استعارٕ (زِ قسم)، دیپک، راگ تہٕ تالہِ وُتش دِنہٕ وول النکار (دیپک راگ)، اُپما، تشبیہ، اَتہِ شیوکھتہٕ، مبالغہٕ آمیزی، پرٛتہٕ وستوٗپما، کُنہِ چیزس ستی تشبیہ دِنی، آکھشیپ، طنزیہ بیأنی (زِ قسم) ارتھانٛترنیاس (مختلف لفظن ہنٛز معانے مُشابہتھ) ویترٛیک (اِلکار پسٔندی)، وِبھاونا (روٗنقی یا سجاوٹھ)، سماشوکتی (موخصر بیأنی)، یتھاسنکھیہ (ضروٗرتہٕ مُطأبِق وَرتاو)، اُتپریکھشا (مُنأسِبت)، سوبھاوُکھتہٕ (چاپلن بیأنی)، پرٛییہ (مقبوٗلیتھ)، رٕسوت (شفقت آمیزی)، اوٗرجسوِ (تاقتُک استعمال)، پرٛیایوکھت (ترتیب بیأنی)، سماپت (سارِنے کیٛت نیک خواہ)، اُدات (موزوٗن آواز)، (زِ قسم) شِلشٹ (بےترتیبیتھ)، اپہ ہُنتہٕ (ماراماٲری خلاف)، وِشیشوکھتہٕ (خاص تزکرٕ)، وِرٛودھ (مُخاأِلفت)، تُلیہ یوگتا (برابر قابلِیت)، اپرٛستُت پرٛشمسا (غاٲر مُناسِب تعاریف)، ویاجاستُتہٕ (فضوٗل تعاریف)، نِردرشنا (ہدایات)، اُپما، روٗپک (تشبیہ، اِستعارٕ)، اُپمیوپما (اصل تہٕ تشبیہ)، مہوکھتہٕ (نفیس بیأنی)، پرٛوترٛتی (حدبندی)، سَندیہہ

(شکاؤری)، سمسوَے (یکسانیتھ)، اُتپٔر یکشاوٕیو و (اَنگن ہٕنٛز نُمایش)، سَمسرٛشٹہٕ (تعمیری عمل)، بھاوِک (واقفیتھ) تہٕ آشی (خاتمہٕ یا سمہار)۔

بھامہہ چھُ النکارن شاعری مَنٛز اہم مُقام دِوان۔ شاعری کاۍ ژاہ تہٕ خوبصوٗرت اٙسِتھ تتھ چھنہٕ شوٗب توٚتام یوٚتام نہٕ سو النکارو ذٔرۍ شیرِتھ پاٚرِتھ آسہِ بِلکُل تِتھے کنٛز یتھٕ کنٛز سِنگارٕ بغار خوبصوٗرت دوشیزہ چھنہٕ شوٗبان۔ ژوٗرِمس بابَس مَنٛز چھُ شاعری مَنٛز لبنہٕ آمتین کمیَن ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ۔ گوڈِنکس بابَس مَنٛز شعر نمبر 56-27 ہَس مَنٛز تہٕ چھُ یِمنے کمین ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ۔ نیارتھ یعنی بڑوٚنہہ پکن لایق معنی، وِلشٹھاژتھ (فرقِ دار معنی)، اَنیارتھ (دوٚیم معنی)، اَواچک (بے آواز)، اَیکھتمت (غار موزوٗں یا اَڈلیوٚک) تہٕ گوٚڈ شبد ابھِد ھان (مُشکِل لفظن ہٕنٛز موزوٗنیتھ)۔ یِم چھِ عام لفظی خامی (دوٚش) تہٕ شُرتہِ دوٚش (بوزنٕچ غلطی) اَرتھ دُشٹ (معانے غلطی)، کلپنا دُشٹ (خیالٕچ یا تَصوٗرٕچ غلطی) تہٕ شُرتہِ کشٹ، (بوزنَس مَنٛز رُکاوٹ)۔ یِم ژور وَنس یا بوٚلکی دوٚش گنٛزراونہٕ آمتۍ۔ ژوٗرِمس بابَس مَنٛز چھُ اَپرارتھ۔ (مزید معانے)، وِیرتھ (بے معنی) بیٚترِ کاہ دوٚش آمتۍ گنٛزراونہٕ تہٕ گوڈِنکین ذٔہن ہٕنٛز چھےٚ وکھنےٚ کرنہٕ آمٕژ تہٕ مِثالہِ دِنہٕ آمٕژ۔ پانٛژمس بابَس مَنٛز چھُ کُہمہِ کی، پرٛتگیا ہیٹو اِدہین، (اعلان بغار نظریہِ پیش) کرنُک ذِکر آمُت کرنہٕ یتھ مَنٛز عدلیس ستۍ وابسطہٕ اِمتیازی صِفت چھِ پیش کرنہٕ آمتۍ۔ شیٚمِس بابَس مَنٛز چھِ تم ہتھ لفظ شاعرن ہِنٛدِ ہِدایتہٕ باپتھ وننہٕ آمتۍ یِم گرامرٕ ٹھیکھ کرنَس خاطرٕ لازِم چھِ۔ بھامہہ چھُ "شرٛدیٚم جگتہِ متم ہہِ پانیٚم"، "بے شک چھِ پانٛنۍ زِنگس مَنٛز تعظیمس لایق

لایَق کاَم، یِم لفظ وٚنتھ پاننی یَس خراجِ عقیدت پیش کۄرمُت۔

بھامہن چھُ پانس برٛونٛہہ واریاہن گونماتن تہٕ تِہنٛزن تصنیفن ہُند ذِکر کۄرمُت یِم گونماتھ چھِ ییتھ گٔزی۔ رام کُمار سُند اچھیوتر، کنہِ بھکھش اشمک ونٔش، راج مِتر، شاکھ وردھن، میدھاوی، رتن ہرن، نیاس تہٕ یِمن سارِنے ہُند وتہٕ ہاوُکھ پاننی۔ بھامہس برٛونٛہہ تہٕ چھےٚ النکار مانن وٲلی آسۍ مٕتی۔ تِمۍ سُند یہِ وَنُن زِ ''میدھاوی پرٛوکھتہٕ'' چھُ ستھ تشبیہ دوٚش یہِ کتھ چھُ ثابت گران زِتس برٛونٛہہ چھُ میدھاوی نقاد اوسمُت ییٚمہِ تشبیہ ہِندِ بن خامیَن ہُند پُرخاش کۄرمُت اوس۔ لفظن ہُند بجر تہٕ معانیک بجر یِمن ہُند ضرٛورت اوس بھامہن محسوٗس کۄرمُت تہٕ اتھ سِلسلس منٛز دوٚیِمن ہِنٛز راے دِوان چھُ سُہ ونان کہِ کینٛہہ لۄکھ چھِ اِستعارٕ بیٚترِ (معانے بجرس) شاعری ہُند النکار ونان تہٕ باقی لِکھاری چھِ اِستعارٕ بیٚترِ دوپر النکار مانان۔ تِمن ہِنٛز راے چھےٚ زِ شۄد گرامرٕ اِستعال گرِتھ چھُ زبانٕ ہِنٛزِ شۄب بڈان۔[1] بھامہن چھُ لفظن تہٕ معانے النکار دۄنٕوٕنی ہِنٛز اَہمیت قۄبۄل کرٕمٕژ۔ سارِنے معانے یَس ستۍ تولُق تھاوَن والِبن اَمہِ النکارکین واریاہن قِسمن ہُند آغاز چھِ وکرٛوکھتہِ یعنی مبہم بیانی۔ یہِ غارٕ یقینی چھِ قِسم وار تہٕ طرحدار۔ باضے چھُ امیُک داٮ۪رٕ واریاہ وٚسی بنان تہٕ یہِ چھےٚ اتشیوٗکھتہِ۔ الہٕ کُلس تلہٕ کُل بنان۔ مگر تہِ اَستھ تہِ چھنہٕ اَمہِ ستۍ معانیس وِہتار یِوان یُس شاعری ہِنٛز شۄب چھُ۔ تمی چھُ شاعرن تاکید آمُت کرنہٕ زِ تِم

1. Roopakaadim alamkaaram baahyamaachakshate pare,
Supaam tidaancha vyuthputim vaachaam vaan chhantyalankratim I
Tadetadaahuh saushabdyam naartha vyuth pattireedrashee,
Shabdaabhidheyalankaara bhedaa dishtam dvayam tu nah II
Kavya Alankaar by Bahmah., s.2.

گرٛدھن مُبہم بیانی شاعری منٛز ضروٗر اِستعمال کرٕنۍ۔ بھامہہ سُند گُپت چھُ 'اما مُبہم بیانی بغاَر آسِیا کانٛہہ النکار' یعنی النکار چھُ تیٚلی مُمکِن ییٚلہِ شارس منٛز مُبہم بیانی آسہِ۔[1] یتھٕ کٔنۍ سپُد مُبہم بیانی تہٕ نا مُناسِبت تھاوَن وٲلِس کلامَس میٚل تہٕ یم دوٚنوے گیہِ اکھ أکس منٛز لَے۔ بھامہہ چھُنہٕ منطِق، سبٛھاہ لوٗکٹ وجہہ یا صِرف گُنہٕ چیٖزَچ یا کتھِ ہنٛز ژھاے یوت کانٛہہ النکار مانان تکیاز سُہ چھُنہٕ اتھ مُبہم بیانی مانان تکیازِ مُبہم بیانی چھِ وارِیاہ وِستار تہٕ مانان یا منگان۔ سُہ چھُ ونان مُبہم بیانی بغاَر ونو کانٛہہ تہِ عام کتھ باتھ یوسہٕ پانٕونی چھِ کران یُس نہٕ شاعری ہنٛدِس ذِمرس منٛز چھُ یِوان۔[2] بھامہہ سٕنزِ تصنیفہِ منٛز چھُنہٕ رسٕک ذِکر مگر مختلف رسوٕ کٔنۍ ووپدن والین النکارن منٛز ریٚچ اندرٕونی فِطرت چھےٚ ضروٗر مانُنہٕ آمٕژ۔

أمِس پتہٕ یم گونماتھ آیہِ مثلن آنٔند وردھن، ممٹ وغاَرٕ آچاریو تہٕ ماگھ تہٕ بھٹی وغاَرٕ شاعرن پتھ چھُ بھامہہ سٕندِ کاویہ النکارُک اَثر ٹاکارٕ پاٹھی لبنہٕ یِوان۔ آنٔندوردھن چھےٚ مُبہم بیانی بابت تمہٕ سارے علامژ پٔنٛنِس دھونیالوکس منٛز تِتھے کٔنۍ ورتاوِمژٕ یتھٕ کٔنۍ یمہٕ بھامہن چھےٚ بیان کرمژٕ۔ آچاریہ ممٹن چھِ أمۍ سٕندی معنیس پتھ مُبنی تہٕ لفظن پتھ مُبنی دوشوے النکار تسلیم کٔری متۍ۔ بھامہہ چھُ علامتی کاوس یعنی لفظہٕ شاعری وضاحت کران ونان ''شبذ ارتھو سہتو کاوٗ یم'' شاعری ہنٛدی تعاریف مانان یعنی ''سُہ کلامہٕ یتھ منٛز شبد تہِ آسن تہٕ ارتھ تہٕ''

---

1. Saishaasarvatra vakrokhtiranayartho vibhaavyate I
   Yatno asyam kavinaakaaryah koalankaaro anayavinaa II
   Kavyaalankar, by Bhamah, s.,2, v.,85.
2. Gatoastamarko Bhaateenduryanti vaasaaya pakshinah I
   Ityevamaadi kin kavyam? vaartaamenaam prachakshate II
   Ibid, s.,2, v.,87.

تہٕ یتھ کُنِ چھُن کاشر اوٚمُت یِنہٕ والین گونماتن ہنٕد خاطرٕ شاعری ہنٛز وَتھ۔ یہِ چھُ پتہٕ وتھ آمٕت مانِنہٕ زِ بھامہن یِم مِثالہٕ کاویہ النکارس منٛز النکار فکرِ تارنہٕ خاطرٕ ورتاوِمٕژ چھےٚ تِمے چھےٚ بھٹہِ گونماتن ''راون ودھ'' رزمیس منٛز ژٕہمہٕ پیٹھ ژُرواہمس یمن ژون سرگن منٛز ورتاونہٕ خاطرٕ یہِ رزمیہِ لیوٗکھمُت۔ بھٹہِ کاویک اکھ پد چھُ کاویہ النکارُک پدٕے مگر شکل بدلاوِتھ۔[1]

آنندوردھن، ابھنو گُپت، کیشومِشر، مَلِناتھ، نمہِ سادھوٗ، پرٛتیہار یُندراج، بھوج، ممٹ، رُیک، وامن وغارٕ بڈٕ بو گونماتو تہٕ آچاریو چھُ پننِن تصنیفن منٛز اِقتباس پیش کری مٕتۍ۔ اُدبھٹن چھِ کاویہ النکارس پیٹھ بھامہ وِورن ناوٕچ ٹیکا لیچھمٕژ۔ ابھنو گُپتن چھُ دھونیالوک چہِ ٹیکایہِ ''لوچن''س منٛز تہٕ پرٛتیہار یُندراج چھُ اُدبھٹ سٕندِس کاویہ النکار سنگرٕہہ چہِ ٹیکایہِ منٛز بھامہس مُتلِق ذِکر کران۔

بھامہن چھےٚ کاویہ النکار بغاٚر تہٕ بیٚتہٕ تصنیفہٕ لیچھمٕژ یتھ منٛز اکھ تصنیف بحر یا وزنس پیٹھ اَس ناو اوٚسُس چھند فلسفہٕ یا شاستر۔ وژت رتناکر سٕنٛز ٹیکایہِ منٛز چھُ نارائن بھٹن بھامہ سٕنٛز اَمہِ تصنیفہٕ منٛز اقتباس اژٕنہٕ کرِ مٕتۍ۔ ''ابھگیان شاکُنتلم'' چہِ ٹیکایہِ منٛز تہٕ چھُ راگھوبھٹن تہٕ یتھی ہی کینٛہہ اِقتباس بھامہ سٕندی حوالہٕ دِتھ دِژٕ مٕتۍ یِم نہٕ کاویہ النکارچن اصولن ستۍ میل چھِ کھوان۔ مگر یمہٕ تصنیفہٕ چھےٚ وقتہٕ بُزی وُنستام باسان۔



1. Kaavyanyapi yadeemaani vyakhyagamyani shaastravat I
   Utsavah sudhiyameva hanta dhumedhaso hataah II
   Kavi Alankar, Bhamah, s.,2, v.,20.
2. Tulaneeya vyakhya gamyamidam kaavyam utsavah sudhiyamalam I
   Hataa durmedhasashchaasmin vidvat priyataya maya II
   Bhatti Kavyam, s.,22, v.,34.

## (3) النکار سار سنگرٕہہ

ہندوستأنی شاعری ہندِس فلسفس منٛز چھُ اُدبھٹ سُند ناو بحیثیتِ اکھ عظیم ووستاد، فلسفی تہٕ نقاد ماننہٕ یوان۔ تمٕس پتہٕ ییٚنہٕ والیو آچاریو فلسفیو تہٕ شاعرو مثلن آنند وردھن، ابھنو گپت تہٕ ممٹ وغأرو عالٕمو کوٚر پننٮ۪ن تصنیفن منٛز النکار سار سنگرٕہُک اِستعمال۔ ییٚہ کوٚرکھ أمی ہندٮ۪ن فلسفی اصوٗلن تہٕ وَژِہ وانٛجہِ عزت افزأیی۔ أمِس گونماتہٕ سُند پرٛتھن کال چھُ کاویہ النکار لیکھن وألِس بھامہہ سٕندِ پَتہٕ ماننُن لازمی تکیازِ أمی چھےٚ اتھ فلسفس پیٹھ اکھ تشریح لیچھمٕژ ییتھ ناو اوس "بھامہہ وِورَن"۔ ییتھ کنِ بڑوٚنٛہہ چھُ ماننہٕ آمُت زِ بھامہہ سُند وق چھُ پأنژمہِ صدی پتہٕ شٮ۪تمہِ صدی ہندِس گوڈنِکس نِصفس تام ماننہٕ یوان۔ آخری حد چھُ دھونیالوک تصنیفہِ ہندِس بأنی کار آنند وردھن (نومہِ صدی ہُند دوٚیِم نِصف) تام ماننہٕ یوان۔ آنند وردھن سُند وَنُن چھُ زِ اُدبھٹن چھُ اِستعارِ وغأرِ النکارن ہنٛز برتری تہٕ قوبوٗل کٔرمُت۔[1] راج ترنگنی ہندی لیکھن وألی کلہن پنٛڈِتن چھُ وونُمت زِ اُدبھٹ اوس رازِ جے پیڑ سنٛزِ راجہ سبھایہِ ہُند اکھ وٗزیر۔[2] کشیرِ ہندِس أمِس رازِ سُند وَق چھُ 779-813 ماننہٕ یوان۔ ییمو وجہو کنِ ہیکون اُدبھٹ سُند وَق 800ہٕ صدی أندی پکھی مأنتھ۔ أمی سنٛز زِنہٕ جاے تہٕ أس کشیرِ تہٕ رازِ جے پیڑ سُند وٗزیر تہٕ کاویہ النکار سوٗترُک مُصنِف وامن اوس أمی سُند ہمعصر گونماتھ۔

---

1. Roopakaadiralankaaravargo yo vaachyataam shritah I
   Sah sarvo gamyamaanatvam bibhrat bhoomnaa pradarshitah II
   Anyatra vaachatvena prasiddho yo roopakaadiralankaarah soanyatra I
   Prateeyamaanataya baahulena pradarshitastatra bhavadbhi Bhattod Bhattaadibhi II
   Dvanyaloka by Anandvardhana, s.,2, v.,26 (Vratthi Bhaga)
2. Vidvaan deenaaralakshena pratyaham krata vetanah I
   Bhattoalbood Udbhattah tasya bhoomir bhartuh sabhapatih II
   Rajatarangini by Kalhana, Book 5, v.,495.

آچاریہِ اُدبھٹ ہنٛز چھےٚ یِمہٕ ژور تصنیفہٕ کأفی مشہوٗر۔ (۱) النکار سار سنگرٛہہ (۲) بھامہہ وِورَن (۳) کُمارسمبھوتہٕ (۴) بھرت ناٹیہ شاسترٕچ تشریح۔ یِمو منٛز چھُ صرِف النکار سار سنگرٛہہ یوت ژٔسی یاب سپدمُت۔ باقی ترٛن مُتلِق چھِ اَسہِ اُمس پتہٕ یِنہٕ والین گونماتن ہنٛز و جامعہ تعاریفو تہٕ تصنیفن منٛز آمتو شأعری ہنٛد ہو نموٗنو تہٕ اقتباسو ژٔسی مولوٗم گژھان مگر اصل تصنیفہٕ چھنہٕ وُنہِ ژٔسی یاب گمٕژ۔

النکار سار سنگرٛہس منٛز چھِ شےٚ باب یِتھ منٛز اکتأجہن النکارن ہنٛزٕ مِثالہٕ دِتھ تعأریف چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ یِمن النکارن ہنٛدی سنسکرٕت ناو چھِ یِتھٕ کٔنی:

(۱) گوڑنیُک باب: پُنرٕکھتہٕ ودابھاس، چھیکاپُنرٛاس، پرٕشا، اُپنا گرِکا، کومَلا یا گرٛامیا، ناوِکی ترٛیہِ قسمکی اَنُپرٛاس، لاٹاپُنرٛاس، روٗپک، اُپما، دیپک تہٕ پرتِوستوٗ پما۔ یِم سأری چھِ شبدہٕ النکارٕکی قسم۔

(۲) دوٚیِم باب: آکھشیپ، ارتھانترنیاس، ویٚترٛیک، وِبھاونا، سَماسوکھتہٕ تہٕ اَتِشیوٗکھتہٕ۔ یِم سأری چھِ شبدٕہارتھ النکارن منٛز یوان۔

(۳) ترٛیِم باب: یَتھا سنکھیہ، اُتپرٛیکھشا، تہٕ اتہِ شِشیوٗکھتہٕ۔ یِم چھِ یوان ارتھ النکارن منٛز۔

(۴) ژوٗرِم باب: پرٛییس، رسوَت، اوٗرجسو، پَریایوٗکھتہٕ، سماہِت، اُدات تہٕ دوٚیہِ قسمکی شِلشٹ۔ یِم چھِ یوان ارتھ النکارن منٛز۔

(۵) پأنژِم باب: اپہنُتہٕ، وِشیشوکھتہٕ، وِرٛودھ، تُلیوٗگِتا، اَپرٛسُتت پرٛشمسا، ویاجستُتہٕ، نِردَرشنا، سنکر، اُپمیوٗپما، سَہوکھتہٕ تہٕ پَرِورٛتہٕ۔ یِم چھِ یوان دوٚنوٗنی

النکار کِہن قسمن منٛز۔

(٦) شیٚم باب: سُندیٚہہ، انِوٚے، سمسرٛشٹہِ، بھاوِک، کاویہ لِنگ تہٕ درٛشٹانت۔
یِم چھِ ارتھ النکارکی قسم۔

بھامہہ سُنٛد چھُ وارِیاہ اثر اُدبھٹس پیٹھ۔ اُدبھٹن چھُ پننس تحقیقس منٛز سُے ترتیب النکارن تھووُمُت یُس کاویہ النکارس منٛز چھُ۔ اَنٛہٕ اس اُتپرٛیکھشا، رسوٗت، بھاوِک، وغاٲرٕ وارِیاہن اَلنکارن ہٕندٕ بن تعاریفن منٛز تہٕ چھےٚ دۄنوٕنی پانوٕنی برابری نظرِ گژھان۔ آکھیشپ، وِبھاوَنا، اَتہٕ شیوٗکھتہٕ، یتھاسنٛکھیہِ، پرِیایوٗکھتہٕ، النکارن ہٕندی تاریف چھِ بلکُل تِتھےٚ یِم کاویہ النکارس منٛز دَرٕج چھِ۔ اُمی چھےٚ صرف پانٛژن نوٚین اَلنکارن، پُنراُکھتہٕ واداِبھاس (پُراٲنی کتھ دوٚہراوٕنی)، چھیکانُپراس (آواز ہشرس روٗٹ کرُن)، سنکر (جوڑ دِیُن یا مُتحِد گژھُن)، کاویہ لِنگ (جنسہِ شاعری) تہٕ درٛشٹانت (توضیع) ہُنٛد تصوُر نوٚسرٕ پاٲدٕ کوٚرمُت۔ اُمی چھُ پرٛتوٗستو پما النکار، اُپما النکارُک اَکھ قسم مانِتھ اتھ اکھ الگ تہٕ مُنفرد رَنٛگ دیُت مُت۔ بھامہن چھِ روٗپک النکارکی زٕ قسم وٕنی متی مگر اُدبھٹ چھُ ژور قسم مانان۔ اُمی چھِ بھامہہ ہٕندی وٕنی متی کینٛہہ النکار موٗلےٚ ترٛاوِی متی۔

اُمِس پَتہٕ پنٕہ والین دۄنہِ واد (آواز فلسفہٕ) ونن والین نقادَن مثلن آنٛندوردھنَس بیٚترِ چھُ اُدبھٹ سنٛزِ تصنیفہٕ ستی وارِیاہ مَدد میوٗلمُت پنٛنن موقف برٛونٛہہ کُن پکناونَس منٛز[1] بھامہہ ہٕندِس کاویہ النکارکی پاٹھی چھُ النکار سارسنگرٛہہ

[1] اوٗچھِو دھونیالوک باب 2 شعر 26 (وژِتہٕ بھاگ) وُچھو فُٹ نوٹ صفہٕ 392۔

ہِکہِ مواد کِ استعمال تہٕ اَمِس پتہٕ یِنہٕ والیو نقادو پننین تصنیفن منٛز کۆر رُمت۔ تِمو چھِ تِمے النکار ماننٛۍ یِم تہٕ بۄنٛہہ پکناوٕ یِمن ہنٛز تصدیق بھامہن کٔرمٕژ چھےٚ۔ اُدبھٹ چھُ مانان زِ شلیش النکار چھُ دوٕیہِ قسمک۔ اکھ گو لفظہٕ ہِشر بیاکھ گو آوازٕ ہِشر۔ یِم دوشوٕے چھِ یوان معنی النکارس تحت مگر ممٹا چارین چھُ اَمۍ ہِنٛدِ اَمہِ رایہِ ہنٛز مخالفت کٔرمٕژ۔[1]

اُدبھٹن چھُ رَسس برابر مانٛنتھ "رَسا بھِوٚبکھتہِ" تسلیم کٔرمٕژ۔ اَمہِ باوٕژ ہِندِ بن پانٛژن ذٔریَن، "پننٛہ آواز"، "ستھایہِ بھاو" روزوٗن تہٕ پوشوٗن خیال، "سنچارِ بھاو" معاوِن یا مددگار خیال، "وِبھاو" برخلاف راے تہٕ "ابھنے" کأم کرٕنۍ یا فنکأری، یِمن مَدن ہُند ذِکر کۆر رُمت۔[2] ممٹ وغارٕ آچاریو چھُ "سو شبدِ واچیتا" رس پأدٕ کرٕنکۍ ذٔریہِ نہٕ اَستھ یہِ اکھ کمۍ آسنُک تزکرٕ کۆر رُمت۔

آنَند وردھن چھُ مانان زِ گوَن یعنی صلاحیتن یکہِ وٹہٕ کرُن چھُ اُدھبٹن اِستعارُک دھرم مونمُت ییلہِ زَن "دھونہِ" آواز مانن وألی چھِ اتھ رسُک دھرم یا لوٗازِم مانان۔



## (4) کاویہِ النکار سوٗترٕ وژتہٕ

وامن چھُنہٕ پننہِ تصنیفہِ کاویہِ النکار سوٗترٕ وژتہٕ منٛز پانَس مُتلِق کِنٛہی تہٕ لیوٗکھمُت۔ لِہذا چھُ تِسنٛدِس وقتس بیٚترِ مُتلِق باقی حوالن تہٕ تصنیفن ہُند سہارٕ

---

1. اَمہِ قسمچ لفظن ہنٛز معانے یکسانٛتھ چھِ النکارن منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔ اتھ منٛز کیٛاہ نٛو کتھ چھِ" کاویہ پرٕکاش۔ 9، (وژتہٕ بھاگ)۔

پوان ضرورتھ۔ وامنَن چھُ پننِہ اتھ تصنیفِہ منز ''کامندک نیتِہ'' کامہِ شاستر، چھند اوِچتہِ، ''نامہِ مالاؔ''، وِشکھِل ''شُدرٔک'' تہٕ ''ہرِ پرٔ بودھ'' سُند ذِکر کوٚرمُت۔[1] رؤپک النکارس پیٹھ تشریح کران چھُ اَمی بھوبھوٗتہِ سِندِ اُتر رام چرِت منز اکھ پد یا شعرُک حوالہٕ اکھ اِستعارٕ سمجھاونہٕ باپتھ دیُت مُت۔[2] بھوبھوٗتہِ اوس گنوج کِس راز یشوورما سِندِس دربارس منز۔ اَمِس راز سُند وَق چھُ اَٹھِمہِ صدی عیسوی ہِندِس آغازس منز یوان مانِنہٕ۔ اَسی ہیکون وامن سُند وکھ 750ء مُقرر کرِتھ۔ کلہن چھُ راج ترنگنی منز وامنَس، راز جے پیڑ سُند وزیر ونان۔[3] بہوٗلر سُند وَنُن چھُ زِ کشیرِ ہنٛز یہِ پتہِ وَتھ چلوٚنی کتھ زِ کاویہ النکار سوٗتر وَرتہِ ہُند تصنیفکار وامن چھُ جے پیڑن وٗزیر اوسمُت، چھُ صحی باسان۔ جے پیڑ سُند دورِ حکومت اوس 779-813ء۔ لہٰذا ہیکو وامن سُند وقت تہٕ اَٹھمہِ صدی ہُند دوٚیم نصف مانِتھ۔ مشہوٗر فلسفی پی۔وی۔کانے چھُ کاویہ النکار سوٗتر وژتہِ ہُند لیکھن وول وامن تہٕ کاشِکا لیکھن وول وامن زٕ الگ الگ گونماتھ مانان۔ کاشِکا آیہِ 660ء یَس منز لیکھنہٕ۔[4]

وامن سنٛز تصنیف کاوِیہِ النکار سوٗتروژتہِ چھےٚ پانٛژن ادھکرنن منز باگرِتھ۔ گوڈنِکس تہٕ ژوٗرمِس ادھکرنس منز چھِ ترٛے باب تہٕ دوٚیمِس ترٛیمِس تہٕ پانٛژمِس ادھکرنس منز چھِ زٕ زٕ باب۔

1. Kavya Alankara Sutra Vritti, by Vaman, k.,1, s.,3, v.,5 and 7; k.,3, s.,2, v.,4; k.,4, s.,1, v.,2; k.,4, Sec 1, v.,10.
2. Iyam gehe Lakshameer iyamamrata varttinaya nayor, Ibid, k.,4, s.,3, v.,6.
3. Manorathah Shankhadantashchatakah sandhimaamstathaa I
   Babhoovuh kaayastasya Vaamanaadyashcha mantrinah II
   Rajatarngini by Kalhana, Book 4, v.,497.
4. Sanskrit Kavya Shastra ka itihas (Hindi Tranls) by P.V. Kane, p.,185.

''شریٖر'' ناوِ کس گوڑنکس ادھِکرنس منٛز چھُ شاعری ہُند مقصد امیُک اصلوٗب امِکی قسم تہٕ باقی جُز تہٕ شاعری ہِند بن مُختلف جُزن ہُند ذِکر۔

دۄیمس بابس چھُ ناو ''دۄش درشن'' یتھ منٛز شعارن ، جُملن یا معنیس مُتلق خامیین پیٹھ سرنہٕ سوٗنچنہٕ چھُ آمُت۔

ترٛیمس بابس چھُ ''گنہٕ وِوٚچن'' (صِفت پرٛکھاوُنی) ناو دِنہٕ آمُت یتھ منٛز شاعری ہِندی صِفت تہٕ النکارن ہِندی قسم آمٕتی چھِ وِرٛشناونہٕ تہٕ دۄن قسمن ہِندی صِفت تہٕ علامژ چھےٚ آمژ وِستارِتھ پرٛکھاونہٕ۔

ژۄرِمس ادھِکرنس چھُ ''النکارِک'' ناو یتھ منٛز انپرٛ س (آواز ہِشر) ییمُک (حرفی مُطابقت) بیٚترِ النکار تہٕ اُپما (تشبیہ) بیٚترِ النکارن ہُند ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ۔

پاٗنژِمس ادھِکرنس چھُ ''پرٛیوگ'' ناو آمُت دِنہٕ۔ اتھ منٛز چھُ شاعری ہِندِ بن روایتی آدابن پیٹھ سرنہٕ سوٗنچنہٕ آمُت تہٕ شاعر کم کم .زبانی لحاظٕ غارٕ موزوٗن لفظ چھِ استعمال کران تہٕ تِمن لفظن ہنٛز تشریح۔

یتھٕ کنۍ چھُ وامنن شاعری ہنٛزِ صِنفہٕ ہِندِ بن سارِنے مُروجہ قسمن پیٹھ سۄرمُت سوٗنچمُت مگر تِمی سنٛز خاص مشہوٗری چھےٚ شاعری منٛز اِخلاقیات امیُک روٗح ٹھہراوِتھ رٕچھتہٕ، سماجچہ، تحریکہِ ہُند اکھ نۆو سوٗنچ پاد کۆرمُت تہٕ یتھٕ کنۍ چھُن رٕچھتہٕ فلسفس شاعری منٛز اکھ خاص مُقام دیُتمُت۔

بوزوٗے تہٕ رٕچھتہٕ ''اِخلاقیات'' فلسفُک اِبتدا چھُ اَسہٕ بھرٛت سٕنٛدِس ناٹیہ شاستر منٛز نظرِ گژھان۔ بھرٛت چھُ مختلف علاقن ہِندی پلو پوشاکس پیٹھ مُبنی

ژوٗر روحجان، اَونتی (مالوائک)، داکھِشناتیا (دَکھنگ)، اَوڈرِ ماگدھی (مگدھ دیشُک وُڈر علاقہٕ) تہٕ پانچالی (رُہیل کھنڈُک) علاقن ہُند ذِکر کوٚرمُت۔ یِم پوٗشاکِکی لوٗآزی ماتھ آسی الفاظن ہِندِ لازوال بُندشہِ باوجوٗد تہٕ بلکُل الگ اَسِتھ تہٕ علاقن ہنٛزِ جغرافیٲیی حدٕ بَندی ہنٛز کَنہٕ کُنہِ مانہٕ یِوان۔ تِتھے کُنہِ چھِ بھرت ہِندی وُنہٕ ہتی بھارتی، کیشکی، ساتوِتی تہٕ آرٕبھٹی ناوٕکی یِم ژوٗر رٕسِکس فلسفس پیٹھ مُنحصر رٕہتہِ فلسفکی کینٛہہ پہلوٗ اَسہِ نظرِ گژھان تہٕ یِمے رٕتیٖن ہِندی اوٗصوٗل چھِ مختلف رَسن منٛز اِستعمال سَپدان۔

وامنَس برٛونٛہہ چھُ بھامہہ تہٕ ڈنڈی رٕہتہِ باپتھ ''مارگ'' یعنی وَتھ لفظ اِستعمال کَران تہٕ دوٚن دوٚن مارگن، گوڈی تہٕ ویدربھی ہُند تجزیہ کوٚرمُت۔ ڈنڈی ہِندی کُنہِ چھِ شلیش (اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معانے والی لفظ)، پرٛساد (آہی)، سمتا (برابری)، مادُریہ (مُدزیر)، سکُمارتا (نوزکی)، اَرتھ ویکھتہٕ (مطلبُک ویستار)، اُدھارتا (وۄسی نظریہ)، اوٗج (شُجات)، کانتہٕ (خوبصوٗرتی) تہٕ سمادھِ (مصالحت)۔ یِم ڈٕہ صِفت ویدربھی طرزٕکی روٗحِ رواں آہتی مانہٕ۔ مگر گوڈ طرزس منٛز چھُ یِمن ہُند ژھُر برآسان۔[1] یِمن ہنٛزِ راے چھِ یِتھ کُنہِ زِ ویدربھی چھِ شاعری ہُند سارِوے کھوتہٕ لایق طریقہٕ ییٚلہِ زَن گوڈی چھے ناقِس طرز یِوان مانہٕ۔ ویدربھی چھے یِمن ڈٕہن اصوٗلن اندر مُنضم روزان ییٚلہِ زَن گوڈی منٛز یِمہ کانٛہہ بُندِش چھنہٕ۔ ''مدھُر رسہٕ سوٚاد'' وَنتھ چھُ ڈنڈی رسس

---

1. Shalesha prasaadah samtaa maadhuryan sukumaaratataa I
Arthavyakhtirudaaratvamojah kaantisamaadhayah II
Itivaidarbhamaargsya praanaah dashagunaah smritash I
Eshaam viparyiyah praayo drashyate Gauda vartmani II
Kavyalankara Sutravritti, by Vamana, s.,1, vv.,41-42.

تہٕ گوٚنن منٛز زم گران۔ دوٚن الگ جغرافیٲیی جھن منٛز یمن دوٚن شاعری ہنٛدٮ۪ن طرزِ بیانن بآگرِتھ چھُ ڈنٛڈی یتہٕ قبوٗل گران زِ پرٛتھ شاعرس چھُ پنٕن پنٕن طرز آسان تہٕ یتھ کنٕہ ہیکن یم طرزٕکی قسم لاتعداد آسِتھ۔[1]

ڈنٛڈیس برٛونٛہہ چھِ بھامہن تہٕ دوٚن قسمن وَیدربھی تہٕ گوڑی شاعری ہنٛدٮ۪ن طرزِ بیانن ہنٛز ذِکر کرمِژ۔ تمو چھِ اَکس مُروجہ نہجہٕ ہنٛز مُخالفت تہٕ کرمِژ زِ ویدربھی چھےٚ تھدِ پانٛچ شاعری تہٕ گوڑی چھےٚ وٕسر پانٛچ۔ کانٛہہ تہٕ وتھ یا تنظیم یتھ منٛز شاعری ہنٛدی اصلی گوٚن مثلن النکارتا (بجھاوٹھ النکارن ہنٛز)، اگرامیتو (بے ادب شبدھ تہٕ ارتھہِ روٗس)، ارتھیتو (حیرت انگیز معانہٕ آسن)، نیایۂ تَو (لُکہٕ فلسفہٕ مُطابق)، اَمنا کلتو (فوٗضوٗل لفظن ہنٛدی بارٕ بغار) آسُن سوٗ چھےٚ قابلِ تعارٕیف یتھ منٛز نہٕ یم گوٚن آسن سُہ پتہٕ گوڑ مارگی آسہٕ یا وَیدربھی قابلہِ تعارٕیف چھنہٕ۔[2] وَیدربھی منٛز لیکھتھ تہٕ اگر نہٕ اتھ منٛز معانے یک آسُن سرس تہٕ ورکروکھتہٕ (مُبہم بیانی) آسنس نہٕ صرف آسہٕ ساماًنی شاعری منٛز بیان کرمِژ کانٛہہ نوٗزُک کتھاہ۔ سُہ گوٚو صرِف گیوتاہ، کنٛن سوکھ دِنہٕ باپتھ یتھ نہٕ دِلہٕ چٮ۪ن گہرائن ستی کانٛہہ واتھ آسہٕ۔[3] اَمہٕ قسمٕچ شاعری چھنہٕ النکارن ہُنٛد سرپرست گونماتھ بھامہ اَتھہِ النکارو روٗس شاعری ہنٛدس کُنہٕ تہٕ حدوٗدِس یا قسمس تحت شاعری ہنٛدِس ضمرس اندر مانان۔

---

1. Tadbhedaastu no shakyante vaktum prati kavisthitaa I
Kavyalankaara by Bhamah, s.,1, v.,101.

2. Alankaaravada graamyamarthyam nyayamnaakulam I
Gaudeeyamapi saadheeyah Vaidarbhamapi naanyathaa II
Ibid, s.,1, v.,35.

3. Apushtaarthamavakrokti prasanna mraju komalam I
Bhinnam geyamivedam tu kevalam shruti peshlam II
Ibid, s.,1, v.,34.

وامنؔ تہٕ چھُ النکارٕ وادی تہٕ کاوِیہِ النکار سوٗترٕ وژتہِ کِس گوڑنِکس بابَس مَنٛز چھُ سُہ ونان زِ شاعری ہنٛز مقبوٗلیت چھِ صرِف النکارن پیٹھ مُنحصر۔[1]

دوٗیمہِ طرفہٕ چھُ تسُنٛد یہ تہٕ مانُن زِ طرزِ بیاؔنی (ریٖتہِ) چھِ شاعری ہُنٛد روٗح۔ لیہٰذا چھُ یہِ زانُن ضروٗری زِ وامنؔ سٕنٛزن نظرن مَنٛز کیٛاہ چھُ واٹھ پانٕونی النکارس تہٕ ریٖتہِ۔ وامنؔ چھُنہٕ النکار لفظُک استعمال ''اُپما'' (تشبیہ) بیٚترِ النکارو وِزِ یوت گَران ئلۍکہِ سُہ چھُ مانان زِ شاعری مَنٛز کانٛہہ تہٕ خوبصوٗرتی چھُ النکارن ہنٛدِس ضمٕرس مَنٛز یِوان تہٕ یم چھِ خوبصوٗرتی مَنٛز کمی ژھارنہٕ نِشہِ لوٚب روٗزِتھ تہٕ اکِہ کھوتہٕ زیٛادٕ معنی تھاوَن والین لفظن ہنٛدِ اِستعمالہٕ (شلیش) تہٕ تشبیہ وغارٕ النکارن ہُنٛد شاعری مَنٛز استعمال ہُرراونہٕ ستۍ یِوان۔[2] اکِہ خاص قسمکۍ شعر لیکھنُے چھُ شاعری ہُنٛد ریٖتہِ یا طرزِ بیان معنی تھاوان۔ شعر لیکھنُک یہِ طریقہٕ کار چھُ أکِس خاص انٛدازس مَنٛز اکِہ کھوتہٕ زیٛادٕ معنی تھاون وألۍ لفظ تہٕ تشبیہ وغارٕ النکار اِستعمال گَرنہٕ ستۍ یِوان۔ فرِق چھےٚ صرِف ییٚژٕ ے زِ شلیش گوٚن آسُن چھُ ریٖتہِ طرزِ شاعری ہُنٛدِ باپت اکھ مُروجہ تہٕ عام اِستعمالکۍ النکار یمو بغاَر اَمہِ قسمُچ شاعری چھُنہٕ مُمکِنے۔ اُپما وغارٕ النکار چھِ خاص تہٕ حسبِ موقع استعمال سَپدن وألۍ یمو بغار تہٕ ریٖتہٕ کاوِس مَنٛز کانٛہہ فرِق چھُنہٕ یِوان۔ مگر یہِ کتھ تہِ چھےٚ ژیٚتس تھاوٕنۍ زِ اگر یِمن النکارن ہُنٛد ورتاو تہِ آسہِ تیٚلہِ چھُ ریٖتہٕ کاوِس حُسن ہُران۔[3]

صِفتن ہنٛدۍ زٕ قسم۔ لفظ (آواز) صِفت تہٕ مطلب گوٚن چھِ وامنؔ

1. Kaavyam graahyamalamkaaraat

Alankarasutrasottraviratti, s.,1.1, v.,1.

2. Saundriya Alankarah, Definition.
Sa dosha gunaalankaarhaanaadaanaabhyam II

Kavya Alankaara Sutra Vratti, by Bamah, s.,1, Sec.1, v.,2-3.

3. Kaavyashobhaayah kartaaro dharmaa gunaah I
Tadatishayahetavastvalankaaraah I Poorve nityah II

Ibid, s.,2, Sec.1, v.,1-3.

مائٖ ہِتٕو۔ تِمَو ہنٛزٕ رایہِ چھُ آواز صِفت ارتھ صِفتہِ کھوتہٕ سرس۔ وَنان چھِ زِ ویدربھی چھےٚ ارتھ پردھان آسنہٕ کِنہِ امی موجوٗب بوزنس منٛز میٹھ باسان۔

وامَن چھُ صِفتن ہُنٛد تعلُق اصلوٗبس سٟتی مانان مگر یہِ تعلُق چھُ تمہِ تعلق نِشہِ بیٚون یُس ڈنٛڈین چھُ وونمُت۔ ییٚتہٕ ڈنٛڈی ویدربھی صِنفہِ منٛز کیٛنہہ صِفت موٗجوٗد چھِ یِمن ہنٛز غار موجوٗدگی اَسہِ گوڈی منٛز چھےٚ باسان، تتہٕ چھُ وامَن سُنٛد یہِ مانُن زِ اتھ سِلسِلس منٛز گونن ہنٛدِ زیادٕ یا کم تعدادس منٛز آسنےٚ چھُ امہِ صِنفہِ ہُنٛد قائٟل تہٕ ثابت سِپدان ییٚلہِ زَن ویدربھی منٛز سارِنے صِفتن ہُنٛد آسُن چھُ لازمی مگر میچھر تہٕ نزاکت چھَس نہٕ آسان۔[2] پانچالی شاعری منٛز چھُ میچھر تہٕ آسان تہٕ نزاکت تہٕ مگر شُجاعت تہٕ خوبصوٗرتی ہنٛز چھَس وِرٛژھے آسان۔[3] صِفتن ہُنٛد گُنجار آسنہٕ کِنہِ پزِ شاعرن ویدربھی صِنفہِ ہُنٛدے اِستعمال کرُن۔ ہتھ کنہِ چھُ وامَن صِفتن ہُنٛد ضروٗری آسُن ٹھہراوِتھ اصلوٗبن تقویت تہٕ مدد بخشمُت۔ تِمَو چھُ شُجاعت طوفہٕ، وارِیاہ مانے دار لفظ، برابری، خلوٗص، لُطف، نزاکت، وُسعتِ قلب، اِظہارِ مطلب چمک تہٕ خوبصوٗرتی یِمن ذٕہن گونن ہنٛدِ باپتھ پد یا مِصرٕ لیکھمٕتی تہٕ صِفت بیان کٔرِمٕتی۔ پُر مطلب شاعری یا خوبصوٗرت شاعری کرِنس منٛز چھُ تِمَو رَسن ہُنٛد میٚل تہٕ کوٗرمُت۔[4] وارِیاہَن صِفتن ہنٛز وضاحت کران چھُ وامَن سُنٛد سوچ ڈنٛڈی یَس نِشہِ بیٚون باسان۔

---

1. Samagra gunopetaa Vaidarbhee I

Kavya Alankara Sutra Vratti by Bhamah, s.,2, v.,11.

2. Ojah kaantimayee Gaudheeya I

Ibid, s.,2, v.,12.

3. Maadhurya saukumaaryopapannaa Paanchaalee.

Ibid, s.,2, v.,13.

4. Deepta rasatvam kantih I
Deeptah rasaah shrangaaraadayo yasya sa
Deepta rasah tasya bhaavo deepta rasatvam II

Ibid, s.,3,1, v.,14.

ڈنڑی ہِندِ موٗجوٗب چھُ بہوٗدری ہُنٛد صِفت سماسو (لفظ جوڑ) ستیٚ وٕلتھ آسان۔ یعنی اتھ منٛز چھِ سماس سبٹھاہ زیادٕ آسان یُس گوڈی صِنفہِ ہُنٛد صِفت چھُ مگر وامنن چھےٚ شُجاتیچ تشریح ''گاڈ بندھنہٕ توم'' یعنی چھس وُسن، لایق تہٕ ''ارتھیہ پرٛوڈ''، ''مطابک بجرٛ'' موٗنمت تہٕ یِم دونوے گون ویدربھی تہٕ گوڈی دونٕونی دھرمن بابتھ مانٛنہٕ ہتیٚ۔ وامنن چھُ النکارن تہٕ صِفتن ہنٛدِ قِسم صاف پاٹھی بیان کران ونان زِ شاعری ہنٛز شوٗب بڈراونہٕ خاطرٕ چھُ دھرم گون آسٕنۍ ضروٗری یلہِ زَن یہِ شوٗب چھےٚ النکارن مٕژہِ شاعری منٛز۔

اَلنکارن پیٚٹھ وکھنہٕ کران چھُن اُپما (تشبیہ) گوڈنیُک النکار موٗنمت تہٕ خلوٗکھی باقی النکار چھُن اُپما النکارٕکۍ جوڑی درمانٛنہٕ ہتیٚ۔ النکارن پیٚٹھ تبصرٕ تہٕ یِہنٛدۍ تعاریف کرِتھ تہِ چھُ وامنن پننۍ اَدبی صلاحیتھ موحققن پیش پیش تھاوٕمٕژ۔



## (5) کاویہٕ اَلنکار

آچاریہِ رودرٹ چھِ یِوان النکار وادی آچارین ستیٚ گنٛزراونہٕ۔ تِمو یوٚ دوے پننہِ تصنیفہِ منٛز مختلف رسن شاعری منٛز شامِل کرنٕچ وکالت کرِمٕژ چھےٚ۔[1] مگر توٗ پتہٕ تہِ چھُ تِمو رسہٕ کھوتہٕ النکارن ہُنٛدٕے باریکی سان تحقیقات کوٚرمُت۔ کافی ژُکہِ سان محنت کرِتھ چھِ تِمو پننہِ تصنیفہِ منٛز وارِیاہ نٕوۍ النکار وَدِ کڈِ ہتیٚ تہٕ شامِل کرِ ہتیٚ یِمن ہُنٛد نہٕ چھُ ذِکر اُدبھٹن تہٕ نہٕ بھامہن کوٚرمُت۔ تِمو چھُ رس تہٕ النکارن ہنٛز علامٕژ مِثالہٕ دِتھ واضح کرِمٕژ۔ اَمی

---

[1] پنڈت دُرگا پرساد تہٕ واسدیو شاستری پنشیکرن چھُ کاویہ النکارُک اکھ تسلیم شُدٕ اشاعت نِرنے ساگر پریس، بمبئی پیٚٹھ 1928 یس منٛز چھپوومُت۔ اتھ مُسودس ستیٚ چھےٚ نمہِ سادھو سُنٛد سنسکرت شرح تہٕ شامِل کرِتھ۔ یہِ تصنیف چھےٚ سبٹھاہ سہل۔ ژھوٚٹ تہٕ مضموٗنس ستیٚ وابسط شرح۔

وجہہ کِنۍ چھِ النکار مانن وأنۍ گونماتھ رَسہٕ وأدی تہٕ دھونہٕ وأدی یم تژٕ نوٕ ے تَس اکھ أکِس ستۍ رٕلِتھ بڑونہہ پکناوان وول شہہ سوار مانان۔

روودرٹن چھُنہٕ پانہٕ پنٕنہٕ تصنیفہٕ منٛز پانَس مُتلِق کانٛہہ تہٕ تبصِر کوٚرمُت۔ کاویہ النکارِچ تشریح کرن وأنۍ نقادن، نمہِ سادھوہَن چھُ تسنٛدِس مأنۍ سُنٛد ناو وامُک تہٕ روودرٹہٕ سُنٛد بیا کھ ناو شتانَنٛد لیٛو کھمُت۔[2] اُدبھٹ کیٹ، اُیٹ تہٕ مَمٹ وغأرٕ کاشُربن ناوَن ہنٛدی پأٹھۍ چھُ روودرٹ تہٕ یمن ناوَن ستۍ رٕلِوُن باسان۔ لیہذا ہیٚکہٕ یہ ناو تہٕ کاشُرے أستھ راج شیکھرن چھُ کاویہ میما مسایہٕ منٛز لیٛوکھمُت زِ آچاریہٕ روٗدرٹن چھُ طنٛز "کاکوٗ" وَکرٕوکھتہٕ وٕنتھ شبدِ النکارُک اکھ جِصہٕ مونمُت۔[3] راج شیکھر سُنٛد وَکھ چھُ 920 ییٚس قریب مانٕنہٕ یِوان لیہذا ہیٚکون روودرٹ 850 ہَس آس پاس أسِتھ مأنِتھ۔

روودرٹہٕ سنٛز چھےٚ کاویہ النکار کُنۍ تصنیف اَسہٕ دٕسۍ یاب۔ اتھ منٛز چھُنہٕ لفظن ہُنٛد طاقت تہٕ شأعری ہنٛدبن صِفتن پوٚت کوٚم آمژ کرنہٕ یٔلۍ کہٕ چھُ النکار، رِیتہٕ، رَس بیٚترِ باقی لوٲزی ماتن ہنٛز تہٕ وِستارٕ سان تشریح آمژ کرنہٕ۔ أمی سنٛزِ اتھ تصنیفہٕ منٛز چھِ شُراہ ادھیاے یمن منٛز النکار وغأرٕ گونن ہُنٛد تہٕ قِسمن ہنٛز آریا[4] چھنٛدس منٛز تعأریف چھِ کرنہٕ آمژ۔

---

1. Tasmaat tat kartavyam yatnena maheeyasaa Rasir yukhtam.
Kavya Alankar by Rodrat, s.,12. v.,12.

2. Shataananda parakhyena Bhatta Vaamuka soonunaa I
Saadhitam Rudratenedam saamaajaa dheemataa hitam II
Ibid, s.,5. v.,14 (Vratti Portion)

3. Kaaku vakrohtirnaama shabdaalankaara ayamiti Raudrattah.
Kavya Meemaamsaa, Ad. 7, Kaaku Prakran.

4. یہ چھُ ماترک چھنٛد یوان مانٕنہٕ یتھ منٛز گوڈنکہ تہٕ ترٛیمہ سُطرِ منٛز آسن باہ باہ ماتژٕ لیہ۔ دوٚیمہٕ سُطرِ منٛز ارداہ تہٕ ژوٗرمہٕ سُطرِ منٛز پنٛداہ ماتژٕ لیہ آسن یتھٕ کِنۍ چھِ اتھ شلوٗکس منٛز کُل ستوٗنژاہ ماتژٕ لیہ آسان۔

### گوڈنیُک ادھیاے

اَتھ مَنٛز چھےٚ گنیش جیٖنہِ تہٕ پارؤتی ہٕنٛز توتاہ گرنہٕ آمٕژ۔ کاویہ النکار نٲوِ تصنیف لیکھنُک مقصد تہٕ بیان کوٚرمُت، شاعری ہُنٛد مقصد تہٕ وجہ تہٕ۔ طاقت، آغاز تہٕ رِیاض شکھتہِ ہنٛدی زٕ آسان تہٕ پاٚدٕ گرن وٲلی زٕ جُز تہٕ شاعری ہٕنٛز پوشِوٕنی مشہوٗری ہُنٛد مقصد وکھناونہٕ آمٕت۔

### دوٚیِم ادھیاے

شاعری ہنٛدی تعاریف، پانٛژھ شبدن ہنٛدی قسم۔ مثلن (۱) ناو (۲) کہانی (۳) اُتار (کہانی مَنٛز) (۴) شوٗگن تہٕ (۵) تتھ تتھ جایہِ تشریح یِتھ لازِم آسہِ۔ ژوٗر وتہٕ (۱) پانچالی (۲) لاٹی (۳) گوڈیا تہٕ (۴) وَیدربھی۔ جُملن ہنٛدی لوازِم، جُملن ہنٛدی صِفت، لیکھنٕکی زٕ قسم (۱) گدھیہٕ (نثر)، (۲) پَدیہِ (نظم)۔ زبانٕی لیحاظہٕ مُنحصر جُملن پٮ۪ٹھ شیٚیہِ قسمچ تشریح، تِم لفظ ورتاوٕنی یِمن مَنٛز حرفن ہٕنٛز یکسانِتھ تہِ آسہِ تہٕ معانے تہِ آسبس مُبہم۔ دوٚیِم تِم لفظ ورتاوٕنی یِمن معانے تہِ آسکھ مُبہم تہٕ طنز تہِ آسن ووتلاوان۔ یِمن دون قسمن ہنٛدی تعاریف تہٕ مِثالہٕ، لفظن ہُنٛد آوازٕ ہشر، میچھر بولنس مَنٛز، بُزرگی (بیانس مَنٛز) رِوایتی، سنگیتس لایق طرزٕ تہٕ خاص وزن۔ یہِ گرٛژھِ کُنہِ خاص نامٔور موضوٗعس پٮ۪ٹھ آسٕنۍ لیچھمٕژ۔ ستی چھےٚ یِمن کتھن واش کڈنہٕ خٲطرٕ تہٕ فِکرِ تارنہٕ خٲطرٕ مِثالہٕ تہٕ باقی تشریح پیش آمٕژ گرنہٕ۔

### ترٛیِم ادھیاے

دُ معنے لفظ یِمِک النکارٕکی وارِیاہ قسم تہِ تِہنٛز تشریح تہٕ مِثالہٕ۔

**ژۆرِم ادھیاے**

شیلش (زِ لفظ میلتھ نۆوُ ے معانے دار لفظ بنہٕ) امِکۍن اَٹھن قِسمن ہِنٛز علامژ تہٕ مِثالہٕ۔

**پانٛژِم ادھیاے**

چترِ کاویہ۔ یتھ منٛز تصویر یا منظر کشی آسہِ کرنہٕ آمژ۔ امہٕ چہٕ علامژ تہٕ مِثالہٕ۔ مثلن ژٕ کر، تلوار، مُہل، کمان، طاقت، نیزٕ تہٕ الہٕ بانٛی وغارٕ۔ اَمِکۍ قِسم مثلن ماترٕ اچیتک (زیرٕ، زبرو رۆس) بنٛدُ چیتک (نوقطو بغار) پہیلکا (پہیلی یا پرٛژ ہی شعر) کارک گۆڈ (گردانو رۆس) کرِیا گۆڈ (فعل رۆس) پرٛشنوتری (سوال جواب)۔ تشریح تہٕ مِثالہٕ تہٕ چھےٚ اتھ حِصس منٛز شامِل۔

**شیٚیِم ادھیاے**

اسمرتھ (کمزور)، اَپرٛتیت (اَنزان) نہٕ سنٛدھِ (بے جوڑ) لفظن ہُند دۆش (خرابی) ہِنٛز تشریح تہٕ مِثالہٕ۔ سنکیرن (تنگ) گربھِت (ژھۆپھ دِتھ) وغارٕ معانے والی جُملہٕ۔ تِہنٛدی دۆش تہٕ تشریح مِثالہٕ دِتھ۔

**سٔتِم ادھیاے**

اَرتھکی (معانے) تعارِیف، ماد، امِکی، صِفت، عمل تہٕ ذات (فِطرت بیٚترِ)، اچھ ۂسیت تہٕ شکل۔ یم ژۆر معانے یکی قِسم۔ واستوَ (اصلی) اۆپیمیہ (برابری) اَتِہ شے (زیادتی) تہٕ لفظہٕ میٚل۔ ژۆر معانے النکار۔ اصلیتکی تعارِیف تہٕ اَتھ پٹھ منحصر ژۆوہن النکارن ہنٛدی قِسم تعارِیف تہٕ مِثالہٕ۔

اُٹھم ادھیاے

اَوُپیمہِ برابری النکارٕکی تعاریف تہٕ اتھ پیٹھ مُبنی اکوہن النکارن ہنٛدی تعاریف تہٕ مِثالہٕ۔

نُوِم ادھیاے

اَتہِ شے (زیادٕتی۔ گُنجار) تعاریف تہٕ اتھ پیٹھ مُنحصر باہ صِفت تہٕنٛدی لکھٕن (تعاریف) تہٕ مِثالہٕ۔

دٔہم ادھیاے

اَرتھ النکارس منٛز شِلیش (دون لفظن ہنٛدِ مِلہٕ سٟتۍ معنی بدلاو) تعاریف خاصٕلس شِلیشکۍ دٔہ قسم تہٕنٛدی تعاریف تہٕ مِثالہٕ۔ سنکر (میٖل) تہٕ اَمکۍ زٕ قسم تہٕ مِثالہٕ۔

کٔہم ادھیاے

نوٕن اَرتھہٕ دوٗشن (کُمیَن) تہٕ ژون اُپما (تشبیہہ) دوٗشن ہنٛدی تعاریف تہٕ مِثالہٕ۔

بٔہم ادھیاے

شاعری ہُنٛد مقصد۔ اکہِ اکہِ دٔہہ رس گنٛز رٕنۍ۔ شرٕنگار رسٕچ تشریح ژورِ قسمکٕن کِردارن ہنٛدی صِفت۔ مرکزی کِردارٕ ہنٛدی ساتھی تہٕ مددگار۔ خاص پنٛژ، باقی غارٕ نفر، طوائفن ہنٛدی ترٛےٚ قسم یم کِردارن ہنٛز کام چھِ کران۔ ابھِسارِکا (ڈٲلۍ کرن واجیٚنۍ بدٕکردار زَنان) کھنڈِتا (رٕنۍ ترٛاوِمٕژ) پرٛوشِت پتِکا (یٚس خاوند پردیس آسہِ گومُت) سُوآدھین پتِکا (یَس خاوند

اتھس منز آسہِ)۔ یِمَن ژۄن زنانہٕ کردارن ہنٛدی تعارٕیف تہٕ مِثالہٕ۔

**ژُ وأہم ادھیاے**

سمبھوگ شرٛنگار لُطف تُلن تہٕ حُسنَس تعارٕیف، مُخ زَن۔ قسم تہٕ مُختلف جِسمانی حرکژ تبصرٕ تہٕ طریقہٕ، مرکزی زنانہٕ کردارس مُتلِق مردٕ کردارٕ سُنٛد فرض۔

**ژۄدأہم ادھیاے**

چُتر وِدٕ وِپرلمبھ النکار (ژورِ قسمچ جُدأیی) تہٕ اتھ ستی وابسطہٕ النکار تہٕ تعارٕیف۔ جُدأیی ہنٛز دَہ حالژ۔ رأنی تژ اومٕژ زنانہٕ کردار خوش کرنٕکی۔ عٔطیہٕ تہٕ مٔدر زبان بیٚترٕ شیٚن ترکیبن ہُنٛد ذِکر۔ شرٛنگار آبھاس (شرٛنگارس مُتلِق تمہید)۔ جُدأیی منز استعمال سَپدن وألین النکارن ہنٛدی اُصۆل۔

**پٔنٛدأہم ادھیاے**

شرٛنگارٕ بغأر باقی وِپر (بہوُدری) بیٚترٕ رسن، جِسمانی اَنگو ستی مختلف اِشارٕ کرنی یَتھ منز بدچلنی بیٚترٕ بھاو تہٕ شأمِل چھِ۔ رسس مُطابِق مختلف اُصۆل تہٕ طریقہٕ۔

**شُرأہم ادھیاے**

اُتپادھیہ (زرخیزی برٛاوَن وول) تہٕ اَنپادھیہ (غأرثمر) برٛاوَن وألی مضموٗن نِگأری ہنٛدی زٕ قسم۔ تشریح تہٕ مِثال۔ رزم تہٕ لوکٹٮ۪ن نظمی تصنیفن ہنٛدی صِفت۔ زرخیزی برٛاوَن وألی مضموٗن تہٕ تمہِ باپتھ مُتلِق ساز سامان۔ کہأنی یا داستانہٕ ہنٛدٕ قسطکی تعارٕیف۔ کاوِس (شأعری) مُتلِق کیٚنٛہہ کتھ یم ٹھاکھ چھِ کرنہٕ آمژ۔ رُکاوٹہٕ دوٗر کرنہٕ باپتھ بھوأنی (پاروٗتی)، مُراری (بھگوان کرشن) تہٕ گنیش سٕنٛز وٮ۪نٛدنا (آہوٗزأری)۔

آچاریہ رودرٹن چھُ کاویہ شاستر کس مأدانس منٛز پننہٕ باپتھ اکھ خاص مُقام پرٛوومُت۔ مانٛوے تہٕ تِم چھِ یِوان النکار مانن والین گونماتن ہنٛز شاباشی کرن والین شیٚہہ سوارن منٛز مانہٕ مگر تِم چھِنہٕ واریاہَن النکار وآدین ہنٛدی پأٹھی رسس مُخالِفت کرن والین منٛز۔ روٗدرٹ ہنٛدِ لیکھِ متہٕ کاوِیہ النکار تصنیفہِ منٛز شاعری مُتلِق کینٛہہ اوٗصوٗل چھِ یِتھ کٔنۍ۔

(۱) یۄدوَے اتھ تصنیفہِ ''کاوِیہ النکار'' ناو دِتھ نقادن النکارن کأفی تھزر تہٕ شاعری النکأرۍ زبان ورتاونک وُتشی چھُ دیُت مُت مگر واریاہَن صٔدیَن تام مشہوٗری کاوِیہ رَتنہٕ باپتھ تہٕ النکارو ستۍ سجأوِتھ زبأنۍ منٛز چھُ تِمۍ رَسک آسُن تہِ کارآمد بیان کۄرمُت۔[1] یِتھےٚ کٔنۍ گوڈنِکین دون بابَن منٛز یێتہِ سُہ اکِہ طرفہِ شاعری منٛز النکارن پیٹھ زور چھُ دِوان تتہِ چھُ سُہ دوٗیمہِ طرفہِ شاعری رَسدار آسنَس تہٕ مُتلِق فعل (وِشیشن) مأنِتھ رس وادَس تہِ تقوِیَتھ بخشان۔ یێتہِ النکارَن ستۍ شاعری مێل کَرنہٕ ستۍ اَتھ منٛز چمک تہٕ شوزر چھُ پأدٕ گژھان تتہِ چھُ رَسچہِ مِلاوٕنہٕ ستۍ یہِ یوگَن تأنۍ چلوٗن روزان۔ یِژہ ہِش تصنیف چھِنہٕ صِرف شاعرسے یوت اَمر بناوان بلکہِ چھُ سُہ تِمن کِردارن تہِ اَبدی زِندگی بخشان۔

(۲) سائنسی اوٗصوٗلن پیٹھ کرنہٕ آمژ النکارَن ہنٛز ورگہٕ باغے چھےٚ گوڈنچہِ لَٹہِ اتھ تصنیفہِ منٛز نظرِ گژھان۔ مُبہم بیأنۍ (وکرٛوکھتی) آوازِ ہِشر (انہُ پرٛاس)،

1. Kaavyalankaaroayam granthah kriyate yathaayukti II
Asya hi paurvaaparyam paryaya lochyachyachirena nipunasya I
Kavyamalam kartumalam karturudaaraa matirbhavati II
Jvaladujjvala vaakprasarah sarasam kurvan Mahaakavih kaavayam I
Sphutamaakalpamanalpam pratanoti yashah parasyapi II
Kavyalankar by Rudratta, s.,1, vv.,2-4.

یمک (دُ معنے لفظ)، شلیش (لفظِ میُل) تہٕ تصویر کشی (چِتر)۔ یم پانٛژھ چھِ آمتی شبدٕ ھ (آواز) النکار ماننہٕ۔ اَرتھ (معنی) النکارن تہٕ چھِ اصلی برابری (واستو)، اوپیمی (مُقابلہٕ کَرتھ برابری) اَتہِ شۓ (پزنہٕ پانٛٹھی کوٚشِش تہٕ مُقابلی کَرِتھ) یُتھ مانیس ستی واتھ لگہِ۔ وَاستو گو اصلی تہٕ اوپیمیہ گو تِتھ ہِوی، دونوے چھِ، النکار ہِوی مگر تعارِیف بیٚون بیٚون آسنہٕ کِنی چھنہٕ یم ہِوی آسان روٗدی متی۔ اتہِ ویاپھت (واہراوِتھ) ہیٚوٚ دوٚش باقی روزان۔ وَاستو (النکارس) منٛز چھِ سہٕوکھتہِ (مُشترقہٕ بیانی)، سمُچے (سوٚمبرِن) تہٕ جاتہٕ (ذاتھ) وغاَرٕ تُرٕوہَن النکارن دَل آمُت دِنہٕ تہٕ اوٗپیمہِ (ہِوس) منٛز، اُپما (مُقابلہٕ)، تشبیہ (اُپما)، مُشابہتھ (اُتپریکھش)، اِستعار، (روٗپک) وغاَرٕ اَکھوہہ النکار وہرٕ ھناونہٕ آمتی۔ کُنہِ بیانَس مرکزٕیت دِنہٕ باپتھ چھُ برٕونہہ وَنہٕ متین اکہٕ وُہن النکارن ہُند ذِکر مگر ورگہٕ باوٕژ باوَتھ چھُ صرِف شیلش النکارُک (لفظِہ مِلیٖک) ذِکر کرنہٕ آمُت۔ اَمہِ برٕونُہِم اُدبھٹؔ بیٚترِ گونماتن ہنٛز ورگہٕ باغے چھنہٕ سائنسی بنٛیازن پیٹھ کَرنہٕ آمُژ۔

(۳) رودرٹن چھُ اکترٕہن تِتھین النکارن ہُند ذِکر کوٚرمُت یمن ہُند ذِکر برٕونہمہِ گونماتو چھُنہٕ کوٚرمُت، اُمی چھِ یِہندی تعارِیف تہٕ لیکھیٕ متی تہٕ مِثالہٕ تہٕ دِژمرٕژ۔ یم سمُچے، بھاوَم پرِیایہِ وغاَرٕ النکار کیاہ چھِ رودرٹن گرٕ یٕ متی تہٕ ہکونہٕ وٕنتھ۔ تمن ہُند واسطہٕ ہیکہِ کنہِ پرٛانہِ پرمپرایہ ستی۔ تہٕ اَستھ مگر یم لیکھتھ تہٕ تعارِیف تہٕ مِثالہٕ دِتھ چھِ اَسہِ تام واتٕ ہٕمتی امی ہِندی حلوالہٕ دِسی۔

(۴) زٕ لفظ مِلناوِتھ شلیش النکارس منٛز بیان (ورِن)، شعرک کانٛہہ

حصہٕ (پد) جنس (لِنگ) تہٕ زبان (بھاشا) بیترِ بَنِیاز پیٹھ چھِن یِم آٹھ قسم
وٕکھنہٕ متہٕ۔ رودرٹس پتہٕ یِم تہٕ شاعر وٕتھی تِمو چھُ شِلیشہٕ کِمن یِمن قسمن پٹھِن
تصنیفن منز جاے دِژمژ۔ تیتھے کُنی چھِ اَمی ژکرِ بندھ تہٕ تلوارِ بندھ شاعری
ہندی تعاریف کرِتھ تہٕ مِثالہٕ دِتھ النکار فلسفس اکھ نوٚ سمت بخشمژ۔

(۵) بھامہن اوس کاویہ النکارس منز سارِنے رسس ہیٚو النکار وٕنتھ اکہٕ
نٔوی ریوایژ ہُنٛد دٕسلابہٕ کوٚرمُت۔ رؤدرٹن دیُت پننہٕ یَتھ تصنیفہٕ منز رسس اکھ
آزاد مُقام تہٕ روطبہٕ یُتھ زن یِمہٕ اَمِس پتہٕ پتہٕ والہٕ ساروے دھونہٕ (آواز)
وأدِیو تہٕ رسہٕ وأدِیو گونماتو پننِن تصنیفن منز صحی مانٛتھ استعمال کری۔ شاعری
ہنٛدِ بن شیدأیین خاطرِ چھِ شاعری دھرم (صحی سوچ) ارتھ (صحی پیشہٕ) کام
(شوٗبہٕ دار شہوت) تہٕ نجات (موکشہٕ) یِم ژوٚشوے زِندگی ہنٛدی مقصد سبٕھاہ
جلد بخشان۔ یِمن ہنٛدِ دِل رسدار (مایہٕ برٕتی) آسن تِمن چھُ خوشک فلسفہٕ تہٕ
دوٗری کھوژان لہٰذا پزٕ شاعری منز رسک دٕخل ضروٗر آسُن نے تہٕ بے رس
فلسفکی پأٹھی بے رس عاشقن ہنٛدی پأٹھی کھوژن تہٕ روزن پوٚت تِم خوشک
شاعری بوزنہٕ، پرنہٕ تہٕ ادا کرنہٕ نِشہٕ[1] یُس گونماتھ تِتھس مظبوٗط کلامس منز رٔچ
وکالت کرِ سہ رؤدرٹ ہیکون اَسی بڈٕ آسانی سان رسہٕ وادی گونماتن منز
گنٛزرِتھ۔ تِمس چھِ النکار وأدی اَمی مانان تِکیازِ تِمی چھُ النکارن پیٹھ ووٗسی دِلہٕ

1. Nanu kaavena kriyate sarasaanaamavagamashchaturvarge I
Laghu mradu cha neerasebhyaste hi trasyanti shaastrebhyah II
Tasmaat karttavyam yatnena maheeyasaa rasairyuktam I
Udvejanameteshaam shaastra vadevaanyathaa I
nyaksha hi syat II

Kavya Alankaar by Rudratta, s.,12, vv.,1-2.

بحث کوٚرمُت تہٕ بارِیکی سان چھِہ تمن تعارِیف کٔرۍمٕتۍ۔ دراصل چھُ تمۍ رَس سٕبٕٹھاہ وٚسع تہٕ ضروٗری موٗنمُت تہٕ سُہ یَتھ مُقامَس تام واتنووُمُت۔ تمۍ چھُنہٕ صرِف دٔہ رسے یوت مانٛنۍ مٕتۍ بٔلکہ چھِہ عالِم دینیات نِبر (نِروید) پیٹھ تاپِر شرمندگی (گلانہِ) پیٹھ بدچلنی تام تیترٕ ہَن رسن ہنٛز پُر زورلفن منٛز حمایتھ کٔرِتھ شعوٗری صلاحیژ و سان پیش کٔرۍمٕتۍ۔[1]

(۶) ییٚتہٕ کُنہِ گنٛڈ یا ٹھاکہِ روٗس واریاہَن طریقن منٛز اند واتن واجنٛن کانٛہہ تہٕ کٲم مقصد زیرِ نظر تھاوِتھ کرنہٕ ییِہ تتھ چھُ بھاو (جذبات) النکار وَنان تہٕ ییٚہ چھِہ امِکۍ تعارِیف تہٕ۔ ییتھِ کٔنی وٚنتھ چھُ اتھ منٛز ژھاپہِ ہوٚل طریقس منٛز وینٛکیارتھ (طنٛزس) کُن اِشارٕ سَپدان۔ بھاو یا احساسکس تعارِیفس منٛز ییلہِ کانٛہہ جُملہٕ کُنہِ دوٚیمس مطلبس کُن اِشارٕ کرِ سے چھُ تمیُک بھاو آسان۔ سیٚدِ سیوٚد چھُ یہِ صرِف اکھ مزاقُکس کُن اِشارٕ، ییتہٕ یِم تہٕ وینٛجنا وٲدی (سیٚدِ سیوٚد احساس وَنن وٲلۍ) آچارین ہنٛدِ باپتھ اِبتدٲیی طور طریقہٕ اوس، یہِ اَمہِ وینٛجنا فلسفُک گوڈ[2] اَمِس پتہٕ یِم آچاریہٕ آیہِ تمو چھُ النکارَن ہُنٛد بھرپوٗر فایِدٕ تُلمُت خاصکر ممٹ تہٕ اَبھنو گپُت ہِوِ بو آچاربو چھِہ یہِ کتھ مانٛنۍ مٕژ۔

(۷) کاویالنکارٕکس شیٚمِس تہٕ کہِمس ادھیایَس منٛز چھِہ مطلب نابرابری وٲلۍ پَد دوٚش، مُبہم جُملہٕ، نامعقول وجہہ بیٚترٕ ارتھ دوٚش یا خرٲبی وبرٕھناونہٕ آمٕتۍ۔

---

1. Rasanaada satvameteshaam madhuraadeenaamivokhtamaachaaryaih I
Nirvedaadishvapi tannikaamamasteeti te api rasaah II
Kavya Alankaar by Rudratt, s.,12, v.,4.

2. Yasya vikaarah prabhavanna prati bhaddhena hetunaa yena I
Gamayati tadabhipraayam tatpratibandham ch bhaavoasau II
Abhidheyam abhidadhaanam tadeva tadasadrasha sakala guna dosham I
Arthaantaramavagamayati yad vaakyam so aparo bhaavah II
Ibid., s.,12.

کینٛہہ ترٛتھ تہٕ کٔمی چھِ پرٛکھاونہٕ آمٕژ۔ یمن مُتلِق پرٛانیو آچارِیو کانٛہہ تہٕ ظوٗن اوسنہٕ پھیرٛمُت۔ غأر معقول معنی تہٕ مُبہم بیانٛی ہنٛدی نوقطن ہنٛدی تعارِیف تہٕ مِثالہٕ چھےٚ نٔوِ آیہِ پیش کرنہٕ آمٕژ۔

(۸) ژوٗدٲہُس تہٕ پنٛدٲہُس ادھیاییس منٛز چھُ مختلف زنانہٕ کِرداران ہنٛدی قسم بڈٕ اہم۔ یمن ہُنٛد اثر چھُ ''دشہٕ روٗپک'' تہٕ ''ساہتیہ درپنس'' پیٹھ تہٕ ٹاکارٕ پٲٹھۍ نظرِ گژھان۔ کاویہ النکارس منٛز چھُنہٕ صِفتن ہنٛز رژھ تہٕ کتھ کرنہٕ آمٕژ مگر بڈیو شاعری ہنٛدیو فلسفیو چھُنہٕ صِرف صِفتن ہنٛز اہمت بیان کرمٕژ بٔلکہِ صِفت چھکھ رسہٕ باپتھ اکھ اہم جُز زٕنٛگی قوٗبوٗل تہٕ کٔریٚمٕژ تہٕ یمن دون ہُنٛد اَزلے میٛل تہٕ مونمُت۔ یتھےٚ کٔنۍ چھُ پانچالی وغأرٕ اوٗصلوٗبن ہنٛدی صِرف ہلکہٕ تعارِیفے یوت کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ یمن چھکھ نہٕ مِثالے دِژمٕژ۔ شاعری ہنٛدٕ بن یمن دون اِبتدٲیی اوٗصوٗلن ہنٛز بےتوجُہی چھےٚ وٕتھے پہن باسان۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ اتھ تصنیفہِ منٛز النکارن تہٕ رَسس مُتلِق وارِیاہ معلوٗماتی تہٕ ضروٗری عِلم وارِیاہس تعدادس منٛز موجوٗد۔ ڈرامایی لِحاظ تہٕ چھےٚ اتھ منٛز دونٔوی جنسن ہنٛدٕ بن مرکزی کِرداران مُتلِق وارِیاہ معلوٗمات موٗجوٗد۔ اَمہِ لِحاظہٕ پرٛتھ طرفہٕ نظر کرِتھ چھِ یہ کاویہ شاسترس پیٹھ اکھ اہم گرنٛتھ۔



## (6) دھونیالوک

ہندوستانٛی کاویہ شاسترس منٛز چھُ آننٛد وردھن بحیثیت اکھ یُگ کرتا مانہٕ یِوان۔ شاعری ہنٛزِ فلسفدانی منٛز چھُ تس سُے مُقام حاصِل یُس سنسکرٛت

گرٚ امرِ کِس ماٚ دانِس مَنٛز آچاریہِ پانٛنہِ چھُ تھاوان۔ یوسہٕ تٔمۍ دھونہِ (آوازِ) ہُند فلسفٕچ تشریح کَرٕمٕژ چھےٚ تتھ چھُ ہندوستانٕی شاعری ہٕنٛدِس فلسفس مَنٛز اکھ اہم تہٕ مُنفرِد مُقام تیٚمۍ اَمہِ اؤصوٗلکۍ مانٛنن وٲلۍ گونماتھ دون حِسن مَنٛز تقسیم کٔری۔ أمِس بڑٕ وٕنہٕ اکھ یوگ تہٕ أمِس پتہٕ بیاکھ یوگ۔ اَمی چھِ أمِس اتھ فلسفس مَنٛز یوگہٕ پُرُش تہِ ونان۔ پرٛانہِ وقتُو پیٚٹھ ماٚنٛزٕتۍ اؤصوٗل، رَس تہٕ النکارٕ مارگ أسۍ آننٛد وردھنَن زیرِ غور تھاوِتھ تہٕ پرٛکھاوِتھ اوس یمن سارِنے عملن تٔمۍ پننِس دھونہِ سِدھانٛتس مَنٛز اکھ خاص جاے دِژٕمٕژ۔ آننٛد وردھنَس بڑٕ وٕنہٕ تہٕ أسۍ واریاہ فلسفدان تہٕ گونماتھ دھونہِ (آوازِ) ہٕنٛز کتھِ کران مگر اتھ دِژ فلسفٕچ رنٛگتھ آننٛد وردھنَن[1]۔ اَتَس پتہٕ یِم گونماتھ مِثلن ابھنوگُپت، ممٹ، ہیمچنٛدر، وِشوٕناتھ وغارٕ آیہِ تِم یِکۍ آننٛد وردھنہٕ سٕنٛد بن نقشہِ قدمن پیٹھ تہٕ پکنوٕ وکھ یہِ نظریہِ تہٕ بڑٕ وٕنہٕ۔

آننٛد وردھنہٕ سٕنٛدِس وقتس مُتلق چھِ صحی تہٕ بٕہنٛز لایَق ثبوٗت میلان۔ کلہن سٕنٛز راج ترنٛگنی مَنٛز چھُ اَسہِ حوالہٕ میلان زِ مشہوٗر بادشاہ اونتی ورما سٕنٛدِس دربارس مَنٛز أسۍ ژور گونماتھ (۱) مُکھتاکَن (۲) شِو سوامی (۳) رتناکر تہٕ (۴) آننٛد وردھن[2]۔ اونتی ورما سُنٛد وق چھُ 883-855ء مانٛنہٕ یِوان۔ یوٚہے وَق ہیٚکو أسۍ آننٛد وردھنہٕ سٕنٛدِ بابت تہٕ مُشکس کٔرِتھ۔ آننٛد وردھنَن چھُ پننہِ تصنیفہِ دھونیالوکس مَنٛز اُدبھٹ سُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ اُدبھٹہٕ سُنٛد وق چھُ 800ء یَس نکھہِ مانٛنہٕ یِوان۔ لِہذا ہیٚکہِ آننٛد وردھنَن 800ء پتے أستھ۔ راج شیکھرَن چھِ

1. Kaavasya aathmaa dhwaniriti budhairyah samaamnaata poorvah I
Dhwanyaloka, by Anandavardhana, s.,1, v.,1.
2. Mukhtaakanah Shiva Swami kaviur Anandvarshanah I
Prathaam Ratnaa Karashchaagaat saamraajye Awantivarmanah II
Rajatarangini by Kalhana, Book 5, v.,34.

آنَنٛد وردھنٕہ ہِنٛدی تعارِیف کری مٕتۍ۔ راج شیکھر سُنٛد وق چھُ 920-880ء یوان مانٕنہٕ لِہٰذا اوس آنَنٛد وردھن امہِ وَق بڑ وٕنہِ۔ نیاے منجری ہِنٛدی مُصنِف جینت بھٹن چھُ آنَنٛد وردھنٕہ ہِنٛدِس دھونیالوکس پٮ۪ٹھ تنقید کوٚرمُت۔ جینت بھٹ اوس راز شنکر ورما، (902-883ء) سُنٛد ہمعصر لِہٰذا آنَنٛد وردھن آسہِ امہِ بڑ وٕنہہ پٮ۪ہن تام حالے حیات۔

دھونہٕ فلسفچہِ تصنیفہٕ علاوٕ چھےٚ آنَنٛد وردھنن ترٛےٚ نظمہٕ، دیوی شتک، وِشمبان لیلا تہٕ ارجُن چرت لیکھی مٕتۍ۔ یمو منٛز چھُ اَکوے دیوی شتکٕے یوت دٕستیاب سپُدمُت۔ دُرگا بھگوتی ہِنٛز آہوزآری منٛز لیچھمُت اتھ تصنیفہِ منٛز چھُ شبدھ النکارن ہُنٛد گُنجار۔ یہُنٛد یہِ ؤنتھ تہٕ زِ یمک ( دُ معانے لفظ) بیٚتر اِستعمال کرنہٕ ستۍ چھُ شاعری ہِنٛدِس رَس (مزٕس) منٛز پھیر یِوان۔ چھُ یمو یمن النکارن ہُنٛد بےٚ واپہٕ اِستعمال اتھ تصنیفہِ منٛز کوٚرمُت۔ یمہِ باپتھ یمن پٮ۪ٹھ تنقید تہٕ چھُ سپُدمُت۔ مہیم بھٹن چھُ یمن پٮ۪ٹھ یہِ اِلزام لگومُت زِ یُس نہٕ پانہٕ ہیوٚک پننِس لیکھی مٕتِس پٮ۪ٹھ قوٚبو تھاوِتھ تَس کیاہ حق چھُ باقین صلاح دِنُک۔[1] باسان چھُ دیوی شتک آسہِ آنَنٛد وردھنٕہ ہِنٛز گوڈنچ تصنیف تہٕ توٚتام آسہِ ہےٚ نہٕ تمۍ دھونیالوک ترتیب دِژمٕژ۔ وِشمبان لیلا تہٕ ارجُن چرِتُک تزکرٕ چھُ دھنیالوٚکس منٛز میلان۔ شاعری بغار چھِ آنَنٛد وردھن زٕ تصنیفہٕ فلسفس پٮ۪ٹھ تہٕ لیچھمٕژ۔ یمہٕ چھےٚ توتوالوک تہٕ دویم اَس بودھ گرنتھ۔ پزٕ مانوِنٕشچیہ چہِ دھرموتر

1. Swakratishva niyanvratah kaṭhamanushashyadanyam iti na vaachyam vaarayati bhishagapathyaditaraan svayamaacharannapi tat I

Vyakhti Viveka by Mahin Bhat.

ہِنٛزِ دھرموتما ٹیکایہِ پیٹھ ٹیکا۔ یِم دونوے تصنیفہِ چھَنہٕ ڈٕسیاب سپدان۔
آنٛندوردھن ہِنٛزِ مشہور ری ہُنٛد خاص وجہہ چھُ تِہنٛز عالمانہٕ تصنیف یوسہٕ ازتام تہٕ
انمول چھےٚ۔ دھونیالوک۔ دھونیالوکس چھِ خاص ترٛےٚ حصہٕ۔ کارِکا (جامع
تعاریف)، وژتہِ (لگہٕ ہاری) تہٕ اُداہرن (مثالہٕ)۔ لگہٕ ہاری تہٕ مِثالہٕ چھےٚ
لگان صاف پاٹھی زِ یمہٕ چھےٚ اَکۍ سےٚ لِکھاری ہِنٛز کام باسان مگر اَبھنوگپت
ہِنٛزِ دھونیالوکچہِ لوچن ٹیکایہِ ہِنٛدی کینٛہہ حصہٕ مَدِ نظر تھاوِتھ چھِ ڈاکٹر پی۔ وی۔
کانےٚ تہٕ ڈاکٹر ایس۔کے۔ڈےٚ یہِ باوتھ کران زِ لوچن لیکھن والی ابھنوگپتن
چھُ وژتہِ لیکھن والِس آنٛندوردھنہٕ مانان مگر تِہنٛد گپت چھُ زِ اَمِچ کارِکا (جامع
تعاریف کرن والی) لیکھن والی چھِ الگ الگ باسان۔ اِتھہ ہاوژتہٕ ماترِکایہِ
ہِنٛدی لیکھن والِس مُکمّل بھٹہِ مُطابِق چھُ دھونہِ فلسفُک آغاز سہرِ دِین کورمُت۔
مُمکِن چھُ یوہوے سہرِ دے ما آسہِ کارِکا لیکھن وول گومتھ۔ ڈاکٹر شنکرن، شری
سات کڑی مُکھرجی تہٕ ڈاکٹر کرشنہٕ موٗرتہٕ چھِنہٕ کارِکا لیکھن والین تہٕ وژتہِ لیکھن
والین بِلکُل الگ الگ مانان۔ دونوٚی دَربن ہِنٛدی تجویز چھِ معقول تہٕ موٗجوٗدٕ
پہچان نظرِ تل تھاوِتھ کُنہٕ خاص طرفس ستی رلُن چھُ قبل از وقت باسان تہٕ لہٰذا
مُشکِل۔ اگر ووٚنی یتہٕ مانو زِ کارِکا لیکھن وول اوس آنٛندوردھنس برٛونٛہہ کانٛہہ
گومتھ توتہٕ چھُ دھونہِ مَتس فلسفیانہٕ حیت بخشن وول آنٛندوردھنہٕ مانُن پیوان۔

دھونیالوکس منٛز چھِ ژور اُدھیوت (باب)۔ کاویہِ مالایہِ ہِنٛدِس
گوڈٕنِکس شُمارس منٛز چھِ اکھ ہتھ تہٕ شیتوٗہ کارِکایہِ مگر ڈاکٹر ناگیندرن ترتیب

1. Sanskrit Kavya Shastra ka Itihas, Transl. by Indra Chandra Shastri. pp.206-249.

ویُتمت گیان منڈل کِس نوٚنِس مَنٛز چھِ صرف اکھ ہتھ تہٕ سداہ کارکایہ موٗجوٗد۔ گوڈنکِس بابَس مَنٛز چھُ دھونہِ کارن ترٛیہ قسمٕچ آوازن ہنٛز برخلافی کرنٕہ۔ یمن مَنٛز قِلت پَسنٛدی آسہٕ، یمن مَنٛز اِستعار پسندی آسہٕ تہٕ بیٚیتہٕ نہٕ اعلامت پَسنٛدی آسہٕ۔ یم ترٛنوے مَت نکاٚرتھ چھُ آواز (دھونہٕ) ہُنٛد خدو خال یمو صاف کوٚرمُت۔ اَبھاو واٚدی (قِلت پَسنٛدن) ہنٛز راے چھےٚ زِ النکار اوٚصوٗل تہٕ صِفت بیٛترِ شاعری ہنٛدٕ جزن تسلیم کرِتھ چھُنہٕ سہٕ بیٚیہ کانٛہہ الگ چیز یا جز روزان یتھ اٚسی دھونہِ ناوٚک جز وَنٛنس پیٛٹھ مجبوٗر سپدٕ ہو یا ضروٗرت پیٚیہِ ہے۔ آنٛندوردھنٕن چھُ لفظ تہٕ یپہنٛدِس مانیَس پیٛٹھ منحصر النکار مزاحیہ نظریہ پیش کرن واٚلِس خیالَس پیٛٹھ ڈٕرِتھ آوازِ (دھونہٕ) ہُنٛد اکھ قسم وَنِتھ یہِ ثابت کرنٕچ کوٚشش کرنٕہ زِ آواز چھُنہٕ النکارن ستۍ کانٛہہ خیاٚلی رَل یا واٹھ تھاوان۔ لفظٕ میٚل (سماسوٚ کھتہٕ) رُکاوٹھ (آکھشیپ) زِ لفظ کُنی معنے تھاوَن واٚلی (پرٛیا یوٚ کھتہٕ) وغاٚرِ النکارن مَنٛز مزاحیہ مطلبس بروٚنٛہہ پکناون وول اَستھ تہٕ چھےٚ برتری تیٚلی تتھ ییٚلہِ اتھ مَنٛز سیٚدٕ سیوٗد تہٕ صاف بیاٚنی آسہٕ نہٕ مگر توٚ پتہٕ تہٕ چھُ یہِ النکارٕ ے مانٛنہِ یِوان دھونہِ نہٕ کیٚنٛہہ۔ اگر نظرن تل دھونہِ ہُنٛد بجر آسہِ تتہٕ چھُ گُفت معانے دھونہِ (آوازِ) مَنٛزٕ ے ژھانڈُن۔ آواز چھِ جسماٚنی طور زِنٛدٕ۔ تمیٚک گُفت معانے چھُ النکارس مَنٛز اَستھ ہرکان۔ النکار، صِفت تہٕ لگہاٚری چھِ شاعری مَنٛز دھونہِ (آوازٕ ہنٛدی) حِصہِ یِوان مانٛنہٕ[1] قِلت پَسنٛدن تہٕ چھِ دھونہِ ہنٛدِس اصلی مفہوٗمس تحت یِوان۔ امہِ طریقت باپتھ چھُ یہِ جواب یِوان دِنہٕ زِ

1. Yatah kavya vishesho angee dwaniriti kathitah I
Tasya punarangaani alankaaraah gunaa vrattayashcha II
Dwaniyaloka, by Anandvardhana, s.,1, v.,13 (Vratti)

دھونہِ ہِنٛد بن دونٕوٕنی خاص قٕسمن ہیکہِ نہٕ لفظی معانیس (ابھِدھا) سٟتؠ انٛد روٗنی تعلُق آسِتھ۔ نہَ وٕنؠ لایق کتھ چھےٚ علامتی اِظہارٕ سٟتؠ لفظن منٛز پیش کرنہٕ سٟتؠ بے سۆد گژھنَس پیٹھ دُ معانے لفظو (لکھشَنایہِ) دٕسی پأٹؠ سَپدان تہٕ مُشکھس گرہٕژ دۆیِم صوٗرتھ پژاوان یوسہٕ استعارس منٛز چھَنہٕ یِوان۔ یِم دونوے قٕسم چھِ لفظی معانے نِشہِ سبٹھاہ برٛونٛہہ۔ لکِھشنا (اِستعار) واد والیٚن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ مِزاجِیہ مطلب چھُ اِشاریہِ مطلبچ اکھ شٕکل آسان۔ آنٛند وردھَن چھُنہٕ دھونہٕ اِستعارس ماتحت مانان ئلِکہِ چھُ سُہ اتھ اکھ آزاد جُز مأنِتھ اَمیُک مُقام مُقرر کران۔ اِستعارٕ چھُ تٔمِتھ کامہِ یِوان یِیتہِ کُل یا خاص مطلبس روٗٹ لگہِ تہٕ تتھ مطلبس اَدٕ سُہ جُملس منٛز آیہِ یا سِلسِلہٕ وار چلوٗن آسہِ (روٗڈھِ) چھُ یہِ مُتحرِک کران زِ مِثالہِ پأٹھی چھُ آمُت وننہٕ ''گنگا یام گھوشہہ''، ییٚمیُک معانے چھُ گنگایہِ (دٔریاو) پیٹھ گرٕ'' دٔریاوٕکس آبَس پیٹھ چھُنہٕ مکانہٕ آسنُک تصوٗر مُمکِن لیٚہذا چھُ گنگایہِ ہُنٛد بۆٹھ معانے برٛونٛہہ کُن یِوان۔ تِکیازِ دٔریاوَس تہٕ بٔٹھس چھُ واٹھ دٔریاوس تہٕ سڑکہِ چھَنہٕ واٹھ۔ یہِ تہِ چھُنہٕ ضروٗری زِ مزاجیہ مطلبس تہٕ لفظی مطلبس آسہِ کانٛہہ واٹھ اَصلی مطلبس سٟتؠ۔ مقصوٗد اِستعارٕ منٛز چھُ اِستعارُک اِستعمال کُنہِ خاص مقصدٕ کِنؠ کرنہٕ یِوان یِتھ کٔنؠ زِ ''گنگایہِ پیٹھ گرٕ'' اتھ منٛز چھُ شٟہجار تہٕ پاکیزٕگی بیٚترٕ ووتلاون روحجان تہِ پانے۔ مگر سُہ گو یِیٚلہِ مِزاح آسہِ ووتلاوٗن۔ اگر شیٚہجار تہٕ پاکیزٕگی خاص مطلب بدلہٕ طٔزِ باپتھ استعمال چھِ جایہِ اصلی مطلب مانَو تیٚلہِ چھُ ضروٗری زِ ''گنگایہِ پیٹھ گرٕ'' چھُ اَسہِ لفظی معنے حِساب مأنِن تیٚلہِ ہیکہِ نہٕ اصلی مطلبس ٹھۆر لٔگِتھ تہِ کیازِ ''گنگا'' چھِ اَسہِ مأنِنؠ ''گنگایہِ ہُنٛد بۆٹھ'' تہٕ

گنگایہ بٔتھس پیٹھ گرِ بناوُن چھُ مُمکِن۔ اَمہِ کِنۍ گنگایہ سٍتۍ شیٖہجار تہٕ پاکیزٕگی جوڑٕنۍ نہٕ چھِیہِ لفظی معانے یَس منٛزٕ تہٕ نہٕ اِستعارس منٛزٕ۔

اِستعار نہٕ مانن والۍ چھِ دھونہِ مانان ترٛٹہ کتھاہ یوسہٕ نہٕ أسۍ لفظن منٛز بیان ہیکو کٔرِتھ۔ مگر آنند وردھن چھُ یِمن درجواب ونان زِ یِیلہِ میٚے یِہ کتھ پننہِ تصنیفہِ منٛز اوٗصوٗلی طور بیان کٔرمٕژ چھےٚ تیٚلہِ چھُنہٕ یِہ وُنِن کانٛہہ تہٕ مطلب تھاوان زِ یِہ کیٛاہ چھُنہٕ بیان کرٕنۍ لایق۔ آنند وردھنَن چھُ دوھنہِ (آوازِ) ہٕندی تعارٕیف یِتھٕ کٕنۍ گران۔

یِیتہِ لفظی معانے تہٕ لفظُک بول پننۍ ہستی ختم کٔرِتھ یا غار ضروٗری بنأوِتھ کانٛہہ خاص مطلب بأوِتھ دِن سُہ مطلب چھُ دھونہِ۔[1] زِ مِثالہِ دِتھ چھِ نقاد دھونہِ ہٕنٛز شکل بیان کران ونان ''اِشارٕ چھُ بدل چیزس کُن آسان یُس اَژہِ رٕژھن ہٕندٕ ہِن شوٗبہِ دار شریر کیٚن اجزاہن (مثلن بُتھ، أچھی تٕہ بیٚترٕ) نِشہِ الگ تِہنٛدِ ہُسنٛکی کانٛہہ چھمتۍ نِشانہِ اَلگے آسان یِم مہاکوی چھِ بیان کران یِہنٛدِس شأنس منٛز مگر پَرن والین چھُ اصل معانے پانے حاصِل سپدان۔[2]

یِتھٕ کٕنۍ گاشُک طلبگار سٕنٛز کل تہٕ کامن چھےٚ آسان ژانٛگی رِیٛہہ پیٹھ مُدے گنٛڈِتھ تِتھے کٕنۍ چھےٚ دھونہِ ہٕندِ باپتھ لفظن ہٕندِ مطلبچ (شبدارتھ) کل آسان۔[3]

1. Yatraarthah shahdo vaa tamarthamupasarjanee krata svaarthau I
Vyanktah kaavya visheshah so dwani iti sooribhih kathitah II
Dwanyaloka by Anandvardhana, s.,1, v.,13.

2. Prateeyamaanam punaranyadevam vastvasti vaaneeshu mahaakaveenaam I
Yat tat prasiddhaavayavaatirikhtam vibhaati laavanyam ivaanganaasu II
Ibid, s.,1, v.,4.

3. Aalokaarthee yatha deepashikhaayam yatnavaan janah I
Tadupaayataya tavadarthe vaachye tadaadratah II
Ibid, s.,1, v.,9.

یتھ کُنۍ چھُ آنند وردھن دھونہِ لفظی مطلبہٕ نِشہِ الگ مانان۔ لفظی مطلب چھُ ترکیب حقیقی مطلبس تام واتنہٕ خاطرٕ۔ یہے کتھ چھِ شاعری ہُند روٗح۔ دھونہِ چھِ ترٛے قسم۔ چیز (یعنی تم حرف یم شارس منٛز ورتاوس ییٚن)۔ النکار (سو خوبصوٗرتی یوسہٕ لفظو ڈٕسۍ ووتلہِ) تہٕ رس (سُہ مزٕ یُس پرن وٲلِس یا بوزن وٲلِس ییہِ)۔ یمن ترٛن چھِ واریاہ مٔدید قسم۔ دھونہِ (آوازٕ) چھا وننگ اصلی معنے موجوٗد کِنہٕ نہٕ اَمہِ لحاظٕ چھےٚ دھونہِ تہٕ دویہِ قسمٕچ آسان۔ ییٚنہٕ لفظ ہیکہٕن نہٕ بیان کٔڈِتھ (اِستعارٕ حسابہٕ) یا فِکرِ تارِتھ کانٛہہ کتھ صاف پاٹھۍ۔ یا کوٚنچھمُت سُہ مطلب (لفظی حسابہٕ) یُس سٲری یَن ظاہر اَستھ تہٕ بذاتہٕ خود غٲر ضروٗری بٔنِتھ بدلے کُنہٕ مطلبس کُن اِشارٕ آسہٕ گران۔

دوٚیمِس اُدھونِس منٛز چھُ آنند وردھن نہٕ وٕنِس لایق مزاحیہ کلامہٕ کِس ارتھس مُتلق زٕ قسم پیش کران۔

(ا) تبدیل پٔزیر معانے (ارتھانتر سنکرٕمت واچیہ) اتھ منٛز چھِ اصلی مطلبکۍ سبٹھاہ کم پہلو موجوٗد آسان۔ لہٰذا مطلبچ کتھِ ستۍ رلوٚنۍ میلوٚنۍ لفظ رَل گڑھِتھ چھِ خاص مطلبس تام واتان۔ یہِ کتھ چھُ اَدیب مِثالہِ دِتھ یتھٕ کنۍ سمجھاوان۔ آفتاب، سرتہٕ پمپوش چھِ خوبصوٗرتی ہنٛز نِشانہٕ مگر دُو معانے لفظہٕ ورتاوِتھ چھُ شاعر امہِ شعرٕ کِس حُسنس دوگُن گران۔[1] اتھ منٛز چھُ گوڈنیک ''کملانہِ'' پمپوشہِ خاطرٕ تہٕ دوٚیمہِ طرح چھُ ''خوبصوٗرتی بڑاونہٕ'' خاطرٕ استعمال گرنہٕ آمُت۔ یتھٕ کنۍ چھےٚ سرِچ خوبصوٗرتی خٲلِص مُدا روٗدمُت۔

1. Ravikirnaanugraheetaani bhawanti kamlaani kamalaani I
Dwanyaloka by Anandvardhana.

(۲) سبٹھاہ وٗسی پایہِ اِستعمال (اَتنت ترسکرت واچیہٕ) اتھ مَنز چھُ خاص مطلب پوٗر پوٗر بیان یوان کرنہٕ مگر مطلب چھُس یوان بیٚا کھ کڈنہٕ۔ یہِ کتھ چھُ نقاد یتھ کنہٕ مثالہِ ذٔسی اَسہِ تام واتناوان۔ عاشق چھُ خواہش کران معشوق سُند عکس آنہٕ منٛزی وُچھُن مگر پٔنی شیٖہہ (گرمی) ستی چھُس یہِ مالہِ گرھان تہٕ ژندرمہِ چھُس نہٕ نظری گرھان۔ لفظ ''مالہٕ'' گرھنہٕ خاطرٕ چھُ لفظ ''اَند'' اوٚن اِستعمال کرنہٕ آمُت۔ اوٚن ہیٚکہِ اِنسان یا جانٛدار آستھ بےٚ جان عاٗنہٕ نہٕ کینٛہہ۔ لہٰذا چھُ یہِ سبٹھاہ وٗستھ دٕرٕچ مِزاحیہ بیاٗنی مانہٕ یوان۔[1]

کاٗنٛچھی مٔتس وژگہِ معانے وأٹس شعارس تہٕ چھِ زٕ قسم:

(۱) سُہ شعر یتھ مَنز مِزاح ژھیٚپتھ اَسہِ یا یتھ مَنز نہٕ سرسری طور مِزاح نظرِ گرھِ نہٕ امکس خیالس مَنز تہٕ نہٕ حقیقی شعرس مَنز۔ اتھ ہیٚکن وارِیاہ قسم آستھ۔

(۲) سُہ شعر یَتھ مَنز مِزاح ٹاکارٕ پاٹھی نظرِ گرھِ۔ مثلن کُنہِ چیزٕچہِ آوازِ ستی یا النکارو ذٔسی۔ کُنہِ چیزٕچ دھونہِ یا النکارٕچ دھونہِ ہیٚکہِ لفظکہِ طاقتہٕ ستی یا مطلبہٕ کہِ طاقتہٕ ستی نتہٕ دوشوٚنی ہنٛد رلہِ مِلہٕ توژرٕ ستی پاٗدٕ گرھتھ۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھاٗوِتھ اَمہِ لحاظہٕ چھُ صاف نظرِ یہِ وأٹس طرزس ترٛے قسم:

(۱) شبدٕ وٗتھ (آوازِ کنی) (۲) ارتھوٗت (مطلبہٕ کنی) (۳) اُبھیوٗتھ (آواز تہٕ مطلب، دونٛوِیو کنی)

بولنس مَنز رَسہِ والین النکارن تہٕ رَسہِ دھونہِ والین شعرن ہنٛز فرق وِیٚوٗد کڈان چھُ آنَنٛد وردھن دنان زِ یٚیتہٕ لفظ معانے تہٕ النکار وغارٕ رسکی حِصہٕ

1. Nihshwasaandh uadarshashchandramaa na prakaashate I
Dwanyaloka by Anandvardhana..

آسن تہِ چھُ دھونہٕ ہُنٛدے وِستار آسان مگر ییٚتہٕ شعارٕک معانے سرس آسہٕ تہٕ رسُک احساس تتھ اکہٕ حِصہٕ رٔنگی شامِل آسہٕ۔ تتہِ چھُ رس وغارٕ (رَس، بول، زور، تقریر، عمل، شخصیت بیٚترِ رلنہٕ ستیٚ وِوِپدٕمتی) النکار آسان۔ اَتھی بابَس منٛز چھِ صِفت تہٕ النکارن پانٕونی فرق بیٚترِ وِرٛدھناونہٕ آمٕژ۔ رَسَس لرِلوٚر روزن وٲلی یا تاٚبین روزن وٲلی مثلن میچھر یا خوش پوٕنی شبیٖہہٕ، شُجات وغیرہ چھِ شاعری ہٕندی تبرُکات تہٕ جِسمٲنی اَنگ، شکل چھِ النکار یم لفظن تہٕ معانیٚس آویز چھِ۔ آننٛد وردھن سنٛز راے چھےٚ زِ شرِنگار رَسَس منٛز چھُنہٕ دُمعنے لفظن تہٕ اپچھر ورتاو وغارٕ لِفظ النکارَن ہٕنٛدِ ورتاوٕ وٲجِب۔ دراصل چھِ پٲنی پانے بےٚ شوٗنکی پٲٹھی ووتلن وٲلی النکارٕ رٕسکی جُز آسان۔ ییٚلہِ زَن شاعر زبردٔستی النکارن ہٕنٛدِ استعمالچ کوٗشش چھُ کَران یم چھِ رٕسکِس پھٕہلاوس نوقصان واتناوان۔ لفظن ہُنٛد طاقت تہٕ لفظ میُل کُرتھ (شلیش) اَلنکارن درمیان فرِق بیان کران چھُ آننٛدوردھن ونان زِ لفظُک اَصلی طاقت چھُ یمِوٕ لفظوٕ دٔسی النکار مِزاحیہ بناوٗن ییٚنہٕ بیانَس منٛز ممکِن چھُ ییٚلہِ زَن لفظہِ مِلس منٛز دونوٕ مطلب بیانَس منٛز ممکِن چھِ۔

ترٛتیٖمس بابَس منٛز چھُ شاعر صاف گو سنٛز نظر تھاوِتھ دھونہِ ہٕنٛدن قسمن تہٕ مزید تِہنٛدہن قسمن (اُپہ بھیدن) ہُنٛد ذِکر کران۔ یہِ نہٕ وُنن لایق آسہِ (اِستعارٕ وول) تہِ چھُ دوِیہٕ قسمُک مانیہٕ آمُت۔ پدن (شعارن) ہٕنٛدِ باپتھ تہٕ جُملن (طٔنز) باپتھ۔ یمن جُملن منٛز سٔرتھ سوٗنچھ (لفظی معانیس پٹھ) سیدِ سیوٗ دنظرِ گرٛھن وٲلِس مِزاحس تہِ چھِ ژور قسم آمتی ونہٕ۔

ا۔ لفظن یا شعرس پٹھ مُبنی۔

۲۔ جُملن پیٹھ مُبنی۔

۳۔ کُنہِ خاص کہانی، حادِثس پیٹھ مُبنی تہٕ

۴۔ کُنہِ بڈِس مضموٗنس یا تصنیفِہ پیٹھ مُبنی۔

دھونہِ کارن چھُ اوٗصلوٗبسے واقعہٕک ناو دیُتمُت تہٕ ووٗنمُت زِ یہِ چھُ بذاتِ خود گونن (صِفتن) آویز آسان مگر رَسس چھُ بڑونہہ پکناوان۔ تمِی ہِندِ ونہِ مُطابق چھُ یہِ شعر نِشہِ الگ اکھ حقیقت تہٕ اَپِّ کام چھےٚ رَسس تہٕ اِظہارس درمیان ژھایہِ روٗزِتھ کڈلچ کام کرٕنی۔ یہِ چھےٚ ترٕیہِ قسمچ آسان:

۱۔ اکھ گیہِ سو ییتھ منٛز یہِ لفظِ میُل (سماس) آسہِ۔

۲۔ ییتھ لفظن منٛز باگ لفظ میُل آسہِ تہٕ

۳۔ ییتھ منٛز زیٹھِ آیکو سماس آسن۔

اوٗصلوٗبس رِیتہِ شاعری ہُند روٗح مانن وألِس آچاریَس (وامن) ہِندِس ونس اوٗک طرف ترٛأوِتھ چھُ دھونہِ کار ونان زِ یم لوٗکھ نہٕ کھٔنڈی پھٔٹی پاٹھی تہٕ شاعری ہِندِس خاص عنصرس (دھونہِ) ہیکی وکھنے کٔرِتھ تموٗے ہیوٚت اَصلوٗبک عمل بڑونہہ پکناوٗن۔ میُل کرٕنکین واریاہَن طریقن ہُند ورتاو چھُ أدیب، بولن وألِس یہِ کیٛژھا وُنن چھُ، مضموٗن تہٕ رَس مَدِنظر تھاوِتھ تھٕتھی ہٕتی مُشابہِتھ تھاوٗن لایق کرٕن۔

دھونہِ ہِندِ تقوٗبلی مُطالعہٕ پتہٕ چھُ دھونہِ کارن اَمی حِساب شاعری ہِندی ترٕےٚ قسم مانٛنہٕ ئتی۔ یِم چھِہ:

(۱) دھونہِ کاویہِ (سو شاعری ییتھ منٛز ظرافت ووتلاوٗن آسہِ۔ دھونہِ

ہُنٛد خاص مقصد۔

(۲) گُنی بھوٗت وینٛگی کاویہ۔ سو شاعری یتھ منٛز مِزاحیہ بیانٛی پس منظرس منٛز آسہِ تہٕ

(۳) چترٕ کاویہ۔ یتھ شاعری منٛز منظر یا تصویر کشی آسہِ۔

یَتھ شاعری منٛز ظرافت خاص مقصد آسہِ تتھ وَنو سارِوے کھوتہٕ تھزٕ شاعری یا دھونہِ کاویہ۔ ییلہِ نہٕ ظرافت اَہم آسہِ بلکہِ آسہِ پس منظرس منٛز تتھ چھِ گُنی بھوٗت وینٛگی کاویہ ونان۔ یہِ چھےٚ درمیانہٕ درجٕچ شاعری مانٛنہٕ یوان۔ یَتھ منٛز ضرافتُک کانٛہہ تہِ دخل یا توٗلُق آسنہٕ تتھ چھِ چترٕ کاویہ ونان۔ اتھ ترٛیٚیمس قسمس منٛز چھِ شعار، رَس تہٕ احساس بیٚترٕ وبڑھیہِ بَنِٛز صِرف النکارن ہنٛزٕ یوت پابندی آسان۔ النکارن چھِ لفظی حرکتس (شبدگت) تہٕ مطلبس تابِین (ارتھِ گت) زٕ قسم آسان۔ چترٕ کاویہ (شاعری منٛز منظر کشی) تہِ چھُ دوٚیہ قسمہٕ آسان یتھ شبد چترٕ (لفاظی تصویر) تہٕ ارتھ چترٕ (شاعری ڈٔسی شکلاوٗن) مانٛنہٕ چھُ آمُت۔[1] دھونہِ کارن چھِ دوٚیہِ قسمکِن وجوٗدن ہُنٛد تحقیقات تہِ کوٚرمُت یِمن ہنٛز وکھنے رسہِ حسابے گرٕنی پزٕ۔

ژوٗریمس بابس منٛز چھُ آنندوردھن دانشمندی ہنٛدِ لامحدوٗد آسنُک ذِکر کوٚرمُت۔ موٗموٗلی چیز تہِ چھُ شاعِر سٕنٛزن نظرن تل وأتتھ نٔوے صوٗرت پٕراوان یتھ منٛز شاعر سٕنٛزِ عقلہِ ہُنٛد دَخل چھُ آسان تہِ کیاز حرف تہِ چھِ تیٚمے

1. Gunapradhaanabhaavaabhyama vyangyasyaivam vyavasthitaam I
Kaavya ubhe tato anyad yat tat chitram abhidheeyate II
Chitram shabdaartha bhedena dvividham cha vyavasthitam I
Tatra kinchitshabda chitrum arthachitram atah param II
Dwanyaloka by Anandavardhana, s.,3, vv.,42-43.

تہٕ لفظ تہٕ چھِ تِمے یِم اَسہِ ساسہٕ بدٕ بوٗ وٕرِیو پیٹھٕ اِستعمال ووت کران۔ دِوتاہَن ہُنٛد گور واچسپتی تہِ ہیکہٕ نہٕ نوٗسر یِمن حرفن تہٕ لفظن بناوِتھ۔ صرف چھُ نوٗس کلامَس منٛز یِہے اَچھر تہٕ جُملہٕ نوٗی مطلب پرٛاوان۔ تیتھے کٕنۍ ہکو نہٕ دٕ معانے وألی پد ازسرِنو تأمیر کٕرتھ۔ یِمن منٛز مطلبچ حقیقت مُروجہِ معنے نِشہِ الگ آسہٕ۔ صرف چھُ شأعر سُنٛد قوتِ تخیٔل یوت تتھ نوٗ جہت ہیٚکان بخشتھ۔[1] شأعری منٛز چھُ ہشر ترٛیہ قسمک آسان۔ اکھ گو ہوٚس ہیٚوٗ۔ کانٛہہ چیز تہٕ تمچ شیٚبیہہ یوٚسہٕ وارِیاہہِ رَنٛگہٕ بدٕوٗن چھےٚ آسان مثلن۔ رَنٛگ، بارٕو، حرکت بیترٕ۔ یِمو منٛز چھِ ترٛیم قسمچ برابری سارِوے سرٕس تہٕ پرٕکشش یوان مانٛنہٕ۔

یتھٕ کٕنۍ چھُ آنٛند وردھنَن شأعری ہُنٛد روح دھونہِ مأنِتھ تہٕ ستی چھُن شأعری ہنٛدِ ن باقی اَنٛگن ہُنٛد بے باک تحقیق دھونیالوکس منٛز کوٗرمُت۔ رَسس دھونہٕ ہُنٛدے اکھ حِصہٕ مأنِتھ چھُ تٔمۍ رسہٕ دھونہٕ سارِوے کھوتہٕ بہترین قسم موٗنمُت۔ تٔمۍ سُنٛد مانُن چھُ زِ ظرافتی نِشانٛن ہُنٛد احساس شعارس منٛز وارِیاہ آسِتھ تہٕ پٔز شأعرس رسہٕ برٕتھ دھونہِ شأعری کُنۍ توجہ مرکوٗز آسُن۔ تس برٛونٛہہ نقاد تہٕ گونماتھ آسۍ یا تہٕ النکارن نتہٕ اوٗصلوٗب مانن وأٹس فِرقس پیٹھ یَڑٕ پَڑٕ تھاوان۔ رَس مانن وألی آسۍ اَچھ وٕٹِتھ بھرتِ سٕنٛدِس ناٹیہ شاسترس پیٹھ یقین کَران مگر آنٛند وردھنَن کوٗر بے خوٗف بٕنٛتھ اِنکار تہٕ پھُٹرٕاوۍ تٔمۍ سأری پرٛأنی سِلسِلہٕ تہٕ کٔرن دھونہِ شأعری ہُنٛد روح ثأبت۔ دھونہِ ہنٛز حقیقتھ چھےٚ ریچہِ

1. Drashta poorvaa api hyarthaah kaavye rasaparigrahaat I
Sarve navaa ivaabhaanti madhumaasa iva drumaah II
Dwanyaloka by Anandvardhana, s.,4, v.,

حقیقژ کھوتہٕ زیادٕ عام فہم تہٕ اتھ منٛز مزاقُق دأیِر گنٛڈ نہٕ آسنہٕ مؤجوٗب چھُ یہِ پٔننہِ طرحدأری ستۍ رس۔ خیال، رٕچ ژیٛنوٗن، خیالن ہُنٛد آسُن، نوٗبن خیالن وُتشی، میُل، تھزر، بَل تہٕ پَتہٕ ژھٔہراو پانس انٛدر زم گران۔ صِفت تہٕ اؤصلوٗب تہٕ چھِ رَس دھونہِ ستۍ وابسطہٕ آسان۔ اَلنکارن منٛز تہٕ چھےٚ دھونہِ ہُنٛد عنصر درپردٕ آسان۔ تمۍ چھُ دھونہِ کارن شأعری ہُنٛد روح دھونہِ مأنۍ مِژ۔ تمۍ سُنٛد دھونہِ فلسفہٕ چھُ ہندوستأنۍ اَدبی فلسفہٕ کہِ تحقیقُق کِنۍ شأعری باپتھ اکھ بوٚڈ گاشہٕ مُنار۔ شأعری ہِنٛدِ فلسفِکہِ کُہی سِلسلُک چھُ یہِ سُہ أخری تہٕ قدٕاوار بالہٕ تھوٚنگ یتھ بژونہہ کنہِ باقی سأری فلسفہٕ سبٹھاہ لوٚکٕٹ چھِ باسان۔



## (7) بھرتَن ناٹیہٕ شاسترس پیٹھ آمٕتۍ شرح

شارنٛگ دیون چھُ سنگیت رتناکر ناوچہِ تصنیفہٕ منٛز بھرتَن ہِنٛدِس ناٹیہٕ شاسترس پیٹھ تشریح کران پانژن گونماتن ہُنٛد حوالہٕ دیُت مُت یمو بھرتَن ہِنٛدِس ناٹیہٕ شاسترس پیٹھ شرح چھِ لیچھمِژ۔ یم چھِ لولٹ، اُدبھٹ، شنکُک، ابِھنوگُپت تہٕ کیرتہِ دھر۔ ابھنوگُپتن چھُ ابھنو بھارتی شرحس منٛز ماترِ گُپت، بھٹ نایک، بھٹ طوطہٕ، بھٹ ینترٕ، بھٹ وژدھ، بھٹ سُمناس، بھٹ گوپال، بھٹ شنکر، گھنٹک تہٕ راہُل بیٚترِ گونماتن ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت یمو بھرتَن ہِنٛدِس ناٹیہٕ شاسترکِن وارِیاہَن ژھن پیٹھ شرح اَسی لیکھۍمٕتۍ۔ اگرچہِ یہِ صٔحۍ پأٹھۍ وَنُن چھُ سبٹھاہ مُشکِل زِ یم سأری أسیا کأشرِ کِنہٕ نہٕ مگر توٚ پَتہٕ تہٕ چھِ یم ناوو تلہٕ کأشرِی باسان۔ بھٹ طوطس چھِ ابھنوگُپت پنُن گور مانان۔ یمو شرحو منٛز یم ژور وٕنژتام دٔستیاب چھِ سَپدۍمٕتۍ تِہنٛد اوحال چھِ بژونہہ کُن پیش:

(i) **بھٹ لولٹ سُنٛد شرح:**

اَبھنو بھارتی مَنٛز چھِ اَبھنو گپتن واریاہَن باہَن مَنٛز لولٹ ہنٛزِ رایہِ ہُنٛد ذِکر کوٚر مُت۔ شیمس بابَس مَنٛز چھُ رَسس پٹھ تحقیقی بَحَس کران سُہ ونان زِ لولٹ چھُنہٕ اُدھ بھٹنہِ رایہِ ستیٚ مُتفق اوسمُت۔ اَمہِ کتھِ تلہٕ چھُ یہِ ننان زِ لولٹ چھُ اُدھ بھٹن یا تہٕ ہم اثر اوسمُت نتہٕ اوس تس پتہٕ تہٕ کینٛہہ کالس حالے حیات۔ اُدبھٹ چھُ 800ء یَس آس پاس مانہٕ یوان لہٰذا ہیکہِ لولٹ سُنٛد وَق تہٕ نوٚ یمہِ صٔدی ہُنٛد گوڈنیُک عیام مانہٕ یتھ۔ رسہٕ کِس فلسفس مُتلق چھُ لولٹ سُنٛد مَت شنٛکُک سٕنٛدِس فلسفس برخلاف۔ روایتی طور چھُ یِ یوان مانہٕ زِ سُہ چھُ شنٛکُکس ہنا بژونٛہہ پٕہن اوسمُت۔ مانکیہٕ چنٛدرن چھُ کاویہ پرٛکاش سنکیت ناوٕچہِ ٹیٖکایہِ مَنٛز لیٚوکھمُت زِ "پہاڑس برابر تھوٚد لولٹ تہِ ہیٚوک نہٕ تُسنٛد سَنہٕ زِینتھ تہٕ تمہِ رسہٕ سوٚدرُک وٕونٛت کتہِ ہیٚکنے شنٛکُک لٔبتھ۔"

ابھنوگپتن چھُ ناٹیہ شاستر کِہن واریاہَن حِصن مثلن شیٚم، باہم، ترٛواہم، ادرٲہم تہٕ اکوہَم مہن باہَن مَنٛز لولٹ سُنٛد ذِکر کوٚر مُت۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ننان زِ لولٹن چھِ بھرت مُنی سٕنٛدِس سأری سے ناٹیہ شاستس پٹھ ٹیٖکا لیچھمٕژ۔

بھرت سٕنٛدِس رسہٕ سوٗترس پٹھ یوسہٕ ٹیٖکا (شرح) لولٹن چھےٚ لیچھمٕژ سو چھےٚ ممٹ تہٕ ابھنو گپتن پننِہن لفظن مَنٛز استعمال کٔرتھ پوٚرٕ پوٚرٕ ورتاوٕمٕژ۔ اَمہِ ستیٚ چھُ لولٹہِ سُنٛد رسس مُتلق نظریہِ صاف سپدان۔ تٔمی سٕنٛدِ موٗجوٗب چھِ خیال تہٕ رَس رام تہٕ سیتا زِ اہم پہلوٗ یمن سُہ یتھٕ کٔنی بیان چھُ کران:

(ا) یژھ کأم آسہِ تتھےٚ چھُ تتھ مَنٛز رس تہِ ووپدان۔ یہِ چھِ چمک

دھمک، عظمت، غلط وتہِ پلنٛکی وَجہہ یا خیال بیٚترِ جذباتو سٟتؠ مُتأثر کرن والین تہٕ پوشٕنبن خیالن پاد کٔرِتھ تہٕ پوچھر دِتھ راحت بخشن واجینٛ اکھ عجیب (رام) کیفیتھ پاد کران۔ پوشہِ وٕنبن خیالن تہٕ رسس درمیان چھُنہٕ کانہہ فرق۔ کُنہِ ملاوٹہٕ بغٲریٚس پوشٕنن خیال چھُ سُہ چھُ رٔسؠ خاص تہٕ اصل صوٗرت۔

(۲) پٲتھر یا ایکٹِنگ کرن وٲلؠ نٹ (ہیرو) تہٕ نٹؠ (ہیروین) چھِ پانٕونی تہِ پٲتھرس (پلاٹس) مُتلِق تحقیق کٔرِتھ رس ہیکان پاد کٔرِتھ (رام سِتا)۔

(۳) زیاد خلقِتہِ تہٕ بیٛر بارس منٛز چھُنہٕ رس ہیکان پاد سپدِتھ۔ تم تہٕ چھِ تتھؠ صوٗرتس منٛز تحقیق کٔرِتھ تتھؠ مُقامس تام واتان یوٗت نٹ چھُ آسان وٗتمت تہٕ تمی مسرٕژ تہٕ خوشی ہُند مُقام پڑاوان۔ تم چھِ ناٹکہٕ کین خیالن تام نیٚبرؠ واتان۔

لولٕٹ سُند وَنُن چھُ زِ رسن ہُند تیداد چھُنہٕ گنٛڑ کینٛہہ۔ شنکُک سِندس متس خلاف چھُ لولٕٹ سُند وُنن زِ ناٹکا (لوکُٹ ڈرامہ) چھِ شےٚ پٔدؠ آسان۔ اُٹھ پٔدؠ تہِ۔ ابھنوگپتن تہٕ چھِ واریاہن جایَن لولٕٹ سُندُے مَت صٔحی مانٛتھ پیش کوٚرمُت۔ لولٕٹ چھُ پٔنُن بحث پوٗرٕ میماسا (شیٚیو فلسفو منٛز اکھ فلسفہٕ یتھ منٛز رسوٗماتن مُتلِق بیان چھُ) مَدِ نظر تھٲوِتھ پیش کوٚرمُت۔ پٔناہس منٛز واقع آنند آشرم عجٲیب گھرس منٛز چھُ لولٹا چاریہِ سُند لیٚوکھمُت "دشرٕ اِد پزکرن" ناوِچ اکھ تصنیف مگر یہِ چھُ وُنہِ تہٕ تحقیق طلب زِ آیا یہِ چھا سون رسہٕ واد چلاوَن وول لولٕٹ کِنہٕ بدلہٕ کانہہ۔

### (ii) شری شنکُک سُنز ٹیکا:

شری شنکُک چھُ یاتہٕ لولٹ سُند ہم اثر اوسمُت نتہٕ چھُ لتس پتہٕ کینٛہہ کال اوسمُت تِکیازِ تٔمۍ چھےٚ لولٹ سٕندِس ''رس وِوٚیچنٛس'' پیٛٹھ واریاہن جاین اعتراض پیش کٔری مٕتۍ۔ کلہنن چھُ راج ترنگنی منٛز أکِس شنکُک ناوۍ شاعر تہٕ تٔمۍ سٕنز لیٛچھمٕژ تصنیفہِ ''بھوٗ نہٕ ابھیُدے'' ہُک ذِکر کوٚرمُت۔ یہِ شنکُک اوس راز اَجے پیڈ سٕندِس دوٗرِ حکوٗمتس منٛز یُسند وق 816 چھُ مانہٕ یِوان۔ اگر زَن یہِ شاعر تہٕ تنقید نِگار گُنی چھِ تیٛلہِ چھُ شنکُک سُند وقت نوٗمہِ صدی ہُند آغاز مانُن لاَزمی۔

اَبھنوگُپتن چھُ بھرت سٕندِس ناٹیہٕ شاستر چین واریاہن ادھیاین پیٛٹھ تبصرِ کَران شنکُک سٕندٕ ہن خیالن ہُند ذِکرِ کوٚرمُت۔ ییٚمہِ تلہٕ چھُ باسان زِ تٔمۍ آسہے سأری ہے ناٹیہٕ شاسترس پیٛٹھ شرح لیٛوٚکھمُت۔ یہِ چھُ قابلِ ذِکر زِ بھرت سٕندِ ناٹیہٕ شاسترکین واریاہَن ادھاین مثلن رَنگہٕ پیٛٹھ (ترٛیم ادھیاے) رسہٕ سوٗترِ (شیٛیم ادھیاے) نانک ناٹِکا (اَرداٗہم ادھیاے) پرٛتِکھ سٔندھِ، وِمرشہِ سٔندھِ (اکہٕ وُہم ادھیاے) بیٛترِ واریاہَن موضوعن پیٛٹھ چھِ شنکُکنی خیالات ابھِنو بھارتی منٛز نظرِ گژھان۔ مگر شنکُک سٕنز مشہوٗری چھےٚ رسہٕ شاسترِ (فلسفُک) مُقررِ تہٕ گوٗنماتھ آسنہٕ کِنۍ سپٕز مٕژ۔ لولٹ سٕنز رایہِ خلاف یہِ کینٛژھا اَبھنوگُپتن چھُ ابھِنو بھارتی منٛز زیرِ بحث اونمُت۔ سُہ چھُ یتہٕ کِنۍ لیکھان:

(بھٹ لولٹ) سُنٛد یہِ مَت چھُنہٕ صٔحی زِ برخلاف راے ہشی نہٕ اَستھ تہٕ پوشہِ وِنن خیالاتن ہُند میُل اَستھ تہِ ہیٚکن نہٕ رِتی خیال ووٚتلِتھ۔ اتھ کتھِ پیٛٹھ ہیٚکن یِم کینٛہہ اعتراض ووٚتلِتھ۔

(۱) یِیلہِ نہٕ وشواس ناوِچ کانٛہہ کتھِے آسہِ تۆہٕتس منٛز پایدآری ژھانڈٕنی چھِے ناممکن تکیازِ یِوٚ تام نہٕ اصلی خیال تہٕ تتھ برخلاف رایے تھاوَن وٲلی یکہِ وَٹہٕ آسن تہٕ یِوٚ تام نہٕ کانٛہہ (دوشٕوٕنی) زانن وول یمن منٛز آسہِ۔ توٚ تام ہیکہِ نہٕ یمن کتھن ہُند عِلم اَستھ۔ وجوٗدس خلافت کرن والین ستی میلتھ آسنہٕ کِس حالتس منٛز یِیلہِ عِلم آسہِ تیٚلہِ آسہِ کوٗنٛچھمُت رس تہٕ غار ضروٗری، پوٚشوٗن احساس نہٕ کیٛنٛہہ۔

(۲) ووں اگر یہِ مانو زِ پوٚشوٕنی خیال چھِ پٲنی پانے پٲدٕ سَپدان تیٚلہِ کیٛاہ چھُ ناٹیہ شاسترس منٛز یمن ہُند مقصد، تعاریف بیٚترِ بڑونٛہہِ مُقرر کرنہٕ باپتھ آسہے بڑونٛہہِ ونہٕ آمُت ترٛٹھ ہِش مگر چھِنہٕ کانٛہہ کتھاہ دَرج۔

(۳) یِیلہِ احساسو بغارشوٗدی خیال قایم ہیکہِ ہَن سپدِتھ تیٚلہِ چھُ بھرت سِندِس وجوٗدس خلاف رٕسکی تعاریف بیان کرٕنس فضوٗل بیانی ہُند راہ کھسان۔

(۴) اَکُے خیال مانون أسی غار حالاتن منٛز پوٚشوٗن تہٕ وَیوٗنہِ حالاتَن منٛز رَس۔ یِیلہِ یہِ مانہٕ باپتھ پیٚن اَسہِ رَسن ہِندی قسم تہٕ ''وٕسی پایہِ تمہِ کھوتہٕ پتھ کھورِ تہٕ سارِوے کھوتہٕ وٕستھ یا سارِوے کھٕستھ۔ درمیانہٕ درجُک تہٕ نکھٕ وٕسنی لایق وغارِ مانٕنی۔'' یُس زَن رسہٕ فلسفچِ پوٚرِ تہٕ اکھنڈ آسنَس خلاف تہِ نا ذیبا چھُ۔

(۵) دِلس نزدیک پوٚشوٕنی خیال اگر أسی رَس مانو یِیلہِ چھُ ''اُسُن'' پوٚشوٗن خیال ظرافتس منٛز تہٕ باقی یِم اِسنکی شیٚیہ قسم مثلن وُٹھ کُمجار، اَسوٕنہٕ ہونٛجہِ یا ٹھہہِ ٹھہہٕ کران اُسُن بیٚترِ تہِ سارٕی بوٚٹھ کھسان، یِم نہٕ ثابت ہیکو کرِتھ۔

تِتھے کُنہِ چھِ شہوانی خیالس منٛز پوشوٗن خیال صِرف شہوت۔ تیٚلہِ کوٚت گژھن رَتہِ کرپڑایہِ ہنٛز تم دٕہ حالژ یِمہٕ سانہِ گونماتو چھِ وَدِکہِ مٕژ تہٕ یَتھ پٹھ شرنگار رسکی یم پیٹھ قسم چھِ وکھناونہٕ آمٕتۍ۔ یہِ تہٕ چھُ ممکن زِ اگر نہٕ اتھ جایز تہٕ ناجایز وَکھنے کرنک پیمانہٕ آسہِ تیٚلہِ ماپہن واریاہ نوی اوٗصوٗل نوٗ سرٕ تھنہٕ۔

(٦) یہِ تہٕ چھُنہٕ ضروٗری زِ من پسند حالاتن منٛز کیاہ چھُ ہمیشہٕ رس بڑان تہٕ وٕتشی لبان۔ کُنہِ کُنہِ چھُ اتھ خلاف تہٕ نظرِ گژھان۔ مثلن غم کِس حالتس منٛز چھُنہٕ صِرف تیزی یوت یوان بلکہِ یہِ چھُ پتہٕ سوٚتان تہٕ یہِ چھِ ریچی اکھ حالت۔ تِتھے کُنہِ چھُ شرارت، حمِتھ، وغارٕ خیالن منٛز تہٕ بڈنہٕ بجایہِ کمی واقعہٕ سپدان۔[1]

یتھ کُنہِ لولٹ ہنٛدی خیال رد کران چھِ شنکلکن خیال ابھنوگپتن ابھنو بھارتی منٛز ییمہِ آیہِ پیش کرنہٕ متۍ:

تزادِ باپت عظمت یا شجاعچ بیٚترِ کام تہٕ ستی باجہِ رنٛگی زنانہٕ کردار یُس غلط خیالی چھُ ہبکان ووتلاوِتھ یوسہٕ کام کرن والِس (ایکٹر) ہنٛدِ ذٕسی سبٹھاہ کوٗشِشہِ سان انجام چھِ دِنہٕ یوان تہٕ تمی ہنٛز سو کام یوٚ دوے عارضی چھے آسان مگر توٚپتہٕ تہٕ چھےٚ سو غارٕ عارضی باسان یوسہٕ زَن جنسی شہوت چہِ شکلہِ

---

1. Etatneti Shankukah. Vibhaavaadyoge sthaayino linga bhaavenaavagatyanupapatter bhaavaanaam porvamabhidheyitaaprasangaat, sithti dashaayam Lakshanaantaravaytyarthaat, mandataratamrmaavyasthdhyanaataapratteh, Haasya rase shodhaatvaa bhaava praaphteh, kaamaavasthaasu dashasvosankhya rasabhaavaadi prasangaat shokasya prathamum teevratvam kaalaattanu maandya darshanam krodotsaaharteenaamamamarshasthair ya sevaaviparyae hraasa darshanam iti maan tvaachcha viparyasya drashya.

Natya Shastra by Bharat Muni, v.,6, v.,31.

(Abhinava Bharati on, Rarasutra by Acharya Abinavgupta).

منز اکٹرس اَندر پوشِنہٕ خیالٕچ فرضی خوشی وُچھن یا بوزن والین سٕہ بخشان چھُ۔ یہِ پوشِوُن خیال یَتھ زَن ناٹکس منز خاص ''راما دِگن'' رام بخشن وول یا سیرت دِنہٕ وول خیال چھِ ونان، چھُ سُہ خیال یُس ایکٹرٕ نقل چھُ کران تہٕ یہِ خیال چھُنہٕ دراصل ایکٹرس منز آسانے مگر توٚ پتہٕ چھُ سُہ پأتھر بڑ وٚنھہ پکناونہٕ خأطرٕ یِژھ ہش حرکت کران یَتھ زن شأعری منز رس چھِ ونان۔

بھٹ شنکُکن یِم جرح بھٹ لولٹ سُند خیال پھُٹراونہٕ خأطرٕ پیش چھِ کٔرِمتی تِم سأری چھِنہٕ باسان قہوچہٕ کھأرتھ۔ یتھے کٔنہ شنکک سِندِس خیالس تنقید کرن وألی یِم تِمس پتہٕ پرٕژھِمتی رس وأدی یا ظرافت والیو نقادو تہٕ کوٚرنہٕ شنکُکس ستی اِنصاف۔ اتھ منز چھُنہٕ کانْہہ شکھ زِ لولٹ تہٕ شنکک سُند چھُ رس فلسفہٕ نوٚن کڈنس منز وارِیاہ اتھ۔ ہندوستأنی رسہٕ فلسفکی ژور اَہم نوقطہٕ مِد نظرٕ تھأوِتھ ہیکو اَسی یمن گونماتن ہُند فلسفہٕ زأنِتھ:

۱۔ پوشِوُن خیال تہٕ رسچ یا مزِچ حالت کُتھ چھےٚ؟ توأرِنچی ایکٹر چھا رامس وغأرٕ ہی یا نقألی کرن وألِس ہی کِنہٕ وقتی یا سمأجی ماحولس ہی۔

۲۔ نِشپتہٕ۔ تکمیل یا اِختتام کیٛاہ گو؟

۳۔ سمیوگک (رِشتہٕ یا اِکہٕ وٹہٕ سپدن) کیٛاہ گو؟

۴۔ رس یا مزِچ شکل کیٛاہ چھِ؟

بھٹ لولٹ تہٕ شنکک دوشوٕے چھِ پوشِوُنہٕ خیالٕچ خاص حالتھ کامہٕ مُطابق، مرد کردارس (راما کردار) مانان۔ دونوٕے چھِ مانان زِ خیالاتن برخلاف پکُنک توٗلُق تہٕ چھُ کامہٕ مُطأبق آسان۔ رسہٕ کٔبن طور طریقن منز چھِ ہنا فرق۔

ییٚتہِ لولٕٹ چھُ وَنان زِ رَس چھُ شوٚروٗ پیٹھٕ آخرَس تام کامہِ مُطابِق روزان تہٕ ییٚتہِ ایکٹر پننہِ قابلیتہٕ ستیٚ سماجس منٛز رٕچ پہنٛچ واتناوان تہٕ سماجس پیٹھ باوی سپدان تتہِ چھُ شنکُک سُند خیال زِ کامہِ اَندرٕ رے روزن والی پوٚشوٕنی خیال چھِ نتیجہ خیز سپدِتھ سماجٕ ایکٹرس اندر بران۔ دراصل چھُ کام کرن والِس فنکارس پوٚشوٕنی خیال یا اَتھ بَرخلاف سوچ بیٚترِ کاغذی گُرٕ ہندی پاٹھی اِنصافہٕ ذٔریعہِ ایکٹرس ستیٚ وابسطہٕ گژھان۔ یِتھٕ کٔنی چھُ اکٹر نتیجُک باعث بنان تہٕ تٔمی سُند بیاکھ دوٗر (یِتا کام کرن واجیٚنۍ) سماجکہِ نتیجٕچ آویز آسان۔ بھٹ لولٹہٕ ہنٛز یہِ رائے زِ رسکہِ منٛز کھارنٛچہٕ عملہِ منٛز چھُ سماج غاٗر جانبدار آسان یہِ چھےٚ اکٹر ہنٛدِ باپتھ دُنیاوی رَسک عٔلِم یُس سُہ پننہِ ہونرِ ذٔریٚ ہاوان چھُ۔ مگر شنکُک ہنٛدِ رسُک طور طریقہٕ چھُ رسکہِ نتیجہ چہِ شکلہِ منٛز رٕچ حالت تکمیلس واتناوٕنس منٛز سماجکس یِتا اکٹرس منٛز مانان۔

بھٹ لولٕٹ ہنٛزِ نظرِ منٛز چھُ رسُک تکمیل سپدن رس پاٚدٕ گژھنس ستیٚ مطلب تھاوان تہٕ اِظہارس منٛز تہٕ نتہٕ پوچھر لبنٛچہٕ عملہِ منٛز یوسہٕ رلہٕ مِلہٕ شکلہِ ستیٚ پاٚدٕ چھےٚ سپدان۔ سُے چھُ مطلب (ارتھ) پانس ستیٚ پکناوان، شنکُک چھُ رٕچ تکمیل مطلب (ارتھ) س ستیٚ وابسطہٕ گَران۔

لولٕٹ چھُ مِلیُک مطلب پوٚشوٕنس خیالس تہٕ تتھ احساس درمیان خیال ووتلاوَن وول تہٕ وُتشی دِنہٕ وول مانان ییٚمیُک تعلُق تہٕ خیال مُطابِق پوٚشوٕنہِ عملِ درمیان منٛزی اکھ پکن وتھاہ مانان ییٚمیُک تعلُق شہوٲتی خیالس تہٕ پوٚشوٕنس خیالس منٛز پاٚنی پانے چھُ پوچھر لبان۔ شنکُک ہنٛدِ موجوٗب چھُ مِلتیُک

معنی اندازِ ستی کانہہ خیال میلنک عمل۔ بھٹ لولٹ چھُ مانان زِ رَس چھُ أندرِ محسوٗس کرنُک عمل یُس تکمیلس وأتِتھ دُنیاوی مزِچ حالت پڑ آوِتھ پننی أندرِمہِ خیالہِ ستی غأر جانِدار روٗزِتھ بڑونہہ چھُ پکان نہٕ کہِ سماجکہِ کُنہِ خاص خیالہِ یا زوٗرِ موجوٗب۔



### (iii) بھٹ نایکنی ٹیکا (شرح):

ہندوستانی رَس سوٗتر کیو ژوٗرو مشہوٗر گونماتو منٛز چھُ بھٹ نایک سُند ناو بڈ اہم۔ تٕمی چھُ آنند وردھنہٕ سٕندِ دھونہِ فلسفس۔ نکار کوٗرمُت تہٕ اَبھنو گپتن چھُ أمی سٕندِس رَسکس متس اِنکار کوٗرمُت۔ یتھٕ کٕنی چھُ أمی سُند وَق آنند وردھنس 883-855 پتہٕ تہٕ ابھنوگپتس (دٕہمہِ صدی عیسوی ہُند گوڈٕ کال) ہَنا بڑونہے پہن مانُن ضروٗری۔ کلہن سٕنز راج ترنگنی منٛز چھُ کُمتام بھٹ نایکہٕ سُند ذِکر یُس شنکر ورمن سٕندِس دورِ حکوٗمتس 902-883 یَس منٛز چھُ اوسمُت۔[1] اگر یہِ بھٹنایک یوٗ ہوے تنقید نگار چھِ تیلہِ پزِ یہِ اَسہِ آنندوردھنس پتے کینہہ کال تھاوُن۔ پی۔وی کانے سٕندی کٕنی چھِ یم دونوٗے بیوٗن تہٕ الگ الگ زٕ نفر۔ مگر چوٗنکہِ اَتھ مُتلِق چھنہٕ کانہہ معقول شہادت لہٰذا چھُ ڈاکٹر وید کُماری ہُند یہِ وَنُن صٔحی باسان زِ یم دوشوٕے کٕنی مانٕنی چھِ صٔحی باسان۔

بھٹ نایکن چھےٚ ہرِدے دَرپن یا سَہرِدے درپن ناوچ اکھ تصنیف شأعری ہٕندِس فلسفس پیٹھ لیچھمٕژ۔ یتہٕ چھُ مُمکن زِ ہرِدے درپن ما آسہے أمی

1. Dvijastayor Nayikaakhyo Gaureeshasurasadmanoh I
Chaturvidyakratastena Vaagdevee kulamandiram II
Rajatarangini by Kalhana, Book 5, v.,159.

بھرت ہِندِس ناٹیہ شاسترس پیٹھ شرح لیچھمٕژ۔ ہرٕدے درپنہٕ منٛز یِم اقتباس چھِ بنہٕ آمتۍ تمہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ یہ چھِ شارن منٛز لیچھمٕژ۔ کتاب ییٚلہٕ زَن عام شرح چھِ نثرس منٛز لیکھنہٕ یوان۔

وِیکھتہٕ وِویکٕکۍ مُصنف مہم بھٹ ہِندی گمنام شرح لیکھن والی چھُ وۄنمت زِ یتھۍ کنۍ وِیکھتہٕ وِویک تصنیف چھےٚ آنندوردھنہٕ سُنٛد دھونہٕ سِدھانت نکاران تیتھے کنۍ چھےٚ "ہرٕدے درپن" تہٕ[1] یوٚ تام نہٕ یہِ تصنیف "ہرٕدے درپن" دٔستیاب سپدِ توٚ تام ہکو نہٕ بھٹ نایک ہنٛزِ لیچھمٕژ کاویہ شاسترس مُتلق سکہٕ رائے ظٲہر کٔرِتھ۔ مگر توٚ پتہٕ تہٕ یِم اقتباس سانین پرانین تصنیفن منٛز درج چھِ تِمو موجوٗب چھےٚ أمِس گونماتس مُتلق یِمہٕ رایہٕ مقرر یوان کرنہٕ۔

(۱) دھونیالوکچ 'لوچن' ناوٕ شرحس منٛز یِم شعار درج چھِ تِم مدِنظر تھٲوِتھ چھُ یِی پلہٕ پیوان زِ بھٹ نایکن اوس شاسترٕ تہٕ کتھا، کہٲنی اَدبُک کٲفی سون مُطالعہٕ کوٚرمُت تہٕ یِمن درمیان پھیر فرق وَدِ کڈمٕژ۔ تٔمۍ اوس یہ تہٕ مُشاہدٕ کوٚرمُت زِ شاعری کیاہ فرق چھِ تِمن دون صِنفن سۍتۍ۔ تٔمۍ سُنٛد وَنُن چھُ زِ شاسترن منٛز چھُ لفظ زیادٕ موثر آسان ییٚہ چھِ یِمن منٛز زیادٕ نصیحت آمیزی آسان۔ کہٲنی اَدب چھُ اَرتھ رنگہٕ یا معانے لحاظہٕ تھزرس آسان ییٚہ چھِ اتھ منٛز ... یور علاقن ہنٛز خبر اَثر آسان۔ شاعری ہُنٛد مقصد چھُ شاعرانہٕ اوصاف ژٔ کڈنۍ۔ اَتھ منٛز چھِ لفظ تہٕ مطلب دوشوے ہوِے آسان۔[2]

1. Darpanah hridaya darpanaakhyo dhwani dvamsa granthoapti II
Vyakti Vivek (Tika) by Bhattanayak.

2. Sabda praadhaanyamaashritya tatra shastram prathagviduh I
Arthatattvena yukhtam tu vadantya khyanametayoh II
Dvayor gunatve vyapaara praadhaanye kaavyageer bhavet I
Dhvanyaloka Lochana by Bhattanayaka.

(۲) بھٹ نایک ہِندِ مۆجوٗب چھُنہٕ دھونہٕ (آواز) شأعری ہُند رۆح۔ دھونہٕ ناوِچ جذبأتی قفیت یۆدتتھ مُقامس واتہٕ تہٕ توتہٕ ہیکہٕ سو شأعری ہُند اکھ جُز آستھ شأعری ہُند رۆح نہٕ کیٚنہہ۔[1]

۳۔ بھٹ نایک چھُ دھونہٕ ہِنٛدِس رَسس مانان مگر دھونہٕ بحثیت کانٛہہ فِقرٕ ہٕندی یا انکار چھُنہٕ مانان۔ اکھ لوچنکار (نقاد) چھُ بھٹ نایکس تنقید کران ونان: ''دھونہٕ ہِنٛدِس وَجوٗدس اِنکار کُرتھ رسہٕ دھونہٕ پتھ یہٕ ڈٲلِز تہٕ مہربان سپدِتھ چھُ بھٹ نایک اَمہٕ کِس حقس منٛز بۆلتھ وٕٹھی پوٚٹھی پأٹھی زنتہٕ دھونہٕ نِشہٕ مۆلے لوٚب ہوان۔''

۴۔ دھونہٕ کارن چھُ گوڈنِکہٕ بأبِکس تٔرواُہمہٕ حِصس منٛز طزیہٕ طور گردانس منٛز دوٚیمہٕ گردانک (دِوَچن، سنسکرت گرامرس منٛز) استعمال کوٚرمُت۔ اَتھ دِوچن استعمال کرنس پتھ چھُ بھٹ نایک ہِنٛدِس ایترازس مُتلق آچاریہٕ ابھِنوگُپت ونان: ''دِوچن اِستعمال کُرِتھ چھُ بھٹ نایکن اَتُر کوٚرمُت مگر ہٕسی ہِنٛدِس أچھی ٹھوارس برابر۔ یعنی مۆمۆلی نٲویتُک۔''

۵۔ بھرت ہِندِ رسہٕ سۆترچ تشریح چھُنہٕ بھٹ نایکن پننہٕ انداز کرمٕژ بھٹ لولٹ، شنکُک تہٕ باقی وینٛجنا وأدِین (احساس سیٚد سیوٚد مانن وألی) ہِنٛدِ مِتیٚ کھٔنڈرن کران رَسک ہرتر تہٕ مِزِچ تلخ کتھ گوڈنچہٕ لٹہٕ کرمٕژ۔ کھنڈرن کرن والین کُن چھُ سُہ درجواب ونان: ''رس نہٕ چھُ روزِنُک روجان تھاوان تہٕ نہٕ چھُ پأدٕ سپدان۔ یہٕ چھُنہٕ اِظہار یوان کرنہٕ تکیٲزِ رِچ پأرِزان

1. Dwanirnanaaparo yopi vyapaaroo vyanjanaatmakah I
Tasya siddhe api bhedesyatkaavyangatvam na roopitah II
Hriday Darpan by Bhatta Nayak, Commentary on Bharat Munis Natya Shastra.

سَپدنہٕ ستی چھِ لوٗکھ پانسے اندر رپاڑ گران۔ گُرنا رسکس صورتس منز پاڑ گرٕھتھ چھے یہ کیفیت تکلیف دیٚہہ ثابت ہیکان سپدتھ۔ پنٕہ نِسے دِلس منز امِکس واتنیار ماہنس منز چھِ وارِیاہ مُشکلات۔ گوڈٕ انوار چھِ توٲرتکی مُخالفت "ستا" وغارٕ کِردارن ہنٛدِ باپتھ یتھ ہیٚو خیال یا بھاوآسنس پتھ۔ خیال مجروہ سپدتھ کتہٕ ہیکہِ تسلسُل ژھٕھنہٕ گرٕھنکس صوٗرتس منز رس وۄپدتھ؟ یٚیہ بیا کھ کتھ چھے زِ زنانہٕ کِردار وُچھِتھ چھُ عام لوٗکن وُچھن یا بوزن والیٚن کیاہ یٚیہِ پننین زنین ہُند ظون تتہٕ چھُنہٕ لازِم۔ تزِیم کتھ چھِ یتہٕ زِ ستا چھِ اکھ صاف تہٕ پاک کِردار یہ ہیٚکہِ نہٕ کانٛسہِ ہنٛدِ ونہٕ یا کوٗشِشہِ ستی پنٕہ اعلا روطبہٕ نشہِ بدٕون کڈنہٕ تِلکیاز سماجس آسنہٕ یہ منظوٗر۔ تیٚتھے کنٕز اگر وِپر رسس منز وُچھو تتھ منز تہٕ مَنہٕ منٛزی مانُن زِ ہنٛوٗمانن دیُت سۄد رس تار، چھُنہٕ عام وُچھن / بوزن والیٚن پننس منس بیٚہوٗن باسان۔ یمن چھُنہٕ خیالن منز رام بیٚتر فنکارن ستی تہٕ برابری مُمکِن تھاوِنی تِلکیاز یاداش چھُ بروٗنہہ وُچھی متین چیزن ستی جوٗڈِتھ آسان۔ آواز ستی یا انداز لگاونہٕ ستی ہیٚکہِ نہٕ سُہ مَز کھسِتھ یُس بروٗنہہ کنہٕ وُچھِتھ چھُ اِنسان محسوٗس گران۔ یہے مُشکِل چھُ تمکہِ پرٕتھنہٕ تہٕ پوٚٹھنہٕ وِزِ تہٕ بروٗنہہ کُن یوان۔ رسُک اِظہار ماہنس منز تہٕ چھِ یہے دُشوٲری زِ اِنسانہٕ ہنٛدِس أندریٚ منس منز چھِ دُنیاوی واسنایہِ موجوٗب اکھ الگ تصویراہ بروٗنہے کھنہٕ آسان آمٕژ تیمی اَتھ رسس أندرۍ وٲرۍ اکھ خاص شکلاہ چھِ آسان دِژمٕژ تیمہِ ستی یہ رس کم یا زیادٕ ہیٚکہِ سپدتھ یُس رس فلسفہٕ کِس سائی متیس خلاف چھُنہٕ رسہٕ کیٚن اوٗصوٗلن برخلاف چھُ۔ اَتھ ہیٚکہِ یہ تہٕ سوال وُتھِتھ زِ رسچ اِظہٲری یت چھا پانس تام کِنہٕ یہ چھِ ووپر خیالہٕ ستی بدلتھ تہٕ ہیکان۔

بھٹ نایکن یہِ کھٔنڈرن کرن وول دوٗر چھُنہٕ خاص زوٗروار تہٕ کینٛہہ۔

مگر أمی ہِنٛزِ رایہِ پوچھر دِنہٕ وأنی چھِ رسہٕ فلسفہٕ باپتھ واریاہ نٔوی روشن دان مُژراوانہٕ یِوانِ۔ تَم چھِ ناٹک تہٕ شأعری ہِنٛدِ بن لفظَن مَنٛز لفظَن ہِنٛز تُلہٕ تژاوِ علاوٕ خیالاتو تہٕ فنی لوأزِماتو تہٕ فنی زأوِجارکو قأدو نِشہٕ مُچھِ مانان۔ یوٚتام لفظن ہِنٛدِ سیٚدِ سیوٚد معانیک تعلُق چھُ لفظَس مَنٛز چھِ لفظی معانے آسُونے عمل۔ رسہٕ کِس صوٗرتس مَنٛز چھُ اتھ مَنٛز خیالن ہِنٛز صوٗرتھ یانے خیالن ہُنٛد اِظہار سَرس آسِتھ سماجِچہِ نظرِ تل فنی قأدٕ نِشہِ آزأدی میلان۔ تٔمی ہِنٛدِ وننہٕ موٗجوٗب چھُ لفظن ہُنٛد معانے مَدِ نظر تھأوِتھ وِہنُک مطلب فِکرِ تژنہٕ ستی اِظہارُک بڈُن لأضمی یُس باقی خیالن (وِبھاو) ہِتا تہٕ رام وغأرٕ مُطلق رس وغأرٕ خاص اِنسانَس ستی وابسطہٕ خیالن صاف کرِتھ عام اِنسان تہٕ زنانہِ ہِنٛدِس سوتھرِس پیٹھ واتناوان، تہٕ خیالاتن تہٕ یِژھی ہِشہِ وتہِ لاگان۔ اگر ووٚنی نفسیأتی یا شہوأتی خوأہِشن زیادٕ وُتشی دِمو تیٚلہِ چھِ اِنسانَس مَنٛز تموٗگون (شہوت) ہُران۔ کرِ روزنہٕ ستی چھُ ستوٗگون (کِردارُک تھزر) ہُران تہٕ آتما چھُ زِنٛدٕ گرٕ ہِتھ اکھ شبیٖہہ لبان یٚیمہِ ستی سورگی آننٛد تہٕ خوٗشی چھےٚ زوٗتان تہٕ اتھ ابدی خوٗشی ہِنٛدِس ماحولس مَنٛز چھُ سماج سکوٗن لبان یعنی ابدی سکوٗنِکس ماحولس پژاوان۔[1] بھٹ نایک ہِنٛدِس رَسہٕ سوٚترِچہِ وِیاکھیایہِ مَنٛز چھُ سار،وے کھوتہٕ ضروٗری خیال یی زِ اتھ مَنٛز چھِ خیال تشریح کرِتھ عام فہم آہتی بناونہٕ۔ دوٗیِم اہم کتھ چھِ یہے زِ اتھ مَنٛز چھِ رسس (مزِس) عوامی ہیت دِتھ امہِ باپتھ سماجُک اکھ خاص مُقام مُقرر کرنہٕ آمُت۔

1. Tasmaatkaavye doshaabhaava gunaalankaaramayatva lakshinena naatye chaturvidhaabhinaya roopena nibidanija mohasankatataa nivaarana kaarinaa vibhaavaadi saadharaneekaranaatmanaa abhidaato dviteeyamshena bhaavaktva vyapaarena bhavyamaano rasah anubhavasmratyadivi lakshanena rajastamoanuvedhavai chitryabalaad drutivistaara vikaasalakshanena satvodreka prakaashaanandamayanija samvid vishraanti lakshanena Para Brahmaa swaadasavidhena bhogena param bhunjyate, iti I

Abhinava Bharati Bharatnatya., s.,6, v.,31.

بھٹ لولٹ تہٕ بھٹ شنکُک اُسی رسک آسُن کامہِ مُطابق رام وغارس منز مانان۔ مگر بھٹ نایک چھُ اتھ عوامس ستۍ وابسطہٕ مانان۔ پوشونہٕ خیالک آسُن چھُنہٕ سُہ عوامس منز مانان۔ یوہوے خاص فرق چھےٚ یمن ابھنو گپت ہندِس سوچس ستۍ۔[1] پوشون خیال کامہِ ستۍ وابسط کرنہٕ ستۍ تہٕ چھُ یہٕ عام فہم بنان۔ پوشون خیال یا سوٗنچ غار فطرتی بنہٕ کنۍ چھُ تمۍک مزٕ یا سواد پرتھ وُچھن ربوزن والۍ ہندِ باپتھ وِیون بنان۔

بھرت سوترس منز استعمال لفظ "نشپتہٕ" تکمیل یا انجام چھُ بھٹ نایکن "لذت" کِس معانے یِس منز نیومُت تہٕ "سمیوگات" میٖل یا یکجا گرٛھنُک معنی چھُن کھن یا کھنس لایق آہنس ستۍ وابسطہٕ کوٚرمُت۔

یوٚ تام رسچہِ شکلہِ ہُند تولُق چھُ جذباتی ہاوبھاو ستۍ چھُ درٛینٹھمان عشقہٕ معاشوق امہِ رسک یا مزُک تکمیل تہٕ جذباتی ہاوبھاو چھےٚ مزس لایق عشق معاشوقی ہُند تکمیلی حالت۔ رسک مزٕ یا رسک حز تُلن چھِ سماجی آوٕلنس وٕلتھ (کُنہِ فردی یا انفرادی، پسندی نا پسندی بالاتر) پتُن اندرم حبس ہُشیار کرن تہٕ پننہِ انفرادی سکوٗنک مُقام پراوُن۔ یہٕ چھِ خوشبو (محسوس کرنٕی لایق) تہٕ مزٕ وُچھن لایق (کھن) یمن دون ہُند رَل یتھ نہٕ زانہہ تہٕ ہیکو اُسی حِصہٕ بٲگرتھ۔

بھٹ نایک ہندِس فلسفیانہٕ آسنس پتھ چھُ مُحققن تزاد 'کاویہ پردیپ' لیکھن والۍ گونماتن گووِند ٹھکرن چھُ سُہ فِطرت پسند مونمت تہٕ کانتی چندر

---

1. Poorvamate (Bhatta Nayaka Mate) - Asatya api - rateraaswadah I
Atra (Abhinava Gupt) Tu vaasanya (Saamaajkasya) sithitaaya evetyapyonyor-bheda iti vivarne spashtam II

Kavya Prakash, s.,4, vv.,27-28 (Bala Bodhini Tika)

پانڈے چھُس وحدتالوجودی ویدانتی مانان۔ مگر عام گونماتھ چھُس میما مساۓ (ہندوستانی فلسفکو شیوٗ سکوٗلو منز اکھ) مانان یُس رایہِ پننہِ پٹھ ڈٹتھ روزن وول اوس۔ لوچن شرحس منز چھُ اَبھنو گپت اَکس جایہِ والیمکی سِندِس اَکس پدس پٹھ تشریح کرن وأنس بھٹ نایکس پٹھ مخول گران وَنان: ''امہِ قسمکہِ معانے تِچ سوٗنچن تراے ہیکہِ جیمنی سوٗترن منزٕ یوت اَستھ شاعری منز نہٕ کینٛہہ۔ بھٹ نایکن چھُ ''بھاوِنا'' یعنی دِلچ چاہت لفظ تہٕ میما مسا فلسفہٕ منزٕ نیٛوٗمُت تہٕ رَس کس طور طریقس منز دِلچ چاہت (بھاونا) کنِ ترنوٗنی حِسن یا جُزن۔ یعنی یہ پزاوِنچ کوٗشش چھُ اِنسان کران۔ سادھیہ (رسس یا مزٕ): عمل پزیری امہِ کہِ وصلہِ باپتھ سادھن یعنی چاہت تہٕ یہ کرُن چھُ یِژھان یا یہٕ کرُن پزِ یعنی کمہِ عملہِ باپتھ کوسہٕ حرکت پزِ کرٕنی (گُن یعنی صِفت النکار) کٕ اِستعمال کوٗرمُت۔



### (iv) اَبھنوگپت سِنز ٹیکا (شرح):

آچاریہ اَبھنو گپت سِنز لیچھمٕژ بھرت مُنی سِندِس ناٹیہ شاسترس پٹھ شرح چھِ اَزتام دٔستیاب تصنیفن منز سارِوٕے کھوتہٕ سرٕس تصنیف یِوان مانٕنہٕ۔ ساٗری سے ناٹیہ شاسترس پٹھ چھِ صرف یہے مُدلل شرح یوت دٔستیاب ییٚلہِ زن اصلی تصنیف وُنہِ چھُنہٕ ہچ مزٕ میلتھ۔ یہ چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ تفصیلی شرح اتھ اہم تصنیفہِ پٹھ تہٕ اتھ چھِ بیٚیہ زٕ ناو۔ ''ناٹیہ وید وِورتہٕ''، ''ناٹکس ویدس پٹھ کھُلہِ شرح'' تہٕ بیا کھ ناو چھُس ''اَبھنو بھارتی''۔ اَمہِ تلہِ چھِ امہِ تصنیفہِ ہنٛز

اِفادیت بڑونٛہہ کُن یِوان زِ سانہِ گوٚنماتو چھُ ناٹیہ شاستر اکھ وید موٗنٛمت۔ رَس شاستر کِس تکمیلس مُتلِق یم تہٕ کیٛنٛہہ رایہِ چھےٚ تِمن منٛز چھےٚ اتھ شرح منٛز لیچھمٕژ راے بِلاشکھ تہٕ حتمی یِوان مانٛنہٕ۔ اَبھِنوگُپت سٕنٛزِو سارِوٕے تصنیفو منٛز چھِ بھرت ناٹیہ شاستر س پیٹھ لیچھمٕژ شرح ابھنو بھارتی تہٕ آنَندوردھنہٕ سٕنٛدِس دھوٚنیالوکس پیٹھ لیچھمٕژ شرح لوچن سارِوٕے کھوتہٕ اہم یِوان مانٛنہٕ۔ مہاراج لِلتا دتیہ سٕنٛدِس راج کالس دوران تسٕنٛدِس پناہَس منٛز مشہوٗر شاعر تہٕ فلسفی اَترِگُپت آسی اَمی سٕنٛد اجداد۔ اَمی خاندان منٛز آسی وراہ گُپت تہٕ تَسٕنٛد نیچُو اوس نرسمہہ گُپت تَسٕنٛد نیچُو اوس اَبھِنوگُپت۔ اَمی سٕنٛز ماجہِ اوس وِملا یا وِملاکلا ناو۔ یِہٕنٛدِ گوٚرو منٛز آسی بھٹیٛنٛد راج، سِدھِ چیل، بھٹ طوطہٕ، شمبھوناتھ تہٕ لَکھمن گُپت شامِل۔ اِیشور پرتبھِگیا وِورتہٕ وِمرشِنی ہُنٛد لیکھن وَق چھُ یِمو پانے 4115 سموت کلہِ تہٕ ورش 10 لوٚکِک لیٛوکھمُت۔ عیسوی سَنہٕ حِساب چھُ یہِ 1014ہٕ واتان۔ بھیرو توتوٚناوی دوٚیِم کِتاب چھِ یِمو 93-992ہٕ یَس منٛز ترتیب دِژمٕژ۔ یتھ کُنٛز چھُ یِہٕنٛد وَق دٔہمہِ صٔدی ہُنٛد آخری نِصف پیٹھ کٔہمہِ صٔدی ہٕنٛدِس گوڈنِکِس نِصفس دوران مُشکلس سپدان۔ زِندگی ہٕنٛدِس آخری عیامَس منٛز چھِ یِمو دپان گوپھ منٛز گوشہِ نشینی تختیار کرمٕژ یِتہِ یِمو آخری سماد ہیٚژ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ یِتہٕ ننان زِ یِم چھِ ساری ہے زِندگی برہمچاری روٗدی متی۔ اگر زَن یِمو بذاتِ خود کاوٚیہِ شاسترس پیٹھ کانٛہہ تصنیف چھَنہٕ پانہٕ لیچھمٕژ۔ مگر توٚ پتہٕ تہٕ یوسہٕ بھرت ناٹیہ شاسترس تہٕ دھوٚنیالوکس پیٹھ مُدلل شرح چھےٚ یِمَو لیچھمٕژ۔ تِمو موٗجوٗب چھُنہٕ یہِ صِرف کٲشِرِ ہٕنٛدِ گوٚنماتنہٕ یِوت منٛز سرِفہرِس بلکہِ ساری ہندوستانکین آچارین ہُنٛد ڈکہٕ

ژٔلہِ مانہٕ یِوان۔ أمی سۭژٕن شرحن منٛز چھُ ناٹیہ یا ناٹکُک فلسفہٕ تہٕ شأعری منٛز دھونہٕ ہُند مُقام یِم دوشوٕے فلسفہٕ جان پأٹھی فِکرِ ترٕن لایِق وٕرِژھناوِنہٕ آمتؠ۔ یِمو چھِ بھیرو ستوترٕ، کرمہِ ستوترٕ تہٕ بودھ پنچاشِکا ناوٕک ستوترٕ لیکھمتؠ۔ سترٕہَن دوہہ کرٕ یایِن (آہنِک) پیٹھ مُشتمِل تنترالوک ناوٕچ کأنی باڈو دار تصنیف چھےٚ یِمو لیچھمٕژ۔ ژٕ تصنیفہٕ ایشور پرتبھگیا تہٕ ایشور پرٔتبھگیا وِورتہٕ ناوٕچہٕ یِمہٕ کِتابہٕ چھےٚ کٔشیرِ ہِندِس شیو فلسفچہِ پرٔتبھگیا فلسفس پیٹھ میلہِ کنہٕ ہنٛز حیثیت تھاوان۔ یِمن پیٹھ چھےٚ اِبھنوگُپتن ایشور پرٔتبھگیا وِورٔتہٕ ومرشِنی ناوٕچ ٹیکا لیچھمٕژ۔

بھرت مُنہِ سُنٛدِ ناٹیہ شاستٔرک، ناٹکُک رَس یا شأعری ہُند رس محسوٗس کرنچہِ حالژ پیٹھ چھِ یِمو اکھ سوٗتر بنوومُت یُس یِتھ کٕنؠ چھُ۔

پوشُن خیال یا واریاہَس کالس روزن وول ایٚحساس، چھُ عظمتس، خلاف مگر بدچلنی یا شیوأنی خیالن ہُند میُل آسنہٕ کنؠ چھُ رَسَس پایہِ تکمیل واتناوان۔[1]

بھرت مُنہِ سۭندِس اتھ ستوٗترس پیٹھ تشریح کران چھِ ابھنوگُپتن پننِس وقتس دوران موٗجوٗد مشہوٗر گونماتھ بھٹ لولٹ۔ شری شنکُک تہٕ بھٹ نایک سۭندی مت یارایہِ تہِ زیرِ نظر تھاوِمٕژ۔ یِمو آچاریو یِمہٕ تصنیفہٕ شأعری ہِندِ بن مختلف پہلوٗہَن پیٹھ لیچھمٕژ چھےٚ تِمہٕ چھنہٕ ازتام اَسہِ دٔستیاب سپٕزمٕژ۔ صرِف چھُ تِمن ہُند ذِکر یا تہٕ ابھنوگُپت سۭژٕن یِمن تصنیفن منٛز میلان نتہٕ چھُ تِہُند تزکرٕ أمِس پتہٕ آمتؠ کینٛہہ گونماتھ مثلن ممٹ سۭندِس کاویہ پرٔکاشس منٛز میلان۔ ابھنوگُپتن چھُ ابھنو بھارتی منٛز گوڈنٕتھ یِمن اصوٗلن پیٹھ اِتفاق کٔرِتھ یِم گوڈٕے قلمبنٛد

1. Vibhaavaanubhaava vyabhichaari samyogaad rasanishpattih I
Abinavabharati (on Natyashastra) by Abhinavagupta, s.,6, v.,32. (Vratti Portion)

کرٕی مٕتۍ تہٕ پَتہٕ چھُن یمن برخلاف تہِ راے پیش کرمٕژ۔ مگر کاویہ پرٔکاشس منٛز چھُ آچاریہِ ممٹن اَبھنو گُپتنٕی اَبھنو بھارتی پنٕنہِ تشریح کُنہٕ کُنہٕ بناوِمٕژ۔ اُمی تہِ چھُ گوڈٕ بھٹ لولٹ تہٕ شنکک سُنٛد خیال پیش کۄرمُت پَتہٕ بھٹہٕ نایک سُنٛد نوقطہٕ تہٕ بوومُت یٚمہِ ذٔریعہِ اُمی یمن ہُنٛد خیال چھُ رد کۄرمُت۔ تمہِ پَتہٕ چھُن وبتاوٕ سان اَبھنو گُپتن مَت تہِ وژھنوومُت تہٕ خوش اصلوٗبی سان پانٕنوومُت۔ یمن دونٕونی تصنیفن پیٹھ یوسہٕ شرح ابھنوگُپتن لیچھمٕژ چھےٚ سونے چھِ سارِوے کھوتہٕ مُصدِق تہٕ سارِنے ہِنٛدِ دٔسی ماننمٕژ یِوان مانٕنہٕ۔ یَتھ منٛز ابھنوگُپت سُنٛد رسہٕ سوٗترس مُتلِق خیال تہٕ شامِل چھُ۔ اُمی سُنٛد خیال چھُ زِ یٚیلہِ عوامہٕ کِس منَس منٛز شہوتس وٕلتھ پوشِونس خیالس شگفتہ ناوِی ایٚحساس ستی میٗل چھُ گژھان تہٕ شیٚہواتی خیالن چھِ باغ بغیچہٕ وغارٕ جایہِ وُتشی دِوان۔ نظرن ہِنٛدی تیٖر تہٕ نرٕہن زنٛگن ہِنٛز حرکت چھِ وِبھاوٕکی تہٕ اُنبھاوٕکی کارَن بنان تہٕ چاپلوٗسی بیٚترِ شیواتی خیال تہٕ ٹھٹھہٕ مخوٗل تہٕ مزاحیہِ کلامہٕ چھُ تعلُق بڈٕاوان۔ اتھ صوٗرتس منٛز چھُ شرنٛگار بیٚترِ رسُک سماجس منٛز پاد گژھنُک احتمال آسان۔ ابھنو بھارتی ٹیکایہِ ہِنٛدی پاٹھی چھُ لوچن ٹیکایہِ منٛز تہِ تمو دھونہٕ تہٕ رسس مُتلِق تم کینٛہہ نوقطہٕ زیرِ بحث اٰنی مٕتۍ یمن مُتلِق کُنہِ قسمُک تزاد اوس نظرِ گژھان۔ تم تزاد چھِ یمو ٹیکایہِ دٔسی عام فہم بناوِی مٕتۍ۔ کُنہِ کُنہِ چھِ یہِ تکلیف دِیہہ مگر عام طور تہٕ زیادٕ تر جایَن چھےٚ یہِ طرزِ بیان کُنہٕ سبٹھاہ صاف تہٕ آسان تہٕ فِکرِ ترٕنی لایِق تشریح۔

آچاریہِ ابھنوگُپت اوس شیو فلسفی۔ لِہٰذا چھِ تمی یہِ رَسہٕ سوٗترٕ فِکرِ تارنہٕ باپتھ شیو فلسفُک مَدد طلب کۄرمُت۔ بھرت ناٹیہ شاستر چھُ ناٹک تہٕ کاویہ

شاسترُک گوڈنیُک گرنتھ۔ تِتھے کُنہٕ چھُ دھونیالوک دھونہِ وادس ستی وابسطہٕ مُحققن ہنٛدِ باپتھ بڑٕ ضروٗری تصنیف۔ یِمن دوشوٕنی لاجواب تصنیفن ہنٛدوستانٕی ناٹیہ شاسترس تہٕ شاعری ہنٛدِس فلسفس منٛز اکھ تھٔکٕن لایق مُقام دِیُن چھُ ابھنو گُپت سٕنز کام۔ یِمہٕ دوشوٕے تصنیفہٕ چھےٚ پرٛتھ رنٛگہٕ غلطیو بغار، کانٛفی وبتارٕتھ تہٕ ہُنر مَنٛدی سان لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِیمہٕ کنہٕ بھرت مُنہٕ سُنٛد ناٹیہ شاستر تہٕ آنٛندوردھنہٕ سُنٛد دھونیالوک چھُ ہندوستانکِس تنقیدی مآدانٕس منٛز سبٹھاہ تھوٚد مُقام حاصِل۔ یِم دونوٕے تصنیفہٕ چھےٚ بزاتہِ خود زنتہٕ اصلی گرنتھ باسان۔

آچاریہِ اَبھنو گُپت سُنٛد چھُ رَس سِدھانٛتَین تہٕ دھونہِ مانن والین سبٹھاہ دیُت۔ رَس تکمیلس واتناونس منٛز یوسہٕ سہٕل وَتھ اتھ فلسفس وَدِ کڈنس منٛز تہٕ یہِ سوچٕن ترٛاے بڑونٛہہ پکناوَنس منٛز اُمس بڑونٛہمو گونماتن، بھٹ نایکن کرٕمٕژ آس تتھ صاف طور وبتار دِنس منٛز چھُ آچاریہِ اَبھنو گُپتہٕ سُنٛد سبٹھاہ اہم اَتھٕ۔ تٔمی ہنٛدِ خیالہٕ موٗجوٗب چھُ رسکہٕ تکمیلس تام واتناونہٕ باپتھ ترٛنوٕے سوچٕن ترٛایہِ برابر حقس منٛز۔ خلاف تہٕ شہوٲتی ردِ عملہٕ ستی وجہہ، کام تہٕ تمن ستی وابسطہٕ وجوٗہات چھِ مہفوٗملہ علامتی اِظہارُک وجہہ بنان۔ گوڈٕ چھِ یِم ترٛنوٕے سٔہل اندازس منٛز یِوان پیش کرنہٕ تہٕ پتہٕ چھِ موقہٕ محل وُچھتھ پوشِنی خیال تہٕ یِوان تِتھی جوڑنہٕ۔ ہَمدردن منٛز چھُ پوشوٗن خیال شہوٲتی یا شیرِ پٲرٕ کرِتھ روزان تہٕ پتہٕ کُنہٕ لاعملی ہنٛدِ ورتاوٕ ستی وٗلُت کرِتھ روزان۔ یہِ طرزِ بیان چھُ پوشِنَس خیالس منٛز رسِکس صوٗرتس منٛز تبدیل گژھان۔ یِمو چھُ اتھ رسس غٲر فِطرتی ؤنتھ یہِ حالت سیٚدسیوٚد تہٕ صاف لفظن منٛز بیان کرمٕژ تہٕ بھرت سوٗترس

منٛز چھُن یہِ میٚل گژھنِکس معانیس منٛز ظرافتی نِشانین ہنٛدِ خیالُک توٲلُق تہٕ تکمیل موٗنمُت ییٚمہِ ستۍ مطلب پوٗرٕ گژھان چھُ۔ یتھٕ کٕنۍ چھےٚ دھونہِ تہٕ ارتھٕ کٕہن یِمن مطلبن أمِس پتہٕ سارِوٕے آچاریو پنٕنۍ منظوٗری دِژمٕژ۔

دھونیالوکس پیٹھ یُس لوچن ناوٕۍ شرح أمۍ لیچھمٕژ چھےٚ تتھ منٛز چھُ یہِ دھونہِ ہنٛدی پانٛژھ قسم مانان:

(۱) لفظ (۲) معنے (۳) طرزِ یہِ معنے (۴) سیٚدِ سیوٚد استعمال تہٕ (۵) شاعری۔ یتھٕ کٕنۍ چھُ أمۍ جایہِ جایہِ دھونیالوکس منٛز آنَنٛد وردھنہٕ سٕنٛدِس رٕسس تہٕ دھونہِ تہٕ تتھ ستۍ واٹھ تھاوان وٲلِبن خیالن سٕٹھاہ صاف پٲٹھۍ، زٲوِجارٕ سان تہٕ سٕنٛیرِس وُستھ مُطالعہٕ کوٚرمُت تہٕ تحقیقی طور صٔحی راے قٲیِم کٔرمٕژ۔ یُتھ زَن نہٕ پتہٕ والِبن مُحقِقن تہٕ زبان دانَن یِم مُشکِل مثلہٕ سمجھنَس منٛز دُشوٲری پٲدٕ گژھِ۔ گرٛامرِس تہٕ تشخُصس پیٹھ مُنحصر تہٕ پننِو عالِمانہٕ زانٛنۍ کاریو ستۍ شیرِتھ تہٕ پٲرِتھ یِمہٕ دوشوے تخلیقہٕ چھےٚ تِمو پَرن والِبن بڑٕوٕنہہ کنہِ سٔلیس بنٲوِتھ ترٛاوِمٕژ مگر أمۍ سُنٛد عالِمانہٕ چھاپ چھُ یِمن منٛز ٹاکارٕ نظرِ گژھان۔



1. Tena vaachayoapi dvanih vaachako api shabdho dvanih, dvyorapi vyanjakatvam dvanateeti kratwa. Sammishryate vibhaavaanu bhaavasamvalanayeti vyangyopi dvanih, dvanyate iti kritvaa. Shabdanam shahdah shabdavyapaarah, na chasaavabhidhaadiroopah, apitvaatmabhootah soapi dvanih. Kaavyam iti vyapadeshash cha yoarthah soapi dvanih ukhta prakaara dhvanichatushtayamayatvaat. Pnchadhaapi dvanishabdaarthe yena yatra yato yasya yasmai iti.

Davanyaloka Lochana by Abhinavagupta, pp.,141-142.

## (8) ابھِدھاؤرت ماترِکا:

لفظٕکس طاقتس تہٕ جُملن ہِنٛدِس معانے کِس طور طریقس پیٹھ غور کرن والین آچارین منٛز چھُ مکُل بھٹن ناو سرِفہرِس۔ اَمی سٕنٛز لوکچہ تصنیفہ ''ابھِدھاؤرت ماترِکا'' یہ ہِنٛدِس اَخری تعارُفس منٛز چھُ درج زِ یہ شٔچھ چھِ اَسہِ تام واتان زِ کشیرِ ہِنٛدِس مشہوٗر گونماتھ بھٹ کلٹ سُنٛد اوس یہ فرزنٛد۔[1] کلہن سٕنٛز راج ترنٛگنی منٛز چھُ کللٹ اونتی ورما سٕنٛدِس وقتس منٛز مشہوٗر گونماتہٕ سٕنٛدی رٕنٛگی نِشانٛدہی کرنہٕ آمٕژ یُس لُکن پیٹھ مہر بٲنی کرنہٕ باپتھ یتھ دُنیاہَس منٛز پادٕ اوس سپُدمُت۔[2] شِو سوٗترن پیٹھ کلٹ سٕنٛز لیچھمٕژ تشریح سپند کارِکا چھِ شیو فلسفچ اکھ مولل تصنیف۔[3] اَمِس گونماتہٕ سُنٛد نچُو مُکل بھٹ تہٕ اوس سارِنے موضوٗعن ہُنٛد جان واقف کار۔ کاویہ النکار سوٗترٕ ورتہٕ ہِنٛدی شرح لیکھن والی اِنٛدُراجن اوس مُکل بھٹ پنٕن گور تسلیم کوٗرمُت۔ تٔمی سٕنٛدی کِنی اوس مُکل بھٹ میمامسایی فلسفہٕ زانن ہِنٛدِ باپتھ ؤہراتھ ہُنٛد اوبُر۔ ویاکرن زانن والین ہِنٛدِ سٕدرٕ باپتھ ژٕنٛدرمہٕ، منطق زانن والین جواہرن ہِنٛدِ باپتھ خزانہٕ۔ اَدبی دولتہٕ (لکھمی) باپتھ ویشنو گونماتھ پوشن ہِنٛدِ باپتھ موسمِ بہار، ویشنو سٕنٛدٕ بن پادٕ پمپوشن ہِنٛدِ باپتھ بوٗمبرٕ، ووسی دِلہٕ والین ہِنٛدِ باپتھ سوٗدرٕ تہٕ مشہوٗری ناوچہٕ لوکچہ تھرِ باپتھ

---

1. Bhatta Kallata Makulena niroopitaa I
   Soriprabhodhanaayeyam Abhidhaa Vratta Maatrikaa II
   Abhidhaa Vritta Matrika by Bhatto Kallata, Kanika 15.
2. Anugrahaaya lokaanaam bhatta shri kallataadayah I
   Awantivarmanah kaale siddhaah bhuvamavaatarat II Rajat., Book 5, v.66.
3. Labdha mahaadeva girau mahesha svapnopadishtat Shiva Sootra sindhoh I
   Spandaamrattam yad Vasu Gupta paadaih Shri Kallatas tat praktee chakaara II (Spanda Kaarika).

اوس سہ گوڈ بُرتھ یا گوڈاے کُرتھ محفوظ جاے۔ یہ اندراج اوس دھونیالوک کِس شرح لیکھن واٲلس ابھنوگُپت سُند گور۔ ابھنوگُپت سُند وق چھُ دٔہمہ صٔدی ہُند آخری تصنیف پتھ کُہمہ صٔدی ہندِس گوڈنکِس نصفس تام مانہٕ یوان۔ امہِ لحاظہٕ چھُ مُکل بھٹ سُند وق اَبھنوگُپت ہندِ ہنا بڑونہہ پہن تہٕ اوتی ورماہس ہنا پتہٕ پہن مانہٕ یُتھ نٔومہ صٔدی ہندِس آخرس پتھ مقرر سپدان۔ مُکل بھٹن چھُ پانس بڑونہمِن آچاریاین ہُند ذِکر، اُدھ بھٹ کُمارِل بھٹ، بھرترٕہ متر، شبر سوامی تہٕ کاویہ شاستر چ مشہوٗر تصنیف دھونیالوکُک ذِکر کوٗرمُت۔

ابھداوِرتہٕ ماترِکا ناوٕ تصنیفہِ منز چھُ مُکل بھٹن لفظکہِ ز طاقت اَبھدا۔ لفظُک اصلی مفہوم تہٕ لِکھشنا۔ علامتی معانیس مُتلق مُدلل بیان پیش کوٗرمُت۔[1] گرامر مانن والین گونماتن ہندی پاٹھی چھُ مُکل تہٕ لفظُک اِشارٕ، ذاتھ، صِفت، کاٗم تہٕ چیز یمن ژورن سِتی مانان۔ لفظُک سیٖدسیوٗد معانے اِشارے چھُ امیُک عموٗمن مُقدم معانے وننہٕ یوان۔ یتھ کٔنہ اِنسانس اتھن، نرِن یا جِسمکہِ باقی حصو بڑونہہ چھُ بُتھس کُن سوٗن توجہ گوڈ گژھان تتھے پاٹھی یُس معانے گوڈنتھ باقی معانیو کھوتہٕ بڑونہہ کُن ییہ سُے چھُ امہِ لفظُک مُقدم معانے مانہٕ یوان۔[2] حقیقی معانے کِس واتینارس مُتلق چھُ مُکل بھٹ، کُمارِل بھٹ ہنزٕ ابھہتانوے واد تہٕ پرٕبھاکر میماسک سُند ''انوِتابھِدانوِتا وادٕچ'' ذِکر کران۔ ابھہتانوے واد یا علامتی اِظہار چھُ کتھ باتھہِ دٔسی گوڈ چیزٕک احساس یوان کرنہٕ

1. Abhidhaavrattamaatrika, Edited and Illusidated by Dr. Brahamamitra Awasthi and Indu Awasthi, Indu Prakashan, 8/3, Roop Nagar, Delhi.
2. Shabda vyapaaraad yasyavagatistasya mukhyatvam I Sa hi yathaa sarvebyo hastaadibyoavayavebyah poorva mukhamavalokyate tadvadeva sarvebyah prateeyamaanebyah arthaantarebyah poorvamavagamyate I
Abhidhavratta Maatrika by Makula Bhatt, 1st Canto.

تہٕ ونہٕ ہِتہٕ چیزِ چ مینہٕ طول گران چھُ چیزُک ضرورتھ مدِ نظر تھاوِتھ اِنسان
وٕنۍ ہِتس مطلبس تام واتان۔ انوتابھِدانوِتا واد موجوب چھُ گوڈنتھے بڑونہے
وٕنۍ ہِتبن جُملن منز کانچھمتہٕ چیزِ چ اَصلی مطلب نِشہٕ زانکاری موجودٕ لفظو ستۍ
گرٛھان، مُکل بھٹن چھُ یمن دون راین درمیان بیاکھ اکھ ترٛتیم رائے تہٕ پیش
کرمژ۔ اتھ منز چھُ یمن دون راین درمیان تال میل آمُت تھاونہٕ۔ امِہ مِتہٕ
مُطابِق چھُ خاص جُملن ہنٛدِ دٕسۍ سوٗنچ سمجھ کٔرِتھ یکسانیتہٕ تہٕ جُملہٕ کہِ ضرورتہٕ
موجوب سوٗنچنہٕ پتہٕ مینہٕ طول کٔرِتھ اصلی مطلب ژارانہٕ یِوان۔[1]

ژورِم رائے چھےٚ پوٗر لفظہٕ منز پوٗر معانے کڈن والین ہنز یمن ہنٛدِ
موجوب چھُنہٕ جُملس یا جُملن کانہہ مطلبے آسان۔ لہٰذا ناو کرنہٕ برٛونہہ یا پتہٕ یا
سوٚمبرن کرنہٕ وِزِ مینہٕ طول کرٕنچ چھنہٕ وٲری واتان۔ اتھ ژوٗرِمس ہِتکس
حقس منز چھُ استعارٕ آسانے۔ باقی ترٛن مُتلِق چھُ مُکل بھٹ لفظی معانے تہٕ
اِستعارِ چ حالت بیان کران صفأیی دِوان ونان زِ علامتی اِظہارُک معینس منز
چھُ لفظُک واتناوٕر مطلبہٕ برٛونہہ اِستعارُک مدد ضرور پیتھ ہیکان۔ اِجتمأیی
حالتس زانن والین چھُ لفظی معانیس واتنہٕ پتہٕ تہٕ تمہِ برٛونہہ دونٕوۍ صورتن منز
اِستعارِ چ اہمیتھ مانٕنۍ ضروری۔

اِستعارن حِصہٕ بٲگرٕنکس مالس منز چھےٚ مُکل بھٹنۍ رائے ممٹ بیٚترِ
آچاریو ہنا ڈٔلِتھ پہن۔ سُہ چھُ لکھشنا، اِستعارکۍ زٕ قسم، شوٚز (رسس ستۍ

---

1. Anveshaam tu mate padaanaam tattat saamaanyabhooto vaachyorthah I Vaakyasya tu praparaanvitaa padaarthaa iti padaapekshayabhihitaanvayah, vaabyapekshaya tvan vitaabhidhaanam I Evam chaitayorabhihitaanvayanvitaa bhidhaanayoh samuchehya iti I
Abhidhavratta Maatrika by Makula Bhatt, 1st Canto. (Commentary on VII and VIII Karika)

مُطابقت تھَونہٕ مۆجوٗب) تہٕ اِستعمالہٕ ذٕ ی (ہێے آسنہٕ مۆجوٗب) مانان۔ شۆز لکھشنایہٕ چھِ زٕ قسم ہێیہٕ: اُپادان لکھشنا۔ سہٕ اِستعار ێس کُنہٕ چیزٕ کس بناوٹس یا استعمال کٔرِتھ سامانٕس کُن اِشارٕ آسہِ کران تہٕ بیاکھ گو سہٕ اِستعار ێس اصلس ستی معانێس تہٕ اِضافہٕ کرِ۔ لکھشنا چھِ شکل یا ہیت بدلاوٕنۍ تہٕ ہیتہٕ یا جاے بدلاونہٕ کنۍ تہٕ چھِ شۆدِ اِستعمالکۍ زٕ قسم۔

''گورواہیکاہ'' سُطرِ مَنز یِیمہِ استعارٕچہ تشریح کران ممٹ یِمن دون راین پیش کران چھُ تِمن چھِ کھنڈرن کرنہٕ آمژ تتھ مَنز دۆیِم مت زِ مطلب مٔتہِ کھارن چھُ مُکمل بھٹن۔ یِتھِ کنۍ چھُ مُکمل بھٹن لفظن ہنز تُلہٕ ترٛاوِ ہنزہن قسمن مَنز اکھ کھاس اتھٕ یُس سنسکرت ادبس اکھ تھکن لایق دیُت چھُ ۔[1]



## (9) کاویہ کوتک

آچاریہٕ بھٹ طوطہٕ چھُ کاویہ کوتُک ناوۍ تصنیفہِ ہُند بانی کار یِوان ماننہٕ۔ یہٕ تصنیف چھێے وقتہٕ بُزی گامژ یوسہٕ نہٕ وُنیتام ذٕ ی یاب چھِ ہمکان سپدِتھ۔ مگر تمۍ ہنٛدی زاژن آچاریہٕ ابھنوگپتن تہٕ تس پتہٕ یِنہٕ والو واریاہو گونماتو مثلن ہیم چندرن وغارو چھِ کاویہ کوتُکس مَنز وَننہٕ آمتین اصوٗلن ہُند استعمال کۆرمُت۔ یِیمہِ ستی یہٕ سِکہٕ چھُ سپدان زِ کاویہ کوتُک چھِ بھٹ طوطن لیچھمژ۔ بھرت مُنہِ ہنٛدِس ناٹیہ شاسترس پٹھ تشریح کرنہٕ بزونہہ چھَ ابھنوگپتن اَمہِ کتھِ

1. Akhandi tu vaakyarthou lakshaana parmaartheva naasti I
Abhidhaavratt maatrika by Makul Bhaat. Edited and Illustrated by Indu Awasti, Indu Prakashan. 8/3 Roop Nagar, Delhi.

ہُنٛد اِقرار کوٚرمُت زِ تِہنٛدی گورن بھٹ طوطن یوسہٕ تشریح بھرت ناٹیہ شاسترس کَرمٕژ چھےٚ تتھ چھُس یہِ ابھنوگُپتن ژھوٚٹ ٹیکا کران۔ پننِس گورس یاد کران چھُ ابھنوگُپت لیکھان:

''پایہِ بڈی برٛہمن آچاریہ طوطن وۄنمُت ناٹیہ ویدُک ضروٗری معانے زانٛنچ خاہِش تھاوَن والین دوستن کُنٛچھِ کامیابی پرٛاونہٕ باپتھ چھُس یہِ شیومت مانَن وول ابھنوگُپت (تُہنٛد ژاٹھ) یہِ ژھوٚٹ ٹیکا لیکھنہٕ ستۍ سو تصنیف لۄکن فِکرِ تارٕنی لایق بناوان۔[1]

اَبھنو بھارتی ہٕنٛدِ اقتباسہٕ ستۍ چھُ یہِ نَنان زِ اَبھنوگُپت چھُ بھٹ طوتنٕنی ژاٹھ آسی متۍ۔ اَبھنوگُپت سُنٛد ادبی سرمایہِ لیکھنُک وَق چھُ 980-1030ؤ یَس تام مانہٕ یِوان۔ لہٰذا اَمہِ وقتہٕ برٛونٛہہ پہن 950-980ؤ یَس تام آسہٕ کاویہ کوٚتُکس پیٹھ ٹیکا لیکھنُک وَق یِیلہِ زَن ابھنوگُپت ژاٹھے اوس۔ ابھنوگُپتن چھِہ ''وِورن'' ناوٕچ ٹیکا لیچھمٕژ۔ امہِ کتھِ ہُنٛد حوالہِ چھُ اَسہِ تسنٛزِ لیچھمٕژ دھونیالوکچہِ لوچن ٹیکایہِ تلہٕ نَنان۔ اَمی سُنٛد ''بھٹ طوطے'' چھُ آچاریہ بھٹ طوتس کُنےٚ اِشارٕ یِوان مانہٕ تِکیازِ بھٹ طوطِنس گورس اوس بھٹ طوتہٕ ناوتہٕ یِمن نِش اوس ابھنوگُپتس یُن گرٕژھُن مانہٕ یِوان۔[2]

چوٗنکہِ یہِ تصنیف چھِنہٕ دٕستیاب لہٰذا چھُنہٕ اَمکِس لیکھن وٲلۍ سُنٛد ناو

1. Sadvipra Tota vadanodita Naatya Veda -
   Tattvarathamarthi janavaanchhita siddhi hetuh I
   Maheshwaraabhinavagupta prada pratishthah,
   Sankshipta vratti vidhinaa vishadeekaroti II

   Abhinava Bharati by Abhinava Gupta, s.,I, s.,4.

2. ...... Sa chaayamasmad Upaadhyaya Bhatt Tautena Kaavya Kautuke asmaabhih chatadvivarne bahutara kritanirnayah poorva paksha siddhanta ityalam bahunaa I
   Dwanyaloka (Lochana tika) by Abhinavagupta s.,3, p.,26.

پتہٕ سکہِ مولوٗم۔ مگر یِم اَمِس پَتہٕ تصنیفہِ آیہِ لیکھنہٕ مثلن ابھنوگپت سُنٛد "دھونیالوک لوچن" تہٕ "اَبھنو بھارتی" ٹیکایہِ، کھیشم چنٛدر سُنٛد لیُو کھمت "اوچِتہٕ وِچار چرچا" یہِ ہیم چنٛدر سُنٛد لیُو کھمت "کاویانُشاسن" یِمن تصنیفن مَنٛز یِم اقتباس اَسہِ نظرِ چھِ گژھان تِمو تلہِ چھُ اَمِس پایہِ بَڈِس گونماتہٕ ہِنٛدِ لیکھن تہٕ رایہِ مُتلق رائے مُقرر سَپدان۔ یہِنٛدی کینٛہہ رسس مُتلق فلسفہِ چھُ یِتھہٕ کنۍ:

(۱) نجاتھ پرٛاوُنک اکھ خاص وجہہ چھُ اِنسٛدِ کنۍ تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد شجاعت (نجات) بخش آسنہٕ کنۍ شانت رَس (سوکھ تہٕ شانٛتی بخشن وول رَس) سارِوٕے تھزٕ رس مانٕنہٕ یِوان۔[1]

(۲) رَس چھُ پرٛیمُک ناو۔ سُے چھُ نَژُن تہٕ نَژِنٛس مَنٛزٕ چھےٚ رِچ پھیٚنچ تہٕ۔ یہِ چھُ سائنٛس ووستاد (بھٹ طوطُن) خیال۔[2] ساری رَس مِلِتھ چھُ ناٹک بنان۔ تتھ مَنٛز چھُنہٕ صرف یہِ اَچھو وُچھو تِتھی یوت مَنٛز کِیاہ چھُ رَس مانُن آسان بلکہِ یوسہٕ شاعری یا کلامہٕ کنو بوزو تتھ مَنٛز تہٕ چھُ رَس آسان تہٕ سُہ تہٕ چھُ ناٹیہ رَسے، فَرٕتھ بخش آسان۔ شاعری ہِنٛدِس معنیس مَنٛز چھُ یہِ بڑوٚنہہ کنہٕ وٲتِھ تہٕ پاٛدٕ سَپدِتھ رسُک اِظہار تہٕ سَپدان۔ یِتھہٕ کنۍ چھِ سانٛی ووستاد مانان۔[3]

(۴) شاعری مَنٛز چھُ ایکٹرس، شاعرس تہٕ بوزن وٲلِس، ترٛنوٛنی چھُ رَس محسوٗس سَپدان۔[4]

---

1. Moksha phalatvena chaayam paramapurshaartha nishthatvavat sarva rasebyah pradhaanatamah I

Dranyaloka (Lochana Tika) Anand Vardhan, s.,3, p.,26.

2. Preetyathmaa cha rasastadeva naatyam naatya eva chaveda ityasmadupaadhyayah I

Ibid, p.,184.

3. Rasa samudaayo hi naatyam, na natya eva cha rasah I
Kaavye api naatyayimaana eva rasah. Kaavyartha vishaye hi pratyaksha kalpa samvedanodaye iti upaadyayah I

Commentary on Naatya Shastra Abhinavabharti by Abhinava Gupta, s.,6, v.,36.

4. Nayakasya, Kaveh shrotuh samaano anubhavas tatah I

Dwanyaloka lochan tika by Abhinavagupta, p.,34.

(۵) یوٚ تام تہٕ ناٹکس منٛز ایکٹِنگ آسہِ توٚ تام چھُنہٕ شعارکہِ رٕسُک کانٛہہ معانے آسان۔[1]

یِمو اِقتباسو کِنۍ چھُ موٗلوٗم سپدان زِ ابھنوگُپت چھُ پنٛنِس گوٗرٕ بھٹ طوطہٕ سٟندِ ستۍ سبٹھاہ مُتاثر۔ تِم چھِ پرٛتھ جایہِ تِہنٛز ذِکر بڑٕ ادبہٕ سان کران۔ آچاریہِ ابھنوگُپت چھُ بھرت سٟندِ رسہٕ سوٗترٕچ کاٗفی وِستارٕ سان تشریح کٔرتھ رس اختتامس واتناوُک انداز تہٕ نظریہِ تہٕ واریاہَس حدس تام مُتاثر کوٚرمُت۔ اٟمۍ سٕنٛز تشریح چھےٚ طریقہٕ واجیٛنٛز تہٕ کُنہِ غلطی بغاَر یِوان مانٛنہٕ۔ دھونیالوک لوچن تشریح تہٕ ناٹیہ شاسترٕچ ابھنو بھارتی ٹیکایہِ سٕنٛز تشریح چھِ اٟمۍ سٟندِ عالمانہٕ بجرٕچ زمانت دِوان۔ تِمۍ سٕنٛز فلسفیانہٕ تہٕ ادبس پٮ۪ٹھ مجاٗزی آسنکہِ رٔوشہِ نِشہِ پرٛاٗنی تہٕ تس پتہٕ یِنہٕ واٗلۍ تہٕ اٟزکۍ گونماتھ تہٕ چھِ تِہنٛز خٔستی ادبِکس مأدانَس منٛز مانان زِ تِہنٛدِس ووستادٕ سُند گوٗر بھٹ طوطہٕ تہٕ آسِہے سبٹھاہ بوٚڈ عاٗلم تہٕ یِہ کتھ چھِ ژاٹھ سٟندِ بیانہٕ ستۍ فِکرِ تران۔



## (10) وکرُو کھتہِ جیٖوت

وکرُو کھتہِ گو فلسفس منٛز پھرِتھ کانٛہہ کتھ وٕنۍ۔ سنسکرٕتہٕ اِدبَس منٛز اٟسۍ ادب لیکھنٕچ یِہ نٟچ برٛونٛہہ وقتہٕ پٮ۪ٹھ موجود۔ اتھ پٮ۪ٹھ چھِ کُنتکن لیوٚکھمُت اکھ گرنٛتھ ''وکرٕ وکھتہِ جیٖوت'' اڈلیکس صوٗرتس منٛز اَسہِ تام ووتمُت۔ اَمہِ تصنیفہٕ ہٕنٛدِس شوٗروٗہَس منٛز چھُنہٕ کُنتک پانس مُتلِق کانٛہہ تہِ کتھ کران۔ لہٰذا چھُنہٕ اٟمِس

1. Tadaaha Kaavye Kautake - prayogatva manaapanne Kaavye naaswada sambhavah. Commentary on Naatya Shastra, Abhinavabharti by Abhinava Gupta, Pt.,1, pp.,291-92.

مُتلِق وکھ تہٕ باقی أمی سنز کانٛہہ خبر اتر أمی پانہٕ اتھ مَنز دِژہمژ۔ ووں گو تصنیفہِ مَنز یمن شاعرن، گونماتن تہٕ آچارٕن ہُند ناو چھُ دٔرج یا کانٛہہ کتھ چھِ أمی لیچھمژ۔ تمہِ کِس ڈٔکھس پیٹھ چھےٚ أمِس مُتلِق سَنہِ وغارٕ زانٛنس مدد حاصِل سپدان۔ دھونیالوکی کینٛہہ پد چھِ أمی سنزِ وکرٛوکھتہِ جیوِتس مَنز دٔرج۔ راج شیکھر تہٕ تسنزن تصنیفن ہُند ذِکر تہٕ چھُ اتھ تصنیفہِ مَنز۔ لِہٰذا چھُ یہِ پکہٕ زِ یہِ تصنیف چھےٚ آنَنٛد وردھن تہٕ راج شیکھر نہٕ (860-930) پتہٕ آمژ لیکھنہٕ۔ مُہم بھٹ نِس ''ویکھتہِ وِویکس'' مَنز چھُ کُنتک سٕنٛد ناوٕک ذِکر آمُت کَرنہٕ۔ لِہٰذا چھُ انداز یِوان کرنہٕ زِ یِم چھِ 1020-1050 یس بٔروٚنٛہہ پیٹھ آسی مٕتی۔

وکرٛوکھتہِ اکھ الگ تہٕ مُنفرد مُقام سنسکرٕت ادبس، خاص کٔرتھ شاعری فلسفس مَنز، دِنہٕ باپتھ چھُ کُنتک واحِد گونماتھ یِوان مانہٕ۔ تِمس بٔرونٛہہ آس وکرٛوکھتہِ ہُند ذِکر بھامہہ تہٕ دنڈِین تہٕ دیُت مُت۔ بھامہہ سُند گُفت چھُ زِ کُنہِ تہٕ نٔوِس مطلبس ہاون واجینٛز آواز یا شبد (أکھتہِ) چھےٚ وِکرٛوکھتہِ۔ یہےٚ وَکرٛوکھتہِ چھےٚ سارِنٕے النکارن ہُند مۆل یِمہِ بغارٕ کُنہِ النکارُک پاد سپدُنٕے مُمکِن چھُنہٕ۔ ڈنڈی چھُ مانان زِ وکرٛوکھتہِ (ورگہِ معانے) تہٕ اتہِ شیوکھتہِ (تھٔد تعاریف گرٕنی) چھےٚ ہِوے نٔہجہِ اَدبَس مَنز ہم معنے مانہٕ آمژ تہٕ یہِ عام لوکن ہٕنٛدِ حدٕ نٔبر (زبان دأنی مَنز) مأنٛزمژ۔ وامَن چھُ اتھ ہشر آسنہ کِس بناہَس پیٹھ وٕسی پایہِ استعارٕ أستھ ورگہِ معانے باوُنک اکھ وسیلہِ مأنِتھ امیک معانے گنٛڈٕ رٹان۔ ابھنوگُپتن چھُ دھونیالوکہِ ٹیکایہِ ''لوچن''س مَنز ورکرٛوکھتہِ تعاریف کران یہِ لفظن پیٹھ منحصر تہٕ معانے چھِ بُنیاز پیٹھ امکہِ دُ معانے آسنٕچ

ذِکر کر مژ تہٕ یہٕ باقی النکارن پہُوے مأنۍ مژ۔[1] اَتھی کتھِ مدِ نظر تھأوِتھ چھُ کُنتکن وکرو کھتہِ ہُند خاص اثر سارِنے شاعری ہنٛدٮ۪ن الگ الگ جُزن منٛز وَدِ کڈنٕچ کوٚشِش کرمژ۔ شاعری ہنٛدی تعأریف چھُ کُنتک یتھٕ کٔنۍ کران:

شاعری ہنٛدٮ۪و ہجر تہٕ برتو وَلو سان شاعری ہنٛز لوے خوے تھاوَن والٮ۪ن فراہت بخش شعارَن منٛز تشکیل دِتھ یُتھ زَن لفظہٕ پانٛونی حرف تہٕ معانے تزاد روٗس روزن۔ تتھی فن پارس وَنو شاعری۔ یہٕ آواز تہٕ معانے چھِ جسمٕچ سمجھاوِ ٹکی حِصہٕ تہٕ یم سمجھاونہٕ خاطرِ زیور چھےٚ وِکرٛوکھتہٕ۔ اتھ شارس منٛز چھُ کُنتک دوٗیمہِ پدِکن یمن لفظن منٛز ''وَے دَگدھیہٕ بھنٛگی بھنِت'' وکروکھتہٕ مانان۔ وَے دَگدِھیہٕ گو شاعر سُند تھکُن لایق شعار لیکھنُک عمل، بھنٛگی گو حیرت کُن یعنی تھکُن لایَق سُہ شعار یُس پرَن وألِس حأران کرِ۔ امہِ پدٕچ تشریح کران چھُ کُنتک ونان زِ وکروکھتہِ چھےٚ سو شاعری یوسہٕ لُکہٕ وٮ۪وہار تہٕ شاسترٕ تہٕ فلسفیانہٕ مطلبو ہنٛدِ اِستعمالیہٕ دوٗر الگ سپدِتھ عجیب وِنُک اکھ لہجہٕ چھُ۔[2] یتھٕ کٔنۍ چھُ کُنتک سنٛز وکروکھتہٕ منٛز یم ژور کتھِ بڑوٚنہہ کُن یوان۔

(۱) یہٕ چھےٚ عام کُنہِ وٮ۪وہار تہٕ مُروَجہ لفظہٕ تہٕ معانے ورتاوِ نِشہِ الگ لہٰذا چھِ اتھ منٛز عجیب اِظہار آسان۔

(۲) اتھ منٛز چھُ شاعر سنٛزِ دأنشمنٛدی ہُند رَل آسان لہٰذا چھُ اتھ منٛز عجوٗبہٕ آسُن لازِمی۔

1. Shabdaarthau sahitau vakrakavivyapaara shaalini I
Bande vyavasthitau kaavyam tatvidaahlaada kaasini II
Vakrokhtijeevit by Kuntak, s.,1, v.,7.

2. Ubhaavetaavalankaaryau tayoh punaralankritih I
Vakrokhtireva vaidagdhya bhangee bhanitiruchyate II
Ibid, s.,1, v.,10.

(۳) یہِ چھےٚ دوستن (ادب نوازن) ہندِس منس منٛز خوٚشی تہٕ مَسرت پٲدٕ کران۔

(۴) یہِ چھےٚ سارٕی سہے شاعرانہٕ تخیُلس، حرف، لفظ، جُملہٕ تہٕ امہٕ بڑوٚنہم عبارژ بیٚترِ پٔٹھ پوٚر پٲٹھی تھپھ تھاونک عمل آسان۔

النکار وٲدِین ہندی پٲٹھی چھُ کُنتک تہِ وٕنَس منٛز طرح دارٕی شاعری ہُند لُبہٕ لباب مانان مگر تٔمی سُند یہِ وُنن زِ صِرف زبانٕی ہنٛزٕ تُلہٕ تژاوِ ستی مُنسلِک روزنہٕ ستی یوت چھُنہٕ یہِ زیادٕ پہلوٗ دار بنان۔ مضموٗنس ستی یک جہتی، موقعہٕ محل تہٕ حالاتن ستی مِلس تام تہِ چھےٚ تسنٛزٕ وکرٕوکھتہِ ہنٛز ژھٔٹھ واتان۔ بھامہہ، ڈنڈی، اُدبھٹ وغارٕ النکارٕ وٲدِیو چھِ رس ستی میلوٚنبن النکارن ہُند خیال کٔرِتھ، رس، خیال بیٚترِ تہِ النکارن ستی گیڈ کٔرِتھ تھٲوِمتی مگر کُنتک چھُنہٕ یمن النکار ناو دِوان ئمی کہِ یمن النکارن مدد کرن وول مانان۔ یعنی 'النکار ہی'۔ تٔمی ہندِ کٔنی چھُ رسدار النکارٕتی آسان ییٚتہِ رسہٕ کہِ مِلہِ ستی کانْہہ خاص النکار تھَنہٕ پیٚیہٕ یُس کلامَس چمتکٲری صوٗرت چھُ بخشان۔ مگر رٕسچ اہمیتھ مانان چھُ تٔمی ورگہٕ وٕنٕنے شاعری ہُند روٗح موٗنمت تہٕ اَتھی وکروٗکھتہِ منٛزے چھِن سارٕے شاعری ہندی جُز یکوٹہٕ کرٕنچ کوٗشِش کٔرمٕژ۔

کُنتکن چھُ وِکرٕوکھتہِ جیوٗت کِس گوڈنکس بابَس (اُنمیش) شس منٛز وکرٕوکھتہِ ہندی یِم شیےٚ قسم واضح کٔرِمتی:

۱۔ حرفن ہندِ بدلاوٕ ستی معانے بدلُن۔

۲۔ لفظہِ کِس اِبتداہَس منٛز معانے بدلاو۔

۳۔ لفظہِ کِس آخرس منز معنے بدلاو۔

۴۔ جُملس منز معانے دۆ گنیار۔

۵۔ اِقتباسَس منز معانے دۆ گنیار تہٕ

۶۔ پۆر مضموٗنے اکھ وکھ وکھتہٕ آسنۍ۔

اکہِ پیٹھ ترتیبس بابَس تام چھُ حرفن ہِندِ دٔسۍ ووتلاونہٕ آمُت معانے دوگنیار، لفظہِ کِس اِبتداہَس منز معانے دوگنیار، لفظن ہِندِس آخرس پیٹھ ورتاونہٕ آمُت معانے دوگنیار تہٕ پۆر جُملس منز معانے دوگنیارٕک ورتاو آمُت وبڑھناونہٕ۔ ژۆرِم پرٛکرن چھُ اَڈلیکس حالتس منز دٔسۍ یاب یِتھ منز کم کینژھا ذِکر اِقتباسچہِ وکرٛتایہِ پیٹھ تہٕ پۆر مضموٗنکس معانے دوگنیارس پیٹھ نظرِ گژھان چھُ۔

لفظن ہِندِس معانے دوگنیارس مُتلِق چھِ یم شیٚیہِ قسم وَننہٕ آمتۍ:

۱۔ اکی لفظچ کم کاسہٕ فاصلہٕ تہٕ اَوِتھ استعمال کرُن

۲۔ دون لفظن ہِنز کم کاسہٕ فاصلہٕ تہٕ اَوِتھ استعمال

۳۔ دۆیو کھوتہٕ زیادٕ لفظن ہُند یُتھے استعمال تہٕ

۴۔ کینٛہن خاص حرفن ہُند پھِرِ پھِرِ استعمال

یِتھِ کٔنۍ چھُ کُنٹنک اچھرن ہِندِس سأری ہے سِلسلس، آوازٕ ہشر (اَنپراس) تہٕ حرفی مُطابِقت (یمک) بیٚترِ النکارن ہِنز تشریح کران۔ لفظن ہُند امہِ استعمالہٕ باپتھ چھِ کُنٹکن کینٛہہ ٹھٔری تہٕ واضح کٔرۍ متۍ۔

۱۔ یم گرٛھن مضموٗنَس ستۍ مُطابِقت تھاوِنۍ

۲۔ یِم گرٛژھن نہٕ زبردٔستی پُشراونہٕ آمتۍ آسن

۳۔ یِم گرٛژھن نہٕ بدصورت لفظن منٛز آسن لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ

۴۔ یِم گرٛژھن نہٕ صِفتن خلاف آسن تہٕ ہستی ہندیو عجوبو نِشہٕ واقف آسن

لفظ ''طنزِیہٕ'' یَس مُتلِق چھُ کُنٛتِھ دون پہلوٗہن ہُنٛد ذِکر کران۔

لفِظ برٛونٛہہ تہٕ لفظس آخرس پٮ۪ٹھ استعمال وکرٕتا۔ اتھ منٛز چھُ سُہ تہٕ اُصوٗل ورتاوان یِم پانٕہ یَن چھِ سِدھانتہٕ کومدی منٛز ورتاونہٕ آمتۍ۔ کُنہٕ تہٕ شارِ یا شرٛکی برٛونٛہہ ورتاونہٕ یِدٕ چھُ کُنٛتِھ یِمن کاہن قسمن ہنٛز وکھنے کران:

## (۱) مشہوٗر رَسمن منٛز عجیب طنزِیہٕ بیانی

چاہے بالافِطری تعارفو خاطرٕ یا بےٚ یزتی کرنہٕ باپتھ چھُ سانٮ۪ن واریاہن مشہوٗر اَمہٕ قسمکٮ۪ن فن پارن منٛز تِتھ کیٚنٛہہ اِقتباس (یِم نہٕ یاتہٕ فِطرتی طور مُمکِن چھ نتہٕ تِیتۍ تھٔدی زِ اِنسانی بِساطٕ خاطرٕ چھِ نا مُمکِن) بیان آسان کرٕمتۍ۔ یِتھ ہی اِقتباس یوٚ تام نہٕ آوازِ ہِندِس (دونہٕ) آوِلٮ۪س یا معانے دوگنیارٕ لفظو ستۍ وٕلِتھ آسن توٚ تام چھُ بیان مُشکِل گرٛژھان۔ اَتھ منٛز چھُ لفظن ہُنٛد پھور تہٕ عجابیاتن ہنٛز طنزیہٕ بیانی دوشوے آسان مِثالہٕ پٲٹھی نی تون ماسٹر زِندٕ کول صابُن یہٕ شار:

ظالِم زٔلری زَن زال ہیتھ زاگان غرٟبن زورٕ واٚلی
کھوژان نہٕ حاکِم مارِ ما پرٛژھِ گارٕ ما آسہٕ کاٚلی

زورٕ واٚلِس ظالِمس چھےٚ زلرٕ ؤنِتھ حقارتچہٕ نظرِ آمُت وُچھنہٕ۔ پرٛژھِ گارِ ہنٛزِ لوٗر چھس کلس پٮ۪ٹھ دُدارل تلوارِ ہنٛدی پٲٹھی۔ اَدِ یاتہٕ سِدٕس چانہٕ میانہٕ باپتھ پٮ۪تھی

دُنیاہَس منٛز تہٕ نتہٕ مانَن والین ہندٕ خاطرِ عالَم بالاہَس اندرٕ اِنصاف۔ شارَس منٛز چھُ حرف ''زٕ'' یتھ منٛز ''ظ'' تہٕ شامِل چھُ حرفی مطابقت ووتلاونہٕ آمژ تیمی اَتھ طنزِ یہِ بیانَس مَزید حُسن چھُ بخشُمت۔

## (۲) ہوی معانے وألی لِفظ استعمال کٔرتھ طنزِ یہِ بیان

یتھین لفظن ہنٛز چھنہٕ کٔمی یمن اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معانے چھِ۔ اتھ چھِ شیٚہِ قسم معانے ژآر کرنہٕ حسابہٕ۔ گوڈ بٔلکس منٛز چھُ ابتدآیی طور معانے رٔنگی موقہٕ محل وُچھِتھ زیادٕ موزوٗن استعمالُک عمل۔ یتھِ کٔنٛز ''کِرات ارجُنیہٕ'' رزمیَس منٛز اِندرٕ ہندِ باپتھ ''وَجرن''، ''ترٔطِہٕ'' ہُنٛد دوتاہ لفظ چھُ آمُت اِستعمال کرنہٕ۔ باقین ہوٗبن لفظن منٛز چھِ تس ''تاقتس، شانس، حُسنس، سخاوتس بیٚترِ باپتھ تہٕ لفظ یم نہٕ موقہٕ محل موزوٗب صحی چھِ شاعرس باسیٚمتی تہٕ تَس چھُ ''وَجرن'' لفظے ٹارِ کھوتمُت یُس صحی انتخاب چھُ۔ دوٚیم یہِ چھُ ظرافتی لفظ اِظہارس بٔرژر کران۔ ترٛیٚمس منٛز چھِ یہِ بیان معانے پسہِ پرٕدِ تھاوِتھ شارٕچ خوبصوٗرتی بڑاوان۔ ژوٗرِمس بیانَس منٛز چھُ تشبیہ خوبصوٗرتی ہُر بر کران۔ مثلن کانٛسہِ سوندرِ ہُنٛد ذِکر کُرہَن تہٕ کونکل مَس وُچھِتھ وَنو ''جمنایہِ ہندِ گتل آبکی پآٹھی ووڈرَل مَس''۔ پانٛژِمس منٛز چھُ سُہ مطلب فکر تارنٛچ کوٗشش یوان کرنہٕ یُس فِطرتی طور غاَر ممکِن چھُ تہٕ شیٚمس بیانَس منٛز چھِ کانٛہہ تہٕ ناموقوٗل یا غاَر واجِب کتھ شیرِ پآر کٔرِتھ بڈٕ حسین لِبٲس منٛز پیش یِوان کرنہٕ یتھ زَن تمہِ لفظچ اصلی بدبوٗ دار شکل چھےٚ حُسنکس آوٕلِنس منٛز حیسن بنان۔ میر غلام رسول نازکی صأبنٛز یہِ رُباعی کرِ امہِ ٲوتِکی واریاہ مسلہٕ حل:

نَبس لۆگ نار وِج ووٚلے یہِ ووٚتھ واو
اَڈٕبن لَج یوٚٹھ اَڈٕبن پھٹ بوٚٹھ لِگتھ ناو
میٚہ ووٚن ہاٚنزن مہ بَر اندیشہِ غم تزٕاو
چھُ پانے واو، پانے ناو، ذٕرِیاو

شاعرن چھےٚ قیاہتکہِ واقع اَتھ رُباعی منٛز تصویر کَشی کٔرمٕژ۔ سوٚدٕر، ناو تہٕ ہاٚنزٕ یِم چھِ ترٛےٚ کِردار یِمن ہُنٛد زوٚن اتھ وقتس منٛز ضروٗری چھُ۔ اتھ وقتس پیٹھ چھُ ہاٚنزٕ سُنٛد مَشوٗرٕ وارِیاہ کیتھہ بزٕونہہ کُن اَنان۔

## (۳) لفظہِ ازمأیشہِ ہُنٛد ورتاو

یِتھٕ کٔنۍ بیمار ڈاکٹرس تام واتنہٕ برٕونہہ چھُ وارِیاہو تجرٕباتی مرحلو منٛزۍ گُزران۔ گو سیٚدٕ دتہٕ واہ نہٕ گو تہٕ تو تہٕ کیٛاہ گو۔ یِتھے کٔنۍ چھُ یِتھ حالتھ منٛز کانٛہہ تیٚتھ لفظاہ یِوان استعمالس منٛز اَنہٕ یتھ نہٕ کأنٛہہ پھِتس مطلبس سٟتۍ کانٛہہ توٗلق چھُ آسان۔ یِتھِن مُقامَن پیٹھ چھِ ؤسۍ پایہِ استعار تہٕ معانے یکسأنیتہٕ حِسابہٕ تشبیہ وغأرٕ النکارَن ہُنٛد استعمالُک رَل گژھان۔ اَمہِ لفظہِ ازمأیش ہِنٛدۍ ہکھِن ساسہٕ بُدۍ قِسم آسِتھ۔ کُنٛتکَن چھُ بےٚ صوٗرتس پیٹھ صوٗرٕژ واٚلۍ سُنٛد، بےٚ زُوس پیٹھ زُودارٕ سُنٛد، بےٚ حِسس پیٹھ حِسدارٕ سُنٛد، بیٚترِ اَمہِ قِسمُک وارِیاہ مِثالہِ دِژمٕژ۔ یِتھٕ کٔنۍ زَن ''مٔتِس اوٚبرس مزٕریُن'' یہِ چھُ زِنٛدِ جاوید اِنسانہٕ سُنٛد دھرٕم نہٕ کہِ بے جان اوٚبرٕ سُنٛد۔ کأشرِس اَدبَس منٛز چھنہٕ اَمہِ قسمکِن حوالَن ہِنٛز کمی۔ وُچھِو تو غلام محمد مہجور صأبنہِ ''آزأدی'' نظمہِ ہُنٛد یہِ بنٛد:

یہِ آزأدی چھےٚ سورٕچ ہوٗر پھیرِیا خانہٕ پتھ خانے
فقط کیٚنژن گرن اندر چھےٚ ماران گژٕایہِ آزأدی

شاعرن چھُ شارس مَنز آزادی (اکھ بے جِسم شے لفظ یا سوٗنچ) پھوٚکھ دِتھ اتھ جِسم تہٕ بخشُمت تہٕ زُو زہتہٕ تہٕ سوٗنچ تہٕ تہٕ تَمہٕ پَتہٕ سماجَس طنز کرنہٕ باپتھ امیُک استعمال تہٕ کوٚرمُت یمکہٕ معانیٛچ وُسعت کاًفی کُشادٕ تہٕ ووٚسی چھےٚ۔

## (۴) اسمِ صِفتُس مُتلِق ظرافتی اِظہار

اسمِ صِفت کِس اثرس مُتاثر کرنہٕ خاطرٕ چھُ فعل یا گردانَن مَنز امیُک استعمال کُرِتھ کلامُک حُسن دُبالا یِوان کرنہٕ۔ مثلن شاعری مَنز ماحول شرٛیہدار بناونہٕ باپتھ چھِ دودِ ہیُو سفید ژُندرمہٕ گاش، ژوپاًرٕ نظرِ گرٛھوٕنی خاموشی تہٕ شانٛت لہرو روٗس سوٚدُر وُچھِتھ ہیکہٕ کاًنسہٕ ہِندس دِلس مَنز شانٛت (امن تہٕ شانتی ہُند) رَس ووتلِتھ تہٕ کاًنسہٕ تہٕ ہیکہٕ یہِ شرِنگار (وصلکہٕ) رَسُک مؤجِب بَنِتھ۔

عبدلاحد آزادٕ سٕنٛز مشہوٗر نظمہٕ ''آرِلہٕ'' ہُند یہِ بَند چھُ مِثالہٕ باپتھ پیش:

عِشق پھَران کَمن کَمن تَپہٕ ریٛشن تہٕ عالمَن
عِشق کَران چھُ موٗصمن پوٗشہٕ بدن کرٛزالی یے

اَتھ شارس مَنز چھِ عِشقکہٕ صِفت قاًبلِ غور۔

## (۵) اعتدالس مَنز ظرافتُک بیان

تِتھِس استعمالس مَنز چھِ ضمیرِ بیٛترِ دٕسی بیانُک صَحی مطلب چھُپاونہٕ یِوان۔ کُنتُک چھُ اتھ مُتلق ونان ''تم لفظ یم واریاہَس کالس دِلس سنان چھِ'' چھِ اتھ ذِمرس مَنز یِوان۔ ماسٹر زِندٕ کوٗلن یہِ شار چھُ اتھ بیانَس ستی مُطاًبقت تھاوان یُس تٔمی سٕنٛز مشہوٗر غزلہٕ مَنز ننہٕ آمُت چھُ:

یُس نِشاطس مَنز وُچھان محفِل اُمیٖرن ہٕنٛز موٚزوٗر
تَس تصوٗر جنتُک امہٕ نِشہٕ زبَر آسیا سناہ

مالکہِ مَتبن اُمیرن ہنز یمہِ محفلہِ چھِ عام طور تِہنزِ دِل بہلاَیِی خاطرِ مگر یمن کُن اگر الغایہِ کاَنسہِ غریبس نظر پیِٕہِ تِہندِس مَنس منز یُس جذٕبک تصور تَس لوکچار پیٹھِ گرِ گرِتھ آسان چھُ، چھُ مِسمار گژھان۔ یہِ چھےٚ سو حقیقتھ یوسہِ نہٕ مزید بیان ہیکون کرِتھ مگر دِلچ دَگ چھِ دِلس منزٕے ژالنۍ۔

(٦) پدس منز پوٚت لوٚگ لگاونہِ ستی تہٕ چھےٚ یِوان ظرافتھ ووتلاونہٕ تہٕ اتھ منز چھُ یِوان مزید بُربر کرنہٕ۔ کُنتلکن چھِ اکھ مِثال یتھ کُنی دِژمژ "تَس مسوٗلہِ ہنز تلٕی ٹارِ ہیٚچ نظر چھِ زَن ووٚنی آدٕنی سرٕیٚہس وٕتش دِوان۔" مَس ولہِ ہُند تلٕی ٹارِ وُچھن چھُ دِلچ دُبراے بُرراوان مگر تتھ کتہِ گو سرٕیٚہہ پاَدٕ۔

راَہی صاَبن یہِ شار چھُ یتھ ہِش طنزیہِ بیاَنی زیادٕ خوبصوٗرت بناوان۔ وُچھی تو غزلہِ ہُند یہِ شار:

دوستن الماسی موکھ ڈیٖشتھ ژٕ چھکھ

دُشمنَے کانٛہہ سینہٕ باوی، کیاہ کرکھ؟

الماسی موکھ دوستن ہندِ باپتھ تہٕ دُشمنہٕ سُند سینہٕ باوٗن چھُ شارس حُسن بخشان۔

(٧) کُنہِ پدس منز باگ پتہٕ بجر ووتلاونہٕ خاطرٕ تہٕ چھُ ظرافتی انداز یِوان اِستعمال کرنہٕ۔ وُچھتون ارجن دیو مجبوٗرن یہِ شعر "کلپنا" نظمہِ منز کتھ چھُ یہِ ضرورت پوٗر کران:

شُنی شرٕوکن قطرٕ طوٗفانن بُٹن

میانہِ ذیٚہنکی گہلی لمکاو ژھیٚبن

شارس منز چھُ شُنی یک شرٕوکن، قطرس طوٗفان بُٹن تہٕ ذیٚہنکی زٕتھی ووش ژھیٚنی

یِمہٕ کیٚنٛہہ مُخالِف کتھ اکھ اَکِس پٮ۪تہٕ بیان کرنہٕ آمژ یِم یِنٛس سوچھس کُن چھِ اِشارٕ کَران۔ دراصل چھِ یِم نہٕ آسنس تہٕ کٔمی ہنٛز وبٕنھیہٕ کُن اِشارٕ کران یوسہٕ نہٕ روزن واجیٚنٛز چھِ مگر غمن ''لمکاو'' ناو دِتھ چھُ غمک وَق زِٹھنس کُن اِشارٕ۔

## (۸) غأرضروٗری عملِ ہنٛز ظرافت

کُنہِ ساتہٕ چھُ شاعر یا گونماتھ موٗلہٕ لفظس بڑونہہ لوٗگ لگاوِتھ شارُک حُسن بڑاوان۔ کُنٛتکُن چھےٚ مِثال دِژمژ ''اَہو! یتھ نورَسس چھُ تھرٕن ہنٛدی ماپھِن مَدیر ہُرٕروٗ وُمت'' اتھ اقتباسس منٛز چھِ ''مَدٕ ھ'' بدلہٕ ''ادھِ مَدھ'' ورتاونہٕ ستِی پَدس حُسن ہُر یومُت۔ سنسکرت اَدبس منٛز چھِ امہِ قسمہٕ لاتعداد مِثالہٕ موٗجوٗد۔ کاشرِس ادبس منٛز تہٕ چھنہٕ کمی کیٚنٛہہ۔ دینا ناتھ ناَدِم سُنٛد یہِ شعر وٕچھِو تون ''نابَد تہٕ ٹٹھ وَنہٕ'' نظمِ منٛز:

ہیٚرِ بونہٕ اَوِج زاَوِج ہی تھٕر

منٛز باگن تھزراہ ووگنیاراہ

اتھ شارس منٛز چھُ لفظ ''ز'' تہٕ ''ج'' حرفی تہٕ آواز مُطابِقت (یِمک) یُس ہی تھرِ ہنٛدِس تنوٗکھ آسنس مَدد چھُ کَران تہٕ شارَس حُسن بخشان چھُ۔

## (۹) خیالن ہنٛز طنٛزِیہ بیانی

کُنہِ تہٕ موٗل اَپھرِ چ پٔنٛنی ذاتی پرکرٕت اوٗک طرف ترٛاوِتھ چھِ شاعر کانٛہہ نٔوے حتمی صوٗرتھاہ دِوان یِیمہِ ستِی شارچ خوبصوٗرتی چھےٚ بڑان۔ امین کامِلُن یہِ شار چھُ پیش اتھ سِلسِلس منٛز پیش ''اِبہام'' نظمِ منٛز:

ژٔے ڈیشتھ شاہرٕن گلنار شیٚچھ باوان آکاشس

ژٔے ڈیشتھ داہ ہیٚلبن منٛز پٲدِ سپدان مایہ کرٕنٛچ کَل

اَتھ شارس منٛز چھُ شاعرس اَکھ نظر ''لامحدوٗد'' آکاشس تہٕ دوٗیمہٕ طرفہٕ ''محدوٗد'' داش ڈلس گیڈ کران۔ أکس منٛز چھُ شینٛک شیٚہجار تہٕ دوٗیمس منٛز پکھچ آش۔

**(۱۰)** کُنہٕ تہٕ شیہٕ یا چیٖزس چھِ یوان دُ معانے لفظہٕ ورتاوٕ سٟتؠ کانٛہہ تہٕ شِکل (مرد،زنانہٕ) دِتھ شارُک حُسن ہُررَاونہٕ تہٕ معانے چھُ نوٗ جہت ؔختیار کران۔

شوق صأبن یہٕ شار چھُ ''بال تہٕ جنگل'' نظمہٕ منٛز مِثالہٕ باپتھ پیش:

زِ أڈی جِہ بالہٕ تھوٚنگس یُس وَنان نبس کنہٕ شیٚچھ
گرٛبس یہٕ تھل تہٕ پھریس ننگہٕ ووڈِ شادأبی

أڈی جِہ چھےٚ بالچہٕ شیلہٕ مُقرر سپزمژٕ۔ بالہٕ تھوٚنگ چھُ پانہٕ بامبر یوٗمُت تہٕ کس تام کنہٕ شیٚچھ وننہٕ خاطرٕ دوران۔ شار پرٕتھ چھُ سہٕ ظألم برٛونٛہہ کُن یِوان یُس امہٕ سأری کاروأیی ہُنٛد کرتا چھُ۔

## (۱۱) فعلس سٟتؠ رٕلِتھ ظرافتی اِظہار

اَتھ منٛز چھُ لفظُک بُنیأدی جوہر معقوٗلس فعلس یا کُنہٕ تہٕ گردانس سٟتؠ رٕلِتھ اکھ عجیب تہٕ نوٚوٕ معنی برٛونٛہہ کُن اَنان ییٚلہِ زَن خیالن منٛز ظرافت أسِتھ فاعل ہِنٛدِ ذٟسی چھُ یہٕ طنز ہنٛگہٕ مَنٛگہٕ برٛونٛہہ کُن ینِتھ شارٕچ خوبصوٗرتی منٛز اِضافہٕ کران۔ کُنٛتلن چھِ امِکی پانٛژھ قِسم خاص پأٹھی ودِ کڈی مٟتؠ۔ گوڈنِکہِ قسمٕچ مِثال چھُ سہٕ ینِتھ کٔنی بیان کران۔

پاروٗتی چھےٚ شِو سُنٛد ژٔنٛدرٕ اکِہ دوٚہ ژُلان تہٕ پنٕنس کلس پٹھ شیٖرِتھ لاگان تہٕ یہٕ شیٖرِتھ گژھان شِوس برٛونٛہہ کُن تہٕ فخرٕ سان پرٛژھان۔ ''سوامی! بہٕ کرٕژھ

چھُس گرٕھان یہِ ژٔندر کلا لاگتھ؟'' شو چھُس نہٕ درجواب کینٛہہ وَنان صرف چھُس بدٕلس مَنٛز ماہ پوٚت کران۔ شاعر چھُ بوزن والین آہی کران زِ سُے ماہ پوٚت یُس شِوِن درجواب پاروٗتی کوٚر کٔرِتھ تن توٚہہ سارِنے رٲچھِن[1]۔ یہِ چھُ ناٹکھ شوٚروٗ سَپدنہٕ برٛونٛہہ سوٗترٕ دار سٕندِ دٕسی ناٹکھ شوٚروٗ سَپدٕنکس آغازس مَنٛز وَنان۔ یِتھۍ ہی شۄلوٗکھ خاص کٔرِتھ سنسکرت ڈرٛاماہَس مَنٛز چھِ عام پٲٹھۍ لبنہٕ یِوان۔

مختلف پدن مَنٛز چھِ قسمہٕ قسمٕچ طنزِیہ بیٲنی مُمکِن آسان۔ کُنٛتکن چھِ اتھ مَنٛز پٲنٛژِ قسمٕچ ظرافت بیٲنی بٲوِمٕژ:

## ا۔ وقتس پیٹھ مُبنی طنزِیہ بیانی

کُنہِ تہِ کتھ باتھِ صحی تہٕ موزون وقت آسُن اَمیُک دوٗر، نزدیک، پتھ یا برٛونٛہہ آسُن چھُ خیالاتن مُتأثر کران۔ کُنٛتکن چھُ مِثال دِوان زِ یِتھِ کٔنۍ أکِس معاشوقس نِشہِ جُدا عاشق چھُ دزٕنہٕ گرمہٕ کرٛایہِ مَنٛز سوٚنچان ''از چھِ یم وتہٕ پدی عاشقس وتہٕ وُچھنہٕ باپتھ، ووٚں پیہِ وُہرات تہٕ یم وتہِ پدی تہِ روزن نہٕ۔'' یِتھِ کٔنۍ یِنہٕ وأنِس وقتس مَنٛز جُدأیِلی ہُنٛد الاو ہرِنس کُن اِشارٕ کٔرِتھ بیانہٕ مأری موٚند بناونہٕ آمُت۔ حامدی کشمیری سُنٛد یہِ شار چھُ پیش تِسنٛز مشہوٗر نظم ''راتُک ساتھ'' مَنٛز یُس اتھ شارس بیٚیہِ ہَن پھُٹ کڑِ:

ہرِ نا آے وٗں یتھ پوٚت زوٗنے
لولِہ مَنٛز پوشِم پھولِہ وٗنی زوٗنا

---

1. Kim sobhitaahamanayeti Pinaakapaaneh I
Prashthasya paatu parichumbanam vah II

Vakookhti Jeevita, by Kuntaka.

زٕوٗن پٕتٕ مہِ پہرٕچ پوشہِ تے تہٕ کِتِس کالس۔ آے بُربس تہٕ کِتِس کالس۔ آخر تہٕ چھُ لولہِ ژھوٗرُے تہٕ چھوٗنُے روزٕن۔

## ۲۔ گردانَن منٛز تبدیلی ستیٚ طرزِ بیانَس پٮ۪ٹھ اثر

گردان بدلاونہٕ ستیٚ چھُ بیانَس منٛز حیرت انگریز فرق یِوان۔ کُنٛتِک چھُ مِثال دِوان سوٗ درٕچ۔ یہِ چھُ رامایَنہٕ منٛز اکھ اِقتباس یٮ۪لہِ راوٗن چھُ سیٖتا ہٮ۪تھ لنکایہِ ژلان۔ رام چھُ یژھان لنکایہِ پٮ۪ٹھ فوج کٔشی کرٕنۍ مگر سوٗ دُر چھُس منٛزٕ یِوان۔ رام چھُ خشمہٕ ہوٗت سوٗ درس مخاطِب سپدان ''مٮ۪ون اَتھٕ چھُ یکدم تیٖر کمانہِ تھٕچھ دِوان'' وَنُن اوسُس ''تیٖر چھُسے مارُن یژھان'' مگر سُہ چھُ زانان زِ سوٗ دُر ہیٚکہِ نہٕ میانہِ (رام) باپتھ پٔنٕنۍ مٔریادا پھُٹراوِتھ تہٕ میٚ تہٕ میانِس فوجس اپور ترٛٲوِتھ وَتھ دِتھ۔ تمۍ چھُس شرارتھ اَستھ تہِ ''اَتھٕ'' منٛزس اَنان یِتھ زَن گوٚہچ شِدتھ کم گژھِ۔ یہِ چھےٚ اِنسٲنۍ فِطرتُچ لاچٲری۔ وُچھِو واسدیو ریٖہہ تہِ چھُ تِتھی ہی خیال پننِہ نظمہِ منٛز پیش کران۔

میٚ گوٚژھ اکہِ غاٮ۪بہٕ سیٚنٛس شیشہِ سپُدن
سُہ گوٚژھ میانِس دِلس پکہٕ پٔژ زناوُن
جماتھاہ گژھ رٔلِتھ میلِتھ یہِ کرٕکھ دِنۍ
دوہَے پٔژ پوٚز اپُز پرکھاوِناوُن

شاعرس چھِ واریاہ اڈلیکۍ ارمان تٔسنٛدِ پننہِ پانہٕ پٮ۪ٹھ شوٗرٕ گژھان پوٚز ہے پٔز تہٕ کتھ اپزس ہے پرکھاوُن تہٕ کتھٕ۔

## ۳۔ گرٛژو ہنٛز ظرافت

اِسمِ صِفت (واحِد،جمع) ہِکس صوٗرتس منٛز چھُ ادلہِ بدل استعمالہٕ سٟتؠ ظرافتی انداز یوان ووتلاونہٕ تہٕ طنزٕچ شِدت کم یوان کرنہٕ۔ کُنٛتک چھُ ''اَبھگیانہ شاکُنتلم'' منٛز اِقتباس دِوان ییٚمہِ ساتہٕ رِشی دُرواسا چھُ شکنتلایہِ شاپھ دِوان۔ سُہ چھُ واحِد ''یہٕ'' بجایہِ جمع ''اَسؠ'' لفظ استعمال کٔرِتھ شرارٕچ شِدت کم کرنٕچ کوٗشِش کران۔ یِژھ ہِش کوٗشِش چھےٚ قاضی غلام محمد صابن تہٕ پنٛنہِ اَکِس غزلہِ منٛز کٔرمٕژ۔ پیش چھِ مثالہِ پأٹھؠ

اَچھؠ وُچھان زیرِ و زبر گأمٕژ سوٗ لٔر

دِل وَنان بسکین تہٕ آسن وُنہٕ اَتی

شاعِر چھُ حالَس منٛز وُچھان مگر کأم چھِ سپزٕمٕژ ماضیس منٛز۔ بسکین چھا اَتؠ کِنہٕ نہٕ۔ یہٕ چھُ مُبہم۔ یتھٕ کٔنؠ چھِ شِدت کاپہٕ کرنہٕ آمٕژ۔

## ۴۔ جِنسی پھرٕ فرٕکھ کٔرِتھ ظرافتھ ووتلاوٕنؠ

ترٛےٚ جِنس (سُہ ژٕ تہٕ بہٕ) ییم ترٛےٚ جِنس چھِ عام پأٹھؠ وَرتاوس منٛز۔ دون اگر اُت نہٕ بجایہِ تُت کروٗن بیانَس منٛز اِستعمال، ظرافت ووٗتلنؠ چھےٚ اکھ ضروٗری عمل۔ کُنٛتکن چھِ اَتھ بول چالٕچ مِثال دِژمٕژ ''ژےٚ چھےٚ پانَس پتاہ'' بجایہِ ''توٗہؠ چھِوٕ نا زانان''۔ گوڈٕنِکس بیانَس منٛز چھُ خشم تہٕ دوٗیمس بیانَس منٛز چھِ مُفلِسی لاچأری نظرِ گژھان۔

## ۵۔ پوٚت لوٚگ لگاونہٕ سٟتؠ ظرافت

کُنہِ لفظس پوٚت لوٚگ لگاونہٕ سٟتؠ تہِ چھِ ظرافت وُتشی لبان۔ وُچھؠ تو

موتی لعل ناز صابٕن "اِنتظار" نظمِ منٛز یہِ اِنتخاب

رأچھِس رأچھ کران لگہِ دَر دوہ

ژھٕورس منٛزی اکھ گر نٔی زیٖنتھ

لِفظ دَر چھُ دُمعنے اکھ گو "دَرِ لگنہِ" بیا کھ گو "درواز" پٔت لۄگ چھُ "دوہ" یُس اتھ حُسن چھُ بڑاوان تہٕ "رأچھِس دوہاتہٕ ژھٕورس گراہ" یہِ کہاوت تہِ پٕوٚرِ کران تہٕ حُسن تہِ شارس بڑاوان۔

ترٛتیٖمس بابَس منٛز چھِ گوڈٕ انوارِ جُملن منٛز طنزیہِ بیاچ وضاحت کرنہٕ آمٕژ۔ اتھ منٛز چھِ وارِیاہ زأوِلی خیال بیٚترِ لفظن، مانیس، صِفتن تہٕ النکارن ہٕنٛدِ سرمایہِ نِشہِ بٔنۍن آسان۔ یہِ چھُ تمہِ خوبصورت بورڈٕ یا کپر کھوتہٕ رَنٛگ روغنہٕ تہٕ چمکی وغأرِ بغأر تصوِیرُک حُسن ہُرراوِنکو مدو علاوٕ آسان یَتھ منٛز مُر ژٕگر ہنٛز کلا تہٕ ہونر چھِ بأوِتھ دِوان زِ سُہ کمہِ قأبلِیتُک مألِکھ چھُ۔

کُنتکن چھُ پٔنہٕ وٕنہٕ مۆجوٗب بول چالچہِ ظرافژ ہٕنٛدی یِنہٕ وألی سأری وَل، سأری النکار گیڈ کرِتھ تھأوی ٕمتی۔ اَمی مۆجوٗب چھُ سُہ یہِ وٕنس منٛز حق بہ جانٕب زِ جُملن ہنٛز ظرافژ منٛز ہیکن ساسہٕ بُدی قِسم آستھ۔ یِتھبٕ چھُ النکارن ہُنٛد مطلب تم النکاریم معانیکس ضِمرس منٛز ٕبن تِکیٖازِ آوازٕ النکار چھِ حرفن ستی وابستہٕ۔ حرفٕ چھُ پَد یا جملہٕ وغأرِ تہٕ بنان مگر تَوٕ پَتہٕ نہٕ چھُ لِفظ لفظٕ تہٕ حُرف حرفٕ۔ اَمی چھُ کُنتکن یہِ حرفن تہٕ جُملن ہٕنٛدِس ضِمرس تحت الگ الگ بیان دِتھ مُت۔

جُملن ہنٛز ظرافتی اِظہار چھُ کُنتکہٕ نہٕ مۆجوٗب کُنہِ تہِ چیزُک یا شے ہُنٛد

دوہہِ دِشُک یا قودرتی سوبھاو (مثلن لکرِ چھُ ییر گژھنُک سوبھاو پھٹنُک تہٕ) کُنہِ جُملُک کانٛہہ تہِ النکار یُس گونماتن پننہِ لیکھنہٕ وِزِ ژور، النکارچ آواز یا رَس بٔنتھ چھِ سُہ پرَن وٲلِس تہِ مورٕژ گرِس سبٹھاہ قریب واتناوان، وُچھو تو غلام نبی خیاؔل صابُن یہِ شار تسٕنزِ ''کھاندرُک سالگرہ'' نظمہِ منٛز یُس پرَن وٲلِس شاعر ہندِ بو اَمارو نِشہِ وٲقِف چھُ کران۔ ییٚتہِ چھُ پرَن وول شارٕ کہِ سنٛزِ نِشہِ تہِ زٲنی یاب گژھان تہٕ تصویرٕ چھس بڑونٛہہ کُن یِوان۔

یِیِہِ اَز اکِہ لٹہِ مہرٛینٛز بَن میٲنٛہِن دِلہِ دُبراےَن سَن
یم ژٕہی کُمی اَنٛز سال کرِتھ زِنٛدٕ کُس گو زِنٛدٕ پانٕہ مُرِتھ
اَرمانن چھُ خبرکوٚتاہ کال بڑونٛہہ ترٛ درٛامُت مگر تشنٕہ لٕبی چھِ وُنہِ تہِ مَنس پیٚٹھ پوٚزٕ باوی۔

ژوٚرِمس بابَس منٛز چھِ کُنہِ تہِ بیاٛنچ ظرافتی اندازن ہِندی نو قسم تہٕ مضموٗنی ظرافتُکی پانٛژھ قسم ونہٕ آمٕتی۔ کُنہِ تہِ بیاٛنَس منٛز چھُ مضموٗنی بیاٛنَس صِرف اکھ موقہٕ یِوان دِنہٕ پرکھاونہٕ خاطرٕ۔ اَمی آیہِ چھُ کُٹنکن کُنہِ تہِ مضموٗنَس منٛز ییٚتھ ہی واریاہ تزٕکرٕ اکھ أکِس ییٚتہِ جوٗڑِتھ آسان یُس اکِہ پتہٕ اکھ چلوٗن چھُ روزان۔ یِمنے تزٕکرن ہُنٛد صٔحی تہٕ خوش اسلوٗبی سان مضموٗنَس منٛز جاے دِنس چھُ کُٹنکن عبارتی ظرافژ ہُنٛد ناو دیُتمُت۔

مضموٗنچہِ ظرافژ منٛز چھِ منظرکٔشی ہنٛز شاعری یا کُنہِ سوکھ دِنہٕ وٲلی پد تہٕ مضموٗن بیترٕ یِوان یِمن منٛز أدیبو یا شاعرو پنٛنہِ فن باوٕنچ کوٚشِش آسہِ کرٕمژ۔ کُٹنکن چھُ امِکی شٔییہِ قسم وٕنٛی متی۔ گوڈٕنکِس قِسمس منٛز چھِ اصلی کہانی

ہُند مؤل آسان تہٕ باقی چھِ کہاَنی روزان سوے مگر وَنن ترٛایہِ چھےٚ رنگہٕ رنگہٕ بدلان یتھِ کنۍ زَن شانت رَس تھزِ انورِ مانن وآلِس مہابھارت چہِ کہاَنی پیٹھ مُنحصر۔ ''وینی سمہار'' ناٹکس مَنٛز چھُ گوڑٕ پیٹھ اَندس تام صرف ویر رس نظرِ گژھان یُس امہِ ناٹکُک سارِوے سَرس رَس چھُ مانٛنہٕ یِوان۔

دۆیمس قِسمس مَنٛز چھِ توأریٖخی طور کانٛہہ مشہور کہاَنی یِوان ہِنٛہٕ تہٕ تتھ مَنٛز یُس حِصہٕ شاعرس باسہِ بےٚ مزٕ تتھ چھُ اوٚک طرف ترٛاوتھ کُنہِ خاص کتھ موضوٗ بنأوِتھ نٔوے کتھاہ اَتھ موضوٗعس ستۍ جوڑان۔ یتھِ کنۍ زَن ''کِرات ارجنی یہٕ'' کتھایہِ مَنٛز چھٔنہٕ کتھ یُدھشٹھِرنہِ فتح پیٹھ ختم گژھان بلکہِ چھِ بڑٕ وٕنہہ پکِتھ ارجن سنٛزِ تپسیایہِ تام واتان۔ یٔتہِ کِرات ویش دآری شِو چھُ تَس پُٔن ''پُشہ پت اَستر'' بخشان یُس پَتہٕ تَس مہابھارت لڑایہِ دوران وارِیاہ بکار چھُ یِوان۔

ترٛیِیمس قِسمس مَنٛز چھُ مُروجہ کہاَنی ہُند رِشتہٕ وارِ وارِ تٔیوت غآب گژھان زِ یہِ بیانہٕ چھُ اصلی کہاَنی نِشہٕ ژھینہٕ گژھتھ بدلے پریشاَنیو تہٕ دُشوأریو ستۍ وَلنہٕ یِوان یمہِ اَخرس پیٹھ عجیب شکلہِ مَنٛز یتھ امہِ بیانُک رُوحہِ رِوان چھِ بنان۔ یتھِ کنۍ زَن ''شِشُپاَل وَدھ'' تصنیفہِ مَنٛز تِمی ہنٛدِ ہوٚنُک ذِکر محض ، ،ولاب خأطرِ چھُ یِوان تُلنہٕ مگر امہِ ستۍ چھِ شِشُپاَل مارٕنٛچ موزوٗنیتھ سکہٕ سپدِتھ بڑٕ وٕنہہ کُن یِوان۔

ژۆرِمس قِسمس مَنٛز چھُ مرکزی کِردار یُس کُنہِ خاص مطلب خأطرِ تایِنات چھُ آسان تہٕ یہِ حاصِل کرنَس دوران چھُ امہِ بیانٕکی یا مضموٗنٕکی سآری باقی مطلب تہٕ حاصِل کران۔ یتھِ کنۍ زَن ''ناگانند'' تصنیفہِ مَنٛز چھٔنہٕ

جیمۆتواہَنَن (مرکزی کِردار) صرف شنکھ چۆ ڈسے یوت بچاوان ئلیٚ کہِ چھُ پانٔس باپتھ تخت تہٕ تاج تہٕ دُشمنن نِشہِ واپس حاصِل کران۔

پانٔژِمس قسمس منز چھُ امہِ مضمۆنُک ناو بیتِر کتھایہِ ہنٛز خبر اتر شۆرۆعس منٛزے دِنہِ یِوان۔ یتھۍ کٕنۍ زَن ''ابھگیانہٕ شاکُنتلم'' تہٕ ''مُدرا راکھشس'' ناوی ڈرامہٕن منز گوڈنیٚتھے چھُ سۆترِ دھار ڈراماچہِ کہانی ہنٛز واقفیت کرناوان۔

شیمہِ قسمُک طریقہٕ چھُ اَکے کتھا یا کہانی اکہِ کھوتہٕ زیادٕ مُصنِف بروٚنہہ پکناوان یا مختلف مُصنِف چھِ اَکی سے کتھِ رنگہٕ رَنگہٕ وولت گرِتھ الگ الگ انداز منز بروٚنہہ پکناوان۔ مثلن اَکے رَام کتھا چھِ ''رام ابھیُدے''، ''اُدھاتہٕ راگھو''، ''ویر چرت''، ''بال رامایَن'' وغارٕ تصنیفن منز وبۄھناونہٕ آمژ۔

یتھۍ کٕنۍ چھُ وکروھتی ہنٛدِس زمنس منز یِنہِ والین سارِنے شاعرانہٕ تصنیفن گیڈ کرنٛچ کۆشِش کُنتلکن کرمژ۔

## کُنتکُ سُند طنزیہِ بیان تہٕ النکار

کُنتکُ چھُ النکار وادی آچاریہٕ تہٕ تَس چھےٚ النکارٕ بُرتیٚن شارَن پتھ سبٛھاہ یژھ تہٕ پژھ۔ بالا فِطرتی چمتکار اَنَن واجینہٕ سِدھی (مہارت) پژاونہٕ باپتھ چھِ طنزیہِ بیانی یوت شاعری ہُنٛد کُن تہٕ واحِد عجیب النکار۔ شبدٕ تہٕ ارتھ دوشوَے چھِ شۆبراونس لایق تہٕ طنزیہِ بیانی چھےٚ یمن ہنٛز حتمی شکل۔

آوازٕ ہشر (انپراس) تہٕ حرفی مُطابقت (یمک) وغارٕ النکار، دِیانی وجۆد تہٕ وَیدربھی وغارٕ رِیم بیتِر چھِ یِوان لفظن ہنٛدِ بدلاوٕ سٟتی معانے بدلنہٕ کِس ضِمنس منز۔

اَمہِ بدلاوِ سٟتۍ یم اِستعار وغاڑ ووتلاوٕنہٕ چھِ یِوان تِم لفظ چھِ ازمایشہٕ ہنٛدِس ضٔمرس منٛز اوٚندپوٚکھ، ناوِ ہشر، لفظن منٛز معانے ہشر آسن یُس زَن ہشر چھِ طنٛزیہ بیاؔنی منٛز چھُ یِوان۔ کانٛسہِ ہُنٛد یا کُنہِ چیزُک سوبھاو ظاہر کرُن، سونٛچس خلاف النکار (یم چھِ اسمِ صفتس لندر یِنہٕ واٚلی النکار) فضوٗل تہٕ اپزی تعاریف کرٕنی یا کانٛسہِ چوٹ واتناوَن واٚلی، النکارن ہنٛدِس ضٔمرس منٛز ورتاونہٕ یِوان۔

کُنتک چھُ مانان زِ ساری النکار چھِ تیٚلی زُوان ییٚلہِ یمن منٛز رَس چھُ¹ آیرنی ہنٛدی قسمن ہنٛدی بزونہٕ کن قسم، اسمِ صفتٕچ طنٛزیہ بیاؔنی۔ مضموٗنس منٛز تہٕ کُنہِ اقتباسس منٛز طنٛزیہ بیاؔنی ہنٛدین واریاہن قسمن ہنٛز وٚکھنے چھِ کُنتکن کٔرتھ امہِ کِس ضروٗرتس واش کوٚڈُمت۔

یہِ کتھ چھےٚ امین کاملن ''پرٕنی شہراہ'' نظمہِ منٛز یتھ کٕنی وٕرٕھناوِمٕژ

داغ بیٚہن پزٕنس چھِ پزلاوان

اوٚبر نیران چھُ بُتھ چھٕلِتھ اَفتاب

یتھ کٕنی یہِ چھےٚ اکھ حقیقتھ تتھےٚ کٕنی چھِ یتہٕ حقیقتھ زِ یم رٕنٛڈ کُنہِ اَدب پاڑ باپتھ ٹھٔری چھِ مانہٕ یِوان بعضے چھُ تِمن ٹھٔرِن ہُنٛد استعمال تیٚتھ سپدان ہنٛگہٕ منٛگہٕ زِ سُہ چھُ تمہِ شارُک حُسن بنان یتھ کٕنی کامل صاٚبُن شار چھُ اِقتباسس منٛز۔

## آواز تہٕ طنٛزیہ بیان

کُنتکن چھُ دھونہِ ہنٛدی خاص عنصر موٚلہٕ تلہٕ طنٛزے موتمُت۔ طنٛزُک مطلبے چھُ یہِ کیٚنٛژھا باسہِ کُنتک چھُ اَتھ عجوٗبی وتہِ ہنٛز اکھ میلہٕ کٕنی مانان۔

1. Sa rasavat naama sarvaalankaara jeevitah I
Vakrokhtijeevit by Kuntaka, s.,1, v.,6.

اِستعارن پٹھ مُبنی دھونہٕ ہندٕ بن دوشوٕنی قسمن ہنز موضونیت مدِ نظر تھاوِتھ صِفتن ہندِ ضرورتہٕ مؤجوٗب ترٚ نوٕنی وَتن منز مانٕہ مِثلن کامہِ مؤجوٗب ضرافت، وقت مؤجوٗب تہٕ جنسکہِ کہِ صوٗرتچ ظرافت وغارٕ موضوٗعیت مدِ نظر تھاوِتھ کرمِژ۔

## پرٚانٕی طور طریقہِ صِفت تہٕ ظرافت

کُنتکن چھِ باقی مارگن یا وادن ہنز وکالتھ کران ییٚمہِ کتھِ ہُند اعطراف کوٗرمُت زِ صِفت تہٕ پرٚانٕی طور طریقہٕ تہِ چھِ طنزٕکس دٲیرس منز یوان۔

یتھٕ کنٕی چھُ کُنتکن سارِی شاعری ہندی انگ ضرافتی اندازٕکی اَنگ مانٕمتی یم شاعری ہندی مددگار تہِ چھِ تہٕ ساتھی تہٕ، یتھٕ کنٕی چھُن وکروکھتہٕ ہُند فلسفہٕ عالم گیر بناوٕنس منز پنٕنی پوٗرٕ پوٗرٕ کوٗشش تہٕ کرمِژ تہٕ کامیابی تہٕ پرٚاوِمژ۔



## (11) ویکھتہِ وِویک

آچاریہِ مُہم بھٹن چھےٚ یہِ تصنیف ''ویکھتہِ وِویک'' لیچھمِژ۔ اَمی سُند دوٚیِم ناو اوس مہِما تہٕ ترٚیِم ناو مہمک تہِ۔ مہما ناو چھُ اَمی امہِ کتابہٕ ہندِس آغازس (منگلا چرن)س منز دیُتمُت یہِ مہمک ناو چھُن تصنیف ختم گژھنس پیٹھ دیُتمُت۔[1] چوٗنکہِ یہِ گونماتھ اوس راجانک پدوی ستیٚ آراستہٕ لیہٰذا چھُنہٕ تسٕندِس کاشُر آسنس کیٚنہہ شک۔ یہِ اوس آچاریہِ شری دھیرِیہِ سُند نیچوٗ تہٕ شیامَل سُند

1. (a) Vyakhti vivekam kurate pranmya mahimaa paraam vaacham

Vyakhti Viveka by Mahim Bhat, s.,1, v.,1.

(b) Vyakhti Viveko Vidadhe Raajaanaka Mahimakenaayam I

Ibid, s.,3, v.,37.

اوس ژاٹھ۔ أمی ہنز تصنیفہِ منز چھُ أمی دھونیالوک تہٕ وکروکھتہٕ جیوِت دونوٗنی تصنیفن ہنز کھنٛڈرن کرمژ۔ لہٰذا چھُ أمی سُند وَکھ یمن دون گونماتھ لِکھارٕن پتے 1000ء یَس آس پاس مانہٕ یِوان۔ أمِس پَتہٕ چھُ آچاریہ مُمَٹ مہِم بھٹنہٕ پَتھ کتھِ کھنڈن پننِس پایہِ بڈِس گرنتھس ''کاویہ پرکاشکس'' پانژمِس بابَس منز کران زِ ''محض انداز مُطابِق چھُنہٕ طنزیہ معانے نیرتھ ہیکان'' ممٹ سُند وَق چھُ 1050-1100ء یَس تام مانہٕ یِوان۔ اَمہِ تلہٕ چھُ مہِم بھٹن وَق 1020-1050ء یَس درمیان ماننٕ دُرُست باسان۔

مہِم بھٹن چھِ پننہِ تصنیفہِ ویکھتہٕ ووِیکس منز اِنسانی ایحساس ہنز صحی پہچان کرتھ یہُند سوٗن مُطالہٕ کوٗرمُت۔ یمو چھُ اَبھِدا (حرف بہٕ حرف یکسانیتھ) لِکھشنا (استعار) تہٕ ویَنجنا (آیرنی) یمن ترٛن لفظن/آوازن ہنٛدیو النکارو منز آیرنی (ویَنجنایہِ) ہنٛدِ طاقتہٕ نِشہِ اِنکار کوٗرمُت تہٕ امہِ بدلہٕ چھِ تمو اندازِ بیانی برٛونٛہہ کُن پیش کرمژ تہٕ وَنمُت طنزیہ بیانی تہٕ رُسک ساد چھُ صِرف انداز لگاوَنچہ کتھ۔ تمی چھُ انداز پیش کرُنے سَرس مونمُت۔ تِسنٛد وَنُن چھُ زِ تمی چھِ دھونہِ (آواز) ہنٛدِ اندرونی صِفتن ہنٛدِ خاطرٕ پننی یہِ تصنیف مُرتب دِژمژ۔[1] تتھے کنی معانے تضاد تھاوَن والین ہنٛدِ خاطرٕ یمن رنٛج زیادٕ پہن لگن چھِ آسان، تم تہٕ چھِ انمانس یا اندازس تحت یِوان۔ مہِم بھٹن چھے دھونیالوک لیکھن والِس آننٛدوردھنہٕ ہنز دھونہٕ ہنٛدی تاریف ''یتھ تہٕ کینٛہہ معانے نیرِ سہٕ گو شبدھ'' وَنہٕ نِس منز وارِیاہ خامی بیان کرمژ۔ پانٛس برٛونٛہہ یم

1. Anumaane antarbhaavam sarvasyaiva dhwaneh prakaashiyitum I
Vyakhtivivekam kurute... II

Vyakti Viveka by Mahim Bhat. s .1.. v..1

تہٕ دھونہِ وادَس پٔٹھ پَرٕ ھ تھاوَن واجی آسی تِمن سارِنے چھِن ءکھٹھ کَڈی ءمژ تہٕ اکھ نۆے سوچِن تژ اے کھڑا کرِہٕژ۔ اگر اُمِس پَتہٕ پتہٕ والِو گونماتو اُمی ہنز یہِ سوچِن تژ اے چھُنہٕ صحی مانٛژ مگر تۆ پَتہٕ تہٕ چھُنہٕ اُمی ہنز تحریکہِ نِشہٕ بے اثر روٗزِتھ ہیکی ءمژ۔ اُمی چھِ دویہِ قسمکۍ معانے مانٛژ ءمژ۔ (۱) واچیِیہِ (یُس گُنہِ جُملس لفظن ہِندِس بِنابَس پٔٹھ آسان چھُ)، (۲) انُمیِیہِ (یُس معانے انداز لگاوِتھ مُشکلس ییہِ کرنہٕ)۔ کانٛہہ لیکھتھ سُطر، ییٛمیُک معانے تہٕ حرف یمن تژ شوٗنی چھُ پانۆنی اکھ رآبطہٕ تہٕ اتھواس تہٕ یوٚہے چھُ صحی مطلب۔ قیاسی معانیس چھِ تژ ٛے قسم۔ چیز، النکار تہٕ رَس۔ صحی پہچان کرنس تہٕ چھِ تژ ٛے اَنداز۔ اتھ منٛز چھُ آوازِ ہُند اندر روٗنی صِفت انداز مُطآبِق دھونہِ خلاف سوچِن تژ ایہِ ہُند بڑٕ ہُشیآری سان تہٕ وِستارٕ سان راے پیش کرنہٕ آمٕژ۔

## (۱) گوڈنیُک سوچ

اتھ منٛز چھُ آنَند وردھنہِ ہِندی لیکھی ءمژ دھونہِ ہِندِ بن تآریفن مُتلِق مختلف راے ییتھِ کنٛی آمٕژ بیان کرنہٕ: ''ییٛتہٕ آواز تہٕ معانے پٔنٛنس پانَس غارٕ ضرۆری مانِتھ تتھ کاچھِمتِس معانیس زیادٕ واضح چھُ کران، عالِمو چھُ تتھی شاعری ہِندِس قسمس دھونہِ وۆنمٕت۔''[1]

شاعری ہنزِ اتھ تشریح منٛز چھُ مطلب، شبدٕ یا آواز وغارٕ لفظُک استعمال کرُن۔ اتھ پٔٹھ چھُ مُہم بھٹن سوال کھڑا کوٚرمُت تہٕ ییتھِ کنٛی امہِ تصنیفہِ ہِندِس اتھ حِصس مُتلِق واریاہ کھنٛڈرنہٕ کرِتھ باوِتھ دِتمٕت۔ اتھ دھونہِ

1. Yatraarthah shabdo vaa tamarthamupasar janee krita swarthau I
Vyangah kaavyavisheshah sa dhawnih iti sooribhih kathitah II
Dwamya Loka by Anandvardhana, s.,2, v.,13.

ہندِس تارٕیفس خلاف چھُ تمۍ دھونہٕ ہُند یہِ سیوٗد ساد تارٕیف پیش کوٚر رمُت۔ ''ییٚتہٕ کانٛہہ جُملہٕ یا تمۍ لحاظک کانٛہہ تصوری معانے کُنہٕ دوٚیمِس معانے یَس کُن اِشارٕ کرِتھ شاعری چھِ فرضی شاعری وَنان۔[1]

ییتھِ کنۍ دھونہٕ ہنٛز جایہ لفظ ''انداز'' لگاونہٕ سٟتۍ کرِ تمۍ لفظچ اَکہِ حالت قبوٗل سُہ گو لفظک لفظی معانے یانے اصلی صِفت یوت۔ شبدس تہٕ ارتھس درمیان یُس ظرافتی رِشتہٕ چھُ یا طاقت چھُ تتھ چھِ آمرٕ پور کھٔنڈرن کرنہٕ۔[2] ییتھِ پأٹھی چھُ أمۍ ہندِ موٗجوٗب یہِ صحی زِ شبدٕ تہٕ ارتھ ہیٚکن نہٕ کُنہٕ بیٚیس مانٛیس آویز روٗزِتھ۔ سُہ چھُ تیلی ممکن اگر لفظ ژأرکران لفظہٕ منتخب کرنس منٛز کانٛہہ غلطی سرِ زد گژھِ۔ أمہِ دوٚیرِ تہٕ نامُناسِب استعمالہٕ کنۍ چھےٚ لفظس زیادٕ مانے وتراوِچ سَکت روزان۔ اصلی مطلب تہٕ ظرافتی مطلب دوشوے ہیٚکو کھ انداز مطلبے تصور کرِتھ۔

## (۲) دوٚیم سوٗنچ

اَتھ منٛز چھُ طرزِ بیانکۍ زٕ قسم آمتۍ وبرٕھناونہٕ:

(۱) مطلبس پیٹھ مُبنی طرز تہٕ (۲) شبدس پیٹھ دٔرِتھ طرز۔ گوڈنیک چھُ اند روٗنی طرزِ بیانس سٟتۍ وابستہٕ تہٕ یہِ چھُ وُلہٕ خیالی یا سوٗنچس اِقتدار (لفظن ہُند) تہٕ بدخیالی ہندِ بے جوڑ میٗل کرنہٕ سٟتۍ عملہٕ منٛز یوان۔ دوٚیم چھُ

---

1. Vaachl yastadanumito vaa yatraartho arthantaram prakaashayati I
   Sambandhtah kutashchit saa kaavyanumitirityukhtaa II
   Vyakhti Viveka by Mahim Bhaat, s.,1, v.,25.
2. Shabdasyaikaabhidhaa shaktir arthasyaikaiva lingataa I
   Na vanjakatvamanayoh smasteetyupdaaditam II
   Ibid, s.,1, v.,27.

لفظن ہِندِس طرزِ بیانَس پٹھ مُنحصر تہٕ بیرٛوٗنی قسمچ طرزِبیاَنی چھےٚ تیٚلہِ پاَدٕ گژھان یِیلہِ لفظن ہُند وبستار نا سمجھی مۆجوٗب غلت گژھان چھُ۔ أتھی بیرٛوٗنی طرزِبیاَنی چھِ یِم پانٛژھ قسم۔

(۱) ژھانڈُن لایَق سوٗنچ (۲) شروٗعاَتی سوٗنچ (۳) سِلسلہٕ وار سوٗنچ (۴) بیٚیہِ دوہراوُن لایَق سوٗنچ تہٕ (۵) لفظہٕ بیاَنی۔ یِم ساَری دوٗش وِدِ کڈنہٕ باپتھ تہٕ فِکرِ تارنہٕ باپتھ تہٕ یِہنٛز تشریح معقول بناونہٕ باپتھ چھِ مہم بھٹن یِم قسم تہٕ یِمن ہِندِ بزوٗنہہ کُن قسم مِثالہٕ دِتھ فِکرِ تاَری مٕتۍ۔ اۭخرس پٮ۪ٹھ چھِن آچاریہِ آننٛد وردھنہٕ سُند دھونیالوکٕچ گوڈنچہِ کارِ کاپہِ منٛز دَرِج شاَعری ہُند روٗح دھونہٕ روٗ ٹمُت تہٕ اتھ چھِن واریاہ کُنڈی کڈی مٕتۍ۔

## (۳) ترٛیِم سوٗنچ

اَتھ منٛز چھُ دھونیالوٗکس منٛز دَرِج ژٕتجھن شبدن ہُند آلی وانگُن مہم بھٹن نوٗن کوٚ ڈمُت۔ تتھ منٛز یِیمہِ طرٛیہِ بیانٛک ذِکر آننٛد وردھنن ایرٛنی ماَئی مرٕ چھےٚ تِمن ہُند عِلم چھُ اِنسانس بزوٗنہٕ محسوٗس آسان سپُدمُت۔ یہِ کتھ چھُ مہم بھٹ طریقہٕ سان سمجھاوان۔ اتھ چھُ مہم بھٹ مِثال پیش کران۔ گُستام بھکشو چھُ شینکان شیکان پکان آسان۔ بیاکھ بودھ چھُس سمکھان تہٕ فِکرِ تاران ونان "بھگت جی پکِو بےٚ پھرکی پاٹھی"، ستی چھُس ونان "سُہ کمینہٕ ہوٗن اَے مور راتھ سٕہن۔" وُچھتو کوٗتاہ معنی چھُ یِمن دوٗن پدن منٛز بیان تہٕ کوتاہ چھُ پتھ کُن ژھپتھ۔ بھکشو چھُ آسان کھوٗژی کھوٗژی پکان ہوٗنی ہِندِ خوفہٕ کنۍ۔ ساَتھی چھُس ہوٗنی سُند سُہ ڈر دوٗر کران مگر سہہ سُند خوف چھُس بارِتھوان۔ ہوٗنی اَے

ترٛ اوِہبس سیٖہہ کتہٕ ترٛ اوبس۔

مٕہم بھٹن چھُ پننہِ تصنیفہِ ویکھتہٕ وِویکس منٛز پانس بزٕ وٕنہہ گونماتن آنندوردھن نٕس دھونیالوکس تہٕ کُنتک نٕس وکرٛوکھتہِ جیوتس کھنڈرن کرمژ۔ تتھے کنٕ چھُ تمٕ نوین خیالن پیٹھ سرنہٕ سونچنہٕ باپتھ اکھ موقہٕ فراہم کوٚرمُت۔ تمٕ چھُ دھونیالوءکِچ دھونہِ بجایہٕ شارس پیٹھ شاعری ہُند اثر شاعری ہِندِ بٕن تاریفن منٛز گنٛز رومُت۔

ییٚتہِ باقی آچاری چھِ شبدس تہٕ ارتھس درمیان، نہ وُنُن لایق بولن وآلی سُند خیال، نِشانہٕ باز سُند نِشانس پیٹھ لگن وول تیر۔ ظرافتس منٛز اُسن ووپداون وول خیال، یمن سارنے ہُند تعلُق چھِ پانہٕ وٕنی مانان تتہِ چھُ مٕہم بھٹ شبدس تہٕ مطلبس اکھ أکی سُند نکھہِ پھیوٚک مانتھ یمن منٛز خیالاتن ہُند تعلُق مانان۔ رٕسس چھُ تمٕ شاعری منٛز سارِوے کھوتہٕ سرٕس مُقام دیُتمُت۔ تمٕ سُند خیال چھُ زِ پانے ووپدن وأنِس یتھ جوہرس وُچھتھ أسی شاعری چھِ سارِوے کھوتہٕ تھزٕ رٕس مانان سُہ چھُ صرِف رٕس۔ اتھ کتھِ ستیٚ چھنہٕ کانٛسہٕ تہٕ کانٛہہ اِختلاف۔ دھونہِ کارس تہٕ چھےٚ یہٕ کتھ ویان زِ شاعری ہُند روح چھُ رٕس تہٕ یوہَے چھُ شاعری ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ساتھی۔ اَتہِ چھےٚ نہٕ دھونہِ کارٕس ستیٚ صرِف ناوٕچ پھیرِ فرِق۔ سُہ یتھ دھونہِ چھُ ونان أسی چھِ تتھ شاعری ہُند فرضی ناو دِوان۔ اگر اِنسان مطلب ارتھ تہٕ آیرٕنی یا دھونہِ ہُند ضِد ترٛاوَن تہٕ سأری سے شارِ عمارژ دھونہِ منٛزے زٕم کرن تیٚلہِ کیاز آسہِ کانٛسہِ کانٛہہ اِختلاف[1]

1. Kaavyasyathmani sangini rasaadiroopena kasyachid vimatih I
Sangyayam saa kevola meshaapi vyaktya yogtoasya kutah II
Vyakhti Viveka by Mahim Bhat, s.,1, v.,26.

تِتھے کُنۍ دھونہِ ہندی پاٹھی چھُ مہِم بھٹن طزِیہ بیاَنی تہٕ لِہٰذا ازس منز ے زَم
کُرِتھ شاعری ہُنُد اکھ حِصہٕ ماَنۍ مُت۔[1] مہِم بھٹ چھُ مانان زِ شاعری منز نامُناسِبت
چھِنہٕ رسہٕ کِہ پھُٹنک خاص وجہ۔ لِہٰذا کتھہٕ ہنز تشریح چھےٚ تمۍ تِتھ کُنۍ کرمٕژ۔
کاَچھمتِس رَسکِس وِسجارس منز ییلہٕ رُکاوٹ پاد گژھِ تسے چھُ نامُناسبتُک
اصلی معانے۔[2] رسدار مضمون لیکھنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ شاعر النکارن ہنز سجاوٹھ کرنہٕ
باپتھ ہمیشہٕ کوٗشِشہٕ منز روزان۔ یہٕ وَنتھ چھُ تمۍ رَسس شاعری منز اکھ غارٕ
ضرٛوری مُقام دیتُمت۔[3]

آچاریہ مہِم بھٹنۍ دھونہِ تہٕ طزِیہ بیاَنی خلاف تیٚنز فلسفیانہٕ راے ماَنۍ نہٕ
تَس پتہٕ ییٚنہٕ والیو گونماتو تہٕ آچاریو۔ ممٹن تہٕ وِشوناتھن چھےٚ تیٚہنٛدِ فلسفُچ سخ لفظن
منز مُخالِفت کرمٕژ۔ مگر یم ترقیہٕ تمۍ دھونہِ تہٕ طزِیہ بیانس مُتلق دِژمٕژ چھےٚ تمہٕ
پرٛتھ چھُنہٕ کانہہ تہٕ نقاد سوٗنچنہٕ بغار روٗزِتھ ہیکان۔



## (12) اَوچِیتہ وِچار چرٛچا - کُوی کنٹھابرَن

آچاریہ کھیشمندر اوس آچاریہ ابھنوگُپت سُنٛد ژاٹھ۔ ابھنوگُپت سُنٛد وَق
چھُ 960-1020ءٕ یَس تام مانہٕ یوان۔ یِہنٛزٕ تصنیفہٕ اوچِیتی وِچار چرٛچا کِس آخرس
پیٹھ چھُ کھیشمندرن تمہٕ وِزِکس راژ اننت راج سُنٛد ذِکر کوٗرمُت۔ تمۍ چھُ

1. Tena dvanivadeshaapi vakrokhtiranumaana kim I
Vyakhti Viveka by Mahim Bhat.
2. Etasya ch vivakshita rasaadi prateeti vignavidhayitvam naama saamaanya lakshinam I
Ibid, Second Vimarsh Vrathi Portion, s.,1, v.,73
3. Na chaalankaara nishpatyai rasa bandhodyata kavi I
Ibid, s.,2, v.,75.

1028-1063ہٕ یَس تام کٔشیرِ پٹھ راج کوٚرمُت۔ لگ بھگ یوٚہے وَق ہیکو أسی آچارِیہ کھیشمنٛدرُن تہٕ مانٛتھ۔

کھیشمنٛدر چھُ پانہٕ شاعری ہنٛدِ فلسفک آچارِیہ آسنہٕ علاوٕ بذاتہٕ خود اکھ کوہنہٕ مَشق شاعِر تہٕ اوسمُت۔ سُہ اوس أکِس بُستھ خاندانٕس سیٛتؠ توٗلُق تھوان۔ تٔمؠ چھُ پٔنٛنِس بَڈ بُڈی بَبہٕ سُنٛد ناو بھوگینٛدر تہٕ بُڈی بَبہٕ سُنٛد ناو سِندھ تہٕ مالؠ سُنٛد ناو پڑکاشینٛدر لیٛوٗکھمُت۔ وُنِستام چھِ کھیشمنٛدر نہِ یِمہٕ گنٛوہ تخلیقہٕ آمژٕ اَسہِ بڑونٛہہ کُن:

۱۔ اوٗچیِتہٕ وچار چرچا ۲۔ بڑہت کتھا منجری ۳۔ بھارت منجری
۴۔ بوذھاو دانہٕ کلپہ لتا ۵۔ چارُچرِیا ۶۔ چتُر ورگہ سنگرٛیہہ
۷۔ دَشہٕ اوتار چرتر ۸۔ درپہ دَلن ۹۔ دیشو پدیش
۱۰۔ کلا ولاس ۱۱۔ کوِکنٹھابَرن ۱۲۔ لوک پڑکاش
۱۳۔ نَرمہٕ مالا ۱۴۔ نیتہٕ کلپہ توٗرُ ۱۵۔ رامایَن منجری
۱۶۔ سمےٚ ماترِکا ۱۷۔ سیوِیہٕ سیوکوپدیش ۱۸۔ سُوٗرتہٕ تِلکا
۱۹۔ وِیٛاساشٹکم

یِمو علاوٕ چھِ أمؠ گونماتن ہٕنٛدِ ارداہ تصنیفہٕ لیٛچھمٕژ۔ یِمن أٹھن ہٕنٛدی ناوٕ ےیوت چھِ اَسہِ تام یاتہٕ أمؠ ہٕنٛزو باقی تصنیفو ذٔسی وآتیٚمتؠ نَتہٕ چھُ أمِس پَتہٕ یِنہٕ والیٚو نقادو پٔنٛنؠن تصنیفن مَنٛز یِمن کیٛنٛہن تصنیفن ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت تہٕ باقی چھےٚ وُنہِ نابوٗد۔

۱۔ چتُر بھارت ۲۔ کنک جانکی ۳۔ کھشمینٛدر پڑکاش
۴۔ لِلت رتنہٕ مالا ۵۔ مُکھتاؤلی ۶۔ نیتہٕ لتا
۷۔ ہٕرپاؤلی ۸۔ یوٗن پنٛچ شِکھا

ییمہِ سارے تصنیفہِ چھہِ کھشمیندر ہندِ طرح دار زِندگی تہٕ سوچن تٕر ایَن ہندی ضامن۔ تِمس شاعرانہٕ فلسفین منٛز جاے دِنہٕ باپتھ چھہِ تِہندِ اوچیتہ وچار چرچایُک ذِکر کرُن ضروری مگر اَمہِ برونٛہہ اگر أسی کھیشمندرٕ ہنٛزن سارِنے تصنیفن ہُند اکھ نفسیاتی جایزٕ ہمو اَسہِ باسہِ زِ شاعر ہندِس دِلس منٛز چھہِ تمہِ وِزِکس سماجس خلاف اکھ جلاو یُس تٔمی پننس قلمس کٔش کڈِتھ ہُمرووتہٕ پننس سماجس مُتلِق ییتھ منٛز تٔمی صرِف ژوٗر، تھپل، ٹھگ، دوکھہِ باز، چوگُل کھور کٹنی تہٕ توأیِفن ہُند گرم بازر تہٕ راز دربارن منٛز جنسی سرگرمیو علاوٕ بیٚیہِ کینٛہہ تہٕ وُچھ نہٕ۔ تس باسیو شاعرن ہنٛز شاعری چھےٚ حقیقت نِشہٕ دوٗر صرِف پانس چِنٛدٕ برنہٕ باپتھ۔ تس باسیہِ حاکم لوٗکن ہندی مددگار آسنہٕ بجایہِ چِنٛدٕ ژوٗر، ڈاکٹر باسیوس زَن چھُ بمار ہندِ کھوتہٕ پننہٕ چَنٛدٕ باپتھ پریشان۔ تٔمی تُل اکہِ اکہِ یمن سارِنے خلاف قلم تہٕ أخرس وأژ شاید شاعری ہنٛز وأرِ۔ اتھ منٛز یہِ اوس حُسنِ اتفاقُک ژھربر۔ کلامَس منٛز باسیَس معقویٚچ کمی۔ گو لغوی طور چھُ یمن واریاہ زیٛوٗٹھ تہٕ میٛوٗٹھ معانے مگر شاعری ہندِس فلسفس منٛز چھُ اتھ پنُن اکھ خاص معانے۔ تس باسیو زِ یوسہِ وتھ بھرت مُنی یَن أمس شاعرٕ ہندِ باپتھ مُقرر أس کرمٕژ۔ واریاہ کینٛہہ پٔکِتھ تہٕ لیکھِتھ چھُ زَن یہِ پننہِ وَتہٕ ڈوٗلمُت۔ تہٕ ییتھٕ کٔنی کوٗرسہٕ أمی زنتہٕ بیدار یُتھ زَن سہٕ پننس کلامَس منٛز معقولیت انہِ۔ ییتھ زَن سہٕ لوٗکن ہنٛزن دِلہٕ دُبرایَن قریب وأتِتھ پننس أندی پکھی رکس ماحولس سام ہیٚیہِ۔ أمی دیُت اتھ اوچیٚتہ وِچار ناو، چوٗنکہِ اَتھ پتہٕ اوس کھشمیندرس ہیٛو گونماتھ یہِ خیال بنٛیو باضابطہٕ اکھ اِدارٕ تیار۔ ییٚتہٕ چھہِ اکھ حقیقتھ زِ ''اوچیٚتہ'' یا معقولیت یا حُسنِ اِتفاق چھُ

شاعرانہٕ فلسفُک اہم جُز ییتھ نہٕ بھرت مُنہِ ہِندِ پتہٕ کانٛسہِ تہٕ فلسفدانٛن کانٛہہ پَن چھُ تلُمت۔ ساری شاعر تہٕ فلسفی روٗدی النکارن، رسس، شبدھس تہٕ ارتھس لولہٕ کھوٚل کران تہٕ اوچِتیس لوٗگ نہٕ کانٛسہِ اتھ تہٕ نہٕ کوٚرکھ جُرأت اتھ اَتھٕ لاگنس۔ آخر ژَل کھیشمندر اتھ دِس تہٕ ییتھِ کُنۍ کٔرن شاعری ہُندِ فلسفٕچ کتاب ہمیشہِ خاطرٕ مُکمل۔ اچ اہمیتھ چھُ شاعر ییتھِ کُنۍ بیان کران:

ییٚلہِ زَن ژھانٛڈ دِتھ تہٕ شارس منٛز معقولیت یا حُسنِ اتفاق نظرٕ گژھِ نہٕ تیٚلہِ چھِ اَمہِ فن پارکۍ ساری النکار تہٕ باقی گوٗنن ہُند زیوٗٹھ فہرس اتھ منٛز آسُن تہٕ نہٕ آسُن ہِشی کتھا۔[1]

کھشمیندرنہٕ اتھ تصنیفہِ منٛز چھِ کُنٛوہ باب (کارِکا) یہٕ تصنیف عام فہم بنہٕ خاطرٕ چھُ اُمی پانٛنے اتھ پیٚٹھ حاشیہ تہٕ لیٚوکھمُت تہٕ اتھ منٛز چھِن کالداس تہٕ بھوبھوٗتہٕ بیترِ شاعرن ہنٛز مِثالہٕ پیش کٔرتھ پننس "اوچِتیہ" مضموٗنس بڑوٗنہہ کُن واتھ کوٗرمُت۔ سُہ چھُ "اوچِتیہ وِچار چرچا" تصنیفہِ منٛز لفظ "اوچِتیس" ییمہِ آیہ تشریح کران "یُس ییمِس ہیوٗ آسہِ تتھ ونو ہشر تہٕ سُہ چھُ تسی لایق آسان۔ لایق آسُنے گوٚ یُس کُنہِ لگہِ یا لگہِ ہار آسہِ تہٕ لگہٕ بار آسُنُے گوٚ اوچِتیہ۔"[2]

سنسکرت گرامرِ حساب چھُ سَم (برابر / ہیوٗ مولہٕ لفظس) تہٕ ییتھِ کُنۍ چھُ پوٚت لوٗگ "دھاتہٕ" لگاوِنہٕ ییتۍ یہٕ سموت بنان۔ لگہٕ وہ ہار چہ زبانٛی منٛز چھُ

1. Kaavyasya alankaarai kim mithya ganitair gunaih I
   Yasya jeevitam Auchityam vichantyapi na drashyate II
   Auchyatya vichar charchaa by Kshemendra, v.,4.

2. Uchitam praahur Aachaaryah sadrasham kila yasya yat I
   Uchitasya chyo bhaavah tad auchyatyam prachakshate II
   Ibid p.,6.

اتھ لفظس مُناسِب، قابل، برابر، ہم وَزن، ہِوی وغارِ معانے نیران۔[1] تہٕ بنان "سموٗیتا"۔ یتھ منز یکہٕ وٹہٕ گژھنچ یا آسنچ بوے چھِ یِوان۔ ییتھٕ کنٕ چھُ کھشمینڈر سارِنے شاعر حضراتن سمنگ تہٕ یکجا سپدنک آلو تہٕ کران۔

اَدبس منز، ہونرِ منز، زندگی ہِندِس ساری ہے ماداُنس بیترِ منز چھُ یہ "اوچِتیہ" یوٗتاہ پھٕلتھ زِ کُنہِ تہٕ شوٗبس منز ہیکو نہٕ اَمہِ نِشہِ لوٗب روٗ زِتھ۔ کیٚمہہٕ صدی عیسوی منز سپز اوچِتیہ سِدھانتس پیٹھ اکھ جماتھ کھڑا۔ اتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یہ آس امہِ بڑونٛہہ بھرت مُنین بھامہہ، روٗدرٹ، آنندوردھن، کُنتک، مہِم بھٹ تہٕ ابھِنوگُپت بیترِ گونماتو "اوچِتیہ"۔ مقبوٗلیتک خیال تسلیم کوٗرمُت۔ واریاہو چھُ یہ لفظ تہٕ پننِن تصنیفن منز استعمال کوٗرمُت یا تہٕ اَتھی مانیس منز یا اَتھی بیتی رلیٚوُنس خیالس بیتی میٚل کھیوٗنس معنیس بیتی۔

ناٹیہ شاسترکی لیکھن والی بھرت ییٚلہِ ونان چھِ عُمرِ حسابہٕ گژھِ کردارس پلو پوشاکھ تہٕ آسن۔ پلو پوشاکہٕ حسابہٕ چال، ڈال تہٕ چالہِ ڈالہِ حساب بول چال تہٕ، تہٕ بول چالہِ حسابے گژھِ ایکٹنگ تہٕ آسٕنۍ۔[2] ییتھٕ کنٕ چھےٚ تمی یہ مُطابِقت "اوچِتیہ" لفظسے دِژمٕژ۔ یہ ہشر یا کُس گس ہیٚوٗ چھُ یمن کتھن ہُند فاصلہٕ چھُ آسان عام لُکن یا ساجس کرُن۔ بھرت سنز سوچن تراے چھِ یہے۔

لوٗکھ ییتھ کتھِ منظوٗری دِن سوے کتھ یا خیال چھُ منظوٗر یِوان مانٛنہٕ تِکیازِ ناٹک چھُ لُکن ہُندے سوبھاو آسان۔ یعنی یہ لوٗکھ چھِ یژھان تتھی چھُ

1. "Auchitau yogita" Rasagangadhar, Second Canto.
2. Vayo anu roopah prathamastu veshah,
   Veshaanaroopashch gatiprachaarah I
   Gatiprachaaraanugatam cha paathyam,
   Paathyanuroopo abhinayashcha kaaryah

Natya Shastra by Bharat, s.,14. v.,68.

ناٹکھ بنان۔ لہٰذا چھِ ناٹکس مَنٛز تِہِے تجرُبہٕ آسان یِم لۄکو بڑوٚنہِ چھِ کٔری مٕتۍ آسان۔[1] رَسِک آسُن حق بجانٕب قرار دِوان چھُ بھرت ہِنٛدِ ناٹیہ شاستر س مَنٛز وِکھنومُت یہِ پَد غور طلب۔

"یِیلہِ ناٹکس مَنٛز جِسمٲنی اَنٛگن ہِنٛدی اِشارٕ مُروجہ سماجکٮ۪ن سمسکارَن یا مُروجہ ریٖژو تہٕ رِواجَو نِشہِ ڈٔلتھ آسن یا یِمن ہاو باوَن ہُنٛد یِیہِ گُنہِ طریقہٕ غلط اِستعمال کرنہٕ تمی ہِتۍ چھُ رَسس مَنٛز رُکاوٹھ یِوان یا رسہٕ کِہ غلط استعمالٕچ حالت پٲدِ گژھان۔[2]

شاعری ہِنٛدی صِفت تہٕ دوش (خرٲبی) بیان کران یِیمہِ ساتہٕ بھامہہ چھُ ونان زِ بدکردار اِنسانس تہِ اگر مصنوی میک اَپ کرو سُہ تہِ چھُ سادھو بنِتھ گژھان۔ تِتھٕے کٔنۍ چھِ یِم زِ برخلاف لفظ (سادھو تہٕ اسادھو) تہٕ یِکوٹہٕ اتھ ماحولس مَنٛز ہم معنی لفظ بٔنِتھ معقولِیتس مانان۔[3] اَمہِ دوٚشچ (کٔمی ہُنٛز) بڑوٚنہہ کُن وضاحت کَران چھُ سُہ ونان زِ خوفس مَنٛز یا کھوژنس مَنٛز تہٕ غم تہٕ فِکرِ مَنٛز چھُ یوٚہے دوٚش (کٔمی) صِفت بنان تیار۔[4]

1. Loka siddhim bhavet siddhim natyam loka swabhaavajam I
Tasmaat naatya prayoge tu pramaanam loka drashyate II
Natya Shastra, Bharat, s.,26, v.,113.

2. Loka swabhaavasamsiddhaa loka yatraanugaaminah I
Anubhaavaa vibhaavaashch gyeyastvabhinaye budhaih II
Ibid, s.,7, v.,6.

3. Kinchidaashraya soundaryat dhatte shobhaam asaadhvapi I
Kaantaa vilochananyastamaleemasamivaanjanam II
Kavyalankaara by Bhamah, s.,1, v.,55.

4. Bhayashokaabyasooyasu harsha vismayayorapi I
Yathaaha gachchhagachchheti punarukhtam na tad viduh II
Ibid, s.,4, v.,14.

رُدرٹ سٕنٛدِس ''کاویہٕ پرٛکاشس'' منٛز چھُ آواز ہشرچن واریاہن ذآژن ہنٛدِ ووتلاوٕنکس اِظہارس دوران معانیس پیٹھ مُبنی معقولیتُک خیال تھاوُن وُنمت۔[1] آواز ہشرچ لگہارٕی کتھ جایہ تھاوٕنی چھےٚ ضروٗری تہٕ کتھ جایہ چھنہٕ۔ کِنتھ ہیکون یہ تہٕ آوِتھ تہٕ کِنتھ چھُ امیُک زیادٕ ضروٗرتھ۔ یمن سارِنے کتھن چھُ معانیس پیٹھ منحصر آسُن ضروری۔ دیش (مُلک)، خاندان (کُل)، ذاتھ (جاتہٕ) پۆرمُت لیُو کھمُت آسُن، دھن دولت یا اوسوٗدحال آسُن، وآنس، جاے، پۆشن پوترن ستیٚ تٔسنٛد وِوہار، جسامت، پلو پوشاکھ، بول (ڈایلاگ) وغارٕچ غار مۆضوٗنیت یا غار مُہذب آسنٕکی دۄش تہٕ چھِ آمتی وننہٕ۔ تِمن چھُ کام واہنا، کرٛودھ بیٚتر آسنکہٕ وجہہ کنہِ غلط طریقس کُن جھکاو آستھ ہرکان رَس تہٕ خیالن ہنٛز برتری کنی ہیکہٕ یہ جلیل اُلقدر النکار تہٕ ثابت سپدِتھ۔[2]

دھونہٕ فلسفکی پیش کار آنٛند وردھن تہٕ چھُ حُسن تہٕ اِتفاق رَسس تیٛوت نزدیک مانان یۆت اُپنِشد چھِ سآئنس ادبی سرمایس، یہ وٕنتھ چھُ تِمو سبٕٹھاہ قیمت بخشمت شآعرس۔ تسنٛز نظرِ تل چھُ رَس پھُٹنک شارس منٛز گنٕے وجہہ تہٕ سُہ چھُ معقولیت نہٕ آسُن۔ سُہ چھُ ونان غار معقولیت چھنہٕ رسہ کہٕ پھُٹنک کانٛہہ کارن یا وجہہ۔ بلکہ چھُ پرٛانہٕ گونماتو یہ کتھ ماٛنیٛمژ زِ کُنہ تہٕ مضموٗنہ خاطرٕ چھُ معقولیت تہٕ رَس دوشوٕے آسنی تیتے ضروٗری یۆت اُپنشد چھِ سانہٕ باپتھ۔[3]

---

1. Etaah prayatnaadadhigamya samyak auchityamaalokya yathartha samstham I
Mishraa kaveendrairaghnaalpadergaah kaarya muhuishchaiva graheetamuktaah II
Kavyalankaara by Bhamah, s.,2, v.,32.
2. Anauchitya pravrattaanaam kaamakrodhaa dikaaranaat I
Bhaavaanaam cha rasaanaam cha bandha urjasvi kathyate II
Kavya Alankaara Saara Sangrah by Baameh.
3. Anauchatya dratenaasti rasa bhangasy kaaranam I
Auchatyopanibandhastu rasayopanishat paraa II
Dwanyaloka by Anandvardhan, s.,3, v.,15.

سُہ چھُ ییٚیہِ اَکِس جایہِ وَنان زِ خیالن ستۍ یکساںٕتھ یا تضاد ییٚتِر یِم ساری ییٚلہِ معقولِیتس منٛز کُنہِ کہانی یا فن پارٕکس شرپرس طریقہٕ سان بڑ وٚنہہ پکناوان چھِ، سو تصنیف چھِ دِلس پڑ یہِ وُنی باسان۔[1] یہِ وُنتھ چھُ آننٛد وردھن ثابت کران زِ خلاف راے والین ہُنٛد غار موضوٗن طریقہٕ رَس نافذ کرُن چھُ رَسس ہیٚو یا خیالس ہیٚو محسوٗس کران۔ تِمۍ ہنٛدی کِنۍ چھِ مہاکوی ہنٛز خاص کام رَس وغارٕ لواَزِمات نظرِ تل تھاوِتھ گرامرِ رٕنٛگۍ بولنس لایق تہٕ فن پارٕ کتھا یا کہانی رٕنٛگۍ بوزنس لایق بناوٕنی۔[2] اِجتماعی معقولِیتس مُتلِق چھِ دھونہِ کارٕ ہنٛز راے زِ سو چھِ بول چالُک حُسن تہٕ لفظی بیانچہِ خوبصورتی پیٹھ منحصر۔ سُہ چھُ بڑ وٚنہہ کُن وَنان زِ اگر رام چنٛدرس ہِوِس بہوٗدُر تہٕ صبرٕ تہٕ تحمل وٲلِس مرکزی کِردارس خوف ستۍ زنٛگہٕ نٔن وول یا بڈٕ عارٕ ہوٚت بٔنتھ زارٕ پارٕ کرُنک مُسودٕ دِمَو تہٕ سُہ بنہٕ بول چالس خلاف تہٕ غار مقبوٗل کِردار۔ شرٛنٛگار یا کرُنا رَس منٛز چھُ بڈی بڈی سماس یکجا کرنکہِ تجرُبہ ستۍ کُنہِ پارٹُک یکہٕ وٕتہٕ کرنٛچ معقولِیتہٕ ستۍ کام اندان تہٕ ییٚتہِ کُنۍ چھےٚ شُجاعتی بیانَس منٛز یہِ یکجا کرنٛچ معقولِیت آسان۔ النکارن مُتلِق دھونہِ کار ہنٛز معقولِیتس مُتلِق چھےٚ یہِ راے زِ اصلی وتہِ نشہِ ڈٕلِتھ کوٗشِش کٔرِتھ تکمیلس واتناونہٕ خاطرٕ چھِ النکار کوشِشان روزان۔ یہِ چھُ دھونہِ کارَن ہُنٛد مانُن۔[3]

---

1. Vibhaava bhaavaanubhaava sanchaaryou chityachaarunah vidhih kathaashareerasya I
Dwanyaloka by Anandvardhan, s.,3, v.,10

2. Vaachaanaam vaachakaanaam cha yadauchityana yojanam I
Rasaadi vishiyenai tat karma mukhyam mahakavaih II
Ibid, s.,6, v.,32.

3. Dwanyaloka by Anand Vardhana, s.,2, v.,16.

تِہُنٛدِ ونہٕ مُطابِق مُرتب کرنٕس لایق لفظہٕ ژأر گژھِ گوڈے کرنہٕ یِنۍ یُتھ زَن اتھ معقوٗلِیت روزِ۔ کُنتکن تہٕ چھِ معقولِیتس تشریح کرمٕژ۔ تِسُنٛد وُنن چھُ زِ معقولِیت چھےٚ دراصل فِطرتُک پرواز تہٕ یہِ بیان چھُ لفظہٕ ''اوچِتیہٕ''۔ معقولِیتس واریاہ جہد بخشان۔

مہِم بھٹن چھُ ویکھتہِ وِویکس منٛز معقولِیت بحیثیت اکھ عام تشبیہ ووتلاوَن واَلِس اَکِس عنصر ہنٛدِ رٔنگۍ مقبوٗلِیت دِژمٕژ۔ اتھ مُتلِق الگ پأٹھۍ کانٛہہ سٔنۍ تحقیقأتی چھان بین چھُنہٕ ضروٗری مأنۍ مٕژ۔ تِسنٛدی کِنۍ چھُ رسہٕ کِس واتناوَنس منٛز ییٚلہِ رُکاوٹھ ییہِ سوے چھِ نا معقولِیت۔ یہِ چھےٚ دویہِ قسمٕچ۔ معنی رٔنگۍ یا لفظن ہنٛدی رٔنگۍ۔ مہِم بھٹن چھُ اکہِ طرفہٕ معقولِیتس یہِ وٕنِتھ زِ یہِ چھُ شأعری ہُنٛد دوہہٕ دِشکہِ ورتاوُک اکھ تھوٚد مُقام تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُن اتھ مُتلِق کانٛہہ سوٚن مطالہٕ پیش کرُن غأر ضروٗری بُجِتھ یہِ ادبکہِ دأیرٕ نیٚبر دأرِتھ دیُتمُت۔

یِتھٕ کِنۍ چھُ کھشمینٛدرَن بڈ وٕنہہ تہٕ کأشرِس ادبَس منٛز اَدبنوازن ہُنٛد اکھ زیوٗٹھ فہرِس یمو ادبی معقولِیتس پیٹھ پنُن قلم ازمأوِتھ اَمکہِ ضروٗرٕژ نِشہِ لوٗکھ چھِ آگاہ کٔرۍ مٕتۍ۔ بھرت چھُ ونان زِ ناٹککِن مختلف انگن یا حِصن یوٚسہٕ مطأبقت پانٕوٕنۍ آسان چھِ سوے چھےٚ معقولِیت۔ آنٛند وردھن تہٕ ابھِنو گُپتن تہٕ چھُ معقولِیت بحیثیت اکھ رِشتہٕ یا واٹھ تسلیم کوٚرمُت۔ییٚمہِ سٟتۍ زَن شأعری یا نثرس منٛز مواد چھُ اکھ اَکِس سٟتۍ رلوٗن میلوٗن تھٔنہٕ پیوان۔ مگر تِمن ہُنٛد وُنن چھُ زِ یہِ سورُے تعلُق چھُ صِرف رسہٕ موٗجوٗب دٔرِتھ الگ چھُنہٕ اتھ سکت کیٚنٛہہ۔ یہِ چھُ تِہُنٛد خیال۔

کھشمینڈر چھُ گوڈٕنیُک شاعِر یُس زَن معقولیت بحیثیتِ اکھ چلوُن فرقہٕ مون تہٕ وِژَنس اکھ اجتمأیی رنگت۔ کانہہ تہِ فلسفیانہٕ راے چھِ تیٚلی اتھ مُقامَس واتتھ ہبکان ییٚلہِ سو راے شاعری ہِندِس کُنہِ تہِ مصلس پنٕنس اجتماعی دآیرس منٛز أنتھ ہیکہِ۔ ییٚلہِ بھرت چھُ ونان زِ شاعری منٛز چھُ النکار آبُونے تمیُک مطلبے گو زِ سُہ چھُ النکار فلسفس مانان۔ ییٚلہِ جے دیو چھُ ونان زِ النکارو بغأر چھنہٕ شاعری مُمکنے تیٚلی چھُ سُہ النکار فلسفُک آچاریہِ مانٕنہٕ یِوان۔ کھشمیندرَس بڑونہہ یِمو تہِ آچاریو معقولیتچ کتھ کرمٕژ تہٕ تمیُک آسُن تہٕ چھُ ضروٗری مونمُت مگر شاعری ہُنٛد رُح چھُکھ نہٕ مونمُت کیٚنہہ۔ کھشمیندرن چھُ موضوٗنتیس ساری سے شاعری پیٹھ تہٕ امکبن سارٕنے انگن پیٹھ امیُک تسلُط مونمُت۔ یتھِ کنہٕ چھُ یہِ ساری سے شاعری پیٹھ حاوِی روزان۔ یہِ چھُ شاعری ہنٛز زِندگی تہٕ کاویُک رَس چھُ أمِچ زِندگی۔ معقولیتکِس نہَ آسنَس پیٹھ چھِنہٕ النکار النکار روزان۔ "اوچیٚتیہ وِچار چرچا" ہِندِ ترٛیہِ پیٹھٕ سٔتمس بابَس تام یِمن پانژن کارِکاین منٛز چھُ أتھی کتھِ پیٹھ زوٗر آمُت دِنہٕ۔

بڑونہہ کُن وضاحت کران چھُ عجوبہٕ رٔنگی رَس تھَنہٕ پیوان یُس معقولیت باپتھ رُح چھُ تتھ پیٹھ چھُ ووٚنی مُہِم بھٹ کتھ کران۔

شاعری ہُنٛد رُح معقولیت چھنہٕ لُکھ وُچھِتھ سمجھِتھ تہٕ بڑونہہ پکناوان اتھ اندر النکار ژیٚپلنی گرٛھن بَند تنہٕ کرنہٕ تہٕ مضموٗنَس منٛز گون یا صِفت گنٛزرٕنہٕ منٛز تہِ کیاہ فأیِد چھُ؟ یعنی تتھِس حِسابَس منٛز چھُنہٕ صِفتن تہِ کانٛہہ مُقام۔ النکار چھِ بہَ ہر صوٗرت زیور تہٕ گون چھِ صرِف صِفت۔ (یعنی یِم چھِ شاعری شوٗبدار

بناونکی عنصر مگر یم چھنہٕ اتھ شکل و صورت بخشن وألی کینہہ) رس چھُ شاعری کامیاب بناوان یتھ زن أسی رسہٕ سِدھ چھِ ونان تہٕ یہ چھُ ممکن ییلہٕ اتھ منز معقولیت یعنی زیوٗت آسہٕ تہٕ رس بنہٕ امہٕ باپتھ "پران"۔[1]

ییلہٕ یہ صحی جایہ پٔٹھ استعمال کرو تیلہٕ چھُ النکار النکار مُہم بھٹ چھُ ونان "ییلہٕ بوزشوژ گرتھ النکار یہ استعمال کرنہٕ اتھ منز چھِ معقولیت یوان تہٕ یہ چھُ شاعری ہنز شوٗب بنان۔ غلط جاین النکار تہٕ گونہٕ ورتُن چھُ بے کار۔ ییلی ہوس ہیٔو آسہٕ تیلی چھِ آچارتہٕ تتھ مُناسبت دِوان۔ یہ مُناسبت ژھارُن گو معقولیت تلاش کرٕنی۔ ہوس ہیٔو ژھارُن۔"[2] یمن کارکاین یا بابن منز چھُ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ خیالُک مرکز معقولیت یُس شاعری أندر تہٕ تہٕ نبر تہٕ دونوٕنی درمیان اکھ درمیأنی وتھ کڈتھ مطلبُک عنصر حاصل کرُن چھُ۔ کشمیندر اوس ابھنوگپت سُند ژاٹھ تمہٕ کٔنی ہیوٚک نہٕ سُہ رسس کھنڈرن گرتھ۔ تمی وون "رسہٕ سِدھسیہ کاوسیہ" رس چھُ شاعری ہُند زنتہٕ آتما۔ شریر بغار چھُنہٕ دُنیاہس منز آتما تہٕ کُنہٕ کامہٕ ہُند۔ یوٚ تام نہٕ شریر آسہٕ آتما کتھ لگہٕ۔ شاعری ہندِس أندر پکھس ستی ییلہٕ نیبری پکھیُک تعلق سِد تیلی ہیکہٕ اتھ منز لگہٕ ویوہار یتھ۔ تمی چھُ

1. Auvachityasya chamatkaarakaarinashchaarucharvane I
Rasajeevita bhootasya vichaarah kriyate adhunaa II
Kaavasyalamalankaaraih kim mithya ganitairgunaih I
Yasya jeevitamauchityam vichintyapi na drashyate II
Alankaaraastu alankaaraa gunaa eva gunaah sadaa I
Auchyatyam rasasiddhasya sthiram kaavyasya jeevitam II
Auchyatya Vichaar Crchaa Karikaa 3-5.

2. Uchitasthana vinyasaadalankratiralankratih I
Auchatyadachutaa nityam bhavantyeva gunaa gunaah II
Uchitam praahuraachaaryah sadrashyam kilayasyayat I
Uchittaasya cha yo bhaavastadau chityam prachakshite II
Ibid, K.6-7.

کھشمیندر معقولیتس ریچ زِندگی مانان تہٕ رَسس منز کامیابی پژاونس شاعری ہُنٛد زیوٗت مانان۔ شاعری منز چھُ ریچ معقولیت تہٕ ضروری تہٕ پدن ہنز بٔندِش تہٕ، النکارن ہنز معقولیت تہٕ یم ساری چیز چھِ اتھ شاعری ہُنٛد دَرجہٕ دِوان۔ یتھے کٔنی چھُ کھشمیندرن شاعری منز معقولیتُک عنصر رَسہِ کہِ جوہر کھوتہٕ سَرس مونمت[1]۔ یہ چھِ بذاتہٕ خود ساری بے شاعری پیٹھ پھٔہلتھ تہٕ شاعری چھے امیُک اکھ حِصہٕ زٕنگی تہٕ مانہٕ یوان۔ اتھ منز چھُ ہُمہ بھٹن لفظ ''چہ'' استعمال کٔرتھ یہ ژیٚنہٕ وَن دِژمُت زِ معقولیت چھِ شاعری اندر ساری بے پھٔہلتھ بٔلی کہِ چھے یہ شاعری ہنٛدِ بن انگن انگن منز رلہِ ملہِ پھٔہلتھ۔ اتھ چھُ آزاد صوٗرتس منز کُنے رٕپھ معقولیت تہٕ یہے چھِ انگن انگن پھہلنہٕ کٔنی لگ لنٛجہِ دار بنان۔ انفرادی حیثیت منز چھُ یہ ساری بے شارِ سرمایس منز معقولیتکِس صوٗرتس منز اثر انداز روزان تہٕ بأگرن کٔرتھ چھے یہ لنگن لنجن پھیٖرتھ معموٗلی حیثیت پژاوان۔ یہ چھُ ترٛتھے یتھ زَن کانٛسہِ اِنسانہٕ سٕنٛزن نرِ بن زنگن ہُنٛد خوبصوٗرت آسُن چھُ۔ یُس اَسہِ تٔہنٛدِس مُقامی یا ساری شریرچہِ خوبصوٗرتی تانی چھِ واتناوان۔ یہے حالت چھے گون، پَد، النکار، رَس وغارِ معقولیتہٕ بٔنتھ شارس یکہِ وٹہٕ سپدتھ تتھ سو معقولیتھ بخشان۔ النکار معقولیتس تہٕ رَسہِ اوچِتیس درمیان تہٕ چھُ یوٗ بے انگن ہنز موضوٗعیت آسان۔ شری ہرشہ سٕنٛز اکھ مِثال چھُ کھشمیندر دِوان تہٕ یہ واضح کران زِ کامہِ دِوَس، موسم بہارس سٟتی تشبیہ دِنٛی یِیتہٕ شرٛنگار رَسس مُوافق چھے تتہٕ چھُ سہ خوبصوٗرتی ہُنٛد اِشارٕ تہٕ دِوان۔ یعنی الناکارچ چھے لی معقولیت زِ یہ چھُ رسس سٟتی مُطابقت تھاوان۔

---

1. Kaavyasya angeshu praahuree chityam vyapi jeevitama I
Auchyati vichar charcha by Kshemendra, Karika 10.

کھشمیندرن چھُ وۄنمت زِ معقولیت چھُ شاعری مَنز رس پأدٕ کرنہٕ باپتھ ہمیشہِ پوشُون زیوُت۔ لہٰذا چھُ سوال پأدٕ گژھان کیاہ معقولیت چھا ہمیشہِ روزن واجینٕ۔ تِمو وۄن نہٕ زِ معقولیت چھےٚ شاعری ہُند رُح۔ بلکہ تِمو وۄن زِ یہِ چھےٚ امیُک ''زیوُت'' تہٕ یِمن دون لفظن ہُند معانے چھُن الگ الگ مونمُت۔ زیوُت چھُ جِسمس اندر تہِ تہٕ نیٚبرِ تہِ۔ نیٚبر صوٗرتس مَنز چھُ یہِ بدلاوس تأبین۔ گرا لوکُٹ تہٕ گرا بۄڈ، جوان تہٕ بُڈ وغأرٕ۔ امہِ مۄجوٗب چھُنہٕ پوشُون یا روزُن۔ مگر یُس امیُک لطیف تہٕ نوزُک حِصہٕ چھُ ہمیشہِ روزن وول تہٕ کُنہِ تبدیلی بغأرٕ۔ رُح چھُنہٕ روزن وول تہٕ بیٚیہٕ چھُ یہِ واریاہَن ٹاکین وہرأوِتھ آسان لہٰذا چھُ تمہِ رَنگہٕ ہمیشہِ بَدلُون۔ یۄہے رُوح چھُ پوشُون تہٕ غأر محدوٗد بنان تہٕ تتھ صوٗرتس مَنز چھِ اتھ مَنز تبدیلی یِوان تہٕ ہمیشہِ نہٕ پوشُون یا فأنی تہِ بنان۔ اتھ غأر محدوٗد حالژ مَنز چھُ پنُن پان بأگرِتھ پأنس مَنزٕ ے زَم گژھِتھ ہمیشہِ پوشہِ وُن تہٕ لافأنی بنان۔

معقولیتُک گیرٕ چھُ سبٹھاہ وۄسی۔ اتھ مَنز چھِ شاعری (رزمیہ بزمیہ) شاعری ہِندی باقی الگ تہٕ یِمو نیٚبر چیز، دیش، کال، ذات، کارٕ بار وغأرٕ تہِ یِوان۔ یِتھِ کُنہِ ہیکہِ یہِ لاتعداد قِسمہٕ آسِتھ۔ کھشمیندرن چھُ پانٕہ تہٕ ستوُہَن قِسمن ہنٕز پہچان کَرمٕژ تہٕ یِتی چھُن اَخرس پیٹھ وۄنمُت زِ یَرن والین یَزن معقولیتکی باقی بیٚیہٕ قِسم شاعری ہِندی یِم قِسم پرنہٕ پتہٕ مُقرر کَرنی۔ یِژھ ہِشہٕ مِثالہٕ ہیکَن لاتعداد آسِتھ لہٰذا چھُنہٕ دولابَس گژھنُک ضروٗرت کینٛہہ زِ یِتی قِسم کیازِ۔ معقولیتکی یِم قِسم کھشمیندرن ونہِ چھِ کَڈی مِتی تِم چھِ یِتھِ کُنہِ:

۱۔ پَدِ لحاظہٕ ۲۔ جُملہٕ لحاظہٕ ۳۔ مضموٗنہٕ حِسابہٕ
۴۔ صِفتہٕ لحاظہٕ ۵۔ النکارو موٗجوٗب ۶۔ رسہٕ موٗجوٗب
۷۔ کام (فعل موٗجوٗب) ۸۔ گردانو لحاظہٕ ۹۔ جِنس لحاظہٕ
۱۰۔ تعداد لحاظہٕ ۱۱۔ اِسم صِفت لحاظہٕ
۱۲۔ بڑوٚنہہ لگہِ موٗجوٗب ۱۳۔ لفظ الگ الگ گرٛھنہٕ موٗجوٗب
۱۴۔ وقتہٕ موٗجوٗب ۱۵۔ ملک موٗجوٗب ۱۶۔ خاندآنی لحاظہٕ
۱۷۔ بٔڈی، لۄکی دوہ لحاظہٕ ۱۸۔ جوہر لحاظہٕ ۱۹۔ ذأژ لحاظہٕ
۲۰۔ مقصد لحاظہٕ ۲۱۔ طبیتہٕ لحاظہٕ
۲۲۔ پتھ پلہِ رٹنکہِ لحاظہٕ ۲۳۔ دِلچِہ چاہت لحاظہٕ ۲۴۔ حالٲژ لحاظہٕ
۲۵۔ سوٗنچ لحاظہٕ ۲۶۔ ناوِ لحاظہٕ
۲۷۔ تہٕ آہی یا بدلہِ کیٛنٛہہ کانٛچھنہٕ لحاظہٕ

کھشمینڈرن چھُ پرٛتھ معقولیت کارس تشریح کٔرِتھ تمہِ پتہٕ چھِن تتھ مِثال دِژِتھ تہٕ تمہِ پتہٕ تتھ مُخالِف مِثال دِتھ ہرکانٛہہ معقولیتھ فِکرِ تارنٛچ کوٗشِش کٔرِتھ۔ یِمھن مِثالن یا تِمن برخلاف بیأنی ہنٛز چھنہٕ کانٛسرِ شأعری منٛز کانٛہہ کمی۔ مِثالہِ پأٹھی نی تون غلام احمد مہجوٗر صأبنٛز نظم ''وُزمل''۔ اتھ منٛز چھِ تِم وارِیاہ معقولِیاتکی یا اتھ خلاف مُقام موٗجوٗد یِم امہِ شأعری ہنٛز یہِ اہم ضروٗرت فِکرِ تارنس منٛز مددگار ثأبت ہیٚکن سپدِتھ۔

ہیٛرِ بوٛنہٕ لٲگتھ جامہٕ ووژلی یے — اَتھ کیٛاہ چھُ معانے یہِ کمیُک نِشان
خوٗنِ ناحق ما دژا یکھ ملی ملی یے — نوٗرِ وُزملی یے پوٗرِ ہاو پان

رِیچہِ معقولیتہٕ مُتلِق کتھ کران چھ کھشمیندر صحی تہٕ پوٗر رسس مُطأبِق معانے ترٛاد مانن والین ہندٕ بن ضرورتن کُن پوٗر پوٗر دھیان تہٕ دِوان تہٕ کالداسنہٕ ''کُمار سمبھو'' تصنیفہِ منٛز زٕ مِثالہٕ پیش کران۔ أکس منٛز چھُ ''وسنت'' ''بہارس'' پتھ الظام دِوان زِ سُہ چھُ شہوأنی اِنسانس ہیوٗ۔ حسینایَن چھ باغن تہٕ سبزارن ستی شِکایتھ۔ بے راہ تہٕ ووزلہِ رنگہٕ پلاش کُلین ہندٕ بن پوشہِ ٹوٗرن چھ نموستی پنٕنِس جسمس پیٹھ نِشان بناوَن وأجینِن ہنٛز شِکایتھ تہٕ بھگوان شنکرس تہٕ پاروتی درمیان ووتلیمژ عیش پرستی ہنٛدِ شرنگارِچ یَژھاہِ اُکساونہٕ بجایہِ صحی اِستعمال آسنہٕ کنٛی خلاف تحریک ووتھنچ شِکایتھ۔ اتھ بجایہ چھِ دوٚیمہ مِثالہِ منٛز کرنکار (اکھ پوشہِ کُل) پوشہِ کُلین ہُند بیان آمُت کرنہٕ تہٕ ورگہٕ پأٹھی چھِ بناون وألِس دَیِس تہٕ بدرد آمُت ونہٕ مگر شِنگارِ رسس مُطأبِق تہٕ یہِ تحریک اُکساونس خلاف چھنہٕ کانٛہہ تہٕ کتھ آمژ کرنہٕ[1] لہٰذا چھُ یوٚہے بیانہٕ سَرس یوان مانٛنہٕ۔

تِتھے کنٛی چھُ کھشمیندرن مختلف شاعرن شاعری ہنٛدیو رنگہٕ رنگہٕ رسو ستی ووپدیمتہِ معقولیتُک خیال تھاوتھ بھانٛڈ بھانٛڈ کوٗرمُت۔ اگر نہٕ یہِ کروتیلہِ سَپدِ غاَر معقولیتہٕ تہٕ اچہٕ موٗجوٗدگی ستی گژھِ رس اوٗلوٗدٕ یوسنہٕ ٹھیک کتھاہ چھِ شاعری باپتھ تیٚنٛدِ خیالہٕ موٗجوٗب۔

1. Baalendu vakraanya vikaasabhaavaad babuh palaashaanya-tilohitaani I
Sadyo vasantena samaagataanaam nakshataaneeva vanasthalaani II
Varna prakarshe sati karnikaaram dunoti nirgandhataya sma chetah I
Prayena saamagraya vidhau gunaanaam praanmukhee vishvasrajaa pravatih II
Teshaam parasparaashileshaat kuryadauchitya rakshanam I
Anauchityena samspushtah kasyeshto rasa sankarah II
Auchyatiya Vichar Charchaa by Kshemendra.

کھشمیندرن چھنہٕ کانہہ سائنسی اوٗصوٗلن پیٹھ ترتیب دِتھ معقولیتکۍ قسم تشریح کرٕمتۍ تہٕ یمن ہندی بڑ وٕنہہ کن قسم تحریر کرٕمتۍ تہٕ نہ صاف اندازس منز بیان کری٘متۍ۔ یہ چھُ ڈاکٹر شنکر دیو اوترے سُند خیال۔ تمۍ ہندِ خیالہٕ موٗجوٗب یُس جمأتی رنگتھ کھشمیندرن معقولیتس دِنچ کوٗشِش کر سو کامیأبی گیہ نہٕ تس حاصِل یوسہٕ تس پزِ ہے حاصِل کرٕنۍ ۔[1]

تیٚنز اتھ کتھِ منز چھِ پزر مگر صِرف امہِ کتھِ باپتھ پزِ نہٕ اسہِ کھشمیندرنۍ یہِ کوٗشِش دول دِتھ تراوٕنۍ۔ کھشمیندرن چھُ معقولیتس جمأتی رنگت دِژمٕژ تہٕ اتھ منز چھِ تم کامیاب تہِ سپدی٘متۍ۔ یہِ کتھ چھِ الگ زِ اتھ وتہٕ پیٹھ پکن وألۍ سأتھی سمکھییہ نہٕ تِمس زیادٕ یٚیمہِ کنہِ نہٕ أمی سُند اوٗصوٗل بڑ وٕنہہ پوٗک تتھ ہیٚکن باقی تہٕ وارِیاہ وجہہ أستھ تکیازِ سنسکرت زبان أس ووٚنۍ عام لُکہٕ رٕوِشہٕ ڈٕلتھ پوٚت آنگنس کُن لمان۔ توٗ پتہٕ تہِ پزِ اَسہِ یہِ مانُن زِ زِندگی ہِندی پأٹھی چھُ اَدبَس منز تہِ معقولیتس اکھ خاص مُقام۔



## (13) گوٚکنٹھابرَن

کھشمیندرنہٕ یتھ تصنیفہِ منز چھِ پأنژھ جوڈ:

(۱) شاعر بنُن (۲) تألیمہِ ہنز کتھ باتھ (۳) عجوٗبہٕ (۴) صِفت تہٕ بدصِفتی یا دوٗش تہٕ (۵) تعارُف پراوُن۔

گوڈنِکس جوڈس منز چھُ غأر شاعِر کتھٕ کنۍ ہیٚکہِ شاعِر بنِتھ۔ امہِ باپتھ چھِ زٕ طریقہٕ آمتۍ واضح کرنہٕ۔

1. Kaavyanga Prakriya by Dr. Shankar Deva Avataray, p.,262.

(۱) سرسوٚتی تہٕ شکھتی ہُند سبٕڑاہ گوٚن دھیان مَنٛس مَنٛز دَرُن یتھ زَن قو درتی کوٚشِش چھُ ناو آمُت دِنہٕ تہٕ

(۲) جُرت مَند شاعرن مثلن مہاکوی کالی داس سٕندِ بن تصنیفن ہُند مُطالہٕ کرُن تہٕ تحریک حاصِل کرٕنی۔

دوٚیمس جوڑس منٛز چھُ شاعرن ہٕندی یِم پانٛژھ قسم وننہٕ آمٕتی۔ یِم چھِ (۱) ژھایہٕ ہٕلس بَسن وٲلی (۲) مِصرٕ ژوٗر کرن وٲلی (۳) پادٕ ژوٗر (۴) سارِ جہانٕکی شاعر تہٕ (۵) کُلہٕ عالمکی شاعر۔

(۱) پرٛانین گونماتن ہٕنٛز وتصنیفو منٛز خیال ژوٗرِ نِتھ اتھ پنٕن خیال وٕنِتھ پیش کرن وٲلی چھِ ژھایہٕ ہٕلس بَسن وٲلی شاعر۔ بھللٹ شتکس منٛز اوس بھللٹن یہٕ کالہٕ کوٚٹ زہر خراب شاعرن یا لُکن ہٕنٛزِ زبٲنی پیٛٹھ روزن وول موٗنمُت۔ تِمس پَتہٕ ینہٕ وٲلی اُتپلن راج دیون چھےٚ یہے کتھ وٕنِتھ کال کوٚچ تشریح منٛز دُشٹن یا ووٚکھِ لکُن ہُند بیان کوٚرمُت۔ تِمس پَتہٕ چھُ باقیو تہٕ کینٛہو شاعرو یوٚہے پَد کم کاسہٕ ادلا بدلی کرِتھ وَرتوومُت۔

(۲) یِتھی مِصرٕ ژوٗر چھِ دوٚیمِن ہٕندی مِصرٕ پانٛس کُن منصوٗب کران یِمن ونو مِصرٕ ژوٗر۔

(۳) یِتھے کٕنی چھِ کینٛہہ شاعر پانٛس برٛونٛہہ شاعرو ورتاومتہٕ کُنہٕ شارک اکھ پاد یا تمہِ زیادٕ چھِ تِم پننِس کلامس ستی رل کران تہٕ پننی شار وَنان یِمن چھِ پادٕ ژوٗر ونان۔

(۴) کینٛہہ شاعر چھِ پانٛس برٛونٛہہ شاعرن ہٕندی خیال تہٕ لفظ نِتھ

پٔنس کلاسس منٛز شامِل کران یمن چھےٚ نہٕ کانٛہہ زٲر کرٕنۍ تہٕ نہٕ خاص کیٛنٛہہ رغبت یمن ونو سارِ جہانکۍ شارٕ زٕ ور۔

بھگوان ویاس جیٚس چھِ آدِگورٕ ونان تہٕ اٲسۍ ہنٛزِ تخلیقو منٛز چھِ از تہٕ شاعر کہو نثرنِگار فاضِل ثُلان یمن ہُنٛد تعداد کرورَن منٛز آسہِ۔ امہِ باوجود تہٕ پزٲو سانہِ شاعرو مہاکوی پدوی یمن نہٕ شُمار چھُ۔ ناٹکن منٛز ایکٹِنگ وُچھنۍ، لُکہِ ووتھ بیٹھِ ہُنٛد خیال تہٕ تہٕ عٔلم تہٕ۔ صُجن سُلہِ وٕتھتھ دھیان کرُن بیٚترِ یم سارۍ چیٖز پانٛس منٛز ووپداوَن والِین نوٕ پیہِ ہنٛدٕہن یمن شاعرن وَنو کُلِ عالمکۍ شاعر تِلکیاز یمن چھِ شاعری منٛز تہٕ دبماغس منٛز نوٕی خیال آمتۍ آسان۔

ترٛتیٖمس جوڑس منٛز چھُ شاعری ہنٛدٕہن ذٔہن چمتکارن مُتلِق راے زٕنی کرنہٕ آمٕژ مِثالہِ دِتھ۔ یم چھِ:

۱۔ سو نزاکتھ یوسہٕ ہنٛگہٕ منٛگہٕ سونٛچنہٕ بغاٲرے شارس منٛز پادٕ گژھِ۔

۲۔ سو نزاکتھ یوسہٕ شارس منٛز سونٛچتھ ووتلاونہٕ ییہِ۔

۳۔ یتھ منٛز سارۍ پدٕ دُعایہِ آسن عکس گژھان۔

۴۔ یتھ منٛز سارِ مُللکۍ دُعایہِ پد آسن بڑ وٕنہہ کُن یوان۔

۵۔ یتھ منٛز شبدھ سرمایس پٔتھ نظر آسہِ۔

۶۔ یتھ منٛز معنی سرمایس تھٔزر آسہِ۔

۷۔ یتھ منٛز شبدھ تہٕ معانے دوٕنوٕے لرِلوٚر پکن۔

۸۔ یتھ منٛز النکارن پٔتھ نظر وٕژھ آسہِ۔

۹۔ یتھ منٛز رَس آسہِ تہٕ

۱۰۔ یوسہٕ زٕن لگہارۍ منٛز سرس آسہِ۔

ژۄرِمس جوڈس مَنز چھُ لفظن ہُند بجر، معانے یُک بجر تہٕ رسُک بجر یِمن ترٛن شاعری ہِندِ بن گونن ہِنز وکھنے کرنہٕ آمٕژ۔ تتھے کنۍ چھِ لفظہٕ اولٕو دگی، معانے اولٕو دگی تہٕ رسچ ناپاکی یِم ترٛے دۄشی تہٕ آمتی ونہٕ۔

شاعری تہٕ چھےٚ پانژٕ قسمٕچ ونہٕ آمٕژ:

۱۔ سگُن۔ یَتھ مَنز گون ''صِفت'' آسن۔

۲۔ نِرگُن۔ یَتھ مَنز نہٕ کانٛہہ تہٕ صِفت آسہِ۔

۳۔ سَدۄش۔ یَتھ مَنز خامی آسن۔

۴۔ نِردوش۔ یَتھ مَنز نہٕ خامی آسن تہٕ

۵۔ سگُن دوش۔ یَتھ مَنز گون تہِ آسن تہٕ دوش تہِ۔

یِمن مُتلِق چھُ کادمبری، وینی سمہار تہٕ سۄریہِ شتک بیٚترِ رزمیو مَنزٕ مِثالہٕ دِتھ وضاحت آمٕژ کرنہٕ۔

پانژمِس جوڈس مَنز چھُ بحث مباحثہٕ، گرامر، بھرت، چانکیہ، واتسیاین، مہابھارت، رامایَن، مۄکھشو پانے (نجاتُک پاے)، آتمہٕ گیان (پان پرٛزِناوُن)، دھاتہٕ واد، رٕتنہٕ پرکھشا، وَیدک، جیوتِش، دھنُروید، گج لکھشن (ہۄس پرٛزِناوُن)، ترُگ لکھشن (گُر پرٛزِناوُن)، پُرشہٕ لکھشن (اِنسان پرٛزِناوُن)، دیۆت (راز)، اِندر زال (وَش کرُن)، چِترِ (تصویر کشی)، دیش، کُلی، جنگلی جانور، فیاضی، بے زُو زِناوُن، مۄردِ زِندٕ کرُن، بھکتہٕ، پرٛزٕچ تہٕ اپرٛزٕچ پرکھ تہٕ شانتی۔ یِمن سارِنے مضموٗنن ہُند چھُ خُلاصہٕ آمُت پیش کرنہٕ تہٕ مِثالہٕ آمٕژٕ دِنہٕ رَزمیہٕ کادمبری، دیشوپدیش تہٕ بیٚیہٕ مُکھتاوٕلی بیٚترِ تصنیفو مَنزٕ۔



## (14) کاوٕیہ پرٛکاش

یہِ چھےٚ آچاریہِ ممٹ سٕنٛز سارِوٕے کھوتہٕ تھٕیکنٛی لایق تصنیف۔ أمی گونماتن چھُنہٕ پانَس مُتلِق یا پنٕنس خاندانَس یا زیٛنس بیٚترِ مُتلِق کیٛنہہ۔ یتھ تصنیفہِ یا بیٚیہ کُنہِ پنٕنہِ تصنیفہِ منٛز کانٛہہ ذِکر کوٚرمُت۔ صِرف تٔسنٛد ناو ''ممٹ'' آسُن چھُ یٚیمہِ کتھِ ہُنٛد ضامن زِ سُہ چھُ سانہٕ کٔشیرِ ہُنٛد روزن وول اوسمُت۔ کاوٕیہ پرٛکاشکی ٹیکاکار بھیم سینہٕ سٕنٛدِ مُطابِق اوس ممٹ اُدبھٹن بوٚڈ بوے۔ راجانک آنٛند سٕنٛز نِردرٛشنا ٹیکایہِ منٛز چھِ ممٹ کٔشیرِ ہُنٛد شیو فلسفی وننہٕ آمُت۔ ممٹن چھُ پانہٕ ابھنوگُپت سٕنٛزٕ تصنیفو منٛز اقتباس دِتی متی۔ ابھنوگُپت سُنٛد وَق چھُ 1025ء مُقرر کرنہٕ آمُت۔ تھِزٕ آوازٕ ہٕنٛدِس اُدات النکارس مُتلِق لیکھان چھُ أمی بھوج راجس مُتلِق ذِکر کوٚرمُت۔ أمی سُنٛد وَق چھُ 1054ء مُقرر کرنہٕ آمُت۔ امہِ کتھِ تلہٕ چھُ صاف ظاہر سپدان زِ کاوِیہ پرٛکاشچ تصنیف آسہِ ہے نہٕ 1050ء بٕرٛونٛہہ لیکھنہٕ آمٕژ۔ کاوِیہ پرٛکاشس منٛز سارِوٕے کھوتہٕ وٚانسٕٹھ تشریح چھےٚ مانِک چندر سٕنٛز یٚیمی سُند لیکھنُک وَق چھُ 1160ء وَننہٕ یِوان۔ گو 1160ء یَس تام اوس کاوِیہ پرٛکاشن اکھ مشہوٗر تصنیفہِ ہُنٛد روتبہٕ پرٛوومُت یُتھ زَن اتھ پٔتھ آیہِ تشریح لیکھنہٕ۔ یتھِ پاٹھی چھُ ممٹن وَق 1050ء پٔتھ 1150ء یَس تام ماننُن وٚاجب باسان تہٕ یتہِ چھُ واضح زِ أمی اوس بنارس گرٛہتھ گرٛامر تہٕ اشٹہٕ ادھیالی ہُنٛد مُطالہٕ کوٚرمُت۔

آچاریہِ ممٹن چھےٚ زٕ تصنیفہِ لیچھمژ۔ کاوِیہ پرٛکاش تہٕ شبدھ ویاپار وِچار۔ مگر تمی سٕنٛز مشہوٗری ہُنٛد موجوٗب بنیوو کاوِیہ پرٛکاشے یٚیمہِ مشہوٗری ہُنٛد

اندازٕ چھُ امی سٕتی نِنان زِ اتھ پٔٹھ چھِ وُنستام پاںٛژٕ ستتھ تشریح آمٕژ لیکھنہٕ۔ یِمہٕ
اَز تہٕ سنسکرت گرٛامرکس ادبس پٔٹھ نظر ترٛاونہٕ باپتھ دُنیاہچن وارِیاہَن زبانَن
منٛز چھِ لیکھنہٕ آمٕژ۔ کاویہ پرٛکاشس منٛز چھُ کُل 142 کارکایہ یا باب۔ یِمن
پٔٹھ شرح چھُ آمُت لیکھنہٕ۔ آچاریہ وِدھیا بھوشن، آچاریہ مہیشوری وغارٕن ہُنٛد
وَنُن چھُ زِ ممٹ چھُ صرف تشریح لیکھن ووٚلے یوت تکِیاز کاویہ شاسترٕچ
کارِکایہِ چھےٚ بھرتن پٔچھمٕژ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ رسس سٕتی وابسطہٕ کیٛنٛہہ
کارکایہِ چھےٚ ممٹَن ناٹیہ شاسترٕ منٛزٕ اخز کٔرمٕژ۔ مگر باقی کارکایہِ چھےٚ ممٹنے
لیچھمٕژ تصوٗر کرنہٕ یِوان۔ کاویہ شاسترٕکی کانٛسہِ تہٕ پرٛانہِ زمانٕکی شرح نِگارَن چھُنہٕ
ٹیکا کار تہٕ ورتہٕ کار الگ الگ مانٛزمٕتی۔ یِیٚتہِ تہٕ ممٹ بھرت سٕندِس متنس چھُ
اقتباسس منٛز اَنان تتہِ چھُ سُہ امہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف تہٕ کران زِ یہٕ چھُس بھرت
سُنٛد اقتباس پیش کران۔ یہِ کتھ چھِ ثابت دِوان کٔرتھ زِ یوسہٕ کارِکا یا تشریح
کاویہ پرٛکاشس منٛز چھےٚ سو چھےٚ سأرِی ممٹَن لیچھمٕژ۔ مانِک چنٛدر سٕنٛز کاویہ
پرٛکاشچہٕ ٹیکایہِ منٛز چھُ لیکھتھ "یِمہٕ تصنیفہِ ہُنٛد آغاز چھُ اَکی نفرن کوٚرمُت۔ بیٚیہِ
اَکی نفرن ترتیب دیتُمت تہٕ اضافہٕ کوٚرمُت۔ مگر توٗ پَتہٕ تہٕ یوٚتام تیٚمِچہِ ترتیب
کأری ہُنٛد تعلق چھُ یہِ چھےٚ کُنی تصنیف ہر رنگہٕ بوزنہٕ یِوان۔"[1] نقاد سومیشورن
تہٕ چھُ تیتھے کُنی وٕنمُت زِ یہِ شأعری ہٕنٛز تصنیف چھےٚ رُوٗزمٕژ اِبتدأہَس منٛز اَڈلیچ
تہٕ کٔمی تانی دوٚیِم چھُ یہِ پوٗرٕ کٔرمٕژ۔ راجانک آننٛدن چھُ کاویہ پرٛکاش نِدرشنس
منٛز لیٛوکھمُت زِ "ممٹن چھُ اَمہِ تصنیفہِ ہُنٛد تشریح حِصہٕ بیٚین اتھہِ لیکھنوومُت تہٕ

1. "Atha cha ayam grantho anyena aarabdho aparena cha samarthita iti dvikhando api sangatana vashaada khandaayate."
Sahitya Darpan by Mamatta, Vratti Portion.

باقی حِصہٕ چھُ الگ ناوی کُنۍ تانۍ ''اَلک'' گونماتن لیٚوکھمُت۔[1] کُنہِ کُنہ، جایہِ چھُ ''الٹ'' ناو تہٕ نظرِ گژھان شرؠ داس گُپت تہٕ اِبس کے ڈے سُند مَت تہٕ چھُ زِممٹ چھُ پٔنٛژ تصنیف صرف پرٕکر النکارس تانی لیکھتھ ہیوٚکمُت باقی کِتاب چھےٚ بیٚیہِ کُنۍ تام پٔھٕرٕ۔

یہٕ پوٗرٕ تصنیف چھےٚ ہندوستانی شاعری ہٕندِس فلسفس پیٹھ اکھ بیش قیمتی کِتاب۔ آچاریہِ بھرت مُنی ہٕندِ ناٹیہ شاسترٕ پیٹھٕ بھوج ہٕندِس شرنگار پرٕکاشس تام چھُ کاوِیہ پرٕکاش ہندوستانی شاعری فلسفٕچن سوچن ترٲیٖن پیٹھ کُنے گرتھ یَتھ منٛز آچاریہِ ممٹن چھِ یم ساری خیال یکجا تہٕ یکوٹہٕ کٔرۍمٕتۍ۔ مہامہو پادھیاے پی۔وی۔کانے ہٕندِ بن لفظن منٛز۔ واریاہو صٔدِیو پیٹھٕ اوس شاعری ہٕندِ فلسفٕکین بیٚۄن بیٚۄن مدن پیٹھ کتھ گژھان تہٕ نٔوۍ سوال کھڑا گژھان۔ تم ساری خیال تہٕ سوچن ترٲیہ چھےٚ اتھ منٛز یکہِ وٹہٕ کٔرِتھ پتہٕ تمن ہُند لُبہِ لباب تہٕ آمُت پیش کرنہٕ۔ بڑونٛہہ کُن یِنہٕ والین شاعری ہٕندِ بن سبٹھاہ سٔنین خیالن تہٕ چھُ یوٗتاہ پلس تہٕ تیٚوٗتاہ نظرِ ثانی کٔرِتھ ژھوٹین لفظن منٛز بیان کوٗرمُت۔ ناٹک ترٲوِتھ چھُ ادبی فلسفٕکین قریب سارِنۍ کتھن دٔل آمُت دِنہٕ تہٕ قابلہِ قبوٗل کتھ چھِ ژھوٚٹۍ پٲٹھۍ قلم بنٛد آمٕژ کرنہٕ۔ یتھٕ کِنۍ زَن ناوٕ تلے چھُ ''کاوِیہ پرٕکاش'' مولوٗم پیدان امہِ تصنیفہِ ہُند مُدا تہٕ مقصد چھُ شاعری ہٕندِ بن قسمن تہٕ اِمکین لنگن لٔبِجن سان یِمن سارِنۍ ہنٛزٕ تشریح کرٕنۍ۔ کاوِیہ پرٕکاشس منٛز چھِ دٔہ باب یِم ممٹنہِ ونِنہٕ حِسابہٕ شاعری ہنٛزٕ علامٕژ چھےٚ تہٕ اتھ خلاف شبدٕ تہٕ ارتھ (معنی)۔ گون تہٕ اوٚگون، یم کُنتہ کٔرتی (تصنیفہِ) منٛز آسان چھِ، بیان کٔرۍمٕتۍ۔

1. Kritah Shri Mammataachaarya varyaih parikaraavadhih I
Prabhandhah pooritah shesho vidhaayalaka soorinah II
Kavya Prakashi Nikanoh.

امہِ تخلیقہِ ہِندِس گوڈ نِکس بابَس مَنز چھُ دُعایہ شلوٗکو پَتہٕ شاعری ہُنْد غرض یا مُدعا بیان آمُت کرنہٕ۔ شاعری کرِنُک وجہہ شاعری ہِنز علامت اَمِکۍ قِسم تہِ چھِ آمٕتۍ بیان کرنہٕ۔ شاعری ہِندٕ بن شین وجہن چھِ آمٕژ گینٛز کڈنہٕ۔ شاعری ہِندۍ ساری وجہہ یکہِ وٹہٕ کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ یمن بیٛون بیٛون معانے کرنہٕ آمٕت۔ بھرتَن یُس تحقیق دھرمہٕ تہٕ زِندگی (وأنسہِ) ہِندٕ بن معاملن مُتلِق پیش کوٗرمُت اوس ممتَن تھوو سہ تیٚتھے کٔنٛز وایِٹ کالرٕ (ترتیب کارن) ہِندِ خأطرٕ یکہِ وٹہٕ کرِتھ۔ عقلہِ ہِنز بے سوٗم تبدیلی چھےٚ تَمۍ ''وِوہارٕ وِدٕ'' اِنسانہٕ ہِندِس دوہہ دِشہِ کِس کارٕ بارس سٟتۍ جوٗڑِمٕژ۔ لٔکن کرِ نصیحتہٕ یکجا کرنہِ چھُ ممتَن یہ وٕنتھ معنی وُسجار دیُتمُت زِ یہ چھُ ''حسینایہِ ہِندِس وُٹھ کُجارس ہیٚو''۔ بھرت سُند تھکہٕ باپتھ تحریکہِ ہُنْد وُتلُن چھُ ممتَن فِلِ ہال علحدٕ پَسندی ہِندِس آوٕلِنس مَنز تھوٗومُت۔ تیٚتھے کٔنٛز چھُ بھامہہ سُند تحقیقی ایحساس ژورِ قِسمہٕ اِنسأنی جستجوٗ ہُک ذریعہ آمُت مانِنہٕ۔ ہونرمٔندی چمکاوٕنی یا بڑوٕنہہ پکناوٕنی، شوہرتھ، لُطف اندوزی بیٚترٕ، ممٹ ہِندٕ بن نقادن (وایِٹ کالر) ہِندِ خأطرٕ مطلب کارٕ بارٕچ نصیحت بخشنٕۍ زانکأری بخشنٕۍ تہٕ حسینایہِ ہُنْد وُٹھِ کُجار مشہوٗری تہِ چھُن باعث تحریک بڑوٕنہہ کُن أنۍ مِژ۔ شاعری النکاروٕ سٟتۍ سجاوُنس مُتلِق چھُ ممٹ ہِنز سارِوٕے کھوتہٕ تھٔکنٛۍ لایق دیُن۔ تمو چھُ طاقت، چالاکی تہٕ مہارت بیٚترِ یکجا کرِتھ اِرتقاہکۍ وجہہ مأنۍ متۍ۔ دَنٛڈین تہِ اوس ذِہن، عِلم تہٕ مہارت یکہِ وٹہٕ کرِنۍ شاعری ہِندۍ موجب مأنۍ متۍ۔ سٟتۍ چھُن یہ تہِ ووٕنمُت زِ ذِہانت یا ہُشیار دِماغ آسنہٕ بغار تہِ چھُ کانٛہہ اِنسان فلسفُک عِلم تہٕ مہارتہٕ ذٔسۍ شاعری کرِتھ ہیٚکان۔

1. Kavya lakshima tad doshau shabdaarthau sagunaavanalankratee punah kvaapi.
Kavya Prakasha by Mammatta, Vrathi Portion.

ممٹن چھِ شاعری ہنٛز تشریح مَنٛز وَکرٛوکھتہٕ (پھرِتھ کتھ وننٕی)، النکار، ربواج، رَس، دھونہِ وغاٲرِ سارِنٕے عنصرن ہُند لُبہٕ لُباب کڈِتھ درمیاٚنی وتھ تختیار کرٕمٕژ تہٕ بیٚیہِ تِمے پرٛانہِ کتھِ دوہراوِمٕژ۔[1] یعنی یمن ہنٛدِ دوٗش، شبد تہٕ ارتھ، گون تہٕ النکار بیٚترِ چھِ۔ یتھٕ کٕنہ چھُ تُمی بھامہہ ہنٛدی پاٹھی شبد تہٕ ارتھ یم زٕ جُز ...عری ہنٛدی معجزِ مانٕمٕتی۔ شبد تہٕ ارتھ، یمن ہنٛدیو تریو اسمِ صفتو ذٕسی چھُ ممٹن دوٗشو یا کمیو نِشہِ دوٗر روزنٕچ تہٕ گونن گیڈ نہٕ کرنس تہٕ شاعری ہنٛدٕن تعاریفن مَنٛز جاے دِژمٕژ تہٕ النکارن اِنکار کرنہٕ ورأے یمن دوٗیم درجہٕ عطا کوٚرمُت۔ "رس" شبدٕ استعمال کرنہٕ بغاٲر چھُن یہِ گونہٕ وول تہٕ کمیو بغاٲر بیان کوٚرمُت تہٕ ...ضروٗرت باوان چھُ ممٹ یہِ ثابت یرٛشہان کرُن زِ رَس چھُنہٕ کُنہِ تہٕ صوٗرتس ...زٕ کُنہِ جُملس مَنٛز کنہِ آسان۔[2] ممٹنہٕ شاعری ہنٛز تشریح چھِ تمِس پتہٕ یِنہٕ والیو واریاہو شاعرو نوقطہٕ چینی تہٕ کرٕمٕژ۔ جیدیو چھُ "اَن النکرت پُناہ کوٚپہ" ونس خلاف ورزی مانان تہٕ لفظس شاعری مانن وألس پنڈت راج جگن ناتھ چھُ "شبدارتھو" لفظہِ اِستعمال کرنس خلاف وشوناتھن چھِ ترٛیوٚنی ہنٛدٕن صِفتن ہنٛز برخلاٲفی کرٕمٕژ مگر توٚ پتہٕ تہٕ آخرس چھِ پیش کوٚرمُت ممٹن شاعری ہنٛدی تِمے تاریف پیش کرٕمٕتی یم ...اروٕ ے کھوتہٕ زیادٕ گونماتو چھِ تسلیم کرٕمٕتی۔ اتھ مَنٛز چھِ تس برٛونٛہمٕن گونماتن ہنٛدی تاریف تہٕ شامِل تمِس پتہٕ یِنہٕ والین شاعرن مثلن جے دیو، واگبھٹ، وِدیاناتھ، اَچیُت راے، دھرمہٕ سوٗری وغاٲرن پیٹھ چھُ ممٹن اثر

---

1. "T at doshau shabdaarthau, sagunaavanalankratee punah kvoapi I
Sahitya Darpana by Mammatta, s.,1.

2. Rasaadi Lakshanastvarthah, swapne api navaachayah,
Kavya Prakaash by Mammtta, s.,5. (Vratti Portion).

ٹاکارِ نظرِ گژھان۔ ممٹن بڑونہمو آچاریو اوس زبان دأنی ہِندی تولُق شأعری کیْنہہ قسم وبزھناوی ہتی مگر ممٹن چھُ ایحساسکہِ صحی پزِنِ ناوِنْکس اوٗصوٗلس پیٹھ شأعری ہِندی ترٚے قِسم وَدِ کڈی ہتی۔ سبٹھاہ جان (اُتم)، درمیأنی (مَدھیم) تہٕ وٚسی یابہِ (اَوَر)۔

دوٚیمس بابس (اُلاسس) منٛز چھُ شبد، اَرتھ تہٕ تِہنٛدِ ایحساس آہتی وبتارِ سان بیان کرنہٕ۔ ممٹن چھِ ترٚیہِ قسمکی شبدِ واچک (بول چالِکی)، لکھشک (کانْہہ خاص اِشارِ دِنہٕ وألی) تہٕ ویٛنجک (ظرافت ووتلاوَن وألی)، یِم ترٚیہِ قسمکی مطلب (واچیہ، لکھشِہ تہٕ ونٛج) ترٚیہِ قسمکی ایحساس (ورتہِ)، ابھِدھا (اِشارأتی)، لکھشنا (اِستعار) تہٕ ویٛنجنا (ظرافتی) ہُند، شأعری منٛز موجوٗد آسُن موٚنمت۔[1] ژوٚرِم چھُ ایحساسُک ارتھ یا مطلب تہٕ بیٚیہ یُس کُنہِ خاص کتھِ کُن حِس (ورتہِ) دیہٕ۔[2] یمیُک اِستعال ممٹن ظرافت ووتلاوِنْکس انداز بیانس منٛز کوٚرمُت چھُ۔ کانْہہ لفظ یٚیمہِ کِنْی تمہِ چیزٕ و غأرُک ایحساس سیٚدِ سیوٚد سپد، تتھ چھُ سہٕ گوڈنیُک اِشارأتی ایحساس مانان۔ یہِ اشارِ کتھِ کِنْی چھُ سپدان۔ اتھ مُتلِق چھُ ممٹ سارِنٕے متن ہُند خلاصہِ پیش کران چھیکرس گرامر مانَن والین ہُند اِشارِ صحی مانان یُس ذأژ پیٹھ، نفرس، صِفتن تہٕ کامہِ پیٹھ مُبنی چھُ تِکیازِ یمٕے ژور چھِ سنکیتہٕ (اِشارِ) باپتھ مانْنی لایق نِشانہٕ۔ پتنجلی سِنٛدِس ''چُتشٹی'' فلسفہِ زیرِ نظر تھأوِتھ کرِ ممٹن عنوان وادِ چ سنگِ بُنیاد کھڑا۔ اتھ مأدانس منٛز چھِ تم پزی پأٹھی مُکل بھٹنی قرضدار۔ لکھشنا (اِستعارِچ) تشریح کران چھُ ممٹ ونان زِ اصلی

---

1. Syad vaachako laakshanikah shabdo atra vyanjakastridhaa I
Viachyayadastadarthaah spuh II
Kavyaprakash by Mammatta, s.,2, v.,1,2.

2. Taatparyartho api keshuchitt I
Ibid, s.,2, v.,6.

مطلبس ژھۄر ینس پتہٕ تہٕ تتھ بتی اصل مطلبس واتھ آسنہٕ موجوٗب، مشہوٗری گژھنہٕ مطلب گژھنہٕ یا ایٚحساسہٕ گژھنہٕ ییٚہِ مطابق ظہوٗر سپدتھ چھِ وَنان ''شبدہٕ وۄلُت گرِتھ ایٚحساس'' یا اِستعارٕ۔ مُکل بھٹن یم شٔبیہِ قسم استعارک ؤنی متی چھِ ممٹن چھِ تم ساری کم کاسہٕ شیرِ ژارِ گرِتھ پانٲوی متی۔ استعارٕ وأدِین ہندِس مخصوٗص اِستعارٕ وادس کھنڈرن کران چھِ تمہ طرزک گوڈ ہیوٚ تمت۔ اَملی ز قسم شبدٕ طرزٕ تہٕ معانیٚک طرز گرِتھ چھِ تمی لفظی طرزٕچ تشریح تہٕ دۄیمیس بابَس منز گرمژ۔ ترٛیمیس اُلاسَس منز چھُ مطلبس پتہٕ مُنحصر طرزٕک قسم مِثالو دِسی آمتی وبژھناونہٕ۔ یم قسم چھِ (وکھتا) وَنن وول، (بودھویہ) بوزن لایق، (کاکُہ) ٹانہٕ، (واکیہٕ) جُملہٕ، (واچیہ) بول، (انیہٕ سَندِھ) دۄیمہِ آوازٕ یا ایٚحساسک قریب آسُن، (پرستاو) اِبتدأیی کوٚشش، کال تہٕ جِسمأنی انگن بیٚترِ ہنز ٹُلہٕ تراوِ پتہٕ مُنحصر۔

ژۄریمس بابَس منز چھُ دھونہِ ہندی زِ خاص قسم آمتی وبژھناونہٕ۔ اکہٕ گیہِ استعار پتہٕ وۄدپمژ لکھشنا مۄل تہٕ بیا کھ گیہِ اِشارٕ پتہٕ ؤژھمژ ابھدھا مول۔ اِشاریہِ دھونہِ پتہٕ وۄتلیمتس اِبھداہَس چھِ وَستہٕ (چیز) النکار تہٕ رس یم ترٛے قسم آمتی ونہٕ۔ دھونہِ ہندِس پھٔہلاو شُمارس منز چھُ اَبھنوگُپتن ستھ ساس ژۄر ہتھ تہٕ وُہہ (7420) قسم گنزرأوی متی یم زَن ممٹن ہُرٲوِتھ دہ ساس ژۄر ہَتھ تہٕ پانژوُنزاہ (10455) تام واتنأوی متی چھِ۔ رسہٕ، دھونہِ وبژھناوَنس منز چھُ ممٹن رِیچ اصلی ہیت بھرت مُنی ہندِس رسہٕ سوٗتر مُطأبق پیش گرمژ۔ تمی ہندِ مۄجوٗب چھِ دُنیاہَس منز جزبہٕ شہوت وۄتلاوُن خلاف رائے یِوان مانَنہٕ۔ یم دُنیاہک لوہہ لنگر چلاوَن وألی جذبات چھِ تم چھِ سانی عقیدٕ تہٕ

عظمتھ، تہٕ یِم زَن یِمن سپارِنے خیالن مَنز بحیثیت مددگار چھِ تتھ چھِ چاپلوٗسی ونان۔ یہِ خلافِ رائے، کوٚچھمتۍ یا سوٚرۍمتۍ خیال یا زحنہٕ تراوُن وألۍ خیال چھُ مرکزی خیالس سٟتۍ رلنہٕ سٟتۍ رس (جان یا بےٚ مزِگی) پأدٕ کران۔ بھٹ لولٹ، شرٟی شنکُک، بھٹ نایک تہٕ ابھنوگُپت یِمن ژون آچاریَن ہِندی رسس مُتلِق سوٗترن ہُند حوالہٕ دِتھ چھُ سہٕ ابھنوگپت ہِندِس پیٚش کرۍمتِس خیالس کُن پنُن جھکاو ہاوان۔ بھرت ہِندِس ناٹیہِ شاسترس مَنز چھِ أٹھ ساس قسمہٕ آمتۍ وبرٕھناونہٕ۔ مِمٹن چھُ اُدھ بھٹ ہِندی پأٹھۍ شانت رس تہِ گریندِ مَنز اوٚنمت تہٕ یتھ کنٕ چھُن رسن ہُند کُل تعداد بَرقرار تھوٚومُت۔ پأنژِمس بابَس مَنز چھُن صِفتن پیٹھ ووٚتلیمتۍ أٹھن قسمن ہِندی طنزیہِ نظریات مِثالہٕ دِتھ پیٚش کرۍمتۍ۔ أتھی اُلاسس مَنز چھُ آپرٕ نی یا طنزِیہِ خیالن مُتلِق تہٕ واریاہ مواد جمع آمُت کرنہٕ۔ سارِوے برٕونہہ چھِ یِوان میماسی (یِم کُنہِ تہِ بَحسس مَنز آخری حدس تام واتن) یَن دَل دِرِچ وأرۍ۔ میماسین ہِندی مختلف قسمن ہِندی میماسک چھِ یِوان گنزٕراونہٕ۔ مثلن علامتی اِظہار ژارَن وألۍ (کُمارِل بھٹ)، ناوس سٟتۍ وابسط روزن وألۍ (پرٕبھاکر وغأرٕ) ہمیشہِ چاک و چوبَند تیار روزن وألۍ (لولٹ وغأرٕ) تہٕ اچانک ترغیب پرٕاون وألۍ بیٚترٕ۔ یِم پنٕنہِ پنٕنہِ رنگہٕ أسی ظرافتی بیارچ کھئنڈرن کران۔ میماسین نِشہِ نظریک کانٛہہ خأطرِ خواہ جواب واتنہٕ برٕونٛہہ کوٚرتھکۍ یہِ ثأبت زِ ظرافتی اِظہارِ بغأر چھُنہٕ طنزیہِ مطلب کڈُن مُمکِنے۔

فلسفی یَن ہِندی زِٹھی مُہم بھٹن یِم تہِ وجہہ ظرافت نتیجہ خیز بناونہٕ خأطرٕ پیٚش أسی کرۍمتۍ تِم سأری کرِ مَمٹن یہِ وٚنتھ غلط زِ یِم چھِ تشبیہ، خلاف تہٕ

ناکامیاب بیٚترِ، تہٕ یہِ دیٚتِھن ہاوِتھ تہٕ۔ یتی وۄنُن زِ یم غلط وجہہ آسنہٕ کِنۍ چھنہٕ یمن قونوٗنی جواز یِت کانٛہہ مصلہٕ صحیٖ ٹھہراونٕچ۔ یتھ پاٹھۍ ظرافتس خلاف یِنہٕ والین سارِنٕے متن ہنٛز کھنڈرن مُشترکہٕ طور کران سوٗمبرٕ ووتمۍ سہٕ سوٗرٕے مواد یُس ظرافت اتھ مُقامس تام واتناونک ضرٗورت اوس تہٕ کوٚرن قلم بَنٛد اَتھۍ پانٛژِمس بابَس مَنٛز۔ شیٚمس بابس مَنٛز چھُ تصویر کشی ہنٛزِ شاعری جاے آمٕژ دِنہٕ۔ اتھ بابَس تام چھِ شاعری ہنٛدِ تاریفہٕ باپتھ اکھ لفظ ''شبد ارتھو'' ذریعہٕ تشریح آمٕژ کرنہٕ۔ بزٕنہہ کُن سَتِمس بابَس مَنٛز چھُ ''اَدوٗش''۔ دوشہِ وراے پَدٕچ تشریح کرنہٕ آمٕژ یمہِ باپتھ شُراہ پَد دوٗش، ستھ پَدن ہنٛدٕن مختلف حِصن ہنٛدی دوٗش، اَکوُہہ جُملن مَنٛز ورتاونکۍ دوٗش، ترٗوُہہ مطلبکۍ دوٗش تہٕ ۂہ رَسکۍ دوٗش مِثالہٕ دِتھ سمجھاونہٕ چھِ آمتۍ۔

بھرتَن چھےٚ ناٹیہ شاسترس مَنٛز دوٗشن ہنٛز کتھ کٔرمٕژ مگر کانٛہہ ترتیب تقسیم چھُن نہٕ کٔرمٕژ۔ وامناچارین چھےٚ گوڈنچہ لٹہِ دَوشن ترتیب دِژمُت تہٕ یم چھِن ژورِ قسمکۍ ٹھہراوِمٕتۍ۔ پد دوٗش، پدس مطلب کڈٕنک دوٗش، جُملک دوٗش، تہٕ جُملکہِ معانے ٚیک دوٗش۔ رسہِ دوٗشک تزکرٕ چھُ آنَند وردھنَن کوٚرمُت۔ ممٹَن چھِ یم سارِیے مقبوٗل رایہِ یکہٕ وٹہٕ کرِمٕژ تہٕ شیرِ پارٕ کٔرِتھ ترتیب دِژمٕژ۔ آنَندوردھنَن تہٕ چھےٚ رسہِ دوٗشچ کتھ کٔرمٕژ۔ شاعری ہنٛدِس فلسفس مَنٛز مُروج ''دسگن'' لفظہ چہِ تشریح خاطرٕ چھُ ممٹن اَٹھِمس بابَس مَنٛز گُنٕچ تشریح، تِمن ہُنٛد شُمار، طَزیہِ بیانَس بیٚترِ مُتلق کافی روشنی ترٛاومٕژ۔ گوٗنَن تہٕ النکارن مَنٛز فرق نہٕ مانَن والین ہنٛدِ بیانٕچ کھنڈرَن کٔرمٕژ تہٕ گوٗن النکارو نِشہٕ بیٚون آسُن ثابت

کوٚرمُت تہٕ گوٚن شاعری ہندی رسہٕ دھرم تہٕ لازمی جُز ماننہٕ متہٕ۔ ساریٚ ہے شاعری ہندِس دُنیاہَس چھُ تَسُند یہِ بوٚڈ بارٕ دیُت یُس تٔمۍ وامناچاریہٕ ہنٛدِ بن دٔہَن شبد ارتھ گونَن منٛز ترٛن گونَن پانٛونٛی ہم آہنٛگی ثابت کٔرِتھ یہِ بٔڈ بارٕ کام انجام دِژ۔[1] میچھر والین گونن ہندِس تقوبلس مُتلِق چھُ صرف دوِیوَ گونماتو، آنٛندوردھنَن تہٕ ممٹَن ذِکر کوٚرمُت۔ آنٛندوردھَن چھِ مِلن شرٛنٛگار بجایہِ جُدٲیی شرِنٛگارس، جُدایی کھوتہٕ گرُنایہِ (رٔحم دِلی) منٛز سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ میچھر (رَس) مونمُت۔[2] ممٹ تہِ چھُ مِلن شرِنٛگار بدلہٕ رٔحم دِلی (گرُنایہِ) ہنٛدِ ہے، شرِنٛگارس تہٕ گرُنایہِ بجایہِ جُدٲیی ہنٛدِ ہے شرنٛگارس تہٕ جُدٲیی کھوتہٕ شانٛت (رس) شرِنٛگارس منٛزٕ ے میچھرُک تہٕ مزٕج برتری مانان۔[3] تتھے پٲٹھۍ چھِ شان شوکت تہٕ شُجاتس مُتلِق تہِ دوشوٕنی ہنٛدی سوچن ترٛایہِ الگ الگ۔

النکارن ہنٛز اہمیت مانان چھُ ممٹن نٔوِمِس تہٕ دٔہمِس بابَس منٛز شبدٕ النکارن تہٕ ارتھِ النکارن ہنٛز ذِکر کٔرمُت۔ نٔوِمس بابَس منٛز چھِن گوڈٕے غاٚر اصوٗلن، وکرٛوکھتہِ (پھِرِتھ کتھ وَنٕنۍ) وغارٕ شٔیین شبدِ النکارن ہنٛز زان مِثالہٕ دِتھ تشریح کٔرمٕژ۔ شِلیش (واریاہ معنی دار لفظ) وغارٕ بڑٲنٛتی پٲدٕ کرن والین ہنٛز چھانٹ تہِ چھےٚ أتی کرنہٕ آمٕژ۔ دٔہمِس بابَس منٛز چھُ اُپما (تشبیہ) وغارٕ اکہٲٹھن ارتھِ النکارن ہُنٛد خد و خال آمُت بیان کرنہٕ۔ ارتھِ النکارس مُتلِق

1. Maaduryaurjah prasaadaakhyastrayaste na punardasha I
Kavya Prakash by Mammatta, s.,8, v.,68.

2. Shrangaare vipralambhaakhe karune cha Prakarshavat I
Dwanyaloka by Anandvardhana, s.,2, v.,8.

3. Aahlaadakatvam maaduryam shrangaare drutti kaaranam I
Karune vipralambhe tat shaante chaatishayanvitam II
Kavya Prakash by Mamatta, s.,8, vv.,.68-69.

پرٛانہِ وقتہٕ پٮ۪ٹھ چلوٚنہٕن وارِیاہَن بزاتھَن تہٕ چھےٚ اَتی ژھٕٹھ کڑنہٕ آمٕژ۔ تتھے کٔنز چھُ آچاریہٕ ممٹن پننِس کاویہ پرٛکاشس منٛز ساری مضموٗن اکھ اَکِس سٟتی واٹھ دِتھ رِشتہٕ پادٕ کٔرِتھ پٮ۪ش کٔرِمٕتی۔ یٟمہ کتھِ ہٕنز چھےٚ پوٗر کوٗشش آمٕژ کرنہٕ زِ کارآمد کانٛہہ تہٕ حِصہٕ گوٚژھ نہٕ پتھ کُن روزُن تہٕ غٲر ضروٗری چیز گژھن نہٕ اَتِس منٛزس یِنۍ۔ ڈرامایک کہانی پُلاٹ، روٗپک (استعارن) ہٕنٛدۍ قسم، مرکزی کِردارن (زنٛانہٕ یا مرد) ہٕنٛدۍ قسم یِمہٕ ترٛےٚ کتھہٕ تراوِتھ چھُ شاعری ہٕنٛدیٚن سارِنۍ کارآمد انٛگن ہُنٛد کاویہ پرٛکاشس منٛز گہرٲیی سان مُطالعہ کرنہٕ آمُت، بھرت ہٕنٛدِس ناٹیہ شاسترس منٛز چھُ گونن تہٕ دوشن ہُنٛد ذِکر تقریباً نہٕ آسنس برابر۔ بھامہہ تہٕ دنٛڈی یَن چھُ النکارن پٮ۪ٹھ وارِیاہ لیٚکھمُت مگر شبد کِس طاقتس تہٕ رسہٕ دھونہٕ پٮ۪ٹھ چھُکھ نہٕ کٔنہیں وونمُت۔ وامنن چھُ گونن، دوشن، النکارن تہٕ ریٖتن پٮ۪ٹھ لیٚکھمُت مگر رس چھُن تراوومُت۔ آننٛد وردھنن چھِ پننِس کٲم دھونہٕ تانی محدوٗد تھٲوِمٕژ۔ دھونہِ یہ مُقام بخشنہٕ خاطرٕ یِم تہٕ طور طریقہٕ تٔمۍ واضح چھِ کٔرِمٕتی چھِ تٔمِس پتہٕ یِنہٕ والیو گونماتو مٔنِمٕتۍ۔ مُمٹ بھٹن چھِ تِم ساری کھنٛڈرن کٔرِتھ موٗلہِ موجب اَکھ کُن تراوِمٕتی تہٕ اگر نہٕ ممٹ پننیو طریقو ڈٲسۍ اتھ فلسفس پٮ۪ش کرِہے تہٕ دھونہٕ فلسفس آسہے نہٕ سو جاے حاصِل سپزٕمٕژ یوسہٕ اتھ ازکل چھےٚ۔ راج شیکھر تہٕ چھُنہٕ کاویہ میما مسایہِ منٛز رس، دھونہٕ تہٕ النکارن ہُنٛد بےٚ لوٗث تذکرٕ کوٗرمُت۔ کُنتکن چھُ رس وغٲرٕ مضموٗنٕنۍ اَنٛد ہیتھ تراوومُت۔ دھننجے سُنٛد دشہٕ روٗپک چھُ ناٹَکۍ قسم بروٗنٛہہ کُن وَنان مگر ناٹکس منٛز چھِ النکارن تہٕ کانٛہہ جاے یہ وِچ ضروٗرتھ چھُنہٕ تٔمۍ محسوٗس کٔرمٕژ۔

وۄسی بیانی کِنہٕ چھُ بھوجہِ سُنٛد شرٛنگار پرٛکاش تِتھے اہم تہٕ باڈوِدار یوٚت کاویہ پرٛکاش چھُ۔ ممٹ ہٕنٛز ساریوے کھوتہٕ بڑ خوٗبی چھےٚ تٔمۍسٕنٛز درمیانہٕ وَتھ تَختیار کرٕنٛک روجحان۔ آچاریہ وشویشور چھُ ممٹٕہ ہٕنٛز برابری ماچھ تُلرِ سٟتۍ کران وَنان ''پوٚرِ ساسَس وُرِ یَس پیٹھ پھٔلِتھ ادبٕکس ماٗدانس منٛز پھولیٚمتین رنٛگا رنٛگ ہتہٕ بدٕن پوشن ہُنٛد ویوٗرِ یُس تِمو تُل، سُہ چھِ سبٕٹھاہ تھٔکیٚنہٕ لایق کاٗم مگر تِتھی سٟتۍ یُس تِمی سُہ ویوٗرِ سجاوِتھ کاویہ پرٛکاشس منٛز اَسہِ برٛونٛہہ کُن تھوو سُہ چھُ تٔمۍسٕنٛزِ ہُشیاری ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوٗت۔ کاویہ پرٛکاشس منٛز چھِ کُل ڈٕہہ باب تہٕ فی بابَس لایق یُس تہِ بیٚہتر ہِن ماچھ تَس حاصِل سَپُد سُہ چھُن بیٚہترٕ ہِن انداز ُس منٛز سجاوِتھ تھوومُت۔ یہِ ہیکِہ صرف ممٹے کٔرِتھ۔''[1] کاویہ پرٛکاشس منٛز دَرٕج بیانَن منٛز چھِ سبٕٹھاہ کم بیانہٕ تِتھی یِمن زَن اَسی پوٚرِ بٔنِ یادی ہیکو وُنِتھ۔ اَتھ منٛز دَرٕج وارِیاہ بیانات چھِ امہِ برٛونٛہمِو تصنیفو منٛز اَجزٕ آمٕتۍ کرنہٕ۔ مگر یہِ سورُے سوٚمبراوِتھ اَسہِ تام واتناونس منٛز چھُ ممٹ سُنٛد توٗلُق یُس شاباشس لایق چھُ۔ ممٹن برٛونٛہہ یِم تہِ النکار وَادی، رِیتہِ وادی تہٕ رسہِ وادی آیہِ تِم اَسی یا تہٕ النکار، رِیتہٕ یا رَسَس یوت شاعری ہُنٛد آتما ماٗنِتھ تِتھی اَکِہے عنصرس پیٹھ زیادٕ ضرور دِوان۔ ممٹن دِیُت سارِنٕے عنصرن ہوٗے دَرجہٕ تہٕ سارِنٕے مَتہٕ دارِ ین وُلِن پنٕنہٕ جامہٕ تہٕ کرِن پَننہِ انداز کاوِ پرٛکاشس منٛز نسب تہٕ یِتھٕ کِنہٕ سَپُد خیالاتن ہُنٛد رَل۔ کاویہ پرٛکاشکس دوٗشہِ روٗستِس اسمِ صِفتس منٛز چھِ معقولیت ماننہٕ والین ہنٛز بوٗے یِوان تِکیازِ معقولیتس منٛز چھُ دوٗش نَہ آسنُک خیالے سرٕ آسان۔

1. Kavya Prakash Ed. by Vishveshvaranand with Hindi Trans. Introduction.

"دسگنو"، لفظس منز چھُ ریتہٕ مانن وٲلی یوان تکنیاز گونن تہٕ ریٖتن منز چھُ بڈ گہر رشتہٕ۔ یٖتھٕتھ چھُ گونن ستۍ رسک سہار تہٕ مانہٕ یوان امہٕ کنۍ چھُ رس مانن وٲلی تہٕ اتھ تھپہ منز یوان۔ "النکرتی پنُہہ کوواپہ" لفظ جوڑنہٕ ستۍ چھ النکار وٲلی تہٕ جوڑنہٕ یوان۔ کاویہ پرکاشکس آخری پدس منز چھُ ممٹ پننہٕ درمیانہٕ دٲری ورتاوِچ پانہٕ وضاحت کران ونان "یتھ پاٹھی بھامہہ، وامن، اُدبھٹ، آنندوردھن وغارٕ پرانین) عالمن ہندی (النکار، ریتہٕ، رس، دھونہٕ وغارٕ) قسم گاشراون واجنۍ یہ شاعری ہنز تحقیقچہ وتہٕ پیٹھ تخلیقہٕ ہنز جاے پرٲوِتھ ووپر نہ باستھ یمکُے اکھ حصہ چھُ باسان، تیتھے کنۍ چھنہٕ یہ کانہہ عجیب کتھ زِ جانہٕ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ تمی طریقہٕ یکہٕ وٹہٕ کرنچ خاہشہٕ سان تیار کرنہٕ آمژ یہ تصنیف تہٕ ہیکہٕ امہٕ کتھ ہُند خاص وجہ آستھ۔[1]



## (15) النکار سروسو تہٕ ساہتیہ میمامسا

باقی پرانین کاشرین گونماتن ہندی پاٹھی چھُنہٕ آچاریہ رُیکن تہٕ پننہٕ تصنیفن منز پانس متعلق کینہہ تہٕ لیوکھمت۔ یمو چھُ پانس برونہہ آچاریہ ممٹ (1100) ہندِس کاویہ پرکاشس پیٹھ "کاویہ پرکاش سنکیت" ناوِچ اکھ تخلیق لیچھمژ۔ مُہم بھٹ (1050) سنزِ "ویکھتہٕ وِویک" ناوِچہ تصنیفہٕ پیٹھ تہٕ چھُن اکھ شرح لیچھمژ۔ بلہن (1085) سنزِ "وِکرمانک دیوچرت" ہندِ رزمیہ منز تہٕ چھِن واریاہ پد "النکار سروسو" کتابہٕ منز اقتباسہٕ رنگۍ پیش کرِمتۍ۔ امہٕ تلہٕ چھُ یہ

1. Ityesha maargo vidushaam vibhinno api bhinna roopah pratibhaasate yat I
No tad vichatram yadamutra samyag vinirmitaa sangatanaiva hetuh II
Kavya Prakash by Mammatta, s.,10, v.,142 (Vratti).

کُہمہِ صدی پتے پہِن پزٕتھیومُت باسان۔ کشیرِ ہُند مشہوٗر کوی منکھ اوس رُیک سُند ژاٹھ۔ منکھ اوس راز جے سہم نُس دورِ حکوٗمتس منٛز (1129-1146)ء۔ کشیرِ ہُند بہمہِ صدی ہُند منز کال ہیکَو اَمی سُند وَق ماٚنِتھ اَمی ہِندِس ماٚلس اوس تِلک ناو۔ رُیکس اوس دوٚیم ناو رُچک تہِ۔ نِچو تہٕ مول دونٕوے اَسی سبٕھاہ عاٚلِم تہِ تہٕ مشہوٗر تہِ۔ دونٕوٕنی اوس راج دربارِ منٛز ''راجانک'' پدوی حاصِل سپٕز مٕژ۔

رُیک ہٕندی چھاپ سپٕز مَژ کیٛنٛہہ تخلیقہِ چھےٚ یِمہٕ:

(۱) النکار سروسو (۲) ساہِتہٕ میماسا (۳) سُہ ہٕز دیہ لیلا (۴) ویکھتہِ وِویک وچار تہٕ (۵) کاویہ پٕرکاش سنکیت۔

(۱) النکار سرٕوسو چھِ رُیکن سارِوے کھوتہٕ بالغ نظریہ تصنیف۔ بھرت سِنٛز پیٹھ ممٹس تام یم تہِ النکارن پیٹھ مختلف داوا چھِ کرنہٕ آمٕتی تمن سارِنے خیالاتن چھُ رُیکن ژار کٔرِتھ تہٕ شیرِ پاٚر کٔرِتھ پننہِ تحقیقہِ منٛز جاے دِژٕمٕژ۔ تمی چھُ صرف 82 النکار پننہِ تصنیفہِ منٛز تھاوی متی۔ شاعری ہٕندِس رُوحس متلِق کتھ کران چھِ پانس برٛونٛہہ گونماتن بھامہہ، اُدبھٹ، وامن وغارٕ آچارین ہٕنٛز رائے پوٚرِ کاشرِ پٕرمیرلِیہ یا شجرِ موٗجوٗب النکار سرٕوسوکی سوٗتر، تشریح تہٕ مِثالہٕ یم ترٛنٕوے گونہ واجینٛی شباہتھ دِنہٕ وول گرنتھ لیکھن وول چھُ پانہٕ ریٛک اوسمُت۔ مگر ترِویندرم پیٹھ چھاپ سپٕز مَژ النکار سرٕوسو کِس پیش لفظس منٛزے چھُ النکار سرٕوسو کِس تشریح کہِ حِصک لیکھن وول غلطی سببہٕ کاشر آچاریہ منکھ آمُت مانہٕ۔[1]

1. Iti Mankhako vitena Kashmira Kshitipa Sandhi Vigrahikah I
Sukavi mukhaalankaaram tadidam Alankaara Sarvasvam II
Alankaara Sarvasva Triveendram Sanskarna, Introduction.

النکار سروسوبس مَنٛز چھِ 18 سوٗترن مَنٛز النکارن ہنٛز علامژ آمٕژ گاشراونہٕ۔ تشریح تہٕ مِثالو سٟتؠ چھِ یِمے علامژ آمژ شوٗپناونہٕ۔

ڈاکٹر ریوا پرٛساد دوِ ویدی چھُ رُیکھ ہنٛدؠ النکارن بآگرن عام فہم بناونہٕ خاطرٕ سبٹھاہ محنت کرِتھ اکھ خاکہٕ بنوومُت یُس اَمؠ امہِ تصنیفہٕ ہنٛدِس سر ناسس مَنٛزٕ ے چھُ پیش کوٚرمُت۔[1] امہِ علاوٕ چھُ اَمؠ اتھ کِتابہِ پٮ۪ٹھ ٹیکا تہٕ لیچھمژ۔ یوسہٕ چوکھمبھا سنسکرت سیریز تحت چھپمژ چھِ۔

ڈاکٹر ریوا پرٛساد دِویدیٖن چھُ اتھ خاکس مَنٛز شبدٕ النکار، ارتھ تہٕ یمن سٟتؠ وابستہٕ النکارن تہٕ ہیٚنٛدِبن وارِیاہَن قسمن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ پٔتہٕ یمن النکارن ہنٛزن خوٗبیَن مُتلق وۄنمُت ''یۄ تام النکارن ہُنٛد تولُق چھُ رُیکھ سُنٛد سورُے بیان چھُ شرپرکہٕ رُچکی پآٹھی النکارن مَنٛز بذلتہٕ خود۔ کُنہٕ تہٕ مضموٗنکس لاقم رٔتن وآلس عآلمہٕ ہنٛزٕ زبآنؠ مَنٛز گہرآیی، عبوٗر تہٕ ژٕٹہٕ واٹھ کرنٕکی گون چھِ آہوٗنی۔ وامَن تہٕ آنَنٛد وردھن ہنٛدِس طرزِ بیانس مَنٛز یوسہٕ بُزرگی تہٕ بھروسہٕ نظرِ گژھان چھُ سُے ویشواس تہٕ بھروسہٕ چھُ اسہِ رُیکس نِشہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ زمانہٕ قدیم پٮ۪ٹھ چلونٕبن النکارن ہُنٛد سوچ نوِ سرٕ سام ہیتھ زانن والٮ۪ن عالمَن بروٚنٛہہ کنہٕ پیش کرٕنی، پنٕنی نٔجی سوٗنٛچ رلآوِتھ طنز تہٕ تتھ خلاف درجوآبی ہنٛدِ کرٕہنیارٕ نِشہٕ پنُن پان بچآوِتھ تہٕ آخرس پٮ۪ٹھ با اختیار آوازِ مَنٛز پنُن مضموٗن بروٚنٛہہ کُن کرُن، یم سارٕی جُز ہیٚکن نہٕ یکہٕ وَٹہٕ کُنہٕ تصنیفہٕ مَنٛز آستھ۔ وول ییلہٕ آسَن تہٕ سو ہیکہٕ یہے (النکارٕ سروسو) آستھ۔

یوٚہے وجہہ چھُ کہٕ اَزؠ کَمِن سارِنے نوبن تصنیفن پٮ۪ٹھ چھُ امیُک اثر ٹاکارٕ نظرِ گژھان۔ سارِی النکار ژھوٗٹس مَنٛز مگر بُرت بآری تہٕ صفآیی سان

1. Alankaara Sarvasvah by Dr. Reva Prasad Dvivedi,
Chokhambha Sanskrit Series Office, Varanasi, 1971, Introduction pp.,46-47.

پیش کرنکہِ لحاظہِ چھہِ یہِ تصنیف النکارن ہنٛز سوٗ واحد کتاب یوسہٕ سارِنے پرانین النکار تصنیفن پیٹھ ہنٛز وحدت قایم تھاوٕنس منٛز کامیاب چھہِ روٗزمٕژ ۔ جے رتھ چھُ یۄٚ تام تہٕ ونان زِ اگر اَنتھک کوٗشش تہٕ کروٚتوٚ تہٕ ہیکو نہٕ اَسی النکارن پیٹھ بیٚیہِ کانٛہہ تِژھ کتاب حاصل کرِتھ یِژھ زَن رُیکن چھہِ اسہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوٕمٕژ ۔ اگر اتھ تصنیفہِ مَزید زٕچھر دِمَو تَوٕ پَتہٕ تہٕ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ گونماتھ یوٗت خوبصوٗرت بیان یا تشریح پیش کرِتھ ۔[1]

### (ب) وِمرشِنی ٹیکا (شرح)

اَلنکار سروسوٕ، اتھ تصنیفہِ پیٹھ چھہِ کاشُرِ گونماتن جے رتھن شرح لیوٗکھمٕژ ۔ جے رتھن چھُ پرتھوی راج چوہانَن ہنٛدِ شُجاتک واقعہٕ رزمیہ شاعری منٛز کوٗرمٕژ ۔ پرتھوی راج کوٗر محمد غوری ینٛ 1393ء یس منٛز قاد۔ لہٰذا چھُ اَسی سُنٛد وَق بہمہِ صَدی ہنٛدِ دوٗیم نصف پیٹھ تُہ واٰہمہِ صَدی ہنٛدِس گوڈنکس نصفس درمیان مانٛنہٕ یوان۔ جیرتھ ہنٛدی گور اَسی شنکھ دھر تہٕ سُبھٹ دَت۔ النکار وِمرشینی ہنٛدِ آغازٕ تلہٕ چھُ مولوٗم گژھان زِ یہنٛدِس مالِس اوس شری شرنٛگار ناو تہٕ تِمٕ اَسی سَتی سَر دیشہِ کِس راژٕ راج راج (1212-1235)ء ہنٛدی وٗزیر خاص۔[2]

---

1. Na hyevavidhametadabhidhaayaka prakranaantaramasti I
   Tasyanvishaya maanasyapyupalambhayogyasyanupalambhaat II (Vimarshini P.3)
   Eavam grantha sanksheptkenaapi sarveshaamalakaaraanaam vistrita eva yatha sambhavi swaroopa mukhham iti Praachyalankaara graathebhyo asya vailakshanyamapi dvanitam I (Tatra Grantha)
   Vistarenaapyetatsvaroopasyanamidhaanaat (Vimarshani P.257)
   Alankaara Meemaamsa, Dr. Ram Chander Dewvedi, Chapter 1st, P.8.
2. Shakraadhika shriyastasya shree shrangaara iti shrutah I
   Gunaatikraantadhishno mantrinaamagraneerabhoot II
   Tadaatmajanmaa vaidagdya bandhur Jayarathaabhidhah I
   Vyadaadidama saamaanyam shravanaabharnam sataam II
   Alankaar Sarvasva, s.,18 (as the last couplet)

ترِوینٛدرم سنسکرت سیریز پیٹھ چھاپ سپدتھ النکار سروسوٗچ ٹیٖکا سمٛدر بنٛدھ (ترٛوٲہمہِ صٔدی ہُنٛد دوٚیم حِصہٕ) چھنہٕ تیٚز عالمن مانہٕ ییٚژ اتھ پیٹھ لیکھنہٕ آمژ وِمرشِنی ٹیٖکا چھےٚ۔ سنجیوٗنی ناوٕچ بیا کھ اکھ ٹیٖکا چھےٚ وِدھیا چکرورتی ناوی نقادن لیچھمژ۔ تیمی سُنٛد وَق ژوداہمہِ صٔدی ہُنٛد دوٚیم نصف چھُ مانہٕ یوان۔ جیرتھ ہنٛزِ ٹیٖکایہِ چھُ پوٗرٕ ناو النکار وِمرشِنی۔ اتھ وِمرشِنی منٛز چھِ نوٚن، خوبصوٗرت تہٕ کار آمد شار پدن ہُنٛد رل کرنہٕ آمٕت۔ النکار سروسو تصنیفہِ منٛز ییٚتیتھ تِمَس یوٗہے تھکھ ہیٚو چھُ لبنہٕ آمٕت تہٕ چھُ تِمو پنٛن حوالہ یا مِثال تہٕ پیش کٔرمژ۔ النکار سروسوچہِ اتھ ٹیٖکاریہ منٛز چھِ باسان زِ نقادس کوٚتاہ سخت محنت تہٕ عالمن مانہٕ حکمتھ چھِ امہِ باپتھ کرٕنی پیٚمژ۔ تِمو چھُ "النکار اُدھاہرن"۔ النکارن ہنٛزٕ مِثالہِ ناوی تہٕ بیا کھ تصنیف لیچھمژ۔ ابھنوگپت ہنٛدِس تنتر لوکس تشریح کران چھُ تِمو اَجرس پیٹھ پنٛن ذاتی تعارف یتھ کٔنی دیتمُت "اگرچہ میےٚ جےٚ رتھس گژامر، فلسفس تہٕ فلسفکس بحث مُباحثس پیٹھ پوٗرٕ عبوٗر اوس مگر تَو پتہٕ تہٕ قابلِ تعاریف شیو درشن تہٕ شیو شاسترس منٛز سبٹھاہ مشہوٗری تہٕ روتبہٕ حاصِل کٔرتھ چھُس بہٕ نہٕ دعوا کران زِ میےٚ ہیٚو ماہر تنظیم و تالیم تہٕ شیو متکس تہٕ ترِک فلسفس (شیو شاسترکی ترٛےٚ سکوٗل، آگم شاستر، سپند شاستر تہٕ پرتھبِجنیا شاستر، یوسہٕ وُسہ گپتن، سومانندن تہٕ بھٹ کلہٹن کاشرِس شیو متس دِین چھِ۔ تہٕ یِم ترٛشوے مِلناوِتھ چھُ ترِک فلسفہ بنان) میانہِ کھوتہٕ زیادٕ زانن وول آسنہٕ یتھ پرتھوی پیٹھ ییٚہ کانہہ۔[1]

1. Pade vaakye maane nikhila shiva shastropanishadi,
Pratishthaam yatoaham yadyapi nirvadyam Jayarathah I
Tathaapyasyamanga kvachana bhuvi naasti trikadrashi,
Kramaarthe vaa mattah sapadi kushalah kashchidaparah I
Tantraloka (Sarah), by Jayratha, s.,37, v.,91.

(ج) ساہتیہِ میماسا:

ترِوینِدرم سِریز 1934ؔ منز چھاپ سپز مژ چھےٚ یہِ آچاریہِ رُیکٕ ہنز سرِ ژوبوتھ تہٕ اَہم تخلیق۔ اتھ منز تہٕ چھِ کارِکا، وِزتہٕ تہٕ مِثالہٕ پیش کرِتھ اُٹھن بابَن منز جُملہٕ، بولن وول، شاعرن ہندی قِسم، شاعری ہندی قِسم، دوٗش، گون، النکار، رسکی فاییدٕ، زبان، شاعر سُند وَق، شاعر ہنز لگن، مختلف علاقن ہنزن زنانن ہندی گون، روحجان، موسم، کھیل (گِنڈن)، بڈی دوہ، شاعری ہندی لُطف انداوزی مثلن فنِ خطابت، فن تہذیب وغارٕ مثلن ہُند مُطالہٕ تہٕ کافی سوٗن تحقیق کرنہٕ آمُت۔ یمو چھنہٕ آپرنی ماڈٕ ہژ ٹلیکہِ چھُن ذیٚہنی ہوش آسُن صحٔی مونمُت۔

(د) سَہ ہردیہِ لیلا:

یہِ چھِ رُیکٕ ہنز تخلیق اتھ منز چھِ ژورن بابَن (آلیکھن) منز حسیناین ہُند رنگ، رِیھ وغارٕ دٔہ گون، جوآہر تہٕ سون بیٚترِ النکارکی چیز، خوبصوٗرتی، رُوح، جوآنی تہٕ خوبصوٗرتی ہُربرِ کرِنکبن طریقن ہُند ذِکر آمُت کرنہٕ۔

(ر) وِبھتہِ وِویک وِچار:

یہِ تہٕ چھےٚ رُیکہِ ہنز تخلیق۔ اتھ منز چھُ تمُی مُہم بھٹ ہنز لیچھمژ وِبھتہِ وِوِیچ تشریح کرمژ۔

(ڑ) سنکیت:

رُیکن چھِ کاویہِ پرٛکاشس پیٹھ سنکیت ناوٕچ کِتاب تہٕ لیچھمژ۔ یوسہٕ ممٹنِس کاویہ پرٛکاشس ژھوٗٹ تشریح چھےٚ۔



## (16) اَلنکار رتناکر

ترٚیشور[1] ہِنٛدی نچھُو شوٚبھاکر مِترن چھُ اَلنکار رتناکر ناوُک گرنتھ رٔیک ہُنٛزٕ تصنیف رتناکر سروٚسوچہ کھنڈرنہٕ خاطرٕ لیوٚکھمُت تہٕ یتھ کِنۍ النکار وادِین منٛز اکھ خاص جاے پزٕ آوہِش۔ رٔیک اوس منکھٔن گور تہٕ منکھ اوس کشیٖرِ ہِندِس راجٕ جے سِمہ سُنٛد خارجی وٗزیر۔ (1150-1129). لیٖہذا چھُ رٔیک سُنٛد وَق بُہمہٕ صٕدی ہُنٛد گوڈنیُک کال مُشکِس گژھان۔ رٔیکس نقل کرن وول شوٚبھاکرمترٕ یا تہٕ چھُ اوسمُت رٔیکہٕ سُنٛد ہم اثر یا چھِ تس پتہٕ کیٚنہہ کالٕ اوسمُت۔ رٔیکہٕ ہِندِس النکار سروٚسوس پیٹھ چھےٚ جے رتھن ''وِمرشِنی'' شرح لیچھمٕژ یتھ منٛز شوٚبا کرمترٕ ہِندٕ ہن اعتراضن ہُنٛد جواب دِتھ رٔیک ہِندِس حقس منٛز چھِ حمایت آمٕژ کرنہٕ۔ امہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ شوٚبھاکرمترٕ سُنٛد سمے چھُ جے رتھنہٕ وقتہٕ کھوتہٕ برٛونٛہہ پٔہن۔ جے رتھ اوس راجٕ اُدے سِمہ ہِندِس وٗزیر شرٛنگار سُنٛد نچھُو یتھ کِنۍ چھُ باسان جے سِمہ آسہٕ ترٛوٲہمہٕ صٕدی ہِندِس آغازس منٛزے اوسمُت۔ لیٖہذا چھُ یہ جیرتھس برٛونٛہہ تہٕ رٔیکس پتہٕ آسنہٕ کِنۍ بُہمہٕ صٕدی ہِندِس آخرس منٛز مانُن لایق۔ کشیٖرِ ہِندی مشہوٗر شاعر یشکسرن چھُ شوٚبھاکرمترٕ ہِندٕ ہن النکار سوٗترن ہِندِ حوالہٕ سان مِثالہٕ پاٹھۍ ''دیوی شتک'' ناوٕ دُعایہٕ شاعری لیچھمٕژ۔ اَمہٕ ستۍ چھُ النکار رتناکر تصنیفہٕ ہنٛزِ مشہوٗری ہُنٛد اندازٕ لگان۔ اپیٚہ دیکھشتَ تہٕ پنڈت جگن ناتھن تہٕ چھُ النکار رتناکرکۍن سوٗترن ہُنٛد حوالہٕ دِتمُت تہٕ کُنہٕ حقس منٛز تہٕ کُنہٕ خلاف راے دِژٕمٕژ۔

---

[1] کیٚنٛہن مُصوّدن منٛز چھُ ترٚیشور مِشر تہٕ کیٚنٛہن منٛز چھُ ترٚیشور منتری ناو میلان۔

النکار رتناکر منز چھِ اکھ ہتھ تہٕ کاہ (111) النکارن ہنٛز تشریح آمٕژ کرنہٕ۔ النکارن ہنٛز علامژ چھےٚ تصنیفہِ ہندِس کارِکا حِصس منز بیان کرنہٕ آمٕژ تہٕ وضاحت پتہٕ مُصنِفن پانے پنٛنی اتھہِ تصنیفہِ ہندِس "وژتہٕ" حِصس منز کرمٕژ چھِ۔ مِثالہٕ چھےٚ بڑونہہ لیچھمٕژ کتابو منز دِنہٕ آمٕژ۔ شلوکن اَندی پکھی چھِ مُصنِفن پنٛن لُبہِ لُباب باشی رنٛگی پیش کوٚرمُت۔ گوڈنچن شین کارِکاین منز چھُن شین النکارن منز پُنر اُدھار (اِصلاحی)، بھاس (شان و شوکت)، یمک (حرفی مُطابِقت)، چھیکا پُنراس (لفظہٕ تکرار)، وژتیہٕ اُنپراس (خیالن ہُند تکرار)، لاٹاپُنراس (آواز تکرار) تہٕ آخری چھُ چترٕ النکار (تصویرِ کشی) ہُند ذِکر کرنہٕ آمت۔ ستیمہٕ کارِکایہِ پیٹھہ اکھ ہتھ تہٕ نوٚیمہٕ کارِکایہِ منز چھُ اَکس ہتس پانٛژن (105) ارتھہِ النکارن دَل دِنہٕ آمت۔ آخری ترٛن کارِکاین منز چھُ النکارن ہنٛدی تاریف کرنہٕ آمٕتۍ۔ مُشترکہٕ تہٕ جوڑ دار چھِنہٕ الگ پاٹھی اتھ زُمرس منز آمٕتۍ مانہٕ تہٕ چھےٚ نقادن مُخالِفت کرمٕژ۔

النکارن سارِوے کھوتہٕ ضروری مانن والین گونماتن منز یُس تھوٚد مُقام شوبھاکرمترٕ پراون وول اوس سُہ کوٚر تے رتھنہٕ "وِمرشنی" لیکھنن تمہٕ نشہٕ محروم تِکیٛازِ تے رتھن دیُت پنٛن ووٹ رُیکہ نِسے النکار سروسوٚ تہٕ کرن بییہِ سو مقبوٗل عالمَن ہنٛز جماژ منز ییمہٕ ستی رتناکرہندِ النکار رتناکرُک بھاو ہنا کم گوٚ۔ مگر یہٕ کرِتھ تہٕ چھُنہٕ یتھ کتھہِ منز کانٛہہ شکھ زِ شوبھاکرمترٕ چھُ النکار فلسفُک بُنیادی قدردان۔

رُیکن چھُ "پُنر اُکھتہٕ وِدابھاس" پھیرِتھ دوہراونی کانٛہہ کتھ، ارتھ

النکارس تحت موئمت، مگر شوٗبھاکرٕن وُنن چھُ زِ یتھس صوٗرتس منٛز چھُ معانے (ارتھ) شبدس (لفظس) تانین آسان لہٰذا ہیٚکو اتھ شبد النکارے وٕنتھ۔ اِنکار (وِیترِیک) مُشابہتھ (اُتپرٕیکھش)، بروٗنت گرٕھن (برٛانتِمان)، (سماسوٗکھتہٕ) موٗخصر کرُن، یک راے سپدن (سمادِھ)، زاوی جار (سوٗکھشمہٕ)، رُکاوٹھ (ویاگھات)، تھز آواز (اُدات) وغارٕ النکارن ہنٛز تشریح چھےٚ شوٗبھاکرٕن تمہِ نشہِ بیٚون دِژمٕژ یوسہٕ رُیکن چھےٚ النکار سرٕوسوٕس منٛز دِژمٕژ۔ شوٗبھاکرٕنن چھِ طریقہٕ سان یہنٛز وضاحتھ تہٕ کرمٕژ۔ رُیک چھُ تتھ مُشابہتھ (اُتپرٕیکھشا) مانان یێتھ غلبیت آسہِ مگر شوبھاکرٕن چھُ صلاح دِوان زِ اُتپرٕیکھش اگر اٚسی غلبیتہٕ وِزِ یہٕ مانون تیٚلہِ چھِ اٚسی تمہِ چیٖزٕکی عاشق بنان تہٕ کانٛہہ فرق زانہٕ بغارٕ چھُ یہٕ یقیٖنی طور مانُن تِلکیازِ مُشابہتھ آسہٕ تی یێتہِ دوٗیم ہیٚو آسہِ۔ دراصل چھُنہٕ مُشابہتھ فرٕق نہٕ آسُن مانانےٚ تِلکیازِ اتھ منٛز چھُ شک ژھیٚپتھ آسان۔ رَسہٕ گنگا دھرکار، جگرناتھ تہٕ چھِ رُیکہِ ہنٛز اتھ راے پیٹھ یوٚہے ٹھوٗر انان۔

برٛانتہِ مان النکارس (بروٗنت) مُتلق چھُ شوٗبھاکر ہترٕ سُند خیال زِ بروٗنت گرٕھ ہمیشہِ اصلس ستی میلوٗن آسُن۔

سماسوٗکھتہٕ (موٗخصر کرنس) منٛز تہٕ چھُنہٕ رُیک سُند یہٕ "اپرٕستُت تَسیہ گمیتوٗم"۔ تی پرٛاوُن ینہٕ وُچھی متے آسہِ، تہٕ چھُنہٕ شوٗبھاکرس ہٹہِ وسان۔ تَسُند وُنن چھُ زِ ییٚلہِ وُچھی متہٕ چیٖزٕک علِم حاصِل گژھِ تیٚلہِ روٗد نہٕ یہٕ سماسوٗکھتہٕ (موٗختصر) علٰحدہ بنہِ (روٗپک النکار) استعارٕ۔ شوٗبھاکر ہنٛز راے چھےٚ زِ سماسوٗکھتہِ منٛز چھےٚ اسمِ صِفت ہِوے آسنہٕ موٗجوٗب وٗنی ہتس چیٖزس تہٕ ینہٕ

وُچھتھے ہیکو یمن دون منز چھِ صِفت تہٕ فعل ارتھس تام واتناوان۔

النکارن ہُند ثانوی تہٕ ضروری خیال ذِکر کران چھُ شو بھا کر مترِ یہ راے دِوان زِ النکار گژھن نہٕ یُن مانُنہٕ ییٚتہٕ سٕہ أنگی یعنی اعلا روتبس پیٹھ آسہِ۔ یہ أہم حیثیت چھُنہٕ تتھ رسہٕ ستی حاصِل سپدان ئلی کہ چھےٚ اتھ باقی النکارن ہُند ملہٕ ستی حاصِل سپدان۔ النکار چھُنہٕ کُنہِ تہِ جایہ بچو رہیٚو کُنے زٕون آسان۔ کُنہ نتہٕ کُنہِ النکارٕچ ژھاے چھِ ہمیشہٕ اتھ ستی آسان یتھ کٔنہ چھُنہٕ تأمیری عمل الگ پأٹھی مانُنس کانہہ تہِ جواز ییت۔ یتھے کٔنہ چھُنہٕ جوڑ (سنکر) تہٕ الگ پأٹھی خودموختار النکار مانُن۔ ضرۄری یا جزوی، النکار یا جُزوی النکارٕ ے چھُ سنکر مانُنہٕ یِوان۔ ییٚتہٕ النکار چھُ نتہٕ چھُ تأمیری عمل تہٕ تہٕ جوڑ (سنکر) تہٕ۔ النکارن ہِنٛدِس مآدٕنس منز چھُ یہ اکھ نو وسوچ شو بھا کرٕن دیُت زِ النکار چھُنہٕ شۆژی تہٕ صأف پأٹھی تہٕ کُنی زٕنی یہتھ ہبکان۔ شبد النکار تہٕ ارتھِ النکار چھِ عمۆمن اتھ منز أکی ہے سوتھرس پیٹھ۔ اکھ ارتھ النکار چھُ عمۆمن دۆیمس ارتھس ستی لچہ واٹھ کرِتھ آسان۔ اگر نہٕ یہ آسہِ تیٚلہِ آسہِ النکار أستھ تہٕ رسُک ژھر بر۔ ییٚلہِ نہٕ رس آسہِ تہٕ شأعری کتہٕ رۆزِ۔ یتھ کٔنہ چھُنہٕ کُنہِ النکارُک شۆ دآسُن ممکِنے۔ شۆ بھا کر مترٕ ہنٛدِ یمہِ مُراسلچ تہٕ چھےٚ بےٚ رٕتھن مخألفت کرمژ مگر تہٕ کرِتھ تہِ پزٕ اَسہِ مانُن زِ شو بھا کر مترٕ سُند لیٚو کھمُت گرٛنتھ النکار رتنا کر چھِ شأعری ہنٛدِس فلسفس مُتلِق پُرلُطف تہٕ غور کرنس لایق تصنیف۔

☆☆☆

# ادبی اِصطلاح

## سنسکرت تہٕ کاشُر ترجمہٕ

अ

अनिबध گنڈٕ، گنڈتھ

अर्थवत्ता معانے خیز

अग्राम्यता غیر مُہذِب

अपहनति مارُنس، مارامارٔی

अप्रस्तुत प्रणंसा غار مُناسِب تعاریف

अनाकुलता وُچھل وا ے، بے قرار کرن وول

अन्यार्थ دوٚیِم مطلب

अभिनय کام کرُن، حصہٕ نیُن، فنکاری

अर्थ व्यक्ति اِظہارِ مطلب، مطلبچ کتھ

अवाचक بے آواز، صدا

अध्यात्म روٗحانی

अद्‌भुत (रस) شاندار، آفاقی، عجوبہ

अभिधा علامتی اظہار، آواز، علامتھ

अतिशय زیادٕ، زآید

अनुप्रास آوازٕ، لفظٕ ہشر

अभिसारिका ژلٲلی کرِن واجینٕز، بد کردار زنانہٕ

अकृत्रिम اصلی

अनउतपाद्य غار ثمر آور

अपहेतु ناموقول وجہ

अन्तरभाव ژھیپتھ، معانے اندرونی تعلق، خیال

अविवक्षित نہٕ وَنُن لایق

अलक्षणीयतावादी اِستعارٕنہٕ مانَن والی

अनिर्वचनीय نہٕ مانَن لایق، یوس نہٕ لفظن منز ہیکو ن بیان کرِتھ

अंसलक्ष्यक्रमव्यंग्य ییٚتہٕ نہٕ مزاقُق نشانہٕ گنڈِتھ آسہٕ

अनायाससाद्य جلد حاصل سپدن وول

अङ्गी جسم، جسمانی

अस्तिव وجوٗد، ہستی

अर्थांतर— (بیانی منز) تبدیل

संक्रमितवाच्य پرٚیر معانے

अर्थगत مطلبس ناۍین حرکت
अवधानवान توجہک مرکز
अवस्था حاصِل، حالت
अनुकार्य کامہِ مُطابِق
अनुभाव عقتدار، عظمت
अनुपचित الگ الگ، مِلہِ رٔس،
عارضی طوریس نہٕ تاریا
بٹہٕ وٚسہٕ
अनुमित فرضی
अनुकृत نقل
अनुकार्य کامہِ مطابِق
अविभाज्य یتھ نہٕ حصہٕ ہیٚکن
گژھتھ
अद्वैत वेदांती وحدتُل وجوٗدی
ویداَنتی
अभिदेयार्थ تحقیقی معانے
अन्वय مینہٕ طول
अपेक्षा توقع، وومید، ضرورت
अभिहितान्वय علامتی اِظہارُک معنی
अतिसीमावर्तनी حدٕ کھوتہٕ وار یاہ ہیوٚر
अभिधा حرف یکسانیت
अन्तर भाव اندرٕونی صِفت
असीम اَتھاہ، لامحدوٗد
अभिव्यक्ति اِظہار کرُن باوُن،
وَنُن

अतिव्याप्ति سبٹھاہ پھٕہلِتھ
अभिहितान्वयवादी علامتی اِظہار مانن واْلی
अन्विता— مُنسلِک اِظہار وآدی
अभिधानवाद
अतिश्योक्ति اَیزی تعاریف، تھکُن
अन्योक्ति نقل باوِتھ اصل
سمجھاوُن
अभिलाश— عیش پرستی رٔس
श्रङ्गार
अनोखा عجیب، وکھُت، خاص،
مُنفرِد
अभिव्यक्ति اِظہار کرُن
अभिधावृत्ति علامتی اِظہار
अतिव्यप्ति— پھٕہلِتھ معانے،
(अलङ्कार) لامحدوٗد معانے، باوتھ،
اِظہار
अभिहितान्वयवादी علامتی اِظہار کرن واْلی
अन्विायवादी اِظہار ناوس ستی وابسط
अविचारित— سورنہٕ سوچنہٕ بغاریہٕ
रमणीयता واجینی نزاکت،
خوبصوٗرتی
अलङ्कारगत النکار وول
अर्थगत ارتھ وول
अर्थवर्ती معانس پٹھ
अविशंभावी ضروٗر سپدن وول

अन्तरहित اَتھس تل (فایِد باپتھ)

अन्यसग्निदि قریبی آسن

अनौच्यत्य غارتعلقی

अव्यय भाव— संभोधन نہ بدلن وول خیال

अवहेलना پسہ پُشت تراؤن، گال کھاتس تراؤن

अनुप्रास آوازِ ہشر، اَچھر، ہم آہنگ

अर्थान्तर संक्रमित مُتبادِل معنی ستی ژ تھ،

त्वाच्य زمنی دؤیم معنی، دوگنیار

अमूर्त صوٗرژ بغار، بے صوٗرت

अधिगत حاصِل شُدہ

अन्तरङ्ग نزدیک، پاس، لرِ

अन्तरगत منز، شامِل سپدن

अभिधा मूलक— ध्वनि علامتھ، علامتی آواز

अतिषय بہتات، سبٹھاہ زیادٕ

अप्सरा آسمانی دوشیزہ، ہوٗر پرٕی

अदूरदर्शिता ژھوٚٹ نظرِیہ

अस्कृत आवृत्ति اکثر دوہراو

अर्थान्तरयास دُ معانے لفظن ہُند ورتاو، معانے دوگنیار

अभय محفوظ، صحی سلامت، حفاظت، بچاو، سرپرستی

अनुरक्त اِشتراک، شوقین، مُلوس

अनुष्टुप ستھ بدس منز 8/32 اَچھر آسن

अनुभूत, अनुभूति مخصوص کرٕن فِکرِ ترٛٲون

अध्यात्मिकता روٗحانیت

अनाथ بے سہار، بے کس، تنہا

अमीष्ट کوچھمُت، منس پزیہِ وٗن

अभिन्यार्थ ژٕ امایی، ورگہِ معانے

अनिबध گنڈتھ، چلوٗن، لگاتار، موروٗثی

अभिहित وَنہٕ مُت

अहंकार مغروٗری، خود پسندی

अवच्यत्य— परपम्परा مُناسبت

अग्राम्यता غیر مُہذب

अनाकुलता مزگہِ تریشنا، وُپھل واے

अर्थवत्ता سوٗن مطلب، معانے خیز

अर्थालङ्कार شعرس منز جتل (وار یاہ معنی وألی لفظ)

अपह्नुति مارنس/مارامأری خلاف

अभिनय ایکٹِنگ، فنکأری

अवाचक بےآواز

अलंकार زیبأیش، سجاوٹھ

अर्थ اوزقہٕ زینٹن، زی

अज्ञान جہالت، کم عقلی

अदूर दर्शिता ژھوٚٹ نظر

अर्थान्तरन्यास دُمعانے لفظ

अस्कृत आवृत्ति اکثر دوہراو

अनोखा عُجیب، خاص منفرد غأر موموٗلی

अभिव्यक्ति باوُن، اِظہار کرُن، وَنُن

अभिधावृत्ति علامتی اِظہار

अभिदा اصلی علامتھ مفہوم

अतिव्याप्ति پھلِتھ (معانے)

अनुभूति محسوس کرن، فِکرِ ترُن

अध्यात्मिकता ادھیاتمِک، رۄحأنی، قودرتی

अनाथ بےسہار مألِکھ، بے گس، غریب ڈکھِ روٗس

अलौकिक بالافطرت

अप्रस्तुत प्रशंसा غأر مُناسِب تعأریف

अन्यार्थ دوٚیم مطلب، ارتھ

अन्योपदेश نصیحت کأنسہِ اَتھِ وِہناوُن

अपरार्थ مدید مطلب، ارتھ

अर्थव्यक्ति وہنُک، مطلب

अनुप्रास اچھر ورتاو، صِفت، آواز ہشر

अतिष्योक्ति ووٚش اِستعار تخُیل، نوٚنہٕ گرِ تہٕ تیلہٕ نلاو

अध्यात्म رۄحأنی

अभिव्यक्ति اِظہار میلن/کرُن

## आ

आपलावित گوتہٕ کرِتھ، اُدرأوِتھ

आश्रय تھپھ کرِنی، سہارِ دیُن، مدد کرُن، رحم کرم

आख्यान قصہٕ، داستان، کہأنی، رِوایت، ہکأیتی بیان

आधार کُنہ کنی، لحاظہٕ، اساس، بُنیاد

आतुर دُکھی، بےچین، کھل بلی

आख्ययिका کہأنی، دٔلیل، قِصہٕ، افسانہٕ

आख्येप طزیہٕ، چپاتھ

आशी خاتمہ، سمہار
आडंबरी زیوٗ زیوٗٹھ
आलोचक نقاد، تنقید نگار
आनन्द روٗحانی مسرت
आक्षायिका داستان یا کہانی ہُند قسط، اکھ حصہٕ
आस्वाध خوشبوٗ
आश्रय پناہ، سرپرستی، براندٕ کنٛی، میلہٕ کنٛی، کن دِین
आचार رِیتھ، بٕتھ، طریقہٕ، طور طریقہٕ
आश्रायदाता سرپرستی کرن وول
आक्षेप ناراض، رُکاوٹ، ٹھاکھ، شِکار
आलोचना تنقید، نظرِ ثانی، تحقیقات
आनन्त्य محدوٗد
आपतियाँ اعتراض
आख्याता مُقرر، گونماتھ
आस्वाध مزٕ وُچھن
आयुष्य زِندگی بخش، ثواب کام
आगम उत्कर्श پتہٕ بجر، پتہٕ بوٗڈ
आत्म—अभिव्यक्ति خود بیانی، حیاتی

आतुर بے چین، دُکھی، بے قرار
आशी خاتمہ، سمہار
आपरार्थ باقے معنے، دوٚیم مطلب
आलम्बन انجام، شق، دوکھ
आज़ाद कविता بے گنڈٕ، شاعری، نظم

इ

इतिवृत دستاویزی بیان، کہانی
इमेजरी خیالی تشبیہات تہٕ استعارٕ، تصویر کشی
इबहाम ورگہٕ باوتھ، مشق
इस्तिआर نقل کرن، خیال کرن
इतिकर्तव्यता یہٕ پزٕ کرن

उ

उपमान ستھ ستی، مُشابہتھ کرو
उपालंभ شِکوٕ، شِکایت
उद्धार رِہائی، نجات، آزادی
उपेक्षा بے توجہی، بے عزتی
उदात تھزٕ آواز، مُقابلہٕ، تشبیہ
उपमेयोपमा ستھ ستی برابری کرو
उत्सर्ग تھوٚد ووتھن
उत्पाध زرخیز، زرخیزی
उत्तर (अलं) سیٚد سیوٚد

उपमा معانے یکسانتھ،
مِثال تشبیہ

उपाधि لقب، خطاب، تخلص

उपचित دِلس نزدیک

उपचित دِلس نزدیک

उपचय برُان، پھاپھلن

उपचार علاج، چار

उद्दीपत्र مُشتمل کرن تحریک
دِنی

उपमा تشبیہ، ہِوس ہیو

उपमान مُشابہتھ، برابری

उपालम्भ شِکوہ، شِکایت

उर्जस्वी جلیل اُلقدر، زی عزت

उपाधिव्रान (ता) عنوان تھاونک چلن

उदीपन विभाव خلاف تحریک

उल्लसिन وولُسن

उपनाग्रिका دِباتی، گامی

उपभेद باقی قسم

उपचारवकृता ہوٚل علاج، تال میل
نہٕ آسُن، غلط تدبیر

उपाधाय ووستاد

उपेक्षा بےعزتی

उतपाद्य زرخیز، زرخیزی

उत्तर جواب

उत्प्रेक्षाव्यक्त شریرکین انگن ہنز
نُمائِش ہِسمانی تُلہٕ تزاو

उत्सर्ग تھوٚ دووتھُن

उत्प्रेक्ष براٲبری

उद्‌भावशक्ति طاقت، قوت

उद्रहत حوالہٕ، مِثالہٕ، اِقتباس

उपमा—रूपक تشبیہ، استعارٕ

उपमेयोपमा یتھ ستی برابری کرویا
تشبیہ دِمو

उदभावना تصور، تخلیقی عمل

उभयालंकार دون النکارن ہُند میٖل

ऊ

ऊर्जा گرمی، حرارت

ऊर्जस्वित طاقت بخش، ہیکتھ دِنہٕ
وول

ऐ

ऐंद्रियकता جوانی، حُسن، حسین
جوانیتک تصوُر

ऐश्वर्य آسُن باسُن، دِھن
دولت

एकदेशी اکی پھِر وِنُمت،
لیٚو کھمُت تزکرٕ

ओ

ओज طاقت، حرارت، چمک، شُجاعت، خوشبوٗنی ہیت

## औ

औच्यत्य حُسنِ اِتفاق، ٹھیک، موضوٗنیت لگہٲری

## क

काम کٲم، واسنا، گرٕہست پالُن

काल्पनिक فرضی تصوٗر، دِماغی سوٗنچ

कीर्ति شُہرت، مشہوٗری

काकु تعنہٕ، فریب دوٗل

कुटिल کمینہٕ

कारक گردھان

क्रिया वैच्यन्य वकृता فعلچ عجیب دولہٕ چال

कारक विपर्यय گردھانَن خلاف بدلاو

कर्ता معغول، کرن دوٗل

कल्पणा انداز، تخیٖل، سوچ

काव्यलिक شارٕکی نشان

कर्तव्योपदेश جان کیاہ تہٕ فرض کیاہ

कर्णनिरपेक्ष کرن (ترٛیم وِہتی) بغار

करुणा ترٛس پسندی، رٕحم دِلی

कुल خاندان کوٗل

कथा کہانی، کتھ

कल्पनादुष्ट سوچہٕ نبرٕ، خلافِ سوٗنچ

किलर्ष्टार्थ وٕردار مطلب، ژھیپتھ مطلب

काव्यलिङ्ग جنسی شاعری

कुरंग روٗزکٕر

काम واسنا، شہوت

कष्ट اِذا

कल्पणा وہم، انداز، سوٗنچ، قوتِ تخیٖل

कर्तव्योपदेश فرضچ نصیحت

करुणा رٕحم، ترٛس، دَیا

कायस्थ کلرک، محنت کش

कला ہُنر، وصف

कृतघ्रता احسان فراموش، فراموشی

करुणरस ترٛس پسند شعر

कृति تصنیف

कर्यप्रवचनीय فعل، عمل پسندی

कामुक شہوانی نفسیاتی

कुल خاندان، کوٗل

कांति چمک، خوبصوٗرتی

कारिका جامع تعریف

काव्यलिङ्क جنسِ شاعری

कृत्रिम نقلی

कर्ता تعاریف کرن وول، لیکھن وول

कर्म معقول، فعل، کام

काव्य शास्त्री فنِ خطابت

**ख**

खल دُشٹ، ناکار، دوکھ باز

खण्डिता طلاق شدہ، بر شیمز، چھکرتھ، پھُٹمژ

**ग**

गीतिकाव्य نغماتی رزم، رزمیہ

गुण استعار، جوہر، صلاحیت

गूढशब्दा भिधान مُشکل لفظن ہنز موظوٗنیتھ

गौण, गुणीभूत, دوٚیمہ درجک، غار

अप्रधाण व्यंभ्यार्थ ضروٗری، وُسی پایہ طنز

ग्रहण حاصِل کرُن

गौणी लक्षणा وُسی پایہ استعار

ग्रहन تھپھ دِنۍ، قبضہ کرُن

घृणा نفرت

**च**

चरित्र چال چلن

चिन्मय روٗحانی، دینی، مذہبی

चरित काव्य رزمیہ، شُجاعت، بہوٗدری قِصہٕ کہانی داستان

चापलूसी خوٗنہ گری باوٕنی، خوشامدی، شیخ چِلی بُنن، پھساوُن، ایٚژ ووٚمید دِنۍ

चरित سوانح

चित्र تصویر یا منظر کشی

चेष्टाऐं جِسمانی حرکژ

चतुर्विद ژورِ قسمک زانی کار

चंचल چنچل، بے سوکھ، ژھرٚ ٹہٕ لد، شوخ

चेष्टा حرکت، بیانی، جِسمانی انگن ہنٛز تلہٕ تژاو

**छ**

छायान्तर پسِ پردٕ معانے

छेकानुप्रास آوازٕ ہنٛز، لفظٕ ہنٛز، تکرار

छंद بحر (شاعری منٛز) وَزن

**ज**

जाति فِطرت، قسم

**ट**

टीका شرح، حاشیہ

टतस्थ غار جاندار، وَنٛڈ نیبر

## त

तरतीबकार شرح، ٹیکا لیکھن وول

तद्गुण گونہٕ روپہٕ یکسانیتھ

तीर्थ دیوی دار تیرتھ، مُقدس مُقام، دیوستھان

तप تپسیا، ریاض، عبادت

तुल्ययोगिता برابر قابلیت

तत्व ابتدائی جوہر، ذات، اُصول، حقیقت، عنصر

तदरुपता—अनुसंधान تحقی مُطابق تحقیق

तखयुल فرضی تصور، کلپنا

तर्क بحث مُباحثہٕ

तात्पर्य ذی ہوش، پُر مطلب

तत्परत्ववादी ہمیشہٕ چاک و چوبند روزن والی

तिरोधान غاب گژھُن

तिरस्कृतवाच्य ذکر پایہٕ بیانی

## द

दुराचार ذراچار، گاٹل، آبروٗ ریزی

दुर्लक्ष بے پتاہ، بےٚ پڑھ، آیہ رُوس

दर्शनशास्त्र فلسفہٕ

दान عطیہ، بخشش، اتھ تلتھ دیُن، پیش کرُن

दीनता حلیمی، غریبی، کابلِ رحم

दाक्षिण्य دِل بہلاؤنی منز ماہر

दीपकराग دیپک راگ، سنگیتہٕ منز

दृष्टान्त توضیح، تشریح، واقعات وُچھناوُنی، مثالہٕ دِنہٕ

द्वेश ضد، نفرت، بغض، وآر

द्रवित پُرنم، موم سپدان، گلُن، پوٚنی سُن،

दाम قیمت

दण्ड ڈنڈ، سزا

दुर्लभ بےٚ پتاہ، بےٚ پڑھ، مُشکِل، نہٕ میلن

दीपक شعرُک اکھ خاص وزن، راگ، تال

द्रव्य مادٕ

दम्भ اپُز بڑونُن، شیخی، غرور

दाक्षिण्य تعاریف، خود بینی، دِل بہلایی

दुष्ट بدکار، ظالم

दार्शनिक فلسفی

## ध

धन پانسہِ نونَک ، روپیہِ ، دَھن دولت

धर्म مذہب ، زِندگی بُند طریقہ

न

निस्पृह بےٚ لوٗث ، بےٚ لالچ

निदर्शन منظر کشی

नीति ذہانت ، حُسن سیرت ، نیکی ، رہبری ، رہنمائی ، وتھ ، انتظام ، سنگیتچ آرایش ، ز وٗش

निदर्शता حدایات

न्यायिता عدل ، انصاف

नेयार्थ بز ونہِ کُن پکن لایق ، ورگہِ معانے

निरंकुश بےٚ قابو ، خود راہ ، رُوکاٹ رکنٕڈ بغار

नैतिक ذِمہِ واری ، اوٚصوٗلی

नीतिज्ञ نیک سیرت ، قونوٗن زانن وول

निरपेक्ष آزاد ، لاتعلق ، غار جاندار

निंदा بدرد ، ناشائستگی ، نفرت

निरुपण واضح کرُن ، تشریح کرٕنی

नियत پابند یا صحی مطلب

नियोजन وُنُن ، دِل دیُن ، وبستار دیُن

निष्पति تکمیل اِقتتام ، اَند

नैपुण्य قابلیت ، چالاکی

निरुपण تشریح

निमित— احیانک ترغیب پزٕ اون

नैमितकवादी واکھ

निरुपन प्रसंग ووتلاو نِکٲوَل

निदर्शन منظر کشی ، ہدایات ، تعاریف ، وتہٕ ہاوُکھ

न्ययता اعدل ، انصاف

निर्धारण فیصلہٕ کُن ، تقویت ، صحی مُقام ، راے

प

पीडा تکلیف ، ازاو

परिपालक مُحافِظ ، سرپرست

पिक کُکِل

प्रक्षातवृत्तिगत سبٕٹھاہ لگہٲری وول ، کارآمد

पराउपनिषद् اکی ہے معانے کُس سوٗتھرِس پٹھ

प्रतिपादि धर्म्य تخلیقی اِحساس

प्रीति پریم ، لول ، لطیف ، حرز ٹٕلن ، ویوٚرٹُلن

प्रवर्तन نافِذ کرُن، عملہٕ منز اَنُن، جاری کرُن

परनिर्वृत्ति پٔتھ گژھُن، سٕکد وش گژھُن

प्रतिभा پیش کرنُک شونٛد، روشن خیالی، دانش مندی

परिनिग्रह تحریک، وُتشٕر دِنہٕ وول

प्रकृति قودرت

प्रकृत قودرتی، سوچ

परिहार جُدا یی، الگ کرُن، بدلاوُن

पर्यान्तर ہم معنی لفظ

प्रत्य پوٚت لوٚگ

परिकर اوٚند پوٚکھ، ژوا پور

परिसर ژوپاری احاطس

पद شلوک، لفظ ملون، شعر، آواز

परियायवक्रता دوٚل دِنہٕ باپتھ لفظ ژآر

प्रतिपाद्य لیکھُن، مُقرر کرُن

प्रतीति زان، خبر، یقین

परियायवाची वर्ण مُبہم معانے، ہوی آواز، لفظ

प्रकरण عبارت، مضمون، لفظ

परिणाम نتیجہ

परितापपोपश्म: دوکھ نشہٕ دوٗر رازاد کرُن

प्रतीक علامت، اشار، مِثال

पाष پھانسی، نال وٚلُن، رزِ گنڈ کرُن

परिवृत्ति حد بندی

प्रसाद شعری، شرف، جوش جلال، برتری، فضیلتھ، مہربانی، آہی

प्रतिवस्तोपमा کُنہٕ چیزس ستی مُشابہتھ، تشبیہ، ثوتھ، مقبول تشبیہ

पुनरुक्तवदाभास پرٛائی کتھ دوبراوٕنی

परिपाक پوٚختگی، مہارت شناسی

प्रकृतिवर्णन منظر کشی

प्रसाधन چمک، سجاوٹھ، زیور

पक्षपात طرفداری، تنگ نظریہ

प्रकृति विरुद्ध بالا فطرت، انسانی سوچ، نظامہٕ خلاف

पुण्य پاک، صالح

प्रतीयमान کوٚچھمُت

प्रतीक مُتبادِل

परिपालक مُحافظ

प्रभुसत्ता عظمت

परम्परा نسل، اولاد، رٕسم، رواج

प्रतिष्ठित شۆروٗ کرُن، تخت نشینی، نصب کرُن

प्रवर्तक چلاوَن وول، بانی کار

पक्षपात رائے، طرفداری

प्रामाणिक تسلیم شدہ، مقبوٗل، موٗزمت

प्रोशितपतिका یُس خاوند آسہِ پردیس

परिष्ट پُرزوٗر

प्रतीति علِم، پہچھ، تسلی

प्रक्रया طورطریقہ

पूर्वज اَجداد، جَد

पुनरुदा اصلاحی

प्राच्य مشرقی، پڑوَن، وآنُسٹھ، بُڈ یومُت

प्रेयस سارِوے ٹوٹھ، مقبوٗل، منَس پۆزمُت

प्रतिवस्तोपमा کُنہِ چیزَس ستۍ مُشابہتھ، تشبیہ

पात्र ایکٹر، بُتھ بانہٕ وول

पद, पदवी آواز، شعر، مُقام، عۆہدٕ

प्रधानता برتری، رہنُمایی وول

पुष्ट پوٗٹھُن

पराक्रमी بہاڈر، ہِمژ وول

प्रकृतिवर्णन منظر کشی

प्रमाण (लिङ्ग) جِسمانی طورٕ ستۍ روزُن، اعتقاد

परिपाक تکمیل

पद्य نظم، شعر

प्रसाधन خوبصورتی بڑاوَنک سامان

परिगणन گنزراوُن

प्रयोजन مقصد، وجہ، تحریک

परिहन صاف کرُن

प्रक्रिया طورطریقہ، انداز

प्रतिपादन تحقیق

## ब

बोध्य بوزُن لایق

ब्रह्मप्राप्ति وصل آخِرت، حقیقت پژاوُن

बीभत्स (रस) خوف، ڈر، پآدٕ کرن وول

ब्लैंकवर्स قافیہ ردیف بغآر، آزاد نظم

बोध اَحساس، زان

## भ

भक्ति لول، اعتقاد

भाविक پۆز رواَقفیت

भयावह غضبناک، خشمناک

भयानक (रस) پُرخوف،کھوژٕونۍ کأفیتھ

भर्तसना ملامت، بےعزتی غضبناک،خشمناک

भावाभिव्यक्ति خیالاتن، اِظہارس، تقویت دِنہٕ وول

भेद پرکھاوُن (پوٚزتہٕ اَپُز )،اختلاف،فاس

भाव جذبات،احساس، خیال خوفناک،کھوژٕون

भोजकत्व فنی بوج،قاوِ نشہٕ آزاد، شہوت پسند

भास شان وشوکت پوٚروأ قفیتھ

भोगी نفسیأتی،خواہش وول

भुक्ति لُطف،لذت، اِستفادٕ، فرق

भावना پسند،خیال،چاہت

भावकत्व جذبأتی ہاو بھاو

भाव्यमान درِنٛھمان

भुज्यमान لُطف تُلنس لایق

भ्रान्तिमान بروٗنت گرٛھن، دوکھ

म

मंत्र ویدرِچا،نصیحت، مأتھر

मानवीकरण تجسم نِگأری، انسأنی صوٗرت دِنۍ (غأر اِنسأنی شےٚ )

मोक्ष نجات،مُکھتہٕ

मोह فریب

मुक्तक رووُمت، وتہٕ ڈوٗلمُت، پھٹہٕ پھڑ اٹہٕ شأعری

मद نشہٕ

मौलिक پُرلُطف

मान्यताऐं مأنۍ ہوٚکتھ،اوٗصوٗل

मालिन्यातिशय سبتھاہوٗ سِتھ درجک

मंण्डण سجاوٹ کرٕنۍ ،مأنٛن ، چمکاوُن

मुख्यार्थ مُقدم،اصل رٕحی معانے

मीमांसक میماسی،یِم آخری حدس تام چھہٕ بحث کران

मोह مأے،فریب،لالچک حد

मूरत صوٗرت، شکل

मोक्ष موکجار،نجات، کھلأسی، مُکھتہٕ

महाकाव्य رزمیہ،توأریخ، شأعری

माधुर्य مٺ ربر، رسدار، رس،
مِٺڙ

महोक्ति نفيس بياني، مُناسب
رائے

मार्ग وٿ، صِنف، موضوع،
يقين، اعتقاد، پرڙ،
سِلسِلہ

माया فريب، دوکھ، خيال،
توہم

य

यश مشهوري

यथासंख्य ضرورتہ مُطابِق
ڪِردارن مُنڌ تيداد

यथार्थवादी موزون، شريفانہ، صحيح،
واضح دِماغ

युक्ति طريقہ، موقعہ شِناس،
بُنيادي، طريقہ، مشهور
رسم ورواج

यमक حرفي مُطابقت، دُمعنے
لفظ

योग يڪجا گڙھن، ميل،
ہوے آسن

र

रन्याख्याभाव شوقِ شہوت

राज्य विष्यक سِياسي آداب

रसवत سفقت آميزي، دِل
لڳن، محبت، مزين

रुपक مُقابلہ، اِستعارہ

रस رس، مزہ، ذوقيت

राग द्वेश سوال، بعض،
اعتراض، جواب

राग شفقت

रस निष्पति رسہ اختتامس واتناوتھ

प्रक्रिया انداز

रुढि يڪسان سِلسلہ

रति भाव شهواني خيال

रस प्रतीति رسڪ تجربہ علم

रसगत رسہ وول

रस संकर्ण رسڪ ميل، مِلناوُن

रमनीयता دِل ڪشي، دِل فريبي

रुडिवैचित्र्यक्क्रता پڙانين ريتہ رواجن
ہنڙ ورگہ باوتھ

रत्याख्याभाव شوقِ شہوت

रीति طرز اؤ صلوب، آواز

रस संपादन رس، مزورتاو، لُطف
انگريزي

रसारोपण مزہ پاڌ ڪرن

रौद्र وآناڪھ، وبھت

ल

लम्पट شہواتی شخص،حوٗر پَرست،خوش پسند

लेश ژھاے (ادبس منٛز)

लक्षण علامت،نِشانہٕ،علامتی اِظہار

लक्षणा اِستعارٕ (ذُمعنے یا تَمہٕ زیادٕ معنے لفظ)

लिङ्ग جنٛس

लाटानुप्रास اِظہار،تکرار

लक्षण علامتی (اِظہار وغارٕ)

लावन्य شان

लोकोत्तर بالاِفطرت،استعارَن پٮ۪ٹھ منحصر آوازٕ،لگہٕ دوٗپ

लक्षणा लक्ष भाव خیال یُس نِشانَس پٮ۪ٹھ لگہِ

## व

वृयानुप्रास حالاتن ہُنٛد ہشر

वाच्य ध्वजि وٕنہٕ نٕچ آواز

विवरण بیان،تمثیل،سمجھاوُن، توضیح،واضح کرُن

वाक्यविन्यास مِصرن ہنٛز ترتیب

विवेकोदय عقلٕ تیزی،بُدھِ

व्यवस्थित ترتیب،شیرِتھ

व्यजस्तुति طنز،طعنہٕ

विरोधाभास ادلہٕ بدل بوزنہٕ یِن، وُنُن

विभावना معانے تضاد

वैष्या فحاشا،عصمت فروش، طوآیف،کمینی،فاحشہ عورت

विषय مادٕ،مواد،واسنا

विवेचन تحقیقات

वीरता بلہٕ ویری،بہوٗزری

विशद بے باک پَسندی، نوٗقص،خامی،شجاعت

वैशि عیاش،تامسی،عیش پسند یا پرست

विशेषोक्ति خاص تٕزکرٕ

विरोध مُخالِفت،برخلاف

व्याजस्तुति فوٗضوٗل تعاریف

विलिष्टार्थ وُلٹہٕ رفرقہٕ دار مطلب

व्यर्थ فوٗضوٗل

वीर रस شُجاعت پسندی

वात्सल्य شفقت پسندی

विशाल हृदय سخی،سخاوت رمسرت پسند

वर्श, अक्षर حرف،اَچھُر

वास्तव دراصل،ذاتھ

विभावानुभाव جسمانی اَنگن ہنز حرکَژ بتہٕ کانٛہہ اشارٕ کرُن

व्यभिचारी भाव شہوٲنی خیال بدچلنی، چاپلوسی فحشی خیال

व्यंजक نِشان، مقصد

व्यंग مذاق

व्यंग्यार्थ مزاحیہ معنے

वाचार्थ اصلی معنے (کُنہِ جُملُک)

वृत्ति فاید، وجوٗد، اِنعام، موٗزوٗری

विशिष्ट خاص

वाच्य لفظن منٛز بیان کرُن

विभाव مُخالفت، برخلاف راے

विवेचन پوٗرٕ چھان بین

विश्वासघात غدآری، اَپُز کرُن

वास्तवार्थ اصلی یا موٗل معنی

व्यंजक صاف گو

वक्रोक्ति مُبہم، غیر یقینی

विवक्षा خوآہش، چاہت

व्यंज व्यंजक भाव ظرافتی شان، احساس

विप्रलभ جُدآیی، اَلگاو

विक्रत بدل، بدلیومُت

व्यंजनावादी سیدِ سیوٗد بھاو، خیال، وَنَن والی

विवक्षितापरवाच्य کآ پُھکُھر دوٗیم صوٗرت

विचार्यमानक سوٗنچِتھ بجھتھ پآدٕ کرِمژ،

रमणीयता خوبصوٗرتی، نزاکت

वक्ता وَنُن لایَق، وول

वक्तृ بول چال

वाच्य لفظی، لفظت، لَفآظی

वर्च्यव्यस्तु بیانٔس لایق

व्यष्टि اعلاحدٕ گی، تنہائی، لوٗر

विश्रांतिजनन تھکناوَن وول، گوٗب

विभाव خلاف رائے تھاوَن، آسُن

विभावादी معانے تذاد تھاوَن والی

वरव्य विषय بیانٔس لایَق

विषेशण اسمِ صِفت

वाच्य वाचार्थक भाव بولن والی سُند خیال

वैचित्र्य عجیب

व्याजोक्ति فضوٗل، اَپزٕ تعاریف اسمِ صفت (طنز)

वाच्यध्वनि بیآنی، آواز

वक्रोतिता طنزیہِ بیانی، ورگہِ باوَتھ، پھِرتھ وُن، ظرافتی اِظہار، مبہم بیانی

वृत्ति جوڑ، موضوٗعیت، چلن

वाक्य جُملہٕ

व्यथपति ماد، ذٔری یافتھ، وو پد

वार्चाथ لفظی معانے

व्यतिरेक اِنکار پسندی

वाक्य विन्यास مصرن ہنز ترکیب

विवेककोदय عقل ینٛز، بلوٗغیت

विवरण بیان تمثیل، تشریح توضیح وبتار

विशद بے باک

वीरता بلہٕ ویری، بہوٗدری شُجاعت

विशेषोक्ति خاص تزکر

व्याजस्तुति فضوٗل کلامی، طنز، طعنہٕ، تعریف، شیخ چلی

व्यर्थ فضوٗل، بے مطلب

विरोध ٹکراو، مخالفت

विवेचन چھان بین، پرکھاوُن

व्यतिरेक اِنکار پسندی

वर्णन بیان، تعریف، واقعات، تحریر کرُن

विरोधाभास ہُلس سیٚو دتہٕ سیٚدِس ہوٗل باسُن

विप्रलम्भ خاہش پوٗر گژھنی، (دوکھ، ژھل، جورِ جُدا آیی)

वर्ती احساس، بینہ، چوٗکی، تٔج

व्यंग کانٛی حقارت بوٗزت، طعنہٕ، ہزل، مخوٗل

वर्ति تٔج، گاسہٕ تٔج

व्यंजना اِشارن منٛز حقارت کرٕنی

## श

शब्दगत شبد (آواز) ووٗل

शब्दार्थ गत شبد (آواز) تہٕ پرٕمعنی

श्रुति, श्रुत بوٗزمُت، بوزنٕچ اہلیت، پرٛانی کتھ، کہاوت

शूल, शूल्य کوٗنڈ، سوٗلی

शील سداچار، برٔت باری

शब्दाभिधान خوش، مزاز، صفت، لفظن ہنز موزوٗنیتھ

शत्रुता نفرت، حسد، دُشمنی

शैली طرزِ بیان، ادا

श्रदा یژھ پژھ، تسکینِ قلب (مذہب)

श्रङ्गार زیبائش، سجاوتھ

शांत (रस) امُن، تسلی، فراحت، بخش (رس)

श्लेष دُ معنے لفظ، وار یاہ معنے دار لفظ

शुन्यवाद نفی واد، اِنکار پسندی

## स

सामाजिक سماجی، لُکہٕ ویوٗہار

संयुक्त یکہٕ وٹہٕ

संयोग رِشتہٕ (یکوٹہٕ گرٛٹھُن)، خوش قسمتی، وٗسایِل، ذٔریہٕ

समिक्षण رَل

साधन ترکیب، حکمت، عمل پزیری

सर्वनाम اِسم ضمیر

समासोक्ति مختصر، مِیل کرُن

समाधि یک رائے سپدُن

संस्पर्श تعلق

स्थायि भाव پوٚشوٗن خیال

सहचारी रूप ماد، ستی بوج

स्वरूप شکل

सांख्यवादी فِطرت پَسند

समुच्चयवाद اجتمأیی صوٗرت

समष्टि جمع سَپدُن، یکہٕ وٹہٕ سَپدُن

सुन्दरता روح افزا، مسرت بخش، سجاوٹھ

संप्रदाय فِرقہٕ، جماتھ

स्थान حیثیت، جاے، مُقام

स्वत: (दृष्टव्य) الگ کلامی

समास مُرکب، رَل

समस्य— सूतिाव्यापी دُعایہ پٕد وول

सकैक देशव्यापी ساری مُلکس دُعایہ پٕد وول

समष्टि جمع گرٛٹھُن

संघटना اِجتماہ

सद्य باعِث

संप्रदाय فِرقہٕ

संवृत्तिवक्रता اوٗصوٗلی اعتدال وأٹی دولابہٕ، ہم وَل یم نہٕ اعتدال سان یہنہٕ دِن

सर्वनाम ضمیر

संभोधन भाव نہ بدلن وول خیال، خیال پیش کرنک سوچ

साध्यता حاصِل کرنک طاقت

संक्रमितवाच्य دٔیتھ زبان، لوٗت آوازِ مَنز

संपादक ایڈٹر، ترتیب کار

संस्करण اشاعت

सत्वगुण جان گون، جانبر، فضیلتھ

संपादित مُراد، کامیابی، کامرانی

सवाल اعتراض

सदा चार راست دٲری، نیکی،
کتھ بات، میل جول

सर्वसमर्थ्य مُطلق العنان

सौदर्य خوبصورتی، خوش
شکیل، پزیہ ژان،
جمال حسین

सर्गबंध بابن منز، حصن منز

सालंकारता النکارؤ، گجھاوتھ

ससंदेह شک، آوری، شکاور

समन्वय یلت، یکسانیت

सहोक्ति مُشترکہ بیانی

संघटना وٹھ، یکہ وٹہ برژ

समाधि مصالحت

समग्रता گُتجار، کافی تیداد، گُتل

सुकुमार्य نوزُک، نزاکت،
کھپوژ جوانی

सूक्ष्म باریک، سٹھاہ لوٗٹ،
پھیور، خاص بیول،
برتر، لطیف، نازُک

संकर جوڑ دِین، واتھ، مُتحد
کرن، تنگ

समकालीन ہم اثر

स्थान جاے، مُقام، حیثیت

सुभाषितानि نصیحت آمیزی، خوش
بیانی

संरक्षक سرپرست

संक्षिप्त موختصر

सार्वभौम پزتھ زوز آژمنز موجود

सार्वदेशिक عالمہ کُل

सर्वसर्वत्र حاضرِ مُطلق

सर्वशक्तिमान قادرِ مُطلق، قوت
کامل

सर्वज्ञ علم کُل

संस्करण اشاعت

समास مُرکب، رل

सदाचार راست دٲری، نیکی،
دینات

सर्वज्ञानी عالمہ کُل

सत्वगुण ستوگون، جانہر
فضیلت

सर्गबंध حصن منز، بابن منز

सालंकारता النکاروستی گجھاوتھ

सहोक्ति مُشترقہ بیانی یکسان
بیان

ससंदेह شک آوری

समन्वय یکسانیتھ، یلت

समहित سارنے خاطر ہوٗے

संघटना میل، یکوٹہ کرن

संसृष्टि تامیری عمل

साधन ذریعہ، وسایل،
ترکیب، حکمت عملی

स्वशब्द پنز آواز

स्थायिभाव پوشوان خیال

सञ्चारिभाव معاون، مددگار، خیال

सङ्कीर्णता تنگ نظریہ، ہیچدار، وننہٕ آمت

साम پتھر، شیرن، سیاسی زبان، سام وید

सम्भोग لطف، مزٕ

संक्रमण بیان بدلُن، رلُن، بیٚلہِ زمٕ نیٚشُن

सम्बद्ध अर्थ بیٚلہِ مذاق گنڈس منز آسُن، خاص مطلب

सिद्धांत نظریہ، قیاس، اوصول

स्तुति دعا، التجا، استدا، عبادت، زار پار، پوزا

स्वरूप شکل

स्थायी پایہ دار، پوشوان

समुचित ٹھیک، سوزے

समाधि مصلحت، بُزرگہٕ سُند مزار یا شمشان

समग्रता کافی تیداد، بارٕ ودار

समीकरण یکجا کرُن، جوڑ دیُن، یکہٕ وٹہٕ کرُن

स्वाभिमान خودداری، خودی

सीमित کم، حدس منز

स्थापित ایلُن، نصب کرُن

संक्षिप्त موختصر

स्वाधीनपतिका یس خاوند آسہِ اتھس منز

सामग्री ساز سامان

साध्य ممکن حاصل

श्रंगाराभास شرنگارس متلق تمہید

श्रङ्गार لولُک اظہار، زینت پسندی

सार्वभौम پرتھ زوزا تھ منز موجود

ह

हेतु ہتھ، منطق

ज्ञ

ज्ञान علم، خبر، زان

ज्ञायक وَنن وول، زانن وول

نوٹ:

یتھ منز ورتاونہٕ آمتۍ لفظ چھِ صرف شاعری ہِندِس تنقیدس منز ورتاونہٕ آمتین لفظن ستۍ وابسطہٕ۔ لغوی معنی ہیکہٕ امہِ نشہٕ الگ تہٕ آسِتھ۔

☆☆☆

# اِشاریہ

## ا

## ج



## چ

## ح



## خ



## د

## ڈ



## ر

## گ

ل



م

## ن

و

☆☆☆

## Select Bibliography

**(A) Kashmir Source,( Sanskrit.).**

1. Abhinava Gupta.

a) Parmartha Sara; b) Tantraloka vols. I - XII, KSTS, Ed. by Makund Ram Shastri and Madhusudan Koul, 1918-38.

2. Bilhan, a) Vikramankdeva Charita Ed. By G Bhular and Trans. by V.B. Shastri, Benaras, 1964.,

b) Chora Panchashika, Pub. Bhandarkar Ornt. Ser. Inst., Vol. II

c) Karna Sundari, ed. D.P. Nayar, Sagar Press, Bombay, 1910.

3. Damoodhar Gupta, Kutnimatam, Pub., Kavyamala Sesies, Mum.

4. Kshemraja, Shivastatotra Vimarshini, Pub., Kavyamala Sesies, Mumbay.

*5 Kshemendra,

a) Auchyativichar Charcha, b) Bauvadhisattvavadana Kalpalata,

* c) Bharat Manjari d) Charucharya Shatka

*e) Deshopadesha, * f) Darpadalan,

* i) Dasha Avtara Charcha h) Kalavilasa,

j) Kavikanthabaran * k) Laghu Kavya Sangraha

* l) Loka Prakasha, *m) Narma Maala

n) Niti Kalpa Taru *o) Samay Matrika

* p) Sevyasevakayopadesha q) Suvratta Tilkam

r) Chaturang Sangraha;

Published under Kavyamala Sesies, Bombay, reprinted.

6. Malini Vijaya Tantra, Edt. by Madhusudhan Koul, Pub. under Kashmir Series Texts and Translations,1922

7. Mankha, Shri Kantha Charita, Pub., Kavyamala Sesies, Bombay.

8. Mugdhopadesha, by Jalhana,

*9. Ratnakar Haravijaya, Ed., by Durga Prasad Sharma Tripathi,

*10.Somananda, Paratrimshikla, Ed. by Makund Ram Shastri,

*11 Dwanyaloka - with Abhinava Bharati Tika,

*12. Brahad Katha Shaloka Sangraha, by Buddhaswami,

